# کٲشُر نثر

(لیکھ گونٛڈ)

ترتیب کار:-

اوتار کرشن رہبر
غلام نبی خیال

جموں اینڈ کشمیر اکیڈیمی آف آرٹس کلچر اینڈ لینگویجز سرینگر

# کأشُر نثر

(لیکھ گۆنڈ)




ترتیب کار

اوتار کرشن رہبر

غلام نبی خیال

جموں و کشمیر اکیڈمی آف آرٹ کلچر اینڈ لینگویجز

سرینگر

ناو : کأشرٕ نثر (لیکھہٕ گوٚنڈ)

مرتّب : اوتار کرشن رہبر، غلام نبی خیال

ناشر : سیکریٹری کلچرل اکاڈیمی سرینگر

تعداد : ۵۰۰

موٗل :

تاریخ اشاعت : دسمبر ۱۹۶۷ء



مطبوعہ:۔ اعلیٰ پرنٹنگ پریس دہلی

# ترتیب



## گوڈنیک حصہ

( ۱۸۲۱ء پیٹھہ ـــــــــ ۱۹۴۷ء یَس تام )

# دوٚیُم حِصہٕ

(۱۹۴۷ء پیٹھ ازتام)

صفحہ

ہیچ تخمے نیست ضائع در زمینِ پاکِ عشق
خندہ ہائے گُل دمید از گریہ ہائے عندلیب

(غنیؔ)

# گوڈٕ کتھ!

اَدب پارٕن ہندی لیکھٕ گنڈی نیار کرنک مقصد چھُ واریاہ کینہہ آسان۔ گوڈٕ نیتھے چھِ ییم زبان تہٕ ادب رٕچھنس تہٕ للہٕ ورنس عام تہٕ مقبول بناونس منز واریاہ مددگار ثابت سپدان۔ دوٗم ییتہٕ لوٗبہٕ ورٕنی گُل اَکِس گُلدانس منز یکجا سپدان چھِ تتہٕ چھِ ییمو مأری منڈیو گُلو سیتؠ تمہٕ ادبی گُلشنک بجرٕ تہٕ حُسن تہٕ نوٗن نیران، یتھ منز ییم پھوٗلی ہتہٕ تہٕ پرٕتھنے ہتہٕ آسن۔ سوم چھُ ییمن ہُند فائدٕ یہٕ تہٕ زِ اکھ عام پرن وول یس تہٕ اَدبک سوٗن سَدرٕ پازنس سوٗنب فرٗصت آسہِ چھُ ییتھیو لیکھ گنڈیو سیتؠ نہ صرف پنٕنی پانٕ رینزٕ ناونس منز بلکہ مختلف فن کارن سیتؠ زان پہچان حاصل کرنس منز تہٕ کامیاب سپدان

ییمہٕ انتھالوجی ہُند واسطٕ چھُ کأشرٕ نثرٕچ جمہٕ یہٕ سیتؠ۔ یتھ چھُنہٕ شأیری سیتؠ کانہہ واٹھ۔ یوٗدوَے یتھ کالہٕ کین دورن منز اَسہٕ کُنہٕ کُنہٕ جایہٕ نثری ادبچہ زرٕ تہٕ آکار درینٹھ یوان چھِ۔ سون نثری ادب چھُ صحیح لفظن منز وُہمہٕ صدی عیسوی پیٹھے شوٗروع سپدان۔ یتھ موختصر وقتس منز یہٕ

کینٛژ شاہ تھفنٕہ یِمہٕ نہٕ نظرٕ تھاوِتھ ہرگاہ تِمن ادیبن ہندی ناو ہیمو۔ یمو زَن
صحی مطلبس منٛز کاشرِ زبانۍ تہٕ ادبس ہُر ہُر کوٚر۔ تِہندۍ ناو ین اوٚنگجہ ٹیٚنڈ ین
پیٚٹھ گنٛزراونہٕ۔ تیم چھ صرف کیٚنہہ ناو ہے تہٕ بس۔ تہٕ یِمن ناون تہٕ یٔیلہ حسابہٕ
سام ہیمو یِمن منٛز چھ تِمن ادیبن ہنٛز اکثریت یِم افسانہٕ لیکھان چھ۔ امیک
مطلب چھُ نہٕ یہ ہرگز زِ سانین ادیبن ہنٛز وۄتھ تھٲنٛٹھ چھ صرف اَتھی صنفس
تام محدوٗد۔ سانۍ ادیب چھ وۄنۍ باقاعدِ باقین ادبی ذٲژن منٛز تہٕ جان پٲٹھۍ
اظہار کران۔ سانِس ادبس منٛز چھ ازکل افسانو علاوہ ڈرامہ، فیچر، ناول، انشاے، خاکہ
رپورتاج، تحقیقی تہٕ تنقیدی مضموٗن، غرض پرٛیتھ کینٛہہ لیکھنہٕ یِوان یہ زَن نثرس منٛز
وۄتلیتھ ہیکہ۔ سون نثر چھُ وۄنۍ بالغ سپدان۔ گمبیر علمی تہٕ ادبی موضوعن
پیٚٹھ چھُ قلم تُلنہٕ یِوان —— تہٕ یینمہ انتھالوجی ہُند مُدعا چھُ اَکِس خاص
حدس منٛز یِمن سارنٕے صنفن ہندی کینٛہہ رٔتۍ نموٗنہٕ یکجا کرٕنۍ یُتھ زَن سانۍ
پرن والۍ سانین ادیبن تہٕ تِہندین فن پارن سیٚتی واقف سپدن۔

●

یہ لیکھ گوٚنڈ تیار کرنس منٛز یِم مُشکل اَسہ بُتھ آیہ تِمو منٛزٕ رۆز
سارۍ ہے کھوتہٕ بڑ دِقت بذاتِ خود یِمن فن پارن ہنٛز ترتیب۔ تکیازہ سانۍ
شعوری کوشش روٗز یہ زِ یہ گژھ پوٗرہ نثری ادبس احاطہٕ کرٕنۍ۔ یہ گژھ نہٕ کُنہ
کُنہ افسانن ہنٛز انتھالوجی بنٛنۍ۔ یینمہ لیکھ گنٛڈنس شیرِ تھٲر ہیکہ پرٲنۍ تہٕ نوی
تنقیدی میزان نظرِ تھاوِتھ مختلف طریقن منٛز بانٛل سپدتھ مثلن:۔

(ا) ادیبن تہٕ لِکھارین ہندی زاسنہٕ یا عُمرِ موجوب۔

(ب) اَچھر مالہٕ (حروفِ تہجی) ہندِس طریقس پیٚٹھ ادیبن ہندی ناو

گنٛزرِتھ تِہندِ فن پارہ یکجا کرِنۍ۔

(ج) ادب پارٕن ہندِ حُسنٕچ تہٕ معیارٕچ موجوٗب۔

(د) بیوٚن بیوٚن صِنفِ چہ ہیٚنٛزِ نظرِ تل تھاوِتھ۔

(ر) بیوٚن بیوٚن موضوٗع نظرِ تل تھاوِتھ۔

مگر یِمن ساریٛنی طریقن منٛز چھ پننہٕ خٲمی تہٕ کمزوری، گوڈنکین دۄن اندر زیادٕے پٲٹھۍ۔ یکجا زِ اکس خاص ادبی دورس منٛز ہیکن کم وُمرِ ہندۍ لکھاری زِٹھین ادیبن ہندِ کھوتہٕ جان تہٕ بہتر فن کار آسِتھ۔ باقین ترٛین طریقن منٛز چھُ زمانک تہٕ تواریخک پَن راوان۔ تہٕ گُنہ چیز چھُک ادبی ارتقار زانٛنس منٛز چھُ دٕل پیوان تہٕ آسہٕ کرٕ لہازا سعہ وٕتھ یختیار یوٚسہٕ مختلف گوٚن تہٕ خٲمی نظرِ تھٲوِتھ ساروٕے کھوتہٕ جان تہٕ شوٗبہ دار آس۔

اَسہٕ کوٚر پننٮ۪ سورُے نثری ادب دۄن کالن منٛز تقسیم:۔

(ا) راجن مہاراجن ہندِ وقتُک ادب۔

یا

۱۸۲۱ء پیٹھ ۱۹۴۷ء تس تامُک نثر

(ب) اصل ترقی ہُند وَق۔

یا

اَز کال ــ ۱۹۴۷ء پیٹھ یتھ وَقتس تام



مختلف فن کارٕن ہند بجر، تِہنٛز اہمیت تہٕ تِہندۍ کارنامہ زانٛنہٕ خٲطرٕ کٔرۍ اَسہٕ مختصر قلمی سکیچ ساریٛنی فن پارٕن ہندین فنی نمونٕن ہُروٚتھ برونٛہہ پیش۔

ترتیب دِنہٕ وٲلی

اوتار کرشن رہبر

# سرنامہ

## (کأشرِ نثرُک ورتلُن تہٕ پوشُن)

## (١) سون نثر ـــــ ١٩٤٧ برونٹھ

سنہٕ ١٨٢١ء اوس بائیبلہٕ ہُند اکھ اہم حِصہ کأشرِس منز ترجمہٕ یہِ کأم آیہٕ عیسائی مشنری ہندِ دٔسہِ بأمل۔ تہٕ کأشرِ نثرِچ ہسٹری چھےٚ اَتی پیٹھ شوٗروع سپدان۔ تکیازِ اَمہِ برونٹھمہِ زمانُک چھُنہٕ تیُتھ کانٛہہ نۆمونا موٗجوٗد یتھ اندر کأشُر نثر ورتاونہٕ آمُت آسہ ہے۔

ییٚتہِ چھےٚ یہِ سوال زِ تلنچ کأنٛی گُنجأیِش زِ کیاہ ١٨٢١ء برونٹھ چھےٚ نا کأشرِس منز نثر ورتاونٕچ کانٛہہ کوٗشِش سپدے مٕژ؟ کیاہ ١٨٢١ء برونٹھ چھُ نا کأشرِس منز زانٛہہ تہٕ نثر لیکھنہٕ آمُت؟ کینٛہہ کُنہٕ نہٕ آسنہٕ سببہٕ تہٕ کینٛژَو حالاتَو رُکنہٕ یوٚت اَمہِ سوالُک جواب سہل تہٕ آسان چھُ تیوٚتُے چھُ کینٛژَو پرانیو بہانو روایژَو تہٕ افسانو کُنہٕ اَکہِ پٔریشہٕ ہندِ پأٹھی دلچسپ بنان۔ تہٕ اَکِس ادبس ستہٕ شوق تہٕ دلچسپی تھاوَن وألِس خأطرٕ چھُ یِمن سارِنے چیزَن ستہٕ واقف آسُن سیٹھاہ ضروٗری۔ ادبُک تہٕ تحقیقُک مٲدان چھُ واریاہ کُشادہ۔ نۆو

نوٚکیتہٕ نٔنی نیرٕ ہیچ سبیل چھ ییتھے پأٹھۍ سپدان۔

(١) روٲیتھ، افسانہٕ تہٕ کینہہ ووہ کھنیہ

کأشرِ ادبٕک باقأعدٕ توأریخ چھُ ١٢٠٠ء پیٹھہٕ شوٗروٗع سپدان۔ اَتہٕ پیٹھہٕ ١٨٢١ہَس تام چھُ وارِیاہ وَکھ گٔذران۔ اَتھ ییتِس وَقتَس سام ہینہٕ برونہہ تہٕ تِم بیان وہرِتھ ناوِنہٕ برونٹھہ ییم اَتھ وَقتَس نسبت میلان چھ ـــــ چھُ تِمن بیانَن تہٕ دلیلَن ہُنز ووہ کھنےٚ ضروٗری ییم اَمہِ تہٕ برونٹھہ کِس زمانَس یعنی پراکرت کالَس ( ١٠٠٠ء پیٹھہٕ ٥٠٠ ق.م ) سیتۍ واٹھ تھاوان چھ۔ اَتھ وَقتَس منز یوسہٕ پشاچ زبان کأشرٕ رنگ تہٕ مزاج رٔٹتھ پرٛتھے مژ تہٕ پوٚکھٕ مژ اُس سۅ اُس سنسکرتَس سیتۍ سیتۍ جورہ ماران۔ بودن ہٕنزِ سرگرمی سیتۍ یُس بوٚش مقأمی تہٕ عوأمی زبانَن کھوٚتمُت اوس تمہِ سیتۍ آیہِ کأشرِ زبان تہٕ برونٹھہ۔ اَکھتے زیادٕے یِہُنٛ کیازِ کٔشیر اُس کینژن خاص جایَن ہندِ پأٹھۍ بود سرگرمین ہُنز اَکھ خاص اَڈٕہ بنیمژ۔ بود لِکھاریو ییتہٕ پالی ( سۅ زبان یتھ منز مہاتما بُدھن پرچار کوٚر ) پراکرژ ہند دامَن یینہٕ خیالَو سیتۍ مأرۍ موٚند تہٕ کُشادٕ بنوو، تتہٕ ووتھ مقأمی زبانَن تہٕ دٔس۔ مختلف عوأمی زبانَو لوٚب فروٗغ تہٕ پوچھر۔ یمہِ آیہِ پرچارٕ تہٕ تبلیغٕ خأطرٕ استعمال کرنہٕ۔ تِکیازِ مُدعا اوس یہِ زِ بود خیال گژھن زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ لُکَن تانی دِرزش تہٕ ہمدردی ورأے واتنۍ۔ اَتھ وَقتَس منز اوس نثر زیادٕ تر سوالہٕ جوابہٕ کِس صوٗرتَس منز لیکھنہٕ یِوان۔ بیٚیہِ کانہہ خاص شکل اُس نہٕ دٕلیلو تہٕ کتھو رٕوس مروٗج۔ اَز چھ یِمَن وَقتَن ہٕنزِ اَکھ کتابہٕ ہُند ناو اَسہِ کنَن گژھان۔ یتھ مُتلق یہِ وَننہٕ چھ یِوان زِ سۅ اُس کأشرِس نثرِس منز۔ یہِ کتاب چھُ " بِلندہ پنہہ "۔ " بِلندہ پنہہ " چھ ناگ سینٛ لیچھمژ، یُس اَکھ بھوٗد تہٕ موتشور

بوڑ لیکھاڑی اوسمت چھُ۔ اُمی شند وق چھُ ۱۵۰ ق۔م مانند پوان۔

مُورخ حسن چھُ لیکھان زِ ناگ سین چھِ ہارونس آس پاس بودمت پھالادنس منز بےپناہ کام کرمڑ۔ 'ملند رپنہہ' چھِ پننہ زمانیچ اکھ موتبر تہ پرژ تصنیف اُس رژ۔ اکھ کتابہ اندر اوس سہ سوال جواب درج یُس ناگ سینس تہ مینن درس درمیان گیمتڑ۔ کشیرِ بہہ ژنین کتھن پیٹھ سپدیومت اوس۔

اکھ کتابہ اوس مُلکی تہ غار مُلکی زبانن منز تہ ترجمہ سپدیومت۔ مگر ازچھ صرف پالی تہ سنہالی ترجمہ میلان۔ باقے ساری ترجمہ چھِ اصل نوسخن سیتی سیتی ضایہ تہ بوربادگامتی۔

عام خیال چھُ یہ زِ یہ کتاب اُس مُلہ تلہ سنسکرتس منز لیکھنہ آمژ۔ ونن والین ہُند ونُن چھُ یہ تہ زِ ناگ سین اوس نہ بُنیادی کوشُر تہ سُہ اوس دوہمین بود مبلغن تہ لکھارین ہندکر پاٹھی کتہ تام پیٹھ یورکشیرِ آمُت۔ اما پوز حال حالکو کینہہ قلم کار چھِ لیکھان:۔

"اَز چھِ یہ کتھ تہ وُرحمرژ زہ بودن ہند بوڈ ہیو عالم ناگ سین تہ اوس شاید کوشرے، یمیٚ پننیٚ کتاب "ملندہ پنہہ" تمہ زمانہ کس کشتواڑر کاشرس منز سوالہ جوابہ رکس صورتس منز وُنی ہرژ اُس یتھ پالی تہ سنہالی ترجمہ آو کرنہ۔ اصل روو تہ ترجمہ روُد باقے۔ تکیازِ اَمہ پتہ کینہہ کال گژھتھ آو بودن زوال....."[1]

یمو خیالو ہنز بُنیاد کوسہ شیچھ خبر چھِ، تہ چھُنہ مصنفن ونمت۔ باسان چھ

---

[1] 'کاشر شاعری' از پروفیسر حاجنی

یہ خبر چھِ شاید تمہِ مضمونس پیٹھٕ دِرمتہٕ۔ یُس پنڈت جیا لال کِلَمن لیوکھمُت چھُ
تہٕ اَتھ بروٗنہہ ژۄداہ ؤری گُلریزس اَکس شمارس منز چھاپ سپُدمُت چھُ۔ ناظر
صاحبن چھُ یہ ثابت کرنچ کوشش کرمٕژ زِ ناگ سیٚن اوس کأشُر۔ سیٚتھ چھِ تِم یِتھٕ
وَنان :-

"مِلندہ پانہہ —— چھُ نثرُک اَکھ بہترین نۆمونہٕ
آسمُت۔ مگر ریسرچ کرن والین چھُسہٕ وُنی پَے گۆمُت
زِ کتابہِ ہُند اصل تہٕ اولین نوسخہ کیتھہ زبأنی منز اوس
اَمہِ کتابہِ ہِندِ رژھہ داُوہ متہ نوسخہ چھِ پانہٕ پالی زبأنی
منز میلان نتہٕ سنہالی زبأنی منز۔ پالی اُس گدھ ویشچ
زبان تہٕ سنہالی چھ لنکایہِ ہنز۔ پالی زبأنی منز ہیم نوسخہ
لیکھنہٕ آمتہٕ چھِ تِم چھِ اُلٕہ تلہٕ ترجمہٕ۔ وَننہٕ چھُ یِوان :
اصلی نوسخہ اوس کیتھ تام مُلیچھ زبأنی منز لیکھنہٕ آمُت
مُلیچھ زبانن منز چھِ یونأنی، پشتو تہٕ کأشِر زبان گنزراونہٕ
یِوان۔ اصلی نوسخہ کیتھ ہِشہ زبأنی منز اوس؟ یِہ رنیاسے
اثر زاونس منز چھُ پالی ترجمہ سیٹھاہ مددگار ثابت
سپدان۔ ترجمہ کارن چھِ اصلی زبأنی ہندی کیٚنہہ لفظ رٕتھِ
پأٹھی ورتاوی متہٕ یِتھٕ پأٹھی یِم اصلی نوسخس منز آسی....
یِم لفظ چھِ کأشرِی لفظ۔ لاطینی یا پشتو چھِ نہٕ۔ پانے چھُ
یِتھ پأٹھی یہ نتیجہ نیران زِ ناگ سیٚن اوس کأشُر تہٕ

"ملندہ پانٛہہ" ناوِچ کتاب اٚسؠ تٔمؠ کأشرِ زبٲنؠ منٛز لیچھمٕژ۔ 'ملندہ پانہا' ناو چھُ کأشرِ زبٲنؠ منٛز مروجہ 'پانہا'، لفظُک مطلب چھُ پرٛژھۍ ہتؠ سوال'، ونہٕ آمُت مگر میانہٕ خیالہٕ چھُ اصلی لفظ 'پوٚن'، ییٚمُک معنہٕ 'پھالا' یعنی wedge چھُ۔ییمہٕ سیتؠ زٕن زیٚن پھالونٛس منٛز چھُ مدد میلان۔ ییتھے پأٹھؠ چھُ ملندہٕ نٛین پھیرٕ بیٛہہ وٕنٛن نعہ قطعُن ہٕنٛد جواب آسٲنؠ سان فِکرِ تران۔

کأشرِ زبٲنؠ منٛز چھُ وُنہٕ تہٕ "ملدہ پینٛز" محاورٕ استعمال سپدان۔ "بٕنٛز مہٕ کرٕے یہٕ تَس مَنہٕ ناوِنچ واریاہ کوٗشش مگر تٔمؠ بوٗز نہٕ اکھ تہٕ ؎

"ہے کمٕ کمٕ ملدٕ پینٛز کرٕ مس، مگر تٔمؠ نٕے موٗن نہٕ کینٛہہ[۱]"

موٗل بوٗزو اکھ کتابہٕ پیٹھ چھ وُنہٕ واریاہ تحقیقچ گنٛجٲیش۔ یہٕ کتاب ہاکہٕ خاص کرٕ تٔمؠ بنٛدٕ خاطرٕ اکھ بہترین شوٗغُل بنٛتھ، یٕس زٕن کأشرِ علاوہ سنسکرت تہٕ پالی زبٲنؠ سیتؠ سیتؠ لسانیاتس سیتؠ جان وأقفیت تھاوان آسہٕ۔

پراکرت کارٕچ بیاکھ اکھ کتاب تہٕ چھ ییتھے پأٹھؠ افسانن تہٕ قصن ہندِس کھرٕ لعہ بٕھرِس منٛز ییتھ پأٹھؠ ہمنہٕ آمژ نہٕ اصل پرٛزٕ حاصل کرنس منٛز چھ واریاہ سیٹھہٕ پیوان۔ یہٕ کتاب چھ "برہت کتھا" یوسہٕ زٕن پنٛنہٕ زمانٕچ اکھ نٛندٕ بأنؠ تہٕ بأرٕ منٛز تخلیق أسمٕژ چھُ۔ لیکھن وول اوس گنأڈھِ تہٕ لیکھنک وَق چھُ گوڈٕنچہ صدی پیٹھٕ شیٚنیمہٕ صدی عیسوی یک وَق مانہٕ یوان۔ برہت کتھا أسس دلیلن

---

[۱] گُل ریز۔ جلد ۱۰ نمبر ۹ جولائی ۱۹۵۳ء

ہِشز اَکھ بُڈ کھتھ کتاب۔ یِہمہ آسہ گُنا ڈین تِتھ۔ لوٗبر وٕنہٕ تہٕ دِل کشں پٔشاج زبانی منز وَنہٕ مٔژہٕ یِتھ زَن جِنَن تہٕ ہِیچ لوٗکن ہِشز زبان وٕ نِیتھ یِیرہٕ ہٕرنی ناد پیہز۔ گُنا ڈیِس پیٹھ آیہ ظُلم ہا وَرتاونہٕ یِیمہٕ کِنو سُہ یُپِد یہ لاجواب کارنامہ زالنس پٔیٹھ مجبوٗر۔ دِیان وزان دَران بچِود کِتھو تانی بأتھو اَکھ موٗختصر جِسمہ، یُس زَن چھیکرس یِنہٕ وأتی بے رحم زمانن پأنس سیٖتو وَڈہ رود۔ اَمہ جِھکی سیٖدو تہٕ آزاد ترجمہ چھہ وکھرہٕ وکھرہٕ زبأنین منز میلان۔ یِمَن منز بُدھ سُوامی سوم دیو تہٕ کھشمندرنی کارنامہ "برہت کتھا لوک سنگرہ" "کتھا سرت ساگر" تہٕ "برہت کتھا منجری" سیٹھاہ خاص چھہ۔

برہت کتھا أسا نثرس منز کِنہٕ شارن منز؟ اَتھ مُتلق تہٕ چھہ واریاہ خیال مارکس منز۔ مگر باسان چھُ یہٕ کتھ کتاب اُس مُلہٕ تلہٕ نثرس منز لیکھنہٕ آمٕژ۔ اَتھ کیاہ اَمیک تصدیق چھہ سنسکرت زبأنی ہندو پرأنی تہٕ موٗتبر شأیر ڈنڈی پنٕنین شاہ کارن منز کران۔[1]

بہرحال پراکرت دورِچ یِمہٕ کتاب نہٕ چھہ موجوٗد۔ نہ چھُ یِمو روٗس اَمہ کأنکہٕ بنیہ کینہہ رژھرِتھ۔ اَتھ سیٖتو سیٖتو بُزہ یہ تہٕ یاد تھاوُن زِ یِمَن وقتن ہِشز زبان آسہ ہے

---

[1] اے۔ بی۔ کیتھ چھُ اَتھ کتھ دلِ دِوان لیکھان:-

Obscure also is the question of the form of the work. The Kashmiri version suggests that what Gunadhya produced was a work in Clokas, but may be quite mis bading, and on the other hand we have the express statement of Dandian that a Katha to which he reffers the Braha-katha was written in prose."

لٲزمی اُزِی چھِ زبانٕنِ ہِنٛزِ وارِیاہ مختلف کیاژِ پراکرت تہٕ اپ بھرنش، اپ بھرنش تہٕ جدید زبانن ہِندِس رنگس منٛز چھُ زمین آسمانُک فرق موجود۔ لہٰذا یوٚدوے یِم گوڈٕ کالکو آکار نظر انداز کرِو تہٕ سون رُت تہٕ اصل مطالعہ چھُ ۱۲۰۰ عیسوی پیٹھے واجب باسان۔ تہٕ زَن گوٚو یِہ وَق یِنہِ پیٹھ زَن سانہِ ادبُک تواریخ باقاعدہ پأٹھۍ شوٗروٗع سپدان چھُ۔

ژوداہِمہِ صدی عیسوی منٛز ووت کشیرِ منٛز اِسلام۔ دوہ پتہٕ دوہ گوٚو یِہ یِنہِ پننہِ شعبہ دار موٗل دَر راوان۔ تہٕ زیادہ کھوتہٕ زیادہ لُکن ہُند دِل منوٗر کران۔ ژوداہِمہِ صدی عیسوی پیٹھ ۱۸۰۰ء کس زمانس تام یِہ کینژھاہ کشیرِ منٛز سپد تہٕ سوری چھُ کأشرِس نثرس متعلق وارِیاہ بوڑشوڑ منگان۔ تکیازِ اسلأمی تبلیغہ سیٹھو ہمہ سرگرمی کشیرِ منٛز شوٗروٗع سپدے یہِ، اَتھ اندر چھُنہٕ کُنہِ ہِنٛزو مغالطہٕ باسان زِ تبلیغ کرن والیو کیاہ آسہ سُہ معولِوٚن تہٕ شعبہ دار تبلیغُک ذریعہ ترٛوومت یُس زَن نثری کامہ سیٹھو بأل یوان چھُ۔ بے شک آسن کینٛہہ اہم اسلأمی شاہکار اَتھ زمانس منٛز کأشرِس منٛز پھِرنہٕ آمتۍ۔ اَتھ کتھِ چھُ اوٚد رَنہٕ تہٕ وارِیاہ وَزن ہُران یِیلہِ زَن یقین پرٛزَن ہِند تصدیق تِم مورخ تہٕ شأعِر کران چھِ یِم زَن تِمہٕ زمانکۍ چشم دید واقعات پھِران چھِ۔

بڈشأہی عہدس (۱۴۲۰ء ــــ ۱۴۷۰) منٛز اُس مادری زبانہِ بے حد ترقی کرمژ۔ کأشرِ زبانہِ منٛز اُسہ معولِوِنی ڈراما لیکھنہٕ یوان، یِم زَن باقاعدٕ سٹیج اُسہ سپدان۔ بقول شری وَر " سُلطان اوس پانہٕ اَمہِ خیالُک زِ انسان ہیکہِ تتھی زبانہِ منٛز جان پأٹھۍ تربیت حأصل کرِتھ یتھ سیٹھا سُہ زبر پأٹھۍ واقف آسہِ۔ اَتھ زمانس منٛز اوس علمی تہٕ ادبی مجلسن ہند زوٗل یتھ حدس تام ژھوٚپاسے ناپان زِ موٗلی

موٗلوٗلی پیشن سیتہ داخٕل ثقافتن وٲلی انسان شٲملن وازہ ، موٗزوٗر بیترِ بہٕ اُمسہ
شٲئیر تہٕ ادیب بنے مہتو۔ زنانہٕ اوس خوٗصوٗصی طور شٲئیری تہٕ اکہ بس منز ناد پاٗدہ
کوٗرمت۔"

موٗشوٗر موٗرّخ ابوٗالفضل چھُہ پننہِ ناماوار کتابہِ "آیٔن اکبری" منز
یمن سرگرمیٚن پیٹھ پرٛکاش ترٛاوان لیکھان:-

"انسانیت اُس بٲدشاہس یتھ حدس تام سٔنہتھ گوٚمٕژ
زِ تِمو تِروو شکار کرُن تہٕ یہ کوٗرُن قانوٗنی طور بند۔ تِمو
کھیوٗنہ پانہٕ تہٕ زانِہہ ماس۔ تِمو کرِ نادِہ واریاہ کتابہ،
عربی، فارسی، سنسکرت تہٕ کاشرِ زبٲنی منز ترجمہ۔ اُمی
سندِس راجس منز وٲتی ایرانہٕ تہٕ توٗرانہٕ پیٹھ موسیقی زانن
وٲلی کٲشیرِ۔ یمن منز اُسو خواجہ عبدالقادر خراسانی
یُس ہی مٲنی مہتو تہٕ زانی مہتو عالم تہٕ مُلا جمیل عوٗدی یُس
ہی موسیقی تہٕ مصوٗری پیٹھ قدرتھ ثقافن وٲلی فنکار
تہٕ شٲمل۔" [1]

شری ور چھُہ بٲدشاہی عہدکہ چشم دید حالاتن ہُند ذکر کران اُکس جایہ
وَنان:-

The King caused tran-
slation of the various
shastras to be made by
those who knew Sanskrit

[1] "آیٔن اکبری" ہُند انگریزی ترجمہ۔ مترجم فرانسس گلیڈوِن۔ صفحہ ۲۴۰.

the vernaculers, and the Persian. Even the Yavanas can comprehend micrology, Chemistry, and Kalpa if studied in their own language. The King caused Dashvatara and Raja Tarangni, the book of kings in the Sanskrit language to be rendered in Persian. In the same way the Mlechhas read the Voihatkanasara and Hatakeshvara samhita, the purans, and other books in their own language ........."[1]

مگر دُکھ سان چھُ وَنُن پیوان اَتھ سارِی سے ادبی ذخیرس چھُ ناش سَپُدمُت۔ فقط چھ شاعِری منز اکھ زِہ کتابہ اَسہ واتِہ مَنزِہ تہِ بَس! اَتھ چھنہ

---

[1] صفحہ ۱۲۵ "زینہ راج ترنگنی" مُصنف شری ور۔ مترجم جے، سی، دت۔ انگریزی ترجمک ناو چھُ "کنگس آف کشمیر"۔

چھنہٕ کانٛہہ کتاب نظرِ گژھان یتھ اندر زٕنہٕ کاشُر نثر ورتاونہٕ آمُت آسہٕ ہے۔ نہ چھُ کُنہٕ خاص کتابہٕ ہُند ناو بیترِ سیکہٕ پانٛٹھو مولوم۔

مرحوم عبدالاحد آزادن چھُ "کشمیری زبان اور شاعری" منز "زینہ چرت" اکھ نثری کارنامہ آسنُک شک ظاہر کورمُت۔ تس چھُ لیکھان:

"بڈشاہ سندِس عہدس منز چھ کاشرِ زبانٕۍ ہندۍ زٕہ[۲] موتشور ادیب گذرے متو۔ یودھ بٹ تہٕ سوم پنڈت یودھ بٹ اوس کاشرِ زبانٕۍ ہند زبردس گوینہ ماہرٕ۔ امہِ اوس بڈشاہ سندِس واقس پیٹھ اکھ ڈراما کاشرِ زبانٕۍ منز لیوکھمُت۔ امیک ناو اوس "زینہ ولاس"[۱] سوم پنڈت اوس کاشرِ زبانٕۍ ہند فاضل۔ امہِ اوس زین العابدین سٕنز سوانح عمری کاشرِ زبانٕۍ منز لیچھمٕژ۔ سوم پنڈت اوس شاید کاشُر نثر لیکھان۔ یکیازِ شری ور چھُ امس شاعری سیتی فاضل لیکھان۔ ممکن چھُ امہٕ آسہٕ "زینہ چرت" کاشرِس نثرس منز لیوکھمُت۔"[۲]

پروفیسر محی الدین حاجنی تہٕ چھُ یُہے کتھ یتھ پانٛٹھو پھران:-

"کاشرِین مسلمانن ہندس حوکومتس خاص کر بڈشاہ صابنہٕ وقتہٕ گوٚ کاشرِ زبانٕۍ تمو ترجمو سیتی وُسہٕ جارِیم امہٕ عہدہ سنسکرتہٕ پیٹھہٕ کرنہٕ آے۔ اتھ سلسلس منز چھ یہ

---

[۱] یہ ناو چھُ غلط۔ اتھ اوس ناو "زینہ پرکاش" [۲] صفحہ ۲۰ جلد ۱، "کشمیری زبان اور شاعری"

کتھ اَنہٕ تہٕ گنتھ لگہٕ مژ زٕ خبر سوم بٹٕنٕو " زینہ چرت" تہٕ ما چھہٕ
کأشرِس نثرس اندر لیکھنہٕ آمژ......" [۱]

مگر یِمن دوشوٕنی بیانن منز چھہٕ غلطی ۔ ' زینہ چرت' کتابہ پیٹھ گژہٕ نثری
کتابہ ہُند شک کرُن چھہٕ سیٹھاہ دُور از کار باسان ۔ تکیازِ شری ورٕن بیان چھہٕ
صاف ۔ سُہ چھہٕ پنڈت اُتھ سوم سٕنز ذکر کران حرف یِوٚتے لیکھان زٕ :-

" پنڈت اُتھ سوم اوس سنسکرت ادبس تہٕ کأشرِ زبأنی
سیٹھاہ زبر پأٹھی واقف ۔ تٔمی اُسی بڈشاہنہٕ زندگی
ہنٛدی حالات کأشرِ بن شارن منز لیکھمتی ۔ یہ کتاب سیٛز
بادشاہس پیش ........" [۲]

اَکھ سیٹھاہ کم ورٕ روایت چھہٕ یہ تہٕ زٕ بڈشاہی کالہٕ پیٹھ رٕژن ہندِس
وقتس تام چھہٕ بنیہ زٕ کتابہٕ [۲] ' ستٕ پر' تہٕ ' لنگ پرٕن' کأشرِس نثرس تہٕ شارن
منز لیکھنہٕ آمژہ ۔ ' ستٕ پر' اُس منوٕجی ناوکی اَکی لیکھأری لیچھمژ تہٕ یہ اُس حکمتس
سیٛتی واٹھ تھاوان ۔ ' لنگ پرٕن' اُس ہیٛندین ہندِس حصہ رٕسہ بأگرنس قونوٗنس
سیٛتی واٹھ تھوان ۔ یہ اُس کمہٕ تأنی پرٕتھی ناوکی ادیبن لیچھمژ ۔ مگر یِمن دوشوٕنی
کتابن ہندِس وجودس پیٹھ چھہٕ ونہٕ وارِیاہ شکھ کرنچ گنجأیش ۔ میہ چھہٕ ذأتی

---

[۱] کأشر شأیری ۔ پروفیسر حاجنی

[۲] اصل لفظ چھہ ریتھ پأٹھی :-

"Pandit Uthsoma versed in vernacular and Sanskrit literature, composed a life of Jaina in the vernacular, and approached the King."

طور یمن ہُند وۄجوٗد اکھ فرضی افسانہٕ ہیٚو باسان ۔ کتابن ہُند اکھ ییٚن گیہ اکھ کتھ وُنہٕ چھُنہٕ یمن لکھارین ہندس آسنس پیٹھ کانٛہہ خاطر خواہ تہٕ تسلی بخش ثبوت میلان ۔ ڈاکٹر صوٗفی چھُ "کشیرہ" منز یمن کتابن تہٕ مصنفن ہُنز فِکر ضروٗر کرمژ، مگر اَہندہٕ بیانہٕ سیٚتۍ تہٕ چھُنہٕ یمن لکھارین تہٕ گرنٛدانٛ پیٹھ کانٛہہ موتبر پرکاش پیوان ۔

●

## (ب) کأشرِ نثرُک اصل توأریخ

(۱۸۲۱ء پیٹھہٕ از تام)

کأشرِ نثرُک اصل توأریخ چھُ پرانیو دلیلو، وٕہ کھنیو تہٕ رِوایژو باوجوٗد ۱۸۲۱ء پیٹھے شروٗع کرُن زیادہ مُناسب باسان تکیازِ از چھُنہٕ اَسہِ پرٛونِمہ زمانُک اَسہِ نثر کینہہ تہٕ مۄجوٗد تہٕ یتھ پأٹھۍ ہرونٛہہ وَنہٕ آو اتھ کامہ چھُ انجیل کأشرِس منز پھیرنچ کامہ سیٚتۍ دَس وُہتھان ۔

### بایبل ترجمہ کرنچ کأم

ایسٹ انڈیا کمپنی قأیم کرنس سیٚتۍ سیٚتۍ یمہِ لنگ لنجہ انگریزو دُرِتھ ہندوستانس منز وُہراونہٕ ہیژہٕ۔ تتھ سیٚتۍ سیٚتۍ لوٚب عیسأیی مشنریو ساری سے ملکس منز فروغ۔ پھیرزہٕ سرگرمیہ گیہ دۄہہ کھۄتہٕ دۄہہ برٛان ۔ عیسأیی خیالن ہُند

لوٗگ تیٚزی سان پرچار کرنہِ۔ نتیجہ دراو یہِ زِ پادرن دِیُت ہندوستانٕچَن مختلف زبانَن منٛز بائیبل پھیرنَس کُن پننُن توجہ۔ قدرتی آیہِ کاشُر زبان تہِ اَتھ عملہِ منٛز گاشہِ رس منٛز گژھنہِ۔ یہِ کام ۱۸۲۱ءکِس منٛز شورٗوع یَیلہِ بائیبلہِ ہُند اَکھ اہم حِصہ (نیو ٹیسٹیمنٹ ' New Testament) کاشرِس منٛز پھِرنہٕ آو۔ یہِ کام اَدٕ ' سرام پور ' مشنری بائٕل۔ ۱۸۲۱ عیسوی یُس وَق گو سُہ وَق یَیلہِ کشیرِ پیٹھ سِکھ حُکمران اَسہِ راج کران۔ سِکھ راجہِ سے منٛز آیہِ اَمہِ حِصکی بیٚیہِ زٕ[2] اڈیشن ۱۸۲۷ء تہِ ۱۸۳۲ءہَس منٛز بُرونٛہہ کُن تہِ یِم ساری اَسہِ شاردا رسمُل خطس منٛز۔ ۱۸۸۴ اتس منٛز آیہِ برٹش بائیبل سوسائٹی بُرونٛہہ کُن۔ اَمہِ سوسائٹی چھوپ سرام پور مشنری ہُندِ دُسہِ ترجمہ سپدیومُت حِصہ شاردا بدلہِ ایرانی رسمُل خطس منٛز۔ اَہندی دُسہِ کَسیٚد بائیبلہِ ہُندِس گوڈنکس اہم حِصس (یتھ اولڈ ٹیسٹیمنٹ[1] وَنان چھِہ) کاشری پاٹھی ترجمہ۔ اَکھتے آیہِ گوڈنکِس حِصس بیٚیہِ نظر گذر دِنہِ۔ یِم دوشوے حِصہ سپدی آخرس یِکہ وٹہِ ۱۸۹۹ عیسوی یَس منٛز لدی یانہِ منٛز چھاپ۔ اَتی لدی یانہِ منٛز اوسُس ۱۸۸۴ عیسوی یُک اڈیشن تہِ چھاپ سپدیومُت۔ تہِ اَمہِ پتہٕ تہِ رُوز یہِ کام جاری بیٚیہِ بیٚیہِ کینٛہہ مختصر حِصہ آیہِ کاشرِس منٛز پھِرنہِ۔ مگر یوٗتام معلوٗم چھُہ وُنہِ چھُنہِ ساری بائبل کاشرِس منٛز پھِرنہٕ آمُت۔ اَمیُک خاص وجہ چھُہ شاید یہِ زِ ناوَس سوٗنب کینٛژَو کاشرٮ۪و لوکو ییٚتہِ عیسائے مذہب قبوٗل۔ کشیرِ ہِنٛز وادی چھہ گُنہِ حدس تام دُرِس ہندوستانَس منٛز تِہمَو کینٛژَو جایَو منٛزٕ سِہ جایے ییٚتہِ لوکو عیسائے بننَس کُن کانٛہہ خاص رُجحان ہوو۔

یوٗتام ترجمہ کرن والین ہُند سوال چھُہ تہِ چھُہ نہٕ پوٗرٕ پاٹھی معلوٗم زِ تِم کم

---

[1] اولڈ ٹیسٹمنٹ (Old Testament)

اَمسی۔ وۄنی گو پیٚپرٕ ہَن چھ بوزان زِ کاشُر ترجمہ بامل اَنٕنس منٛز چھُ ٹی، آر، وارٹے[1]
ناوکی پادرِکی پانٕہ ترجمہ کرٕنۍ والین وارِیاہ اَتھ رۄوٹ کورمُت۔ دۄیان دفہ یمہ جِٹھک ترجمہ
چھُ اُہنزِ نِگرٲنی منٛز یار محمد خانن کورمُت۔

## کٲشر جامٹری

تعلیمی ماہرن ترٕ پرٛیتھ اَکِس بوزنٕ شوٗنٕ کرٕنۍ وألۍ شُند وَنُن چھُ زِ شُر
ہیکہِ مادری زبٲنی منٛزے اصل تہٕ رٔژ تالیم حاصِل کرِتھ۔ مگر یہِ کتھ آیہ وۄہے
کشیرِ منٛز مشراونہٕ یتھ وارِیاہ کینٛہہ دۄہ جو ہات چھ۔ وۄنی گو کینٛژن انسانن چھُ وقتہ
وقتہ اَمِہ قسمُک احساس گژھیومُت یمَن منٛز پنڈت رام جو درشند ناو تہٕ ہیکو ہیتھ۔ رام
جو در چھ ڈوگرہ مہاراجن ہِندِس حکومتس منٛز مدرسن ہِندی ڈائریکٹر تہٕ وزیر وزارت
شہر خاص اَسی رُدمٕتی۔ یمَو چھ جامٹری ہنٛزِ کینٛہہ بُنیٲدی سچٲیی کاشرِس منٛز پھیرِ مژہ
کتابہِ ہُند ناو چھُ "تحریر اقلیدس بزبان کشمیری" (Translation of
the first Book of Euclid) ترجمہ کرنُک وَق چھُ ۱۸۷۶ عیسوی
یہِ کتاب چھ باقاعدہ چھاپ تہٕ سپزمٕژ۔ اَمِہ ترجمک کینٛہہ نمونہ چھ یتھ پاٹھۍ۔

"لین وارِکھ — گییہ زیٛچھر پناہ رۄست"

"ترکھ ہُند اَکھ اَند چھُ آسان پھنوٗر"

"یۄسہ ترکونجکہ زٕہ کونٛج آسَن پانٕہ وٲنی سوٚمبرِ تمن دۄن پانٕہ وٲنی سوٚمی
کونجن منٛز سیٚدِ سیٚود زٕہ لنٛجہ تہٕ گژھن پانٕہ وٲنی سوٚمہ۔ مان ا ب ج چھُ ترکونجل
د ب ج کونج چھُ ا ج ب کونجس سوٚمہ۔ اَدٕ گژھن آسنہٕ ا ب تہٕ ا ج لنٛجہ

---

[1] Rev. T.R. Wade.

پانہٕ وٲنی سعہ مِہ کیازِہ ......"

یُودوَے در صاٮ۪بنہِ کتاب ادبس سیٚتۍ وابستہ چھےٚنہٕ کٲشرِ زبٲنی ہُرہٕ ہرتہٕ پُوچھر زِنہٕ کِس جذبس وُترِش دِنس منز چھُہ اَتھ بنُن پاے حاصِل۔

۱۹۲۱ عیسوی یَس منز چھہ پروفیسر ترشی زٕ حسابس سیٚتۍ واٹھ تھاوَن واجیسنہِ اَکھ ہُنزٕ یادی کتاب ترتیب دِژمژ۔ اَتھ اوس ناو "گرٮ۪نز وید"

# نولز، سٹین تہٕ گریرسن

کینٛشَو انگریز عٲلمَو، گاٹلیو تہٕ گوہٕ وانو یوہسہٕ کم زِیادٕ کٲم کٲشرِ زبٲنی ہندٕ وُژھہ وارٕ خاطرٕ کَر سعہ چھہ بے شک تٲریخس لایخ۔ یُو تام زَن تِشرہٕ چین کامین ہُند واٹھ چھُہ۔ نولز، سٹین تہٕ گریرسنُن ناو چھُہ اَکھ خاص اہمیت تہٕ ہجر تھاوان۔

کٲشِر زبان چھےٚ پننہٕ لوک ادبہ کِنہِ واریاہ بختاوار۔ غُلامی تہٕ وُری یِہ بدِین ہندٕ سماجی تہٕ سیاسی پستی رکنہِ اوس یِہ سورُے خزانہ رُتھتھ پاٹھۍ یومُت ییتہٕ پاٹھو دِنَن منز یارِہ پے مرِژہ آسان چھےٚ۔ نولز چھہ ٲسم عیسائے پادری یُہُند شوق سارِنے بُرونٛٹھ یِہ جمع کرنس کُن گو۔ چنانچہ یِہ پھیور جایہ جایہ۔ اَمہِ کرِہ کہاوژ، محاورہ تہٕ کٲشرِ دلیلہ جمع۔ ۱۸۸۵ عیسوی یَس منز آیہٕ یہُنز گوڈنیچ کتاب بُرونٛٹھ کُن۔ یہِ کتاب چھہ کٲشرِین محاورَن تہٕ کہاوژن سیٚتۍ واٹھ تھاوان۔ اَمہِ پَتہٕ آیہٕ یہُنز بیاکھ کتاب ؛ کشیرِ ہنزٕ لُکہٕ دلیلہٕ (Folk Tales of Kashmir) بُرونٛٹھ کُن۔

۱۹۱۲ عیسوی کِس وُقتس منز گو سٹینس یُتھے شوق۔ رٹھنز کتاب "حاتمہٕ نٕز دلیلہٕ" آیہٕ گریرسن تہٕ رٹھندٕ مُشترکہ کوشِشہ سیٚتۍ ۱۹۲۳ عیسوی یَس منز مارکس

منٛز۔ حاتم اوس پننہِ زمانٕک اکھ مشہور داستان گو۔ یہ اوس مٲلی بابہٕ سٕنٛدہِ پیٹھہ رٕکھ تیلہ دودٕنی۔ اَمی اوس یہِ حاتم تیلہِ وانہٕ ناوٕہ مشہور۔

"حاتمہ سٕنٛد دلیلہ" (Hatim's Tales) کتاب سپدے یہ لنڈنس منٛز چھاپ۔

نولز، گریرسن، سٹین بییترہ انگریز لِکھارو بیترہ پانہٕ کیٚنژہہ محٲوٕرٕنی کام کشیرِ منٛز بامل اَنٕی، تتہٕ اٚنکھ پیتلکہ گاٹلی تہٕ فاضل تہٕ دوٚلسنس۔ نتیجہ دراو تِہنٛزٕ تہٕ ہنیٚش اورکٕی تنٕ دِنی۔ ۱۹۳۲ ہس منٛز چھہ پنڈت آنند کول بامزٕیٚ سٕنٛز کٲشرِ محاورن تہٕ پریشٕرن سٕیتی وابستہ کیٚنژہہ مختصر کتابہ چھاپ سپدے مژٕہ۔

# مذہبی تہٕ روحٲنی ادب

یتھ ادب گوٚژھ کشیرِ منٛز وارِیاہ کیٚنژہہ پٲدٕ آسٕن سپدمٕت۔ مگر نثرٕ رنٛگی چھٕنہٕ کیٚنژہہ تہٕ۔ تتہٕ گیہ وُنی اکھ زٕہ وری، بوزنس منٛز آو زِہ مولوی محمد یوسف شاہ صابن چھُہ قرآن مجیدُک کٲشُر ترجمہ مکمل کوٚرمٕت۔ تہٕ یہ چھُہ آزاد کشمیرس منٛز چھاپ سپدِتھ ووتمٕت۔ قرآنِ شریف کٲشرِس منٛز پھیرنچ کوشش چھہ اَمہ برونٛہہ وارِیاہ سپدنے مژٕہ۔ مولوی احمد شاہ جامعی صابن چھُہ اَمہ کہ اَکہ حصُک ترجمہ کوٚرمٕت یہ چھُہ غلام محمد نور محمدن چھپومٕت۔ نور محمد چھُہ پانہٕ اَمہ کِس "سرنامس" منٛز لیکھان۔

"یتیمہ برونٛٹھ اُس یتھ رژٕہ کامہ اندر گوڈنی سبقت کرمژ جناب میرواعظ مولوی یحیٰی صابن نوراللہ مرقدہ۔ تہِنٛد اوس صرف یتھ مہ سِپارہ پارہ عمس کٲشرِ پاٹھو ترجمہ کوٚرمٕت یُس چھاپ اُس سپزمژ۔ تمہ پتہ اوس اسلامیہ ہائی سکولکی

یمن راس گندنہ چین جاۓ زن سپتھ یہ سپہ متوٗر تہ ہیچھ ڈرامائی لےؤ زِس شمالی
ہندوستانس منز پارسی تھیٹر، احسن لکھنوی، طالب بنارسی، آغا حشر کشمیری تہ
بیتاب نیو ڈراماہن سپتھ ووٚپہ ییمہٕ اُس نتیجہ تہ کوٚر کاشرین فنکارن منز ڈراما لیکھنک
تہ ٹیم سٹیج کرنک زبردس شوق پاد۔ تِمن دوہن ہندو کینہہ وچھن وأل چھونان
زہ ییلہ کاشرٕ فنکار سٹیجس پیٹھ آیہ۔ تِم گیہ واریاہ جلد سپٹھاہ مقبوٗل تہ مشہوٗر۔
نتیجہ دراو یہ زِ گاؤ کدلہ اپار آیہ پلکل بندٕس سپتھ۔ اکھ بیشہ ور ڈراما کمپنی کھولنہ۔
امہ کمپنی ہندہ دٕسی آیہ کینہہ ڈراما بینتہ سٹیج کرنہ۔ اما پوز ییمن منز اوس نہ کانہہ کاشر
ڈراما۔ ییم اُسی ساری اُردو زبانی منز تہ ییمن ڈراماہن ہندی مُسودہ تہ اُسی تھےٚ ییم زن
حشر، احسن، بیتابن بیترہ لیکھمتہ اُسی۔ ییم اُسی نتھے ڈراما ییم زن پارسی تھیٹرن
برونہہ تہ سٹیج کرنہ متہ اُسی۔

کینژہاہ سماجی تہ سیاسی وجوہات، کینژہاہ دھرمرت کہن کارکنن
ہند ژٕل تہ تضاد ییم اکھ کمپنی محض دھارِمک طریقس پیٹھ پکہ ناوُن یژھان اُسی۔
ہیچ نہ یہ کمپنی زیادہ کالس زندہ روٗزتھ۔ اما پوز امہ کمپنی یوسہ شوق ژیتنی شولہناو
تمیچ تیھہ موجہ ژکسنہ پاٹھی۔ یہ تیھہ روز برقرار۔ یہ ژیتنی روز وز وز مختلف شکلن منز
بیئیہ نیرہ پیٹن موکھ نوٗن کڈان۔ یِہ تام کاشرِن ڈراماہن ہند واتھ چھُ دیان مرینگرہ
کس اسلامیہ ہائی سکولس منز ۱۹۲۳ ہس منز گوڈنچہ لٹہ اکھ کاشر ڈراما سٹیج
سپدمُت۔ ڈراما اوس بچن ہندہ خاطرہ تہ موضوع اوس تفریح تہ صفائی۔

عیسائے سنہ (۳۱ - ۱۹۳۰) ہس منز لیوکھ پنڈت نند لال کولن (۱۸۷۷
۱۹۴۰ ؟) کاشرس منز اکھ دھارمِک ڈراما "ستیچ کہوٹ"۔ یتھ ڈراماہس چھ
سائنس ادبس منز سوٚ حیثیت حاصل یوسہ زن امانتہ نس "اندرسبھا" ناوہ کس

سابق ہیڈ ماسٹر جناب غلام محی الدین خان صاب نہال پورٕ رِنِ
سارِی سے قرآن مجیدس بزبانِ کشمیری ترجمہ گورمُت یُس
اَزتام بلکل زیرِ پردہ رُود۔ تہٕ علماء کرامو نہٕ اوس یتھ ترجمہ کِس
طباعتَس اندر اجازت دِیتمٕت۔ تمہ پتہٕ کوٚر جناب مولانا
میرواعظ مولوی یُوسف شاہ صاٖبن پارہٕ عم ———
دُبارٕ مزید تفسیر، وضاحت کرِتھ، معانی و فوائد ہیرٕ
رٲوِتھ، معترضن ہندین اعتراضن جواب دِتھ شایع
یوس وُنی کیس موجود چھےٚ۔ ہرحال باقے قرآن مجیدُک
ترجمہ رُود بیٚیہٕ پیٹھے کٕنٛہ۔۔۔۔۔۔۔"

۱۹۴۷ء وارِیاہ وُری برونٛہہ چھےٚ "کٲشر مسلہ کتاب" ترتیب دِنہٕ آمٕژ
یہ کتاب چھےٚ سوالہ جوابہ کِس صوٗرتس منٛز تہٕ نماز، زکات، حج بیترٕ موضوعن پیٹھ
جان پٲٹھۍ واش کڑنہٕ آمٕژ۔

اَمہ پتہٕ آیہ شرع محمدی (کٲشر مُفتی) برونٛہہ کُن۔ یہ کتاب چھےٚ وارِیاہ
معتبر دستاویز برونٛہہ کنہٕ تھٲوِتھ کٲشرِس منٛز لیکھنہٕ آمٕژ۔

# کٲشر ڈراما

(۱۹۲۳ء پیٹھ ۱۹۴۷ء تام)

کٲشرِ نثرِ چھےٚ اصل تہٕ رٕژ ادبی ہسٹری چھےٚ ییمہ وِرے ڈراماہو سیٚتی
شوٗرُوع سپدان۔ سٹیج تہٕ ڈراما خاطرٕ سپُد یہ رٕژ ماحول ٹُلہٕ نٕرِتھ۔ "راس لیلا"
پارٕٹیو سیٚتی تیار ییمہٕ زٕن نیبرٕ پیٹھٕ مہاراج پرتاپ سنگھنِس زمانس منٛز یوان روزہٕ۔

ڈراماہس اُردو ادبس منز چھُ۔ یہ ڈراما سنہ ۱۹۲۹ء پیٹھ ۱۹۳۲ء کس وقتس منز
روٗد گنا تھ منڈرہٕ سٹیج۔ اَمہ ڈراماہک مرکزی کردار چھُ راژہٕ ہریش چندر تہٕ یہ سورُے
ڈراما چھُ اَمی سُندی اَندی اَندی پھیرٕنۍ راد پوٗرہٕ کران۔

(ہریش چندر اوس کمالک پُرہیزگار۔ سُہ روٗد ہمیشہ پننس ستس پیٹھ
قائیم۔ دیوان یندرہٕ لوٗکس منز یلہِ یندرازس اَمہ کتھہِ ہندِ پے لوٗگ سُہ گودم پھُٹھ۔
تس باسیوو راژہٕ ہریش چندرُن اَکھ عدس تام ستس پیٹھ قائیم روزُن پننہِ تہٕ
سارِنے دیوتاہن تہٕ ریشین ہندِہ وجودہٕ خاطرٕ اَکھ بوڈ خطرٕہ۔ چنانچہ تمی سُند وسواس
دوٗر کرنہٕ موکھ چھُ وشوامتر پننہِ ساری ژھل تہٕ حربہ ہیتھ یتھ بُتہ راتھ پیٹھ وسان
تہٕ ہریش چندرُن پزر پھُٹراونٕچ کوشش کران۔ یِمو ژھلو تہٕ حربو سیتی چھُ راژہٕ ہریش
چندر پننہِ راژہٕ گدہ نشہ گژھان۔ سُہ چھُ یچھنس واتان۔ تمی سُند عیال چھُ تس نشہ
جُدا سپدان۔ تہٕ ساری چھُ اَکھ اَکھ کمن کمن دُکھن تہٕ شاٹھن لگان۔ تہٕ ییم دوکھ
چھُ یتھ حدس تانۍ بڑان زِ کینہہ واقات اُچھن برونہہ کُن ییتھ چھُ دِلس برابر
شراکھ وسان۔ خاص کر یلہِ راژہٕ ہریش چندرُن سُنتان روہِتھ مران چھُ تہٕ ہریش
چندر پنہٕ آشنہ تارا یہ چھٕ پنہ تس داہ دِنہٕ خاطرٕ کاوِہ جس سوتُب پونسہ آسان
چھیکرس چھُ وشوامتر پننین سیاہ کارنامن پیٹھ پانے پشیمان سپدان تہٕ تس تہٕ
چھُ اَمہ کتھہِ ہُند باس پوٗرہ پاٹھو لگان زِ دُنیاہ ڈلہِ پننہِ محورہ نشہ مگر راژہٕ ہریش
چندرُن ستہ تھ پھُٹراوُن چھُ ناممکن۔

ڈراماہس منز چھُ کردارن ہُند اَکھ بوڈ ہجوم ڈیشان۔ ییمن منز چھُ کینہہ
مسخرہ تہٕ شامِل۔ اما پوز ڈراماہچ اصل ییتھ وول کردار چھُ ہریش چندر، وشوامتر
تارا، روہِتھ تہٕ وشوامترن سیتی برج نکھشتر)

یہ دھارِک ڈراماسٕنٛد کشیرِ منٛز بے حد مقبوٗل، یوٚت بوزٕ دٕیان گامہٕ پیٹھٕ وُچھنہٕ کیٛنٛہہ انسان محض یہ ڈراما وُچھنہٕ خاطرٕ شَہر۔ کوچہ گَلیَن منٛز اَسہِ شُرۍ اَمِکۍ مکالمہٕ پھِرٕ پھِرٕ کران بولان۔

نندلال کول مندلو سٕنٛدۍ نادہ پننٛۍ چھُ غلام نبی سوز (۱۹۱۶ء – ۱۹۸۱ء) تاراچند بسمِل (۱۹۰۴ء – ۱۹۴۸ء) تہٕ نیلہ کنٹھ شرما (زاسنہٕ ۱۸۸۸ء) ہُنٛد ناو بُروٚنٛہہ کُن یِوان۔ یِہنٛدِ ڈراما لیکھنُک طریقہ تہٕ وطیرٕ چھُ سٮ۪ٹھاہ نند لال کول نٕس ڈراماہَس منٛز نظرِ یِوان چھُ۔ کردار چھِ پننِٕ پننِٕ پیٚنتِہ گیوان تہٕ شارَن منٛز کتھہٕ کران۔ تہٕ یہ شاعری چھےٚ زیادہ تہٕ تُکھ بندی۔ نہ چھُ اَتھ اندر کانٛہہ تہٕ تاب یمن سارِنٕے ہلکہٕ پھلکہٕ ڈراماہَن ہُنٛز ٹیکنیک چھِ کُنہ حدس تام یِمہ سٕہ حشٕرٕ سٕنٛدیٚن ڈراماہَن منٛز نایان چھِ۔

باسان چھُ بسمِلَن اوس پنڈت نندلالُن ڈراما وُچھمُت۔ چنانچہ تس سٕنٛد ڈراما لیکھنُک یوٚت شوق زِ تمۍ لیوٗکھ ہریش چندرنہٕ اَتھہٕ کہانی پیٹھ پننُن اَکھ ڈراما۔ اَمہ ڈراماہُک ناو چھُ "سَتیچ وَتھ" (ہریش چندر ناٹک) یہ چھُ حبہ کدلکۍ علی محمد کتاب فروشن دوٚن جلدن منٛز چھوٗپمُت۔ چھاپ سٕنٛدُک سنہٕ چھُ ۱۹۳۸ء۔ اَمہ علاوہ چھِ اَمۍ اَکھ ننددُن، رامہٕ اوتار، پرتھیچ کھوٹ بیترِ ہلکہ پھلکہٕ ڈراما لیکھمٕتۍ۔
غلام نبی دِلسوزَن لیکھۍ شوٚدِہ، لیلیٰ مجنون، شیرین خسرو ہی کیٛنٛہہ ہلکہ پھلکہٕ ڈراما کاشرِس منٛز۔ دِلسوزنۍ ییم ڈراما سپدۍ "راج پال کمپنی" طرفہٕ رِکاڈ۔ یُس اَسہِ فونو گرافس پیٹھ ییم رِکاڈ بوٗزۍ بوٗزۍ بنیٛ اَدبی تریشہ ہوٚمہٕ راوان۔
پنڈت نیلہ کنٹھ شرماہَن چھِ 'بلوا منگل' تہٕ "سوہ پنہٕ واسہ دادتا" ڈراما لیکھمٕتۍ۔ 'سوہ پنہٕ واسہ دادتا' چھُ بھاسہٕ سٕنٛدِہ موشوٗر سنسکرت ڈراماہُک

آزاد ترجمہ۔

ہیمو ساروِے ڈراماہو پتہٕ چھُ سانہٕ نظرِ "گریسی سُند گرٕ" ڈراماہس
کُن متوجہ سپدان۔ اَتھ مُتعلق چھُ اَمکہ مُصنف پروفیسر محی الدین حاجنی پانہٕ اُکس
جایہِ لیکھان:۔

"گریسی سُند گرٕ" (سہ عملی ڈراما) یُمکی گوڈنکو کینہہ
حصہ ۱۹۳۸ عیسوی یَس منز پرتاپ میگزینس اندر
چھپے یہ۔ کینہہ وُری گژھتھ دراو یہ ڈراما قسط قسط
رِسالہ "گُل ریزس" منز تہٕ اَمہ پتہٕ چلیے یہ اَمکی زٕ اڈیشن
وُنتام"۔

"گریسی سُند گرٕ" چھُ بے شک سون گوڈنیک جدید ڈراما۔ اَمہ
ڈراماہیچ ٹیکنیک چھےٚ تمہٕ ٹیکنیکہ نِشہٕ بلکل مختلف یوسہٕ زن نند لال کولن، بسمل
شرماہن یا دلسوزن وَرتاوِمٕژ چھےٚ۔ مکالمہٕ چھِ فطری تہٕ جان۔ موضوع لحاظ تہٕ چھُ
یہ ڈراما پتھ میو ڈراماہو نِشہٕ اَکھ خاص تبدیلی ہاوان۔ اَتھ ڈراماہس اندر چھُ
تمہٕ نظامُک اَکھ بہترین تصویر موجود۔ یَیلہِ جاگیرداری کشیرِ منز زورن پیٹھ اوس۔
تہٕ گریوس بچارِ اوس پرٕژھتھ رنگہٕ خار۔

سانیٚ ڈراما تحریک چھےٚ ۱۹۴۲ پیٹھ ۱۹۴۷ تس تام پننہٕ مُول زیادٕ کھۄتہٕ
زیادہ وُستاوار کرنہٕ خاطرٕ زبردست کوشش کران۔ کاشرو فن کارو ہیوت
سپھاہ سنجیدگی سان ڈراماہ تہٕ سٹیجس مُتلق سوچُن۔ کوشش آیہ کرنہٕ زٕ یتہٕ گژھہ
تمہٕ "انڈین پیوپلز تھیٹر آرگنائزیشنچ شاخ قایم سپدِنی۔ یمہ جماعتن ہندوستان
کین مختلف حصن منز زبردست کام انجام دِژمٕژ اُس۔ مگر کاشرین لوکن ہُنزٕ

سیاسی جدوجہد یتھ اہم تہٕ نۆزُک مرحلس پیٹھ اَمہٕ وقتہٕ واتِتھ اُس۔ تمہٕ اَکھ یہٕ
تنظیم قایِم کرنس منز سپھلاہ رُکاوٹ۔ تکیازِ یہِ اوس شہ وَکھ ییلہِ سرکار شعوری
تہٕ غیر شعوری طور برابر اَکھ کوشش منز اوس زِ کانہہ جماعتھ گژھِ نہٕ اِستادہ
سپدنۍ۔ کیازِ حکمران اُسہ زانان کُنہٕ جماعژ ہُند وستوار تہٕ منظم سپدُن چھُ تِہنزِ
سلامتی خاطرٕ اَکھ بوڈ خطرٕ۔

بہرحال یتھہ وقتس منز ییمہ کینہہ سرگرمی وُچھنس منز آیہٕ تِمہٕ بامل اَنس
منز کور کینژَو شخصو تہٕ کینژَو ڈراما کلبو پننہٕ پننہٕ رول ادا۔ یمن کلبن منز چھ
سری پرتاپ ڈراما کلب، نیشنل ڈراما کلب تہٕ سُدھار سمتی ڈراما کلب بیترٕ ناوٕ ہینس
لایق۔ مگر یُہ تام زَن کانٛسرِن ڈرامہن ہُند سوال چھُ اَتھ وقتس منز چھہ اُسہ صرف
دوٕن اہم ڈرامہن ہُند ناو بوزان۔ یم چھ "وِداو" (معہ نُٹ) تہٕ "بٹہٕ ہر"۔ وِداو
اوس اَکھ سوشل ڈراما۔ یہ سپدُ سُدھار سمتی ڈراما کلبہٕ طرفہٕ سٹیج۔

"بٹہٕ ہر" ڈراما چھُ تَمہ تلہٕ تمی جماعژ ہُند خاب ییمہ زَن پتہٕ "انڈین پیوپلز
تھیٹر آرگنایزیشنچ شاخ قایِم کرنچ کوشش کرٕ۔ اَمہٕ جماعژ ہندین کارکُنن ہُند
خیال اوس یہ ڈراما سٹیج کرنہٕ پتہٕ دِن تِم تتھ خابس اہم شکل یُس تِہندین
ذہنن منز نقش سپدمت اوس۔ مگر یہ ڈراما ییلہٕ وقتہٕ کس گورنر مہاراج کرشن درس
نِش سینسرٕ (Censor) ووت۔ تمہ دیت نہٕ یہ ڈراما سٹیج کرنک اجازت
اَکھتے آو اَمہٕ ڈرامہک مسودٕ ضبط کرنہٕ۔

"بٹہٕ ہر" اوس مرحوم پریم ناتھ پردیسی ین ۱۹۴۵ ئس منز لیوکھمت
اَکھ ڈراماہس منز اُس تمہ وقتہٕ کِہ غذائی بُہرانچ اَکھ زندٕ تصویر پیش کرنہٕ
آمژ۔

# پرتاپ میگزین تہٕ "گاش" اَخبار

کاشرِ لِکھارِ تہٕ شاعِر کرٕ وقتہٕ وقتہٕ رِسالن تہٕ اخبارن ہِنٛز کمی برابر

محسوس۔ اَمی احساسن دِژ تِمَو جذبس زیر ییمہٕ کنہٕ کاشرِ پروفیسرو ۱۹۳۶ عیسوی

منٛز گوڈنیچہ لٹہٕ پرتاپ میگزینس منٛز "کوشُر حِصہ" قایِم کوٚر۔ مگر کینژھاہ رسمُل خط کہ

تنازعہ کنہٕ کینژھاہ دوٚیمہٕ حالاتو کنہٕ یہ حِصہ آو پتہٕ جلدے وٕڈاونہٕ۔ مگر سَتہٕ ٹاجی پتہ

گوٚ بییہٕ باقاعدگی سان شُروع۔ اَکھتَے ییم میگزین دوٚیمہٕ کالجہٕ تہٕ کٕرنہٕ تِمن منٛز تہٕ

رٔڈ کاشُر نثر برابر چھپان تہٕ لڑکن تہٕ پروفیسرن ہِنٛز تُریش پوٚرہ کران۔

۱۹۴۱ عیسوی یَس منٛز دراو گوڈنیک کاشُر اخبار "گاش"۔ یہ اخبار اوس

ہفتہ وارٕ نیران۔ اَمیک گوڈنیک پرچہ دراو ۳۱ ساون ۱۹۹۷ بکرمی بعد وارہ

دوہ۔ یہ پرچہ کڈنک مُدا ییتہٕ کاشرِ زبٲنی ہِنٛز خدمت اُس تہٕ اوس پتہٕ مُدا زہ

گامن ہِندی بسکین تہٕ گرٛزھو روزمرہ عوامی، سماجی تہٕ سیاسی مامُلن سیتی واقف

سپدِن۔ یتھہ زٕن تِم تہٕ مختلف مسٲیلن منٛز پنُن رول جان پاٹھو ادا کرِتھ ہیکن۔

"گاشس" پتہٕ اوس کشیرِ ہِند مشہور شاعِر مہجور پننہ سابے

آش، تمنا تہٕ وسیلہ ہیتھ کام کران۔ مہجور صابنہ صاحبزادہ جناب محمد امین اُسی

اَمہ اخبارکہ ناٚنک تہٕ ایڈیٹر اوسس تحصیل پلوامیک کُس نام حفیظ۔ امابوز دوٚیم

عالمگیر جنگ شُید اَتھ بیٹھ کوہنہ پاٹھو سوار۔ اَتھ جنگس منٛز ییتہٕ واریاہ کینہہ نایاب

شُید تہٕ گوٚ اخبار کاغذ تہٕ کامنہ۔ نتیجہ دراو یہ زہ گاش گو جنگہ چہ گٹہ منٛز غائب۔

●

# (۲) کأشُر نثر — ۱۹۴۷ء پیٹھ وُنیکھ تام

۱۸۲۱ء پیٹھ ۱۹۴۷ تس تام چھ ۱۲۶ وُری گُذران۔ یِمَن
ہیٚتھَن وُرِہَن منز ہرگاہ واریاہ کینٛہہ سِپُد مُت گۄ ژھ آسُن تہٕ سپدِتہٕ۔ ووٚنی
گۄ یہِ اُسِتھ تہٕ چھ اَمہِ وُچھلہِ وریہٕ دورِچ اہمیت واریاہ۔ مگر یِتھ کِتھہ سیٚٹھا
تہٕ چھنہٕ انکارچ گُنجایش زِ کأشرِ نثرِچ اصل ترقی چھ ۱۹۴۷ پیٹھے شروع
سپدان۔ ۱۹۴۷ء پیٹھ از تام چھ وُہہ وری گُذران۔ یِتھ مختصر وقتس منز ہرگاہ
کینٛژے تھزِ نثر لیکھن وألی بأدِہ سپدی ییم زَن ہرہمیشہ ادبی تہٕ فنی تقأضن
منز اَکھ تھود پایہ تھاوَن۔ اصل پزر چھُ یہِ تہٕ زِ یِتھ وقتس منز یِیمہ یِیمہ
قسمچہ سرگرمیہِ نثرہ رنگی بامَل آیہٕ تِمو سیٚٹھا سپز سعہ زمین ہموار یوسہٕ تھدین کارنامن
ہندِ زنمہٕ خأطرہ سیٹھاہ ضروری چھ۔ از یوسہٕ بڈ دُشوأری کأشرِس ادیبس
یا شأعرس محسوس کران چھ سۄ چھےٚ یہِ زِ کتاب ہینہٕ وول چھُ نہٕ تس بروٚنٹھ کُنہ
کانٛہہ۔ جانہٕ کھوٚتہٕ جان کتاب تہٕ کونہٕ لیکھہ سۄ سعہ چھ تس تاکچن پیٹھ گرِہ
ڈولان۔ یہِ چھےٚ اَکھ ترٛژھ دُشوأری یوسہٕ تس نوٚو ووٚتھ ژھانٛڈ کرنہٕ نِش
روکان چھ۔ غأر مُلکی ادیبن ہندین شاہکار کتابن یِتھ زبأنی منز پھِرنہٕ نِشہ روکان چھ
اَمہِ بجہ تہٕ سنگین دُشوأری باوجود یہِ کینٛژھاہ وُنیکھ تام برونٛہہ کُن آو یا تہٕ رۄزتھ
منز کلچرل اکادمی بروٚنہہ بروٚنہہ۔ نتہٕ تھوو لیکھن وألی پننِس سینس پیٹھ اَکھ پَل،
یِیمہِ کیٚنہ بارہ گران تس وقتہٕ وقتہٕ محسوس تہٕ ناوومید کران چھُ۔ از تہٕ چھ اَسہِ منز تیتھ
واریاہ ادیب تہٕ شأعر ییمو یہِ کینٛژھاہ لیوٚکھ تہٕ تھوو کھ اَمی کانٛہہ پننی گرِہ۔ بہرحال

اَکھ کتھ اندر چھُنہٕ کانٛہہ شک زِ زمانَن کھینیہ ۱۹۴۷ء پیٹھ اَکھ بُڈ گرٛاے۔ نثر لیکھنُک شوق چھُ دوہہٕ کھوتہٕ دوہہ بڑان۔

۱۹۴۷ء چھُ سانِس توٲرِیخس منز اَکہِ علامژِ ہِنٛز ہِش حیثیت تھاوان۔ یہِ چھُ سانہِ توٲریخُک اَکھ اہم موڑ۔ اَتہِ پیٹھ چھِ کاشرِ ہِنٛزِ مجموٗعی زندگی منز وارِیاہ تبدیلی نظرِ یوان۔ راجہٕ مہاراجن ہُند دور چھُ ختم سپدان۔ تنگ تہٕ محدود غلامانہٕ طرزِ کِس ذہنس منز چھِ وسعت یوان۔ اَکھ نوٚو دور چھُ شروٗع سپدان یُس جاگیرداری ختم کرنس سیتی سیتی وارِیاہ تبدیلی ہیتھ آو۔ یِیمو کاشرِ ہندِس کُنِس بُنس منز وارِیاہ تبدیلی اَنٕی۔ اَمہِ تبدیلی ہُند اثر یِتھنہٕ پٲٹھ گٔیہِ چیزن روٗث تِتھہٕ پٲٹھ فن تہٕ اَدبس پیٹھ تہِ اثر۔ نوٚی خیال تہٕ نوٚی میزان آیہِ بارسس۔ بوزنہٕ شونژ ہنٛدی نوٚی دَروازہٕ سپدی یلہٕ۔ ادبی مزاجس منز آیہِ فرق۔ خیالَن منز شوٚلے یہِ نوٚو رٔنگ تہٕ بیانَن رٔٹ نوٚو ہیئت۔

دوشوٚنی اُڈرنہٕ (مواد) تہٕ ہیئت (فارم) منز آیہِ تبدیلی۔ اَدبس منز آیہِ سوہ تحریک بارسس یتھ "ترقی پسندی" وَونکھ تہٕ یُس درِاصل حقیقت پسندی ہِنٛز اَکھ اَدگر صوٗرت اوس۔ فن کار، اداکار، مُصور، شاعر تہٕ ادیب سپدی یکجا۔ ترقی پسند تنظیم آیہِ بارسس یِیمو کلچرل فرنٹ، کلچرل کانگرس تہٕ کلچرل کانفرنس ہی ناو پرٲوی۔ ادیبن تہٕ شاعرن ہِنٛزِ اَمہِ جماژ یِتھہٕ اَزکین موٚلہٕ وٚدن تہٕ بہلہٕ پایہٕ کین شاعرن ہِنٛز صلاحیت دوٚبراو، تِتہٕ ترٛوو اَمہِ تحریکہِ سانِس اَدبس پیٹھ سوٚن تہٕ گوٚن اَثر۔ یِتھہٕ پٲٹھ شاعری ہندِس مادانس منز انقلاب اَنِس منز کامیاب سپز تِتھہٕ آو نثرِ کِس مادانس منز تہٕ اَکھ انقلاب۔ تہٕ یہِ چھُ اَمی جوشہٕ جذبُک اثر زِ اَز چھِ نثر نگارن ہِنٛز اَکھ موٚلہٕ وٚنی چھوکھ مارکس منز۔ اَز چھ کاشرِس منز افسانہٕ

خاکہ، اسٹیج ڈراما، ریڈیو ڈراما، تنقید، مضمون، ناول، غرض پرٛتھ کینٛہہ لیکھنہٕ
وَتھ ڈرامہٕ۔ اَتھ اندر چھُنہٕ کانٛہہ شک زِ وُنہٕ چھہٕ اَسہِ یِمَن سارِنٕے صِنفَن منٛز
ہُرہِ رٕتہٕ ہُرزٕر کرُنس منٛز واریاہ مَنٛزِل سطے کٔرِنی۔ خاصکر ناول، اسٹیج ڈراما، اَمِسے
تنقید ہیٚترٕ چیز لیکھنس منٛز چھہٕ اَسہِ وُنہٕ سیٹھے پٔتھ۔ ادبی موضوعو علاوہ چھہٕ
عام تہٕ سائینسی علمہ چین موضوعَن پیٚٹھ کتابہٕ لیکھنہٕ۔ وُنہٕ چھُ واریاہ کینٛہہ کرُن
ییٚمہِ خاطرٕ چھاپ چہ سہولیتٕر تہٕ پَرَن والی سیٹھاہ ضروٗرتھی چھہٕ۔

۱۹۴۷ء پیٚٹھ اَز تام یُس نثر لیکھنہ آو اَمیُک ذٕسلابہٕ سُید مختصر مضمونو
افسانو تہٕ کینٛژٕ و غازٕتکی کہانیَن ہندیو ترجمو سیٹھو۔ ییٚمیچ پھٕلئے 'کونگ پوش'
تہٕ 'گلریز' نادرٕ کین میگزینَن منٛز درینٛٹھو لِوان چھہٕ۔ یِمَن دوشہٕ وٕنی میگزینَن چھُ اَکھ
تٲریخی پایہٕ حاصِل۔ ییٚتین ییٚتین کٲشرٕ نثرٕچ تہٕ کٲشرٕ ادبٕچ ذکر ییہِ، تتین
تتین روزَن یِم ناو سیٹھاہ برونٛہہ برونٛہہ۔ یِمَن پَتہٕ چھہٕ "تعمیر" (ماہنامہ) پمپوش
(میگزین) "شیرازہ" میگزین۔ "کاشُر ادب" (ماہنامہ) 'وطن' (ہفتہ واری اخبار)
'چمن' (ہفتہ واری بُلیٹن) اَکھ جان رُتبہ تھاوان۔

کٲشرِ نثرِچہ ترقی تہٕ پایہٕ جاُیی خاطرٕ سُید ریڈیو سارِوے کھوتہٕ بوٛڈ
وسیلہ ثابت۔ اَمی ییٚتہٕ مختلف لیکھن والین ہنٛز حوصلہ افزائی کٔر تتہٕ کوٗر نثر نگارَن
ہنٛزٕ نوٕ تہٕ تازٕ تخلیقہ بوزنہٕ باپتھ تہٕ اَکھ بوٛڈ حلقہ پٲدٕ۔ ریڈیو کشمیرک ناو ییہِ
کٲشرِ ادبٕچہِ ہسٹری منٛز سیٹھاہ بجرٕ سان ہیٚنہٕ۔ یوٗتام زَن مختلف تنظیمن
ہُند واٹھ چھُ پیموٗ زَن کٲشرین شاعرَن تہٕ ادیبَن ہنٛز کم زیادٕ یاوری کٔر یا اَکھ
ذُکس نِشِس فیض یاب سپدُنک موقعہ دِیُت تِمَن منٛز چھُ "کلچرل کانفرنسک" ناو سارِوے
کھوتہٕ موٗلہ وٗن۔ ییمہِ پاٹھی بروٛنٛہہ وَنہ آو اَمی تنظیمن تٔروو کٲشرِس ادبس

پیٹھ سیٹھاہ سۆن اَثر۔ یتھۍ پٲٹھۍ وۄتھنہٕ رۆس کٲشرِ ادبٕچ ہسٹری نامکمل زانہٕ پیٚیہ
راہہٕ ادبی انجمنہٕ پتہٕ بنے یہ کشیرِ منز وارِیاہ انجمنہٕ مثلن 'کشمیری بزم ادب' 'کٲشر
بزم' 'حلقہ علم و ادب خانیار' 'کٲشُر مرکز' 'انجمن ادب بڈگام' 'انجمن ادب کاپرن'
'انجمن ادب شوپیان' بیترِ یمَن سیتۍ کٲشرۍ شاعر تہٕ کٲشرۍ ادیب تہٕ وابستہٕ رُودۍ
یِمَو منٛز گۄڈٕ ہرگاہ یہ وَنوٚ زِ کلچرل کانفرنس پتہٕ چھ "کشمیری بزمِ ادب" "کٲشر بزم"
"کٲشُر مرکز" تہٕ مختلف دیہاتی انجمنہٕ کٲشرِ زبٲنۍ ہنٛزِ سرگرمیو خٲطرٕ زیادہ نادٕہنٛس
لایق کانٛہہ خلاف واقع کتھ سپدِ نہٕ۔

کٲشرِس منز یِہ کینٛژھا نثر ۱۹۴۷ پیٹھٕ وُنیکھ تام لیکھنہٕ آو تتھ منز چھ
افسانوی ادبٕچ اہمیت بلکہ سارِوے کھوتہٕ سیٹھاہ زیادہ۔ کٲشرِس منز چھ
امہِ قسمٕک دس ملہٕ تہٕ سوم ناتھ زتشی، عبدالعزیز ہارون، دینا ناتھ نادم، نور محمد روشن
عبدالرحمٰن راہی تہٕ مرزا عارف سندۍ کینٛژاہ پننۍ کہانیہ یا ترجمو سیتۍ ووتھان۔
یمَن منٛز سوم ناتھ زتشی سُند افسانہٕ "ییلہِ گاش پھۄل"، نادمہٕ سُند "جوابی کارڈ"
تہٕ "شین پتو پتو" ہارونٕنۍ "زون" "برم" تہٕ "سوترادیا"، روشنُن "نیٚہہ
گٹہٕ" عارفُن "نَے" تہٕ راہیٚن ترجمہ "ییلہِ سہٕ ٹھقنہٕ پیو" کینٛہہ گۄڈنچہ کوششہٕ
چھہٕ۔ یِم افسانہ چھ جان پٲٹھۍ شورع سپدان۔ جان پٲٹھۍ پھانٛپھلُن ہیوان۔
مگر آخرس پیٹھ چھُ تتھ پٲٹھۍ پیوان زِ یہ نہ چھُ کانٛہہ معقول اثر ذہنس پیٹھ
تراوان نہ چھُ رُت افسانہٕ بنتھ ہیکان۔ یِم چھ تمہٕ فنی رُوحہٕ نشہٕ ژھۄرۍ یُس زن
ادب پارن تاج محلکۍ پٲٹھۍ لازوال تہٕ اجنتا کین جواہر خانن ہندۍ پٲٹھۍ پوشہٕ وون
تہٕ ابدی بناوان چھُ۔ بہرحال افسانہٕ لیکھنچیو یمو کوششو دِژ نوین لیکھن والین زنزِ۔
نوۍ افسانہ نگار آیہ بروٚنہہ کُن۔ یِمو منٛزٕ وارِیاہو نہٕ صرف کینٛژن افسانن ہندِس

یٔمہٕنس بیچھ قناعت کوٚر بٔلکہ افسانہٕ لیٚکھِکھ، تِہندۍ مجموعہ چھاپ گٔیہِ، تہٕ فنی
زٔوۍ جارو رٕکھ تہٕ ژھرپر پٔرانہٕ کوٚرکھ یُس گوڈہ نیچن کوٚشِشن منٛز لبنہٕ یِوان
چھُ۔ تہٕ دُچھوے تہٕ یِمہ پاٹھۍ چھ اختر محی الدین کاشرِ افسانکۍ بابہٕ آدم بنان۔
اختر صابنۍ "دند وزُن" "دٔرۍ یایہٕ ہُند ایزارہٕ" "داغ" "آدم چھُ عجیب ذات"
چھہٕ تِہم مٲرۍ مٔندۍ افسانہٕ یِم ہمیشہ زِندہٕ روزن۔ واقاتن ہنٛزٕ ترتیب۔ کردارن
ہُند ووتلُن، تہٕ مکالمن ہُند پانہٕ نیار تہٕ فطری آسُن ـــ پرٛیتھ کینہہ چھُ یِمن منٛز موجود۔
اختر صابنۍ زٕہ افسانوی مجموعہ چھ وُنیکیُن تام بازرس منٛز آمتۍ۔ یِم چھ "ستہ سنگم"
تہٕ "سونٛزل"۔ "ستہ سنگم" چھپنہ پتہٕ آیہ بیٚیہ کینٛہہ افسانوی مجموعہ بازرس منٛز
یِمن منٛز تبرُکۍ، بال مرایو، آدم چھُ یِتھے بدنام، لوٚسمتۍ تارکھ، شیشہ تہٕ سنگستان
زِتنہٕ زوٗل، کتھہ منٛز کتھ بیترِ چھ تہٕ بیٚیہ یِم واریاہ افسانہٕ مختلف افسانہ نگارو
لیٚکھی تِم چھ چھپنے۔ اختر صابس سیٚتۍ سیٚتۍ یا اُمس پتہٕ یِم افسانہٕ لیٚکھن وٲلۍ
کاشرِ ادبہٕ کِس اسمانس پیٹھ نٛنۍ دٔرایہٕ تِمن منٛز چھ امین کامل،
صوفی غلام محمد، ہردے کول بھارتی، بنسی نردوش، ڈاکٹر شنکر رینہ تہٕ امیش کول
ناوہٕ ہیٚنس لایق۔ امیشن کولنۍ "اُڈرے کتھ" چھ دِل کش۔ راجنۍ تہٕ بھوشنن ہُند مکالمہ
چھ دلچسپ۔ اَتھ اندر چھ زٕونہٕ گارشِچ ہِش سادگی، صفایی تہٕ روانی۔ اَتھ منٛز
چھُ فلسفیانہٕ سوچ تہٕ نفسیاتی جذباتن ہنٛز رلہٕ وُن تیٚمہ حقیقت بیانی سیٚتۍ پیش
کرنہٕ آمژ۔ یہ سیٚر پُرکشش تہٕ با اثر چھ۔ بنسی نردوش سندین دۄن مجموعن "بال
مرایو" تہٕ "آدم چھُ یِتھے بدنام" منٛز چھ "تُلر"۔ یہ تہٕ چھُ اکھ ایحساس "کاٹنہ
مورٲون شورے پان" افسانہٕ سون دِل تیٚمہ لاوان۔ "تُلر" چھ اَکس نرٕسہ ہنٛز دلیل
یہ سیٚر پرٕتھ موپاساں سنٛزن کہانین ہنٛز یاد پیوان چھُ۔ "ریتہٕ چھُ اکھ ایحساس"

چھےٚ اَکھ جدید طرزٕچ کہانی۔ چھترٕ دلیل چھےٚ ذہنَس منز اَکھ ابسٹریکٹ خیال ہیٚتھ
لٹکِتھ گژھان۔ یِمو افسانوی مجموعہٕ پتہٕ یِمہٕ کہانی نرِدوشن یِمہٕ تِمَن منز چھےٚ "میون
مرُن" اَکھ شاہکار۔ صوفی غلام محمد چھِ دوٚن کتابَن ہندۍ مُصنّف۔ یِمہٕ چھےٚ
نوٚ سمیتھ تارکھ، تہٕ شیشہ تہٕ سنگستان۔ یِمَن منز چھِ خاکہٕ، کرِکٹر سکیچ تہٕ افسانہٕ
موجود، تہٕ یِمَن سارِنے منز چھِ مال دیدٕ تہٕ ژھ، تہٕ ژوٗر' افسانہ ناوہیمس لایق۔ ژٕنہٕ
ژوٗرس منز چھِ ترٕین موزوٗرَن غنی، عبداللہ تہٕ محمدٕ سٕنزٕ کہانی ویٚژھ ناونہٕ آمژ۔ یِم
ترٕیشوے زٕنۍ اُکس کاندرٕ سٕدۍ وانس منز چھِ کام کران۔ "غنی یِنہٕ کام اُسس
ادٕٹ منڈُن۔ غنبیر اُڈرراوٕنی، تونٕدوٗرس واو دیُن۔ پیٚڑ بناوٕنی۔ نم ٹھرُنی تہٕ
تِمَن پیٚٹھ تیل یا خشخاش دیُن۔ عبداللہ سٕنزٕ کام اُس تونٕدوٗرس زیُن لاگُن۔ تیل پھلُن
آب اَنُن، تختہ زٕلُن تہٕ صاف کرُن، بیٚیہ زیُن پھالہِ ناوُن۔ محمدؔ اوس یِمَن ووہ سیتہ تیمو
سٕنزٕ کام اُس ژھوچہ، ژھوچ وٗرۍ بیٚیہ باقٕے چیز تونٕدوٗرس لاگُن"۔ محمد چھُ کارخانہٕ
دار سٕنزِ زیادتی خلاف آواز تُلان۔ یِتھ اندر تَس غنیٚ یِنہٕ تہٕ عبداللہ سٕنزٕ ہمدردی
تہٕ اَکھ واس سیٚتھ آسان چھُ۔ مگر یِیتہٕ اندازٕہ کارخانہ دار تَس کڈان چھُ زِ غنی تہٕ عبداللہ
پوٚرٕ ہمدردی تھاوِتھ نہٕ اوکُن ہیکُن توجہ ڈٲلِتھ کُن ڈوٗل دِوان چھُ، تِتھ اندر چھُ افسانک
زوٗ۔ ہردے کول بھارتی سٕندۍ ترٕیہ افسانہٕ "ترٕیہ" "شکست" "آہنوٗشک رولر
جگرٕچ مِش، مِلہِ ہُند دٕہہ" چھِ بے نظیر۔ "شکست" افسانہٕ چھُ اُکس "فرسٹریٹڈ"
نوجوانہٕ سٕند اَلمیہ۔ ہرگاہ کہانی سیود اُکس خط مستقیمَس اندر پکان چھِ: اَتھ اندر چھُ
اَکِہ زبردس ٹریجڈی ہُند اثر۔ "آہنوٗشک رولر، جگرٕچ مِش، مِلہِ ہُند دٕہہ" چھےٚ اَکھ
نوٚ کہانی۔ اَتھ اندر چھِ شوٗعورٕچ مختلف گرایہ تِمہ ٹیکنیک باس دِوان یتھ "شوٗعورٕچ
روٗ" (سٹریم آف کانشینس) وَنان چھِ۔ شنکرٕن یِم افسانہ "زٕتنہ زوٗلہ" (مجموعہ

ناوٕ چھاپِے۔ یا اَمہِ پَتہٕ وُنیکھ تام لیکھہٕ تِمَن منٛز چھہ زٕ افسانہٕ "زٕڈ" تہٕ "اَکھ پزٕل
تہٕ کینٛہہ انسان" اَکِس نٔوِس، ووہ بتھ وٕنِس افسانہٕ نِگارٕ سٕنٛد روٗہ نہٕ گُریز کَنہِ کران۔
ہِیتھے پائٹھی چھہ دیپک کَولُن "سفر تہٕ سیتۄ اٮ۪لی" افسانہٕ، امین کاملُن "پھاٹَک
"نۄو تہٕ ناوِن" تہٕ غلام نبی بابا سٕنٛد خاکہ "رنگہٕ منٛزٕ بدرنگ" کینٛہہ جان چیز۔ یِمَن
سارِنٕے چیزَن ہُنٛد زُو چھُ تِتھ Irony منٛز یوسہٕ اَکِس خاص اندازس منٛز یِہنٛدِس
پس منظرس منٛز کام چھہ کران۔ امین کاملہ سٕنٛدین افسانَن ہِنٛز بُڈ خوٗبی چھےٚ یہےٚ "آیرنی"

ناوِل لیٚکھنُک شوق گوو سارِنٕے برونٛہہ حبیب کامرانس۔ اَمہِ لیچھ "ذات
مُبترات" یَمیُک اَکھ باب بُحلےٚ ۱۹۵۵ء کِس کونگ پوشس منٛز چھاپ سپُد۔ مگر کامران
صابن زٕھنی یہِ ناوِل پننیو اَتھو نیست و نابوٗد کرٕتھ۔ اَمہِ پَتہٕ وُنیکھ تام آیہِ ترٛیشہہ
کتابہٕ ناولہٕ رنگہٕ مارکس منٛز۔ یِمہٕ چھےٚ اختر محی الدینٕنۍ "دود دگ" امین کاملٕنۍ "گٕٹہٕ
منٛز گاش" تہٕ علی محمد لونینۍ "اَسہِ تہٕ چھہ انسان"۔ "دود دگ" چھُ اَکھ زیٛوٗٹھ افسانہٕ یتھ
اندر عبدالغنی نہٕ راجُن جنسی عشق تہٕ شمہٕ صابُن زوال وٕہرِتھ ناونہٕ آمُت چھُ۔ "گٕٹہٕ منٛز
گاش" چھہ قبائلی حملہٕ کِس پۄت منظرس منٛز پھانٛپھلان۔ "اَسہِ تہٕ چھہ انسان" ناوِل
چھہ امرناتھ باترایہِ ہِنٛدِس پس منظرس منٛز لیٚکھنہٕ آمُت۔ اَز تام یہِ تنقید اَتھہِ ییٚتھ
سپُد تِمیُک تہٕ اوس یہِ نیران زِ یہِ چھُ رپورتاج۔ یہِ چھہٕ نہٕ ناوِل۔ مگر حقیقت چھہ یہِ
زِ ناوِل لیکھنچہِ ٹیکنیکہٕ نہٕ چھہ وارِیاہ۔ یتھ اندر رپورتاج ٹیکنیک تہٕ اَکھ چھہ۔ "اَسہِ تہٕ
چھہ انسان" چھےٚ نہٕ اَوٕ رِکھ ناوِل ہِیُچ منٛز بَنِتھ زِ یتھ پائٹھی واقعاتن ہِنٛدِس ترتیبس
سیتۍ سیتۍ کردار چھہ لیکھ پھانٛپھلیو تہٕ کاڈ کڈِتھ وٕتھ گُنٛڈھ ییٚخ تہٕ چھُنہٕ ہیوٚکمُت
سپدِتھ۔ یہِ اُسِتھ تہٕ چھہ اَسہِ لطیف تہٕ سام پچھہ اَسہِ متأثر کران۔ یِمَن کردارَن
منٛز چھہ نہٕ سعہ دیوی دیوتاہَن ہِنٛز ہِش شان ٹھۄنسنہٕ آمٕژ یوسہٕ "گٕٹہٕ منٛز گاش"

ناولہِ ہِنٛز ہیروٗئن تھاوان چھہٕ۔ یِمو ترٛٛیِو ناولو علاوٕ چھہٕ وُنیکِس تام اَکہٕ ناولہِ ترجمہ تہٕ سپدیومُت۔ یہٕ ناول چھہٕ ٹیگورٕ سٕنٛز "چوکھیر بالی" ہُنٛد ترجمہ چھہٕ پروفیسر پرتھوی ناتھ پُشپن کوٚرمُت۔ اَتھ چھہٕ "اَچھی کٕرکٕرٕ" ناو تھاونہٕ آمُت۔ بنٛسی نِردوشن چھہٕ "موہ کر جار" ناوٕچ ناول لیچھمٕژ۔ مگر یہٕ چھپنہٕ وۄنہٕ چھپے مٕژ۔

ڈراما تہٕ سٹیج —— یِہ سہ حالت ۱۹۴۷ء بروٚنٛہہ تھاوان اوس ——

تِتھ آو برونٛہہ ڈَل دِنہٕ۔ سَنہٕ سَتہٕ تاجی پَتہٕ یہٕ کینٛژھاہ سٹیجہٕ رَنٛگی سپُد تِمیُک دَسلابہ کوٚر کلچرل فرنٹن۔ پریم ناتھ پردیسی ین لیوٚکھ "شہید شیروانی" ڈراما۔ اَتھ ڈراماہَس اندر آیہٕ مقبول شیروانی سٕنٛز زندگی وٕرٕژھناونہٕ۔ سیتی آو وطن دارِی ہِنٛدِس جذبَس وُتِش دِنہٕ۔ اَتھ ڈراماہَس اندر اَسی فلمی ڈراماہکۍ پاٹھۍ باتھ تہٕ تھاونہٕ آمِتۍ۔ تہٕ یہٕ اوس یِتھ پاٹھۍ پرانہٕ مروجہ ٹیکنیکہٕ سیتۍ تہٕ رٕلِتھ کھیوان۔ یِہ سہ نندلال کولن، بِسمِلن یا دِلسوزن اپنٲومٕژ اَس۔ وۄہنی گوٚ اَمہٕ ڈراماہکۍ باتھ اَسی جان۔ تِمن منٛز اَس نہٕ سۄہ تُک بندی نظرِ گژھان یۄسہ پرانین ڈراماہن منٛز نظرِ یِوان چھہٕ۔ یِم باتھ اَسی مہجوٗرن پانہٕ لیکھی مِتۍ۔ کلچرل فرنٹکہٕ ذریعہ آیہٕ بییہٕ کینٛہہ ہلکہ پھُلکہٕ ڈراما گامہٕ گامہٕ تہٕ جایہٕ جایہٕ ہاونہٕ یِہنٛد مقصد لُکن ہِنٛزٕ بیدٲرۍ سیتۍ اوس مگر پُزٕر چھہٕ یہٕ زِ کلچرل فرنٹہٕ دَسی آو نہٕ "شہید شیروانی" علاوٕ بییہٕ کانٛہہ خاص کٲشُر ڈراما ہاونہٕ۔ سَنہٕ ۱۹۵۱ء ہَس منٛز لیوٚکھ پنڈت جگن ناتھ ولی ین "حبہ خوتونہٕ" ہِنٛزِ زندگی مُتعلق "زوٗن" ناوُک اَکھ ڈراما۔ یہٕ چھپنہٕ وُنیکِس تام سٹیج سپدمُت۔ نہٕ چھہٕ اَتھ سۄہ سامرتھ۔ یہٕ چھہٕ سٹیج کیو لوٲزی ماتو کینہہ وارِیاہ کمزور۔ واقاتی طور تہٕ چھُنہٕ یہٕ ڈراما حبہ خوتونہٕ ہِنٛزِ اصل زندگی سیتۍ رٕلِتھ کھیوان۔ کینٛہہ کتھ چھہٕ پننہٕ بوزشوژہ حسابہٕ افسانوی رَنٛگس منٛز پیش کرنہٕ آمٕژ۔

کلچرل فرنٹ پھٹنہٕ پتہٕ آیہٕ کلچرل کانگریس تہٕ کلچرل کانفرنس بارسس
تہٕ اُمی تنظیمہٕ دیُت تِہمَن ڈراما لیکھن والین زَنمہٕ یم اَز مارکس منز چھ۔ علی محمد
لون، نور محمد روشن، اختر محی الدین، امین کامل، سوم ناتھ زتشی، پُشکر بھان چھ
اُمی جماعژ ہندی پَیداوار۔ ناٹ مُتن "بومبر یمبرزل" اوپیرا آو اُمی تنظیمہٕ ہندہ دٔسہ
سٹیج کرنہٕ۔ کینہہ تتھی ڈراما آیہٕ یمن فن کارن ہندہ دٔسہ سٹیج کرنہٕ یم سَیلاب
پاپرجایی، نوٚس گامی فِقنہٕ ہس، تہٕ کینزن سماجی بدتن خلاف آواز پھہٕ ڈ مبنی
اٚسہ۔ وۄنی گوٚ ۱۹۴۷ء پیٹھ رۄزنہٕ سٹیجچ تحریک مُسلسل چلان۔ تہٕ ہیچ پیہے تھک
دی دی تہٕ رُکی رُکی ہش۔

"وزچھ سأنی" چھ علی محمد لونُن گوڈنیک کأشُر ڈراما۔ اَمہ ڈراما بروٚنٹھ
چھ روشنن "چور بازار" بیترہ کینہہ ڈراما لیکھی متی "وزچھ سأنی" ڈراماہس سیتی
چھ "پگاہ چھُ گاش دار" (امین کامل) "تن ترٹاکھ" (پُشکر بھان) ہندی ناو تہٕ
کنن گژھان۔ امین کاملن "حبہ خوتوٗن" چھ بیاکھ اہم ڈراما۔ اَمہ پتہٕ یم ڈراما از تام
سٹیج سپدی تِم چھ اختر محی الدینُن "نستہٕ ہند سوال" تہٕ "شیشہ تہٕ سنگستان" پُشکر
بھانُن "ہیرو مچامہ" نور محمد روشنُن "وۄزلی گُلالہ" (ٹیگورنہٕ اَکہ ڈرامُک ترجمہ)
رادے کرشن برارو سُند "باہو" پُشکر بھانُن تہٕ سوم ناتھ سادھو سُند "گرینڈ ریہرسل" سُداما
جی سُند "مزار" تہٕ غلام نبی فراق سُند موتیسر سُند ترجمہ "دی کٹ بکمز اے جنٹلمین"
ڈراماہن ہندی کینہہ ترجمہ یم از تام چھاپ سپدی تِمن منز چھ ٹیگور سندی ڈراما زیادہ
ژور چھ نور محمد روشنن ترجمہ کری متی۔ یم چھ قوربانی، مالنی، چنڈال، کٹ تہٕ
وۄزلی گُلالہ۔ ژۄ چھ امین کاملن کری متی۔ یم چھ "راژہ تہٕ رأنی" تہٕ "ڈاک گر"
اَکھ چھ علی محمد لونن کورمُت۔ ٹیگور سندیو یمو ڈرامو علاوہ چھ اِبسن سندی

۲ زہ ڈراما " وائیلڈ ڈک " تہٕ " گوسٹس " کأشرِس منز پھرنہٕ آمتۍ۔ یمن چھُ ناو " بٔتھ "
تہٕ " ژھاے "۔ ترجمہ کار چھِ سوم ناتھ زتشی تہٕ اختر محی الدین۔ علی محمد لونن چھُ حال
علی " ستیا " ناوُک اکھ موٗلہِ وُن ڈراما لیٛوکھمت۔ مگر تہٕ سپُد نہٕ وُنہ سٹیج۔

یمو ڈراماہو علاوہ چھ بیٛیہ کینٛہہ ڈراما ترجمہ سپدِتھ ریڈیو پیٹھ نشر
سپدیمتۍ یا مختلف فن کارن گرہ بیمتۍ۔ مگر تمن منز اصل زتتھو کنہٕ تیٚلی ییلہٕ زَن
تم چھپتھ برونٛہہ کُن ین۔ یا اصلیٚ ہندۍ پأٹھۍ سٹیج سپدن۔ رٕدو ریڈیو ڈراماہک
سوال۔ از تام سپدۍ لگ بگ زہ ہتھو ڈراما ریڈیو پیٹھ نشر تہٕ۔ یہُند تفصیل چھُ وارہ
بوٚڈ۔ ریڈیو ڈراما چھُ از کالہٕ کِس وقتس منز وارہ مقبول۔ امہ چھ ڈرامانگأری
ہندِس وُنیٛمِس منز بنہٕ خأطرہٕ اکھ نوٚ جاے قأیم کٔرمُژ۔

تنقید تہٕ تحقیق ——— رٕدو وار یاہس کالس اَڈہ ذاتس
حسابس منز پیٹھ۔ وُنی کیٚس تہٕ چھنہٕ دہ یو تریو کتابو علاوہ کانہہ خاص کتاب
چھپتھ آمژ۔ ہلکہ پھُلکہ تنقید آو اُردو، انگریزی، ہندی بیترہ زبانن منز لیکھنہٕ۔ یتھ
منز پروفیسر جے، ایل، کول، پروفیسر پُشپ، آزاد بروٚنہہ برونٛہہ رٕدۍ۔ حاجنی صأبن
ہیم کینٛہہ کأشرۍ پأٹھۍ امہ قسمکۍ مضمون لیکھی تم چھ " نشر چہ کتابہ " منز چھپے متۍ۔ حاجنی
صاب چھ تم گُنی شخص یم ۱۹۴۷ء برونٛہہ پیٹھ برابر لیکھان آیہ۔ تہٕ وُنہ تہٕ رُتھکے
پأٹھۍ کأشرِ زبأنۍ تہٕ ادبچہ بیترہ بٔتھی شیرنس منز مصروف۔ امہ پتہٕ آیہ کینٛہہ
خاص کتابہ برونٛہہ کُن۔ یمہ چھ " کأشرِ ادبچ تأریخ " (جلد اکھ) پوئیٹکا، صوفی
شأیر (ترٛیٚہ جلد) تہٕ " کأشرِ زبأنۍ ہند علاقہ واد پھیرہ " پوئیٹکا چھ ارسطو سُنزہ
تنقیدی کتابہ ہُند ترجمہ۔ یہ چھ غلام نبی خیالن بامحاورہ ونمت۔ " صوفی شأیر " چھ
کأشرِ صوفی شأیرن ہند نوٚموٗنے کلام تہٕ تبصرہ، یہ چھ امین کأملن ترتیب وِژمُژ۔

"علاقہٕ واد پھیرٕ" چھُ ٹاک زینہ گیری سِنٛز کتاب۔ یہِ چھےٚ لِسانیاتَس سیٖتؠ واٹھ تھاوان
لفظن ہُند علاقہ واد پھیرٕ چھُ اَتھ منٛز درج۔ یِتھَے پاٹھۍ چھےٚ بێیہِ کیٛنٛہہ کتابہٕ اکادمی
ہِندٕ طرفہٕ یِمَن منٛز محمد یوٗسف ٹینگنٛیو ترتیب دِژمژٕ کتابہٕ "گُل ریز" تہٕ "ولی اللہ متوٗ"
کیٛنٛہہ چھِ۔

باقے یِہ کینٛژھاہ نٔسرٕ چھپیوو یا لیکھنہٕ کرنہٕ آو۔ تِمِچ وَکھنے چھِ مُصنِفن
ہِنٛزٕ زان پہچانہِ سیٖتؠ شامِل۔ وُنہٕ چھُ سانہٕ نٔسرُک، مادان واریاہ تنگ۔ اَتھ پوچھر
تہٕ وُسعار دِنہٕ خاطرٕ چھُ وُنہٕ واریاہ پرٛاوٕ ژھۄنڈنۍ۔ ضرورت چھےٚ یِمہٕ کتھہ ہنٛز زِ
خاص خاص ماہرین بُرونٛہہ کُن۔ یِم زَن مختلف موضوعن پیٹھ مختلف کتابہٕ لیکھن
یا دوٚیمیو زبانَو پیٹھٕ کتابہٕ ترجمہ کرن۔ مثلن فارسی زبٲنۍ سیٖتؠ جان خبر اَتھ تھاوَن
وول پھیرٕ ایرٲنۍ ادبچہ کتابہٕ کاشرس منٛز۔ یِتھہ پاٹھۍ زَن پروفیسر شمس الدین
احمدَن کٲم شورُوع کٔرمٕژ چھےٚ۔ سنسکرت زانَن وول پھیرٕ سنسکرتچہ۔ ہندی وول
ہندی ہِنٛچہ۔ انگریزی وول انگریزی ہِنٛچہ۔ سائنس، فلسفہٕ، ہسٹری، جغرافیہ، معاشیات
بیترٕ مضموٗنَن سیٖتؠ دلچسپی تھاوَن یِمن موضوعن ہِنٛزٕ کتابہٕ۔ اَدے ہیکہِ کاشرِ
زبٲنۍ وُسعت تہٕ پوچھر میلِتھ۔ تہٕ یِہ ہیکہِ باقے ترقی یافتہ زبانَن ہِنٛز شان
پٲدٕ کٔرِتھ۔

# انجیلِ مُقدّس

یعنی

سأنس خوداوند تہٕ نجات دِنہٕ وألِس

یِسوع مسیح سُند نوٚو عہد نامہ

یِتھیٚک ترجمہ یوٗنأنی زبوٗنہِ نِشہٕ کأشرِ پأٹھۍ

سپنِتھ پنجأبی بائیبل سوسائیٹی ہِندِ طرفہٕ

شایع سپدِتھ تہٕ لُدھیانہِ ہندِس مشنہٕ کِس چھاپ

خانَس اَندر چھاپنہٕ آو۔"

یہِ چھُ سُہ ترجمہ یُس زَن ۱۸۸۴ اَتھ

منز چھاپ سپدیوٚمُت چھُ۔ باقی شیچھ خبرِ خأطرٕ

وُچھو سرنامہ۔

# متی سنز انجیل — (۴ باب)

(۱) تمہ و پتہ آو یسوع روحکہ قوتہ سیتی بیابانس اندر نِنہ یتھ شیطان

تس ازماوہ (۲) تہ یٔیلہ ژتجہن راژن تہ ژتجہن دوہن روزہ تھاوِتھ موکلیو اُخر

ژِجس بوچھ (۳) تہ آزماون والی دوپ تس نِش یتھ تس ژہ ہے خدایہ سُند

فرزند چھک ژہ دپ یمہ کنہ سپنن ژوچہ (۴) لیکن تمہ دوپس جواب دِتھ زہ لیکھت

چھُ انسان روزہ نہ فقط ژوچہ سیتی بلکہ پرتھ کتھہ سیتی یوسہ خدایہ سندہ اُسہ

اندرہ چھہ نیران زِندہ (۵) تمہ و پتہ رٔنیو شیطانن مقدس شہرس اندر تہ ہیکل چہ کنہ

ورہ پیٹھ کورن اِستادہ تہ دوپنس (۶) ژہ ہے خدایہ سُند فرزند چھکھ پنُن پان

تراو بتھر تکیازہ لیکھت چھُ زہ سُہ دِیہ چانہ کھاطرہ پننین ملایکن حکم تہ تم تُلنے ژہ اتھن

پیٹھ یتھ مہ اُسن زہ ژہ لایکھ پننہ کھوہ کنہ پیٹھ (۷) یسوعن دوپ تس بییہ چھُ یہ

لیکھت زہ ژہ مہ ازماون پنُن خداوند خدا۔ (۸) بییہ نیو شیطانن تھدس اکس

کھہس پیٹھ تہ ساری دُنیہچ پادشاہی تہ تہند جلال ہاوِن تس (۹) تہ دوپنس

ژہ ہے تھتھ سجدہ کرکھ مہ یہ سورُے کینہہ دِمے ژہ یہ (۱۰) تانی دوپ یسوعن تس

اے شیطان دور گژھ تکیازہ یہ چھُ لیکھت زہ ژہ کرکھ پننس خداوند خدایس

سجدہ تہ صرف کرکھ تسی بندگی۔ (۱۱) تمہ و پتہ ترووُ سُہ شیطانن تہ وُچھ ملایکو کرِتھ

تسُنز خدمت (۱۲) یٔیلہ تمہ بوز زہ یوحنا سپُن گرفتار سُہ گوو گلیلس اندر (۱۳) تہ ناصرہ

تراوِتھ کفرناحومس اندر یُس دریاکہ کنارہ زبولون تہ نفتالیکن سرحدن منز چھُ۔

(۱۴) ییتھ پؠ اشعیاہ نبیہ سندہ معرفتہ وننہ آمت اوس پورہ سپدہ (۱۵) زہ زمین
زبولون تہ زمین نفتالی دریاچہ وتہ یردنہ اپارہ غار قومن ہند گلیل (۱۶) تمو لکو یم اننہ
گٹہ اندر بیٹھو بوڈ نور وچھکھ تہ تمن پیٹھ یم موتہ کس ملکس اندر سایس تل بیٹھو
نور پرزلیوو۔ (۱۷) تمی وقتہ پیٹھ ہیٛتر یسوعن منادی کرنی تہ پؠ وننی شوروع زہ
توبہ کرو تکیازہ اسمانچ بادشاہت چھ نزدیک۔ (۱۸) ییلہ یسوع اوس گلیلیہکس دریاکس
کنارس پیٹھ پکان تمی وچھ بارنی جوراہ شمعون یس پطرس چھ ونان تہ تمس سند بوے
اندریاس دریاوس اندر زال تراوان تکیازہ تم اسی گاڈہ ہانز (۱۹) تہ تمن دوپن تہو
پکو مے پتہ تہ بہ کرو تہو انسانن ہندی گاڈہ ہانز (۲۰) تہ تمو ترتھے تانی زال تراوتھ
تس پتہ پتہ پکی (۲۱) تہ بوتھ پکتھ وچھ تمی بیی بارنی جوراہ۔ زبدیہ سندی نیچوی
یعقوب تہ تس سند بوے یوحنا پننس مالس سیتی ناوہ اندر زالن ہند مرمت کران تہ تمنے
دتن ناد۔ (۲۲) تانی پکی ناو تہ پننی مول تراوتھ تس پتہ پتہ۔ (۲۳) تہ یسوع اوس
سارسے گلیلس اندر پھیران تہ تہندین عبادت خانن اندر تعلیم دوان تہ بادشاہتچہ
خوشخبری ہنز منادی کران تہ لکن ہندی ساری دادی تہ بیمارہ بلراوان (۲۴) تہ تمو
سنز شہرت گیہ سارسے شہرس اندر تہ ساری بیمار یمہ رنگہ رنگہ بیمارین تہ عذابن
اندر اسی گرفتار تہ تم یمن اندر دیو اسی سیتہ لد تہ فالجہ لد تس نش انکھ تہ تم بلراون۔
(۲۵) تہ سیٹھا لوکھ پکی گلیل تہ ڈکاپولس تہ یروشلم تہ یہودیہ تہ یردنہ اپارہ
پیٹھ تس پتہ پتہ۔

# حاتم!

حاتم تیله ووفی اوس کشیرِ مُند اکھ مشہور داستان گو اُو ہے داستان گوئس رنش بوزمژہ کینژہ دلیلہ چھِ پنڈت گووند کول بہٕ مدتہٕ سیتو سر اُرل سٹینن ۱۸۹۶ عیسوی پیٹھہ ۱۹۱۲ عیسوی یس تام کس وقتس منز ییّنہٕ بوزمژہ تہٕ سومبراوِ مژہ۔ یمے سیدے یہ گریرسن بہٕ ترجمہٕ تہٕ شیرہ ژاٹھ کرتہٕ پتہٕ ۱۹۲۳ عیسوی ہس منز لندنہٕ چھاپ۔ کتابہ چھِ ناو " حاتمہ سنزہ دلیلہ "

(Hatim's tales)

ییّتین چھ نومونہٕ باپتھ " طوطہ سنز کتھ " پیوان کرنہٕ۔ اَتھ کہانی پیٹھہٕ چھ تنقیدی تہٕ تحقیقی حابہ بحث کرنس سوٚنب واریاہ گنجائش۔ تکیازِ اَتھ چھِ وہاب کھارنہٕ مشہور مثنوی" طوطس سیتو واریاہ واٹھ لگنہٕ پیوان۔

"خاتمہ نیو دلیلو" منزہ اکھ نمونہ

چھاپ: ۱۹۲۳ء

# طوطہٕ سنز کتھ

دپان ووہستاد - شہر اکھ گو ایران - تتہٕ اوس پادشاہ - تمُس سے چھُ ناو بہادر خان - تمہٕ اوس کورمُت باغ راہین کیُت - تتھ اُس نہٕ وَتھ غار زائنس - تتھ باغس منز گو پاٹھہٕ فقیراہ - نظر بازو کرُ نظر - خبردار و نیہٕ خبر اُمس پادشاہس دوپمکھ - " فقیراہ ژاو باغس منز" - بوزُن پادشاہن - ہیوتُن سیٹھہٕ وزیر - گے تتھ باغس منز وُچھن اَتہٕ فقیر -

لچھہ نوو چھےٚ ہرُ وَتہٕ بینا - بوز وفاداری عنقا -

" ہا فقیرو یور کور ژاکھو - کتہٕ کو چھکھ - کتھ پاٹھہٕ آکھو ؟

فقیر دپان - " کور میہ ساٹھ لاہ - تُہند کھیو میہ کیاہ ؟ بوز وفاداری عنقا "

بادشاہس بونٛطِ کنہٕ پوشہٕ ٹاراہ - اُتی تلہٕ موٚمُت بلبلاہ - بیٚلہٕ یمو اُمس فقیرس خشم کور - تیٚلہٕ پیو فقیر پتھرُ وَسِتھ - موٚمُت بلبل گو تھوٚد وٚتھِتھ - پادشہس ہووُن یہ ورد گو نیرِتھ پھیرتھ بنیہ آو - بلبل موٚد بنیہ - فقیر گو بنیہ زندہٕ - ہیوتُن نیرن - یم چھس کران زارہٕ پارہٕ - دپان چھس " فقیراہ خدمت کروے - دہ دہ ہیرہٕ کی کھاسی بروے - خاصہ پلاو ... کھیکھ نا - بوز وفاداری عنقا -

یُس ورد فقیرن اوس سے بوٗزُن اُمس پادشہس - اَمہ پادشہن بوو وزیرن

کرٕ تربیت پادشاہن وزیرسٕ۔ سُے محرم کوٗرُن اَتھ سپرس۔ گیہٕ سأٔلس شکارس یکجا
بوز وفادأری عنقا۔ طوطہ مۄٗمُت وُچھکھ دربیابان۔ ہا وزیرو آسہ ہیے شوٗبان۔ زٕ
اُمِس منز بھاوتن ساتاہ۔ بوز وفادأری عنقا۔

دوٗپ وزیرن۔ " پادشاہم ! یُتھ کول مۄٗمُت، پھکہ چھُس ییان۔ خبر کرٕ
چھُہ گومُت......"

پادشاہ کمان زارہ پارہ وزیرس اَمہ باپتھ۔ " بہ وُچھان طوطہ کیتھٕ آسہِ
شوٗبان۔" اَمہ بوٗزنس نہ وزیرن کینْہہ۔ فرمان ووستاد۔ اُمس اوس دِلس منز داغے
وونی ژاو پادشاہ اُمِس طوطس منز پنُن مۄر ژُھنِن ترأوِتھ۔ طوطہ دوٗتھ تھوٗد چھُہ
پھیران۔ وزیرن کرٕ کأم۔ ژاو بادشاہ سِندِس مرِس منز۔ یہ اوس اُمِس دردِل۔

بیوٗو بیترٕن پادشہَس پانس۔ بورتوٗدُن وُزیر نادانس۔ اوسُس
داغے زاگان داد کھاہ۔ بوز وفادأری عنقا۔

طوطہ چھُہ ہوأیی اَسمانٕ۔ وزیر چھُہ بادشاہ سِندِس مرِس منز۔ دوٗتھ تھوٗد
کھوٗت گرُس لشکرِ منز گو۔ دوٗپنکھ مۄدو وزیر۔ گرٕ بیہتھ ہو وُسِتھ۔ خبردارو رٕنیہ
سعوے خبراہ۔ بوز وفادأری عنقا۔

اَمہ وزیرن ییلہ کرٕ کأم۔ ژاو بادشاہ سِندِس مرِس منز۔ تیمَن اَتھَن کیتھٕ
شمشیر اَتھ پننس مرِس کوٗرُن ریزہ۔ اَتھ لشکرِ دوٗپُن۔" نیرِو ژھأنڈِو بنیہ بندوٗق
بازو۔ یُس مارہ طوطہِ تیمَس بنوہ بخچپش " اَمہ طوطن ییلہِ بوٗز تہٕ ژوٗل۔ گوٗتس فقیرس
رٕنِشہ۔ یُس تتھ باغس منز اوس تیمہٕ دوہہ۔ حُکم دیُتنے تیر اندازن۔ کنٕ بھأوِ توٗ
میانِہن نازن۔ طوطہِ مارنس دیُتنکھ فتوا۔ بوز وفادأری عنقا۔

یُس اصیل اوس پادشاہ۔ سُہ چھُہ طوطس منز فقیرس رٕنِشہ۔ سُہ طوطہٕ کأنٕہ

موٗرنۍ - دوہہ اَکہِ دژاو یہ بادشاہ سالس شِکارس. ووت جایہِ اَکِس- اَتہٕ وُچھن منہٕ مَر - اَمو سٟے کَرِکھ لار- اَتھ لشکرِ منٛز. دوٚپنم اَمو بادشاہن "یُس کینہٕ یہ ژٲلہِ وِہ تٔس دِموٚوِہ گردن.

دپان ووہستاد- اَمہِ منہٕ مَرہ تیٚج ووٚتھ بادشاہ سندہِ کلہِ پٮ۪ٹھو-
ژھٮ۪ننس ووٚتھ ژیچھ- دۆرِس یتہٕ- یُس سُہ طوطہ اوس- یہ اوس فقیرس نِشہ- فقیر اوس صاحب آغاہ- دوٚپُن اَمِس طوطس یُس منٛز یہ بادشاہ اوس دوٚپ نَس- "گژھہ سُہ نیبر- اَز لبکھ پنُن موٚر" یِم چھہ اَمِس منہٕ مَرِہ یتہٕ لاران نکھ روزان چھکھ نہٕ-
دپان ووہستاد- اَتہٕ اوس موٚمُت ہا پیٚٹھ- پادشاہ ژاو اَمِس ہا پیٚٹھس منٛز- لار یوٚ یُس یتھ بادشاہ سُند موٚر اوس تتہٕ ترُوون اَتی- شیٖشچھ بوٗزِن طوطن لاریوٚ ٹکی دَدرِ منٛز تتہٕ پٔراریوٚ- موٚر لوٚبُن- کرِتو توس مُبارک- بوز وفاداری عنقا-

طوطہ پیوٚ اَتی پتھر- یہ ژاو بادشاہ ینٛنس مُرس منٛز- یُس یہ وزیر اوس- سُہ چھُ ہا پیٚٹھس منٛز- بادشاہ اصل یُس اوس سُہ کھوٚت گرِس پیٹھ- دوٚپُن ہیمَن لوکن " مارِو ووٗن ہا پیٚٹھ- لایوٚس بندوٗق- پھُٹراییوٚس زنگ- اوٚنکھ رٕٹِتھ بادشاہس نِش- دوٚپ نَس بادشاہن- " ژیہ کوٚر لُکھم دغا- بہٕ مارہتھ یہٕ کیاہ کرے- گُکھ دیپنم ہا پیٚٹھ چھُہ وزیر- ژیہ چھے پنُن موٚر گولمُت- وُما ( ووہنی ما ) لُکھاوُتھ- ژہ ہا پیٚٹھ وزیر- بہٕ ہیسا مارتھ-
دپان ووہستاد- اوٚنکھ زِیٚش- زو لُکھ ہا پیٚٹھ- ہیتھ وانشہ گو کمَ یا جادے آو بہوٗدر خانس پیادے- کر دِہبَ کھارہ اللّٰہ اللّٰہ- بوز وفاداری عنقا-

# پنڈت نندلال

کاشرس منز ہیم ڈراما وُہنیکھ تام سٹیج سپدی تہ
یِہندی مُسودہ برابر پرٛژھ رِتھ چھ تِمہ تِکیہ چھُ "سٹیج
کھوٹ" سون گوڈنیک کاشُر ڈراما لَبنہ یوان۔

سٹیج کھوٹ چھُ رازہ ہرشس چندرنہِ زندگی
پیٹھ لیکھنہ آمت۔

یہ ڈراما چھُ نندلالن لیوکھمُت۔ نندلال اوس پٹواری
ذات اُسس کول تہ تخلص اوس تھوان نند۔ روزان اوس
کرالہ کھوڈہ سرینگرس منز۔ یہ ڈراما چھُ از برونٹھہ ۳۵
وری گوڈنچہ لٹہ رگھناتھ مندرہ (سرینگر) سٹیج کرنہ آمت۔
پنڈت نندلال کولن زِنہ تہ مرن سنہ چھُ ۱۸۷۰ عیسوی
تہ ۱۹۴۰ عیسوی وَننہ یوان۔

●

ڈرامہ نند لال

# سَتھ کہوٹ

(گکیٛنہ سیٖن)

(گوڈنیُک سیٖن)

منظر:- (اِندرہٕ سبھا- سیوکَن ہُند گیوُن)

اندر:- (وۄش ترٲوِتھ) ہے تِرٕبھوَن ناتھ!

سیوک:- مہاراج ناشہٕ روٗس اُسن تُہُند راج۔ شترن گژھن ناش۔ اَسہِ روٗزِن تُہنٛز آش۔ وَنُن چھُ کارَن از کوٚہ چھُ مَن اُداس۔

اندر:- سیوکَو! تُہہِ کیاہ وَنہٕ توٚہ کارَن۔ مَن چھُم سیٖٹھا بھارَن۔

وشِشٹ جی:- ہے راژہٕ ژٕہٕ چھکھ وۄش تہٕ وۄش ترٲوان۔ مَنکٕ پَریوژَن کوٚنہٕ چھکھ باوان۔

اِندر:- مہاشری جی! اَز بیٖتیہٕ مےٚ ژٕتَس اَکھ کتھا۔ ییٚمہٕ کیٖنہہ بُتھ نَمہٕ نہٕ سامرتھا۔ مَن چھُم گومُت سیٖٹھا وِیاکُل۔ آرام چھُم نہٕ بلکُل۔ راجکٕ تہٕ چھُم یِوان روزُن ڈُل مُل۔

وِشوامِتر جی:- ژٕہٕ کیا زِہ چھکھ شک کران۔ کمہٕ کتھہٕ چھکھ مَنَس منٛز سوران۔ وَن ژٕہٕ کیاہ شوٗکا کھ چھی مَنَس منٛز۔ بَہٕ کرَہ وُنی شہٕ کاسنک سنٛز۔

اندر :- مہاراج ! بہٕ دٕنوو وِپستارِتھ ۔ تہٕ بُوزٕو کن دارِتھ ۔

(گیوان گیوان ونان سہ)

گُرٕ وُٹھ دوہ کھ میٖہ پیوم منز یاوُنَس

وار چھُم نہٕ تی کانٛسہٕ باوُنَس

راژہٕ چھہ اکھ ہرِی چندر نوم

راتھ دِن سَتَس[1] سَتہٕ تَس چھہ کوم

ہیکہٕ کَس چھہ تیٚمِتھ وہر پاوُنَس

وار چھُم نہٕ تی کانٛسہٕ باوُنَس

.........

راژَس اَپُز وَنہٕ ناوُنَس

وار چھُم نہٕ تی کانٛسہٕ باوُنَس

وشِشٹ جی :- سَت ١ سَت ۔ اچل ست ۔ اٹل سَت ۔ راژہٕ ہرِشی چندرُن ست
چھُٹرا ون وول کُس ۔ ماجہ زاو ۔ ہے راژہٕ یُتھ منکلف[2] ژاو

وشوامتر جی :- (وشِشٹ جی یَس کُن) ...... اَز تام سَت ۔ رٔٹو کُس نہٕ روزِ کَس ؟
سُتہٕ چھا زیوٕ رے کُنہٕ بٕنیہ کینہہ ؟

وشِشٹ جی :- ٹھٔرٕو ۔ توٚت مہ کھٔنیو ۔ اَتھ ہیٚتھ یٔت کٔرِو[3] ۔ یہ گو آشُن آتمک بُود ۔ ہرِشی
چندر چھہ پژھ پاٹھو زیو پَرِتھو[4] سَتَس پوشَس نہٕ کانٛہہ دِیو[5] ۔

وشوامتر جی :- مہا شری جی مہ کرٕ ہٮ۪ٹھ !

وشِشٹ جی :- ہرِشی چندر چھے سَتَس پیٹھ

وشوامتر جی :- اَپُز ۔ بہٕ وَنہٕ ناوَن ۔

---

[1] ست مطلب پوز [2] فکر، پریشانی [3] شرارت [4] لیکن [5] دیوتا ۔

وِششٹ جی :- ژٕ چھِی تِہم ہأجہِ باوَن

وِشوامِتر جی :- راج ناج نِتھ کرِٕن خار

وِششٹ جی :- اکےٚ سَت رٔٹِہ تِہمِس تار

( ناردٔ جی سبھایہِ منٛز پیوان )

نارد جی :- نارایَن - نارایَن ( ریشن کُن ) ہری اوٗم

ریشو :- ( وِششٹ جی تہٕ وِشوامِتر جی ) تَتہٕ سَت نمسکار . نارد مُنی جی نمسکار -

نارد جی :- پرٛ سنٔے[1] چھوٕ . کیاہ اوس یٔتنہِ ژُرک ناد - جٔڈٕ اوس واد واد . کمہِ کِتھ

ہُند اوس سمہٕ[3] واد .

اندر :- مہاراج پاوٕ پرٛنام - میہ اکھ کشٹا بُتھ آم . وُنی کیس چھُ پرتھوی[5] پیٹھ

رازٕ ہری چندر ستہِ وأدی . یودوٕے تِمہٕ سُند یُتھے روٗد تہٕ یِندرازٕ

( اِندرا یعنی سہٕ پانہٕ اِندر ) موٗد . کُنہِ پأٹھۍ گوٚ ژھ اُمہٕ سُند ست پھٹُن .

نارد جی :- ہےٚ رازٕ ہیم چھکھ ویرتھ[6] کِتھ کران . ہری چندرس نِشہِ چھُ زگت ڈرانۍ

تِمہٕ سُند ست چھا ژانِہ پھٹِہ وُن . . . . . .

اندر :- مہاراج تِہمیک کارَن[7]

نارد جی :- ( گیوان گیوان ) سہٕ کارَن چھُ نوٚن تِتھ کمہٕ سُند چھُ وادا

. . . . . . . . . .

ہری ژندرم ہٲلہِ گلہٕ سنسارے

ہری چندرنو ڈاٹلہِ گُلہٕ ستہٕ ویٲرے

وِشوامتر جی :- ژِنتہِ بنیا اُدٕ دٔنہٕ نہٕ سہٕ اُپزٕ . ناہ ووٚنی ہاوودٕ . بہٕ کم کم کرس ژھل

تہٕ کِتھ پأٹھۍ والس وٕتَل . تہٕ بہ تہٕ ہاوودٕ وگ چھلہِ راوُن . ووٚنی پیزہٕ نہٕ

---

[1] خوش [2] گاٹل [3] بیان، [4] کھنے، ذکر [5] دوکھ [6] زمین [7] عجیب [8] وجہ

یہ ٹھلے ژٲون۔

# گوڈنیُک پٲٹھر

## (دوٚیُم سین)

منظر :۔ (ہریش چندر سبھا۔ گیوٚن چھےٚ چلان ہے......)

وِدوشک :۔ کیاہ سٲبس کرٕوٕ ژھوپہٕ۔ سٲنی نا شیکھےٚ۔ اُتھ ژچیہٕ مےٚ رگہ تھوٚہہ

ستہٕ ستہٕ پٔران۔ اَدٕ سٲ اُسہ پٔرو کُنی زٔنی (گیوان) ہے

میتر تہٕ وینتی بوز ایشر راج رۄزِن نیتھ پٔرسن

بیہہٕ وِدُشک وارٕ ہھاوتن مارٕ کرتن ڈیڈی وان

ڈیڈی وان :۔ وِدُشک۔ مہٕ کر بک بک۔ وۄہوٚن ہُند ڈنڈ کھیکھ رازس نِشس۔

وِدُشک :۔ اُچھ ژوٚ تہٕ گوٚش کر۔ گوٚش نےٚ کرکھ تہٕ پوش ہو مرکھ۔ یوٚت مہٕ کرہ چرچرٕ

رازس چھےٚ نا خبر۔ زِ توہہ پوٚروٕ نہٕ میون بٲتھ۔

ہریش چندر: توٚہی مہٕ کرٕو پامہٕ پامہٕ بہٕ دِموٕوٕ توہہ سارِنے ینامہٕ۔

وِدُشک :۔ مہاراج ینامہٕ گژھہ مےٚ آسُن یہنٛدِ کھوتہٕ ژوٚر۔ ییٚلہٕ زَن مےٚ اَکھ یمن

سِیتی بٲتھ پوٚر بیٚیہ کُنی زٔنی پوٚر۔ بٲتھ تہٕ مےٚ اُچھرٕ اُچھرٕ گوٚر

ہریش چندر :۔ پردھان!

پردھان :۔ تہٕ پاندان۔

ہریش چندر :۔ پرزایہ کرتھ دشا چھےٚ۔ کانٛسہ ما چھُ کُنہٕ پرٕکارٕ دوکھ؟

پردھان :۔ مہاراج پرزایہ چھُ وُنی کین مہا آنند۔ کانٛہہ چھُنہٕ کانٛسہ بند۔ نگرس منز نہٕ

چھےٚ بٲزی نہٕ پھند۔ گوٚبرٕ چھُ مٲلِس سیوا کران۔ ستری چھےٚ برتھاہس آگیاکار۔

برھاہ چھُ سُترِی ہمند رکھیا کار تہٕ بوڈ شہجار۔ اَن پان تہٕ چھُ پاڈاوا
مۄل بۆزو پرٛیتھ پرٛکار چھُ کلیان۔ پرٛزا چھ تُہنٛدُے آسے
کانچھان۔ تمہِ ہِتہٕ اُسن ژوٗر ژوٗر تہٕ مان۔ آسے ،سوٗست اُسوتن
رازہ سنتانَن۔

( برہمن وَداں وَداں یوان )

برہمن :- مہاراج سہمن کوٗرنم تاہ راج ( تہراج )

ہریش چندر:- ہے برہمن۔ کوٚہ کار تہٕ چھےُ دُکھی مَن۔ پننِ پرٛیُو زن وَن۔

برہمن :- مہاراج ! نیچوُ اوسم شونٛگتھ تہٕ سُے نیوٗنم ہیہن۔ مہٕ چھُم وُنی کین
وائرلنج وُہن۔ یہٕ دوَ سے جَل جَل سیہہ مارہَن مہٕ چھُم آشا زِ نیچو
میون زندے اُہن۔

ہریش چندر:- پردھان !

پردھان :- کرٕ پا ندان۔

ہریش چندر:- اَن میون ہُرنچو تہٕ کان۔ وُنی ہہمو سہس پڑان۔ وسہٕ نی کیا زِ
چھچکھہ ژیر کران۔

( شکار کھیلن سیہہ مارُن تہٕ شرُ بچاوُن )

## گوڈنیک پاٹھر

( تتھ ژیمُ سپین ) پرن کُٹھ

ہریش چندر:- رُہیتھ ! رُہیتھ ! رُہیتھ ! ( آلو دوان تہٕ رُہیتھ یوان )

رُہیتھ :- مہاراج۔ پتاجی !

ہریش چندر:- پننِو ماتاجی تہٕ اَنُن ناد دِتھ ( تارا چھہ یوان )

تارا :- پرٛان ناتھ ۔ دٲسی کیاز دِوِہ نووِہ ناد ۔

ہریش چندر :- میہ وُچھ اَڈراتن بٲگی دِیوکھٕٹ سۅپُن ۔ ییٚمہٕ رکنہٕ مَن گوم ھھا ۔ ژٕنزِل

تہٕ ویاکُل ۔ ( گیوان ) ے

وُچھُم سۅپناہ اڈِ راتن تمی شبس کوٗرنُم مَن
تمی ہیچھٕ گیجی نیندر ہمن ہن تمی ہیچھٕ چھُس سیٹھا کاہن
گوسٲ نیاہ اَکھ وُچھُم پوان منگن چھُم راجہ تاجُک دان
سُہ ہیوٚلھ گدِ ہیچھٕ تہٕ اُسہ ترٛبہ وِے پردھانس سان ہیچھہٕ ناوُن

( یہ بوٗزِتھ چھُ تارا گیوان )

تارا :- ( گیوان گیوان ) ے

ژہٕ کوہ کارنہٕ کران چھُکھ سۅپُن کاٲتیاہ وُچھان پتھ لوکھ
چھُ کوت تام پوز یہ سۅپنُک شک چھُ کیاہ نٕشیچے پیمن سۅپنن

رُہیتھ :- پتاجی ۔ پتاجی ۔ ست چھ وَنان ماتاجی ۔ سناریس منز کُس چھُ تیتھُ وُنُش
ییٚمیس تہٕ سۅپُن آسہ وُچھمت ۔ پرٛنؤ پوز کُس دراو ۔ پتاجی مہاراج ییٚمہ
شوٗکھو تراو ۔

پردھان ۔ چھتر پتی مہاراج ۔ میأنی وَننی بوزی تو ۔ تھوِد دِتھتھ پنُن نیتر نیم
کری تو ۔ مَنس منز پٔرتھ کتھ مَتہٕ سوٚری تو ۔ مہاراج سۅپنس منز چھ
کٲنسہِ داغ لَدس اَوشد دِوان ۔ سُہ چھا بُلان ۔ اَتھوا کانہہ مۅدمُت
پوٗرش چھس زِندے وُچھان تہٕ چھا پوز آسان ۔ رتتھے بوزی تو سۅپنُک
وان ۔ مہاراج دُتھو تہٕ گدِ ہیچھٕ سأتھینو ربراجمان ۔

ودٗشک :- مہاراج ۔ مہاراج اَدِ راج ۔ میہ تہٕ وُچھ اَکہ دوہہ اَکھ سۅپناہ ۔ تمہٕ گوٚو
داریاہ ، واریاہ کال ۔ زن مہاراج یہ پرٛدھان جی رمیون داند تہٕ بہٕ بنیوس

گرٛوس۔ رنٛھ تہٕ چأرمَس الباًنی تہٕ ہیٚبرٕم زمین وٲپنہٕ۔ وٲیان وٲیان گوٚم
پہٕ رٕہا ہتھ۔ ژٕلے چھِم نہٕ وہم تقان۔ اَدہٕ مہاراج ہوٚومَس اَتھٕ پیٚنٛٹھ کھوٚکھ تہٕ
گوٚ ٹھوٚد وٕنِھتھ تہٕ بہٕ گوٚس ہُشار۔ یہٕ چھا مہاراج پزٕ۔

ہریش چندر:۔ مہہ بُوز تمہِ سارِنے ہُند پزٕنتو۔ توٚہہ چھوٚہو نہ زانان ستہ کیاہ گوٚو
بوٗزِو بہٕ وَنوٚو۔ ست گوٚسے یُس ترٛین کالن، ترٛین اوستھاین، ترٛین
یوٗگن منز ہیٚو روزِ۔ کُنہِ پأٹھی پھیرِس نہٕ وِکار۔ ستہٕ وأدی گوٚو سُے
یُس کأیاپہٕ کنہٕ، وأنی کنہ تہٕ مَنہٕ کنہ سٔتھٕ سٔتھ ورتاوِ۔ زاگرُت سوٚپُن
تہٕ سمہٕ شاپتی منز ستہٕ سے پیٚٹھ روزِ۔ من چھُ زاگرتس تہٕ سوٚپنس
منز کُنہ آسان۔ توٚہہ کارندہ مَنہٕ کنہٕ گوٚورمُت دان پزٕہ تہٕ پھیرتھٕ نیُن
ہے پردھان! گژھ یوٚتام دان دِنہٕ وول وانہٕ .... تہٕ بہٕ کرہ
منتری بنِتھ راجک پربندھ۔

## گوڈنیُک پأتھر

### (دوٚیِم سین)

( راجہ گدی پیٚٹھ۔ ہریش چندر چھُ پانہٕ منتری )

ہریش چندر:۔ پردھان جی۔ پرزایہ ہُند وٕلو ورتانٕت۔

پردھان:۔ مہاراج۔ پرزایہ چھُ وُنی کین بنیومُت مہا کلیانت۔ بنٛنج تہٕ رنٛنج چھکھ
ترأوِمژ برانٹ۔ تُہُند راج تراوِنہٕ کنہ چھَ مہادُکھی سٕنہٕ مرٕژ۔ وٕدان وٕدان
چھکھ اَچھ تانی ہُمنہ مرٕژ۔ دِین راتھ چھکھ یہے چینٛتن[1]۔ ایشرٕ کُنہ کنہ

[1] فِکر

بیٹھِہ راز ہٕ بنہٕ ژن۔

ہریش چندر:۔ اَتھ منز کُس ہیکہ کیاہ کرِتھ۔ ایشرٕ پرشاہ[1] کُس ہیکہ پھیرِتھ۔ یوتام نہٕ کانٛہہ راز ہٕ بنہٕ توتام چھُ پرزاہ کشٹھ۔

(سادھو نیبرٕ رکنہٕ یوان)

سادھو:۔ (ڈیڈی وانس کُن) گژھ وَن رازس شیٚچھ زِ سادا چھ آمُت۔

ڈیڈی وان:۔ ست وچن مہاراج! (رازس نش گژھان) مہاراج نیبرٕ رکنہٕ چھُ اکھ گوسانٛۍ نیاہ آمُت۔ تُہند درشُن چھُ یژھان۔

ہریش:۔ جُل جُل گژھ تہٕ پزنام کرِتھ ژانُن۔

ڈیڈی وان:۔ (سادس کُن) مہاراج کھیما گژھیم کرنۍ، تمہِ لوگ ہٕ اپنس کالس کلیش[2]۔ پکو ووٚنۍ۔

سادھو:۔ (پکان پکان گیوان) ے

پرو زیوٕ شیوٕ شوا ۔ کرو زیوٕ شیوٕ شوا

نیتھ پرٕ باتن تہٕ شانُن ۔ مہٕ کھوژ ککہ پامَن

مو دِلِ پننہٕ پووا ۔ کرو زیوٕ شیوٕ شوا

ہری ژندرس بہٕ آسس ۔ سنک ژھوہ کھووٕنی بہ کاسس

اَدٕ وچھتہٕ کیاہ بہٕ گیوہا ۔ کرو زیوٕ شیوٕ شوا

ہریش چندر:۔ مہاراج۔ ڈنڈوتھ

سادھو:۔ دَے ہاوِنے پزٕ وتھ۔

وِدوشک:۔ مہاراج! ڈنڈٕ ہیتھ تہٕ گنڈٕ ہیتھ۔ لور ہیتھ تہٕ موٚرٕ ہیتھ۔ مادٕ ہیتھ تہٕ پادٕ ہیتھ۔

---

[1] خاہش [2] تکلیف [3] صبحن۔

پرٛدھان:۔ وِدُشک۔ ژٕ کیازہ چھکھ گرٕ گرٕ ٹھٹھے یأتی کران۔ لوکھ تہٕ بوڈ
چھکھ نہٕ وہراران۔

وِدُشک:۔ پردھان جی۔ ژٕ چھکھ بُلی توٚت گژھان۔ مےٚ کیا ووٚن راژن ووٚن
ڈنڈوَتھ تہٕ اُمی کرِس اٰہی۔ مےٚ ووٚنس ڈنڈٕ ہتس سیتی گنڈٕ ہتھ
بٔنیہ لورٕ ہتھ، بٔنیہ موٚر ہتھ، مادٕ ہتھ تہٕ پادٕ ہتھ۔ ژ ژٕ پاہن
اٰہی گژھ کرِنی۔

پرٛدھان۔ دُپِس "مہاراج ڈنڈوتھ"

وِدُشک:۔ راژن ونیوس تی اَدٕ سأبرٕ تہٕ وَنس تی۔ سہ ما گیہ راژس سیتی
مان۔ بٔنیہ ما کرِہم ژٕ اٰہی۔ میأنی کنہ چھس ڈنڈٕ وَتہٕ ہندٕ کھوتہٕ بڈ
وَتھ جان۔

پردھان:۔ سہ کوسہ گیس بڈوَتھ؟

وِدُشک:۔ یمہ دُکچ (ہاوان)

پردھان:۔ ژھوپہ کرٕ ژٕ انکھ وِیادٕے

سادھو:۔ ہری ژندرٕ! مےٚ چُھکھ پرزہ ناوان

ہریش چندر:۔ توہی نیوٚوہ نامیون راج دان۔ راژٕ گدی چھہ تتہٕ پیہٹ پیھٹے۔ بہ
اوسُس توہی پزاران۔

سادھو:۔ اَدٕ کُچ چھے ووٕنی تار (گدٕ پیہٹ بہان) یم پنز وَستر[1] تہٕ بھوشن[2]
دِمیہ گڈتھ۔

ہریش چندر:۔ مہاراج کانہہ اَبھیاس[3] چھُم نہٕ ۔ نیو۔

---

[1] پوشاک [2] زیور [3] تمنا، طمع

سادھو:- پننس پترس تہ آشنہ ہندی بھوشن تہ دِمیہ -

ہریش چندر:- پردھان جی- اُنیوکھ دمہ نہ وسے ناد دِتھ-

(دمہ نہ وسے چھ یوان)

ہے رانی! سوٗپنس منز دان زنیہ وول سادھو کیاہ چھ یوہے
گدِ بیٹھ بیوٗہٹ- وستر تہ بھوشن چھ منگان- مہ دِتی مس پننیو- تہ
تہندی تہ چھم دِیان اُنیہ-

تارا:- مہاراج! ہیم بھوشن تہ وستر کیاہ گیہ- توہہ چھوہ میانی وستر تہ
بھوشن- میانی پالَن تہ پوشن- مہ اَندِ وند پوشن- مہاراج اوشس
پانٹھی دِیوس-

روہتھ:- مہاراج! یہ کُس سادھو چھ؟ زن چھ ہاپتہ کھیومُت- مُرن دادہ
دمہ دریوٗمُت- میانی کنہ چھ کالہ سندہ اُسہ منزہ ژولِتھ آمُت- اُمی
کتہِ اُنی بیمِز سارتقہ زِ ربابہ ماتا یہ ہندی بھوشن نیہ- یمیہ چھ مہ تہ
منگان- یہ چھنہ ساد یہ چھ کُستام ژور- پتاجی- مہ چھ تھہند پاس نتہ کراسس
دُنی ڈاس- اَدہ زانہ ہے یور کوت آس-

سادھو:- ہری ژندرہ چھکھ بوزان- نیچو چون کیاہ چھ وَنان-

ہریش چندر:- مہاراج تہہ چھوہ دِیادان- یہ چھ بالک موٗرکھ اَن زان-

سادھو:- مہ چھا چون راج تاج تہ بھوشن بکار- ژہ کر تہ ریکول دان دِنس نہ کار-

ہریش چندر:- مہاراج! یہ چھ سوروے اُسار- مہ دِیہ کیول پننے سنتھ تار- اِہیک
گژھہ نہ کرُن ویچار- تہی نیو سوروے کینہہ-

سادھو:- ہری ژندرہ ژہ چھکھ سنتھا اُدار- چانس سنتھ رچھنس اُسن نمسکار-

دان تہٕ ژٕہ کوٗرُتھ۔ پرٛنتو، تِتھ سپھتر ماگژھ آسِتھ دکھنا۔

ہریشں چندر:۔ دٕنو کوناہ گژھوٕ آسُن؟

سادھو:۔ سۄنہٕ سُند ٹانکہ ہیتھ۔

ہریشں چندر:۔ پردھان جی۔ دِیُوس خزانہٕ منزٕ اُنِتھ۔

سادھو:۔ ہری ژٕندرٕ۔ پاٹھٕ ژٕہ تہٕ بٔتِیہ چانٛس اَتھ سَتس۔ یٔیلہ سورُے

راج گوٚ میون۔ خزانہ گوٚ چون؟

ہریشں چندر:۔ کِتھا گژھم کرٕنۍ۔ مےٚ چھُنہٕ رُکہیں وۄنۍ۔ بہٕ گژھ نگرس منزٕ کانٛسہ

ھتاوٕ پننُن پان بنڈ تہٕ تمہٕ دِموٕ دکھنا۔

سادھو:۔ نگرواسی چھ ساری وۄنۍ میانۍ۔ بٔیتہٕ دِمےٚ نہٕ کانٛسہ ہیتہٕ۔

ہریشں چندر:۔ اَدٕ مہاراج تیٚلہٕ گژھم دِنۍ ژٕتہٕ جی دۄہ موٗہلت تہٕ بٔتِیہ کانٛرشا سیتر

بیٚتِمس اَتھ کاشی جی پیٹھ سوزوٕ دکھنا۔

سادھو:۔ نکھشتر۔ نکھشترٕ۔ ہیو نکھشترا۔

نکھشتر:۔ مہاراج آس۔ آس۔ یِتھےٚ چھس آوٕر ہیُو۔

سادھو:۔ سارٕہے کام ترٛاوِتھ یہِ چَل جل۔

نکھشتر:۔ ( بُرونٛہہ کُن پِتھ گیوان )۔

رٕنگس گیٚیہ بے رٕنگی ہاے رٕنگس گیٚیہ بے رنگی
شودا[1] چھُس بہ چرسی مدہ کی[2] ترٛ یا کی[2] بھنگی[3]
نشہ چیتھ چھُس[4] او آنندس منز روزان شونگو شونگی
بیتارے سنطرٔرے وار یاہ یوان بٔتِیہ گیوان چنگی
بھنگہ اوشس بینائے منز ژیٹان پھیاران اوشس کوٗش
آلو دی دی ییٚنٛر اُرہ اوٚنہ دوس توتہٕ کریومو گوٗش

[1] شودٕ اَبی [2] افیوٗن کھینہٕ وول [3] بھنگ چیٚنہٕ وول [4] اوٚڈ [5] یوٗت

کاٗم رٲزِم اَڈرٕ لیچی بٲنیہٕ سارؠ نَشہٕ مےٚ گٲم کٕنگی

وَنِو مہاراج کیاہ گژھہِ ہوو ؟

سادھوٗ :- ژٕ گژھہ یٔمِس سیٖتھ کاشی ۔ تتی دِیی پٔہ مےٚ کرٕ دَکھنا پرٛنتوٗ ژٕ جی دوہ چھس پٔرٕنیگیا ۔ یوٗدوٕے ژور کال لگِس تیٚلہٕ پھٕٹ اٚمرِ شند سَتھ ۔ بٲنیہٕ چھےٚ اکھ کتھ (کنس تل وَنان)

نکھشترٕ :- مہاراتِہمَن کٔھتَن ہُند چھا گاٹہٕ ۔ بہٕ اَنکھ سخت لاٹر ۔ (گیوان)

یُتھےٚ ییم لگہٕ مُنزٕ پھیرَن | رِتھےٚ اَدٕ وارٕ سوٗرٕ پھیرَن
بہٕ کرٕ دِمہٕ زاہ ییٚمَن آرام | بَہٕ کھارکھ اٚسہٕ کِنہٕ دوہَن آم
دِمکھ دارؠ دارؠ بٔھٹِن بیرَن | رِتھےٚ اَدٕ وارٕ سوٗرٕ پھیرَن
اُستہٕ یوٗتام یٕہٕ وَنہٕ ناوکھ | تِوٗتام کتہٕ زاہ بہٕ ٹھک داوک
بہٕ داوک کلہٕ شمشیرَن | رِتھےٚ اَدٕ وارٕ سوٗرٕ پھیرَن

ہریش چندر :- ییٚکو ہیٚرو ۔ ژیر گوٚو ۔

پردھان :- مےٚ کریہٕ تیٚلہٕ روٗس وار ۔ بہٕ روزہٕ تُہُند سیوا کار ۔

●

# دِلسوز

غلام نبی دِلسوز (۱۹۱۶ — ۱۹۸۱) گو مَرِتھ جوانی منز پنُن امانت دِتھ۔ تمہٕ وُچھ پننہٕ زندگی ہِندی کُنہ تام بہارٕ۔ ہرگاہ زندگیہِ اُمِس نوجوان شاعرس یاوری کرِ مرتھ آسہے۔ کاشرِس ادبس آسہے پہند دٕسی واریاہ کینژہہ لاریومت۔

دِلسوز آسی سرینگرس نکھہٕ زٕہ میل دوٗر تتھ گامس منز روزان یتھ نسٹٕو پوٗر وَنان چھہٕ۔

دِلسوزَن چھہٕ کاشرِس نثرس منز 'شودرہٕ'، 'لیلیٰ مجنوٗن' 'شیرین خُسرو' ہِی کینژہہ ہلکہ پھُلکہ ڈراما لیکھی متی۔ ہرگاہ یِم فنی زاویہِ جارہٕ کنہٕ واریاہ لوٗتی تہٕ کمزور چھہٕ۔ مگر دِلسوزُن پایہ چھہٕ اَدہٕ کنہٕ اہم زِ تمو دِژ تتھ زمانس منز اور کُن تَن یِیلہٕ نہٕ اَتھ فنس تتھ پاٹھی کانہہ زان اوس۔ یِم سٲری ڈراما اٲسی 'راج پال کمپنی' ریکارڈ کری متی۔ تہٕ واریاہن کالن آسی گژھ یِمہٕ وٕہے ریکارڈو سیتی پنُن دِل رَنژٕہ نادان۔

غلام نبی دِلسوز

# "شیرین فرہاد"

( ڈراما چھُ حمدِ خودا ہ سیتی شورُوع سپدان )

حمد :- قربان قربان یا حق سبحان

قوہ درتھ چانی ییمو اکی زانی  تَس پیوٚ عاشق ناو

جلوٕ عاشق نظرِ ثانی  معشوق لاگتھ ڈراو

تابان تابان یا حق سُبحان

حُسنُک پرتو نوٚن ییلہِ ترُووُت  ہوُوت لوکُن شان

فرہاد مستی للہ وٕرنی تھاوُت  شیرینہِ ہُند ارمان

حاٗران حاٗران یا حق سُبحان

خسرو سُند دربار

خسرُو :- خسرُو !! شہنشاہ خسرُو !!!

سارِنے نظامن پیٹھ حکوٗمت کرَن وول بادشاہ خسرُو ۔ دُنیاہ کین تاجدارَن باج ہینہ وول خسرو ۔ زمانہٕ کین روٚستمن زیر کرَن وول بہوٗدُر خسرُو ۔

دِیان چھُم ناو خسرو چھُس بہ مشہوٗر  دوٚیُم آسیا منہٕ ہیوٗ کانہہ شاد و مسرٗور

چھُہ میانے لرزہٕ کانپان کوہ بیابان  قدم بوٗسی کران چھُم تختِ ایران

•

اہالیان دربار ؟

دربار :- جناب سرکار !

خسرو :- وَنو میون خیال چھا ٹھیک ؟

دربار :- ماشاء اللہ ، ماشاء اللہ۔ جہاں پناہ تُہند فرماوُن آسیا غلط ؟ ہرگز نہٕ !
بلکل نہٕ !! کمہٕ وَون !! کَس وَنہٕ !!

خدمتگار :- حضورِ عالی۔ اَکھ تاجر چھُ تُہندِ ملاقاتکِ لول بران۔

خسرو :- حضورَس کُس چھُ ؟ حاضِر دربار کَرِیٛن۔

تاجر :- عالم پناہ۔ مُلکِ آرمینیاہ پیٹھ آس۔ شہرِ چین چھُم گرٛھن۔ منٛز
ژاس تُہندِس خدمتَس منز یہ ڈالی گذراوَنہٕ۔ رٕژ یہ تصویر پانے کٔرِو ملاحظہٕ۔

خسرو :- واہ۔ واہ ! کیاہ حُسنِ خُدا داد ! کیاہ دِلبر دلشاد۔ یا پاک پروردگار
یہ چھا حُسن کِنہٕ یہ چھُ مارِ

مارہ کوٚرنَس یارِ سِندِ تصویرِ نے
نال ووٚلنمَ اُلفتکو تصویرِ نے

خسرو :- تاجر ؟

تاجر :- بندہ پرور !

خسرو :- یہ حُسن خوٗبان کتھہ جایہ چھُ روزان تہٕ اَمی سُند ناو ؟

تاجر :- جہاں پناہ۔ ملکِ ارمینیاہٕچ شہزادی۔ ناو چھُس شیرین۔ یمیو سِندِ
حُسنک دَبہٕ دَبہٕ روئے زمینس منز چھُ۔

خسرو :- واہ - واہ - کیاہ خوش پھرِ وُن ناو - بے شاملت حُسن شوبہ پیٹھے ناو "شاپور"

شاہ پور :- بندۂ حضور

خسرو :- یاد تھاوُتھ وارہ پاٹھو بوزتہٕ -

شاہ پوٗر :- فرماوان گژھو بنیہ کینہہ ؟

خسرو :- بس یوہاتے - ادٕ کیاہ دوہ نیر - دوہٕ میون قسمت یادری کرِ -

شاہ پور :- عالی جاہ - بیہٕ کیاہ دراس - حُسنِ اجازت -

خسرو :- خدایس حوالہٕ - یتھ کامہ ہیٛکہٕ دڑاکھ سۄہ کأم اَنہٕ نےٚ وارہ کارہ انجام -

شاہ پوٗر :- خداوند بس - چھُ میہ سیٹھا تہند دُعا -

خسرو :- مرحبا - مرحبا -

شاہ ارمینیا :- وزیر سلطنت - وُنو تہنز رائے کیاہ چھُ وَنان -

وزیر :- عالم پناہ - یتھ معاملس منٛز واتہٕ شیرینہٕ تہٕ پرٛیژھن - تکیازِ بالغ چھا رکنہٕ نو -

شاہ ارمینیاہ :- ٹھیک چھُ تہند مشورٕ -

(دوٚیم سین)

شیرینہٕ ہند دربار

(ہا ہا ہا ہا ... ... ... ... ...)

دایہ :- شیرین ! یاد تھاوِکرز - بُتھ ہنہٕ اَسہ مُشتھ گژھوے

شیرین :- بکواس - توتہٕ کیاہ گوٚ ناحقہ کتھن چھوٚرِ کن تھاوان - بوٗزِ کرز پس ییلہٕ سۄ کتھ پیٚز آسہ -

دایہ :- شہزادی شیرین۔ بادشاہ سلامت۔ بادشاہ سلامت۔

شیرین :- کوت گیہ۔ یور آیا؟

بادشاہ :- اُہو۔ جگر پارہ وۄلہ یۄری۔ مےٚ چھُ ژےٚ اَکس کتھہ مشورہ صلاح ہیُون۔

شیرین :- حُکم کرِو۔ باباجان فرماٖیو۔

بادشاہ :- لخت جگر۔ خسرو ایران والی تورانس سیٚتو چھے ژیتہٕ کتھ پیوان، ژہٕ کیاہ چھکھ وَنان؟

شیرین :- باباجان بہ کیاہ وَنہٕ۔ یہ تۄہیہ مُناسب ڈٲنِو۔ مول پیٚٹھ ہیا اولادس پیٹھ خرابی۔ یہ تُہند مَنشا آسہِ تی چھُ میون تہٕ بہٕ نیرا تمہٕ نبرہ؟

بادشاہ :- شاباش آفرین شیرین۔ ژےٚ ہۄوت مےٚ پَزرٕ۔ ژےٚ پھۄلہ ناوِی نے خدا۔ نیک کورین چھہ رِژے خصلت نیران۔
شاہ پور؟

شاہ پور :- حضوٗر!

بادشاہ :- وۄتھو نیرہِ نیچ تیاری کرِو۔ میانہٕ طرفہ وَنِ زِہ خسرو ایرانس سلام۔ بعد از سلام وَنِ زِیس اِدہٕ کیاہ ہۄوہِ ژیتس۔ مَشتھہ پیٚتہٕ گژھی۔

شاہ پور :- عالی جاہ۔ مَشتھ کیاہ گژھیم۔ بے وقوف چھہ سُہ یتیمس بندس نہ تۄر تُہندہِ سلامہ تُہند مطلب نکرہِ۔ کانہہ پرواے گژھہ نہٕ برُن۔ تُہند گژھ بلا وَسواس روزُن۔

شیرین :- باباجان چھا رۄخصت؟

بادشاہ :- گژھ بجاہ کرُتھ نے۔ بجاہ کرُتھ نے۔

خدمت گار خسرو:۔ مُبارک۔ مُبارک! بادشاہ سلامت مُبارک!

خسرو:۔ مُبارک کیتھ۔ کمیک مُبارک؟ یعنے

خدمت گار:۔ جہاں پناہ۔ تہندِس باغس آو بہار۔ یعنے شہزادی شیرین واتژ محلہ خانس اندر۔

خسرو:۔ شکر۔ شکر اے ذاتِ یزدان۔ بہ کو تاہ کرہ چون شکریا۔ ادِہ تِکیا زِہ بیتھ نہ دوہ میدِ اُس نی آو بامِل۔ اے خوش آوازان دربار کینژھاہ بوزِہ ناوِو۔ ییمہ سیتھ میون دِل شاد سپدِہ۔

سازندران:۔ عالم پناہ۔ بوزِو۔ عاش ژٹھو

عروسانِ نو دیگر روزِن شاد

مُبارک مُبارک مُبارک باد

گلستان ایں چمن پھولِن باز اد

مُبارک مُبارک مُبارک باد

اہالیانِ دربار کران شکریا

ز بختِ سکندر چھُ سون پادشاہ

شہنشاہ خسرو زندہ باد

مُبارک مُبارک مُبارک باد

شیرین:۔ خسرو ایران۔ خسرو ایران۔

خسرو:۔ حاضر اے حسنِ خوبان!

اے راحتِ جان قربان قربان!!

عاشقن کُن ژاو نظر اے مہ جبین

پَردٕ ہتھوِد تِل ہاو روے نازنین
مثلِ بُلبُل دِل چھُ تڑپان دم بدم
وارٕ وون سےٚ چانہِ لولکُ چھُم قسم

شیرین:- شرط اکھ چھےٚ گوڈٕ کرتَن وعدہ پوٗر
عاشقَن منز اَدٕ ژانٔکھ چھُکھ کینہہ دوٗر
شیرچی شربت غذا چھُم دم بدم
جوے شیر باغس اندر واتہِ ناوتم
وعدہ وصلُک چھےٚ توٚتامت مُلتوی

بوزٕ وٕ - گوڈٕ کری توٗ اَمہِ کُے بندوبست۔ اَدٕ یہِ وَنہِ ہم تہِ بہِ۔
توٚتامت پھٔے ساٗرے یارژ اُپُز۔

خسرو:- شاہ پور ؟
شاہ پور:- جی حضور!
خسرو:- مُشکل مُشکل - سیٹھاہ مُشکل۔
شاہ پور:- جہاں پناہ کانہہ پرواہ چھُنہ۔ فرہاد کوہ کَن ہیکہِ یہِ ساٗرے کاٗم انجام
دِتھ۔
خسرو:- اَدٕ تڑتھ کر کانہہ کھتاہ ییمہِ سیتھ یہِ مُشکل حل سپدِ۔
شاہ پور:- عالی جاہ - بہتیاہ ذراس۔

## تریم سین

(فرہادُنی جاے)

فرہاد:- آہ - واہ - اے قسمت ناپاس (پَنتہِ گیوان)
روشتھ مہ گومت سوزٕ ے جہاناہ

کس بوزہ ناوِے غمک فسانہ

چھُم ورگہ والان دورِ زمانہ

کس بوزہ ناوِے غمک فسانہ

فرہاد:۔ اے بدقسمت فرہادے

فرہاد فرہاد اے دلِ ناشاد

ووہلہٕ نیر ہاوِے عشقُک بہانہ

شاہ پور:۔ فرہاد۔ اے خوش قسمت فرہاد۔ ووہلہٕ تھوٚد۔ بخت گوٚے بیدار بادشاہ سلامت چھےٚ یاد کران۔

فرہاد:۔ بادشاہ۔ کُس بادشاہ؟ کتیُک بادشاہ؟ اَسہِ تہٕ بادشاہن کٲم کیاہ۔ یتھہٕ شہرس تہٕ گژھنٕ تِمہ شہرُک ناوِے کیاہ؟

شاہ پور:۔ فرہاد! ژٕ چھُے یوہے عادت۔ پننِس شکس دِییہ وَتھ۔ ووتنے ہے تہٕ ووہلہٕ تہٕ۔

فرہاد:۔ اچھا وٕلِتھو خبر کیاہ آسیم نصیبس لیکھت۔

شاہ پور:۔ عالی جاہا۔ کاریگر زمان فرہاد چھُ حاضر۔

خسرو:۔ اے شخص چون ناو؟

فرہاد:۔ فرہاد۔

خسرو:۔ چون کار؟

فرہاد:۔ سنگتراش۔

شیرین:۔ بناوُن گژھہِ اکھ سنگین جوے۔ یمیُک مطلب ژٕ یہ نیری شاد روزِ یہ تمناے دِلی سپدی میہ حاصل۔ اکھ ییلہِ جوے شیر باغس مقابل۔

فرہاد:۔ آہ۔ واہ۔ یہ کیاہ ے

حُسن چھا کِنہٕ حُسنہٕ کےٚ جانانہ چھا
جلوہ چھا کِنہٕ عاشقن ارمانہٕ چھا

نظرِ ستین عاشقن دِل مست ژلان
چشمہ چھا غارت گرِ ایمان چھا

ناز روٗیہ خالِ ہندی منز بُمن
کعبہ چھا کِنہٕ یارہ سُند آستانہ چھا

ژھِس اوٚیزان ژاوٚی ہیوٗ مارِ سیاہ
زُلف چھا کِنہٕ زُلفہ کےٚ سامانہ چھا

شیرین:- فرہاد - بہٕ چھس اُمید کران کہ میون مطلب سپدِ عنقریب پوٗرہ۔

فرہاد:- حضوٗرٕ وٗر - اے خوٗدایہ حُسن کیازِ نہٕ - چون فرماوُن تہٕ میون بوزُن - یہ چھُہ میون قسمت - یس ژہ ہیکہٕ خوٗداوند حُکم کرہ - فرہادے کمہٕ دوٚن۔
فرہادُن جان چانِہ پادن قوربان ؎

ژہ روزُم خوٚش تہٕ سوٗے چھم شادمانی  کرَے بوٗرباد پننی زندگانی
یوٗتام چانی کامہ واتم نہٕ انجام  توٗتام چھم حرام آرام آرام

## ژوٗدہیم سین

( کیٖنژھاو دوہو پتہٕ )

شیرین:- راہبہ

راہبہ:- حُکم شہزادی صاحبہ !

شیرین:- دوہ گو فرہاد کوہ کن وُچھُن کوٚت ووت - تکیازِ دِل چھُم میہ پریشان - فِکر چھُم پراگندہٕ۔

راہبہ :- بہتر- دُبھو- یہ منشا سرکار آسہ-

(جنگل چھُ پوان- جنگس منز)

فرہاد :- شُکر- کام تہٕ گیہٕ ختم- دِل تہٕ سپُد خوش- وونی چھ صرف یارہٕ سندہٕ

پینچ دیری سہ

اُنتے ساتھاہ یاد سائنی شاد شاہ دُر دائنے

وَنتے کائیتاہ ناد لایے حُسنہٕ چی پدمائنے

شیریں :- آفرین فرہادَ!

فرہاد :- گُگی زہٕ گنڈِتھ بوز سلام- چھُس بہٕ چونے اکھ غولام-

زیادہ کرہٕ نے چھا کلام- بوز سلاماہ سائے نِیے

طوق چونے گومہٕ نالی- شوقہٕ چانے دراس بالی

دردِ جِگرن کرُمہٕ الی- دادہِ میانی کمہٕ زائنیے

شیریں :- فرہاد! ژہ کورُتھ میون دل شاد- ژہٕ تہٕ روز آباد- وُنی وَن

کیاہ شوبی ژہ ینامے- یمہٕ سیتو ژہٕ خوش گژھکھ- یہ منگکھ

تہٕ تھوَسے بہٕ حاضر-

فرہاد :- ینام! اے مہ لقا بس چھُ مہٕ سیٹھاہ چون نگاہ- ژہٕ روز

وارہٕ بنیہ نہ کینہہ-

بہٕ چھُس چونے غولام جاودائنی

سیٹھاہ چھم بس مہٕ چانی نظرِ ثانی

شیریں :- اَچھا وولہ یوری- رٹھ یہ گوسے ژہ اکھ محنتانہٕ- خوش

گوکھ، بس کینہٕ بنیہ؟

فرہاد :- زر و جواہرات دولت- اے نازنین- یہ گوسے ژہ بہٕ کیاہ کرس مہٕ

کتھ چھُم بکار ؎

نہ دولت نہ جوہر نہ زر چھُم بکار

فقط چانہِ نظرِ عنایت بکار

شیرین :- فرہاد حیس کر مغز ما ڈٲلی ژٕ کتہ چھکھ کوٚت وۄتکھ۔ وُلتہ ماڈجی دیہاغس ہیہ کامم۔ ژٕ یہ کیاہ گوٚے۔

فرہاد :- اے شہنشاہِ حُسن! بہ کیاہ وَنےٚ میہ کیاہ گو۔ یا بوزکھ کتھ بہ وَنے۔

ستم گارہ چانہِ اِشارو بہ مورُس ہیوٚ حُسنہٕ کیو تاجدارو بہٕ مورُس

ہَران چَشمہ وُچھ مے بران لولہٕ پیالہ چھُران گوہر آب دار بہٕ مورُس

صنوبر قدس کُن نظر یام ترادِم سہی ظُلفکیو ظلمگارو بہٕ مورُس

شیرین :- بس خبردار! فرہاد۔ حوصلہٕ کر۔ اَمہ خیالہ ڈٲل۔

فرہاد :- اے دِلبر جان۔ خفہ کیازِ چھوہ گیٚژھان۔ خفگی ہُند سبب؟

شیرین :- سبب؟ بیوقوف۔ بے ادب۔ ژٕ چھکھ وُنہٕ سببہٕ پرٛژھان۔ ووٚلتہ دفا گژھ۔ انصافس اَونتھم کھتر۔ یتھے میہ ژٕ یہ شاباش کورُے رَنتھے گیہم نکھس کھسِت۔

فرہاد :- اَلتہ ینامس کیاہ اوسیہ بہٕ وومیدوار؟ کیاہ اُتھی چھا دِیان انصافہ یُس میہ بیہ گوہ نہس ییہہ وُنی کین کرنہٕ یوان چھُ۔ بہٕ گوس خراب۔ بہٕ کیاہ کرہ۔ بہٕ کوٚت گژھ ؎

کرے گژھ شمع رویس مثل پٲنوٚر

فدا سپدے ژٕ یہ پادن لے رُخِ حوٚر

شیرین :- راہبہ۔ چھکھ وُچھان۔ یتیمو سِنز مثل۔

راہبہ :- شہزادی صاحبہ ! مُتس کیاہ سوٗن تہٕ وۄگن برابر ۔ ژٕہہ کر یوٗتھس انصاف ۔ اُمس پتیلہ نہٕ لوٗگے ۔ تراوِیوٗن ، پکھو پانس وِن پننہِ بلایہ ۔

## پانژیُم سین

(شہرس منٛز)

فرہاد :- شیرین ۔ شیرین !

سپہ سالار :- اَما یہ کُس ئتا چھُ یُس بے خوف پاٹھۍ ہیم لفظ استعمال چھُ کران ۔ ظاہرا گژھہ یہ کانٛہہ پاگل آسُن ۔ ہتو مُتیا وَلہٕ یوٗری ۔

فرہاد :- کیا سہ گژھی ۔ شیرین ہاوِہ ہمہ توٗل ۔ سعہ میانٛی شیرین ما وُچھو تھُن پیارِی گژھان ۔

سپہ سالار :- بس بیوقوف احمق ۔ زبان وٹھ ۔ کلہٕ ژٹہٕ نَے ۔

فرہاد :- کیاہ میون کلہٕ گژھیا شیرینہٕ ہندِہ خاطرٕہ قربان ۔ کیاہ مےٚ شکس لدس تہٕ آسیا تیتھ نصیب ۔

سپہ سالار :- ہاے افسوس ۔ یہ چھُ عاشقن ہُند بچ ۔ بہتر چھُ یہ معاملہ سیوٚدُے بادشاہس نِش واتہٕ ناوُن ۔ ہیم یہ اُدٕہ مُناسب زانِہٕ نس تہٕ کرِنس ۔

فرہاد :- کیاہ سہ ہاوِہ ہمہٕ شیرین ؟

سپہ سالار :- وۄلہٕ سہ پکھ مےٚ سیتو ۔ بہٕ ہاوِہ نَے ۔

سپہ سالار :- عالم پناہ ۔ یہ شخص چھُ وَتہٕ وَتہٕ تِم ناجائیز الفاظ استعمال کران ییم تُہندِس ذاتس برخلاف چھ ۔

خسرو :- برخلاف کیاہ ہیو ۔

سپہ سالار :- جہاں پناہ ۔ بہٕ کرہ ما عرض ۔ لیکن بے ادبی ماف ۔

خسرو۔ کانْہہ پرواے چھُنہٕ۔ ژٕہ وَن کھوژمہٕ۔

سپہ سالار:۔ جہان پناہ! شہزادی شیٖرین یلہٕ سہٕ تُہنٛز سپدٕن واجیٖنژ ملکہ چھےٚ، تُہنْدِ گے چھُ یہ شخص ........

خسرو:۔ محبت بَران؟ اے بدبختہ وولہٕ یوٚرٕو۔ ژٕہ چھکھ زانان ژٕہ کمہٕ سُند ناو چھُکھ ہیوان، پَتہ تہٕ چھُیہ سعہ کوسر گیٖیہٕ۔

فرہاد:۔ ضوٗرٕوٗر۔ کیازِ نہٕ۔ زانَن۔ وارٕہ پاٹھۍ زانن۔ میانِس اَچھَن ہُنْد گاش۔ کوہٕ ژھٹِن ہُنْد ہوش۔ ناو چھُ شیٖرین۔

خسرو:۔ بس، بس، بے حیا۔ ژٕہ چھےٚ نا موٗلوٗم۔ ژٕ کَس سیٖتۍ چھکھ کتھ کران، بہ گوس بادشاہ۔ ژٕہ گوکھ پاگل۔ تُرس نہٕ گرٕس زانکھِ کُنی قدر۔

فرہاد:۔ بادشاہ! بادشاہ! جہان پناہ ژٕ یہ چھےٚ نا بوٗزمُت عشقہٕ بازر کیاہ گو۔ تَتھ بازرس منز چھُ بادشاہ فقیرِ ہیوٗ آمان۔ تتہٕ چھکھ نہٕ ژٕہ بوٚڈ بہ لوکُٹ۔

خسرو:۔ فرہاد:۔ پٔنُن زُو چھُیہٕ ڈوٗٹھ کھٕرٕوٗن۔ اگر سیٖود سیٖود شیٖرینہٕ ہُند محبت ترٛاوکھ تہٕ جان۔ ورنہٕ میانۍ اَتھو گژھکھ وُنی مارٕہ۔

فرہاد:۔ بادشاہ سلامت۔ کانْہہ پرواے چھُنہٕ۔ میٖون جان گژھن قربان۔ یہ ژٕ یہ کرُن چھےٚ نہٕ کر۔ عاشق کرِ چھِ پننِس پانَس کھوژان۔ عاشق ییٚوہ ناو تَس یَس پننِس پانَس مثلِ پانِنۍ سوٚر کرِ۔ عاشق گےٚ تیم یِم پننِس پانَس گندان چھِ۔ یمَن نِش نہٕ ژٕہ کُنہٕ مُجرِ ہیے چھکھ۔

خسرو:۔ ہے افسوس! یہ آو زیادے وُٹھنہٕ۔ شاہ پور! وونی کیاہ بنہٕ؟ ژٕہ وَنتہٕ کینژھا یِمہٕ سیٖتۍ یہ بلاے ٹھکیھ ٹلہٕ۔ دَپان چھُس مارَن تہٕ اِنصاف چھُم نہٕ وُچھتھ دِوان۔ دَپان چھُس ترٛاوَن۔ تَتھ تہٕ چھُس کھوژان

نہ چھُ ہور وار ہنیور ۔

شاہ پور:۔ جہاں پناہ۔ وُوہ نی چھ صرف اَکے وَتھ۔ ییٚمہ تِلہٕ یہِ راہ سپُد۔

خُسرو: یعنے

شاہ پور:۔ تُہِہ دِیو اَمِس بے ستوُن پہاڑ ژٹنُک شرط۔

خُسرو:۔ ٹھیک ٹھیک۔ بوزُم۔ فرہاد، وۄہلہِ یوُرِ۔ بے ستوُن پہاڑ یُس ایران پٮ۪ٹھ وَتہِ پیٹھ چھُ سُہ اگر چانہِ دستہِ صاف سپدِ تہِ شیٖرین چانٛی۔ ورنہٕ چھےٚ یوٗہے جواب۔

فرہاد:۔ جہاں پناہ۔ شیٖرین سپدیا اَدہ میانٛی۔ شیٖرینہِ ہندِ خاطرہ میون جان قربان۔ ییٚکیاہ بوزِتھ۔ ییٚکیاہ دزاس۔ آنٛن فانٛن منز ژھٔنن بے ستوُن پہاڑ صاف کرِتھ

بہ دارِ سینہ زخمن بتیہ نیرزن
کرے نا ریزہ ریزہ سنگ ریزن

اَچھن تل چھُم مِہ چھیران یارہ سُندرُوے
دِلس منز چھُم فقط دیدار کےٚ خو ہے

## نوٚو سین
## ( جنگل )

فرہاد:۔ شیٖرین۔ اے سنگدل شیٖرین۔ کیاہ ژٕہ روٗشکھ مےٚ۔ کیاہ ژٕہ چھےٚ نا وُنہٕ تہٕ میون انصاف یوان۔ کیاہ ژٕہ چھیہ یوت سنگین دِل۔ ییٚتھ دِلس تہٕ مےٚ دِل شکستہ ہندین نالن ہُند تاثیر چھُ سپدان۔ کیاہ ژٕہ چھےٚ نا وُنہٕ تہٕ بوزنہٕ یوان کہ چانہٕ ہاوسہٕ چھُ یہِ فرہاد ہنٛنس پانس پیٹھ ییم ستم

نسھان۔ کیاہ ژہ چھکھ پیپٕر بے وفا۔ یوہ سہ نہٕ اَکس باوفا عاشقس خبر نہٕ
ہیٚیہِ ؟

دِل میہ نیوٗ تھم ژہ یہ دِلہٕ با ہا ہا ہا دژاکھ آخر ژہ بے وفا ہا ہا ہا
چانہِ قسمتہ اوسُے میونے خوٗن وَنتہٕ کیاہ دژاوو ژہ یہ نفا ہا ہا ہا
ہر نہ چشمو اوسُس لول بران مور تھس کیا ژِ بے خطا ہا ہا ہا

شیرین بُرقہٕ پوش:۔ بس یوٗہے چھُ میون عاشق فرہاد۔ یوٗہے گومیانہِ خاطرہ
پانس پیٹھ ظُلم برداش کرن وول جانباز فرہاد۔ فرہاد! اے عاشقِ
ناشاد! کیا ژِ چھکھ پننس پانس پانے نژاکھ وایان۔ ییمہِ سندِہ
خاطرہ یوٗت چھکھ کران سہ چھے تِکہ کنہ بے وفا۔

فرہاد:۔ اے بُرقہ پوش۔ سہ آسِن بے وفا۔ بہٕ لاگس باوفا۔ گژھ پانس
ژہ یہ کیاہ ییمَن مامَلَن منز سنہٕ نے۔

شیرین:۔ فرہاد کوٗت گژھکھ؟ ٹھہر بہٕ چھس سو بے وفا۔ ییمہِ ژہ یہ
ییمہِ وِرے اَکھو ذکر دِتے۔ اَما بہٕ چھس ووٗنی سو باوفا یوہ سہ
ییمہِ وِرے اَکھو ژہ یہ لول بآگری؟

ووٗلو ییٚری لول بآگراوے ہا لالو یادن ژہ یہ پان ووفراوے ہا لالو
مُشتاق روٗزِتھ وچھ وارہ مے کُنٕ قوربان سیدُن ہوے ہا لالو
ہا وسہ چانے چھس ہش نژاوان
وُدی وُدی پنُن حال باوے ہا لالو

فرہاد:۔ شیرین۔ شیرین۔ بہٕ بدنصیب کیتھ پاٹھی ہیوٗسے اَز یاد؟
رات کہو دوہ چھُم غذا خوٗن جگر ہجر کی نارن بہٕ زوٗلُس سر بسر

باوفا ہنٛز سینٛتھ ژٕ یہ لوگُتھ بے وفا    وَننہٕ شیرٛین اَتھ دَپان انصاف چھا

شیرین :- فرہاد ۔ صُبحُک ستارٕ کھوٚت ۔ اَدٕ کیاہ اُسن فرصتھ ۔

فرہاد :- اے مہ جبین کیاہ بیٚیہ تہٕ ہاوکھ پنُن دیدار ۔ یُتھنہٕ مُشتھ گژھی ۔

شیرین :- ہرگز نہٕ ۔ اوسہِ نصیبہ ۔ جلدٕے سمکھّے ۔ تہٕ اَدٕ کیا ۔

فرہاد :- شیرین !

شیرین :- فرہاد !

(سین چھُ بدلان)

خدمت گار :- بادشاہ سلامت ۔ فرہادن موٚکلاوی بے ستوٗن صاف کرِتھ ۔

خسرو :- موٚکلیوو ! غضب ! غضب ! غضب !

شاہ پور :- جہاں پناہ ۔ فِکر تراٗوِو ۔ غم مہ بٔرِو ۔ اَسہِ چھُ بُرونٛہہ تمیک تہٕ سامانہٕ
ٹھوٗومُت کٔرِتھ ۔

بادشاہ :- کیاہ ہیوٗ ؟

شاہ پور :- عالم پناہ ۔ یتیٚتھ چھ اَکھ بُڈ مکار زنانا روزان ۔ یمیہ سِندٕ مکر زنکُ
شُہرٕ ژٕ ہ پاٹھی چھُ ۔ سُے کرِ فِکرِ دوٗر ۔ یعنے فرہادس .....

بادشاہ :- ٹھیک ٹھیک ۔ بوزُم ۔ ادٕ کیاہ جلدی کٔرِو ۔ یوٚتام تہٕ موٚکلتھ گژھ ۔

شاہ پور :- عالم پناہ ۔ یتیکیاہ یمیو سٕنز کتھ اَسو کران سو تہٕ وا ٔتھ یوٚرِی ۔ ہتہٕ بی
مُبڈِ موج ۔ یہ گوٚو ژٕ یہ رفلحال پیشگی ۔ باقےٚ دِموٚے کام اَنٛز راوتھ ۔

فرہاد مُبڈ :- ٹھاٗوِو حضن ووہٕ ژٕ کیاہ رووٚمُت اوسہٕ ۔

(سین چھُ بدلان)

فرہاد :- شیرین ۔ بہٕ ہیوٚتمس موٚکلُن ۔ ژٕ تہٕ کینٛہہ وَنہٕ آیکھ نہٕ ۔

فرہاد بڈ:- شیرنی شیرنی - ووٚنی کمِن گرٚن گژھ - ووٚنی کیاہ کرٚہ - شیرنی ہیم ژٕہ ناز اُسہم بوزان - ہم کُس بوزہم ووٚنی شیرنی - چانہٕ بدلہ کوٚنہٕ موٚیِس بہٕ شیرنی -

فرہاد :- اَمہ یہ کُس وٚدان ؟ اُمس کیاہ چھُ پوٚت بنتھ آمُت - ہنہٕ بی بڈا موج ژٕہ کیازہ چھکھ وٚدان -

فرہاد بڈ:- ہنہٕ با گژھہ با پانَس - ژٕہ کیا با سوٚ چھد کرٕہ ہم - یوٚسہ سوٚ چھ کرٕن واجینہ اُہم سوٚ ہنہٕ گُنہ - ووٚنی گوہم ژٕہ - ہاے شیرنی - شیرنی -

فرہاد :- شیرنی ! خاطرے - ہنہ بی بڈ موج - وانہٕ وٚنتم - جگر ژھیوٚنم کیاہ شیرین موٚیا ؟ ہاے شیرنی ژٕہ موٚیکھ - بہٕ کتھہ کیتھہ زوٚدُس بہ کوٚت گژھہ - بہٕ کیاہ کرٕہ -

اے چرخِ کج رفتار ! کیاہ ژٕ یتہٕ اوسے نا ہیانہٕ شیرنہٕ ہُند زندہ روزُن خوٚش - اسے صحرائے بے ستون ! ژٕہ ما وُچھو تھٕ میانی شیرین کوٚت گیہ - اسے سنگ ریزو - وٕنیو میانی شیرین کتہٕ چھ - اسے زمین ژٕہ وَن میانی شیرین کتہٕ لگاوتھٕ - اسے آسمانہٕ کیو ستارو ! تہٕ روٗزِو میانِس مرنس گواہ - بہٕ کیاہ موٚدُس شیرینہٕ ہُند ناو ہیوان ہیوان - شیرین - شیرین - ہاے شیرین !

(فرہاد چھُ پانی پانس ماران - خنجر چھُ متہٕ بدنس مادان)

(سین چھُ بدلان)

شیرین :- کیاہ ہیوٚن عاشق جانباز فرہاد موٚدِہ - کیاہ ہیانہٕ خاطرِہ پانس پیٹھ ستم زرِن وول فرہاد موٚدِہ - فرہاد ! تہٕ مہ چانہٕ مرنک گوٚناہ بہٕ تہٕ میانِس

کلس پیچھ ۔ ووہنی کتہ ژھائت ۔ کوٗت گوہم ۔۔

کوٗتۍ ژۄلہم ژٕ جانانے ووہلو فرہاد مستانے

ھۄتھ للہٕ وٕنی مےٚ ارمانے ووہلو فرہاد مستانے

اُچھن ووہن لج مےٚ وٚدۍ وٚدۍ زاںٛ ژٕنتس ووہنی پیوم گژھکہٕ ورزانٛ

بہٕ دژائس بے وفا پانے ووہلو فرہاد مستانے

ژٕ چھکھ شمع بہٕ چھس پونپُر دزتھ پانس کرے ناسوٗر

دِمے ناگہتھ بہٕ پروانے ووہلو فرہاد مستانے

اے زمین ! پھٹ ۔ اے قبر اُس وہر ۔ مےٚ ہٕ توتے ییٚنہٕ فرہاد چھُ ۔ پھٹ ۔ پھٹان کونہٕ چھکھ ۔ یا خدایہ یہ میون ونُن تھاونہٕ منظوٗر پھٹ ۔ پھٹ ....

(قبر چھ پھٹان)

فرہاد :۔ شیرین !

شیرین :۔ فرہاد !

خسرو :۔ شیرین ! ٹھہر ٹھہر ! کوٗت گژھکھ ۔ ہائے یہ کیا سنا ۔ اے زمین دوز یہ قبر کھنو ۔ شیرین کڈیوٗن واپس ۔

زمین دوز :۔ بادشاہ سلامت ۔ ژٕ لو ییتہٕ چھہ سرف تہٕ گگرےٚ یا ژٕ اویزان ۔

فقیر خدا :۔ ہا ہا ہا ...... اے نادان بیوقوف ! کیاہ چھوہٕ کران ۔ عقل ما چھیوہٕ رائوہمژ ۔ یم اُسی عشق مجازکی پروانہٕ ۔ عشق حقیقی سیدُک حاصل ۔ توہہٕ کیاہ گوہوہٕ گژھو پانس ۔

# بسمل

تارا چند بسمل ( ۱۹۰۴ء — ۱۹۴۸ء ) چھ
بڈگامی تحصیلس منز کرمیشورہ زامتہ۔ ذات اُسکھ واتل۔

باسان چھُ بسمل چھ پنڈت نند لال مندلو سندہ
ڈراما سیتہ وارِیاہ محفوظ سپدے متہ۔ یمو تہ لیوکھ
ہریش چندرنہ زندگی ترپٔنزِس پیٹھ اکھ ڈراما۔ اَمہ چھُ
ناو 'ہریش چندر' عرف 'ستیچ وَتھ'۔ یہ ڈراما چھُ ۱۹۳۸
عیسوی یَس منز چھاپ سپدیومُت۔ ۱۹۵۳ عیسوی یَس منز
چھُ کرورٔ تیرتھ سیوک سبھا ڈرامیٹک کلبہ طرفہٕ ، وَرہ مُلہ سٹیج
گومُت۔

بسملن چھ اَمہ علاوہ اکہ نندن ( چھپن سنہ ۱۹۳۸ )
رامہ اوتار ( غأر مطبوٗعہ ) پرتھیچ کہوٹ ( غأر مطبوٗعہ ) بیترہ
ہلکہٕ پھُلکہٕ ناٹک لیکھمتہ۔

تارا چند بسمل

# پرژ یچ کھوٹ

(گوڈنکی گیٹھ سین)

یہ ڈراما چھُ یتھ پارتھنا یہ (دُعا) سیتی شُروع سپدان) ـــ

ہے پربھو چھکھ سروہ ویاپک کاس سنکٹ ویاد ژ یے

اُسہ چھ پاپی یئرہ بنے ہتھ کرُن دوبی دِلشاد ژ یے

•

ژ یے خودا چھکھ نا ژ یے ایشور ژ یے وَنان پرماتما

ژ یے رحیم و رام چھکھ نا گاڈ و مست و ساد ژ یے

•

مذہبن منز اختلاف اُسیتھ خودا کُن مانہٕ دین

چھی نمان ژ یے کُن تہٕ ساری کاسہ وُن افتاد ژ یے

اُسہ چھ بسمل آے برتل کرہتہٕ یاری ہے پربھو

پردھان:- مہاراج اتھ کمہ کارنہٕ[1] چھُ نہند من وُداُسی؟ تُہہ کیاہ چھُو کریٛڈھ[2] شمشئے منس منز؟

---

[1] وجہ [2] خیال۔

یُدھشٹر:- ہے پردھان کیاہ وَنَے ۔ کینْہہ چھا کھۄژتھ ۔ ساری بٲے بند سپدِتھ
مہابھارتس اندر مارٕ ۔ یِمَن ہِندٕ مارٕ نکٕ کارٕن چھُس بہٕ ۔ یِمَن کارنہٕ
ہِندی پاپ چھہ میانہٕ گردنہٕ پیٚٹھ ۔ یہی چھُس وِپژاران زِ کِتھٕ پٲٹھۍ
گوژھہ یِمَن پاپَن ہُند وۄپاے سپدُن ۔

پردھان:- مہاراج تُہُند شوک سماچار چھُ پوز ۔ لیکن کیاہ تہٕ ہہ ژھانجووٕنا اکھ
وۄپاے یُدھ روٗستے ؟

یُدھشٹر:- پردھان جی ! تُہُند وَنُن چھُ پوز ۔ لیکن یُدھ کمہٕ کارنہٕ سپد ۔ سنسارٕ
وِیوہارٕ کہٕ عیشوٗری خاطرٕ ۔ میانہٕ باپت ۔ یہ چھُ سورُے موہہ تہٕ بٕرم ۔
سنسار چھُ ناپائیدار ۔ اکھ وِیوہار کتہٕ گوٚ پائیدار ۔ امہ کارنہٕ چھُس
بہٕ پنُن پان کلہٕ گاٹکُ بلکہٕ کھشتری گاٹکُ مانان ۔ یِمَے فکرٕ کرِ کرِ
چھُس گلان ۔

پردھان:- مہاراج ! توہہ وَنِو کہٕ اکھ وۄپاے رٕتھ پٲٹھۍ بنہٕ ۔ اَسہ
چھہ تیار ۔

یُدھشٹر:- پردھان ۔ یہ چھہ پرانی کتھ ۔ "پنہٕ وِز پرٕچھتھ اکس وَنان" ۔ مہ چھنہٕ
کُنٕ عقل واتان ۔ اکھ وۄپاے ہیکن حرف سری کرشن مہاراج
فرمٲوِتھ ۔ امہ کارنہٕ سوزِو توٚ تِمَن سندیشہ[2] یِتھ یاری ییہن ۔

پردھان:- ( اکس دربارس کُن ) توہہ گژھِو جَل جَل سری کرشن مہاراجس نِش
تِمَن وَنِو کہٕ راجٕہ یُدھشٹر چھہ سیٹھا دُداسی سپدِ مُت ۔ امہ کارنہٕ
چھکھ تُہندِ درشنکُ سیٹھا اَبلاش ۔

( دربارٕ چھُ نیران )

---

۱ جنگ ۲ شیٚچھ

## (دوٚیم نظارٕ)

(سری کرشن مہاراجہ سُند راژٕ محل۔ دُوارِکا جی منز)

پرارتھنا:۔ سہٹھا دھن ہاگ تَس پوٚرشَس کُس پَلہٕ مُرٕ یاد پُس پالن
وِہزاران سُتھ کران ستھ رات دوہ یُس وید وِیتا زن
سُہ زانان کوٚلہٕ دھرمہٕ نِشہ کھُسُتھ کاتھہٕ دھرم سُے ہرگز
چھُ ویدُک فائصلہٕ پزٕ ستھ کارِسے افضل تہٕ یُس زانُن

●

ڈیڈھ ووٚنی:۔ (سری کرشن مہاراجس کُن) مہاراج! ہستنا پورُک چھُ اَکھ قاصِد آمُت۔ تہٕ اندر اَژنُک اجازتھ چھُ یژھان۔

سری کرشن:۔ گژھہ دوان اَنُن آدرٕ سیتۍ۔[1]

(ڈیڈھی ووٚنی نیران تہٕ قاصدتَس سیتۍ واپس یِوان)

قاصِد:۔ پرَن پت۔ مہاراج نمسکار۔ پادٕ پرٕنام۔

سری کرشن:۔ چرُن جیو روٗزِو۔ تورٕ چھا ساریٕ وارٕ پاٹھو۔ تُہہ کمہٕ کارنہٕ کوٚرُوٕ یور یِنُک تکلیف گوارٕ۔

قاصِد:۔ مہاراج! ساری چھ وارٕ پاٹھو۔ مگر......

سری کرشن:۔ اگر مگر کیاہ گوٚو۔ دُوان دُوان وَن۔ مَن چھُم وِیاکُل سپدان۔[2]

قاصِد:۔ مہاراج! راژٕ یدھشٹر چھُ رات دوہ غمگین آسان۔ تہندِ وِہ پایہ خاطرٕ سوٗزہس بہٕ تہندِس خدمتَس منز۔ کیازِ تہندٕ اَنہٕ گژھہ سیتۍ

---

[1] عِزتہٕ سان  [2] وُدامسی

سُپُد سارِکے یُلاج۔

سری کرشن:۔ ہے فائدِہ ژٕہ پکھ۔ بہٕ واتہٕ ژٕہ پتے۔ کینٛہہ فکرٕ لگہٕ نہٕ کرٕنۍ۔

## ترٛیِیُم نظارٕہ

راژہ یُدھشٹرُن راژہٕ دربار۔ سری مہاراج کرِشن جی چھ واتان۔

راژہ یُدھشٹر چھ تھوٚد وُٗتھِتھ پرنام کران۔)

سری کرشن:۔ ہے راژہ ژٕہ چھکھ دھرمُک تھوٚنگ تہٕ ساکھیات دھرمہٕ سروٗپ آسہٕ وُن۔ لیکن کیاہ کارُن چھُ یِیمہٕ کنہٕ غمگین حالتھ چھ باسان۔

یُدھشٹر:۔ مہاراج کیاہ وَنہٕ۔ تُہندِہ اَنہٕ گرٛہہ سُپُد مہابھارت انجام۔ ساَنۍ سپیز فتح۔ لیکن اَکہٕ یُشہ خاطرٕہ سُپُد میانہٕ اَتھہٕ بییِن ہُند خوٗن۔ یِیمکو پاپ میانہٕ گرٛدنہٕ بیٹھ چھ۔ یِم تہٕ مےٚ اَکس زٕمس چھ آرام دِوان۔ ووٚنۍ وُٗنۍ قوم تۄہہ ریٚتھ ووہ پایا یِیمہٕ کنہٕ پاپ نشٹ سُپدِتھ سارِنے نارٕ لگہ ہے۔

سری کرشن:۔ ہے راژہ تُہندٕ وَنُن چھُ پوٚز۔ یہٕ چھُ ٹھیک خیال۔ اَمہٕ پژٕہ ژٕہ سِدھ یگیہ کرُن۔ یُتھ پاپُن ناش سُپدِتھ تُہندِ یش سپدِ۔

یُدھشٹر:۔ مہاراج۔ میاٚنۍ کیاہ ناٚر چھ (پتہٕ منتری یس کُن وَنان)

منتری جی کرِو تیاری۔ باین بیوٚن بیوٚن کام تھاوِو تھ۔ اَرجن نیر گورس سیتہٕ سیتھہٕ یوٗت تام یہٕ پھیرِت ییہ۔ اَسہٕ کرِو یگیک آرمبھ۔

## ژوٗرِیُم نظارٕہ

(اروٚن (ارجن) ونس منٛز گورس پتہٕ پتہٕ۔ تکبرٕہ کنہٕ گیوان)

کُس مےٚ ہیٚو بلوان پَھٹے یتھ بھارتس منز آسہٕ دُن

کُس مُقابل پھیرِ تھے ہیکہٕ مےٚ، کرِس زیرو زبر

کُس چھُ دعوا کھشتری ہیٚنِکُے مےٚ بُرونٹھ کنہٕ اسے پزھو

کُس تولی تیر و تبر مےٚ برونٹھ کنہٕ در حالِ زار

. . . . . . . . . . . .

ارجن :- مےٚ ہیٚو بلوان تہٕ بہادُر کُس چھُ نہٕ کُس آسہٕ - یُیٚمہ کُنہٕ زُنی جہا بھارتس منز لچھ بدین لُکن سمہار کوٗر - یُیٚمِس برونٹھ پکہٕ نس دیوی دیوتا نہٕ چھ کھوژان - ادہٕ کُس اَنہٕ سامرتھ - یُس میانِس گمہرس کُن اَچھ تُلہٕ یا تَھقُپ کرِ -

سری کرشن :- انتریامی ! افسوس صد افسوس ! ارزُنس سُپُد موٗد - اہنکار، اہنکارِ سیتی چھُ ناش لازمی - کامہٕ سیتی کرُود - تِمہ پتہٕ موہ تہٕ اہنکار - یِمن ہُند سار چھُ ناش - اَتھ کیاہ بنہٕ - اَمِس پیٚیہ سبق دِیُن - نتہٕ سپدِ نہٕ سیٚٹھا دھرمہٕ ہین - اَکِس بھکتہٕ سُند بھکتہٕ باو ہیکہٕ اَمی بندِس اہنکارُک ناش کرِتھ -

## پوٗنژِیُم نظارہٕ

( رازہ سخی سُند رازہٕ دربار - اَمہٕ پتہٕ چھُ یہٕ لیلا کُنہٕ گرِتھان )

چھُ سنسار سوپنہٕ کُے ویوہار    نہٕ اَتھ اَند تےٚ نہٕ اَتھ پَھٹے تار

اَتے چھےٚ شیوہٕ شیوہٕ تار    چھُ بخشن ہار سُے شوٚ بنوٗ

گرِتھ وانی پزی پالُن    اَدھرم سٕتی پاپ چھی زالُن

فِکرِ ھۄوُنی پَنِنہٖ کانٛہہ	چھُہ بخشن ہارے شۄنبو
گرٕ چھیم زُو جان تہٕ دوست	گرٕ چھیم گرٕ یزت وثروت
مگر وائنی نہ نیری پتھ	چھُہ بخشن ہار سے شۄنبو

ییٚنہٕ کانٛہہ خٲلی گژھہ از در	ھۄنگمُ یی تی کرن سرور
چھُہ لارُن کیاہ پربُو ایشور	چھُہ بخشن ہار سے شۄنبو

گیٚٹھ کٲسِتھ ترٕ دِم درشنُ	کرٕ ہے پوشہٕ کےٚ ورشنُ
چھُہ سے بسمل گژھتھ ہرشن	چھُہ بخشن ہار سے شۄنبو

کنوٗر :- پِتا جی ۔ کیٛتھہ ہیوٗ خوش یوٗن سَمےٚ چھُہ ۔ مَن چھُم یٛژھان سٲراہ کرہٕ ما اَمہِ کارنہٕ دی توم اُگ نیا ۔ یِتھہ ہیوٗن مَن پرٛشن سَپدہٕ ہے ۔

رازٕ :- ہےٚ پوٚترہ ژٕ چھُکھ وُنہٕ لوکُٹ ۔ کھوژن چھُس یِتھنہٕ کانٛہہ تکلیف واتی ۔

کنور :- پِتاجی ۔ توٛہہ کیاہ چھِوہٕ فرماوان ۔ بہ چھُس نا کھشتری ۔ یِتھہِ کارہٕ خٲطرٕ بہ پٲدٕہ چھُس سَپدمُت ۔ توٛہہ کیازٕ چھِوہٕ تِتھہ ورٕدہ میہ ونان

رازٕ :- ہےٚ پوٚترہ ۔ بہٕ چھُس نہ یٛژھان چیانہِ کایرتٲلی وُچھنہٕ ۔ لیکن ہیوٗن دِل چھُہ ژیہ بغٲر کٲیر سَپدان ۔ یِتھہِ کارنہٕ بہ چھُس نہٕ اَکس رُمس چون اُچھو نِشہ ڈٲلُن یٛژھان ۔

کنور :- پِتا جی ۔ یہ چھُہ پوٚز ۔ لیکن بہٕ کوٚت گژھہ ۔ دوہس گژھہ شامس واپس ییِہ ۔ تُہو مَتہٕ بَرِو توٚہ غَم ۔ بہٕ ییمہ دِوان ۔

پردھان :- مہاراج ! ییٚلہِ کنوٗر چھُہ اَکہِ دوہہٕ خٲطرٕ یٛژھان سٲرس گژھُن ۔ سعہ مَتہٕ دِی توس اُگنیا ۔ بہٕ سوٗزٕ نَس پتھ سعہ پوٚتر سیٚتی ۔

رازہ :- ہے پردھانہٕ اگرچہ بہٕ اُمہِ سُندکُن گژھن اوسُس نہٕ یژھان بیکن اُمہِ سُند دِل تہٕ چھُس نہٕ یژھان پھُٹراوُن۔ یَیلہٕ اُمہِ سِنز بی یژھا چھےٚ ۔ گژھِ هن۔ لیکن ہے کنورہ ژھُنِنہٕ واپس منز ژیر کرکھ۔

(کنور، پردھانہٕ سُندہ بچوٚ تہٕ نوکر نیران)

## (شیّیُم نظارہٕ)

(کنور وغایرہ وَنس منز۔ دَیہ لیلا وُچھان تہٕ گیوان لیلا ــہ)

وَنَن ہنز ہی چھےٚ دِل پھولہ وان

ژلان غم غوصہٕ چھےٚ یکبار

مَنَن ہُند میُل چھ لِرہ تیران

ژلان غم غوصہٕ چھےٚ یکبار

گرَن منز زرہٕ زرہٕ آسان

گژھان لبہٕ لبہٕ چھی بے وار

تھمے کُنز رات و دوہہ ترسان

ژلان غم غوصہٕ چھےٚ یکبار

وُچھو کیاہ سرو چھی خوٚبان

گران کیاہ بول جانا وار

وَسان اُسہٕ مَن تہٕ دِل شادان

ژلان غم غوصہٕ چھےٚ یکبار

دیوان دِیَن آرہ وُل کریشان

چھُ ژھانڈاں یارہٕ ہسے ہر بار

کنڈین منز یان چھ گالان

ژلان غم غوصہٕ چھےُ یکبار

..............

کنور :- وُچھو کیُتھ بہاراہ چھُ و۔ من چھُ پرس سپدان۔

مُلازم (یعنی نوکر) :- مہاراج ایشرہٕ قوہ درژ نش کیاہ چھُ دوٗر۔ منوش سند کیاہ

نامرتھ چھُ یُتھ تمی سنٛز لیلا ہیکہِ وُینتھ۔

کنور :- (نظر دِتھ) وُچھو ہُپارِ کنو کیُت شامہٕ رنگہ گراہ چھُ پکان۔

مُلازم :- (وُچھت) مہاراج۔ اُمس پیتر پیتہٕ چھُ اکھ شستر دھارِی تہٕ بوزنہ

یِوان۔

کنور :- بہ چھُس یژھان یہ گرُ ملو ہیون۔ تمو گژھو اُنی وُون۔ یُتھ کتھ باتھ

کرِتھ مُلہ ہیموس۔

(ملازِم گژھتھ گرس رٹان)

ارجن :- گرُ کوٗت چھوہ پکہ ناوان۔ توہہ کیاہ لوگہ وہ دِہلہٕ ٹھگ۔

کنور :- اے جوانہٕ ژہ کیاہ چھکھ وُنان۔ یہ چھُ سانہٕ راژ کہ بنہٕ۔ ژہٕ وَن پوٗز

پوٗز گرُ کتہٕ اوٗنتھن؟

ارجن :- ژہٕ یہ کیاہ تھتہ سپنو۔ گژھ ہہہ گرہ ہینہٕ۔ وُنہٕ چھےُ پژارن دوہد

لورِے۔

کنور :- ژہٕ چھکھ پننی شاہی وُنان۔ بہٕ پریژھان کیاہ تانی۔ ژہٕ وُنان اورہٕ

کےُ۔ اُمہ کتہٕ چھُم بوزنہٕ یوان نہٕ ژہٕ چھکھ ژوٗر۔

ارجن :- ژھعہ پیہ کر۔ ژیہ لوگتھ زیادہ بجواس۔ اگر گرہ نیوتھ ..... وٲلہ بوٲنتھ کھیمو۔

کنور :- میأنی کیاہ تأر چھہ۔ ئیکہ تو وئنی تو کہتھ پأٹھی۔

ارجن :- ژہ چھکھ لوکٹ تیر اندازی کیاہ زانکھ۔ لہذا کرو دٔب۔

کنور :- بہ چھس تیار ــــ ئیکو۔

( ارجن تہ کنور دٔب کران۔ آخر کنور ارجنس پاوس سپٹس پیٹھ
کھسان )

کنور :- وَن وونی کیاہ چھہ چون صلاح۔

ارجن :- مہاراج بس۔ شرن۔ بخشن چھہ دھرم۔

کنور :- ییلہ ژہ شرن آکھ۔ بہ ہیکہ نہ دھرمہ مریادا چھٹراوتھ۔
( کنور ارجنس گلس سیتی گنڈ کرتھ تھوان )

## سٔتم نظارہ

[ رازہ سند محلہ خان ]

رأنی :- ( داسی کن ) ہے داسی رازہ کتہ چھہ۔

داسی :- رآنی جی۔ تم چھہ دربارس منز۔

رأنی :- تیمن دپھنہ یوری ئین۔ مہ چھہ من سیٹھا ویاکل سپدان۔
( داسی گژھان۔ رازہ یوان )

رزہ :- ہے رانی کیاہ وجہ چھہ۔ ییمہ کنز چون من چھہ ہلین ہیو۔

رأنی :- مہاراج مہ وچھ از ویوکھت سوپناہ۔ ییمہ کنہ من چنچل چھم۔

رازہ :- سنسار چھہ سوپن مایا۔ ساری چھہ سوپن وچھان۔ ادہ کیاہ وجہ چھہ ژہ

ژ بہٕ چھُس یوٚت شوک ہیوٚتمُت۔

رأنی :۔ مہاراج شوک ہا ہیوٚژوم نہٕ۔ لیکن دِل چھُم وٕسی وٕسی گژھان۔ کیاہ تانی چھُہ ایشورہٕ بھاوی۔

راژہٕ :۔ کینژھہ پزہٕ نہٕ غم ہیوٚن۔ اَچھا کیاہ سہٕ پُن وُچھت۔

رأنی :۔ روٗدُم دِلُک صبرو قرار — یَنہٕ خاب وُچھم نیشدار

گأمِژ بہٕ چھُس ییژ بے قرار — بیتاب دِل گوم مسوٚ لے

سادھو زہٕ زن بہٕ راژہٕ دوار — بیچھیا منگان سیتؠ سنگ سار

وأنی تہٕ کوہ وَنہٕ کھ قرار — بیتاب دِل گوم مسوٚ لے

کُنُ پوترُ سنگ ہیوٚ کیُت اہار — مونگھہٕ ژایم لھرہٕ لار

بوزِتھ بہٕ کینژھہ سأنی دِلہٕ زار — کتہٕ بوزِہے اَدہٕ زارہٕ پار

بِھکھیا وُنِھ شَہ اَن کوژہے اہار — بیتاب دِل گوم مسوٚ لے

بِسمِل گیٚس وُچھِتھ نظار — نے تاب چھُم تے نے قرار

باوی چھہ کیاہ تانی بالہٕ یار — بیتاب دِل گوم مسوٚ لے

راژہٕ۔ ہے رأنی یوٚت سۓ اَسی دھرمس پیٹھ دِرلتھ تھاوِتھ چھ۔ تم کم اَنُت کلہٕ ییم اَسہٕ کُن اَچھ تُلِتھ ہیکن۔

رأنی :۔ مہاراج۔ دِل چھُم وٕسی وٕسی گژھان۔

راژہٕ :۔ پرٕیہ جی۔ فکر مہٕ کرِو۔ دَبے چھُہ داتا۔

( راژہٕ نیران )

## اَکہٕ ہِم نظارہٕ

( اَرجن وُنس منز کلس سیتؠ گنڈِتھ بأئی پانس سیتؠ کتھ کران )

ارجن :- افسوس - صد افسوس - اکی دوہ دِہ شرُی کوّرنس بہ مغلوب - گرُ تہ نیو نم - وونی کمہ بُتھ ہیکہ بہ راژہ یُدھشٹرس بُرونھ کنُ گژِھتھ - امہ نِشہ چھُ پنُن پان مارُن -

( خود کشی کرنی یژھان - سری کرشن مہاراج ظاہر سپدان )

سری کرشن :- بس ، بس - اے ارجن بس - یہ کیاہ کاریُن - یی شوُ بیا -

ارجن :- مہاراج تہُے چھوہ میانی رٔکھیک - سخت کھوہ تہ سختیہ منز چھوہ میانی سہایتا کران - مے سپُد اہنکار - یتھیمیک ثمرہ تُلان چھُس - وونی کمہ بُتھ گژھہ گرہ -

سری کرشن :- اے ارجن - ژہ کیا زہ ییہِ ہمت ہٲرِتھ - یی پزِیا - مہابھارت زنیتھ تہ مونگتھ نا ژہ پنُن پان بلوان -

ارجن :- مہاراج بوُ ہے اہنکار سپُدم - یتھیمیک یہ ڈنڈ چھُم - مہابھارت زیونوہ توہہ - تہُے چھُوہ میانی رٔکھیک - لیکن ییتھہ سمیہ ژاءوو تہُے ارجنس ماسے -

سری کرشن :- اے راژہ ژہ کیتھ پاٹھی توژے فکرِ زِ مے چھنہ چانی ماے ؟

ارجن :- مہاراج - تُہنز دیا اٗسِتھ کمُ سُند طاقت اوس مے کنُ اَچھ زِہ تُلنس -

سری کرشن :- میانِس بھکتس ؟

ارجن :- مے چھُنہ فکری تران - کیاہ بھکتو چھا توہہ میانہ کھوتہ ٹوٹھ -

سری کرشن :- ہے ارجنہٕ - ژہ چھکھ میون سمبندھی - امی کارنہٕ چھَے مے چانی ماے تہٕ محبت - لیکن بھکتی چھُ مے سارنے ہندہ کھوتہ ٹوٹھ - بلکہ بھکتن ہُند چھُس بہٕ غلام تہٕ نوکر -

بھکتنہٕ سُند چھُس بہٕ غلام و داس مان
بھکتی مانٕز میون دِل آرام جان

ارجن :- مہاراج اگر یرٛدھ بھگوتہ سینٛز پدٕوی چھےٚ - بہٕ تہٕ کرٕہٕ ہا تِنھٕس بھگوتہ سٕنٛد دٔرشُن - تہٕ پرٛیکھیا - کیاہ شہ چھا میانہٕ کھمہ تہٕ فرمانبردار -

سری کرشن :- ہے ارزنہٕ اکھ کیاہ شک چھُے - دوٗر کیازٕہٕ گژھو - اُمس رازٕہ سٕنٛز پریکھیا کرٕو - ییٚمہ سٕنٛدۍ پٔترٕ ن چھون گرٕ نیوٚ -

( دمہٕ وٕ سے سادھو بھیٚسٕس اندرٕ ریکہٕ وٕتٕہ نیران )

(غیر مطبوعہ)

# نیلہٕ کنٹھ شرماؔ

پنڈت نیلہ کنٹھ شرماؔ (زاسنہٕ ۱۸۸۸ء) ولد پنڈت شنکر ناتھ شرماؔ چھہ ساہنو حالے حیات بُزرگ ادیب تہٕ شاعرو منزٕ۔ شاعری منز چھہٕ یمہٕنزٕ کیتھہ خاص کتابہٕ — (۱) ترجمے شیو پران (۱۹۶۹ بکرمی) (۲) رامائن شرماؔ (۱۹۷۶ بکرمی) (۳) سُداما چرت (۲۰۱۲ بکرمی) نثرس منز چھہ یمو زٕہ ناٹک لیکھومتہٕ، اَکیک ناو چھُ 'بلبوا منگل' (۱۹۹۸ بکرمی) تہٕ دوٚیُم چھُ "سوہ پنہٕ واسہ وٕ دتا" — چھُ موشوٗر سنسکرت ڈراما نگار بھاسہٕ سندِس اَکس ڈرامُکس مرکزی احساسس پیٹھ لیکھنہٕ آمُت۔

ڈراما

مترجم:- پنڈت نیلہ کنٹھ شرما

# سوپنہٕ واسہ وِ دتا

(گوڈنکو کیتھ حِصہٕ)

[ گوڈنیک سانگ ]

زٕ نوکر:- ہے تیہٕ ریشو نیرِو سہٕ پیتہٕ جل۔

(گوسائیٚ شکلہ منز یوگندراین یوان۔ تہٕ اونتی دیشٕچ زنانہٕ ہندس پوشاکس منز چھ واسو دتہ اژان )

یوگندراین:- کیاہ پیتہٕ چھا دیان اسہ نیرن۔ کیا سنانہٕ ؟

( پتہٕ گیوان ) ؎

دِیار مد والان وُنہٕ مُرکھن

اَن زان کُنہٕ کتھ چھُنہٕ مَند چھن

تپ کرِہ وِنین پیمن تیہٕ ریشن

دیارِہ مدِہ ہٕرہٕ تھے گستا مت

زٕ اسہٕ چھُکھ ہاوان نیرِو نیرِو

آیس کیاہ سُنا کو سہٕ شامت

اَن زان کُنہٕ کتھ چھُنہٕ مَند چھن

واسوا :- مہارا ۔ یہ کُس چھُ دُپان اَسہ یینۍ نبر نیرُن ؟

یوگندراین :- ہے مہارٲنی ۔ یُس پانہٕ چھُ پرٛتھان پننہٕ دھرمہ نشہ نبر نیرُن ۔

واسوا :- میانہٕ وَنہٕ نُک مطلب چھُ یہ زہ کیاہ میٲنہٕ چھا یینۍ نیرُن ؟

یوگندراین :- ہے مہارٲنی ۔ غارٕ زٲنی اندر چھہ دیوتاہَن تہٕ پیوان یتھے پاٹھی موُدہ واسلے کرنہٕ ۔

واسوا :- وَنہٕ یکہٕ نکھ تھکتن دیُت نہٕ مہ تیوٗت تکلیف یوٗت یمہٕ موُدہ والیوٗ دِتُھم ۔

یوگندراین :- یہ رازٕ ہے چھے ژٕہ نہٕ ترٲوٕ مرٕ پتھ کُنہٕ ژٕہِتھ تہٕ وُچھتھ ۔ تمہ رکنہ گرٕتھ نہٕ فِکرَن منز گرٕتھن سَنہتھ تکیا زہ ۔

[ گیوان ۔ اکھ باٹھ ]

زٕ نوکر :- نیرو سہ ہے ۔ تِہنٛز ریٖشٕو یینۍ نیرو ۔

( گُنچکی ( خواجہ سرا ) اَژان )

گُنچکی :- ہیو سمجھ شکھا ۔ ییژٕ تیزی ماکرٕ ۔ یتھ پاٹھی چھا دُپان تیٚہ ریٖشٕن نیرُن ۔ وُچھ مہ کُنہٕ ۔ بوزِ

کیا زہ چھٕکھ لوٗکن پاوان ڈر   ہُنہٕ درنہٕ موٗون واسِن کرٕ

رازس ییچھ موہاں ژٕہے کھال   ترٲو مہ ہوشس کرٕ سنبھال

ٹھیچھ کُھتہ موکرٕ ترٲو چرٕ چرٕ   ہُنہٕ درنہٕ موٗون واسِن کرٕ

ییم یینۍ تیٚہ ہے چھہ تپ ساوان   کأنسہ ہُند بڈٕہ برٕ چھنہٕ ژالان

آے تِہنٛز پرٕتھ وَنسے اندر   ہُنہٕ درنہٕ موٗون واسِن کرٕ

ہمو ہمو ، ژمو نمو کرو انصاف   مُشکل حل بنی دِل صاف صاف

کھوژٕ کھوژٕ ، ژمو نمو کرٕوٕ انصاف   مُشکل حل بنی دِل صاف صاف

کھوژ کھوژ سنتھن، راٛمہ راٛمہ پٔر ہٕنٛز درنہ موون واتِتھن کرٕ

زہٕ کر :- ہے ست زنٛہ چون وَنُن چھُ بلکُل پوز۔

[ دوشوئے نیران ]

یوگندراین :- آہا۔ یٔتھس چھ بوٚد سپھٕٹاہ تیز تہٕ دیٛژارہ واجبن۔ ہے جہارائنی

دوہلہٕ پکھ اُمی سے نِش گژھو۔

واسوا :- مہرا۔ اَدٕ کیاہ۔ پکو گژھو۔

یوگندراین :- ( گنچکس نِشس نکھ وٲتتھ ) ہے مہ وَننہٕ یٔیتہٕ کیازہ اَسہ لوٚکن دپان

نیرون۔

گنچکی :- ہے تیٖہ رٮ۪شتی جی۔ بوٗزِو مہرا.......

یوگندراین :- ( پانس سٟتی ) ہے تیٖہ رٮ۪شہ۔ اُمی سُند مہ یہ وَنُن چھُ مہ کیٛت

فخر تہٕ جان۔ مگر بہٕ چھُسنہٕ پننہٕ خاطرٕ تیٖہ رٮ۪وش بوزنک عادی۔ اَمہ

کنہٕ چھُم نہٕ تیٖہ رٮ۪شہ وَنُن اُمی سُند خوش یوان۔

گنچکی :- ہے..... بوٗزِو مہرا۔ یٔتھس سائنس رازس بزرگو ناو کوٗرمُت چھُ

رازہٕ درشک۔ تہٕنزے چھ یٔیتہٕ بہنہٕ پدٕماوتی۔ بٮ۪نیہ چھ یتھ وَنس

منٛز سائنس رازہٕ سٟتۍ مٲج مہادیوی تپ کرنہٕ باپت آمژ۔ پہنٛدے درشن

کرِتھ تہٕ بٮ۪نیہ پہنٛز اگنیا ( حُکُم ) رٹِتھ گژھ پھیرِتھ یہ پدٕماوتی

رازہٕ دوارس منٛز۔ اُمی باپتھ کوٗر اَمہ اَز یتھ وَنس منٛز روزُن پسند۔

دوہٕنی گژِھو تہٕنٛدی سأری ( پٔتہ گیوان ) —

ہکہٕ پھیرِتھ اَندر وَنُن — بھیِہ تھاٗوِو مہ کانٛہہ منٛز منَن

چاو ہٕرِتھ مَن شودھ تھاٗوِو — فِکرہ تہٕ غم سأری ترٲوِو

تیپرتھ زُل تہُنٛد رۆزِو اَنَن — بھیٚہ بھٲگِو کانٛہہ منٛز مَنَن
ہُمہٕ پُرٛتھی اَرِنو زنےٚ — دیو دار ستےٚ اَگر ژٕندنےٚ
رنگہٕ رنگہٕ پوشہٕ کرِو بنَن — بھیٚہ بھٲگِو مہٕ کانٛہہ منٛز مَنَن
نارِہ بھٹِن پھیرِو ژوہ بأری — صاف اَرِنو تہُنٛد دھرہ بأری
گوڈِہ لوٗنی لوٗنی کرِو کھنَن — بھیٚہ بھٲگِو مہٕ کانٛہہ منٛز مَنَن

رازِہ سِنٛز کورِہ دھرمک چھِہ لوٗبے — اَمہٕ دھرمی سَدا پوٗلےٚ

یوگندراین:- (بأنی پانس سیٖتی) تی چھُ تی چھُ۔ یہ چھہ سوے مگدھ دیشُک کس رازِہ سِنٛز کور یہ پدماوتی یَس مُتعلق منٛز پوشپکٕ بدر بیترِ جوتشو وۆنمت چھُ زِہ یہ سپنہٕ سأرِنس رازِہ سِنٛز رأنی۔ اَمی کِنۍ ۔۔۔۔۔ (گژھوان)

واسوا:- (پانس سیٖتی) کیاہ یہ چھا رازِہ سِنٛز کور۔ یہ بوزِتھ سپُن مےٚ پریم اُمی سُند پننہ بیٚنہ ہندِ کھوتہٕ زان۔

(ویسہ سان تہٕ پننہ بَرِ وارِہ سان پدماوتی ہُند پرویش)

ویسی:- وُلو وُلو رازِہ کُمأری وُلو بہِو یتھ جایہ۔

(رازِہ درشنکہ سِنٛز مأجہ تپیشوری یعنی مہادیوی آسنس پیٹھ بِہِتھ نظر یوان)

تپیشوری:- (پدماوتی کُن) رازِہ کُمأری وارےٚ وأتِکھ؟

واسوا:- (پانس سیٖتی) ہو ۔۔۔۔۔ ہو ۔۔۔۔ یہ چھہ تمی ہیٚے رازِہ سِنٛز کور۔ اُمی سُند حُسن چھُ پانےٚ وَنان زِ بہٕ چھَس تھدِہ خاندانٕچ۔

پدماوتی:- (تپیشوری کُن) ماتا، نمسکار۔

تپیشوری:- ژٕ یہ ہیٚمنہٕ زیوٗٹھ آسے۔ وولہ وولہ کورِ مےٚ نِش بِہہ۔ تپووَن چھُ

آسان سارِنے گٔرِہ پنُن ہیوٗ۔

پدٕماوتی:- ماتا بہٕ چھس آرامس منٛز بہتھ۔ ......

واسوا:- (پانس سٟتۍ) ژھوٚرُے چھس نہٕ ٹُھنے یوت۔ کلامہٕ اُمہِ سُنند نہٕ پچھ
سٟٹھا موٗدُر۔

تپیشوٕری:- (پدٕماوتی ہنٛزِ وۄنِہ کُن) ہے بھدٕری! یٟمِس رازِہ بھدٕرٕ موٕکھ
ہنٛزِ بینہِ پدٕماوتی چھُناوُنہٕ کٲنٛسہِ رازِس سٟتۍ سپدان گنڈِہ واٹھ؟

وِپس:- اوٚہ۔ اوٚہ ماتاجی۔ رازِہ اکھ چھُ اُجین نگرُک۔ رازِہ پردیوت چھُس
ناو۔ سُہ چھُ پننِس سُنتانس یٟمِس سٟتۍ وِواہ کرُن یژھان۔ بلکہ
منٛزِم یارِس ہیچھ چھُ منٛزِم یور سوزان۔

واسوا:- (پانس سٟتۍ) ییہے چھُ۔ ییہے چھُ۔ آہا یہ سُپنہٕ وۄنی میہ پننی۔

تپیشوٕری:- بے شک چھُ یہ سوٕندر موٗرتی تعظیمس لایق۔ بوزان چھُس زِ دوٕ شوٗرے
چھِ ییم رازٕن ہندیو خاندانوٗ منٛزٕ بڑٕہ خاندانکو۔

پدٕماوتی:- (کنچکس کُن) ..... گژھ تنیہٕ رۄشن وَن زِہ مہربٲنی کرِتھ وَنن زِ
تِہمن کیاہ چھُ منٛظوٗر۔ یتھٕ اُمِہ بھاووکھ سُہ سورُے پیش کش
سٟتھاہ عاجزی تہٕ نرمی سان گژھیکھ وَنُن نِہ کمِس کِہ چیز چھِ یژھا
چھ۔

کنچُکی:- یِیلہِ تُہُنٛد حُکُم چھُ (پتہٕ کژٕکھ دوان تہٕ سارِنے بوزِہ ناوان)
ہے یتھ جنگلس منٛز روزن والیو تپہٕ ریشو، سُنیو یا سیو تُہیٕ بوزِو
وارِہ پاٹھی ییتہٕ چھُ سانِس مگدھ رازِہ سُنز کوٗر۔ توٕہہ لوکن ہسندِہ
درمہٕ وِیوہارِہ کنِہ توٕہہ ہیچھ پزھ تہٕ یژھ بھاوِھتہ ییٔ وَنان زِ یٟمِس

ییمِس بیٚنہِ یژھا آسوٚہ تہٕ بٲگراوٕت دِنہٕ خاطرٕ سیٹھاہ شرن ہینت
نمستزِن یعنے سوال کران ۔

[ گیوان ]

یوگندراین :- (پانس سیتّو) مُبارک ۔ مےٚ آیہِ وۄنی ییٚنہٕ مطلبُک کتھ وَننس وار
وۄہ پانے زونتھ "پیترٕ نٔنہ پٲٹھ وَنان ) ہے داتا ..... بہ چھس ......
پدماوتی :- خوش نصیبی رکنو سپُن مےٚ از تیٚہنزِ وَنس اندرین سفل ۔
تپیشوری :- ییٚتھ وَنس منز چھہ سارِی تپہِ رہشی خوش تہٕ آرامس منز ۔ مگر یہ چھُ
بیا کھے آمُت کُس تامت تی چھُ زانہٕ یوان ۔
کنچکی :- مہرا ۔ مُنگو منگو کیاہ چھوٚہ یژھان ؟
یوگندراین :- مہرا ۔ وارہٕ گژھہ بوزُن ۔ مےٚ چھ یہ بینہٕ پننہ سیتی ۔ یسُند بُرتھاہ چھُ
پردیشس منز گومُت ۔ میون عرض چھُ یہ زہ کینژس کالس روزہ ہے یہ
ییمِس رازہ کنیا یہ نش تاکہ ییمِس بنہٕ ہے رٲچھ ۔

[ گیوان اَکھ بٲتھ ]

واسوا :- ( پانس سیتی ) او .... ہوٚ ..... یوگندراین چھُ یژھان زہ یہ
تراوَن بہٕ ییمہ نِشہ نش ۔ گژھہ کوٚت ۔ کرہ کیاہ ؟ اچھا ........
مگر سونچنہ ورأے کرہ تہٕ یہ کانٛہہ کام ۔
کنچکی :- ہے رازہ کنیا ۔ بے شک چھُ ییمہ سُند منگُن سیٹھاہ نفنوٚد ۔ مگر کیتھہ
پٲٹھی ہیکہٕ یہ اَدہ سُند منگُن ترکیا زہ ۔
سٔہل بنیہ سُندِ سے دٔھنہ واپس کرُن چھے
سٔہل بنیہ سُندِ سے پژھ تہٕ پانہٕ مرُن چھے

تیکُ پھَل تہٕ کأنٛسہِ بێیِس دِیُن سٕہل کیاہ

سٕہل دِیُن چھُہ سورُے یہِ پرٛونُے وَژُن چھُے

اَما چھےٚ یہِ بیٚرکتھ ژٕہ بھاو وارہ اَتھہ کٔن

سێٹھاہ گروٗٹھہ بێیِہ شُند اما نتھہٕ رٕچھُن چھُے

پدماوتی :- مہرا۔ گۄڈٕ نی دِیُت اَسہِ یہِ صدا ہێیمِس یہِ گرٕژھ سٕہ تہٕ مٔنگو۔ وۄنی

گرٕژھ یِہ پتھ پھیرُن حان۔ یہِ اَمی سُنٛز یژھا چھےٚ وۄنی بێیِہ تی کرُن

کنچکی :- ژٕہ وۄنُت یہِ پننہِ مَنہٕ کہٕ سہزرٕ پزرٕ کٔنز۔

وِیس :- ہے رازہ کنیا۔ ژٕہ چھکھہ پُزٕ زِیار تێیز۔ مَنہٕ کٔنز صاف۔ آے اُمی سٕنے

تپیشوری :- نیک نیت چھکھہ۔ زِندہ روز !

کنچکی :- تی کرو۔ ہے رازٕ کنیا۔ اَدٕ کیاہ نی کرو (یوگندرایس نزدیک گٔژھتھ)

ہے سادھو جی۔ چأنی بہنہٕ پالیزٕ بہترٕنی مون سانہِ رازٕ کنیایہِ۔

یوگندراین :- بہٕ چھُس سێٹھاہ مشکور رازٕ کنیایہِ ہُند۔

(واسودتا یہِ کٔن وَنان) بہنز جگری۔ بہنز جگری گٔژھ وۄنی

رازٕ کمأری نِش روز سٕہ کھ پأٹھو۔

واسوا :- (پأمنی پأنس سیتی) آہا۔ اَچھا میون کیاہ پکہِ نتہٕ (پَتہٕ نٕسٕز پأٹھو

وَنان) اَدٕ بالیلہ ژٕہ صلاح زونُتھ۔

پدماوتی :- اَچھا۔ اَچھا۔ وۄلہ بہہ۔ سٕہ کھ سان۔ وۄنی سپنکھ ژٕہ اَسہِ پننی۔

تپیشوری :- یِہُند بُتھ چھُہ وَنان زِ بٕہنہٕ چھُس کٕہ یہِ تأنی رازٕ دأنی۔

وِیس :- ماتاجی۔ تہٕ چھوٕہ پزٕ وَنان۔ بہٕ تہٕ چھُس زانان زِ اَمہِ چھ پتھ کٔن

سٕہ کھکو دوہ وُچھمتو۔

یوگندراین :- ( پانس سیتی ) آہا۔ لہٕ تیوٚس یشانہٕ پیٹھ دوٚشمہٕ بور نصیف۔ یہٕ وزیرن سیٹھہٕ تدبیر اوس کوٚرمٕت۔ تی ہیتھ تہٕ انجام یُن۔ رازس پیٹھہٕ رازہٕ سی ہُند لاب بنہٕ تہٕ تیلہٕ نمن بہٕ واسوادنا تس برٛونٹھ کُن۔ اُمہٕ سینٛزہٕ سیزہٕ پزہٕ رٛچ گواہی دِیہٕ رازس برٛونٹھ کنہٕ مگرحق رازہٕ سنٛز کوٚر پدٕماوٕ تی تکبازہٕ

یہٕ وۅنمٕت جرٕتشوٗ آسہٕ پھل — یوان تی تی چھہٕ وُچھنس تل

رازہٕ اودیہٕ سینٛزی رأنی — تہمہٕ وُنی پٔرٕ یہٕ آسہٕ وأنی

سپنہٕ پدٕ ماوٕ تی جل جل — یوان تی تی چھہٕ وُچھنس تل

ذِلت یِیہٕ رازہٕ اُو یِنہٕ سے — نِنس راج دوکھ ہینٛس کمنہٕ سے

بنہٕ س کھین تیسہٕ تےٚ بل — یوان تی تی چھہٕ وُچھنس تل

بنٛہتھ وارسے نتان چھےٚ تی — تہمہٕ یی وۅن بنان پچھےٚ تی

یہٕ چھس ناحق گوٚمت بے قل — یوان تی تی چھہٕ وُچھنس تل

[ برہمہٕ چأری چھہٕ اژان ]

برہمہٕ چأری :- ( ہیور کُن وُچھت ) اُف! دُپہرٕ آو دوہ۔ وارِیاہ چھس تھوٚکمٕت۔ سیٹھاہ چھس پٔوکمٕت۔ کتیٛتھہٕ سنا چھہٕ تھکھ کڈنہٕ جاے۔ ( اورہٕ یور نظر دِوان ) اوٚہو۔۔۔۔۔۔ ژھوا پأری چھہٕ تیموٚرنی تیپۅن۔ آہا۔۔۔۔۔ آہا۔۔۔۔۔ ہا۔۔۔۔۔

( بأتھ گیوان وٕنِہ سمندرتا وُچھت تہٕ یی گیوان گیوان پوٚرہٕ وُنس منزواتان )

ہو ہو۔ یہٕ چھہٕ وُسلےٚ جایاہ۔ یتیٚتہٕ چھہٕ شہری لُکھ نہٕ (بییس طرفس کُن وُچھت) مگر تیٚہٕ ریشو نہٕ چھہ۔ سنیٚا سو سادھو

تہٕ چھہٕ۔ اور گژھہٕ نٕس منز چھُنہٕ ووٚنی کُنہٕ دٔوش (واریاہ نظر دِتھ) ہیٚو اُس۔ بێینہٕ چھہٕ زنانہٕ تہٕ۔ ......



(غٲر مطبوٗعہ)

# "گاش"

گاشُس — کأشرِ زبأنؠ ہُند گوڈنیُک اخبار — اوس ہفتہ وأرؠ نیران۔ اَمیُک گوڈنیُک پرچہ چھُ ۳۱، ساون ۱۹۹۷ بکرمی یہٕ دوارِ دوہہٕ دِرامُت۔ یہ اخبار رُود لگ بگ ڈوڈس ؤرِہؠ یس نیران تہٕ اَخرس سُپُد اخبار کاغذ جنگہٕ کِنؠ نایاب سپدنہٕ کِنہٕ بند۔

●

# "گاش" اخبارہٕ منٛزٕ کینٛہہ نٕمونہٕ

(ا)

[ "گاش" ژٕندر وار - ۱۸ بھادون ۱۹۹۷ بکرمی ]

"کشیرِ پیٹھ لوتہٕر تانٛ ییہٕ آیندِ ہوائی جہازن ہندِ ذریعہٕ ڈاک نٕنٛز تہٕ اَنٛنہٕ۔ بنییہ آسن لوکھ تہٕ یوان گژھان ہوائی جہازن ہندِ ذریعہٕ۔ لہاذا چھُ امہٕ خاطرٕ انتظام یوان کرنہٕ۔ اکھ "ہواگرٕ" ییہٕ پیر پنچال کوہس پیٹھ تہٕ بیاکھ دوٚمودر وُڈرٕ پیٹھ بناونہٕ۔ یمن سارٕنے چیزن ہُند خرچ دِیہٕ انگریز حکومت۔ کرایہٕ آسہٕ کشیرِ پیٹھٕ لوتہٕر تانٛ اَکِس سوارِ پانٛژاہ روپیہٕ ......"

(ب)

[ "گاش" برٛیس وار۔ ۳۱ کٕتک ۱۹۹۷ بکرمی ]

(۱) صفاکدلہٕ ژٕدل اکھ واتٕل پنٛژٕ نوش ہیتھ۔ پُلیس منٛز آو رپورٹ کرنہٕ وومید چھ زٕ پُلیس کڈِ یمن ہُند پتا فورن ......"

(۲) پتمہ ہفتس منٛز وُنُھو رزیڈنٹ، اسسٹنٹ رزیڈنٹ، انسپکٹر جنرل تہٕ ہیڈو صاحب ملاقاتہٕ خاطرٕ بڈِس میرواعظ صأبن گرٕ۔ میرواعظ صأبن دِژ یمن ضیافتہٕ چاے ......"

(ج)

[ گاش ———— ۱۴ر کتک ۱۹۹۷ بکرمی ]

" از پھانوٹھ انگریزن ہُند بوڈ بارہ سمندری جارہ جرمنیُک انگریزو کوّر اعلان زِ اُسہ کرو یونان والین ہُند مدد۔ انگریزو سوّزی واریاہ سمندری تہٕ ہوائی جہازہ بٔنیہ فوج یونان والین ہندہ مدتہٕ خاطرہ یونان کُس تہٕ اٹلی ہندس بٔنس ہیچھ سپیز زبردس لڑائے شوّروع۔"

(د)

[ گاشہ ———— ؟ ]

اکس زاونیتر کرہ ترییی رینتھ نیچھو۔ زنانہ وژہس "امس کیاہ کرو ناو ؟"

خاوند وونُس " امس کرو ناو ہوائی جہازہ "

زنانہ وژہس " تہٕ کیازہ ؟"

خاوند وونُس۔ " امہ کنہ زِ امی کڈ ترپن ریتن منز نون ریتن ہنز وتھ۔"

(ھ)

[ گاشہ ———— ۳۱ر کتک ۱۹۹۷ بکرمی ]

اسمبلی ہنز کاروائی ( اڈیٹوریل )

" عام مفادکی محکمہ چھہ محکمے تعلیم، شفاخانہ، سڑکات و تعمیرات وغارہ۔ محکمے تعلیمہ خاطرہ یوسہ رقم ییہس آیہ مقرر کرنہ یہ چھہ پتہ میو تمام وری یو کھوتہ زیادہ تکیازہ ییہس ہین وستھ نوہ مدرسہ بناونہ۔ ییہ رقم

تعلیمہ پیٹھ خرچ کرِتھ نہٕ چھُنہ سون مُلک وُنہٕ ہندوستان کین بێین مُلکن ہیٚو تعلیمہ منٛز تہٕ کیازِ گامَن منٛز چھِ زیادٕ لۄکھ وُنہٕ ناخوانده ۔ واریاہَن بڈٕین قصبَن تہٕ گامَن منٛز چھےٚنہٕ مدرسہ ۔ ........

شفاخانَن ہندِ خاطرٕ یوٚسہٕ رقم مقرر چھےٚ ۔ اَمہ منٛزٕ چھےٚ زیادہ گرٛھان خرچ ڈاکٹرن تہٕ ملازمن ہندِس تنخاہَس پیٹھ ۔ دواہَن تہٕ باقے ضرورتن پیٹھ چھُ کم خرچ سپدان ۔ تہٕ زَن گۄیی نہٕ انسان شفاخانَن ہندہ خاطرٕ ہیچھ منظور نوٚ لچھ نہٕ تیٚتہٕ ترٕ ساس روپیہ ۔ اَمہ پیٚتہٕ رقمہ منٛزٕ چھُ بیمارَن ہندِین دواہَن خوراکس تہٕ باقے ضرورتن پیٹھ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ سواد زٕ لچھ روپیہ خرچ سپدان ........"

# حافظ محمد عنایت

حافظ محمد عنایت چھ نہٕ مُحقق یا نقاد۔ بلکہ
ییمو چھ اکس عام انسانہٕ سندی پأٹھۍ دۄن بُزرگن
لل دید تہٕ شیخ العالم شیخ نورُالدین ولی رحؔ سندی
حالات پننِ خاص زبأنی منز بأوِمتۍ۔ ییم موختصر
ذات نامہٕ چھ کُنہِ حدس تانۍ تِمن کھٕتن تہٕ دلیلن
پیٹھ دٕرِتھ ییمہٕ زن ییمن دۄن بُزرگن مُتعلق عام چھ۔
ییمہٕ موختصر کتابہٕ چھ ۱۹۴۷ء برونٹھہ دین
محمد الیکٹرک پریس سرکلر روڈ لوہورہ کرتأنۍ چھپیمژ۔

حافظ محمد عنایت اللہ

# لل دید

## (ذات نامہ)

...... یتھ سأنس ملکس اندر چھ تمہ قسمچہ خودا دوس زنانہ گذریمژہ - یمہ پننس وقتس اندر سیٹھاہ مشہور تہ یکتا آسہ مژہ چھ. یہند ناو ونیک نام لوکن ہنزن زیون پیٹھ مشہور و معروف چھ - تمو منزہ کیہ اکھ للہ عارفہ یمس لل دید تہ چھ ونان - لل ایشوری تہ چھ ونان. لل موج تہ چھ ونان - امس چھ ہندی تہ مانان تہ مسلمان تہ۔

خاص سرینگر شہرہ پیٹھ چھ تو نام نومیل یمیتہ یہ عابد، تولد سپز مژ چھ - تتھ گامس چھ ونان سمپور سہ چھ پانپرس منتصل - تہ یہ چھ ننتہ اکس برہمنس اکہ سندہ نولد سپز مژ. مول اسندیس اوس سہ اوس زمیندار لیکن اوسودہ حال اوس - للہ عارفہ اس لوکچارہ پیٹھے نیکو کار - روشن خیال روشندل - صبحکہ وقتہ اسس پننس معبودس کن حسب عادت عبادت کران دوہس اس آسان عام زمیندار لڑکین ہندر پاٹھو زراعتچہ کامہ منز مشغول - یا چاروأے گاسہ کھیاونچہ کامہ منز مشغول - اسند سال ولادت چھ نہ معلوم ہے۔ ہاں امو سندہ ظہورک تاریخ چھ اکثر مورخن نش (سنہ ۷۰۰ ہجری) حکومت سلطان علاؤالدین علی شیر سندس زمانس منز - لیکن صحی چھ ۷۳۵ سنہ ہجری، چنانچہ

شاٲیق وغاٲرٕ تاٲریخ چھ تمہٕ پیٹھ شہادت دِوان۔

# شادی تہٕ خانگی تکالیف

لوٚپچے اُس وُنہٕ کہٕ ماٲلی ماجہ کوٗر اُمس بیٚتھر پانیرٕ اُکس برٛہمن
لڑکس سیٚتہٕ۔ اُمہ سٕندِس طبیعتس اوس لوٚکچارٕ پیٹھے پسند خاموشی تہٕ گوشہ
نشینی۔ اَمِس سُہُندِ تمِس کھاندارس سیٚتہ گوڈٕ پیٹھے اُنس تہٕ موافقت
تمِس اوس نہٕ دِوان ہرگز پانس نِش بیہنہٕ۔ پاکھے آیہ نہٕ باکھے گیہ تہٕ۔ غرض
کہ نتیجہ گیہ تھ سُہُند اُمہ سٕندِس دِلس پیٹھ جذبہٕ الٰہی۔ تاآنکہ دارٕ ہیٚنٛن
تعلقاتِ دُنیاہ ژٕٹنہٕ۔ مستی و استغراق ہیوٚتُن اُمِس پیٹھ غالب سپدُن۔
مُدتس اُکس تھوٚوُن یہ سرپوشیدہٕ۔

اُمہ سٕنٛز ہَش یوسہ اُس سوہ اُس نہایت ظالم تہٕ سنگدل۔ ہشہ
ہندی ظُلم چھ کشمیرِ اندر نہایت مشہور تہٕ زبان زدِ خلاٲیق۔ وٲرِو واتنہٕ پیٹھ
اُمِس مصیبتُن ہُند پہاڑ کلس پیٹھ۔ یہ سنگدل ہَش اُس اُمِس سارے ہی کامہ کرہٕ ناوان۔
تہٕ کرِتھ تہٕ اَسَس آسان ناراضے۔ بیلہ بتہٕ اُس اُمِس شیران۔ ہمیشہ اُس اکھ
زِلہ وَٹہٕ ہنا اُمہ سٕندِس بتَس تَل تھوان۔ یِتھہٕ زَن مولُم سپدِ کہ سیٚتھاہ ژھُنَس
بتہٕ شوٗرمُت۔ چونکہ للہ دید اُس سیٚتھاہ صابر تہٕ شاکر۔ یہ اُس حرفِ شکایت
زانہہ تہٕ زیوِ پیٹھ اَنان۔ بلکہ موکلت اُس یہ پننہ بانہٕ ہَن تہٕ کنہٕ ہَن چھٕلتھ
اُمِس ہَشہ برونٛہہ کنہٕ تھاوان۔

اکہٕ دوہہٕ اکہٕ کوٗر اُمہ سٕندی ہٕہرٕن پننِس کُستام رشتہٕ دارس یا
دوستس دعوت۔ کھٲٹھاہ مارہٕ نوٚوُن۔ للہ دید اُس حسبِ دستور یارٕ بل وَژھمٕژ

آبہ نیٹس - وپسو تہ ہمسائے بایہ وونہس ٹھٹھ پانٹھی کہ لل دید چھ انہ وازہ وان
نائر بتہ کھیون - اُسہ نہ تھاوی زہ ووہ نی بادرے - سو چھکھ جوابس اندر دنان ے

ہوونڈ ماریتن کنہ کٹھ

لل زلہ وٹھ ژلہ نہ زاہ

ہوونڈ ماریتن - کٹھ ماریتن - مہ کتہ رہی ژلہ سو پننہ کاچہ وٹہ
ہن - ہہر اُمی شند اوس کتبخنہ تام - تمو بوز یہ کتھ - دِلسے منز تھاون
تہ پتہ گو بتہ شیر نکہ وقتہ - اُمی سندہ بانہ منزہ کوڈُن کاچ وٹھ - پننہ زنانہ
کرِن نہایت فضیحت تہ بے عزتی - نوشہ ہشہ صداقت سپز س موکام -

اُمس ظالم ہشہ بڈیو زیادے اُمی شند حسد تہ عداوت طعنو
سپنتو تہ پاموسپتو چھ اُمی سندس اکھ چھوکہ لد دِلس زیادے نیش زنی کران
تہ نوان ترٛاوان - علاوہ ازیں چھ پننس نیچوس تہ تِس نہایت بے خبر اوس پننہ
زنانہ ہندیو حالاتو نِشہ برگشتہ خاطر تہ متنفر کران - اُمس پاک تہ پاکیزہ زنانہ
چھ نہایت شرمناک و حیاسوز افعالن کُن منسوب کران - ماجہ ہندہ تحریکہ اوس
یہ اُمی شند کھاندار اُمس عموماً خشم کران تہ لایان - لیکن یہ عارفہ اُمس
تمہ مقابلہ سیٹھاہ صبر و تحمل کران -

پانی کا اس کے سر پر معلق رہنا

اکہ دوہہ اکہ سوز اُمہ ہشہ یارہ بل آبہ نٹس - اُمس سپد تتہ
حالتِ محویت و استغراق غالب - دوہہ کہ کھوہ تہ گوس واپس پنس اندر تاخیر -
ہشہ بَر اُمس نیچوس کُن کہ وُچھ کر سوز یہ آبہ نٹس وُنہ ما آیہ واپس - پتھے
پانٹھ چھ دوہے مہ تنگ کران - یہ اُمی شند نیچو آو طیشس اندر - اُمس

کھوت سیٹھاہ خشم۔ ییلہ آنگنس اندر واٹھ لل دید آبر نوٹ ہیتھ۔ یہ ووتھ
اُمہ سُند کھاندار شرارتہ سان لۄرتھجن اتھس کیتھ تہ دڑن ژٹ اتھ نٹس
نوٹ پھٹ۔ کتر ارچہ ہینیہ پتھر وسہتھ۔ آب رود پیتھے پاٹھۍ امہ سندس
کلس پیٹھ معلق۔ یہ ولیہ خودا ژایہ پیٹھے پاٹھۍ گرہ۔ ییم بانہ گرس منز اُسِس
تیم گیِن امی آبہ سیتۍ لبریز تہ مالامال۔ باقی ییہ سہ آبہ ہنا پتھ کن روز سۄ
ژاوِن جوشہ سان دارِ کیٗنہ نیبر۔ ییتیتھۍ یہ آب ژووُن تتیتھۍ بنیوو بوڈ اکھ
تالاب۔ تتھ چھ وُنان لل تراگ۔ سنہ ۱۳۰۰ ہجری یس تانۍ اوس تتھ آب موجود۔
وُنی کیس چھ خوشک گومُت۔ وُنی کیس تہ چھ سیٹھاہ لۄکھ موجود۔ ییمہ اکھ
تلاوس اندر آب پانہ ہینو اچھو وُچھمُت چھ۔

ییلہ یہ کرامت اُمس نِشہ سرزد سپز۔ تمام قصبس اندر گیہ شہرت
لۄکھ ہیتِن جوق درجوق ییِنہ۔ مردن تہ زنانن ہند اعتقاد بڈیوو۔ پانپرہ دورِ
علاقو پیٹھ ہیتِن لۄکھ سمبنہ ییتھ پاٹھۍ کنہ مالس پیٹھ چھ سُمان۔ امہ برونٹھے
اوس اکثرن معلوم کہ یہ کمہ قسمچ صابر زنانہ چھے۔ اُمس کوتاہ صبر تحمل تہ برداش
چھ گرہ کین تکلیفن پیٹھ۔ اُمس کٲتیاہ ایذا چھ ہشہ ہندِ تہ کھاندارہ سندِ
طرفہ۔ تتہ پیٹھ کوتاہ چھ امہ پنُن سینہ وسیع کورمُت۔ وۄنی لۄگ امہ
سیتۍ وارہ پاٹھۍ لکن اندر امہ سندِ پاکدامنی ہند۔ نیکو کٲری ہند۔ سعادت
مندی ہند۔ زنانہ آسہ ییوان تہ امی سندِن کھورن بوسہ کران۔ یہ وُچھت
سپُد امہ سُند کھاندار امی سنز سۄ ظالم ہشہ ینِنہن ناہموار حرکتن پیٹھ
پشیمان۔ زونک یہ چھ مجذوبہ خودا دوس زنانہ۔ امہ سندِ دستہ دُنیاوی
کاروبار تہ کھانداری ییِیہ نہ۔ ژاوکھ ییتھے پاٹھۍ۔

یتھ لیہ ٹھکس ہند آمد ورفت بکثرت سپُد۔ روزانہٕ اوس خلقن ہُنٛد

ہجوم آسان ۔ لٕلہٕ دید گاہرے یہ بہٕ بنےیس ٹھکن ہنٛز مرجع ۔ سیٹھاہ سپدس

دِل تنگ ۔ کھیٚن تہٕ موٚٹھس ۔ چیٚن تہٕ موٚٹھس ۔ نیندرٕ تہٕ مُتھس ۔ ووڈٕ نئنی ۔ نیٚنہٕ

واٗرِ یے اشک ہاران ۔ تمِس محبوبِ حقیقی سندہ شوقہ پھیران ۔ نہ پرواے

شہینکٕ تہٕ رٕدِک نہ پرواے تاپکہٕ ۔ بادلِ بے تاب و چشم پُرآب اَکہٕ مأدانہٕ

ییوان تہٕ یتیمس مأدانس گژھان ۔ بعضے اوٚسس کھاندار رٕٹِتھ اَنان ۔ بعضے

اُمِس سعہ مِش گژھان تہٕ خوشامد و دلدہی کرِتھ واپس اَنان ۔ لیکن تمہ

سُند جواب اوس صرف ؎

آں کس کہ ترا شناخت جان را چہ کنُد

فرزند و عیال و خانمان را چہ کنُد

دیوانہٕ کنی وہر دو جہانش بخشی

دیوانہٕ تو ہر دو جہان را چہ کنُد

# گروٗجی یَس سیتی ملاقات

سیدھہ بوے یُس گُرو اوس لَل دیدہ ہند بعضے اوس شے

ییوان اُمِس نِش یا یپہے اُمِس گژھان توٚت ۔ کھاندارہ سندہ تحریکہ کنی، سُہ

اُس اُمِس گورس وَنان کہ یتیمس کرِ تہٕ نصیحتھا، تاکہ یہ پھیرہٕ ہا اُمہ حالہ نشہ

اَکہ دوہہ آو یوٚہے گرو لد عارفہ ہُنٛد گرہ ۔ تمہ سُند کھاندار تہٕ اوس اَتی ۔ پانہٕ

تہٕ اُمِس اَتی تہٕ یہ گرو تہٕ ۔ زیرِ بحث اُمِس یہ کتھ کہ ———ــل ساروے

گاشو کھوتہٕ کُس گاش چھُ جان (۲) سارِوے تیٖرتھو (یعنی اُستانو) کھوتہٕ کُس
تیٖرتھ چھُ جان (۳) سارِوے رفیقو کھوتہٕ کُس رفیق چھُ جان (۴) سارِوے چیٖزو
کھوتہٕ کیتھ چیٖزَس منز چھُ زیادہ دِلکُ آرام۔

تمہٕ پتہٕ ووٚنُتھ اُمی سُند کھاندار گوڈٕ تہٕ تمی دوپ ؎

چندرس ہیوٚ نہٕ پرکاش کانٛہہ    گنگہ ہیوٚ نہٕ تیٖرتھ کانٛہہ
چندس ہیوٚ نہٕ باندو کانٛہہ    رنہٕ ہیوٚ نہٕ سوکھ کانٛہہ

لل دید صاحب چھ بوزان۔ تمہٕ کوٚر یہ مضموٗن یتھہٕ پاٹھی ادا ؎

میٚیس ہیوٚ نہ پرکاش کانٛہہ    پیٚیس ہیوٚ نہ تیٖرتھ کانٛہہ
دَیس ہیوٚ نہٕ باندو کانٛہہ    بیٚیس ہیوٚ نہ سوکھ کانٛہہ

یہ بوزِتھ سیدِ ک ساری لاجواب۔ اَتھ اندر اُسی عارفانہٕ نوکتہ صوٗفیانہ رموٗز۔ یتھی یتھی کلام سیدک داریاہ کٕنہٕ اُمس گروٗ جییس سیتی۔ اُمی سنزٕ یمہ بُلند پایہ و اعلا کتھہٕ بیٚیلہ بوزان اُسی۔ اد اوس نہٕ تمن طاقت تہٕ جُرتھے روزان اُمس سمجاونس پیٚٹھ۔ یا اُمس بند کرنس پیٚٹھ۔

اِضطراب و قلق اوس تس روز بروز بڑان۔ آخر ژٕھنن اَکہ دوہہ اَکہ پلو ژٕٹِتھ۔ دژایہ گرہ دیوانہٕ سندِ پاٹھی۔ بیابانن تہٕ غارٕ آبادین اندر ہیوتُن پھیرُن۔ خطرناک گوپھن منز ہیوتن بہن۔ کوہستانکین تمن درن اندر یتیتہٕ بڑین بڑین دِلاورن لرزے جان اوس آسان۔ گذرٲوُن سیٹھا شب ہاے دراز جنگلی پھل یا میوہ اُس غذا بدلہ کھیوان۔ اگر نے ریتہٕ ہنہٕ ہیس تیلہ اُس کنہٕ سبزی یا گاسس پیٚٹھ گذارہ کران۔ انسانن ہنٛز شکل اُس نہٕ وُچھان، جانورن تہٕ درندن ہنٛز آواز سیتی اُس پنُن دِل گرماوان۔

# بُتخانہ کِس برہمنس سٟتؠ ملاقات

سِدھ شری کنٹھ[۱] اوس پانٛپرس اندر موشوٗر اَکھ برہمناہ اَکھ۔ تمۍ

اوس پانٛنس مکانس اندر اَکھ بُت خانہٕ اَکھ بنوومُت۔ اَتہٕ اوس شُہ پاٹھۍ پوٗزا کران

اَتےٚ ژاپہٕ اَکہٕ دوہہٕ اَکہٕ للہٕ عارفہٕ بلکُل عُریان تہٕ تن برہنہ مژاہ اَکھ ہش۔

اَمۍ برہمنن ییٚلہٕ یہٕ ننگےٚ وُچھ۔ اَمۍ ژوو کلہٕ بوٚن کٔرٕ۔ اَچھ ہقاوِن وٕ ہِتھ۔ للہٕ

عارفہٕ ووٚنُس کہ اے ہیٚوقوفہٕ ژٕ یہ کتھ بیٚہِتھ چھُکھ۔ پنٕنِس پانس سدھہ یعنی

وٕلی ناو ہقووُمت۔ وُنہٕ چھُکھ اَچھن شار پھر۔ اَکِس چھی ژہٕ پوان بوزنہٕ۔ نظرٕ ہندہٕ

فتوارہٕ سٟببہٕ چھُکھ پروردگارہٕ سٟندِس وٕجوٗدس گرا مرد وٕنان تہٕ گرا زنانہٕ۔ ژٕہ

یہٕ وُچھان چھُکھ تہٕ چھُ سورُے تمۍ سٟندُے۔ کونہ چھُکھ وُچھان اَچھ مژرٲوِتھ

کونہٕ چھُکھ وُچھان اَچھ بٔند کٔرِتھ۔ ژٕ یہ چھُکھ نا بوٗزمُت کہ خدائے پاک

کیاہ چھُ وٕنان ؎

| | |
|---|---|
| بہر طرف نگری صورت مرا بینی | اگر بخود نگری یا بسوی آں شر و شور |
| ز احولی بگریز و دو چشم نیکو کن | کہ چشم بد بود امروز از جمالم دور |
| بصورت بشرم ہان وہان غلط نکنی | کہ روح سخت لطیف است و عشق سخت غیور |

برہمنن ییٚلہٕ یہٕ اَمۍ سٟند کلامہٕ بوز۔ مبہوت و متحیر گو۔ تمہٕ پتہٕ وُژھ

للہٕ عارفہ ہیوٚتُن ییمن پتہٕ لین پیہِتھ حاجت بشری قضا کرٕن۔ برہمن دوٚپھس

ہا۔ اَسحقان۔ اپشرسنز جاے۔ خدایہ سٟند نظر بگاہ۔ اَمہٕ دوٚپھس اوٚرہٕ ہا وتم

---

[۱] سدھ شری کنٹھ تہٕ سدھ چھ بوے اوس گٔنے شخص۔ ییم ژہٕ انسان

زانٕنی چھُ غلطی۔ (مُرتب)

سو جاے ہیتھ نہ اپنس رینز جاے آسہ ۔ ییتھہ نہ سہ وچھان آسہ ۔ برہمن سپُد یہ بوزتھ لاجواب ۔ بے اختیار ژجس کرتھ نیبر ۔ تمہ پتہ پیو پتھر وسِتھ ۔

## کشیرِ ہندس شہزادس سیتی ملاقات

سنہ ۷۴۰ ہجری یس منز ہیوتھ سلطان علاؤالدین علی شیر یس بڈ بڈی ۔ بب اوس بڈشاہ صایبُن بننس ماُلِس سُلطان شمس الدین نہ مرنہ پتہ ہیوتھ کشیرِ ہندس تختس بیٹھ ۔ تمس اُسی زٕ نیچوِ ۔ شہاب الدین تہ قُطب الدین ۔ شہاب الدین زیٹھ ہیو نیچوٕ یُس ولی عہد اوس ۔ سُے گو اکہ دوہہ اکہ جنگلس اندر شکار کرنہ خاطرہ ۔ اتھ وقتس اندر اُس للہ عارفہ جنگلن تہ ماُدانن منز پھیران ۔ اُمس شہزادس سیتی اُسی ترٛیہ ژٕنی ملک چندر ۔ اودش راول اختاجی ۔ شاید ژیشس اُسکھ لگو مژ ۔ اُتھی تلاشس اندر اُسی اورہ یور پھیران کہ للہ عارفہ دژایہ اکہ کوہہ درہ اندرہ ۔ پیالہ اتھس کیتھ ہیتھ ۔ ہوا مس کُن کوٚرُن اتھ دراز کہ پیالہ آو دوہدہ سیتی برتھ ۔ دوپنس وولہ یہ چیہ ۔ شہاب الدینن ووٚن کہ یہ چھہ کیاہتام مہربانی خوداہ ۔ تمی کوٚر بسروچشم قوبوٗل ۔ تُلُن تہ چون ۔ ہنا روٗز باقے ۔ دچھنہ کنہ اوس اُمس بہتھ اودش راول سہ چیو تمی ۔ پتھ کُن یہ کینژہ اوس بچوو سہ چیو ملک چندرا ہن اختاجی سندہ خاطرہ روٗد نہ کہیں ۔ للہ عارفہ آو اُسُن ۔ دوپنس "اے شہاب الدینہ اگر سورُے پیالہ چیہکھ تمام دُنیہک پادشاہ بنہکھ ۔ تہ بنہی ژہ ینہ بیبہ کاُنسہ پادشاہس بنیومُت آسہ ہے ۔ خاُر سیٹھاہ شہر ییدن چانہ اتھ فتح ۔ اودش راولس کُن کوٚرُن اشارہ کہ یہ بنہ چون وزیر ۔ ملک چندرا

بکتہ چون سپہ سالار۔ پہندرہ دستہ پن بچہ بچہ کامہ۔ لیکن یہ اختاجی ییمو لوب نہ ییمہ منزہ کانھہ حصہ۔ زانو کہ امو سنز عمر چھہ ژھوٹے مژ۔ گرہ واتنہ بروٹھے چھہ اُمس مرُن۔" بہرحال ییلہ اورہ واپس آیہ۔ وتی موُد اختاجی۔ یمن سیّد تصدیقن کرامات۔ پننین بشارتن رودی انتظار کرنہ۔ آخر سیّد سلطان علاؤ الدینن انتقال ۷۶۱ ہجری یس منز۔ سیّد تیمی ورِی پیہ سلطان شہاب الدین تخت نشین اوردش راول سیّد وزیر۔ ملک چندرا سیّد سالار۔ یہ تیمہ عارفن وونمت اوس تی بنیوو۔

# سیّد جلال الدین بخاریس سیتی ملاقات

شاید ۷۴۳ ہجری یس منز آے حضرت مخدوم جہانیان سیّد جلال الدین بخاری رحمۃ اللہ علیہ بمقام کشمیر۔ للہ عارفہ اوس تیمہ وقتہ سیٹھاہ شوق زبرتھ کہ تس گوژھہ مرشدِ کامل حاصل سپدُن۔ سیٹھاہ اُس کوہ و بیابانن پھیران کہ لبن نا بہ کانھہ مردِ خدا یُس میہ خضرِ راہ سپدِ ہا۔ یُس میہ پننس حقیقی محبوبس نش واتناوِ ہا۔ سیٹھاہ چھہ اظہار افسوس و بے مایگی کران پننین کاشرن واکھن اندر۔

ییلہ خبر بوزن پہندرہ ییتِھ۔ بیتاب گیہ۔ پکوَ لاگتھ نالہ۔ سٹن منزِلن دور بیہ پہندرہ استقبالہ خاطرہ نتہ دارے یوتام ملاقات سیّدس تیمن سیتو بمقام ہیرۂ پور۔ چنانچہ پانہ چھہ للہ عارفہ فرماوان پننین واکھن اندر ییمیک مضمون یہ چھہ کہ :-

"تھندِ پن پایے مبارکن آسہ تسمہ دار نعلین لاگتھ۔ میہ کوز

تِتھ سیتی سجدٕ. تہندٕ اَمہ نالٕہ نِچ گرد لاگِتھ مے پننِس

اُچھن سۆرمہٕ بدل. مہربانی کٔرِتھ زٕ تِمہ پتہٕ نَلکھ رٕمیوٗن

کلہٕ پننہِ پاپے مُبارکَو پیٹھ تھوٗد. پانس بُرونٛٹھ کِنہ

بِہِہ ناوُہس. تِمہ پتہٕ آیس تِمنے سیتی نِنہٕ وارٕ رِ

واپس. پننہٕ دستہٕ مُبارکہٕ سیتی بناوِکھ کینٛہہ کھانہٕ رٕمہٕ

تہٕ کٔرِکھ تِمہ مَنزٕ مہربانی. پننہ دوٗپ ہم. "ووٗتھ اَے

للہٕ عارفہ نِجرٕ گژھو. فلانی تاریخہ سپدٕ تتہٕ تولد

مخدوم شیخ حمزہؒ یمس محبوب العالم آسن وَنان."

تِمہ پتہٕ گے نِجر. تِتھند سِتارٕ وُچھکھ سارِنے سِتارن

ہِنٛدٕ کھۄتہٕ بُلند روشن تر تہٕ نوٗرانی. بیٚیہ آیہ توٗرٕ

واپس. برکۆہِ ماران سپدُس تلقین مراقبہ حاصِل

از حضرت مخدوم جہانیان. فرموہس تِمَو چون قلق و

اضطراب سپدٕ جلدٕے دوٗر. چانی رہنما تہٕ مُرشد حضرت

سیّد حسینؒ سمنانی واتہٕ عنقریب کشمیرٕ یُس ژٕنہٕ رُوحانی

کمالاتَو سیتی منزلِ مقصوٗدس واتہٕ نادِی."

# سیّد حسین سمنانی یَس سیتی ملاقات

سنہ ۷۷۳ ہجری یَس منز سپدۍ حضرت سیّد حسینؒ سمنانی وارد کشمیر. یِم

اُسۍ آمۍ اسلام سندۍ پتٕرۍ برادر. شاہ رکن الدین عالم صاحبٕنۍ مُرید. حضرت

مخدوم جہانیان سندۍ پیر بائج. تِمہ وقتہٕ اوس بادشاہ یِتہٕ سُلطان شہاب الدین

ییٚلہِ تشریف اوٚنک کھٕلہِ گامس منٛز سیپدِ قیام پذیر۔ مگر کٔرکھ تربیت ظأہری و باطنی۔ بالآخر کوٚرکھ انتقال تہٕ تنتھ۔ ییٚلہِ للہٕ عأرفہ پہنٛدہِ پیٚنٛچ خبر بوٗز۔ وار پہٕٹھ منٛز کٔرن کوٚرن استقبال۔ بے خودی سٕتی پزٔس پأدٕ۔ ذوق و شوق ہُرِیوس۔ روٗحأنی فیوضو سٕتی تہٕ معأرف و اسرارو سٕتی سپُز مستفید۔ غرضیکہ بالآخر سپُز ظأہری و بأطنی پہٕنٛزٕ مُرید خاص۔ عجیب زنانہٕ چھ اُسمٕژ۔ طریقتکین مشہور و نام آورہ مردن اندر چھُ اُمس درجے اختصاص۔ گویا زن اُس ولی مادرِ زاد لیکن باایں ہمہ دِیت اُمس صوفیائے کرامن ہنٛدی صوحبتن جلا بر جلا۔

## سیّد علی ہمدانیس ؓ سٕتی ملاقات

حضرت امیر کبیر میر سیّد علی ہمدانی رحمتہ اللہ علیہ۔ تیم سپدی تشریف فرمأی کشمیر اوائیل تخت نشینی سلطان قطب الدین۔ یعنی ۷۸۱ ہجری۔ ییٚلہِ بہٕ رِوایت صحی بمقام خان پور تیم وأتی۔ یہ چھ مرتیٚنگرس تہٕ ہیپرہ پورس درمیان۔ اُمہِ وقتہٕ اُس للہٕ عأرفہ عُریأنی ہنٛدِس عالمس منٛز مجذوبانہ رنگس منٛز پھیران۔ کأنسہِ نِشہِ اُس نہٕ سترکران۔ ییٚلہِ وُچھن حضرت سیّد علی ہمدانی اورہ یوان۔ تنبہ لے یہ اورہ نہٕ یور ہیوتُن ژلُن۔ پننہِ پان ہیوتُن پوشیدہ تھاوُن۔ اَکِس وُکاندارس گیِٔہ۔ دوٗپ نَس میٚہ دِتہٕ کینٛہہ پلوہ ہنا۔ بہٕ کرہٕ پانس ستر۔ اکھ مرد، خدا اکھ چھُ اورہ یوان۔ اُمس نِشہِ ستر کرُن چھُ فرض۔ تمہِ دوٗپُس از تأنی کونہٕ کوٚرُت کأنسہِ نِشہِ ستر۔ دوٗپ نَس از تانی گٕژھ یہ میانہِ نظرہِ تل سارِہی زنانے زنانہٕ۔ مرداہ وُچھُم نہٕ کانٛہہ۔ وُنی کیٚس چھُم اکھ مرد خدا نظرِ یوان۔ بہٕ زانُن یہ تہٕ یہ زانہٕ میٚہ۔ ییٚلہِ زیادہ اضطراب سپُدُس۔ اَکِس کاندرِ وانَس منٛز ژائِیہ۔ دُزہ ورنَس تنوٗرس

منز دِژِن ووہلہ۔ کاندرٕ و ہھوو خوفہ سیٹھا تنٕہزِس ہٹان ۔ للہٕ عارِفہ کوٚڈ ٹھک آلو کنہٕ نیر۔ یکدم دژایہ تنورٕ منزٕ بہشتی سبز جامہ وٕلِتھ خوش و خورم مزین و مستور۔ اَمہ پتہ کوٚرُک عالم مراقبس اندر دوہشہٕ وٕے سیر ناسوت و ملکوت و جبروت و لاہوت حتیٰ کہ عرشہٕ مجیدس پیٹھ تہ واتی۔ بل آخر ہیوٚتُکھ اکھ اَکس روخصت۔ اکھ اَکس نِشہ کوٚرُک طلب دُعا۔

# مذہب!

تاریخ چھہ ساری شہادت دِوان کہ یہ چھ ہندو گرٕ ہسے اندر ذاہِرٕ تہ بڈیمٕز تہ۔ ہندو گرٕ ہسے اندر باگِہ تہ آہِژ۔ لوکچارٕ پیٹھ ہندو تہ بیتھی وُچھہژ۔ نیتھرٕ پتہٕ یئیلہٕ اَمہ ترکِ دُنیاہ کوٚرُک۔ اَمی سندِن خیالاتن اندر سپُد انقلاب عظیم پادٕہ۔ ہندو مسلم تمیزِ ے رُود نہٕ اَمی سندِس دِلس منز۔ مُسلمان محلسن منز لوٚگُس آمدرفت۔ ووہتھن، بہن۔ مسلمان بزرگن کرِن استقبال۔ تِمن نِش کرِن استفادہٕ رُوحانی۔ کانہہ حجاب تہ کانہہ روک سپدیوس نہٕ۔ لہذا چھہ گژھ اتھ شش و پنجس اندر۔ ہندو چھہ ڈیان کہ یہ اُس آخری دمس تانی پننِس مذہبس پیٹھ قائم۔ یا کم سے کم مُسلمان سپیز نہٕ۔ اگرچہ مسلمان بُزرگن ہندس صوحبتس اندر واٮ۔ تِمن نِش کوٚرُن استفادہ استفاضہ مسلمان چھہ ڈیان سیّد حسین سمنانیس نِش کوٚر اَمہ قوبوٗل اسلام۔ سو اَس اُمس بیر۔ چنانچہ حضرت مخدوم جہانیان سیّد جلال الدین بُخاری یئیمہٕ وقتہٕ للہ عارفس سیّد حسین سمنانیہ سندہ پنچ خوش خبری چھہ دِوان۔ فرماوان چھس سُے ہاوی ژٕ بہ راہ راست۔ سُے واتہٕ ناوی ژٕ بہ منزل مقصوٗدس۔ علاوہ ازیں چھہ ناممکن کہ پتھو ہی صوفیاے کرام آسہن اُتھ وقتس اندر۔ مثل حضرت سیّد حسین

سمنانی، حضرت مخدوم جہانیان ۔ حضرت بانی مسلمانیؒ ۔ یہندیو کمالاتو سیتی کیاہ آسہ نو
للہ عارفہ[1] پیٹھ کانہہ اثر کورمُت۔

ہندو مذہبس اندر چھُ لل دیدہ بوڈ درجہ ۔ یہ اُس نہ تناسخس قائل یعنی
جنم نہ اُس مانان ۔ دپان اُس میہ چھ رتیہ کتھ نظریان ہمو بہ ییمہ بروٗنٹھ گوڈنکس
جنمس اندر اُسس وُنان ۔ یا این ہمہ اُس تمہ سنز خاہش یہ کہ بہ گژھس نہ بییہ کُنہ
خاص جنمس اندر پاَدہ سپدنی ۔ بلکہ گوژھہ میون وجود فنا فی اللہ سپدُن ۔ للہ عارفہ
اُس بُت پرستی خلاف ۔

# للہ عارفہ کرامژ

بے شمار کرامات چھ ہیندی تہ مسلمان اُمس کُن منسوب کران ۔ چنانچہ
دزہ وزنس تنورس اندر وہ لٹہ دنی ۔ تورہ زندے نیرن نوی کپرہ لاگتھ یہ چھ اکھ
بوڈ کرامت ۔ پتھے پاٹھو چھ بییہ اکہ دوہہ اکچ ذکر کہ شخصا اکھ اوس ذکر نفی
و اثبات کران کلہ پتھ بوں والان تہ ہیور کھاران ۔ للہ عارفن پرژھس ۔ "یہ
کیاہ چھکھ کران ۔ تمہ دوپس 'نفی و اثبات' ۔ تمہ دوپس ۔ کیاہ یوہے گوو 'نفی و
اثبات' کرُن ۔ تمہ دوپس ۔ اَدہ کیاہ گو 'نفی و اثبات' ۔ لل دیدہ اُسی ٹاکی نزہ اُلٹس
کنیتھ ۔ اکھ تھوُن کھورن تل بیاکھ کلس پیٹھ ۔ پورُن 'لا الٰہ' باآواز بلند ۔
ٹاکی میلی اکھ اکس سیتی پانہ گے ہمہ نے منز غائب ۔ رژھہ ہتا گیہ بوزکھ آواز
'الااللہ' ۔ گیہ ٹاکی نزہ الگ الگ ۔ لل دید سپز بییہ پاَدہ ۔
اکہ دوہہ اوس جنگلس اکس اندر پہتھ ۔ سیہس بییہ دوَر اُمس پیٹھ

[1] مطلب چھ بیتین شاہ ہمدان

نظر۔ یہ آو خشمہ سان دوران۔ ییلہ اوتن ووت تہٕ سٕیُد سرد اٚمہٕ خشمہٕ نشہٕ۔ کلہٕ
ترٛووُن اٚمی سٕندین کھورَن تل۔ لوٗگ اظہارِ عاجزی کرنہٕ۔ للہٕ دیدہ کرِیس اکھ نظر تہٕ
رٹیوٚت سٕیُد اٚمس اندر جذبہٕ و استغراق کہِ گاو اُمس یوان تہٕ اٚمی سٕندس کلس سیٚتی
کران تکیہ۔ اٚمس اُس نہٕ خبرے آسان۔

شیخ علی صاحب برادر حضرت محبوب العالم قدس سرہٗ فرماوان کہ بہٕ اوسُس
اکہِ وقتہ اکہِ معتکف شہرہٕ دوٗر ژھوٚن دوہن ہنزٕ وتہٕ اکس جنگلس اکس اندر۔ اکھ
ضعیف زنانہٕ آیہ میہٕ نِش۔ دوٚپنم بہٕ چھس چاٲنی روٗحانی بینہٕ للہٕ موج۔

بٮ۪یہ فرماوان کہ بہٕ اوسُس اکہِ وقتہٕ اکہِ پیرہٕ سٕندِس تلاشس اندر عین
طلبس اندر اوسُس تہٕ اُتی گیہٕ پادہٕ للہٕ عارفہٕ۔ دوٚپنم بہٕ چاوتھ ژہٕ استغراق
و مستی ہُند اکھ پیالہٕ۔ یٮ۪تھہ سیٚتی ژہٕ بلکل مخدوم شیخ حمزہ بنکھ یُس چون
مرشد چھُ۔ اُتی گیہٕ غائب۔ بہٕ ڈیُوس اکس لاسٲ حل محویت و استغراقکس
درِی یاوس اندر۔ خبرے چھم نہٕ کینژھ۔

اکہِ دوہہٕ اکہِ اُسی جناب حضرت محبوب العالم سلطان شیخ حمزہ قدس
اللہ سرہٗ سجادس پیٹھ بِہِتھ۔ مشغولِ عبادت۔ خلیفہٕ اُسکھ بِہِتھ اندی اندی۔
کمال ذوق و استغراقس اندر چھہٕ۔ اُتی ژایہٕ عجیب ماچھ تُلراہ اکھ۔ ییٚہے آیہ پیرس
کُنُ۔ اٚمہٕ کوٚر سیٚٹھاہ درد و سوزہ سان نالہ و فریاد۔ حتیٰ اکہِ نہایت رقت پیٚٹھ پٮ۪مُن
زَن آو شدید زخم یہندس دلِ مبارکس۔ پتھ پٲٹھی چھ وَدان کہ اٚمی سٕنزہٕ آوازہٕ سیٚتی
زَن اُسی ساز وَزان۔ یژکال کوٚر اٚمہٕ تُلرہٕ نالہٕ زنی۔ سوز و گداز۔ پیر سٕیُد بٮ۪یہ سے
حالس سیٚتی محو۔ تمہ پتہٕ ڈرایہٕ ییم تہٕ آیہ بہ ہوش۔ خلیفو کوٚرکھ استفسارِ کیفیت۔ فرموٗوکھ
یہ اُس للہٕ دیوانہٕ۔ یہ آیہ پننی حال کوٚرُن میہٕ نِش اظہار۔

# "کأشر مسلہ کتاب"

وُہمہ صدی منز یمہ دین تہ مذہبس سیتی واٹھ
تھاوَن واجنہ کتابہ لیکھنہ آیہ تِمَن منز چھ "کأشر
مسلہ کتاب" زیادہ پرأنی مانِنہ یوان۔ وَنَن والین ہُنز
وَنُن چھُ یہ چھَ ۱۹۰۰ پیٹھ ۱۹۴۸ کس وَقتس منز کرنام
لیکھنہ آمژ۔ مگر اَسہ ہیتہ کِنہ اصِل وَری مولوام سید محمد۔
"شرح محمدی" (موسوم بہ 'کأشُر مُفتی')
چھ اَمی کتابہ ہنز ترقی یافتہ شکل مانِنہ یوان۔ یہ کتاب
چھُ ۲۵۰ صفحَن پیٹھ پھیلتھ تہ سیٹھاہ جان پأٹھۍ
ضروری ضروری مسلَن پیٹھ پرکاش ژھاوان۔
یتہِ تِنہ چھ اَسی "کأشر مسلہ کتابہ" منزہ کینہہ
صفحہ پیش کران۔

"کاشِرِ مسلہٕ کِتابہٕ" مَنٛزٕ

# حجکۍ مسائِل

سوال:- حج کیاہ گو؟

جواب:- حج گو بیت اللہ شریف کہ زیارت کرنک قصد کرُن۔ کینٛژن خاص عبادژن ہِنٛدٕ پورٕ کرنہ خاطرٕ۔

سوال:- یہ کَس چھُ آسان کرُن؟

جواب:- تس یَس تورٕ یورٕ سوٚتٕب خرچ آسہ۔ علاوٕہ ازیں گژھِس عیالَس تہٕ گرٕ کافی خرچ روزُن۔ مریض گژھہ نہ آسُن۔ خوفِ دُشمن یا بێیہِ کُنہِ قسمک فِتنہ وو ہتنک خوف گژھِس نہ آسُن۔

سوال:- بیمارِ ہِندِ سببہٕ ہێکیاہ پننہِ طرفہ بێیِس کانٛسہِ حج کرنہِ سوٗزِتھ۔

جواب:- ہێکہِ سوٗزِتھ۔

سوال:- تَمیُک ثواب کَس واتہ؟

جواب:- سوزَن وٲلِس۔

سوال:- یُیمہِ شخصن حج مۆٹ اَسِتھ عذرٕ ورٲے حج ادا کوٚرُن نہٕ۔ سُہ کیاہ مرِ؟

جواب:- سُہ مَرِ یہودی نتہٕ نصرانی۔ تِتھ منٛز چھُنہ کانٛہہ شک۔ یکیازِ صاف چھُ حدیثہ شریفہ موجوب ثابت......

سوال:- حجہ کین دوہن منز کم چیز چھ منع ؟

جواب:- زنانہ سۭتۍ صحبت تھاوٕنۍ۔ فسق تہٕ بد عہدی کرٕنۍ۔ لڑائے تہٕ ہرہرٕ کرٕنۍ۔ بێیہ شکار کرُن۔

سوال:- تجارت کرُن ما چھُ منع ؟

جواب:- نہ کینہہ چھُنہٕ۔

سوال:- اَسہ کتێتھ چھُ احرام گنڈُن ؟

جواب:- یلملم مقامس وٲتتھ۔

سوال:- احرام گنڈنہٕ بروٗنٹھ کیاہ چھُ آسان کرُن ؟

جواب:- غسل کرُن تہٕ بێیہ خوشبوے ملنٕۍ۔

سوال:- نفلس زٕہ رکعت چھا احرام گنڈتھ پرنہٕ آسان کنہٕ احرام گنڈنہٕ برونٹھ ؟

جواب:- نہ احرام گنڈتھ ........

سوال:- احرامس اندرکُس چیز چھُ منع استعمال کرُن۔

جواب:- موزٕ لاگُن، جمہ رابہٕ لاگُن، پٲزارٕ لاگُن، بے زارٕ قمیض لاگنٕۍ۔ کلس پیٹھ کینہہ چیز تھاوُن (لیکن ژادر یا ڈوپٹہٕ ولُن چھُ نہ منع) شکار کرُن تہٕ لڑائے تہٕ ہرٕ ہر کرٕنۍ۔ فحش گوئی کرٕنۍ۔ گندہ الفاظ استعمال کرٕنۍ۔ بێیہ مس کاسُن۔

سوال:- یُس یودٕ گژھان وٕنہٕ موٗد۔ تہُس ووتھ حج نکھہٕ ؟

جواب:- بے شک ووتھُس نکھ۔ بلکہ سُہ ثوابس تہٕ حق دار۔

سوال:- اگر کانٛہہ شخصن زیارت خانہ کعبہ کر۔ مگر مدینہ شریفس کُن عمدن وقصدن گونہٕ تہندٕ حقہٕ کیاہ چھُ حکُم ؟

جواب:- حج تہٕ وۄ نفس نکھ۔ مگر چونکہ زیارت روضۂ مُطہرہ حضرت رسوٗل اکرم صلے اللہ علیہ وسلم کوٚرُن چھُ۔ لہٰذا روٗد تمہ زیارژ کہ ثوابہٕ نِشہِ محروم مگر تور گژھن چھُ نورُن علانوٚر۔ عاشقانِ رسوٗلِ خداین چھُ توٚت واتنُ ضروٗری۔

سوال:- اگر کانٛسہِ شخصس حجس اندر کنہِ بیمارہِ یا تکلیفہ سببہٕ قربان کرُھ کلس مس کاشن بنیاونہٕ۔ سہٕ کیاہ کرہ؟

جواب:- سُہٕ ہَاوِن عید ہنٛدِ دوہہ گذارِت روزٕ یا دِین صدقہ۔ نتہٕ کرُن جانور حلال۔

سوال:- اگر کانٛہہ احرام کِس حالس اندر فوت سپدِ تس واتنیا کفن ژاوُن؟

جواب:- نہٕ۔ بلکہ گژھہ سہٕ احرام کینٛہِ دوٚن پرَن اندر وٕلِتھ دفن کرُن۔ بیٚیہ نہٕ گژھہ تس خوشبوٗ مَلُن۔ نہٕ کلس پیٹھ کینٛہہ ہَاوُن۔ سُہٕ گژھہ ننگے روزُن۔ وِدہ ڈٕہ نوٚنے۔

# پروفیسر حاجنی

حاجنی صابُن اصل ناو چھُ محی الدین پرے۔ زینہ حاجے
چھُ حاجِنؔ۔ تہٕ ژھٔنہ پینٕکُ دوہ چھُ ۲۱ جون ۱۹۱۷ عیسوی
حاجنی صاب چھ عربی یکو پروفیسر۔ مگر بحث ہیکن کٔنہ تہ
موضوعس پیٹھ کٔرِتھ۔ حاجنی صابُس ووت دوہ نی واریاہ
کال کاشُر لیکھان: "گرٕ پسو سُند گرٕ" چھُ یہُند گوڈنیکُ
ڈراما، یُس زٕ ن ہیمو از بروٕنہہ واریاہ وری لیو کھمُت چھُ۔
پانہٕ چھ اَکِس جایہ اَمِچ ذکر کران لیکھان ــــ " گرٕ پسی
سُند گرٕ" (سہ عملی ڈراما) یہیمکو گوڈنکی کینہہ حصہ ۱۹۳۸
عیسوی یس منز پرتاپ میگزینس اندر چھپے یہ۔ کینہہ وری گٔژھتھ
ڈراو یہ ڈراما قسط قسط رسالہ "گُل ریزس" منز تہٕ امہ پتہ
چلے یہ اَمکی زٕہ ایڈیشن وُنِس تام۔

سنہ ۱۹۳۸ء پیٹھ وُنیکھ تام گٔیہ واریاہ وری۔
بیِین وَرِیَن منز دِژ حاجنی صابن سہ انتخابچی ترتیب یوسہ
زَن "کاشر شاعری" ناوٕ سنہ ۱۹۶۰ ہس منز ساہتیہ اکادمی

طرفہٕ چھاپ سپدییہٕ ۔ حاجنؔی صابُن پھیُر "مُسدس حالی" کأشرِ ین شارَن منز۔ "گرِیسہٕ سُند گرٕہ" علاوٕہ ییہٕ کینژھاہ نثر یموٚ تنقید، تحقیق، فیچر، مکالمہ بیترٕ چیزَن ہندِس صوٗرتس منز لیوٚکھ تہٕ سپُد۔ "نثرٕچ کتاب" (چھاپ سنہ ۱۹۶۲ء) تہٕ "گامہٕ منزٕ پھیرٕ پھیرٕ" (چھاپ سنہ ۱۹۶۲ء) ناوٕ چھین کتابَن منز چھاپ۔ کأشرٕ نثرٕچہٕ کتابہٕ پیٹھ پُھہ یمَن مقأمی اکادمی ہُند فسٹ پرأیز تہٕ میوٚ لمُت۔ حاجنؔی صابَن چھُہ "الف لیلیٰ" کأشرِس منز پھرٕنیچ کأم تہٕ اَند واتنٕہ نأو مرٕژ۔

●

پروفیسر محی الدین حاجنی

# رگہ پیٹھ سُند گرہ

## (دکو ڈرامیک منظر)

رزاق بٹُن گرہ

رگہ پوٗس:- ( دارِ پیٹھ بیہتھ۔ گرواجنہِ کُن ژھکھ سان نظراہ کرِتھ۔)

ژٕ یہ کیاہ چھے از بُتھس پیٹھ بوم پشیان۔ بورہ سیٹھا وٕرنتھ ژھکھ اورِہ نستہٕ کنی کتھ کران....... پوز گوٗ نا یمی ییتہٕ پیٹھ چانہِ کمرِ پیٹھ لوٗر وژھ، تتہ پیٹھ وچھکھ ژٕ مے دوہہ کھوتہٕ دوہہ ہینان۔

گرواجنیو۔ ( ووشس ترٛاوِتھ ) یُتُیہ ہی یے گرہ پیٹھ تہٕ فکرہ ژٕ ہی۔ کھی کھی ژھکھ سرِ ندرہ ہیو گومت۔ گرہ نانُن رتے یمن گرہ پیٹھ پہو۔

رزاق بٹ:- ( بُتھن دٕرِ دِتھ ) او مےٕ کتہٕ چھ خبر ژٕ یہ چھی سوکھن ڈیس گامتر۔ بیہہٕ کھینہٕ منزہ آمت ووکس۔ مے اُس خبر سیدِس گس چھُ خداہ رامنر۔ مگر سپزہ اڈ تگجہ کتہٕ چھُ گیو کھسان۔

گرواجنیو:- ( بُتھ لدِتھ ) ژٕ کھالی نہ ہے ہنجہ اڈ نگی۔ بہٕ تہٕ موکلہ ، بیمہ وندہ منظہرہ نِش۔

رزاق بٹ:- (اُسان اُسان) یہ دوہندہ منظر چون چھُ کُس؟ مےٚ دوہہ ہس تہٕ راتس
رُٹھ نیٚران ژٕہ گرٕہ بہتھ تاپھ دِوان۔ چانہ کھوتہ تہٕ دوندہ منظر کُس چھُہ؟ مےٚ
مالکہ ریٚتہ لور پوٚسیتھ ماز ژٹان ژٕہ ڈوٗکھا تراوِتھ توٚن دوہہ ہن ژٕہ سیر
وونُن کتان ....... اَمہ کھوتہ دوندہ منظر کُس آسہ؟ مےٚ فرزندار
ڈور پوٚ منزٕ رُڈ رُڈ اَنِتھ ریٚتہ پتہ ریٚتہ ژھلکہ ہیوان تہٕ ژٕہ۔

گرواجینہ:- (کتھ ژٕ ژٹھ) ژٕہ وَدان — ہے کیاہ بنیوم بہتھ رائہ نِشہ موڈ
آسنے جان۔ مےٚ کرٕ نہٕ کتھ نہ باتھ اورے آو ڈاکٹس ژکھر لدِتھ۔ زَن
چھُس مُتھس پیٹھ ہوٗن مورمُت۔ پننی اَسس دوہہ کین ژون پہرن
کلہ دادہ سیتھ ہارٕہ کاہ کاہ گنزران تہٕ تام آو اورے بُتھ الوند
تراوِتھ چاے منگنہ۔ گوڈٕہ ژھلو زہے اُتھ بُتھ پیتھ چاہہ رُسر
پانس ژھنہ اَسس تہٕ ژھنہ زہے ....... بیٚین گرن پھنا آسان
باژ دِچھ پیٹھ درامتہ مگر یہ طوفان تہٕ چھاکنہ چاہہ۔ کتھ زانس منز
آیس وَلنہ۔

(یی وَنان وَنان چھہ کتروٚ بانوٗ منزٕ اُکھ پرون اَنیٚٹ
ژکھ ہورنہٕ خاطرٕ پھسٹراوان)

رزاق بٹ:- (ناسترٕ مُشکاہ کرِتھ) پھسٹراوان گژھ۔ پگاہ آسہم کراِلہ سنز
وُگرٕ آے۔ تنتہ کیاہ میأنس زمینس چھہ پیٚہے فنائے تہٕ شنائے
گژھان۔ مگر کرٕہ کیاہ ہینہ آس تہٕ میٚنہ راہ .....
(دماہ دِتھ) تقدیرن وأجونم دُنہ تہٕ رانٹا گیم اَگادٕہ ...
دُنی پیٚہچ زنانہ موکلاوان ہاکس ژوٗر کرِتھ۔ میانہ خاندارنہ ہندٕہ دُستہ

چھُنہٕ ریوان سوٗرٕ پھوٚرت چھکنہٕ ...... (ذٔرا اتھک دِتھ) کمہٕ کرپٲتی نوٗی تیٚن گٲکِس ۔ روٗستمینی مٲج نوٚو راوان گاٹھنٕ تہٕ نوالن رکتو ۔ چارٕ واین نیرِ تیٚن ژٕریشہٕ ژٕریشہٕ کران زیوٚ پھٹِتھ تہٕ اُمس آسہٕ نہٕ آب اینٕ نکھ چھاپسے گومت ۔ آخر ووندہ مظلہراہ ہےٚ چھُس ۔

(کینژہہ زٔنی اَندٕ اَندٕ جمع سپدان)

ہا بارو وَنو وہ کِتھی صفت بہٕ پننہٕ گروانجنہٕ ہندٕ ۔ چارٕ پاو اینٕ تہٕ کرہٕ ہم تتھی زورٕ زارہ پیچھاہ ۔ نوٗرٕ رٔوپےٚ اینٕ تہٕ نصفاہ راوٕ رہ تاکھوٚو پیٹھ ۔ نصفا ژھینہٕ دارٕ رکنہٕ ۔ رکیانٕ تہٕ چھُم اُمی سندی کنہٕ آسان بہ ٹرنوان ۔ نتہٕ وٕتہٕ پیٹھ لوٗہمت ۔ تلہٕ مُنٛٹ اینٕ تہٕ موکلاوٕ کھیر شرگرِتھ ووزُم ووژُد گرِتھ شرُس پلوٚ اینٕ تہٕ گوڈٕ کھیس نہٕ پسندے ۔ اگر خودا کران کران کھوٚتُس تہٕ ، چھُس نہ تکان رٕچھنےٚ ۔

گرٕ وانجینی :۔ (کھتھ ژٕرِٹھتھ) بٹہٕ نانہٕ ہندٕ وقتہٕ چھےٚ مےٚ زٔٹ سوٗہرٕ ۔ سوے اوٗری گژھی تہٕ اوٗری رنتہٕ ۔ ییٚتہٕ پیٹھ باگنو آیس یتھ منٛز پلس منٛز تتہ پیٹھ وُچھم مےٚ ییٚتہٕ نوٗٹ تہٕ حمامےٚ ۔ مےٚ وُچھ دوہ ہےٚ یتھ گرِس تاوانےٚ ازلس نیایس کیاہ کرٕ ۔ نتہٕ بتہٕ اسس اُکس بڈس ببہٕ سٟنز کور ۔

رزاق بٹ :۔ (کلہ پوٗش پھتھٕر ترٲوِتھ) اوٚہ اوٚہ اتھ منٛز کیاہ شک چھُ تمہ گیہٕ تمےٚ امیر ۔ یم گانٛدٕ ٹھوٗل رادنس پیٹھ ژوٚنگےٚ چھِنہٕ زالان ۔ یہنٛدس شکس کھیت انسان پنجہ گژھ ۔ یہنٛدٕ گرٕ ہیٚشہٕ مرٕ رٕتہٕ زژہ خاطرٕ یہنٛدٕ کھوتہٕ کٔس چھُ دُنیا دار ۔

گروانجینی :۔ (شرارتہٕ سیتہ دنٛد ژاٹھِتھ) او ۔ ژہٕ ہاوتہٕ پنن کینژھاہ ۔ منٛد چھِہن

لاثرٛھ تہٕ تم کھیوان نٔژر نٔژر۔ ژٕ یہ ہیٚے دٔوٕ ییٚس منٛز افسوٗس تہٕ چھےٚ نہٕ گژھان پتھ کنُن۔ ژٕرے گیلہٕ کھ بٔنَن۔ ژٕ یہ ہیٚے وٕرٕ ییٚس اکھ کھوٚر، پھاںڑ وِتھ فصلس وُہنہٕ[۲۰] کھاٗر دژاییٚے نہٕ گنُوٗہہ ژٕ لی ٔتکھ ہیٚتھ۔ تِمنےٚ بہریوکھ نہٕ اکھ کنُھ وٕ نہٕ نٔسں۔ ژٕ یہ بنے یی نہٕ فصلس ژور ژٕکھ تہٕ شرُوٗ بیہہ ناونہٕ خاطرٕ۔ اَمہٕ کھوٚتہٕ کوٚہسہٕ شٕکس لدی۔ زٕ ییٚٹھ ہیٚوٕ ینچوٗ ووسےٚ ژتووہٕ[۲۲] وُہُر۔ وٕنہٕ یوٗ ژھنٕ نہ امی سنٛزٕ بجایی ہُندیٚن تہٕ تلنہٕ .... وِکھ ژھنن نہ تھوکُر۔ ستوٗ شرٕ یو منٛزٕ چھُنہٕ یمَن اکس ماژٕ کژٕلس تہٕ کُنہٕ آہن پنُن واتھ گژھان۔ [ رزاق بٹ چھُ ووش ژٕاوان ] اگر ژٕ یہ آسہٕ ہی گامَس منٛز کٔشن بٔسن۔ ہتٔس کامِس دٔب دِتھ کرٕ ۂکھ نا وُنیکھ نامتھ امی سُندٕ خاطرٕ تلاش ...... بٔڈی بابنز کھراوہ ۂری ٹھیکہ ناونہٕ سیٚتھ کیاہ گوٚ مہٕ ہیٚے چانہٕ دُنیا داٗری سعہ نس گیہٕ منٛزتل۔ پننہٕ بٔیہہٕ تہٕ ہیٚنزٕ ہیٚے مُشکہٕ بہٕ ہیٚے چھس یمَن منٛگی میتِن ہنٛز وُچاٗری وُچھتھ کُنہٕ ہیٚے پَنُس الاُنٛز۔

رزاق بٹ :- ( کھتھ ژٕ ٹھتھ تہٕ جُمن دٔرٕ دِتھ ) گوٚ نا ژٕ یہ چھےٚ یوٗ ہیٚے ستم۔ وُنہٕ چھُنہٕ مہٕ پننہٕ کھاندرک بار نکھ پیٹھ وٕسان تہٕ ژٕ چھم بیاکھ برات کڈان ...... باپاٗری اٗسم تمہٕ وٕریہٕ کنکس وُہن کھاٗرن یتھ شرطس پیٹھ وٕرٹ دِژمژکہٕ پرٕ یتھ کھاٗر چھےٚ ڈاییہٕ روپیہ دِنہٕ۔ از گییم ۲۵ وٕری نکھ والان تہٕ تونہٕ ووتُس نہٕ کنُن۔ پرٕ یتھ وٕری چھم اٗٹھن اٗٹھن نوٕن نوٕن کھاٗرن وڈ پھُٹان۔ تیتھ چھُم بازرکہٕ نرخہٕ موٗجب آیندہ وٕری ییٚس پیٹھ وٕرٹ چاران۔ یہ کینژھاہ ڈوٗرٕ بنان تہٕ گژھان باپاٗرس نفعس پیٹھ بلکہٕ تمہٕ منٛزٕ تہٕ چھُم اوٗڈ پرٕے روزان۔ تانٛ یوٗ کینکہٕ لِچھ

ڈاپہ گرٕنہٕ یاد۔ اَکھ کیاہ دۄپان شُرٕ ہن ہُند کھاندر۔ نہ کھوٚت میانہِ ین پنٕنٛزٕ ہن ژاژن پیٹھ میون اَکھ ژکھاہ تہٕ نہ بنیوو مےٚ کھاٙر شیشٕ ہٕ مرٕ کرنک کُنہٕ وٕرِی یہ مُیتھ زن اَکی ساتہٕ معہ کلہا۔ یوٚے اوسُم باپاٙرِی وٕنان کھینہٕ ورٕزہ لوگیہ مِیاٛ ٹھ تہٕ مورتہٕ ورٕزہ ٹیوٹھ۔ مےٚ چھہٕ نکھٹ خبر ییٚمی رٕپتہ ماکرِیم دعوا تہٕ کرٕ ناوسِم قُرقی۔

[ گرٕ واجینیٚہ اَندرِی دٕزان ]

شکینہٕ واوہٕ چھُہ وہ کھُل پھُٹان۔ پرٕانہٕ شہمتہٕ زٕنشہٕ اوسُس وٕنہٕ معہ کلنے تہٕ ژٕ ہہ اوے چار نیچوٕ س کھاندر کرنک۔ مےٚ ہیوان پرٕ یتھ وٕرِی پہ شوباشس تہٕ پُشنے تہٕ ژٕ ہہ آمرٕ واٙلنج پھٹیتھ اسبند زالنہٕ باپتھ۔ اَکھ کیاہ چھُہ پرٕانیوو نٕمت پٔدٕ ژھرے تہٕ گونٕزھن ناو۔

گرٕ واجینیٚہ۔ ( جُھس ژنڈاہ دِلتھ ) کھٕمہ ہا گرٕ تہٕ کھمان گنٕہ۔ سٕتہٕ وُہُر یان سوریوم یہمن الال خانٕ پتھ یم ژٕ ہہ اُچھ مٕنز کٹرٕ چھے۔ یم ہٕ زن ژٕ ہہ زٕنس وٕنہٕ دُنیہس آمتی چھہ۔ مےٚ کرٕ وٕنسے ژٕ ہہ تہندہٕ باپتھ تاٙزِی بٕٹی کان کرون۔ مگر کانٛہہ ہرکھتاہ کرٕ زہے تہٕ برکھتاہ بنہٕ ہی۔

رزاق بٹ :۔ ( کلہ سیتہٕ آں کارکرٕتھ ) مےٚ اوس مول جنتی وٕنان۔ پہاآسی رانٹس ہش اگادہٕ گرٕ ھان۔ مگر مےٚ اوسہٕ پننہٕ بیقلاٙزِی مہ کھ تسند دٕ ٹن وپان۔ از چھُم تس سعہ رگہٕ واسہ شند وٕ ٹن گرٕ ھان تٕرِہ۔ یورہٕ وہٕ نہس وٕنیک تام ہیتہٕ پھرٕ دہن رٕ پتن ستوٕب نے چھُنہٕ وسے۔ اورٕ چھُم شوعنبہ صرافس زٕنس وٕٹ ژلنک فرماش دوان۔ یورٕ چھُس دِپان نہٕ چھہ زٕٹ تہٕ نہ چھہ میٚٹ۔ اورٕ چھُم کران بننی کال داٙسی۔ گوڈٕ پہ چھُس برٕ تہٕ بیقلےٚ۔ پُس اُمہ سِندِس وورٕنس کُن ٹھادان۔۔۔۔ (دزیوٹھ شاہ

ہیتھ ) کھنٛجہ ہارٕ چھُنہٕ وُنی کینٛسہ کانٛہہ پرٛژان ۔ مگر اُمِس تورٕ نہٕ دانٛہہ فکرٕ زٕ آسنہٕ ہا چھُ ہیٚچھہ ناوان نہٕ نہ آسُن منٛدٕ چھاوان ۔ لۄکن ہُند کیاہ ملالہٕ چھُ پننہٕ اُستاد ژھننس نہٕ بُجہس تھوک ۔ اَدٕ کرٕ نس کھاندرس پیٚٹھ یِژمن دأری ۔

گروا جینو :- ( مالہٕ ہنٛن نہٕ اُستادن کُن اشارٕ کرِتھ ) بٔ کس چھس لیٚول پھٹراوان پننہٕ ڈورٕ چھُ خۄداہ لدان نہٕ کھۄوان چھ ۔ شینٛن شینٛن رتٔن فاقٕ دی دی نہٕ کر دژایس بٔ گرٕ کأنسہ ہندس دانس کُنہ ژھننہٕ ۔ پرٛیتھ کانٛہہ چھُ پننی زنگہٕ الوند ۔ پیٚلہٕ نہٕ ژٕ اَکھ کأنسہ بکار ۔ تمہ کیا زٕ ییٚنہٕ ژٕ ہہ ۔ پانہٕ بیہہ نہٕ شونگتھ نہٕ لۄکن ہینہٕ منٛدِتھ ۔ توباہ ! ..... ہیمن سرٕ بیٚہتھ نہٕ آسہ گومت ۔ تمہ نہٕ بہن نہٕ پتھ کُنہ کٕہتھ ۔ وۄنہ نہٕ خۄدائن چھ یِہُس زراعتس برکت کرٕ مژ ۔ اگر شونبہ صراف پرٛژی نہٕ شوقٕ راتس ژٕٹھ نہٕ دوان رتٔن ہندٕ بابتھ وَڈٕ بیٚٹھ روپیہ ہیتھ زٕ ترٛیہہ ۔ اَکھ روزی شرٕ ین پرٕ تیتب بنیہ گژھہ نہٕ کنس کُن خبر ۔ سۄرٕ نئے نہٕ وزٕ نہٕ گگی نہٕ ہنن نہٕ ۔

رزاق بٹ :- ( اُچھن دژسہ دِتھ ) دوان رتٔن ! بنیہ کرنئے قہوٕ ۔ مگر ژٕ ہہ کیاہ خبر چھے ۔ دُنی یاہ گژھن اونگجن ہیٚٹھ چھُ ۔ وَڈٕ تل لگن زانہ بٔ ۔ ییٚتمس نہ اسمانس نرٕ واتان نہ زمینس زنگہ پلان ۔ مگر مہ او سئے مول جنتی وَنان ـــ " بیہا آسی اورٕ کیٚہ پران نہٕ یورکس نہ زانٛہہ بوزان " ۔ بانہٕ ہتس دِزٕ ٹھانڈٕ ہیتھ نہٕ اُسہ ہتس کیاہ دِی زٕ ۔

[ تانی چھ کینٛہہ ہمسایہ بنیہ معہ قدم ہنیو اَژان ]

پرٛیتھ دشہہ چھ پئے مہ اکہ کُس تۄلہ کَل کران۔ اُزِ کہ پیٹھ بۄزِ تۄ
میانہ کھاندرُک پھاڑ وَن واد۔

اکھ ہمسایہ:۔ ہسے تہندِس بیابس چھُ کُنے ییلاج۔ ژوٹ ووٹ کرِتھ کھاندرُک تلاش
کرِن۔

( ثانی اژان روستُم چایہ پیالہ ہیتھ )

رزاق بٹ:۔ ( چایہ پیالہ اَکھس کیتھ تھتھ نہ سہ آسمانہ ماچھ لنب وَسان۔
پننین کوٹھین ہنز چھُم خبر۔ اَکھ کیتھ پتہ روزِن کیاہ گو۔ حالانکہ ہیتھ کورہ
چھے گامس منز۔ بیبہ ساسہ واد چھ منزِم یارِ۔ اُمِ سِندہ کھوتہ چھ
مہ داتِ گینہ فکر۔ مگر ژہے وَنتم کیاہ کرہ......گرتھ نہ ژیہ چھے
باللہ نہ واللہ فتح تونس پرٛژھتہ کائِ زِہن جاین سوزِم مگر پننس
حاس کُن بیلہ چھم نظر پیوان۔ دیان چھُس خدایا اقرار نہ گوژھ نہ کانْہہ
کرِن۔

ہمسایہ:۔ ( پننہ کنہ وَتھ ہائوِتھ) تیلہ وَنے بہ اکھ مصلحتھ۔ مہ ووت کینْہہ
دوہ وُچھان بایِرس ٹھیلہ ییلہ ترائوِتھ۔ تسند چھے ژیہ فرضے۔ بستہ
ژھینہ کیاہ چھُہ کھکھرہ مندہ چھُس۔ گژھتہ فلحال کرِتہ وَردکُ نہ
سالکُ تلاش۔ دِتِن نہ گو جان نہ دِتِن تو تہ نہ کانْہہ کتھ۔

گرواجینو:۔ ( کیتھ بیٹھتھ ) ہا جاینس دہانس گولاب۔ باپارِ کتھ گیہ کائِنز
پوٗد۔ یوٗت ترٛاوہ ہس تیوٗت گژھہس کڈنہ ییٚن۔

ہمسایہ:۔ ( کیتھ منز کتھ ترٛائوِتھ ) ندی وَرِ ییچ کمائے یُس وٹہ پانس کُن۔ سہ
کیا زہ پرٛژہ نہ وُنہ کین۔

رزاق بٹ :- (زامنا کرِتھ) گوٗنا توٚہی چھوٚہ مےٚ دۄپان بیٚنِس پینٛزِنس ہٲٹس ژٕرِ
رِکھ کرِنۍ ...... (دٕماہ دِتھ) مگر اکِہ حسابہٕ چھم چاۓنۍ کتھ پوٚز
بوزنہٕ یِوان - مےٚ چھ باپارِس سٟتۍ نش ہیٚنۍ جان تہٕ گرٕوک وونده
مظہر تہٕ - گژھِ پینِس بُتھِس فام ترِتھ باپارس نش - اگر
توٚرس آب تہٕ بنیٚ نَن بیٚز من باسے - نہ توٚرس تہٕ مےٚ تہٕ وول
پینٛزِ نِکھ پیٚٹھ -

[گامہٕ چوکیدار اژان آنگنس منٛز - ہمسایہٕ بیٚنِس موقدم موٚنۍ
نیران جَل جَل نبرٕ -]

گامہٕ چوکیدار :- (نار ژاپان ژاپان) ہے - رزاق بٹا .... رزاق بٹو - تلا نیر
نبر تہٕ -

[آلوٚ بوٗزِتھ کنۍ ٹکہٕ رزاق بٹ نبر نیران]

رزاق بٹ :- (باشبرِ ہیوٚت) السلام علیکم ! کیاہ حُکم - خیرے چھا - دلیل کیاہ چھ - ژٕہ
چھُکھ بیزارہٕ بقارِ دوران -

چوکیدار :- (کیفہ سان) مےٚ بوٗز ژٕہ چھُکھ تُلہٕ کُلس لنگ ژٕوٹمت -

رزاق بٹ :- (جَل جَل) ہاتس ییٚن حُکم پشروال یُس تُلہٕ کُلِس نِکھ چھُ تمہٕ دوہہ
پیٚٹھ بِٹھران - بیٚنِمہ دوہہ صُبحَن ٹُچلکہٕ ہیوٚتوہٕ تعوہہ .

چوکیدار :- (گردَن زیٹھ رٲوِتھ) اۄدہٕ کتہٕ آو یہ تُلہٕ پَن چاۓنس آنگنس منٛز -
آخر مےٚ تہٕ ہاوکھ شالِ تارکھ - ژٕہ ناخبرے اُسے ہُرژِ پینٛز ژٹھ چھُ
لیکھتھ دِیُتمت -

رزاق بٹ :- اَہَن حُکم مےٚ کوٚر عرض - اگر واوہٕ سٟتۍ یہ پَن وسِتھ بیٚنِس تَتھ تہٕ

چھِسہ بۄڑے ذِمہ وار۔

چوکیدار:۔ (کنھہ ژٹِتھ) اِدہ کم اَشناو روزہِ نیہ ژ ہہ ذِمہ وار ...... یہ
کالہ اَسی تھقو نتہ گری ....... پٹواری صاحبن چھِنے مۄقدمہ وَننہ نِہ
کُل ژٹنگ رپورٹ کورمت۔ تھانہ دار صاحب واتی پگہہ۔

رزاق بٹ:۔ گونا یہ شاہمت اَس نشوکھس باقے۔ کُنہ کرہہچہ، ینڈر، اَلبانہ
لوبنہ تِمہ گُکنے ہشرہ بُناوان۔ تِہندِ نہ پیٹس کنہ پیٹھہ پکان۔ تہ مہ گیہ
ہانژھ تِلہ پیچ۔

چوکیدار:۔ (چھرِہ حرکتھ کران کران) اگر تِلہ کُل ژہ ہہ چھسے نہ ژوٹمت ژہ ہہ
کیا زہ اَڈنگتھ نہ یہ پنن سوہرتھ مہ نِشہ تمی ساتہ ییلہ یہ پتھر پیو۔

رزاق بٹ:۔ (کلس حرکتھ کرِتھ) جان گو تہ ییلہ تھاؤکھ بہ شری باژ پرنو دوہس
تہ راتس تِلہ گُلہِ نے وُچھان۔ یتھ زن ییلہ یِنہ بُرگاہ پنیہ تہ ییلہ تُلن تہ
ژہ مہ نِش واتن ہہتھ۔

چوکیدار:۔ (گونژھن دُرور دُوان) اَدہ حضن گستاخی تھاؤِو ماف۔ وُنی
کرہ تھانیدار صاحب اَرچ عدالت پانے۔

رزاق بٹ:۔ (تھانہ دار شند دُبارہ بوزِتھ کنھہ ژمان نہ گرہ کُن کرِتھ لایان۔
ہیو ریوستہ، رحمان (اَندرہ اکو گرِتھ ھان) تلا اَتہ وال تو تم راتھ
ٹھوٗل ژور چوکیدار صاحبس کتہ۔ شتہ ہا اَتہ یہ پگہ ہے پلیسہ۔

چوکیدار:۔ (دستارس سِم شیران شیران) ہیم ٹھوٗل ژور چانی چھا مہ کلس گنڈنی۔

رزاق بٹ:۔ (عاجزی سان اَسہ وَننہ بُجھہ) سون حاکم گوکھ ژہے۔ اَسہ کیاہ چھ بڈین
حاکمن ہنز خبر۔ بڈین حاکمن سیتر گامہ کہ طرفہ چھکاو دُکاو تہ یہ سوالے

کُس اِنسان زانہٕ۔ پتھ گیہِ سانٛی خدمت پہٕ۔ بوٗزی توٚ بُچھ ہُند سترہ

کون ...... اَہن شخص غریبن نش کیاہ چھُ ہٹوٗلہٕ بغأر آسان۔ پتھ

روٗز چانٛی رضامندی سوٗ کرٕو بنیہ کنہٕ پھیرٕ کنہٕ بنیہ کنہٕ وقتہٕ (چوکیدار

کنہٕ ڈوٗل ہیوٚ دِوان) میہ چھُ خبر ژٕ چھکھ میہ پیٹھ ناراض۔ مگر خودا

گواہ بہٕ اوسُس رژھ سیٹھا اکی لٕرہ یوٚرہ دوٚہ ہس توٗرے ہیوٚکُم نہٕ

پتھ چون زمین وٲپتھ۔

چوکیدار:۔ (دٲس کرِتھ) ژٕ اکھ ہوشار زَن آکھنہٕ۔ نمبردارہٕ سنٛدہٕ اقبالہٕ

بناوی میہ ہنٛزہ بِدی زمین وٲین وٲلی۔ بہٕ کمہٕ خاطرٕ آسہ کانٛسہ ناراض

ملبری کلچرکس حکمس ماتحت ووٚ نیمے وُہہ پھیرٕ تُلہٕ کُلس نکھ تنا گرٕ تھوٗرنہٕ

مگر ژٕ میہ گے نہٕ دوٚمٹس رہنزی۔ ووٚنی وُچھکھ ژٕ پانے نظارٕ رپوٹکُ۔

رزاق بٹ:۔ (کلہٕ بوٗن کنِتھ تراوِتھ) میہ وَنتہ شخص میہ کوٚسہ ژوٗر کرٕ مژ چھہ۔

پٹواریس دِژمنا گرٕداوری۔ پینٛژھو روٗپے۔ بنیہ کاسہ منگے۔ تِلہٕ مانگے

دانہٕ مانگے۔ پتھے کنہٕ نمبردار صابس دِژمنا نوٗژادر پتھے ووٚنتھ بنیہ

ہنٛزہ رنگہٕ خدمت۔ آخر چھُنا یمن انصافی؟

چوکیدار:۔ (جل جل) انصاف! ووٚنی کیاہ آسی وَنِتھ۔ انصاف گژھ

پنچین نمایندن پرژھن۔ اَسہ پیٹھ پہٕ حُکماہ دانہٕ۔ تتھ چھُ کلہٕ دارُن

اَکھ پیلہٕ ہنٛزہ بلایہ نشہٕ وَری یسے منز معہ قدم معہ کلاوی بنیہ کرِتَن

تاوَن زد نمایندن ہنٛدی پاٹھو سُے بدنام۔

رزاق بٹ:۔ (چوکیدارس اصلاح کران کران) توٚ ہر کیاہ شخص کھینیہ نوٗرہٕ شکہٕ پژاہن

تَس بنیہ تن زوٚرہ دِہ کھدیُس نمایندن زانہٕ۔ بتم گنیہ شہرس منز اسہ نہٕ

موٗلوٗم نیٚم کیاہ وَنان ۔ نہ موٗلوٗم توٚہیہ کیازِ تہٕنٛز ژھرٕ اَسہٕ کرٕان .

[ تانٛی واتان رٕحیم ٹھوٗل ژور ہیٚتھ ]

چوکیدار :- ( ٹھوٗل ژور وُچھِت ) تیٚلہٕ چھےٚ اَکےٚ سیٚپل بچنٛچ ( رزاق بٹس اَکھ کنٛ گنڈِتھ ) یہ چھُس سوٗزمُت نمبردار صٲبن ۔ اگر ژٕ یہ بچنٛ چھےٚ تیٚلہٕ گژھن حلقہ دار صٲبس گرٕ کِنہٕ دانہٕ مکاےٚ باہ ترٛکھ دِنیٚ ۔ بٮ۪یہ چھُ نمبردار صٲبس کھاندرس پیٚٹھ زیٖن بکار ۔ تس کِنہٕ گژھن چانہٕ وہرٕ ژور ژٕ ہیٚتھ گرٕ واتناونہٕ ۔ تیٚلہٕ گوٚو رپوٹ خمہ دایس تہٕ اَسہٕ ذِمہٕ .

رزاق بٹ :- ( سوچھا کرِتھ ) ..... اَدٕ خفن کر تیٚلہٕ تلاش مگر خمہ دایہ سٕندِ خاطرٕ سوٗزونہٕ میٚون رپوٹ تھانس منٛز کینٛہہ ۔ تکیازِ تھانہٕ وٲلی کیاہ خفن بُزٕن میہ پتھ تانٛی .

چوکیدار :- ( ٹھوٗلن کنٛ تلٕ کارٕ وُچھو وُچھی ) سہٕ رٕپٹ چھےٚ میہ چنٛدس منٛز ۔ اگر جل جل کوٚرُتھنہٕ تلاش تیٚلہٕ ترٛی پانٛسےٚ فِکرٕ ژٕ یہ کیاہ بنی ( یی وَنان وَنان چھُ رٕحیمنہٕ اَتھ ٹھوٗل ژور نِوان تہٕ آنگنٕ منٛزٕ نیران تیٚزی سان )

رزاق بٹ :- ( وہ شاہ ترٲوِتھ ) روٚستما ! ( ژٕ اَندرٕ چھُ گژھان آلوٗ ) نلا یوٗری ہیٚتھ .........

( روٚستمُ یوان برٛونٛہہ کنٛ اَکھ کاغذ پران پران )

روٚستمُ :- کِہو زِ بابا ! ژٕ یہ کہو اوسےٚ چوکیدار وَنان ۔

رزاق بٹ :- ( بُتھ الوند ترٲوِتھ ) تی ہا یہ ییم وَنان چھُم ۔ پٹوٲرِس کِنہٕ گرٕس دانہٕ تہٕ بٮ۪یہ نمبردارس رکیٚتھ زیٖنہٕ .

روٚستمُ :- ( خشمہٕ سان ) اگر ژٕ میہ تانٛی تھاوکھ ژٕ یہ ہاوےٚ بہٕ ییم کِتھ کٕنۍ

کھیاوکھ افسوس۔ یِم چھی یِم چالہٕ ژٕ بہ ذٲوِنہٕ خاطرٕ کران۔ اگر ہوٗکھمت نُنلہٕ کٔل کٲنسہِ ہنٛزٕ کھینہٕ منٛز آسہِ ستہٕ چھُ تَس زمیندار سُند تِے اَپزٕ کیوٗ تھوٚکہ جادہٕ ستہٕ کوٚر یِمو اَسہِ بَترٕ کامھنہٕ۔ مگر ستہٕ زمانہٕ گوٚ بیٚلہٕ چوکیدارٕ سُند رنگہٕ دستار اَسہِ اوس وحشت پٲدٕ کران۔ اگر ژٕ داند آسہِ ہکھ نہٕ یِمَن دوبہ دٲبن تَل پہاے کھیہٕ۔

رزاق بٹ:۔ (کنٛھ لوٚژٕ رٲوِتھ) ژٕ بہ بوٗزتھ نا اَمہِ کیازٕ دوٚن مہہ نمایندن نِشہٕ گژھ انصاف ژھانڈُن ..... خبر بیٚلہٕ ناو بھر لوٚر گژھ کھ پانسے پھٹکھ۔ مگر ژٕ بہ چھےٚ نہٕ عقلے۔ یِژھ کنٛھ وانیاہ آنگنس منٛز کرنی۔ ووٚتھ گرٕ اَژھ نہٕ اَتی وَن مہہ یِم کیازٕ چھ واوٕ ستی پھتر یِمنٛن پَننہٕ برگن پیٹھ نہٕ اَسہِ ہلری کلچرک روبہ دابہٕ چلاوان۔

[ یہ بوٗزتھ چھُ روٚستم ماٗلِس ستی گرٕ اَژان ]

# یُتھ سورے چھُ وِیپان !

نقاد:۔ گوَ یہ سورُے دُنیاہ چھُ افسانہٕ۔ ژٕہ تہٕ بہٕ بایوٕ تہٕ پگاہ اُمکو کردار۔

افسانہٕ نویس:۔ یہ چھُ پنُن پنُنہٕ نظرِ پیٹھ منحصر۔ اگر ژٕ یہ اُچھَن مُرَن دِتھ بیٖیہ اندازہ وُچھکھ یہ سورُے کارخانہٕ یہی ژٕ یہ اَکھ بٲژتھر لگنہٕ یتھ اندر فطرتَس یا قدرتَس افلاطوٗن تہٕ چھُ تُہندُے بکار یُتھ اَکھ پور یا ڈُل چھُس۔

نقاد:۔ نتیجہٕ معنے گوَ یہ زہ یتھ اَسی چھِ تنتھی مگر اَصلَس کُنہٕ گژھتھ چھِ ژٕ تہٕ بہٕ تہٕ بٲژتھر چارَن وٲلی۔ حالانکہ ہیانہٕ رایہ موٗجوب چھُ یہ غلط تصوُّر تکیازِ اَسی چھِ بٲژتھر لاگنہٕ کھوتہٕ جادہ بٲژتھرِ وُچھان۔

افسانہٕ نویس:۔ کائیناتی انتظامَس اندر چھُ "تماشہٕ وُچھُن" تہٕ اکھ کار۔ تُہندُے کار، یُتھ پرانہٕ زمانہٕ کأنسہ دیوتا سُند کردار کہ ورہ بدین ورہیَن شوٗنگُن تہٕ اَکھ کار اوس یوان مانہٕ۔

نقاد:۔ مگر میأنی کتھ تُری نہٕ ژٕ یہ فکرہٕ۔

افسانہٕ نویس:۔ (کتھ ژٕ ہٹتھ) کتھ فِکرِ تارنی تہٕ چھُ اَکھ زِیادٕہ قصا۔ تکیازِ یہ چھُ صرف وُنہٕ نَس تُلے یوان زہ چأنی فِکر تہٕ میأنی فِکر کیا گٔیہ اَکے وانہٕ۔

شوٗعورس سٗنبتھ چھُ چاےٚنی فکر چاےٚنی تہٕ میاےٚنی فکر میاےٚنی۔

نقاد:۔ اچھا اگر یہی مانوٚ تیٚلہِ گژھہ گرٚ گرٚ راج۔ مثلن اکھ وٕنہٕ یڈ بٔراونہٕ خاطرٕ گژھہ دُنیہس تالکھ پیچھ کرُن۔ بیاکھ وٕنہٕ شہوانی آسودگی باپتھ...... اکھ دٕپہِ آسائیش گیہِ پتھ بروٚنٹھہ دُچھنہٕ رٕوسے خوش حال پاٹھی دوہ کڈُن تہٕ بیاکھ ہاوِ پننیو اتھو زٕہ اصل راحت گوو دُنیہس لتھ دِتھ ژٕلُن تہٕ سوٚرُ منشتھ وَنن اندر تپسیا کرٕنی۔ بیٚبیک نتیجہ نیرِ زٕہ اکھاہ دٕپہِ زور زٕہ ادبُک مقصد گژھہ زِندگی نِبراوُن تہٕ بیاکھ دٕپہِ زندگی ہندیو لچھ بدیو مقصدو منزٕ چھُ ادب تہٕ اکھ مقصدا۔ تہٕ مقصدس چھُ پرٛیتھ ادیبس نِش پنُن پنُن معنی! یتھے کنہٕ یاتی اُسی تیٚرٕ راے گژھتھ گژھہ دُنیہس پیٚرہِ وٕنی ناو۔

افسانہ نویس:۔ ژٕ یہ کمہٕ ووُن نے دُنیہس چھنہٕ پرٛتھ دوہ پیٚرہِ وٕنی ناو گرش۔ مگر امہِ ناوِ ہُند کمال تہٕ وُچھ زِ پیٚرہِ گژھتھ تہٕ پھُٹ نہٕ زانہہ۔ اکہ بتھ بییس بتھس ٹکھتھ بدلیوو امیک زمان ومکان۔ مگر ناو روٗز چلہِ وُنی۔ ہامنز بدلے یہ۔ ناوہ ہندی سامانہ بدلے یہ۔ اُہند کہ پتھ نظر بدلے یہ مگر یتیلہِ ناوہ منز۔ لسن والیو اکھ اکس زنگہِ تہٕ نرٕ تہٕ ژٕچہ۔ تو تہٕ روٗدی کینہہ نم رٹن والی تہٕ لمن والی موجود۔ یمو نہٕ دیت ناوہ پھٹنہٕ۔

نقاد:۔ (کتھ ژٹتھ) اکیاہ لوٗگتھ ژٕہ اکس عام کتھ افسانہٕ بناونہٕ۔ یتھ پیچھ میہ راے دِنک پوٗرہ پوٗرہ حق چھُ۔

افسانہ نویس:۔ ژٕ یہ اتھاو کمہٕ کوٗرُے؟ مگر یہ چھُے ژٕ یہ خبر زٕہ ساےٚنی یہ زہین پرٛیتھ دوہہ محورس پیچھ ژٕران ژٕران یا پتھ ورہ تہٕ اکھا بس اندی بکھ بکھ

تہٕ ژٕہہ ہیٚنٛہِ ہجایہِ لَبنہٕ یِوان۔ مےٚ اگر اَکھ "ناو" وَہیٚتھ اَکھ حرکت ہاٗنٛز
یِہ چھےٚ ژٕہہ یِوان افسانہٕ بوزنہٕ۔ چانہِ یِتھٕ وَرے یک طرفہٕ فاٗصلہٕ موٗجوٗب
چھُ مےٚ یہِ عقیدٕ ٹھاونُک تہٕ پوٗرٕ پوٗرٕ حق زِ یِتھٕ کنٛہ ژٕ ہیکھ
پَزِتھ کانٛہہ افسانہٕ ناقص ثابت کٔرِتھ یِتھےٚ کنٛہ ہیکہِ چاٗنۍ پزِتھ کانٛہہ
راے تہٕ اَڈٕ اُمرِ ثابت سپدِتھ۔ تکیازِ یِم بشری کمزوری افسانہٕ لیکھن
واٗلس چھ تِتھےٚ چھ ژہنہٕ۔ سُہ چھُ دُنۍ باہ کہ پاٗٹھرٕ منزٕ کانٛہہ حصاوُچھان
تہٕ لیکھان ژٕ چھُکھ تِہنٛدِس لیکھنٕس پیٹھٕ راے دِوان زِ ہیٚتیت واتہٕ
ہے اُمس یِہ وُچھُن تہٕ وُچھن تہٕ۔ ہیٚتیت واتہٕ ہیس تہٕ ہُہ منظر وُچھُن
مگر وُچھمُت چھُن۔ اَمہِ قسمہ کین اعتراضن چھُ کُنُے جواب سُہ گو یہِ زِ
چانہٕ اُچھ چھُنہٕ تیٚشرٕ اُچھ تہٕ بس۔

نقاد:۔ مےٚ مون زِ کھوٗژٕ کیٚمہ چھ میٚزٕ منز تہٕ پانٕس سوٗنٛب زِنیوٗت وُچھتھ
ہیکان کُکہٕ نوٗس نارٕ منزٕ، گاڈ آبہٕ منزٕ یا گگرُ اَنہٕ گٹہٕ منزٕ وُچھت
ہیکہِ مگر افسانہٕ لیکھن وول اگر دٕچھنہ کھوورِ نۍ روزِ وُچھان تہٕ لیکھان
یَتھ سیٚتۍ دُنیاہس پھکھ ییہِ۔ اَمہِ واتہٕ تیٚتھ وُچھنہٕ نِشہِ یَتھ رٔٹِن
یَتھ نِن انسانن نسنہٕ تھوٗپ دِتھ زندگی گُزارنۍ ہیٚیہِ نہٕ۔

افسانہٕ نویس:۔ وُچھ تہٕ کیاہ جان گیو۔ بشرطیکہ سُہ یَتھ رٔٹان رٔٹان مُنٛلکھ نہٕ
پانہٕ ژٕ تیٚژھ گانٛڈ ییٚمہ سیٚتۍ لوکہ ین ییٚتۍ تنگ زِ تِم ژھانڈن نکہٕ
وارِن ترٛوٗپ دِنہٕ خاطرٕ سرٛژٕن تہٕ پَنہ داو۔

نقاد:۔ مگر ژٕہہ ماخبر زِ سون معیار چھُ اَکِس اجتماعی فیصلس پیٹھ دَرِتھ
آسان تہٕ چون افسانہٕ اَکی دماغُک کارستاٗنی۔ ییٚمہ کنہ ساٗنس فیصلس

پۆزُت چھُ جادُہ آسان تہٕ چاپٕنس لیکھنَس منز کمُ۔

افسانہٕ نویس :- مےٚ چھےٚ یہِ خبر۔ مگر صرف چھُم یوٚتُے ووت پٕرژھُن زِ "پۆزر" کتھ وَنوٚ۔ تِکیازِ علم ریاضی سِوا چھ پۆزُس مُلکہٕ پٮ۪تھ مُلکس، زمانہٕ پٮ۪تھ زمانس بلکہ نقادٕ پٮ۪تھ نقادس الگ تاریف کرنہٕ آمژ۔ لہٰذا چھ مےٚ یٔنی خوش نصیبی زِ ییلہِ اکی سِندہِ وَننہٕ مِیانہٕ زیوٚر چھپیار نہٕ ہیرٕتھ ژٕلہِ کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ دٕپہِ اَتھ کتھِ منز چھ یہِ نتہٕ تہٕ تُرٛچھے اکھ ضوٚرۆری کتھا یتھ کُنہِ دیماغس ڈٕنٛجہ نٕھاوَنہٕ خاطرہٕ باقی تانِ سیٚتھ ڈوٗڑب نہٕ بٕہکٕہ چھ نہٕ ضوٚرۆری چھ۔ حالانکہ پٔرٛیتھ کانٛسہ چھ یہِ خبر زِ یمَن منز کیاہ چھُ آسان۔

نقاد :- اَمیُک مطلب گوٚ زِ افسانہٕ یُتھ آسہِ تیتھ تتھ روزِ کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ قبوٗل کران۔ تِکیازِ پسند تہٕ ناپسند کرنُک معیار چھُ ہُرن پننہٕ نظر۔ یُس اگرچہِ بہٕ تہٕ مانان چھُس زِ، کُنہِ وَقتہٕ سیٚٹھاہ برٛونٛہہ گژھتھ تہٕ چھ ڈلان۔ مگر یہِ ہیکہٕ نہٕ کانٛہہ وٕنِتھ زِ اَتھ کیاہ چھ ہمیشہ وُنہٕ آسان۔

افسانہٕ نویس :- دوٚنی کیاہ لوٚگُکھ وَنِتہ ہیٚنہٕ۔ وُنہٕ کَس نہٕ کیازِ چھُ وَسان؟ یہِ چھُ سُہ مسلاہ یتھ پٮ۪ٹھ شاید اَسہِ اتفاق آسہِ نہٕ۔ اگر بحثہٕ خاطرہٕ اَسی مانوٚ زِ اکِس انسانَس آسہٕ نہٕ فلاٚنی دوٚہہ وُنہٕ وُژھمُژ۔ تمی دوٚہہ لیوٚکھ تمی اکھ افسانہٕ یتھ منز تمی ہیوٚ زِ انسان گژھ نہٕ تیوٚت بوٚن بوٚن گژھُن زِ سُہ ییہِ دوٚ زوٚنگ چارہٕ ووے مانِنہٕ نہٕ تیوٚت اسمانٕنی پأری ژٕراوُن زِ سُہ زانہٕ پننہِ نس پانَس عوج تہٕ ببیٚن رٕیبہٕ۔ سُہ چھُ اَکی وِزِ پنُن فرض نکھ والان، تِکیازِ دُنیہچہ ناوِ منز پکان پکان چھُ سُہ

انسانس اِنسان وُچھن یِژھان تہٕ بس۔

نقاد:۔ گژھہِ دنا اُمہٕ سِندہِ کنہٕ افسانک اند چھُ تیلہِ صرف اَکھ آرزو آسان۔

افسانہٕ نویس:۔ یوٚتےٚ یوت نہٕ بٔلکہ اگر ژٕہ کیتھہ وارِہ سۆنکھ دُنیاہ چھُ دریتھ صرف آرزوہن پیٹھ۔ اَکی آرزوہن بنووکھ ژٕہ نقاد تہٕ بیٚکی بنووس بہٕ افسانہ نویس۔ اَکی بنوو اَکھ بادشاہ تہٕ بیٚکی بنوو بیاکھ سنیاسی۔ اُکس مرن وقتس تام اَکہِ آرزو منزٕ بیاکھ آرزو نیران تہٕ بیٚیس زندگی منز کانٛہہ آرزو نیران تہٕ تونہٕ آسان شہ دوہَن راتن نچکھ ماران۔ موخصر بوز دُنیہچ ناوِ اگر انسان چلاون وول مانون اُمہٕ سند سامانہ چھ آرزو۔

نقاد:۔ اگر ژٕہ دوہ دُ بیاکھ سوالاہ "ظلمت آسہ ہی زہ" بٔزرکیتھ وَنو" بہٕ مانہٕ ہا چونےٚ پوٚز۔ مگر چانِس وَنہٕنس پیٹھ پرٚکھتھ چھ نہٕ میہ اَتھہٕ وَتھےٚ یِوان

افسانہ نویس:۔ آوےٚ تہٕ چھکھ ژٕہ نقاد۔ ژٕہ چھےٚ پانس متعلق خیال زہ بہٕ چھس پوٚز پیٚٹھ راوان، مگر ادیب چھُ مرن وقتس تام "آناں کہ یافت می نشود آنم آرزوست" سوران نہٕ اَتھہٕ حالس منز وُچھتھ چھُ کانٛہہ تماشہ وُچھن وول سانہٕ زندگی پیٹھ تہٕ افسانہٕ لیکھان۔

نقاد:۔ گژھہِ دتیلہِ یہِ سوروے دُنیاہ چھُ افسانہٕ۔ ژٕہ تہٕ بہٕ یا یوہ تہٕ بگاہ چھ اَمکی کردار۔

افسانہٕ نویس:۔ میہ نِشہِ چھُ چون یہِ تصورٚ تہٕ اَکھ افسانہٕ یتھ پیٹھ رائے دِوان بہٕ بنہٕ نقاد۔ تہٕ تیمیک شرح لیکھان ژٕہ بنکھ افسانہٕ نویس۔

# امین کامل

ناو : محمد امین

ذات : نینگرو تہٕ تخلص :- کامل

ولدیت :- محمد عبداللہ نینگرو

زاسنہٕ :- ۱۹۲۴ء

اصلی لبکین :- کاپرن تحصیل کولگام کشمیر

وُنی کین لبان :- کاچہ گری مُرشد فتح کدل سرینگر

کامِل صاحب چھ از کال کیو بہلہ پایہ کیو شاعرو تہٕ ادیبو منزٕ۔ سیٹھاہ پرٕگو تہٕ دوشوٕے نظم تہٕ نثر یوتے تہٕ لیکھان یُمی کرِ نثرس منزٕ افسانہٕ علاوہ ڈراما تہٕ لیکھان، ترجمہ تہٕ کران تہٕ ناولہٕ کٔرن تہٕ کٔل۔ گوڈٕ گوڈٕ اُسی واریاہس کالس اردوٗس منزٕ شار ونان تہٕ پننس دِلس رٔنزٕ ناوان مگر پتہٕ چھیری کاشرِس کٔن۔ یودوٕے اوٕ ہند کاشرٕ لیکھن کلچرل کانفرنسہ کہ اثرٕ سیتو نوو جوشس تہٕ زور لبان چھُ امہ پتہٕ امہ برونٹھ چھ ییمو بے، اے ایسلمیٹ سِنزٕ موشور کتاب " بہاءاللہ تہٕ نوو زمانہ " کاشرِس منز پھِرمٕژ۔ یہ ترجمہ چھُ بہائیو ہنزٕ محفلِ ملی روحانی ہندہ طرفہ سنہ ۱۹۴۹ عیسوی یس منزٕ نوٗہ دلہٕ چھاپ سپدیومت۔

کامِل صابس ووت ۱۹۴۹ ء پیٹھ اَز تام برابر شاروِنان، ترجمہ کران، افسانہٕ لیکھان تہٕ کتابہٕ ترتیب دِوان۔ وُنیکہ تام پیمہٕ کتابہٕ، یا تخلیقہٕ آمنہٕ اَتھہٕ تَلہٕ درٛایہٕ تِمہٕ چھہٕ ییتہٕ پاٹھۍ:-

(۱) مس کُتھ — شاعری ہند گوڈنیک مجموعہٕ چھاپ ۱۹۵۵ء

(۲) پگاہ چھہٕ گاشدار — سٹیج ڈرامہ (کُنہ کتھہٕ ناوِ چہٕ کتابہٕ منز چھپیومُت)

(۳) گٹہٕ منز گاش۔ ناول

(۴) راژہٕ تہٕ رانی — ٹیگور سُنٛد ڈراماہُک ترجمہ

(۵) نورنامہ — کلام شیخ نورُالدین ولی ترتیب دِیُتمُت

(۶) صوفی شاعر (ترٛیہ جلد) — کلام تہٕ تبصرٕہ

(۷) ڈاک گرٕ — ٹیگور سُنٛد بییہ ڈرامہُک ترجمہ

(۸) لوٕ تہٕ پرٛوٕ — نوٕ شاعری ہند مجموعہٕ چھاپ ۱۹۶۵ء

(۹) کتھہٕ منز کتھ — افسانن ہند مجموعہ

(۱۰) حبہ خوتون — سٹیج ڈراما (غیر مطبوعہ)

(۱۱) حبہ خاتون (اُردو) کلام تہٕ تبصرٕہ

کامِل صاب چھہٕ وُنی کیس کلچرل اکادمی منز ایڈیٹر سِندِس پایس منز کام کران۔ "شیرازہ" (کاشُر رسالہ) یُس اَتھہٕ برونٛہہ اختر محی الدین ترتیب اَسہِ دِوان، سُہ چھہٕ ووٕنی یِمے ایڈیٹ کران۔

"بہاءاللہ تہٕ نٔوو زمانہ" کتابہٕ مَنٛزٕ

مصنّف:- جے، ای، ایسلمنٹ

مترجم:- محمد امین کامل

# مذہب تہٕ سائنس

حضرت علیؑ ییم حضرت محمدؐ سُندۍ زامترۍ اَسۍ چھ فرماوان:-

" یُس سہ کَتھ علمہٕ مطابق آسہٕ نہٕ چھےٚ دینس مطابق

تہٕ۔ یُس سہ کَتھ انسانٕ سٕنٛزِ عقلہٕ منٛز ییہِ نہٕ دینس پَزٕ

نہٕ سہ مانٕنۍ۔ دین تہٕ علم چھےٚ سیٹھا سیتۍ۔ یُس دین

علمس خلاف آسہٕ سُہ چھےٚ نہٕ پوٚز۔"

## اختلافُک وجہ چھِ غلطی

حضرت بہاءاللہ سٕنٛزِ و بُنیادی تعلیمو منٛزٕ چھےٚ اَکھ تعلیم یہِ زِ

پوٚز علم تہٕ پوٚز دین چھےٚ ہمیشہ گنٛڈٕ۔ پوٚز چھےٚ اکے۔ یتھہِ اختلاف (آویزش)

چھےٚ یادٕ سپدان۔ اَمیُک سبب چھُنہٕ پزر یا صداقت آسان بلکہ اَمہٕ کس تہٕس منٛز

چھِ غلطی آسان۔ اَکہِ سیٹھاہ وقتہٕ پیٹھ چھِ نام نہاد دینس تہٕ نام نہاد سائنسس

یا عِلمس منٛز باگ آویزش روزٕ مژ۔ لیکن اگر اَسۍ ژٲرٕو یِمن جھگڑن پیٹھ پَزٕ

رِچہٕ روشنی منٛز اَکھ پوٚرٕ نظر اَسۍ وُچھو زِ یِمن ہُند سبب چھُ ہمیشہ جہالت، تعصب

غرور، لالچ، تنگ خیالی، ضد، صبرچ کمی یا اَمی قسمکۍ دوٚیم چیز آسان۔ یم علم تہٕ
دین یعنی دوشونی ہندس پرٕس روٗحس سیتۍ چھِنہٕ اکھ رٕژھ تہٕ تعلق تھاوان
زنکیازہ یمن دوشوٕنی ہند روٗح چھُ گنیٚ۔

ہکسلے چھُ وَنان زہ :-

" بڈین بڈین فلسفہ والین ہنزٕ کامہٕ چھِنہٕ تیٚژہ
تہنزن عقلن ہنزٕ نتیجہ آسان۔ تہندین دِلن ہندہ
دینی طاقتکہٕ رہنمائی ہنزٕ نتیجہ چھِ آسان۔ یِزر آو یہ
تہندہ منطقی طاقتہ سیتۍ زینہٕ، بلکہ تہندی صبرن، تہندی
محبتن، تہنزٕ یک جہتی تہٕ تہنزٕ نفس کشی کوٚرسہ حاصل"

بوٗلے یُس اکھ سیٹھاہ بوٚڈ علم ریاضی یک عالم فاضل اوس، چھُ
اَسہ یقین دوان زہ " علم ہندسک قیاس چھُ دراصل اکھ دُعا وول عمل۔ یعنی اکھ
محدود عقل چھُ اَکس لامحدود ہستی التجا کران زہ تس گژھ محدود فکرن مٕنز
گاش یُن بخشنہٕ"

دین تہٕ علمہٕ کیو بڈیو بڈیو پیغمبرو چھِ نہٕ زاہ تہٕ اکھ اَکس خلاف
پٕننیو ووٚدھ مۅشراوی ہیتو۔ یم چھِ تِمن دُنی یاہس تربیت کرن والین ہندی نالایق پیرو
آسان یم تہنزن تعلیمن ہندہ معنی بدلہٕ لفظن چھِ پرستش کران تہٕ پتہٕ پٕننہٕ والین
پیغمبرن چھِ ستاوان تہٕ ترقی ہنزٕ مخالفت کران۔ تِمو چھُ کنہٕ اکہ خدایہ سندہ
وحیک، یتھٕ زن تِم مقدس چھِ زانان، مطالعہ کوٚرمت آسان۔ تہٕ امہ چہ خاصیتہ
تہٕ خوبیہ چھکھ پننہٕ خیالہٕ مطابق سیٹھاہ توجہ سان زانہٕ مژہ آسان تہٕ تِم چھِ
صرف تیتھٕ پوز. تورٕ مانان۔ اگر خودا پننہٕ لامحدود فضلہٕ سیتۍ بیٚیہ کنہٕ جایہ تِمہٕ

کھوتہٕ زیادٕ روشنی چھُ سوزان تہٕ وچھیج مشعل چھِ اُکس نوٗعس مشعل ٹانن
والی سنٛدس اَتھس منٛز ترٛاونہٕ یِوان. کھوتہٕ زیادٕ گاہ ترٛاوان آسان، اَتھ بجایہ
زِ تِم گژھن اَتھ گاشس تۄہٕ دٲل کرِنی تہٕ نوٗرہٕ کِس مالکہ خُدایس شُکر
کرُن، تِم چھِ غضبہ سیٹھا برٛہ یِوان تہٕ خوفزدٕ سپدان. یہ نوو گاش چھُ تہٕ
تِمہٕ مُطابِق آسان یہ تِمو خیال چھُ آسان کورمُت. اَتھ منٛز چھُ سہ تعصب
آسان تہٕ نہ چھُ تِتھ جایہ چمکان ییتہِ تِمو خیال چھُ آسان کورمُت. اَوٕے خٲطرٕ
چھِ تِم اَتھ ژھینہ کرنہٕ سیٹھاہ کوشش کران زِ یہ گوژھ نہٕ لُکن گُمراہ کرُن
تہٕ کُفرس کُن نیُن. نبیَن ہنٛدی اکثر دُشمن چھِ ییتھی آسان. یعنی اَمِن ہنٛدی
اُمی وَتہٕ ہاوکی، یم پننس پزرٕکس تامیدس منٛز نوس تہٕ زیادٕ مُکمل پزرس
چھِ مخالفت کران. یِمو ورٲے چھُ بیاکھ جماعت یوسہ پننہِ کھوتہٕ زیادٕ ذلیل
چھِ آسان. یوسہ پننہِ فایدٕ خٲطرٕ پزرس خلاف چھ جنگ کران یا روحٲنی
موتہٕ تہٕ افسُردگی ہنٛدِ سببہ چھِ ترقی ہنٛزِ وَتہٕ منٛز روڑٕ اَٹکاوان.

# نبیَن پزاہ دیُن

یم یم بڈی بڈی پیغمبر دُنیاہس تام چھِ آمتی تِمن چھِ لُکو ہمیشہ ٹھٹھہٕ
کرِ مِتہٕ تہٕ بیٚیہ چھکھ اَبٕزی یاری گنٛزرامٕتی ہتو. یِمو نبیو تہٕ پننیو گوڈنیکیو
مانن والیو چھِ ہمیشہ ظالمن ہنٛدی ظُلم برداشت کرِمِتہٕ تہٕ پنُن زُو تہٕ مال خُدایہ
سنٛزِ وَتہٕ منٛز قربان کورمُت. سائینس تہٕ یتھ زمانس منٛز تہٕ سُنٛد پتھے
پاٹھی ١٦٤٢ء پیٹھ دُنیاہس تام کُرسایہ بدٕ ووے بابیو تہٕ بہایو پننہِ ایمانہ
خٲطرٕ سخت سختہٕ کھوتہٕ سخت موت برداش. اَمہ کھوتہٕ تہٕ زیادٕ لُکو کرٕ قادچھ

جلاوطنی ہِنزٕ، غریبی تہٕ تکلیفہٕ چھےٚ سخٕتیہٕ برداش۔ برونٛہِمیو دپنۍ کھوتہٕ زیادہ
دیٛشتِ یِیہمو بڈٕ دِہِن پَنٕنۍ خیال تہٕ وُنیکِس نام چھُہ اکھ مانَن والۍ شہید
ییوان کرنہٕ۔

سائینس کیٛن عالمن سیٛتھاہ تہٕ آو یہی کرنہٕ۔ جیو رڈانو برونوس آو
۱۶۰۰ء منز کُفرُک فتوہٕ دِنہٕ تہٕ تۄیتہٕ آو زندٕ زالنہٕ۔ تِکیازِ سُہ اوس
وَنان زِ زمین چھےٚ آفتابس اَندۍ اَندۍ پھیران۔ امہٕ واقہٕ پتہٕ کیٛہہ کالۍ پیوٚ گلیلو
فلاسفرس کہہ ٹھٕین پیٹھ رۄزِتھ امہٕ اعتقادہٕ نِشہٕ توبہٕ کرُن تاکہ تمس تہٕ سپدِہ
نہٕ سُے حال یُس برونوس آو کرنہٕ۔ پژانس زمانس منز آو ڈارونس تہٕ
موجودہ زمانس منز آو جیالوجی (یعنی زمینہٕ ہِند علم زانن والۍ) کیٛن کہہ ڈِ کیٛن
ووستادن پیٹھ بڈٕ زورٕ شورٕ سان کُفرُک فتوہٕ دِنہٕ تِکیازِ تِمو اوس پاک
کِتابہٕ توارتچہ یتھ تعلیمہٕ پیٹھ اعتراض کورمُت زِ شیہٕ ساس ورِی گییہ زِ زمین
آیہٕ شیٛن دوہن منز بناونہٕ۔ مگر سائینس چھِ صداقتن ہِند چھَننہٕ ووٚنۍ عیسائی
رگر جے یوت مخالف۔ یتھ پاٹھۍ مذہب کیو کھتر انسانو کٔر مخالفت تہٕ دشمنی تیتھے
پاٹھۍ کٔر سائینس کیو کھتر عالمو تہٕ۔ کولمبسس سیٛتۍ کٔر تِمو لوکو ٹھٹھ مسخری
ییم تمہ سِنٛدِ وقتکۍ نام نہاد سائینکۍ عالم اسۍ۔ تِمن زٕن تجویزن وُچھکھ رنجہ
نظرِ۔ تِمو کرِ پننہِ اطمینانہٕ خاطرٕ امہٕ کتھہِ ہِنزٕ دلیل پیش زِ اگر جہازٕ واقہٕ
پاتالس منز زمینہٕ ہِندس بییس طرفس تہٕ توتہٕ چھنہٕ تِہند واپس یِن ممکن۔ گلوونی
یس، یس بجلی ہِندِ علمُک گوڈنیک ووستاد اوس تہٕ کٔر پننہٕ وقتکیو عالمو
ٹھٹھ تہٕ تَس کوٚرُکھ "زٔنتہٕ مینڈچہ نژن ناوَن وول قلندر" ناو۔ ہارُوے ییمو
خونٕکہٕ دورانُک انکشاف کوٚر، سُہ پننہٕ وقتہٕ کیٛن عالمن ہِندِ ٹھٹھن تہٕ تمسخرن

ہُند نِشانہٕ۔ تہٕ تعلیمہٕ ہِندہٕ مُسندہٕ نِشہٕ آو الگ کڈنہٕ۔ یِیلہٕ سٹیون سنن ریلہٕ ہُند
انجن کوٚر دریافت تمہٕ سِندہٕ وقتکیو ریٛوٗحنی دانو کٔر سیٹھاہس وقتس تام
اطمینانہٕ سان یہ ثابت کرہٕ نِیچ کوٗشِش زِ ہموار تہٕ لہسہٕ شُستروٕ پٹرہٕ پیٹھ
پکن ووِل انجن ہیکہٕ نہٕ ہرگز بوریکہٕ نٲوِتھ۔ تِکیازِ گرٕ کنوٗ آسَن چکر کھیوان تہٕ
گاڑی ہیکہٕ نہٕ برونٹھ کُن پکِتھ۔ اَمہٕ قسمچہٕ واریاہ مثالہٕ ہیکوٚ اَسہِ پرانہٕ تہٕ نوٚوہٕ
بلکہٕ موجوٗدہٕ زمانُک تأریخہٕ منزٕ دِتھ۔ ڈاکٹر ضامن ہاف ییٚمہ اسپرانٹو زبان ایجاد
کٔر تہٕ سٔپُد تمِنہٕ ٹھٹھن، مسخرٕ ین تہٕ حقارتُک ہُند شکار ییمِن ہُند کوٚلمبس
گلوانی تہٕ سٹیون سپدِ۔ اسپرنٹو ییہٕ سہٕ ۱۸۸۷ء منز دُنیاہس برونٹھ کُن آیہِ
تھاونہٕ تہٕ ییہٕ شُہیدن ہُند خوٗن دِیُن۔

## اطمینانُک گاشِ یُن

مگر یِتہٕ میوٚ پنُنہٕ ہو دری یو پیٹھ سپُز دُنیاہ کین خیالن منز اکھ عجیب
تبدیلی۔ اکھ نوٚو دِ پرٕ ییٚک آفتاب کھوت۔ ییمہٕ کِس گاشس منز پرانہٕ مُندی ہُنز
مُخالفت تہٕ بحث ومباحثہ چھُہ دوہ دریمیتھ بوزنہٕ یِوان۔ ووٚنی کوٚت گٔیہ تِم لاف دِنہٕ
وٲلی مادہٕ پرست تہٕ دہری۔ تہٕ خُدایس نہٕ مانَن وٲلی ییم کینٛہہ کال برونٹھ اَسہِ
دُنیاہ منزٕ دین نہبر کڈِتھ ژھُنِنچہِ دھمکیہ دِوان؛ تِم دہنَن ہندی عالِم تہٕ
واعظ کتہٕ شوٗنکھ ییم تمن لوکن ییم تہندِ اعتقاد اَسہِ نہٕ مانان۔ جہنمہٕ کِس
نارس اَسہِ حوالہٕ کران تہٕ جہنمہٕ کِس عذابس منز اَسہِ لوکن ژٲوان؟ اَمہٕ کٔرِتھہ
ناوُک شور چھُ وُنہٕ تہٕ کُنہٕ کُنہٕ سانِہن کنن منز یِوان۔ مگر تہند اثر چھُ ووٚنی
کم سپدان۔ تہٕ تہِندین اعتقادن چھُ زچہٕ یوان کڈنہٕ۔ ووٚنی چھُ اَسہِ صاف پاٹھو

ریوان بوزنہٕ زِ تِم اعتقاد، یِمَن ہیٚنڑ تِم سیٚٹھاہ سختی سیٚتؠ بحث اُسہٕ
کران۔ نہٕ اُسہٕ پٕزِس دینَس سیٚتؠ نہٕ پٕزِس عٔلمَس سیٚتؠ کانٛہہ تولُق تھاوان۔ یُس
کُس سائینٹِنک عالِم چھُ یُس موجوٗدٕ عِلم نفسِکہ تحقیقاتہٕ مُطابق یہِ وَننک
کرِہ جُرأت زِ "دِماغ چھُ خیال رٕتھۍ پاٚٹھۍ پٲدٕ کران یِتھہٕ پاٚٹھۍ جِگر چھُ صفرات
پٲدٕ کران" یا یہِ زِ جِسمچہ کمزوٗری ہُند لازِمی نتیجہ چھُ روٗحُک کمزوٗر سپدُن
دوہ نی چھِ اُسہٕ پورٕ پاٚٹھۍ زانان زِ اگر خیالن پٕز آزادی چھٕ ضروٗرتھ تیلہ
گژھِ تِتھہٕ نفسٲنی تہٕ روٗحٲنی دُنیاہس منٛز تہٕ بُلند پرواز آسُن۔ صرف محدوٗد
دُنیاہس تام گژھِ نہٕ محدوٗد روزُن۔ دوہ نی چھُ یِیمہٕ کتھہٕ ہُند ایحساس سپدان زِ
نیچرس (فطرتس) مُتلق چھُ سون علم رٕتھۍ یِتھہٕ سمندرٕ منٛزٕ اکھ قطرٕ تہٕ بیٚیہ
چھُ اُسہِ وُنہٕ وارٕ موہوٗم کرُن۔ اَوے خاطرٕ چھِ اُسہٕ معجزن ہندٕ مُمکن
آسنُک نٔنۍ پاٚٹھۍ اعتراف کران۔ نیچرٕ کین قونوٗنن خلاف نہٕ بلکہ یہِ زِ یِم
چھِ تِمن پوشیدٕ طاقتن ہندٕ عملہٕ ہُند نتیجہ یِم وُنیکھ تام سانہِ عٔلمہٕ کھۄتہٕ چھ
تھدۍ۔ یِتھہٕ پاٚٹھۍ بجلی ہند طاقت ...... اُسہٕ سانٛین آبا و اجدادن ہندٕ
عٔلمہٕ کھۄتہٕ تھوٚد۔

# مہجور ــــ زان پہچان

[ مہجور صابنہٕ زندگی مُتلق آو از تام واریاہ کینژھہ لیکھنہٕ مگر وُنہٕ چھِ اَہندٕ زندگی ہندی کینژھہ گوشہٕ سانین نظرن نشہٕ ژٲرٕ۔ کامِل صابُن یہِ مضموٗن چھُ تہِندِس زندگی زانِنس منٛز واریاہ موخصر اَسِتھ تہٕ واریاہ دِلچسپ تہٕ معلوٗن۔ یہٕ مضموٗن چھُ اپریل ۱۹۵۲ عیسوی کس 'کونگ پوشس'، منٛز مہجورنین بوٗنین تل" ناوس تحت چھپیومُت۔ ]

## ماٲلی خاندان

مہجورنین خاندانس چھُ مولانا صرفی یَس سیتۍ یُس سانہٕ کٔشیرِ ہُند اکھ موشوٗر صوٗفی چھُ اوسمُت نسبی طور واٹھ۔ کینژن لِکھ پٔترن اندر چھُ اَمِی رنگ ین پڑانین "سید" آمُت لیکھنہٕ۔ مگر مہجور اوس نہٕ پننِس سیدآسنس سیٖتۍ اتفاق کران۔ شہ اوس وُنان زِ ڈوڈ ہتھ ؤری یا شیہ پُشت گیہ زِ سوٗپورِ پیٹھ اوس صرفی خاندانُک اکھ نوجوان میر محمد گرہ زامتُر بناوِتھ اومُت تہٕ تَسندی شافرِ اَندرٕ چھُ مہجورُن سوٗرُے خاندان۔ چونکہ میر چھُ سیدو اندرٕ

دزامُت مانِنہٕ یِوان۔ اَوے رٕنہٕ چھُ مھجوٗر سُند خاندان سیّد آمُت گنٛزراونہٕ۔

مھجوٗر سٕندِس بُڈہ بَبَس اوس غلام محی الدین شاہ ناو۔ اُمِس اوس
ماجہ زیٚنہٕ بُروٗنٹھے مول مۄدمُت۔ تہٕ بییلہٕ تھٔنہٕ پیٚتھ ہنا بوٚڈ گو مۄیَس ماج
تہٕ۔ اَمہٕ پتہٕ رٕچھِو پنٕنِو ماسوو مولانا طیب شاہ صدیقی یَن یُس پننہٕ وقتُک
اکھ موشوٗر بُزرگ اوس۔ مولانا صدیقی صابَن کٔر اُمِس وصیت زِ چون گرٕھ بیمانہٕ
مَرٕ پتہٕ شہر تراوِتھ کَنہٕ گامَس منٛز بسنہٕ گژھن۔ اَمہٕ وصیتہٕ مطابق کٔر محی الدین شاہ
تحصیل بڈگامہٕ کِس اکِس گامَس 'نوٗگجس' اندر روزنہٕ تہٕ تتہٕ لۄدُن جایہٕ پادراہ تہٕ۔
اُمِس اُسی ژور نیچوو احمد شاہ، محمد شاہ، عبداللہ شاہ تہٕ غلام شاہ۔ یِمو ژورو
اَندرٕ کٔر عبداللہ شاہن تحصیل پُلوامہ کِس 'متریگام' منٛز پننِس اکِس سِلسِلس
منٛز نیٚتھرٕ تہٕ پانہٕ تہٕ گو تورٕ بسنہٕ۔

محی الدین شاہ نین باقے ترٛین نیچوین ہنٛدی شُرۍ چھ نوٗگجس منٛز ہے
روزان۔ یِیتہٕ تِمن گُزارٕ خاطرٕ موروٗثی زمین تہٕ چھُ۔

## ماجہ خاندان!

متریگامس منٛز اوس اکھ پرٛون کُلہٕ خاندان روزان، یُس اَندۍ کیٚچھ گامہٕ
کِین لوکٕٹِین شُرین فارسی تہٕ عربی پَرٕناوِتھ پنٕنی ژوٚٹ کماوان اوس۔ یِمو رلو
اَندرٕ اوس اکِس حضوٗر بابر ناو یُس تتھ منٛز کشیرِ ہنٛد اکھ بوٚڈ خوش نویس اوس
سأنی کشیر اُس تتھ زمانس منٛز سکھ حکوٗمتُک تل تہٕ رتھندرٕ طرفہٕ اوس کرنل
جہان سنگھ یِیتہٕ صوبیدارۍ کران۔ جہان سنگھ اوس تہٕ پانہٕ فارسی زانن وول
یوت بلکہٕ اَتھ منٛز اوس شاعری تہٕ کران۔ اکہٕ دوہہٕ بُدُس فردوسی سُند شاہنامہ
کأتبہٕ رٕتِس خوش نویس سُندرٕ اَتھہٕ لیکھہٕناونُک شوق۔ اَمہٕ خاطرٕ آیہٕ سَتَن

ہتن خوش نویسن ہندہ اکھ لیکھت نمونہ تس بروٹھ کنہ تھاونہ۔ یمؤ منزہ تمہ
حضور بابہ سندے خط پسند کور تہ پانس نش اتھ دتن تس شاہنامہ لیکھن۔
فارسی طرز خطس اندر چھہ شراہن ہفتن ہند اکھ جزو آسان۔ یس یس جزو اوس
تیار سپدان سہ اوس حضور بابہ کرنل مہان سنگھس سوزان گژھان۔ اکہ دوہہ
یتھے حضور بابن رستم تہ سہراب سنز لڑایہ ہندس واقس پیٹھ دا بتھ یہ
شار ریتہ لیکھمہ

کنوں رزم سہراب و رستم شنو

گاگا اکھ گریس آس کنٹھس منز تہ غار پاٹھ پڑھنہ پتہ دوتن
تس نہ مہان سنگھ چھکہ از راتھ کیتھ پننہ فوجن قتل کورمت۔ تہ بوزان چھہ
نہ تمہ سندین سارنے توتھ دارن چھہ سخ عذاب کران۔ حضور بابس لج شاہنامہ
لیکھنہ بدلہ پننہ زوچ نکر تہ شارک دوئیم مصرہ

وگر ہاشنیدستی ایں ہم شنو

رازس لیکھنے۔ چنانچہ یہ ورق وچھ مہ یانز یتھے کنہ ہمجورس نشہ موجود۔
کینژن دشمنن ہندس شتہس پیٹھ آیہ دوہہ یہ کتہ کیتھہ فوجی حضور
بابس تہ شحہ رنہ، مگر دوہ شیرے کوٹ بچو سہ تتہ کیو برٹہ شاگرد و عجیب و غریب
طریقو سیتو۔ یمہ کہ تفصیل یتھ مضمونس اندر گنجایش چھنہ۔ ژھوٹ چھہ یہ
نہ اتھ پتہ زول سہ گرکی بار ہیمتھ شوپیان چہ وتہ لاہور یتہ ستن ورین تکیہ
سادھوانس منز روزتھ۔ پننہ خوش نویسی ہند بتہ رود کھوان۔ اکھ دوران
منز سپز سکھن ہنز حکومت ختم۔ تہ گلاب سنگھس آیہ کشیر دنہ۔ چنانچہ
نوہ وہری او حضور بابہ پننین شاگردن ہندس اصرارس پیٹھ بییہ کشیرہ واپس

تہٕ پوٚت پتہ موٗد کمہِ کاٗلہٕ پتہٕ۔

حضوٗر بابس اسی ژور نیچوی تہٕ ژٕ شہ وٚے موٗدی شُرٕ روٗس۔ یمو ورأے
آسس زٕ ژور کورٕ تہٕ یمو منزٕ اکھ کوٗر عزیزہ بیگم علاقہ شکروکس اکس پیرزادٕ
گرس منز اُسٕن نکھ وأجہرٕ۔ اُمس سپنز اکھ کوٗر سعیدہ بیگم یوسہٕ پننس بُڈہ بُبس
تہٕ مامن نشہٕ رچھنہٕ آیہٕ تہٕ تتی کرٕن فارسی تعلیم تہٕ حاصل۔ اُمہٕ سے سعیدہٕ بیگمہٕ
سوٚ ۲۲ ذی قعدہ ۱۳۰۲ھ مطابق ۳ ستمبر ۱۸۸۵ء رأژ ہنزٕ داہ بجہ قریب اکھ
شُر ژھٕنہ یُس غلام احمد ناو آو کرنہٕ تہٕ ییمہ پتہ مہجور لأگتھ کاشرٕ زبانی ہندس
دامانس منہ ختہٕ جرکہٕ تہٕ اتھ منز شأیری کرتھ اکہ نوٚو دورچ بنیاد تراو۔ مہجورس مدہ تہٕ
ڈوڈہٕ وہری شُری پانسے منز ماج تہٕ توٚہ پتہٕ روٗد چھ یہ پننہٕ ماج نانہ عزیزہ بیگمہٕ۔

## تعلیم

مہجورُ سند مول عبداللہ شاہ اوس فارسی زبأنی ہُند اکھ جان عالم۔ چنانچہ
گوڈٕ گوڈٕ پرٕ ابتدأیی کتابہٕ اُمی مالی سندی نے کھورن تل۔ اُمہٕ پتہ پوٗرن امرکس
کأشرس بٹس نشہ کینژٕس کالس تام۔ اتھ زمانس منز اوس ترالس اندر اکھ مشہوٗر
عالم تہٕ شأیر مولانا علی گنأیی عاشق روزان۔ اُمی چھ کأشری شأیری اندر زٕ کتابہٕ
تراومژٕ۔ اکھ چھ "گلزار حسن" یتھ اندر حضرت امام حسینؑ سنز سوانح عمری تہٕ
شہادتکہٕ واقعات چھ نظم آمتہٕ کرنہٕ۔ دوٚیُم چھُ اکھ عشقہ داستان "زہرا بہرام"
ییٚمیک آگُر فارسی زبأنی ہنز مشہوٗر کتاب "بہار دانش" چھ۔ مہجورٕ آو اُمس نشہ
تأیلیم حأصل کرنہٕ خأطرٕ سوزنہٕ۔ عاشق سنزٕ شأیری ہند اثر پیوو مہجورس پیٹھ تہٕ
چنانچہ اُمی چھُ گوڈنیک کأشُر مصرٕ اُتی موزوٗن کوٚرمت۔ ییٚمیک واقعہ یتھ کنہٕ چھُ
زہ عاشق اوس اکھ مصرٕ ع زہر تمہٕ سے جانہٕ جانس دِتھ ــــــ ووٚنمت مگر دوٚیُم

مصرٕ اوسُس نٔز شمان زہ مہجور تہٕ دوٚیم شاگرد ژاٮ۪س کیٚتھس منز۔ عاشقن
دوٚپُک تلہٕ باپتھ بناوی توٚ بیاکھ مصرٕ۔ مہجورن ووٚنُس فورن سہ سم قابل
شکرستانس دِینکھ ـــــ عاشق صاحب ووٚنُکھ "شکرستانس سم قابل دِین کیاہ
گوٚو؟ خاطر چونکہ ژہ ووٚنتھ برجستہ اوسے کنہٕ تھاوٕن یوہے مصرٕ۔ امہ وقتہ چھ
مہجور شُداہ وُہُر آسان۔ امہ زمانچ بُڈ ڈگری گٔیہ نظامی سُنٛز کتاب "پنج گنج"
ختم کرٕنۍ۔ مہجور آو یہ ڈگری حاصل کرتھ شہرس اندر۔ تمن دوہن اوس یتیتہٕ
انجمن نصرۃ الاسلامُک سکوٗل جٲری سپُدمُت یتھ منز مولوی حسین شاہ زیرکؔ
فارسی اوس پرٕناوان۔ مہجور تہٕ سپُد سکوٗلس منز داخل تہٕ یلہ نصرۃ الاسلام مڈل
سپُد امو تہٕ پوٗر مڈلس تام نہٕ توٚرہ پتہٕ دژاو امہ مدرسہ منزٕ۔

١٩٠٥ عیسوی یس منز یلہ پرنس آف ویلز ایڈوارڈ ہفتم جموں آو۔
مہجور تہٕ گو تماشہ وُچھنہ تہٕ تتہٕ پیٹھ گو امرت سر۔ امرت سرس منز اوس اکھ بوڈ
عالم مولوی عبیداللہ بسملؔ روزان۔ یمن نِش مہجورن بٔنیہ فارسی تعلیم ہیٚنٛز بٔرنٕ۔
بسمل صاحبس سپُد امس سٔتۍ سیٹھاہ اُنس یمیک وجہ تمو امس نشہ یہ ظاہر کور۔
زہ سہ چھُ پانژ اکس کاشرس عالمہ سُند شاگرد روٗدمُت۔ سہ کوشُر عالم اوس
خواجہ حسن کول شعری ییمس شاہ روٗتن "آفتاب الہند" خطاب اوس دیتمُت
نہٕ قریب قریب میرزا غالبؔ سُند ہمعصر اوس۔

## شاعری ہند گوڈ

بسمل اوس فارسی زبانٕ ہند اکھ جان شاعر۔ تہندس گرس منز اوس
پرٕ پتھ وقتہ شاعری ہندے فضا آسان۔ ہندوستانکو وارِیاہ عالم تہٕ شاعر
امسو اکثر تمس نشہ یوان گژھان۔ یمہ کنہٕ علمہ ادبچہ محفلہ آسہ تتہٕ لگان روزان

اُمی ماحولن ژُووو مہجورَس پیٹھ اثر تہٕ تمہٕ سٟتۍ ہیوٚتُن فارسی زبٲنۍ منٛز شاعری کرٕنۍ تہٕ مہجورٕ تخلص تھوٚوُن۔ دراصل سہٕ شاعری ہُند بیول یُس علی گنائی عاشق سٟندِ گرہ مہجورَس دِلَس منٛز وٕوونہٕ اوس آمُت تمۍ لوب بِسمل سٟندِ گرہ پھولنہٕ تہٕ پھانپھلنہٕ خاطرٕ سیٹھاہ رُت وفا۔ گویا یِمن دۄشوٚنی بُزرگن ہُند چھُ اُمس شاعر بناونس منٛز ہاتھ اُتھ۔

بِسمل سٟندِ گرہ سپُد مہجورَس مولانا شبلی نعمانی یَس سٟتۍ تہٕ ملاقات یتھ منٛز شبلی یَن اُمس پرٕژھ زِ تہٕ کُس نٲو چھوٚو مہجور۔ اُمی وۄنُس واپس "حضرت پننِس وطنس نشہ" شبلی یَن پرٕژھس ییلہ توہۍ پنُن وطن واپس گژھو تیلہ بدلٲوِو پنُن تخلص" مہجورَن دِیتُھ جواب "نہٕ حضرت" یہ بوٗزِتھ سپُد شبلی کینژھاہ حٲران تہٕ پرٕژھنَک۔ "تیلہ کُس نٲو اُسو مہجور؟" اُمی وۄنُس برجستہٕ "حضرت قمہ نٲوس" شبلی وۄتھ بسمِلس کُن "مہہ حضرت چھُ باسان یہ شاگرد کرہ تُہُند ناو روشن" بسمِلن کیہ لٲوِ وُتھ تہٕ ویٚژھن مہجورَس کُن نظر یتھ نظرِ منٛز اَکھ خوشی تہٕ وۄمید پریژلان اُس۔

امرتسرس اندر ہیوٚتھ چھ مہجورَن غلام علی کاتبس نشہ خوش نویسی تہٕ بلکہ اُمس سٟتۍ رُوزِتھ کرِن کینژَس کالس پیٹھ اخبارَن منٛز تہٕ کام۔ اُمہ پتہٕ آو یہ کشیرِ واپس تہٕ وارِیاہس کالس رُود فارسی شاعری کران۔ اَتھ زمانس اندر اوس ییتہٕ لوکن اندر فارسی زبٲنۍ ہُند مذاق سیٹھاہ تیزی سان کم گژھان تہٕ اردو زبان اُس تمیُک جاے رٹان۔ اُمی بدلَن والِ مذاقن کر ١٩٢٧ عیسوی یَس منٛز مہجور فارسی ژٲوِنس تہٕ اُردو زبٲنۍ اندر شاعری کرنس پیٹھ مجبور۔ چنانچہ اُردو شاعری ہُند یہ سلسلہ تہٕ رُود کینژَن ورِہِن تام جاری۔

فارسی تہٕ اُردو شاعری ہندِس دورانس اندر سپُد مہجورس ایحساس زِ

کوشُر شاعر یا ادیب اگر پننِس زبانِ منز کوتاہ تہٕ کمال حاصل کرِ سہٕ چھُ دراصل کرایہ

مکانَس رنگ روغن کران۔ یتھیمیک نہٕ تَس بانس کانہہ ٹھوس فایدہ چھُ واتان تہٕ نہٕ

چھُ تِتھ مکانکُ مالِک پسند کران۔ یکیاززِ سہٕ گژھِ چھینہِ تَسِندِ منشہٕ مطابق آسان

یہ ایحساس سپُد مہجورس کاشرِ زبٲنۍ کُن پَنُن اکھ بوڈ وجہہ۔ اَمہِ وقتہٕ اوس

کشیرِ منز محمود گامی سِنز شاعری ہند دور پننِس کمالس واتمت۔ محمود گامی یُس

پتہٕ ہیم اَمہِ دورکۍ شاعر اُسۍ تِمن منز آسہٕ زہ خٲمی پادہ سپدیمژہ۔ اکھ اُس یہ

زِ تِم اُسۍ تصوفس اَندر دٔلتہٕ آمتۍ۔ دویم یہ زِ کاشرِس منز اُسکھ فارسی ہیچ

زبردس ملاوٹ تراومژ۔ رسول میرس اندر اوس نہٕ ہیچیدہ تصوف مگر زبان اُس

پننین ہم عصرن ہندۍ پاٹھۍ ریختہ۔ یتیمہ ساتہٕ مہجورن شاعری شوروٗع کٔر تمہِ

وقتہٕ اوس اَمہِ دورک آخری بوڈ شاعر عزیز اللہ حقانی زندے۔ سمت ۱۹۷۴ اندر ووٚن

گوڈنیچ لٹہٕ مہجورن اکھ کاشُر غزل یُس رسول میرنِس طرزس پیٹھ اوس سہٕ

وَنتہٕ ہے وُیسیو بے وفایی شیوۂ دِلدار چھا

نازنینن مہ جبینن قتل و غارت کار چھا

یہ سپُد لوکن اندر سیٹھاہ مقبول تہٕ اَمہِ سیتۍ بڑیوو نہٕ صرف مہجورس

حوصلہٕ بلکہ اُمی کورٕ اندازہ زِ سہٕ ہیکہ کاشرِ زبٲنۍ اندر اُردو تہٕ فارسی کھوتہٕ زیادہ

آسانی سان پننین خیالن ہُند اظہار کرِتھ۔ اَمہِ پتہٕ ووٚن اُمی حبہ خوتونہٕ ہندِس موشور

" غزل " ۔۔ " وٚلو ہیا نہٕ پوشہِ مدنو " کس طرزس پیٹھ " پوشہِ متہٕ جانانو " یہ غزل چھُ

گویا حبہ خوتونہٕ ہندہ غزلک اکھ ضمیمہ۔ اُمی غزلن کوٚر مہجور کشیرِ اندر بطورِ شاعر

موشور۔

سنہ ۱۹۳۴ء

یہ ؤری روزِ کاشرِس ادبکِس تارٟیخس اندر ہمیشہ زِندٕ ہکیازٕ امہِ

دوہہ آو گوڈنیچہ لٹہٕ کشیرِ اندر اکھ مشاعرٕ کرنہٕ یتھ منٛز کوشر غزل تہٕ آو پرنہٕ۔

چودھری خوشی محمد ناظر سٕندِس اِشارس پیٹھ سپُد نمائش گاہس اندر اکھ مشاعرٕ

یتھ منٛز فارسی، اُردو تہٕ پنجٲبی زبانٕ اندر غزل تہٕ نظم پرنہٕ ینک اعلان آو کرنہٕ۔ مہجورس

تہٕ آیہ دعوت دِنہٕ مگر تمۍ کوٚر خوشی محمد ناظرس اِصرار زِ میہ گژھہ کوشر غزل پرنہٕ ینک

اجازت مِلن دِنہٕ۔ ہکیازِ کشیرِ اندر سپد مشاعرٕ تہٕ کاشرِ زبانِ منٛز آسہ نہٕ پرنہٕ ینک

اجازت۔ یہ چھ کاشرِن پیٹھ اکھ بوٚڈ دھبہٕ۔ ناظرن مانٛز مہجورنٕ یہ کتھ اکس

شرطس پیٹھ زِ کاشرِس غزلس سیتۍ بوزِ ناوہٕ سہ تتھ طرح مصرس پیٹھ اکھ غزل

یُس اعلانس اندر اُردو زبانٕ منٛز غزل بوزِ ناوُن والین ہندِ خاطرٕ دِنہٕ اوس

آمُت۔ مہجورن کوٚر یہ شرط منظور تہٕ امہِ مشاعرٕ خاطرٕ ووٚنک "باغِ نشاط کے

گُلو" یُس سیٹھاہ مقبول سپُد۔ اُردو خاطرٕ اوس غالب سٕند یہ موشہور شار

طرح مصرعہ سہ "گری ہے جس پہ کل بجلی وہ میرا آشیاں کیوں ہو" ــــ امہِ پیٹھ

یُس مہجورن غزل چھُ ووٚنمُت، تمیک اکھ شار چھُ یہ سہ

بدل دی رُخ کی زردی غازۂ مغرب کی سُرخی نے

پُرانی وضع کا پابند اب ہندوستان کیوں ہو

## مُلازمت

ییلہٕ مہجور امرت سرٕ پیٹھ کشیرِ واپس آو۔ اُمۍ کوٚر تحصیل بڈگامہ

کِس "یاری کلان" گامس منٛز اکس پیرزادہ خاندانس اندر نیتھر۔ امہِ نیتھرٕ سپُد

یمن اکھ نیچو یُس محمد امین ناو چھُ یُس کاشرِس تارٟیخس پیٹھ سیٹھاہ جان نظر

چھُ ہتھاوان۔

کشیرِ وائتھ لیجِ مہجورس ژوٹ کماونچ فِکر۔ آبائی پیشس (پیرمُریدی)
سیتھ سپزس سیٹھاہ نفرت تکیازِ یہِ اوس وارِیاہن کالس اَمِہ ماحولہٕ نِشہِ دور روُدمُت۔
تہٕ اَکِس نوِس ماحولس اندر بڈیومُت یُس اَمِس زیادِ ہتھ ووس باسان اوس۔ چنانچہ
اَمہِ کرٕ سرکاری مُلازمت حاصل کرنچ کوشش۔

غالبن ۱۹۰۸ہس منز ییلہِ چودھری خوشی محمد ناظر لداخس اندر بندوبستک
مہتمم اوس تہٕ تس اوس کینہہ محرر ضرورت۔ زِ مہجور حالن سوُز فارسی زبانی منز
اکھ منظوم درخاس ناظرس نِشہ۔ ناظرن سوُز درخاسہِ تلے اَمی سِندِ قابلیتک
اثر تہٕ تمی نوگ مہجور شجرہ کش۔ تیلہ آسہ اٹھ روپیہ شجرہ کشس تنخاہ میلان
تہٕ لداخ گژھن والین آسہ بییہ پانژہ روپیہ الاونس دِوان دِنہ۔ مہجور تہٕ گو لداخ
تہٕ نِنہٕ ہیچھن بندوبستچ کام۔ ییلہ بندوبست کرگل آو مہجورس تہٕ سپز تور بدلی۔ اتہ
کرٕ اَمی جاگیری کھرمنگ کس اَکِس گامس یتھ "پاری" ناوچھُ، گوڈنچ لٹہ پانہٕ پیمایش
اَمہِ پتہ آو یہِ رخصتھ ہیتھ کشیر واپس۔ اتھ دورانس اندر آو بندوبست کشیرِ
واپس تہٕ مہجور گو بییہ رخصتھ ختم سپدتھ پننہٕ کامہ پیٹھ حاضر۔
مہجور پھیور کشیرِ ہندین سارنے تحصیلن اندر پٹواری بنتھ تہٕ آخر آو
سمت ۲۰۰۲ بکرمی اندر تحصیل بڈگامہ پیٹھ ریٹایر کرنہٕ۔ پننہٕ تمام واٹسہ کھوت نہٕ یہِ
پٹواری عہدہ ہیور زانہنہٕ۔ حالانکہ اَمس کھوتہ تہٕ کم سروسن والی آیہ اعلا عہدن پیٹھ
رٹنہٕ۔ اَمیُک وجہ چھُ اکھ یہِ زِ مہجوران کرٕ نہٕ پانہٕ زانہ اَمہ بابت کوشش۔
دویم یہِ زِ کشیرِ ہندس سیاسی تحریکس سیتی وابستہ آسنہٕ کنہٕ آو یہِ ہمیشہ
زیر عتاب تھاونہٕ۔

## مہجورنِ شاعری

یہ چھُ مہجورٕ سٕنٛزِ زندگی پیٹھ اکھ سرسری نظر۔ اَمہِ روشنی منٛز ہیکَو اَسۍ پوٗرٕ پاٹھۍ مہجورنِ شاعری وُچھتھ تہٕ تمیُک تجزیہ کٔرِتھ ۔۔۔۔۔

۔۔۔۔۔۔ سانہٕ کٲشرِ شاعری ہُنٛد نوٚو دور چھُ مہجورنہٕ سٕندِ پیٹھ شوٗروٗع سپدان۔ انگریز سامراجس خلاف یِیہٕ سٕہ نفرتیچ تحریک ۱۸۵۷ء پیٹھ ساری سے ہندوستانس منٛز چلان اُس تمہ لَب ۱۹۱۴ عیسوی چہ لڑایہ پتہٕ اکھ منظم سٔنٛز تہٕ نٔو قومی تحریکچ شکل۔ اَمیُک اثر پیو ہندوستانکین شاعرن سیتھۍ مہجورس پیٹھ تہٕ۔ یم اَسۍ لۄکچارہ پیٹھ فارسی تہٕ تمہِ پتہٕ اُردوٗ زبٲنۍ اندر پننین خیالن ہُنٛد اظہار کران، مگر اَمہ پتہٕ زون یمَو اَمہِ سیتھۍ نہٕ واتہٕ یمن زبانن کانہہ ٹھوس فایدہ تہٕ نہٕ کٲشرِن لُکن چنانچہ یمن پیو کٲشرِ زبٲنۍ کُن بُتھ کرُن۔

یمو برونٛہہ اُس سأنی شاعری تصوّف کس پھیرس منٛز بے ہُرش۔ بٔلکہ اوس اَکھ پیٹھ فارسی شاعری پننیو تمام لوازماتو سان غلبہٕ کوٚرمُت۔ پرٛیتھ اَکھ شاعر اوس "وحدۃ الوجود" کے فلسفو نان تہٕ سماجی لوٗٹ کھسوٗٹ نِشہٕ اِحساس مۄہ کلنیچ کانہہ تہٕ وُنہ باسان۔ ہورِ کنہ اُس ہندوستانس منٛز قومی تحریک سیٹھاہ زورن پیٹھ۔ یمہ کہ اثرٕ نِشہٕ سون مُلک الگ ہیکہ ہانہ رۄزتھ۔ یوہے وجہ چھُ زہ اکہِ طرفہٕ پیو مہجورس پرانہٕ تصوفی شاعری خلاف محاذ بناوُن تہٕ صحی رومانوی شاعری کرٕنۍ تہٕ دوٚیمہِ طرفہٕ قومیتُک جذبہ کٲشرِن منٛز وُزنہٕ ناوُن۔ اَمی جذبہ کِنۍ کٔر یمو کٲشر شاعری وارہاہس حدس تام رِوایتی فارسی تشبیہو تہٕ ترکیبو نِشہٕ آزاد تہٕ یہ بناوِکھ کٲشرِن خیالن ہُنٛز ہمنوا۔

یہنٛزِ شاعری ہُنٛد اکھ بوڈ امتیاز چھُ اَمیُک عوامی طرزس تہٕ چھُ

یِمَن بُرونٛہہ محمود گامیُس ورائے بیٚیہِ کانٛسہِ شاعِرَس منٛز دَریٚنٛٹھ یوان تہٕ چھُ
وُنی کیٚس پٔتھٕ دوٚیمین شاعرن اندر پادٕ سپدان۔ یِہنٛدی میٹھی تہٕ موزون
لفظ، یِہنٛدۍ سادٕ تہٕ سیٚدی استعارٕ تہٕ تشبیہہ یِہنٛد کاشُر محاورٕ تہٕ ترکیب تہٕ یِہنٛدۍ
تیتھی سٕنٛز خیال یُتھ تِمَن اَکھ سیچھہت ہیٚکن۔ کشیرِ ہنٛدی اَن پڑھ گریسی تہٕ موزور
چھہ یِہنٛزٕ شاعری ہنٛز نِشٕنٛز دلیل۔

کینٛژن نقادن ہُنٛد یہ خیال زِ مہجوُرنٛ شاعری تہٕ اُس واریاہس کالس
" ووہتھ ژلو"ہک فلسفہ وَنان چھُ بے بُنیاد۔ یَمیُک ثبوت تِم نقاد دِوان چھِ نہٕ
چھُ اَسہِ اَتھ یوان۔ یِتھۍ پاٹھۍ چھہ کینٛہہ وَنان زِ مہجوُر چھُ صرف گُلن، بُلبُلن
تہٕ عاشقن معشوقن ہُنٛد وَدُن وَدان۔ مگر تِم چھِنہٕ یہ زانان زِ ایشیاہس منٛز یورپ
سانٛہہ بنیٚن وَری یِن ہنٛز " جنسی فرق" پادٕ اُس سپنٛز مرتبتھ خلاف صحت مند

رٔمانوی شاعری کرنٛ اُس اَکھ زبردس چیلٕنج تہٕ سیٚٹھاہ بوٚڈ ترقی پسند قوم۔

مہجوُرنٛ شاعری یوٚسہٕ قومی بیداری پادٕ کٔر تمیُک اَکھ بوٚڈ نتیجہ دراو یہ
زِ کاشرِ زبانِ لٔب سیٚٹھاہ وُسعت تہٕ ترقی۔ سانٛہ ادبُک (یُس پرانِ شخصی نظامن
دبوٚومُت اوس) سپُد بَریلہ۔ اَمہِ وجہہ کُنہِ بنیہ یہ مہجوُرنٛ شاعری سانٛہ قومی آزادی
ہنٛزِ تحریکِ اَکھ زبردس ہتھیار۔

# جگن ناتھ ولیؔ

پنڈت جگن ناتھ ولیؔ چھ ڈل حسن یار سرینگرہ روزان۔ زامسہٕ چھُ (۱۹ اپریل ۱۹۱۸ء) وُنی کین چھ مرکزی انفارمیشن محکمکس سرینگر آفسس منز کام کران۔ اَمہ برونٹھہ اُسی واریاہس کالس ریڈیو کشمیر منز خبرن ہندس شوبس سیتی وابستہ۔

ولیؔ صٲبن چھُ کٲشرس منز اکھ ڈراما "زوٗن" لیوٚکھمُت، یُس زَن اُردو ترجمہ ہیتھ چھاپ چھُ سپدیومُت رکتابہ پیٹھ چھپنہٕ چھپن وری ذٔریعہ۔ ووٚنی گوو "مقدمہ" تہٕ گوڈٕ کیتھ (عرضِ حال) پٔرتھ چھُ نَنان زِ یہ ڈراما گژھہ ۱۹۵۱ عیسوی یس منز چھاپ آسُن سپدیومُت۔

●

# زوٗن

## ( ڈرامہ منظوٗمہ )

[ یوٗسف شاہ چھ پانٛژھ مۄغل شہنشاہ اکبرنہٕ
اَتھہٕ گرفتار سپدِ، یُس چھ عظیم شہنشاہ اکبرنِس زندگی پیٹھ
اکھ بدنما داغ مانٛنہٕ یِوان۔ وَلی صاٮ۪بن چھ پننِس ڈرامٲیی تصویر
ڈراماکِس ژوٗرِمس حصس منٛز پیش کٔرمٕژ۔ چھ تِتھ اندر چھ
تیٚہندِ صداقت اَکِس خاص افسانوی اندازس منٛز نابان یِتِتھ
چھ اَسہِ یِمہٕ سین پیش کران۔ ]

### گوٚڈنیُک پارٕ

[ شہرُک اَکِس بازرس منٛز چھ ترٛے شہری کتھ کران ]

صادق :- یِم شہنشاہ تہٕ چھ اصلی اَپزیٲری آسان۔ اَمہِ کھٕلہٕ تہٕ چھ اَسی کٔھرِ
بکریُم سپان۔ یِمن پننہِ لفظُک پاس آسان۔ اَسہِ اگر کانٛہہ وعدہ پوٗرہ کرُد
نہٕ۔ ڈیپان چھ دُنیہس کتھ پانٛژھ ہاوٕ بُتھ۔ وُچھ اَمہِ اکبرن کیاہ کوٗر
اَمِس یوٗسف شاہس۔ یِتہٕ دۄپنس بھگوان داسن وَلہٕ صُلح کرو۔ تہٕ
دِموے کشیر پنٕنۍ واپس۔ تہٕ پکھ باج و خراج ہیتھ شہنشاہ سندس دربارس
منٛز۔

ابراہیم :- ژےٚ چھُے نابوٗزمُت۔ دۄہان پادشاہ ماز چھُ آسان دیگہٕ لدُن لایق۔ ہیٚلہٕ ماز پیٚھنٛد گرٛو یُتھ ہنہٕ وعدٕ پیٚھنٛد کیٚتھٕ گرٛزھ آسُن۔ یمن نیشہِ گرٛ شُلی تلی ژٔھلی ہیُن مطلب گرٛزھیاکھ کٔنہٕ وَتہٕ نیرُن۔ ہینٛز کنہٕ آیو بھگوان داسس کمہٕ ناوٕ ہنہٕ چاوٕ۔ ہیتہٕ وُچھن بیٚیہٕ کٲشرٕ بُرونٛہہ پاٹھو کھرہنہٕ کھتھ ہیتو۔ دوٚیمُت آسُن بیٚیہٕ ما ہیٚنہٕ مغل سپہ ہنٛز برُونٛہہ پاٹھو پازارہ اتھن کیتھ ہیتھ ژٔلُن۔ مگر اَمس بےعقلس کیاہ کرو۔ ہیٚمہ پانٛی پانے وٲلہ واللہ پھیر۔

قُلدٕ :- دراصل ہبا آسہٕ ہے اَمہِ بھگوان داسُن اکبرس شیٚچھ سوٗزمٕژ۔ زٕ لڑاے زینٛنہٕ چھ مُشکل کتھ۔ تَمہِ آسہِ نَس تورٕ دوٚمست کرٛو ژٔھل۔ یوٗسُف شاہ ہا چھُے سیوٚد پادشاہ۔ پیہ ہا پھسی۔ مگر پیہ ہتہٕ گیہٕ ناوُن زدی۔ ہیٚتہٕ کھش ہتہٕ ہونگنہٕ ہیٚتھو۔ زِیوٕ ژٕنہٕ اکھ کتھ ہتہٕ کرٛنی بیاکھ۔

ابراہیم :- اَسہِ چھ سٲری اکبرس رٕہ کھالان۔ یوٗسُف شاہس چھُنا تقصیر یُس کوٗت لاریو برُونٛہہ برُونٛہہ۔ قند نابدٕ، کونٛگ تہٕ شال ہیٚتھ زٔن اوسُس سونٛپُٹ گرٛژھن۔ وونی ژٔھنن وُمرٕ ہیٚتھ کٔشیر خار کرٛتھ۔ ہیٚنُن پان گیوس اَسہِ بچے۔

صادق :- اَمہِ چھُے تماشہٕ کیاہ وُنے۔ ہیہٕ بوزراتھ اَکس جایہِ زوٗن ہتہٕ محمد بٹ ہیٚتیس پرٛن نہٕ کھرُن۔ دوٚبہس پادشاہ پکیاہ پُھچھاکھ کران۔ وارٕ سونٛچ۔ اکبرس چلیو ہنہٕ ہیٚتہٕ کیٚنٛہہ۔ جرنیلو کھیٚیہٕ ہس پیٚوہ ہہٕ۔ اَمی چھُے پیہ صلح صلح کران۔ نتہٕ کوٗت تہٕ کیاہ۔ ژتہٕ ہیٚتھ آیو دندن پھیرواو دِتھ۔ نہٕ ہیٚتہٕ کرٕہی ژےٚ زارٕ پارٕ صلح کرٛکھ نا۔

فتلاکھ :- یہ چھےٚ پۆز ہیتہٕ بۆز اَکی سٕنزِ زیوٕ ۔ واریاہَن ہٕنزِ زیوٕ ۔ زہ زۆہنہٕ کرِہنس گوتاہ دِپیوٚنس مَرو تہٕ یِکہٕ وٕنِہ لَسو تہٕ یِکہٕ وٕنِہ ۔ ژوٚ مَتہٕ گژھتہٕ اور ۔ یہ چھُنہٕ کاڑ ہچار ۔ تمہٕ وۆن نکھ لڑایہٕ کھیٚنہٕ گوٚ صلحی حان ۔ یوٚتانی صُلح صُلح کران ہندوستان ڈاتہٕ نوٚوٗ کھد تہٕ تِتہٕ تھوٚکھ اَنہٕ گٕرِ کوٚٹھرِ منز بند کرِتھ ۔ خوداہ زانان بیچارس کیاہ گُذران آسہِ ۔

ابراہیم :- بے وُقوفس کوٗرسہٕ کاٗنسہٕ ۔ پانہٕ ہےٚ عقلہٕ ژھوٚٹ دڑاو ۔ بہتھ اوس عاشق کران کیاز آس کھرِ کشن ۔ دپان ییلہٕ قسمت ژھوٚٹان چھُ عقل چھُ بُرونٹھہٕ بُرونٹھہٕ ژلان ۔

فتلاکھ :- مےٚ چھُنہٕ تیوٗت یوٗسفُن پھیران یوٗت مےٚ زۆہنہٕ ہندِ دِلس کھنجہٕ چھُ گژھان ۔ ییلہٕ تمہٕ شندناد کانٛہہ ہیوان مےٚ زَن چھُ ڈالِنجہٕ تیلن لگان ۔ ہیوٚ صاٗبرِ کاک چھیا خبر کتہٕ چھُ اَز ۔ سہٕ چھُ وَنان ۔ مےٚ چھُنہٕ پیٚژھ پادشاہ بابے اَز تانی وُچھمُت یا بوٗزمُت ۔ زِ ییٚتھی وصف اُسی کانٛسہٕ ۔

ابراہیم :- اَتھ چھُنہٕ کانٛہہ شکھ ، کانٛہہ گاٹُج ، ہمنرمند ، زاہ بوٗزنہٕ کانٛہہ فقیر گوٚ تمہٕ سٕنزِ ڈیوڑہ پیٚٹھ تہٕ تورٕ آو خالی ۔ پرٛتھ کانٛسہٕ اُس اَتھ پیٚٹھ تھاوان ۔ غریب تہٕ لاچار کوٗرِن اُس ییٚنہٕ والین پیٚٹھ پننہٕ دیار لاگان ۔ ہیوٚ تمِس زنانہٕ چھیا خبر زَن کتھ پاٹھی ٲل روونس ۔ وُچھ کیاہ تدبیر کرِنس عقل چھُ راوان[1] ۔ دٲدِس اُس ییٚتھ پاٹھی واتان ۔ کانٛہہ قاصد واتہٕ ہٮ۪س تہٕ ماج ہندی پاٹھی اُس بوزان ۔ ژٕکھ تہٕ ۔ درٛیہ تہٕ ۔

صادق :- دپان ووٚن چھس مغز خراب گمُت ۔ یوٗسف شٲہن چھُن ہیوٚتمُت زہ

---

[1] یہ دلچسپ قصہ چھُ حسن کھوٗیہامی تہٕ پننہٕ ہسٹری منز لیوٚکھمُت ۔

گامَن منز چھہٕ کمہ لہ بٔژین پیٹھ بیہتھ گیوان فراقس منز بأتھ۔ اُتھی ما
چھُس ہُنٛدس موہلہٕ وُن کینٛہہ۔ دٕپان کنین چھ اَوَش ہچارِ ناوان تہٕ پانس
سیٹھاہ تمن وَدِہ ناوان۔

ابراہیم:- ہے ہے! خُدایس کھوژہٕ ژٕنی یژھ زمانہٕ گۆژھہ نہٕ یتھ انجام
آسُن۔ خُدایا رحم کرس۔ اَسہ کرے یَس پانژَن دوہن آسائیشی پُہمتھ
رَنگہٕ، کھینہٕ رنگہٕ، چینہٕ رنگہٕ، انصافہٕ رنگہ۔

فُدرہ:- ہنہ با آسے یِم کمہ کر ژٔوُر موہلُل سِپاہ۔ ژٕن چھ واشُس آمتی۔ یِمَنہٕ
کُنہٕ لگِتھ کانٛہہ چیز اُتھ تہٕ چھ رگلہ ناوان۔ پکیو بابیو۔ یمن ہا گژھہ وۆد
ھتیچھ۔ کیاہ تانی چھ ژٕدسے کران۔ گرہ کین روزہ نہٕ خبرے تہٕ شامس
اُسو اَنہٕ گنٛڈ کوٹھرہ منز بیہتھ۔

## دۆیِم پأٹھُر

[ شہنشاہ اکبر چھُ محلہٕ خانہٕ کس اَکس کمرس منز بیہتھ۔
برونٛہہ پیٹھ چھس گمُاشتہٕ عرض کران۔ راجہ بھگوان داس
چھُ اژان ]

بھگوان داس:- [ بندگی کٔرِتھ ) عالی جاہ۔ خاکسار چھُ یژھان کینٛہہ عرض کرُن۔

اکبر:- بھگوان داس۔ اَسہ چھِ چانٛی ذات سیٹھاہ پسند۔ ژٕ چھکھ وارِیاہ کارنامہ
کٔرِمتی۔ سیٹھاہ خدمت کٔرمژ۔ اگر ژٕ بے ادبی تہٕ کرکھ سۆ تہٕ کرو اَسی
معاف۔ وَن کیاہ چھُے وَنُن۔ جاگیر گژھہ ہیہ؟

بھگوان داس:- شہنشاہِ اعظم۔ بہ جاگیر ژھانڈان چھُس نہٕ۔

اکبر:- لال جواہر گژھنیہ؟ بہ ژاوہ وُنی چانہٕ خاطرہ خزانہٕ وٕتھ۔

بھگوان داس:- عالی جاہ۔ تم تہٕ گژھن نٕ۔ مےٚ چھےٚ تُہٕنز عنایت سیٹھاہ۔

اکبر:- بہادُر جرنیل۔ اَدٕ کیاہ گژھی۔ منصب گژھےٚ ہُربراوُن۔

بھگوان داس:- ظل الٰہی! مےٚ چھُسےٚ منصب ٹھیک، یُس تۄہہ بخشمت چھُووم۔ بہٕ چھُس یژھان کشیرِ ہندِس یوسف شاہَس مُتلِق کینٛہہ عرض کرُن۔

اکبر:- کیاہ چھُکھ یژھان وَنُن؟

بھگوان داس:- عالی جاہ۔ مےٚ چھُ بروٗنٛہہ تہٕ عرض کوٚرمُت۔ ییلہ بہٕ کشیرِ فوج ہیتھ گوس۔ مےٚ آیہٕ نہٕ کشیر فتح کرنٕچ کانٛہہ ووٚمید بوزنہٕ۔ تہٕ مےٚ کوٚر یوسف شاہَس زور زِ یہٕ باج خراج ہیتھ شہنشاہ اعظم ہندِس دربارس منٛز زِ یہٕ دموے پننِس کشیر واپس۔ حضور بہٕ چھُس یژھان یوسف شاہَس سیتۍ گژھہ یُن انصاف کرُن۔ یتھ لۄکھ وَنن زِ شہنشاہَن کرُ کانٛہہ سیتۍ بے انصافی۔

اکبر:- (خشمہ سان) بھگوان داس! اَسہِ چھِنہٕ یہ توقع زِ زِ کرِکھ اَمِس گجُرہ مُلکہ کِس بادشاہ سِنٛز وکالت۔ اَسی چھِنہٕ یہ یژھان بوزُن۔ یہ چھُ سُہ غدار، یُس کشیرِ ہنزِ سلطنتُس سیتۍ بلہٕ ناوٕنس ہمیشہ برخلاف روٗد۔ یہ چھُنہٕ انصافکۍ حقدار۔

بھگوان داس:- عالی جاہ! اگر تُہۍ اَمِس بیٹھ انصاف چھُوٚرِ نہٕ یژھان کرُن۔ مےٚ پیٹھ کرِو۔ مےٚ چھُ اَمِس سیتۍ وعدٕ کوٚرمُت۔ تہٕ راجپوت وعدہ دِتھ پھُسٹراوان چھِنہٕ۔ شہنشاہ۔ انصاف کرِو۔

اکبر:- بھگوان داس! یُس ماٹھ بیار اَسی چھِی کران۔ زِ مےٚ تُل تیمِک ناجایز

فائیدٕ۔ سانہٕ خاطرٕ چھُنہٕ یہ مُمکن۔ سانیو سیٹھاہ ہو چھےٚ خوٗن بٔلی دِتھ کشیر
زیٚنمٕژ۔ ژٕ چھُکھ اَمہ دٔیان یہ اُمِس گُستاخ تہٕ باغی بادشاہس واپس
حوالہ کرنی۔ ژٕ یہ چھےٚ نا شرم یوان یہِتھ کتھ وَننس۔

بھگوان داس:۔ جہاں پناہ یوٗسُف شاہ چھُ سیٚوٚد تہٕ سادٕ۔ اُمہ موٚل تمہ وِزِ
صُلح کرُن ییٚمہ وِزِ سانِہ فوجَن ہُندِ شِکس کھیٚوٚن یقیٖنی اوس۔ شہنشاہ
یہ چھُ بےگوناہ، بے خطا۔

اکبر:۔ (قہرٕ سان) بھگوان داس۔ ژٕ چھُکھ خدٕ نبر نیران۔ اَمہ چھُ یوٗسُف
شاہنس ناوس سیٚتۍ تانٕ نفرت۔ مابدولت چھِنہٕ یُژھان اُمِس مُتعلق
زیادٕ بوزُن۔

بھگوان داس:۔ عالی جاہ! توٚہہ کٔرِیو ن رَحم تہٕ یِنہٕ نس مُلکس دِیتوس واپس
گرٔٹھنکُھ اجازت۔

اکبر:۔ یہ تہٕ چھُنہٕ اَمہ منظور۔

بھگوان داس:۔ جہاں پناہ۔ اَمہ سیٚتۍ اَمہ کانٛہہ زک واتہٕ نہٕ۔ یہ چھُ فن کار، شاعِر
عالم، ساز، سنگیتُک ماہِر[1]۔ عالی جاہ۔ توٚہہ چھِوٕ خبر اُمی کتھ باٹھو کُر تان سین

---

[1] 'واقعاتِ کشمیر'، 'تاریخِ حسن'، تہٕ دوٚیمہ ہسٹری چھہ شہادت دِوان زِ یوٗسُف شاہ
اُسو موسیقی ہندِ زبردس دِلدادٕ۔ تِم اُسہ پانہٕ موسیقی زانان تہٕ شارٕ وَنان۔
حیدر ملک تچاڈرو چھہ پننس توٲرِخس منز لیکھان:۔ "یوسف شاہ در مجلس
ساز و نغمہ و فن موسیقی بے نظیر بود۔ چنانچہ یک مرتبہ نادرالزمان میاں تان سین
راکہ درکے مقامات غلط کردہ بود۔ یوسف شاہ تعلیم کرد و تان سین مذکور قبول
داشت۔"

ہارِس وۄستادس غلطی ۔ اَمِس چھُ زنانہٕ نہٕ پرٛژھے ۔ یہُند الحاق چھُ دِلَن ہُند الحاق ۔ اگر توٚہۍ یِہ ترٛاوِیوٚن کُنہِ قسمُک ضرر واتہٕ نہٕ ۔ بہٕ دِمہٕ زِ تہٕ سپدِتو لیکھتھ ۔ بہٕ تھوٚوِ پننہٕ گردن گرٛوی ۔ اگر یِہ کینٛہہ شرارت کرِ ۔ عالی جاہ ۔ میانۍ اِلتجا کرِو قبوٗل ۔ یہِ چھُ گوڈنیچ لٹھ ییلہِ بہٕ بارگاہِ عالی منز سائل بنِتھ آمُت چھُس ۔

اَکبر :- بھگوان داس ۔ اَسہِ چھُ سیٹھاہ رنٛج ۔ اَسہِ ہیکو نہٕ یہِ کتھ منظوٗر کرِتھ ۔

بھگوان داس :- عالی جاہ ۔ تیٚلہِ دِیو توٚہۍ زنانہٕ یور پنُنس اِجازت ۔

اَکبر :- یہِ کتھ تہٕ چھُ نہٕ مُمکن ۔ یوٗسف اگر دیوانہٕ تہٕ گژھہِ تو تہٕ ہیٚکہِ نہٕ یِہ کشیٖر واپس گژھتھ تہٕ اَمِ سُنٛز زنانہٕ یور پیتھ ۔ اَسہِ چھِنہٕ اَمِس مُتعلق کینٛہہ پرٛژھان بوٗزُن ۔ بھگوان داس ۔ ژٕہ چھکھ مُشراوان یہِ کتھ زِ ژٕہ چھکھ سون نمک کھیوان ۔ تہٕ سون دُشمن چھُ چون تہٕ دُشمن ۔

( بھگوان داس چھُ نیران )

# روشن

ناو : نوٗر محمد   ذات : کول   تخلص :- روشن

زاسنہٕ : ۲۱، مئی ۱۹۱۹ء

بسکین :- رینہٕ ٹینگ خانیار سرینگر

روشن تہٕ دراو قبٲلی حملہٕ پتہٕ نوٗن۔ مگر وُچھان
وُچھان کوٚرُن کٲشرین شاعرن تہٕ ادیبن منز ناو پادٕہ۔ شاعری
تہٕ ڈراما نگاری سیٹھا لگاو۔

"چوربازار" "سون سمار" بیترٕ چھ اٲہندی کینٛہہ
سٹیج ڈراما۔ اَمہ علاوٕ چھ اَمی ٹیگور سٕندی کینٛہہ ڈراما کٲشرس
منز پھیری متی۔ یِمو پیٹھ چھ ترٛیہہ ڈراما۔ (۱) قصہ ربانی (۲) مالنی
(۳) چنڈال کٹ۔

"قصہ ربانی" تاوٕہ کس اکس جلدس منز چھپیمتی۔ ترٛین
ڈرامہن ہُند یہ مجموعہ چھ سنہ ۱۹۶۱ ہس منز گورنمنٹ زنانہٕ
کالج سرینگرٕ طرفہٕ چھاپ سپدیوٚمت۔ بیاکھ اکھ ٹیگوٗرُن ڈراما
"وصہ زٕلی گلالہ" (رکت کرنبہٕ یک ترجمہ) چھ ساہتیہ اکادمی
ہندہٕ طرفہٕ سنہ ۱۹۶۲ ہس منز ترجمہ ناٹک کتاب منز چھپیوٚمت۔
نوٗر محمد روشنن کینٛہہ ڈراما چھ گرلز کالجن سٹیج تہٕ کرِی متی۔

'ست سنگر'، چھپیٚمتۍ بروٗنٛہہ ہیم افسانہٕ کاشرِس منٛز لیٚکھنہٕ آیہٕ تتھٕ وقتس

منٛز لیکھی روشنن تہٕ "نیٚہہ گیٹ" (کوہ نگ پوش ۔ مارچ ۱۹۵۱ء)

"وونہٕ گیہٕ ڈُلن" (کوہ نگ پوش ۱۹۵۱ء) ہیٚ کیٚنٛہہ افسانہٕ ۔

روشنن دِژ لالہ رُخ مطبوعات سرینگرہ طرفہٕ کیٚنٛہہ خاص کتابہٕ

ترتیب ییمن منٛز چھ کیٚنٛہہ ییتھ پٲٹھۍ :-

(۱) 'پوشہٕ تھر'، (ترٛییہہ جلد) کاشرِ دلیلہ

(۲) 'اوش تہٕ آب' کاشرِ مرثی

(۳) 'گُنٛز کتھ' ترٛین ڈراماہن ہُنٛد اَکھ مجموعہ

ییم ترٛینشوۍ سٹیج سپدِ رۆد چھ

(۴) 'دشمن'، ماسٹر زندہ کولن کلام

نور محمد روشنن بدلاوِ دٔنیکھ تام واریاہ پیشہ۔ کینژس

کالس اوس ریڈیوہس منٛز کام کران ۔ کینہہ کالس "لالہ رُخ مطبوعات"

سرینگرکس ادارس منٛز بحیثیت اڈیٹر ۔ کینہہ کالس نٕنٛس پٲٹھۍ

عملی سیاسی کامن منٛز ۔ وُنی کیس چھ تجارت کران ۔

ییٚتین چھ اَسہِ اُہنٛدِ ڈراما "چور بازارُک" گۄڈنیُک

سین پیش کران ۔ یہ ڈراما چھ ۱۹۵۰ ہس منٛز لیکھنہٕ آمت۔

# چور بازار

## (دگوڈنیک سین)

نظارہ :- [ پردٕ چھُ وۄتھان تہٕ اکھ نفیس کمرٕ چھُ بوزنہٕ یوان۔ کمرٕ چھ سجاونہٕ کنہ چھُ لبنہٕ یوان زٕ دُنیاہ دار گرٕ چھُ۔ کمرس منز چھِ میز، کُرسی تہٕ آرایشی سامانہٕ ژکتھ۔ گۄڈ نوکر محمد چھُ صفائی کران تہٕ سامانہٕ شیران سنبھالان۔ باسان چھُ زٕ کام کران کران چھُ ژھیتو نمت۔ اَتھو منز چھُ شاہ صاب صاحب ہُک کوٹ پوت لۄن لاگتھ امیرانہٕ طریقس منز اژان تہٕ اژٕ وُنے چھُ ژکھ تہٕ نخوتہٕ سان نوکرس ہُنہٕ دژنہٕ کران ]

وقت :- صُبح داہ کاہ بجے

[ اَندی رِمس کمرس منز چھُ ریڈیو چلان تہٕ سوت سوت سوزِج آواز چھ یوان ]

شاہ صاحب :- ( اژٕ وُنے ژکھ سان ) وۄنی چھیا ژہٕ یاد پیومت صفائی کرنی ژٕ رکھو اوسکھ کران وُنیکھ تام ؟

نوکر :- ( عارٕ کوت ہیوٗ اَچھ بھیپرِ پھیپرِ ) بہٕ کیاہ کھن بہتھ اوسُس۔

صُبحہ پیٹھ دوتمُ ییٚتھے پأٹھی۔

شاہ صأب :- آہنو۔ ییٚتھے پأٹھو آسہٕ کُنھ پھٕکیہ لٕگمُت - اوسکھ کتہٕ ؟

نوکر :- ( عاجزی سان ) نہ حضن توہہ بوزِو - گرٕ ین دِتمُ داہ ۔ تِمن کھٕرہ کھٕرہ
کوٗرُم - ٹانگس کُرُم صفائی ۔ اَمِن حضن ہتہٕ کامہ ہے آسان چھُہ - میہ
کیاہ حساب ہیٚسہ توم ۔ تہٕ چھوٚہ بٕلہ .......

شاہ صأب :- ( کنھ ژٕرٕتھ ژھٕ سان لٕمتھ لأیتھ ) کرِ دور دور نمک حرامہ -
کامہ ژٕلوٚرہ ۔ ...... اَتھ کیاہ چھُہ اَکہ ہے کنہِ تانت
کھاران ۔ [ ہیچو کران ] گرٕین دِتمُ داہ - کھٕرہ کھٕرہ کوٗرمکھنا۔ ہاہاہا!

نوکر :- ( وٕدِہ وِنہ ہٕنہٕ ) اَمِن حضن بیگم صأبی پرٕژھنو۔ کہ کر بانگہ پیٚٹھ ہے
دوتمُ ٹینڈنی پیٹھ - دالہٕ چھُم ڈوکان پنیُن کنو کأم کرٕہ کرٕی۔

شاہ صأب :- اوہو ! بیگم صأبہٕ ہُند خانہٕ مول وُچھُن ۔ ڈُمثس ماچھس رینزِ تہٕ
گرٕژھان - اَخر کران کہو اوسکھ اَدہ - موٹر کریوتھا صاف ؟

نوکر :- ہتہ حضن نمہ ژھینمہ سُہ چھلان چھلان -

شاہ صأب :- ہاوُس کریوتھا سٕران ؟ ماز کھیاویوتھنا ؟

نوکر :- حضن سُہ ہے وُنہِ شونگِتھے اوس ۔ !

شاہ صأب :- اوہ بلایہ لگہکھ تہٕنز۔ ژٕ یہ ییسی نہٕ کھٕبر کھٕبر پنٕنی پٔڈ - تمہ
پتہٕ راہ تہٕ کیاہ چھے - گوڈہٕ چھکھ اَمہ بیگم صأبہ تہٕ نکھٕن کھورُمت -[ نوکر
چھُ یوٚہے ہے وُنکہ ہیوٗ گرٕژھان رٕوزِتھ ] گوٚ وونی موٗتھُن ہیوٗ رٕوزِتھ
کرٕو وٕلی وٕلی - ژٕ یہ اَہے ناخبر پرٕزھ ہن وُنی کیٚس -

[ نوکر چھُ کامہ مُنز لگان ]

نوکر:۔ [ کأم کران کران چھُس نیٛس بوان ] : اخبارٕ حضٕ چھُوہ ووتمُت ۔ مےٚ
نخضٕ روٗد اُدہ پیٚٹھ یاد ریے تہٕ ہےٚ دِیُن۔

شاہ صأب:۔ روزی نہٕ کینہہ یاد ۔ وونہٕ بتہٕ شاہ چھِے نوگمُت۔ وولا انو کتہٕ پیٚچھے؟

نوکر:۔ [ جَل جَل نیٚرِس کمرس اَژان ] ییٚکیاہ حضٕ بہٕ انوہ ۔ [ دوران
دوران چھُہ اخبار اَنان تہٕ دِوان شاہ صأبس ۔ نوکر چھُہ نیٚرِتھ واپس
گژھان تہٕ شاہ صأب چھُہ کرُسی پیٚٹھ بیٛہِتھ اخبار پران۔ ہنا
گژِھتھ چھُہ شام لال اَژان ]

شام لال:۔ [ اُژان اُژان ] سلام حضٕ شاہ صأب !

شاہ صأب:۔ [ اخبار پرنس منز مشغول تہٕ وونہٕ ہِش کڈِتھ ]
اوہو ۔ شام لال چھِکھہ سأے۔ وُلِو تھوِو یِدکُن تشریف۔

شام لال:۔ [ بِہان بِہان ] وُنِو حضٕ کینہہ سِیٹھہ چھُوہ مِس گژھِتھ؟

شاہ صأب:۔ دُچھسأے وول بیٚہکھ مےٚ بأری کھارنہٕ۔ ہنا یارٕ صُبحہ پیٚٹھ
ووتمُت پٔراران پٔراران۔ کنہٕ تہٕ چھُوہ نہٕ کانہہ۔ مےٚ ہیٚسأے دوٚپ وونی ما
اَوِے نہٕ ظأہراہ۔

شام لال:۔ تہٕ کینہہ حضٕ پأٹھو بنہٕ ہے۔ وعدہ اَسے کوٚرمُت اوس۔

شاہ صأب:۔ مےٚ ہیٚسأے دوٚپ خبر بیہِ نہٕ معہ کٔرجار۔ تہٕ ہےٚ چھُنا آسان نوگمُت
فقط کارہ کارہ۔ وونی وَن سیتو دُیے اَتھا مٲرِتھ چھُکھہ آمُت کینہہ نہٕ؟

شام لال:۔ ( اَسِن کھنگالہٕ ژٲوِتھ ) کمہٕ کینہہ چھُوہ کران شاہ صأب ۔ تہٕ ہےٚ
چھُوہ بنیو خبراہ۔ اُچھو ٹینٹہٕ منزٕ یے لُچھہ بڈٕ رہ بیہِ زینہٕ۔ سون گوو
بوڈ بڈیم رہ بین پتہٕ ہن شیٚٹھن سأن ہیٚے کأما بنی یہ۔

شاہ صاحب :۔ اَکھ نیوٗلھٹا کیاہ با چھُکھ ژٕ۔ ہیوٗ شام لالہ کیاہ ہتام چھُم ژران
فکرہ۔ ژٕہ ہا اَنکھ انسانس وُچھان وُچھان اُچھوِ منز سوٗ رمہِ گژھتھ۔

شام لال :۔ ہا تُہنٛزے ڈرے کھُٹ پتھ کتھ بیہتھ چھُم تھوٗن۔ پوٗرٕرے وٕنوہ
صُبحے اوسُس بوٗن اُرکس جایہ گومُت۔ اَدہ روٗہ ییٚن شیشٹھن سائن
ہیٚند ٹھیکہ ہیوو۔ مگر اَکھ چیز۔ تتھ کیا حصن چھُنہٕ خاص فائیدہ کینٛہہ تہٕ۔

شاہ صاحب :۔ اَہن ساٗ۔ شوٗپ راو تہٕ وٕنی ییٚمۍ شب رنگ وَنی وَنی۔

شام لال :۔ وٕنی ہا حصن بوزکھ۔ اَمہ سیتۍ حصن ییٚنی بیاکھ کاٗم اَتھس منز
یتھ منز چاٗندی چاٗندی چھُ۔ روٗہ ییٚہ ہنٛزہ جایہ داہ روٗہ ییٚہ زینہٕ۔ توٚتہٕ
چھُ کھتا۔

شاہ صاحب :۔ تیلاٗت پھوٗٹی پھیرہ کیاہ چھُ ؟

شام لال :۔ پھوٗٹی پھیرے چھُ آسان ( اُچھوناٹ کرتھ ) سودا ہیوت
بیٚیس منزے تہٕ بیٚیس منزے ورتوو۔

شاہ صاحب :۔ اَچھا ! گوو بلیک مارکیٹ چھُ۔ تہٕ کو بہٕ چھُکھ میہ وَنان۔ تیلہٕ گوس
بہٕ نیصفس شریک۔ مگر یہ وَنتم سوٗ کاٗم ییٚہ تیا اَتھس منز کینٛہ نہٕ ؟ چھُ
کمِس تام ؟

شام لال :۔ ییٚمۍ چھا حصن بیچہ کھتہ۔ کر کاٗنسہ افسرس سیتۍ اَٹ۔ تہٕ کاٗنسہ
ہندین روٗحن تہٕ چھُنہٕ خبر روزان۔ اَتھ کیا حصن تلو بلہٕ تہٕ ژھلی۔ ہنز
پننز کاٗم اَنزراوِتھ۔ پوٗنسہ حصن خرچن پونسہ۔

شاہ صاحب :۔ اَدہ چھُسہ بہٕ ییٚتھے ژٕ یہ وَنان۔ ژٕ یہ ہا چھے نیوٗلھٹس ژونگ دزان
ژٕ یہ نِشس ناکدہ کانسہ وہ ہٹ [ دو سوٗرے چھ آسان ] ہیے شام لال

خوجہ چھُنہ کُنی۔ ژٕ یہ ماسہ وُچھتھن؟

شام لال:۔ یا گوتس تہٕ اوس ییٚن؟

شاہ صاحب:۔ وُچھ کیاہ چھکھہ وَنان۔ تٔمِس ورأے پیا اَدہٕ وَزُن۔ محفلہ منٛز
ہےٚ گژھہ شہ صنوٗرور آسُن۔ نٕتہٕ بنگہ زٕر گژھہ تہٕ۔ (نوکرس
چھُ آلوٗ دِوان) محمد بَبا۔۔۔۔۔ محمد یا۔۔۔۔۔۔

نوکر:۔ (آلوہ ورأے چھُ دوران دوران یِوان) شاہ صاحب۔ شاہ صاحب۔

شاہ صاحب:۔ (پہ بیہتھ) کہوٗزہ وَنان کوناہ چھکھہ۔ دوٚپمے ہا ہوٹلس
دِزأے ہتا وٕردی؟

نوکر:۔ اَہن حضن۔ رتموٗ ووٚن سورُے آسہ تیار۔ کینٛہہ پرواے چھُنہٕ (دٕرکی ژکہ
ہیوٗ) دوٚپہم حَضن خوجہ صاحب تہٕ حضن آے۔

شاہ صاحب۔ (خوش گژھان) اَچھا! بَڈہٕ جان گوو۔ گژھو ژٕہ تھوٚو بوتل تیار
(نوکر چھُ اندر اژان) (شام لالس کُن) وَنان لَے اوسمے
رینہٕ ورأے روزنہٕ۔

(خوجہ چھُ یِوان تہٕ وہاب جوٗ تہٕ چھُس سیتر)

خوجہ صاحب:۔ (اَندر اژتھ) اَسلامُ علیکم!

شام لال:۔ سلام حضن۔ سلام حضن۔ خوجہ صاحب۔ تُہہٕ کیا حضن چھوہ ووٚنی
یوٚت دِژوگ گأمیتۍ؟

شاہ صاحب:۔ شام لالہ! کوتاہ سیوٗد چھکھہ لاگان۔ اَدہٕ کِتھہ پأٹھی ییٚن
بوزنہٕ جاگیردار۔ یہ بوزی تون اَتھہ کیتھہ شِہٕ۔ ییٚنین یارن باین
باین منٛز تہٕ چھُ شہ چھُ پرأنی ٹینٹھ موجوٗد تھاوان۔

خوجہ صاحب :- بوزسا یہ وَنی اورہ کیہؐ۔ یہ ماچھس خبر اَڈوتی سپدم موٹر فیل
پتہ ہیٚیم ٹیکسی منگن وَنی۔ رتیتھ تکلیف سپُد۔ بٔتیہ رود سورُے
نَتہ۔

شاہ صاحب :- مطلہ داکٔری اُسیس گوڑہ۔ نوٚ کاراہ اَنی زِہے [ لہجہ بدلاوِتھ ]
نحصن نتہ تہ یہ ہے نوٚہ موٹرہ خاطرہ آرڈر سوزمت اوسُت [ یہ وَنِتھ
چھُ ہیوان اخبار پرُن ]

خوجہ صاحب :- ہانگروہ ومہ نہو اُکی سے کیتھ پتہ۔ بوزہ ناوِہ کینہہ نوٚ کتھاہ
دُنی یاہ کوٹ ووت، کیاہ چھُ سپدان۔

شام لال :- ( وہاب جُوس کُن اشارہ کرِتھ خوجہ صاحبس پرزِھان ) نحصن
تعہ ہیہ دوٚ نوہ وُہ نتہ ریم کم۔ گوڈہ کرناوِہ یمن سیتو زانا پہچاناہ۔

خوجہ صاحب :- نہ سہ نتہ تعہ یہ چھوٚہ نا خبر۔ یمن ہے دُنی یاہ زانہ۔ یہ ہسا چھُ
میائنی دٔچھنہ نرٗ۔ یمی گیٔ نا وہاب جوٗ۔ غلطی بڑی باپاری۔

شام لال :- اَچھا۔ بوٗزم۔ دیہ حقن حاجو صاحب چھِ ( شاہ صاحبس کُن )
نحصن تہ اَسہ نتہ بوزہ ناوِہ کینہہ۔ چھیے جان پہن خبراہ۔

شاہ صاحب :- ( مویوٗس ہیٔو ) جان خبر کیاہ ساٗ۔ مُلک سون چھُ خراب سپدمُت
کانھہ چیزاہ چھُنہ ڈنجہ۔

وہاب جوٗ :- آخر بنہ کیاہ حقن پتھ؟ پتہ کِتھ پاٗٹھو حقن کرِو برداش زہ سون ملک
سپدِ تباہ۔

شاہ صاحب :- کرِو تہ کیاہ۔ پنیُنہ کِنہ یواتاہ پلان چھُ بنیوٗمات چھُ اُسہ تہ مُلکس فائیدہ
واتناوان۔

خوجہ صاب :- آہن حضور - اُسہ تہٕ نے کرو تہٕ اَدہ کتھ کرہ ۔ مگر مے ونن حضور سیاسی
حالات کوت وأتی ۔ تکیازہ ہرگاہ اُسہ کُنہ کیہہ زنتہٕ بے خبر روٗدی سہ چھُ
سانہٕ مُلکہٕ خاطرٕ نقصان ۔

(اَلکس ہُنز چھُ نوکر شرابہٕ بوتل ہیتھ اَژان تہٕ ٹھوان میزس
پیٹھ سجاؤتھ)

خوجہ صاب :- (یہ وُچھتھ خوش گژھان) آں ! تُوہہٕ گیہٕ کتھا - اما پوٗز یتھہ سیتھ
کیاہ حضور گوٗژھ گوس پیٹھ ٹلِتھ کتھ کراہ آسُن ۔

نوکر :- شاہ صاب ! یہ حضور چھُ کینتھ کول آمت ۔

شاہ صاب :- گژھہٕ دِپسو اَژھ (نوکر چھُ گژھان)

شام لال :- (بوتل اَلکس کیتھ ٹلِتھ) وہ لہ حضور بے بنہٕ ساقی ۔
(خوجس کُن پیگ پلوان) دوٚیم حضور خوجہ صاب ۔ راتھ بوٗزہ وہ تعہ یہ
ریڈیو - [ سارے چھ شراب چیوان تہٕ حرف چھُنہٕ وہاب جوٗہے یوت
پنُن پیگ تُلان ]

خوجہ صائب :- اَدہ چھا سأ سہ توتام ہندر یوان ، یوت کال نہ یہ ریڈیو بوزہ - ژہ
وَنان کیاہ چھکھہ - اَخر اُسہ چھُنا پننہٕ مُلکُک دود ۔

شاہ صاب :- اُمس چھا تہٕ خبر (گلاسہ اَلکس کیتھ ہیتھ) نہ سأ بیا کھیگا تہٕ ژأوِو ۔

کینتھ کول :- (اَژان اَژان) سلام حضور (شام لالس کُن) نمسکار مہاراہ !

شاہ صاب :- وأنہٕ کینتھ کول - کیتھ پأٹھو چھوہ آمتی ؟

کینتھ کول :- یتھے حضور - بوٗزم زہ توہہ چھوہ نیبرٕ پیٹھ بہ آزی منگہٕ ناو ورش - تمی
مہ کتھ آس ۔

شاہ صائب:۔ اَچھا! اَدٕ وونی کیا فِکر چھُ۔ تُہندی موکھ چھُ اَزٕ مژ۔ اَکھتے چھُ تتھ سیتۍ بێیہ تہٕ واریاہ سودا۔

کینٹھ کول:۔ تَیلہِ حَقہ گرٕتھ موٚ گوڈنی شێیچھ کرٕنی۔ بێیہ اَکھتےٚ نیرٕچھِن تہٕ تھوٚ ہوٚ کرِتھ......

شاہ صائب:۔ رُکہیں فِکر چھُنہٕ۔ پَتھ رٗود نیرٕخ۔ خبرے چھےٚ اَسہِ تہٕ چھُ اَنان بلیک سےٚ پیٹھ۔ پوٗڈرے بوز تہٕ اَسہِ چھُ پیوان یہ لوکہ نےٚ ہندِ خاطرٕ کرُن۔

کینٹھ کول:۔ اَپُز کیاہ چھُ (ووہتان تہٕ ہیوان نیرُن) اَدٕ حَقہ بہٕ چھُس تیٚلہِ یژاران۔

شام لال:۔ ہیے کینٹھ کول کُرہ زٕ ہیوٚہ تام بیہہ نہناہ؟

کینٹھ کول:۔ (گگُر گنڈتھ) مہربٲنی جناب!

وہاب جو:۔ (سان سان) ہیے کینٹھ کول۔ یوٚہے چھُکھ گگُر ہیٚو ساری سے پھیران۔

کینٹھ کول:۔ وہاب جُوا۔ پَرٕپتھ کَنہ مجلسہ منٛز چھُکھ سارٕنے بروٚنٹھ واتان۔

(ساری چھِ کھنگالاہ ژاوان تہٕ کینٹھ کول چھُ نیران)

شام لال:۔ دوٚیُم حَقہ شاہ صائب۔ تُہی چھوٚہ کُھٹہٕ ہتھے تھوان اَسہِ نِش۔ موٚ کتہٕ چھےٚ خبر۔ تمہٕ ہہ کرٕ حَقہ چھوٚہ یہ مال اوٚنمُت؟

شاہ صائب:۔ نہٕ سائرٕ دِکھہ پنہٕ کٲنسہِ کینٛہہ کرُن۔ یہ ہا چھُم دوٚہن تریٚن لچھن کیٚر وغارٕ اوٚنمُت۔ بیٚکیاہ خوچہ صائبس تہٕ ونیوٚے۔ اَدٕ اَمِس چھےٚ نژرانےٚ دران۔

شام لال:۔ (وہاب جوس کُن) کیاہ حَقہ۔ ژٕہ کونہٕ چھُکھ چوان؟

وہاب جو:۔ (ریشس پیٹھ اَتھ ڈٲلِتھ) لاحول ولاقوۃ۔ بہٕ ہارا زانےٚ نہٕ۔

خوجہ صاب :- ہا چیتہِ وُس داماہ !

وہاب جو :- نحص تہٕ . . . . .

شاہ صاب :- اَدٕ کیاہ محفلہِ منٛز گژھو جانٕے۔

وہاب جو :- (منٛدٕ چھہ منٛدٕ چھہ ہیوٗ آمادٕ سیدان) خاطر تُہند تہٕ تُہند نٕ ناراض کرٕنۍ۔

(یہٕ ونٛنہٕ چھُ چیوان)

خوجہ صاب :- (شاہ صابس کُن) مگر یہٕ کوٚسہٕ حص کامہِ چھےٚ۔ کام گژھہ سمہٕ آسنہٕ

یتھٕ ہتھو ہتھی پوٗنسہ بنٕ (وہاب جوٗس کُن) کیاہ ساے وہاب جوٗ ؟

وہاب جو :- او۔ حضور وٚر۔ بس صرف غلہٕ کام۔ لوٗکھ نٕ بچراونۍ۔ پوٗنسہ ٹھانک تہٕ

زمیٖنٕ تہٕ ڈوٗا بیچ کاماہ نہٕ چھےٚ۔

شاہ صاب :- مگر نیرٕ کوتاہ توٗملہ پھلیو منٛزٕ۔

خوجہ صاب :- کوتاہ نیرٕ ؟ (وہاب جوٗس کُن اشارٕ کرِتھ) تہٕ پرٕژھہ حص یمس۔

وہاب جو :- یم کیاہ حص زانن۔ یمن چھےٚ پننی خبر۔ کرٕ گژس یا بنیہٕ کنہٕ چیز س

دوہ یہٕ ترٛینہٕ روٗہ بیہٕ بلیک کرن۔ (ریش مہ چھ منٛز رٕٹِتھ) خودانے سارٕ

بھوٗ دوم۔ تیلہٕ مانٛز توم وہاب جو بیلہٕ نٕ ڈوٗہ ڈٕہ ہتہٕ کھار لاگہٕ۔

شام لال :- ہا بیچھ زانٛتہٕ رِتھ گژھہ مُلک آباد روزُن۔ چیز میسر روزُن تہٕ لوٗکن آرام

واتُن۔

وہاب جو :- اَمیز کیاہ چھُ ؟ آخر سانٛنی کام کیاہ چھ اَدٕ ؟

خوجہ صاب :- کیتھہ یاژٕ چھا حص کینہٕ کھیوٗن تہٕ چھُ کینٛہہ۔

شاہ صاب :- (نوکرس آلو دِوان) محمدٕ یا۔ محمدٕ یا ہیو تلا یوٗرِ یہٕ تہٕ (خوجہ صابس

کُن) میہ حص چھُ بھتو نوٗمت ہوٹلس پیٹھ انتظام۔ (نوکر تہٕ چھُ اژان)

تتہٕ پیپھ گژھ اَدہٕ شالہٕ مارکن سلاہ کرُن ( نوکرس کُن ) گژھو ڈرائیورس ونُن موٹر تیار تھوُن ۔ ( نوکر چھُ گژھان )

خوجہ صاحب :- اٲں ۔ توتہٕ گیہ کتھاہ ۔ لُطفاہ رُیوٚ پیٚیہِ ۔

شام لال :- نُحفن تہٕ مینتہٕ ہے کار سیٹھی چھےٚ ۔

خوجہ صاحب :- نہ سٲ تہٕ وُچھو اَدہٕ ( سٲری چھِ نیران ۔ پیٚھندہٕ گژھنہٕ پتہٕ چھُ نوکر اَژان تہٕ ہیوان شراب بوتل تہٕ گلاسہٕ سنبھالُن ۔ اوٚنگجہ سیٹھو چھُ گلاسہٕ پھران تہٕ وُٹھن پیپھ زیوہ پھروان ۔ پردہ چھُ پیوان ۔ )

[ 'کونگ پوش' نومبر ١٩٥٥ء ]

# زُتشی

ناو :- سوم ناتھ ذات : زُتشی

زاسنہٕ :- مئی سنہ ۱۹۲۲ء

رہائش :- رگھناتھ مندر سرینگر

سوم ناتھ زُتشی چھ تِمَو کینٛژَو گوڈنکیو ترقی پسند ادیبَو منٛزٕ یِمَو کشیرِ منٛز ترقی پسند تحریک دستاوار کرٕ۔ دِیان ناڈرِم صاب چھ اُہندی دٕسی ترقی پسند مُصنٔفن ہنٛزِ مجلسہِ ناو وأتی متو۔

سوم ناتھ زُتشی اَسی گوڈٕ گوڈٕ اُردوٕ کُس منٛز کہانی لیکھان۔ پتہٕ پیپرِ کأشرِس کُن۔ "ییلہٕ گاش پھوٚل" لیکھت کورٕ یِمَو کأشرِس منٛز افسانہٕ لیکھنک دٕسلابرٕ۔ مگر اَمہِ پتہٕ لیوٚکھ نٕہ یِمَو دوٚیو ترٛیو افسانو علاوٕہ بییہِ کانٛہہ کأشُر افسانہٕ۔ زُتشی صائبن یہِ کینٛژھاہ دُنیکھ تام لیوٚکھ۔ تِمہِ تلہٕ چھُ پہنٛد ناو کأشرین ڈراما نگارن سیتی بیان کرُن زیادٕہ مُناسب باسان۔ زُتشی صائبن لیکھہ ریڈیو تہٕ سٹیجہ خأطرٕ کینٛہہ ڈراما یِمَن منٛز" وہتھ ہندی

بٹھٕ زہ " " نوو مکانہٕ " " امانت " " پوٗژھ " کیٛنہہ چھہ "نقح"
چھہ یہُندِ سُہ ڈرامایُس ابسن سٕندہ " دی وائیلڈ ڈکُ "
(The Wild Duck) ترجمہ چھُ ۔ یہ چھہ سنہٕ
١٩٦٢ ہس منز ساہتیہ اکادمی ہندہ طرفہ چھاپ سپدیومُت ۔
زتشی صاٸبن چھہ مرحوم پریم ناتھ پردیٖسی سٕندیو
اُردوٗ افسانہٕ ترتیب دِتی ہتو ۔ یہ مجموعہ چھُ " بہتے چراغ " کہ
عنوانہ شایع سپدیومُت ۔

سوم ناتھ زتشی چھہ دُنی کِس وزیر اعلا جناب غلام محمد
صادق ہندِس پرایئویٹ آفسس منز انڈر سیکرٹری سٕندِس
پایس منز کام کران ۔

●

# اَمانت

آوازٕ

| | | |
|---|---|---|
| رٕحیم شیخ | —— | اَکھ جوان موٗزوٗر |
| ساجہ | —— | رٕحیم شیخنٕہ زنانہٕ |
| گگہٕ خان | —— | اَکِس باپارِ سِندِس دُکانَس پیٹھ نوکر |
| رٕحتھ | —— | گگہٕ خانٕنہٕ زنانہٕ |
| صمدٕ تہٕ ماما | —— | رٕحیم شیخنٕہ زٕہ نوجوان موٗزوٗر یُم جِیم گاڑہٕ لمان چھہ۔ |
| موج | —— | گگہٕ خانٕنہٕ بیمار موج |
| حانہٕ | —— | رٕحیم شیخنٕہ موصوم کوٗر |

بیٚیہ ترٕ یہ ژور فالتوٗ آوازٕ

تأثر:- [ دوٗرٕ پیٹھ گاڑٕہ لمنٕ والین ہنٛز آواز ..... ہیلی ہیلی ..... ( آوازٕ مٔنٛز چھہٕ زور پاؤدٕ سپدان ) ہیلی .... ہیلی .... چڑھائے آیٔ ..... ہیلی ...... لا اللہ ..... ہیلی ..... مردا .... ہیلی ...... ہمتو ...... ہیلی .....شام ووت ..... ہیلی ..... سمتو ...... ہیلی ..... ژیر گوٚو ....

ہیلل ..... شاباش ..... ہیلل ...... زوٗن وڑایہ .... ہیلل

..... ہیلل ہیلل ..... (موٹر چھُ ہارن کران) گاڑی آیہ ....

ہیلل ..... مردا ..... ہیلل .... کھوفر رٹھ ....ہیلل ....

اَرہ کر ...... ہیلل ..... زور کر ہیلل ..... دَرہ کر ہیلل ...

دوہستا ..... ہیلل ...... رات پینہٕ .... ہیلل .... مردا ...

ہیلل .... پتی گژھ ...... ہیلل .... شاباش ..... ہیلل

..... ( آواز چھ وارہ وارہ بنیہ دوٗر گژھان ) ]

صمدُ :- ٹلوٗ وُلی وُلی قدم ماما۔ یوٗرہٕ ہا لوگ نہ یوت زٕیر — (وقفہ) — خبر اَمس ٹھیکہ دارس کیاہ چھُ سون کانہہ رکیں۔

ماہر :- (طنزیہ) موٗزدوٗری چھُنا دِوان؟

صمدُ :- رتیُتھ وا تی نس گژھس۔ بے ایمانس۔ تلہٕ کنہٕ چھُ رتھ پے دوان۔ مگر کامہ دوہ چھیہٕ خبر کوہ ہیوٗ چھُ آسان ........

ماہر :- رٕحیم شیٖخن رکھو ٹنڈہٕ اوس لوگمُت صمدٔ یا؟

صمدُ :- تلا ٹل قدم وُلی وُلی ——— رٕحیم شیٖخ ہا دژاو برونٹھ۔ سُہ بچارہ ہا اوس دِل ملوٗل ہیوٗ۔

ماہر :- تلا آلو کڈِتھ۔ گوٗڈہ کتہٕ پیہ اَنہٕ گنڈٕ منز لبنہٕ؟

صمدُ :- (زورہ سان) رٕحیم شیٖخا —— ہے —— شیٖخا!

[ ہٕ نی دوہ پھٔن چھُ گژھان ]

صمدُ :- دِرہ کھیوکھ ہونیو! (وقفہ) — سُہ ہا آسہ گرہ ووتمُت (گنگر اے لگان کرنہٕ) سالہ پیہ نا بالہٕ یار — سالہٕ پیہ نا بالہ یار — نا نہ تانا ننہٕ ناہیں

.....(وقفہ) ـــــ ماما ـــــ جُمہ دوہہ گرٛشکھا بادام وارِہ؟

اوترِہ اُس پھلےٚ برجستہ لجٕ مرٕش۔ ووہنی ہ گرٛشہ نہٕ موہ کلنو۔

مامہ:- نا۔ یہ ووٚنتھے نہٕ۔ رٕحِم شیٚخن کیاہ جھگڑہ اوس لوگمُت۔

صمدٕ:- ہاشیٚخس چھنا زنانہٕ بیٚنہِ زُوٕہ۔ ووہنی گیوو یوٕہ دوہ پلہ تھیٚچھوو یتہ تس

مُلاحظہ کرناونہٕ۔ بس یُتھے حاجہ ٹھیکہ دارن اُسہ ہینٛزے زٕچھ چھو کاٛ

لمان تہٕ لزٕن ہٕرہ ڈٕکھس۔ دوٚپُن۔ (ٹھیکہ دارس لاگان) تٕہیٚم نفر کوٚت

گوو؟ اَسہ پیٚلہِ دوٚپس نیبر تام حُکن دٕراو۔ ریٚشس پھشا پھشا دِوان

دوٚپُن (لاگِتھ) اوٕہ ییٚچ آسہ نَس کرِہ متیٚو۔ دراصل چھوہ تھہٕ سانٛس زد کامہ

زٕوار۔ آخر پیٚلہِ رٕحِم ووت کارخانس پیٚتھ۔ تمٕ دوٚنٛس پوٚزٕے بس

نہٕ باشد۔ اللہ۔ تمہ تمہ لبکہ پٕرہ نَس بہٕ کیاہ وَنے مامہ۔

مامہ:- رٕحِم شیٚخ ہا چھُ اَکھ جہنمی یا۔ سُہ چھُ جھگڑہ مُلی ہیوان۔ تمہ دوہہ ییٚچھے نا

خبر۔ تس کورہ ہندس پیٚٹھ پلہ نائون جٕنچھی۔ رکھو اوس تس ناو؟ اوٕہ باپانٕے

وُچھِتھ۔ خوٚنہٕ داٛوی گوو۔ زن اوسکھ کٹس کھش ترووُمُت کرِتھ۔ میہ سیٚتھے

نہٕ چھُنہٕ سیٚیود پکان۔

صمدٕ:- زٕہ کیا باچھکھ کمہ کتھہ کران ماما۔ رٕحِم شیٚخ یُت جہلی چھُ تیُت چھُ

عاری نہٕ۔ زٕہے چھُ یہ یاد۔ تمہ دوہہ کتھہ پاٹھٕ پھسرٕ ون کامہ دوہ روسلیٚنہ

خاطرٕہ۔ پیٚلہِ ہا سُہ گوو بیمار۔ توٚنہٕ چھس بِچارس پانَس نہٕ زٕو نادرس۔

مامہ:- اوٕہ۔ تمہ سیٚتھو کیاہ گوو؟

صمدٕ:- ییمہ کتھہ چھِ آسان۔ اوٕہ چھا اُمیہ دوٚدس ہی ساری۔ مگر وُچھ

کیاہ چھُ لاگان۔ ریٚشس کیاہ چھُ رنگہ وان۔ باسان چھُ زن چھُ خوداین

سِہٹھ ہیے رُت مۆہنیوٗ کوٗرِ مُت۔

حامہ :- صمدٕیا ! ژٕہ تہٕ چھُکھ کیاہ وَنئے۔ حاجۍ ٹھیکہ دار ہا چھُ نہٕ ناکارٕہ۔ سُہ ہا چھُ غریب غرباتَن بڑٕ رٕچھان۔

صمد :- تِلو ہیا۔ رٕچھان ہا چھُے (وقفہٕ) وُنۍ گژھ کھا کاڈٕی کیتھ بادم وارٕ ؟ . . . . (گنگرابے کران) سالہٕ اَنتَن بالہٕ یار ہو ہو . . . . . . سالہٕ انتَن بالہٕ یار . . . ہیے ہیے . . . . . سالہٕ اُمتَن بالہٕ یار . . . . ہا ہا . . . . .

حامہ :- رۆٹنکھ ژٕہ بالہٕ یارَن ـــ اَدٕہ بابہٕ ڈراسے۔

صمد :- ادٕہ سائہٕ بڑٕ خۆدایس حوالہٕ۔ پگاہ یِکھا کامہٕ۔

حامہ :- اَہنو ـــ اَکھتے ییمہٕ سُلی پٔہن۔

[ قدمَن ہنزٕ آوازٕ یتھ چھُ منظر بدلان ]



جانہٕ :- موجی۔ بہٕ ہیے شونگہٕ وۄنی۔

ساجہٕ :- شونگی گژھی۔ ہیے ژادرٕ پٔٹ۔

جانہٕ :- نا سے۔ ژٕہ ہا ہمی تام بیٚنبس۔

ساجہٕ :- بیٚنبس کیاہ ہیمتھ ؟ ژٕہ چھُکھ شرُے وُنہٕ۔ ژٕہ ہے چھُکھ خۆداین بڑٕ کٔرُ مرٕ۔

جانہٕ :- (روشہٕ وُن بُتھ کرِتھ) گژھی بہٕ ہیے شونگہ نہٕ تیٚلہٕ۔

ساجہٕ :- ادبی تہٕ وۄلہٕ ـــ (وقفہٕ) (لِلہٕ وان لِلہٕ وان) ژٕہ ہے گژھی بائے ہنا آسنۍ۔

جانہٕ :- آہنی۔ لوکٕٹ موکٕٹ۔

ساجہٕ :- ژٕہ کیاہ کرِکھ تَس ؟

جانہٕ :- بہٕ ہے آسہٕ ہس گندان ۔ تس لاگو سعہ رمہٕ ۔ بیٚیہٕ لاگوس واہ واپکو ۔ سہٕ
زٹنٕ بہٕ کوٚچھ کیتھ ۔ موجی ۔ سہٕ کتی اُنون اُسو ؟

ساجہٕ :- خودا سوزیس پانے ۔

جانہٕ :- کرے سوزیس ؟

ساجہٕ :- جلدے ہے ( اُسان اُسان ) رہتس دوہن رتن تام ۔

جانہٕ :- بب اُتہٕ سے ۔ [ بر مُژر زنیج آواز ]

ساجہٕ :- برس ہے گوو ٹھک رہیؤ ۔ تلے ژھعہٕ پہٕ کر مول ما اوسے ؟
[ بردرنیج آواز ] ژہٕ کتہٕ اوسکھ ونیوستام ؟

جانہٕ :- موہنگ اونتھا میہ کیٚت ؟

رحیم شیخ :- ( ووش ترأولتھ ) اللہ !

جانہٕ :- ژہٕ ہے دوٚ پتھ موہنگ تہٕ مکایہ لایہ اُنے ( وُدُن لاگتھ ) موجی ایمو نے
اونمت رہیس ۔

ساجہٕ :- دپیوے ہے کیاہ تام اُنن ۔

رحیم شیخ :- ( ژھعہٕ پہٕ )

ساجہٕ :- ژہٕ کیاہ خاترے چھیہ ۔ کیتھے چھکھ نہ کران ۔ دوہس اوسکھ وارے ۔

جانہٕ :- موجی ! دپسی موہنگ اونتھ میہ کیٚت ؟

رحیم شیخ :- ( غوصہٕ سان ) ژھعہٕ پہٕ کرکھ نا ژہٕ ؟

جانہٕ :- میہ دہٕ موہنگ بہٕ پرٚژھے ہٕ ( تھاپر تراو نیج آواز تہٕ تتھ سیتی موسیقی
ہشنز لہر ۔ کوٚرہ رہندہٕ وٚدنیج آواز )

رحیم شیخ :- ( ژٕکھ سان ) ژہٕ چھکھ ژٹان ۔ یکاہ کرنا ورکھ میہ ژور یڈ داہ

(ژاس کران) بہ پَننہٕ گیر گوٗمت (کینژن ژٕہمن چھہٕ بچہٕ سِندرہ وَدنیچ آواز یِوان)

ساجہ :۔ تمِلےٕ ژھعوہ پہ کرٕ۔ وۄنہٕ وُنی ہے اَنی۔ (وقفہ) ژٕہ یِیلہِ نہٕ نوٗ پنٕن ٹھیک پچھے تژھٕ ژھنتہٕ ساٗری سے۔ فاقہٕ دِمو۔ ژٕہ کرتہٕ وۄنی دوٗن ژوٗن دوہن آرام۔

رحیم شیخ :۔ (جانس کُن) وۄنہٕ یوٗرک۔ پگاہ ہے اَنےٕ۔ ژٕہ مہ آسس رز پلہٕ لاگان۔ ژٕہ شوٗبی نہٕ یہ۔ کر ژھعوہ، صبحاےٕ اَنےٕ مونگ تہٕ مکاہ لایہ تہٕ (زنانہٕ کُن) از ہے اُمہِ حاجہ ٹھیکہ دارن مچلہِ لوگ۔

ساجہ :۔ کیاہ۔ لڑاےٕ ماکرِتھ۔ موٗزوٗرہ گوٚژھے نہٕ کوس اَنُن۔

رحیم شیخ :۔ رُتھ کڈس۔ موٗزوٗری کھیتہٕ۔ بے ایمانن پانٔژھ زنانہٕ کرِن ازتام رسائی شرٕ کھتہٕ اچھن بیہٹھ۔ رفکہ تارس لیکھ گڈٕنی کیاہ گیہ۔

ساجہ :۔ ژٕہ ماوٕ نتھس یورہٕ کینژھہ۔

رحیم شیخ :۔ گوڈٕ ژٕہ پیٹھہ موٗزوٗرہ تژھٕ (وقفہ) بہ چھس دپان بیٚیہِ کانہہ کوم کرٕہا تس زنٹہ دمہ ہا نہٕ کامہ دوہ۔

ساجہ :۔ اَنتس بلاے۔ پننہٕ زُوہ کھوتہٕ چھا کینژھہ۔ بیٚیہ کینہہ کرتہٕ۔

رحیم شیخ :۔ تی وۄتم سونچان۔ بہ چھس دپان زہ .....

ساجہ :۔ کیاہ ؟

رحیم شیخ :۔ بہ چھس دپان زہ اَسہِ چھہ دوہ ہے تلان رمضان سوداگرس زِنٹہ برداش۔ کُنہ رتھہٕ ماچھہٕ آسان تسنٛدرہ تژھہ پانژرہ تژھہ روہ پیٹہ کم۔ بہ ہے پانہٕ روہ پیٹہ دُہن تژھن سودا اَنہٕ ہا نیبرہٕ کُنہ بیچہ پھالوٕ بیچہ زہٕ۔ لاگھو

— یَڈکیٹ تہٕ کرہو اَنہٕ مہ۔ تہٕ ژٕ تہٕ گژھہ ہیم ٹھیک۔ بییہ اَتی سرژن
تہٕ سنجے یم وُہہ گنہٕ وُہہ کرہوسے گذارہ ..... (چھُنا ٹھیک) ؟

ساجہ:۔ اَکھتے چھُکھ گرس منز بہتھ۔ چھکھ نا وُچھان کالہٕ بیوٹھ یہ رمضان سوداگر
وان پگاہ کمائون ...... ٹوپی ترائون تہٕ دستار پُہرووُن۔

رحیم شیخ:۔ نارے دۄون۔ خوداہ چھُ سبب گار۔ سون کیاہ کھیون۔ بچارہ
شُرتہٕ اَسی ہیوٚ۔ وونی گو دستارہ گونڈن۔

جانہٕ:۔ موجی۔ اَسہ تہٕ ہے تراوو وان۔

ساجہ:۔ تنبلہٕ کر زتہٕ چھے کتھ۔ اللہ کاکس تہٕ پرژھ۔

رحیم شیخ:۔ پرژھن گیوو پوز مگر .....

ساجہ:۔ کیاہ ؟

[ وارہ وارہ سپدان موسیقی شوروع یوس پوتس سیٹھاہ آرہ
برزِ لیہ منز تبدیل سپدان۔]

رحیم شیخ:۔ وان ما چھُ پیٹھے ترائون۔ داہ۔ ترہ۔ ژنجی روہ بیہ گژھن تتھ سعوتیہ
تہٕ آسنہ۔

ساجہ:۔ ییون زٕ تے لگی شُرتہٕ چھے حاجز مگر ......

جانہٕ:۔ دِسی رتمہ روہ پیہ۔ ییمہ ہے تمہ دوہہ مہ ہاوتھ۔ دوپ ھتم ژیہ کروے
کھاندر۔ [ موسیقی ہیوان برژنی ]

ساجہ:۔ ژہ ہے چھے شایدٕ یمن کرِژن تام روہ بین کنُ نظر۔ یتہٕ کھاندر کوٚرم
تتہٕ ووتم پوشرہ پوشہ سونبران۔ کمہ خاطرہ ( وَدُن ہیوان )

جانہٕ:۔ مے وَد۔ دِسی رتہ پیہ۔

ساجہ :- کمہِ خاطرٕ ؟ مےٚ دۄپ زٕ شُر کوٚٹ ئیٚ بنہٕ تسُند لگہٕ ۔ پرُس کوتاہ خوش

اوسکھ ییٚلہٕ دۄپ ہتم ژٕ ہےٚ چھکھ گاٹج ۔ پوٚنسس چھکھ قدر کران

طماہ چھُےٚ ننہٕ تھوٚومُت گُنِیک ننہٕ ۔ ییٚلہٕ مےٚ ہاوِمےٚ ۵۵ ( پانژٕہ ون زاہ)

رۄپیہٕ سےٚ مرٕژہ ۔ وۄتھ گُڈٕ تھ ننہٕ نالہٕ منٛنہٕ رٹھکھس ۔ ۔ ۔ ۔

جانہٕ :- دِسی ۔ پنٛتہٕ ہےٚ کرِو کھاندر ۔

رٕحیم شیخ :- ننہٕ چھُس شر بہٕ دِیان ۔ بہٕ زٕن چھُس دِیان تہمہٕ رۄپیہٕ دِتہٕ ژٕہ ونِکس

سودا روزہٕ وانٛس منٛز ۔ پوٚنسہٕ ماگیہٕ کُنہٕ ۔ ژٕہ بوز ننہٕ یہٕ رقم روزہٕ مےٚ نِش

چون امانت ۔

ساجہ :- میانہٕ چھا یمہٕ رۄپیہٕ ننہٕ ——— ژٕ ہےٚ چھکھ دژٕ مرٕژہ دیلہٕ دیلہٕ ، گرا

دونِنو ، گرا ژونِنو ، مےٚ ہاوِہ سوٚنٛبرِتھ ۔ زٕ خبر چھا ہٲلُن چھُ ڈٲلُن چھُ ۔ ووٚنی

سوچ ننہٕ پانے جان کیاہ گژھِ ۔ بہٕ کیاہ زانہٕ ——— مگر دبنٛیہٕ ہیوان

وِدُن )

رٕحیم شیخ :- ژٕ مہٕ وَد ۔ ژٕہ کیازٕ ہیوٚتھ غم ۔ دۄیمےٚ یی زٕ یہٕ روز چون امانت

مےٚ نِشہٕ ۔

جانہٕ :- بَبا ۔ وانٛس پیٚٹھ ہاکنو موٚنگ ننہٕ مکایہٕ لایہٕ ۔ چاےٚ ننہٕ نوان ننہٕ — بنٛیہٕ

واریاہ چیز — ژھوچہٕ وَری ننہٕ — گلشنہٕ ننہٕ زا سعہ رمہٕ ننہٕ — رٕتیےٚ موجی

اَسہٕ سوزِنا خود احباب لۄکٹ بایے ہِنٛن — تٔس لاگو سعہ رمہٕ — واہ

واہ سعہ رمہٕ ۔

[ آرٕ برٕژ موسیقی گرٕژھ بازرٕ کِس شورس

منٛز تبدیل ۔ موسیقی ہندٕ ذٕریہ ییہ ہاوِنہٕ زٕ منٛزٕ

چھ کینہہ دوہ گُذران ۔ بازرِ کِس شورِس پیٹھ

سیّدن بوزنہٕ جُملہ غالب ]

پھیرِ وول :- سمہ رمہ ہا ۔ سمہ رمہ ہا ۔ کنگنہ ہا ۔ بنگہ ہا ۔ صابن ہا ۔ ( یہ آواز روزِ دورِ یوان )

جانہٕ :- بَبا ۔ زا سمہ رمہ ہا کنن ۔ دِسو آلو ۔

رحیم شیخ :- یہ ہے دِیہ دزوگ ۔

جانہٕ :- دزوگ ہا دزوگ ؟ نازا سمہ رمہ ہیو ۔ ما جے وز نمت پچھے ۔

رحیم شیخ :- مہ چھُ کھسُن مہاراج گنج ۔ تتی ہین ہیم چیز سرّوگی ۔

جانہٕ :- سرّوگی یا سرّوگی ؟ نا ہیو مُبنگرہ ۔ لو کچھ لو کچھ ( پھیرِ والی سنز آواز ختم گرتھان )

رحیم شیخ :- کیتھے لا جیتھ کرتھ ۔ زہ گو ژھے مُلکُ مال آسُن رہ ہین پنژاہن تیکیازِ بَب ہے وان ہیو کھُمت پچھے ۔ دوپے ہے سورے ہے انو ۔ وُنہ گوم نز بچھ تہ وارِ وان ہہان ۔ سورے کیاہ رو واتہ وانس منز ۔ ون سائے کوریا ؟ وُنہ چھُ وان خالی ۔ ناس نہ کُنہ ۔ تموک کیہ ۔ چاے کیہ ۔ زا سمہ رمہ تہ آنُن — یوان گژھن گگہ خان ۔ تس سیتو گژھو مہاراج گنج سورے سودا انُو تورے ۔

( قدمن ہنز آواز )

گگہ خان :- اسلام علیکم شیخا !

رحیم شیخ :- وعلیکم — ہے بہ پیارہ نو تھس یورہ پیٹھ ۔ وُنی کیس تہ او سسے پزاران ۔

گگہ خان :- ہا خریدارٕو روٗزِہس وُنیکہٕ تام والنِس پیٛچہٕ۔

رٕحیم شیخ :- اَدٕہ سأ وۄنی بنٕن ناریم چیٖز کینٕہ اورٕے اَنِہ کٕنہ جاپہٕ۔

گگہ خان :- ہا نسأ۔ آبکِو پاٹھو مگر وۄنہ کھنڈ کرِتہٕ صبر۔ تمہٕ دۄہہ آکھ بہٕ ما زانہٕ ہیٚتھ۔ ییتہٕ چیٖز نیتھ رعایت کرِتھ نووُے نا۔ وۄنی چھُس بہٕ دٕپان ییتھ وُچھ ہۄ بازرس ماگرٕ ژھی نرمی ہش۔

# راہؔی

ارمانہٕ ریتہٕ شوقچ پھُلیاہ یِی رژھراوان راہؔی آو
اُتھی پتھ میرِس دِل گوو پھلوا بُروٚن یِی حافظ چھاوتھ گوو

سانہٕ جدید شاعری ہِندی تاج دار عبدالرحمٰن راہؔی چھِ
مئی ۱۹۲۵ ؁ عیسوی یس منز مہاراج گنج وازہٕ پورہ سرینگرہ ژھنہٕ
پیمتۍ۔ "نوروزِ صبا" چھُ یِہُنزٕ شاعری ہُند گوڈنیُک دلکش
مجموعہٕ۔ اَتھ پیٹھ چھُ یِمن ساہتیہ اکادمی ہُند ایوارڈ تہٕ حاصِل
سپدیومُت۔

راہؔی صاب چھِ ایم، اے انگریزی تہٕ ایم، اے
فارسی۔ وُنیکھ تام بدلاوی یِمو زِ ترٕیمہ پیشہ۔ گوڈٕ اُسی
پبلک ورکس محکمَس منز کلرک۔ اَتہٕ پیٹھ واتی "خدمت" کِس
ادارٕے تحریرَس منز۔ ایم، اے فارسی کرنہٕ پتہٕ لگی امر سنگھ
کالجَس منز پروفیسر۔ وُنی کیٚس چھِ جموں وکشمیر یونیورسٹی ہِندِس
فارسی شوبَس منز اُتھی پایَس پیٹھ کٲم کران۔

راہؔی صابن یِہ کینژھاہ نثر از تام لیوٗکھ تہٕ چھُ
داریاہ کم۔ تہٕ اَمہٕ پیٹھ یہٕ چھاپ سپُد تہٕ چھُ اَمہٕ کھوتہٕ تہٕ کم۔

مختلف کوٗنگ پوشن منز چھ پننہِ کینہہ لوکٕٹ لوکٕٹ مضموٗن
نظرِ گژھان۔ یِم کینژٕن روٗسی مُقامَن مثلَن تاجکستان
ازبکستان، قزاقستان بیترِ جایَن سیتھ چھ زان پہچان کرِ
ناوان۔ اَمہِ علاوہ چھُ یِمو "ییلہِ شُہ لٕکنہِ پوٗ" (میکسِم گورکی
سنٛدِ اَکہِ افسانُک ترجمہٕ) "میہ کیاہ سائٕچھٕ غائب" (اَکھ خاکہ)
"مارکسی ادبی تنقید کیاہ چھُ؟" (اَکھ مضموٗن) بیترِ لیوٗکھمٕت۔
تنقیدس سیتھ چھ یِمَن زیادٕ دلچسپی۔ پتمِن کینژٕن وَریَن
منز لیکھی یِمو کینہہ تنقیدی مضموٗن یِمو منزِ سیٹھاہ کم چھاپ
سپدییہ۔

مارکسی ادبی تنقید کیاہ چھُ؟ چھُ مئی ۱۹۵۲ ہس
"کوٗنگ پوشس" منز چھپیومُت۔ ییتین چھ اَسی یوٗہے
مضموٗن پیش کران۔

رحمان راہی

# مارکسی ادبی تنقید کیاہ چھُ؟

اَزکل چھ تقریبن پرٛیتھ ادبی مجلِسہٕ منز یِتھ سوالُس پیٚٹھ پرٛژھ گاہ یِوان کرنہٕ زِ - اما مارکسی ادبی تنقید کیاہ گوٚو - باقی تمام سوالن ہندی پاٹھۍ چھ اَتھ سوالس مُتعلق تہٕ رٕژھ اورچہ یورچہ رایہ وَننہٕ یِوان زِ انسان چھُ حٲران سپدان - یُس اَکھ انسان یُس کم بٔہن زانن وول آسہِ چھُ نہٕ کُنہٕ یہ فٲصلہٕ ہیکان کٔرِتھ زِ اما کمہٕ سُنٛز راے مانہٕ تہٕ کمہٕ سُنٛز مانہٕ نہٕ - کیٚنژن لُکن چھَ یہ غلط فہمی زِ مارکسی ادبی تنقید چھ کیٚہ وَچہ پیٚٹھ ہیکہِ اَکھ مارکسی ادیبی پوٚرہٕ وُنرِتھ - یا یہ زِ مارکسی تنقید کہ اصولہٕ مُطابِق چھُ نہٕ کانٛہہ غٲر مارکسی لیکھن وول ادیب مانہٕ یِوان - چنانچہ اَمہٕ غلط فہمی رٕنز چھ یِم مُکھ پرٛیتھ تحقہ خیالس تہٕ تحقہ رایہ وُچھنہٕ گارنہٕ ورایی برخلافی کران - یِتھ زَن مارکسَس تہٕ تمہٕ سُنٛدِس نظریس سیٚتھ کانٛہہ تعلق چھُ آسان - یا اَکھ چھیہ کھ چھ تِمَن لیکھن والین تہٕ نقادَن ہُنٛز یِم زَن ظٲہرا پاٹھۍ چھ مارکس سُنٛدی حٲمی باسان - مگر پننیو کتھو تہٕ پننہٕ لیکھنہٕ کنہٕ چھ مارکس اِزمس تیتھ پاٹھۍ اَدل بَدل کران یِتھ پاٹھۍ نہٕ کانٛہہ دُشمن تہٕ ہاوِتھ باوِتھ کرِ - یِم لُکھ چھ "ادب براے زندگی" تہٕ "انقلابی ادب" بیٚیہ تہٕ یرٕژھے ہشہٕ کیٚنٛہہ وُچھرٕ تہٕ سانیہ مرٕژھ کتھ سونچنہٕ ورٲے تیتھ پاٹھۍ اورٕ یور استعمال کران زِ سیٚر زَن کتھن چھ کھُر یِوان -

سائنِ کنہٕ چھ ییمہٕ دہ شوٚیے جماژ ہیچہٕ وٕتہٕ پچھان۔ اَکھ جمات اگر زن سونچنہٕ سمجھنہٕ ورأیی مارکسزمس تہٕ تمس متعلق پرٕیٹھ کنہٕ برخلٲفی کرتھ پننہٕ جہالتُک تہٕ گمرٲہی ہُند ثبوت دوان۔ بیاکھ جمات چھ بے عقل یارہ سٕندی پأٹھی دٲنی یہس پننہٕ کم علمی ہُند ثبوت ہاوان۔ دراصل یوٗتام اَسہٕ برونٛہہ کنہٕ ییمہٕ زٕ وٕتہٕ روزن، توٗتام ہیکوٕ نہٕ اَسی اصلس واتِتھ۔ لہٰذا چھ یہ کتھ ضروٗری زِ اَسی تھاوو ییمن دہ شوٚنی جماژن ہنٛزِ بنیأدی غلطیہٕ پانس برونٛہہ کنہٕ تہٕ پننہٕ خأطرٕ کڈو اکھ سیز تہٕ بیٚن وَتھ۔ تہٕ اورٕ یور تھکپہٕ دِنہٕ ورأیے ہیموٕ ٹھیک پأٹھی مارکسزمس سام تہٕ تمہٕ پتہٕ کرو یتھ سوالس جواب دِنٕچ کوشش زِ آیا مارکسی ادبی تنقید کتھ پٲٹھی چھ ناو۔

مارکسس ہنٛزٕ کتابہٕ پرِتھ چھ یہ کتھ پوٗرٕ پأٹھی فکرِ تران زِ مارکسزمُک اصلی مقصد چھ اقتصأدی تہٕ تمدنی حالاتن ہُند تہٕ بییہٕ تمہٕ کِنہٕ نتیجن ہنٛدٕ پأدٕ گژھنُک تہٕ برونٛہہ کُن بڑٕ نُک حال وِرٕژھ ناوُن۔ مگر یہ مقصد چھ تیوٚت بوڈ تہٕ سعورٕ وٕن زِ اَتھ منٛز چھ تمام کأیناتچ تہٕ زندگی ہنٛزٕ تقریبن سارے کتھ شأمل سپدان۔ اَتہٕ موکھ چھ مارکسزمس تہٕ ژٕرٕ وِنی پأٹھی ادبس متعلق تہٕ پنُن خاص نظریہ پیش کوٚرمُت۔

مارکسزم اوس یہ کتھ مانان زِ مادٕ (MATTER) چھ گوڈنی پأدٕ سپدیومُت۔ دراصل اوس تمہٕ سٕند فلسفہ اَکھ تأریخی ردِ عمل۔ تتھ خیأڈلی تہٕ ماورأیی نظریہ برخلاف یتھ زَن ژھٕرے خیأڈلیت چھ وَنان۔ تہٕ یمہٕ سٕرٕ اَخرس پیٹھ جرمن کِس مشہوٗر فلسفہ دان ہیگل سٕنٛزِ جدلیأتی خیالاتچ شکلہِ منٛز نٕنٛو درایہ۔ یہ چھ پوز زِ اَمہ فلسفچ شکلہٕ آسہٕ مختلف دَورن منٛز مختلف۔ مگر تو تہٕ اوس ییمن سارنی منٛز اَکھ ہشر

یہ گوو یی زِ پرٛتھ صوٗرژ اوس یتھ خیالس پیٹھ زور دیوان دِنہٕ زِ شعور، اُدہ یہ انسانہٕ سند اُسُن یا انسانہٕ برونٛہہ کھوتہٕ کانٛسہ تھزٕ ہستی ہُندس چھُ اصلی تہٕ بنیٲدی حقیقت۔ دوٚیم یہ زِ مادہ (اگر یُتھ پانٛٹھ تِہُنٛد کانٛہہ بیروٗنی ووجود چھُ) چھُ دوٚیم تہٕ وۄسہہ درجہ تھاوان۔

اَتھ برخلاف ووٚن مارکسن زِ خیالاتن ہنٛزٕ یِمہٕ سارے شکلہ چھِ غلط تہٕ بیبنیاد تہٕ نشہ ڈٲلوٕنہٕ۔ اَمہٕ سیٚنٛز کوٚرُن اَکھ یہ ٹھوس نظریہ پیش ییتھ زِنہٕ "جدلی مادیت" وَنان چھِ۔ اَمہٕ نظریہ کِنہٕ چھِنہٕ اصلی تہٕ بنیٲدی حقیقت شعور۔ بلکہ چھُ مادہ۔ مارکسن ویٚنٛہہ ناوو یہ کتھ زِ شعور چھُ مادس تابیا۔ بیلہ مادہ چھُ بدلان تہٕ تیٚلی چھُ شعور تہِ پانے بدلان۔ مادہ چھُ ترقی کران تہٕ شعور تہِ چھُ ترقی کران۔ دوٚیمین لفظن منٛز ہیکوٚ اَسہٕ یہ خیال یتھہٕ پانٛٹھ وَنِتھ زِ انسانس ییٚمہٕ کِنہٕ چیزک شعور پیوان چھُ۔ یہ چھُ دراصل خارجی تہٕ مادی حقیقت آسان۔ تہٕ زَن گوٚ یہ زِ انسان سُند خیال چھِ اَکہٕ قسمُک عکس آسان تمہٕ خارجی تہٕ مادی حقیقتُک یتھ منٛز یہ ووتھان بیہان چھُ۔ یتھہٕ اصلی بنیاد یُہے خارجی حقیقت آسان۔ یوٚسہ زَن پانے چھِ قائم تہٕ تہٕ پانے چھِ حرکتھ تہٕ کران۔ توٚہہ پتہٕ گژھہ نہٕ اَمہٕ نشہ یہ مطلب کڈُن زِ۔ سٲری خیالات چھِ آسان خارجی حقیقتُک پوٚز عکس۔ اَمہٕ تلہٕ چھُ مطلب فقط یُتُے زِ پُرٛتھ تہٕ اصل خیال ہیکوٚ تمہٕ نِے یوت وَنِتھ، ییم اَتھ خارجی حقیقژ کِہہ وچہ پیٹھ پوٗرہ وُتران۔

پیٹھی ہیو یِمو کیٚنٛژو سطرو سیٚتی آسہ یہ کتھ صاف سپنٛز مژ زِ، جذبہٕ کیفیت، احساس تہٕ خیال وغارہ چھِ دراصل تِمو تبدیلیو نشہ پٲدہ سپدان ییمہٕ ہر وِزِ خارجی حقیقتس منٛز سپدان چھِ۔ چونکہ ادب تہٕ چھُ یِمہٕ نے جذبن کیفیتن

اِحساسن تہٕ خیالن ہُند صحیح اظہار کرُن ناو۔ لہٰذا چھُ اَمہِ ساری بحثہ نِشہِ یہِ مُطلب نیران زِ ادب چھُ اصلی خارجی حقیقتہِ نِشہ باقہٕ گمژنہِ زندگی ہُند ویژھ ناو۔

پیٚیہِ کِنہِ کُنہ اَسہِ داریاہَن جایَن لفظ "اصل" تہٕ "بُنیادی" پھیرِ پھیرِ استعمال۔ وونی چھُ یہِ کتھ ہُنز ضرورت باسان زِ اَسہِ کرو یِم لفظ پھیرِ پھیرِ استعمال کرنُک وجہ بیان۔ عام لُکن ہُند خیال چھُ زِ مارکسن چھُ تمدُنکہِ پرتھ کِنہِ اظہارُک وجہ اقتصادی تحریکن منٛز ژھاران۔ یا یہِ زِ مارکس چھُ فن کاری ہندین سارِنی کارنامَن، اقتصادی صورتن تہٕ اقتصادی تحریکن ہُند عکس زانان۔ یہِ چھُ اَکھ زبردست وِیڈھ غلطی یۄسہِ مارکس اِزمس نِشہ پوٗرہ بے خبری ہُند نتیجہ چھُ۔ مارکسن کوٚر نہٕ زانہہ تہٕ یہِ دعوا زِ مذہب، فلسفہٕ یا ادب چھُ پرتھ حالس منٛز اقتصادی سببَن تہٕ صورتن ہُند براہِ راست تہٕ شعوری نتیجہ یا تمن سیٚتی رلیتھ آسان۔ تمیٚ یہِ ووٚن سُہ چھُ فقط یُتھُے زِ مادی سبب تہٕ صورتہٕ چھِ سانِہن سماجی سیاسی، علمی تہٕ باقی شوقن پیٹھ بوڈ بارہٕ اثر تراوان۔ مارکسُن ہم خیال اینگلز چھُ یتس اکس یارس (جے بلاکس) اکس چِٹھہِ منٛز مارکس اِزمس مُتلق یژھے ہش غلط فہمی دوٗر کران یِمہٕ زَن پیٹھ کِنہ بیان آیہ کرنہٕ۔ سُہ چھُ لیکھان زِ "تاریخُک مادی نظریہٕ موجب یُس عنصر تاریخُک نہم رُختس منٛز زیادہ حصہ نِوان چھُ۔ سُہ چھُ بُنیادی لحاظہِ مادی زندگی منٛز پیداوار تہٕ نوٚوٚ سرہٕ پیداوارُک سِلسلہ۔ اَمہِ زِیادہ کوٚر نہٕ مارکسن زاہ تہٕ دعوا۔ نہ کوٚر میہ۔ لہٰذا اگر کانہہ شخص چھُ اَتھ اورُک یور کرِتھ یہِ دعوا کران زِ اقتصادی عُنصرے یوت چھُ تاریخس حرکت دِنہٕ ووٚل واحد تہٕ آخری۔ تیٚلہِ چھُ سُہ اصل دعوہس اَکھ بێیہ مُطلبہٕ تہٕ غلط رنگس منٛز پیش کران۔ یہِ چھُ پوٚز زِ اقتصادی حالت چھِ بُنیادی کُن۔ مگر کُنس پیٹھ چھِ

باقے عمارتھ تہٕ ووٚدنی آسان۔ مثلن طبقاتی جدوجہدٕچ سیاسی صوٗرژ۔ اَمہِ جدوجہدُک نتیجہ۔ اَتھ منٛز زینَن والہِ طبقُک بناوٕہتہٕ قونوٗن تہٕ دستوٗر۔ بیٚیہِ تِم اثرات یِم بیٚیَن طبقَن ہٕندین دِماغَن پیٹھ پیوان چھ۔ یعنی سیاسی قونوٗنی، تہٕ فلسفی نظریہ، مذہبی خیال تہٕ تِمَن ہُند ترقی کٔرِتھ الگ الگ مدرسہ بنُن۔ یِم سارٕی عنصر چھ اَکھ اَکِس سیٚتۍ رٔلِتھ مِلِتھ تأریخ بناونس منٛز حِصہ نِوان"۔

پیٹھ کنہِ کِہ اَمہِ اقتباسہِ سیٚتۍ چھُ یہ کٔنِتھ وۄتھٕہ ناوُنہٕ یِوان زِ مارکس چھُنہٕ تأریخ کِس بناونس تہٕ بُروٚنہہ کُن پکہٕ ناونس منٛز دِماغی طاقتَن کم ضروٗرۍ زانان۔ سُہ چھُنہٕ فقط یِتُے یوت وَنِتھ ژھۄپہٕ کران زِ زندگی چھ شعوٗرس مُعین کران تہٕ بیٚیہِ طرفٕ چھُ آسان شعوٗرتہٕ خارجی حقیقتس پیٹھ پنُن اثر تھاوان۔ بیٚیَن لفظَن منٛز گوٚو اَمیُک مطلب یہ زِ اگرچہ انسانی جذبہ، کیفیتہٕ، احساس خیال، ارادہٕ تہٕ اعمال چھ خارجی حقیقتُک پأداوار آسان مگر یِم جذبہ، کیفیتہٕ، احساس خیال، ارادہٕ، تہٕ اعمال تہٕ چھ اَتھ خارجی حقیقتس نوٚین وَتَن پیٹھ پکہٕ ناونس منٛز حِصہ نِوان، شعوٗر چھُ خارجی حقیقتہٕ نِشہٕ پأدٕ سپدِتھ اَتھ خارجی حقیقتس پننہِ مرضی موٗجوٗب بدلاوُن یژھان۔ چونکہ شعوٗرُک اظہار چھُ سارِوٕے کھۄتہٕ جان پأٹھۍ ادبس منٛز سپدان۔ لہٰذا ہیٚکو اَسۍ وَنِتھ زِ ادب چھُ نہٕ خارجی حقیقتہٕ نِشہٕ پأدٕ سپیزمُژ انسانی زندگی ہُند فقط تفسیرے یوت بلکہ جان تہٕ ناکارٕہ پرٛزنٲوِل تہٕ بیٚیہِ انسانی زندگی ہُند دٔلیل تہٕ۔

ادبی تحریک چھ سمہٕ یتمہٕ کِس کاشُس منٛز اَکھ مارکسی نقاد چھُ ادبی تخلیق پرَان تہٕ بیٚیَن فِکرٕ تاران۔ سُہ چھُ اَتھ تأریفس پننہِ تنقیدٕچ بُنیاد بناوِتھ پتہٕ پتہٕ کُنہِ ادبی کارنامُک قدر تہٕ قیمت مُقرر کران۔

عام نقاد ییٚلہِ تنقید کرنہٕ چھِ ییٚوان، تِمن بروٚنٛہہ کنہِ چھِنہٕ امہِ قسمٕچ
کانٛہہ کتھ ووٚتھ آسان۔ تِم چھِ اُکُس ادیبس، سٕنٛزٕن تخلیقن غار انسٲنی تہٕ الہامی
کارنامہٕ زانان۔ لہٰذا چھِ تِہُنٛد تنقید فقط یتھ کتھِ تام محدوٗد روزان زِ ادیبن
یہِ کینٛژھاہ ووٚنمُت چھُ سُہ گژھہ وہرٕژھ ناونہٕ یُن۔ بیٚیِن فِکرہ تارنہٕ یِن یا اگر حد
سٕپُد تہٕ تیٚلہِ گژھہ کُنہِ محاورٕچ، آرٕچ یا کُنہِ واہ قسمٕچ غلطی کڑنہٕ یِنہٕ۔ اَتھ برعکس
ییٚلہِ کانٛہہ مارکسی نقاد چھُ کُنہِ ادبی شہہ پارُک مطالعہ کرٕتھ تتھ پیٹھ تنقید کران
تمہٕ سٕنٛز نظر چھُ سیٹھاہ بوٚڈ سرٕنی آسان۔ تِمس چھُنہٕ ادیبہٕ سُندِ ادبٕچ تشریح
تہٕ وہرٕ ژھناونہٕ کرنہٕ سیٖتی پوٗرٕت تسلی یِوان بلکہ چھُ سُہ سیٹھاہ برٕونٛہہ نیرِتھ یہِ
کتھ مولوٗم کرنٕچ کوٗشش کران زِ اما تمہٕ کمہٕ خارجی حقیقتہٕ آسہِ تہٕ تِم کم
دیپاٹھی طاقت آسہٕ یِمن منز اُمہِ ادیبن اُچھ مُنٛزرہ تہٕ پرورش لٔبِن۔ بییہِ یِمو
پتہٕ تمہٕ سٕنٛز شخصیت تہٕ تمہٕ سُند ادب پادٕ کوٗر۔ مارکسی نقاد چھُ یہِ کتھ تہٕ مولوٗم
کران زِ آیا ادیبن یِمن خیالن تہٕ تاثرن ہُنٛد اظہار بنس شہہ پارس منز کوٗرمُت
چھُ۔ تِمن ہنٛز ژراے کیا زِ چھ کُنہِ خاص طرفس کُن یا یہِ کتھ زِ ادیب کیا زِ چھُ
پننیو تخلیقو ذٔریہ پننہِ زندگی تہٕ خارجی حقیقتن کُنہِ خاص وَتہٕ کُن لاگنٕچ کوٗشش
کران۔

مارکسی نقاد چھُ یہِ کتھ پوٗرٕ پاٹھو زانان زِ ادیب سُند ادب چھُ تمہِ
جدوجہدُک نتیجہ آسان یُس یہِ زن سُہ پنُن سماج بدلاونہٕ خاطرٕ چھُ آسان کران۔ لہٰذا
چھِ مارکسی نقاد ادیب سٕنٛزن ادبی تخلیقن منز تِم عنصر لبنٕچ کوٗشش کران۔ یِمو
سیٖتی یہِ کتھ سپدِ مولوٗم زِ آیا سماجٕکِس کتھ طبقس سیٖتی چھُ پانہٕ ادیبس واٹھ
تہٕ تمہٕ سٕنٛز ہمدردی کتھ طبقس سیٖتی چھ۔ بیاکھ کتھ چھِ یہِ زِ مارکسی نقادس چھ

یہ خبر آسان زہ طبقن ہنز فطرت چھ بدلہ ون۔ سہ چھ زانان زہ طبقہ چھ پادہ سپدان، بڑان، بوڑھان تہ کمالس واتتھ زوالس کن لمان۔ نوین عنصر چھ پادہ سپدان تہ تمن تہ پرانین عنصرن منز چھ کش مکش شوروع سپدان تہ تمن تہ پرانین عنصرن منز چھ کش مکش شوروع سپدان۔ پرانی طبقہ چھ ہاران تہ ختم گژھان۔ نوین طبقہ چھ زینان تہ برونہہ کن پکان۔ طبقن ہنز یہ بدلہ ون فطرت مد نظر تھاوتھ چھ اکھ مارکسی نقاد یہ کتھ تہ پرکھاوان زہ آیا ادیب چھا ختم گژھن ونس طبقس حمایت کران کنہ سہ چھ آیندہ کامیاب سپدن وألس طبقس ہمدردی کران۔ یعنی اکھ مارکسی نقاد چھ رجعت پسند تہ ترقی پرور ادبس منز فرق کرتھ ادبچ افادیت تہ غار افادیت مقرر کران۔

مارکسی تنقید کہ امہ خاص طریقہ کہ وجہہ کنہ چھ اکھ بڈ غلط فہمی پادہ سپدمژ یمہ سہ دور کرنی سیٹھاہ ضروری تہ لازمی چھ۔ عام طور چھ یوان خیال کرنہ زہ مارکسی نقاد چھ پرانس تہ نوس ساری سے ادبی سرمایس انقلابی تہ غار انقلابی یا پرولتاری تہ بورجوا دون بیون بیون حصن منز بأگران۔ یعنی سہ چھ یژھتھ کنہ ادبی شہہ پارچ قدر صرف یتھ اصولہ مطابق مقرر کران زہ اگر امہ منز انقلابی نعرہ چھ تہ تیلہ چھ یہ قدر کرنس لایق تہ اگر یہ کتھ چھنس تہ تیلہ چھ نہ یہ پرنس لایق۔ بلکہ چھ اکھ بے فایدہ چیز مگر یو تام مت مارکسی تنقیدکہ نظریک تعلق چھ۔ یہ خیال چھ سراسر غلط، بے بنیاد تہ اصل وتہ رنشہ ڈالیومت۔ مارکسی نقاد چھ کانہہ ادبس انقلابی آسنک مطالعہ کرنہ برونہہ تمن سارنی تاریخی حالاتن تہ واقعاتن پورہ پأٹھ سام ہیوان یمن منز روزتھ تہ یمہند اثر قبول کرتھ تمو ادیبن کانہہ ادبی کارنامہ چھ آسان پورہ کورمت

سۄ چھُ یہِ کنہِ پزٕرٕ پأٹھۍ پرکھاوان زِ کانہہ ادبی کارنامہٕ ہیٚکن تأریخی حالاتن تہٕ
واقاتن ہِنٛزٕ پیٛداوار چھُ نہٕ تم تأریخی حالات تہٕ واقات آسن پانہٕ تہٕ کُنہٕ انقلأبی نٔہجہٕ
ہِنٛد تقاضہٕ کران رٕکنہٕ نہٕ ۔ اکھ حقیقی مارکسی نقاد دِیہ یہِ وُنہِھ زاہ تہٕ محمود گأمیس
تہٕ رسُل میرس ناقأبلِ قرار زِ تِہندس ادبس منٛز چھِنہٕ آزاد سٔنٛزِ ہِش آزاد
خیأ لی تہٕ عأرفہٕ سٔنٛزٕ ہِش زندگی موجوٗد ۔ وونی گوو اگر آزاد تہٕ عأرفہٕ سٕندٕن
ہی وین تأریخی حالاتن تہٕ ماحولس منٛز رُوزِتھ کانہہ ادیب پرانہٕ زمانہٕ کِس خیأ لی
فلسفس منٛز ہیٚرِتھ شوٗنگِتھ تہٕ نٔیلہِ چھُ تمہٕ سِندہٕ خأطرٕ مارکسی تنقید پزی پأٹھۍ
اکھ نٔوٚن دُشمن ۔

پیٚیتھ کنہ وون اسہِ اکس جایہِ یہِ زِ مارکسی نقاد چھُ پرٚتھ اکس
ادبی شہہ پارس منٛز طبقأتی عنصر ژھأرنٕچ کوشش کران ۔ امہِ تہٕ ہرگزِ تہٕ
یہِ مطلب ہیٚن کڈُنہٕ زِ مارکسی تنقید چھُ سارنٕے ادبٕن یہِ مطالعہ کران زِ تم
بنأوِن ہِنٛزِ ادبس براہِ راست تہٕ شعوٗری طور محض اکھ جمأتی آواز ۔ وُننگ
مُدّا چھُ صرف ییٚتے زِ ادب اُسوٗتن کوتاہ تہٕ غأر جمأتی مگر اُتھ منٛز چھُ جمأتی
عُنصر ضروٗر کُنہٕ نتہٕ کُنہٕ طریقہٕ شأمل سپدان ۔

بیاکھ کتھ چھیٚ یاد تھاوُنہٕ لایق یہِ زِ مارکسی نقاد چھِنہٕ ادبٕن یہِ
مُطالعہ کران زِ تِم کرِن ہمیشہ کُنہٕ خاص طبقُک شعوٗر ظاہر ۔ بٔلکہ چھُ سُہ یُوتے
یوت توقع تھاوان ۔ زِ ادیب اُدہٕ ییٚمہٕ طبقُک پٔرِتھ تہٕ تمیُک کردار کرِن پیش
مگر سُہ کردار پیش کران کران مہ کرِن تم رشتہٕ تہٕ تعلق نظر انداز ۔ ییم رشتہٕ تہٕ
ییم تعلق تمِس کردارس سماجکین باقے طبقن سیٚتھ رٕلہٕ ناوان چھِ ۔ یعنی مارکسی نقاد
چھُ اکس انفرأدی یا طبقأتی کردارس منٛز پوٚرٕ سماجُچ شکل ژھأنڈان وُچھنہٕ ۔

ٲخرس پیٛٹھ چھُہ یہ کتھ وَننہٕ ضروٗری باسان زِ مارکسی نقاد چھُ سماجی طبقن ہِنٛزِ جدلی اَدلہٕ بَدلی ہُند وٲقف آسان۔ سُہ چھُ زانان زِ طبقٲتی صوٗرژ تہٕ رِشتہ چھِنہٕ ہمیشہ اَکۍ سے ڈٔنجہ یا اَکۍ سے نۄہجہ پیٛٹھ روزان بلکہ چھِہ یم مختلف وَقتن تہٕ مختلف حالتَن منٛز مختلف صوٗرژ اختیار کران۔ وات تام یُس طبقہ ترقی پسند اوس سُے چھُ اَز رجعت پسند سپُدمُت۔ پُتمہِ جنگِچ مِثال تہٕ چھِ اَسہِ بُروٚنٛہہ کنہٕ یتھ منٛز زِنٛدی مۄزوٗر تہٕ سرمایہ دار طبقو کوٗر پننہٕ پرٲنۍ رِشتہ بَدلاوِتھ اَکھ اَکس سیٖتی رَلِتھ ہِٹلرس بر خلاف گُنٛڈ محاذ کھڑا۔

ہمہ سارے کتھہٕ مدِ نظر تھاوِتھ چھُ مارکسی تنقید دُنیہکس پرٛتھ اَکس ادیبس نِشہ اکہِ تھۄتھ نظریک توقع تھاوان یتھ تُہیاد "انسان دوستی" پیٛٹھ آسہِ۔ یہ نظریہ چھُ اَدبس اقتصاٲدی اٲستھ تہٕ غٲر اقتصاٲدی، طبقاٲتی اٲستھ تہٕ غٲر طبقاٲتی تہٕ وقتی اٲستھ تہٕ لافانی تہٕ لاثانی بناوان۔

["کوہ نگ پوش" جلد ۲، مئی ۱۹۵۲ء]

# ہارُون

پوٗرٕ ناو :- عبدالعزیز ہارُون

زاسنہٕ :- ۹ جون سنہ ۱۹۲۲ء

بسکین :- بربرشاہ سرینگر

ولدیت :- نوٗر محمد

سنہٕ ۱۹۴۷ء پتہٕ یوٗسہٕ کلچرل تحریک کشیرِ منٛز دٔرینٛٹھو آیہٕ، تتھ منٛز رٔودی ہارُون سیٹھاہ سرگرم تہٕ کأشرِس ادبس منٛز ییمہٕ افسانہٕ نگأری ہنٛزٕ کوٗششہٕ گوڈٕ گوڈٕ یعنی ۱۹۴۷ء پیٹھ ۱۹۵۴ء تام ہیوٚتٕ سپدنہِ ییمن منٛز رٔودی ہارُون تہٕ پیش پیش۔ اَہندِ افسانہٕ "برم" تہٕ "زوٗن" چھ رتمو کینٛژو افسانو منٛزٕ ییم اُتھہ گوڈٕ کالس منٛز کأشرِس منٛز لیکھنہٕ آیہٕ۔ ہارُونن چھ کینٛہہ افسانہ کأشرِس منٛز ترجمہ تہٕ کرِمتہ۔ تمہِ منٛزٕ چھ "سوٗ ترادبا" بے شکھ مأری موٚند۔ یہِ ترجمہ چھ مارچ ۱۹۵۱ عیسوی کِس کوٚنگ پوشس منٛز چھاپ سپدیوٚمت۔ یہِ چھ موشوٗر رٔوسی افسانہٕ نگار چیخوف سنٛدِ اَکِہ افسانُک ترجمہ۔

ہارٕوَن اوس اَکہ وَقتہٕ مَنزٕ یٕ مَنزٕ شار ننہٕ وَنان۔ پہنٕدرٕ

اَکہ غزلکہ زہٕ شار چھہ پیٹھٕ پأٹھۍ

سیٚنت بینہٕ گُلٕ تے گُل زار چھولن

ژٕلہٕ کھٹہٕ کوٚشش وَندہٕ گٹہٕ کار لو

•

ہارٕوَن چھُنہٕ ہیٚنزٕن زائلی نٕدان

پیٚتلہٕ شدرس آسہ ہیٹہٕ تارو لو

•

اصل:- چیخوف

مترجم:- عبدالعزیز ہارون

# سوترٕ اوِیا

کال کھیمتس اوسکھ بٕرنٕز کھنڈ گومُت۔ دوشوٕنی بأژن اَسکھ نیندٕرٕ
اَچھَن ژھایہٕ گٔنز کران۔ مردن زول سِگار تہٕ صوفس پیٹھٕ ترٛووُن ڈاپھ۔ زنگن
کوٚڈن ٹینڈٕ تام کاڑ، زنانہٕ بیٹھٕس لٔری۔ دوشوٕنے اُسی دوہہٕ کھوتہٕ دوہہٕ
زیادٕ خوش۔

"وَن کیٛشہٕ پچھیاہ؟" — مردن وَون زامَن کٔرِتھ۔

"کیاہ وَنے؟" — دماہ ٹھٔہرِتھ — "اوٚہ یاد پیوم۔ ژٕہ زانہٕ ہَن
شاید۔ سونا سہ کلثوم — یہ سہ مہ سیتہٕ کالجس منز پران اُس۔ بوزُم تمہٕ چھُ
کتھاندر کورمت۔ کیاہ چھس وَنان تمس او ...... یعقوب۔ سُہ نایُس
نچھن ہُند لانگرک اوس اکہٕ وقتہٕ۔ یہ چھُ اُمہٕ سندہٕ تحفہٕ مندچھی" دوشوٕنی لجٕ یہ
خاوندس کٔنن دِچھنہٕ۔ زٕہ سہ دیہ اُمہٕ سُنزٕ رایہٕ داد۔ مگر تمہٕ دوٚنُس۔

"اَتھ منز کیٛشہٕ مندچھ ہشر کٔنتھ چھُ؟"

"کیاہ چھکھ وَنان سہ ژوٗر۔ بدماش ..... رات تام اوسُس بانہٕ
مأنجی مأنجی دالہٕ وَسان۔ از بنیوو یعقوب خان۔ یہ کرُن خمچہ سندہٕ تھپ تھوس
بنیہ لوٗٹن موہُڈ بمنہٕ۔ از چھُ بوڈ مہ ہنیوٗ تمہٕ سیتہٕ کیاہ گوو؟ مہ چھُ پھیران
اَمہٕ کوٗر اُمس سیتہٕ ..... بنیہ اوسن ناکانہہ بَڈ دُنیہس منز؟ ..... وُچھ

کھاوَل کاٗژاہ حسین چھَ ۔ حسینس یاٗژنہٕ بلکہ دانا تہٕ گاٹُج ہتہٕ ۔ مےٚ چھُنہٕ یقین
زِ سُہ کیاہ کرِ تِمس سیٚتۍ وور ، اگر زَن بہٕ آسہٕ ہا ۔ بہ کرِہا نہٕ پننِس کھرِس
سیٚتۍ کنٛہہ ۔ ادا کھاندر ۔ توبا ۔ توبا ۔ اگر لچھ بدی تہٕ آسَن ۔ شوٗب تِمَن رٕوِہِین
شکلِہ اَسوٗنَس یِہٕ شف ۔ بہٕ ہش وُچھ نہٕ تِمو سٕندِس بُتھِس کُن ۔"

یِیوَنان وَنان وُژھ یہٕ تھوٚد ۔ شرارتہٕ سیٚتۍ کھوٚت اَمِس بُتھِس
رَتھ ۔ اَچھَن مَنٛز اَسِس نفرتُک ژاٗنگو زَن دزان ۔ کُنٛٹھس لَجٕ اوٚدِہ یوٗر کرِنہٕ ۔ تُرٕہ
کھورِ دار بوٗٹ اُس زورِ قاٗلِین ژٕاوان ۔ " اصلی تلہٕ چھُ پرٛانیو وَنٛمُت زِ
ڈوٗمبنہِ چھِ ڈوٗ بینہٕ باگنہٕ یِوان ۔ سُہ زنانہ گَژھہ آسہٕ یِہٕ یپنِس مَردَس سیٚتۍ
پھوٗل واٹِہ "

" گِو ژٕہ کَرَہکھ نہٕ پننِس بٲتھِس سیٚتۍ زانٛہہ تہٕ کھاندر ؟"
" ہرگز نہٕ — توباہ ۔ توباہ " ۔ بُتھِس ڈَرِ لَدِتھ وَوٚنُس زنانہٕ ۔
دَما ٹھہٕرِتھ وَوٚنُس کھاندارَن — " اگر ژٕہ پتا لَگی زِ بہٕ چھُس
ترِیندِ کھعہ تہٕ یووا کھسی یتھے ۔ تیلہِ ..... ؟"
" تیلہِ ؟ — بہ کیاہ کرِ ۔ بہ کرِ یکدم پننُن چارِہ ۔ بہ روزِہ نہٕ زانٛہہ یِیتہٕ
اَکِس بَرنٛزِس تہٕ ۔ بہٕ کرِ نہٕ یہٕ زانٛہہ نہٕ برداشت ۔ ژٕہ مےٚون کھاندار کیاہ آسہٕ ژوٗر"
مکار ، لوٗکن ہوٗٹ پیٚران ۔"

یِہ وَنتہِ وِزِہ اُس یہٕ پیمنہ ہندی پاٹھیٛ گژھان ۔

" اَچھا ۔ مےٚ کتہٕ چھِ خبر ..... مےٚ آسہٕ پیٚرِتھ ساٗدِ زٕ باگی آمژ ...
واہ ! " برٛونٛہہ ژاہ ٹھہرِتھ وَوٚنُس — " نہ ژٕہ چھکھ وُچھُ وَنان ..... اَپُز
سۄرُوِین اَپُز ۔"

" بہٕ وَنہٕ نہٕ زانٛہہ تہٕ اَپُز ۔ ژٕے وُچھتہٕ ۔ اگر بہٕ ژٕہ کینٛہہ یِیتھے لوٗرِ وُچھے

تیٚلہٕ وُچھنہٕ ژٕ میٚون بُتھ۔"

"بِہو وۄنی بوز۔ اَدٕ دِہ دَم۔ سُہ بجور چھُنہٕ میہ مُقابلہٕ مجرٕ ہارِ۔ اَچھا مُشراو۔ اَدٕ وَن میہ جواب۔ میہ کوتاہ چھُ رٕژتس تنخاہ؟"

"—— پانٛژ ہتھ"

"اَچھا۔ یہ وَنتَم یہ موکھتہٕ مال کِہتس پیٚٹھۍ ہٲٹس؟"

"شٮ۪ن ہتن!"

"اَچھا۔ نوٚو پوشاکھ کِہتس ہیوت اوترٕ؟"

"دۄن ہتن کِہتس تام"

"یہ چھُ صرف بیمہٕ ہفتُک خرچ۔ وُنہٕ چھُ رٮ۪تھ باقی"

"اَدٕ یہ چھکھ ژٕ پیٚنٛٹھوائنۍ زیٚنان۔ یہ چھا مُجراہ ....."

"ہاہاہا ...... پیٚنٛٹھوائنۍ۔ ژٕ یہ کیاہ پَئ خبر پیٚنٛٹھوائنۍ کتہٕ چھُ یوان؟ —— بوز وۄنی ........ اَمہ وراۓ ڈاکٹر، موٹرُک پیٹرول، نوکرن ہُند خرچ۔ اَمہ علاوہ ہوٹلن ہنز چایہٕ بِل۔ رٕژتس کھیٚنہ چینُک خرچ۔ زالیو منٛزٕ رِچھ تنخاہ پوٚنسہٕ نیٚرِتھ ژٕ لان ..... بیٚنہٕ بیٚنہٕ ...... وۄنی کیاہ چھُ باقیس دَل دِیُن۔" مُرد دوٚلہ یی وَنان تھوٚد تہٕ گوٚو شٕشترٕ وِہ اَلمارٕ بَر مُژرٲنہٕ زٕ زنانہٕ ہادِ نقد کوتاہ چھُ موجود، صرف پانٛژنے وَرہین نوکری کَرِتھ بَر مُشرٲوِتھ کَرِن زنانہٕ کُن نظراہ۔ زٕ سعہ کرٕ وۄنی یہ فٲصلہٕ زٕ یعقوب چھُ صرف ژوٚرِہے بوت۔ بہٕ چھُس مارٕ واتُل۔ مگر سعہ وُچھن ہوٚف تہٕ دٕروٚف کَرِتھ کُرسی پیٚٹھ بِہِتھ۔ وۄنی لوٚگُس کھاندار یورٕے وَنہٕ —" وۄنی پیٚٹھۍ میانۍ نصیحت کٲنسہٕ اُسہ زیٚنہٕ فتوا دِوان"

قِصہٕ گوٚو ختم — مگر یِہِن دٲلۍ دوٚس آسن وَنان ژٕ اَما

کرٕنہ آرام منز کُٹھس بێیس ژٲیہ مگر اَتہ دژایہ سعہ - کھاندار تمُدوو ما اَمہ
خاطرٕ !!

[ 'کونگ پوش' مارچ ۱۹۵۱ء ]

# نادِم

یُہ تام میہِ جِگرس الاو قائِم ، یُہ تام میہِ چشمن جلاو قائِم
نو تام میہِ آبس اثر شو رابُک تو تام ژٕیہِ رویس گوٗلاب باقے

جِگرٕ کہِ الاوٕ تہٕ چشمن ہٕندِ جلاوٕ سیتۍ آبس شوٗرابُک تاثیر پادٕ کرن وٲلۍ شاعر پنڈت دینا ناتھ کول نادِم چھ ۱۶ مارچ ۱۹۱۶ عیسوی سنس منز سرینگرٕ زامتۍ۔ وارِیاہس کالس روٗدی پرائیویٹ سکوٗلن منز ماشٹری کران یِمَن منز نیو ایرا ہائی سکول لل دید میموریل سکول کینہہ چھ۔ یِم روٗدی کیٛنژس کالس ہندو ہائی سکول تہٕ لل دید میموریل سکولَن ہٕندۍ پرنسپل تہٕ۔ پانہٕ وۄستاد آسنہٕ سببہٕ روٗدی وۄستادن ہٕندین نیاین تہٕ مُشکلن حل کرنس منٛز بٕرونٛہہ بٕرونٛہہ تہٕ یِمہٕ وِزِ سرگرمیو کنۍ بنے یہِ وۄستادن ہٕندِ انجمنکۍ صدر تہٕ اَمی سرگرمی سیتۍ وٲتۍ ریاستی قونوٗن ساز اسمبلی منز۔ وۄنۍ کِہس چھ تالیمہٕ ہٕندِس محکمس منز اسسٹنٹ ڈاریکٹر تہٕ سماجی تالیمہٕ ہٕنز نگرانی چھَ یِمَن مَنٛز۔
نادِم صاحب آسی گۄڈٕ گۄڈٕ ہندی یَس منز شار وَنان۔ سنہ ستہٕ تاجی یَس منز پھیرِ یِم کاشرِس کُن۔ تہٕ کمیٛ

کالس منز کوٗرکھ کاشرِس منز اکھ نوٚو رنگ پاد۔ اَتھ مخصوص
رنگس پیٹھ تبصرہ کرنچ چھنہٕ گنجائش۔

ناڈم صاب چھنہٕ نثرنگار۔ اماپوز ۱۹۴۷ء پتہٕ یُس
جوش تہٕ زٲکھ سانیو ادیبو نثر ورتاونس کُن ہوو سہ جذبہ تھوو
نہٕ یمو تہٕ کھٹِھ۔ ابتدأیی دورس منز یم افسانہٕ سانیو ادیبو
لیکھو۔ تمہٕ مختصر دورہ منز رُوٚدی نہٕ یم تہٕ پتھ۔ اَمہ وٚنیہ
افسانہٕ "رَے" (کونگ پوش۔ جُلے ۱۹۵۰ء) "جوٲبی کارڈ"
(ڈیاون ہیچ' ۱۹۵۱ء) تہٕ شینہٕ پیتو پیتو" (کونگ پوش۔ جنوری
۱۹۵۲ء) چھ تِمن افسانن منز اکھ خاص وزن تھاوان، یم
'ست سنگر' چھپنہٕ برونہہ کاشرِس منز لیکھنہٕ آیہ۔

"کونگ پوش" اکتوبر ۱۹۵۵ء کس شمارس منز چھ یمہٕند
مضمون "سون گندن تہٕ ذرہ کُن" ڈرینٹھو یوان۔ ییٚتِن چھ
اَسہ یہ ہے پیش کران۔

پروفیسر حاجنی صابن چھ اکس جایہ لیکھمت زِ ناڈم
صابن چھ شیکسپیرنہٕ موشور ڈراما "اوتھیلو رک" ترجمہ
کوٚرمت مگر یہ چھ نہٕ صحی۔ یمو چھ تمہ منزہ اکہ سینک ترجمہ کوٚرمت
یُس زن "تعمیرس" منز چھاپ سپدیومت چھ۔

•

مضموٗن

دینا ناتھ نادمؔ

# سوٗن گنٛدُن تہٕ دٕروکُن

یہ چھہ حقیقت زِ انسانہٕ سِندِس کھسہِ وۄنِس تہذیبس چھُ وِزِ وِزِ پٔرِ پٔتھ کُنہِ مُلکس منٛز گوٚڈٕ اَمُت بَرنہٕ۔ اَتھ گمہٕ ڈٕ بَرنچہ تہٕ سَگ دِنچہ کامہِ منٛز چھُ ہر کانٛسہِ حِصہ نِیوٚمُت۔ خاہ سُہ لوٚک اوس یا بوٚڈ اوس۔ زنانہٕ اُس یا مرد اُس پوٚرمُت اوس یا اپوٚرمُت اوس۔ توٚے چھُ انسٲنی تہذیب سیٚٹھاہ پرٚمایہ تہٕ بوٚرُت خوٚصوٗصَن اَمہِ تہذیبُک سُہ حِصہ یُس عام لُکو پننہٕ سوکھ دوکھ تہٕ کامہِ کارِ چھ ہِندِس دورانس منٛز پتھ کالہِ پیٹھٕ لگاتار پاٛدٕ کوٚرمُت چھُ۔ یتھ اَسی وَنی کِس "لوٚکہِ لِٹریچر" وَنان چھِ۔ سُہ چھُ زیادٕ موٚدُر۔ زیادٕ پوٚز تہٕ زیادہ نزدیک زندگی

اَتھ 'لوٚکہِ لِٹریچرس' منٛز چھِہ تِم سٲری تمام نٔندٕ گیوٚن، وَژُن تہٕ خیال، کامہِ کارِ چھ ہِندی گیت لَلہِ وٚنِہ پیوان ییمَن ہُند آگُر اَسہِ وُنہِ چھُنہ موٗلوٗم تہٕ ییم دراصل اکہِ فردَن چھِنہٕ پاٛدٕ کٔری مِتی۔ بلکہ تمام سماجَن چھِ مُشترکہ کوٚشِشہِ کٔرِتھ بنٲوی مِتی ییمہٕ وِرے منٛزٕ چھُ سانِہن شُرِین ہُند رگنٛدُن تہٕ دٕروکُن یُس لاوِین خیالَن ہِنٛز بے ترتیبی ہیٚتھ نہٕ چھُ تیوٚت مِیوٚکھٕ آسان یوٚت اَژٕ وِنہٕ سوٗنٛتگ گوڈٕ نیکُ واوہٕ پھُنگرٕ چھُ آسان۔ مگر سیٚتہ سیٚتہ چھُ یہ گنٛدُن دٕروکُن تہٕ سماجی حالاتَن ہُند نقشہِ اَسہِ بُرونٛہہ کُنہِ تھَوان ییتہ کُنہِ باقے لوٚکہِ لِٹریچرُک حِصہ چھُ

سمأجی حالاتن أنہٕ ہاوان۔ وٕلِو اَز وُچھو أسہِ پننہِ کأشرِ گندن تہٕ ڈرامہ کہ نِچ
ییمہٕ نہج۔

سون کأشُر گندُن تہٕ چھُ نیوٗت یُژکول تہٕ پژون یوٗت یُژکول
سون تہذیب تہٕ سأنی زندگی چھَ۔ گند نِچ ییمہٕ شکلہٕ وُنی کیٚن موجوٗد چھَ۔ تِمو منٛزٕ
چھُ ہکٕٹ، ثُلے لونگنٕ، أنی کٕتر، أٹٕہ روٗف تہٕ "اوٗکُس بوٗکُس" زیادٕہ عام۔
اَکھ گندنس سیٛتی یوس وٕکھنٕ چھ سہ چھ سأرِسے پرٛأنی۔ اَمہِ علاوٕہ چھ کینٛہہ
سہ وٕکھنٕ تہٕ یوس "منٛزلی گیوٗن" تہٕ ہکِچ منٛز مشترکہٕ چھ۔ یوٗتام اَمہِ وٕکھنٕ
ہنٛدِ شکلہِ تہٕ تراہِ ہنٛد تعلُق چھُ اَمیُک بُنیٲدی زیر و بم چھُ سُہ یُس کامہِ کوچہِ
ہنٛدین وٕژنن چھُ آسان۔ یہِ چھَ اَکھ حقیقت زِ دُنیاہچن تمام گیوٗنچن شکلن
ہنٛز بُنیاد چھ کامہِ کوچہِ ہنٛز تُلہِ تراو۔ توٗرے رٕکھ چھ سیٛٹھاہ پرٛأنی تہٕ عام لُکن
ہنٛز شوٗز موسیقی عمومن آلرِ، پھالرِ، ہتھی یار، تہٕ باقے کامہِ کوچہِ ہنٛدین حرکتن
سیٛٹھاہ نزدیک آسان۔

ثأنِس گندنس گیوٗنس تہٕ چھَ اوٗرے رٕکھ یُہَے شکل ۔

ثُلے لونگنٕ ثُلان چھُس
اوٗکُس بوٗکُس تیلہِ وأنی ژوٗکُس

یہِ ژھوٗٹ موٗٹ تہٕ لٔتہٕ واے زیر و بم چھُ صاف ہأوٕتھ دِوان
زِ اَمیُک آگُر چھُ روزانہ کوم — دانٛد وایُن، دانہِ دہگہٕ دُن، ییٚندٕر کتُن
منٛزٕول ٲلِہِ رون، یا اَٹٕہ بور سارُن، اَمی وجہہ رٕکھ چھ اَز تہٕ ییم کینٛہہ وٕکھنیہ
تہٕ وٕژن ییٚتِچ زنانہٕ موٗہلہِ چھ تُلہِ ژاوہِ سیٛتی شاہِچ وٕسہِ کھٕس تولنہٕ باپتھ
استعمال کران۔

یہ گیہ سانہ رگندنہ دژوہ کہ ریچ شکل تہٕ تمہ شکلہٕ ہُند اصلی آگُر۔ وہٕنی گنہٕو رگندنہٕ وکھنیہ ہُند مضمون تہٕ تمیک جسمٲنی استعمال۔ یہ سہ سارُے کھوتہٕ پرٲنی رگندن وکھنے ازتام موجود چھُ سہ چھُ لل دیدہٕ ہنز یوان ونہٕ یمیک استعمال چھُ ازکل زیادہ تہٕ "منزلی گیونہ" خاطرہٕ سپدان۔ بابا ضنے سیٹھاہ لوکین شُرین ہنزہ ہچہ منز۔

زون مٲجی زونی انگن منگن ژتہٕ جی

تم کس کنے رٲیسٕ[1] کنے

رٲی[2] کیاہ دِیتنے کھُٹن گُرتہٕ دسنو ناو

یہ تام اَمہ "منزلی گیونک" مضمون چھُ اُتھ متعلق چھُ عام ای زِہ یہ چھُ تصوف کین مقامن کُن اشارہ کران۔ اَسہ چھُ یہ معلوم زِہ "روی" اُسی پنہٕ کالہ رازس ونان مگر یتیتھ چھُ اشارہ انسٲنی جسمہٕ کس رازہ ہونزس کُن۔ یمس آتما یا روح چھِ ونان۔ تمہٕ چھُ کھُٹن گُرتہٕ وسنو ناوک مطلب جسمِس دَم والین ہنزہ شاہیچ وسہ کھس مانہ یوان۔

مگر اگر تصوف اندکُن ترٲوِتھ تہٕ وُچھو یہ منزلی گیونٕ چھُ ہاوان زِہ تمہٕ وِزہٕ تہٕ اوس اَسہٕ صاحب ثروت بنتہٕ باپتھ رٲیس محتاج روزُن پیوان۔

یتھے کُنہ چھُ عام رگندن بٲتھ "اوکُس بوکُس" للہٕ دیدی یوان منسوب کرنہٕ۔

---

[1] اَمہ بدلہ چھُ "راٲوس" تہٕ ونہٕ یوان۔ یمیک مطلب ہری یا اکھتاب چھُ۔

[2] اَمہ بدلہ چھُ "راٲوی" تہٕ ونہٕ یوان، مطلب اکھتاب۔

اَوکُس بوکُس تیلوان ژوکُس

اَونُم بٹنٛ لودُم دیگہٕ

شال رٕکچہٕ رٕکچہٕ وان گنٛنو

برٕنج ہارس پونٛی چھوکُم

برٕنج بنے یہٕ ٹیکس ٹیکھاہ[1]

یہٕ وٕکھنٕے چھ عموٗمن تِتھ گِندہٕ نٕس سیٖتۍ پران وَنہٕ نہٕ ییتہِ منٛز

واریاہ شُرۍ آلہٕ کۆنڈاوُل کٔرِتھ بِہان چھ پننہِ دۄ نُوۍ اَتھہٕ پتھرس پیٹھ تھوِتھ

تہٕ اَکھ شُر چھُ اوٚنگجہ تمام شُرِن ہنٛدِ اَتھو پیٹھ پکہٕ ناوِتھ "اَوکُس بوکُس" وٕکھنٕے

پران تہٕ یِیمس شُرۍ سٕندِس اَتھس پیٹھ ٹیکھا وَنان چھُ سُہ چھُ لگان تہٕ تِمس چھ

ہاتھے دوگ دِوان۔

کینژَن لُکَن ہنٛز رائے چھ زِ یہٕ چھُنہٕ "اَوکُس بوکُس" بٔلکہٕ چھُ

"ہوکُس بوکُس۔تیلہٕ وَن ژوکُس"۔

یِیمیُک مطلب تصوفکۍ تِم سوال چھ یِم زَن انسان تہٕ بھگوان سٕنٛز

بُنیادی یکسانیت ظاہر کران چھ۔

مگر اَسہِ ماہکو یہٕ مُشراوِتھ زِ لل دیدہ ہنٛدہ سمیہ تہٕ اوس گریستین

وُوِتھ، وٲیِتھ، پٲپتھ، چھٲنتھ برٕنج ہارس پونٛی چھکُن گژھان۔

یوت پُرون نَے تہٕ قریب اَمہٕ پتہٕ چھُ باسان سُہ گِندُن گیوٗن عام

اوسمت ییتھ اَسہِ وُنۍ کِنہٕ "گرٹہٕ پاہہٕ دی تو" وَنان چھ۔ اَمیُک استعمال یہٕ چھُ

عموٗمن "اَٹہٕ روفس" نہٕ "گیرہٕ بچس" منٛز سپدان ییتہِ منٛز زِ کورہٕ یا اَکھ نیچوٗ، تہٕ اَکھ

---

[1] یہٕ مِصرہٕ چھُ ییتہِ پٲٹھۍ تہٕ وَننہٕ پران "ٹیکس، ٹیکس، ٹیکس، ٹیکھاہ"۔

کوٗر جوٗری بنأوِتھ۔ اَتھ مِلہٕ نأوِتھ، تہٕ نیٖرٕ اَکھ اَکِ سٕندِ پھیکہِ ہیٚٹھ اُنتھ، چھ اَکھ اَکِس کُنٕ نظر کرِتھ نژان تہٕ سِتہٕ سِتہٕ یِہ وَکھنہٕ سوالن جوابن وَنان۔ گُنہٕ وِزِہ چھہٕ یِہ وَکھنہٕ پٔچھِ منٛز تہٕ استعمال سپدان ؎

گرٛٹہٕ پاہہ دِی تو  پٔتہٕ چھُنہٕ کاںٛہہ
تِہم کوٗت گٔمِتہٕ؟  نوٗنس تیٖلس
بُڈٕ مأج کتہٕ چھوٕ؟  کُچھ ہیٚٹھ پیارٕرٕش
کیاہ چھُس زامُت؟  نیٚچوٕ پٔل
ناو کیاہ کوٗرُوس؟  سدا رام
نألی کیاہ ژھِنہ وس؟  لوچھ تہٕ پوژھ
ووہرِ کیاہ دِتہٕ وس؟  کوٗرِ کلپوش
سیٚن کیاہ رۄنہٕ وس؟  سعہ ژٕل تہٕ ہاکھ
کمہٕ سنٛزٕ وارِ؟  رٕگلہٕ ہنٛزٕ وارِ
رٕگل ما مارِ؟  روپے دارِ

اَتھ کتھِ بابتھ منٛز چھہٕ سأنِ تِمہ وِزِہ ہنٛز تأرِ سمأجی زندگی نِنٛژ باسان۔ لُکھ چھہٕ غریب۔ مُشکلہ سان چھُ محلس منٛز اَکھ گرٛٹہٕ یُس سأری پاہہ چھہٕ نوان۔ نوٗن، تیٖل تہٕ باقے ضروٗرِیات زندگی چھہٕ نایاب۔ بمارِ نے چھُ پیوان ییم ژھانڈنہٕ گژھُن۔ حالانکہ گرٕ چھکھ بُڈ مأج کُچھ منٛز پیارٕرٕش۔ ہیٚٹھ چھُس نیٚچوٕ پٔل زامُت۔ یہٕ زِہ کوٗرِ بے شوٗر۔ یوسہٕ جاگیرداری سماجس منٛز نیامت چھہٕ۔ نیٚچوِس ناو سے نأگِ رأیِن سدا رام مگر نألی چھُس گرٕ کوٗرمُت لوچھ تہٕ پوژھ۔ ووہرِ پرٕون کوٗرِ کلپوش۔ نہٕ آسنہٕ کنہٕ تہٕ نظرِ بدٕ نِشہٕ بچنہٕ بابت تہٕ۔ لوسہٕ سیٚن سعہ ژٕل تہٕ ہاکھ سُتہٕ رٕگلہٕ ہنٛزِ وارِ ہٕنٛد۔ پنُن نہٕ کینٛہہ۔ ہیٚٹھ رٕگل تہٕ

کھ سہ یُس سہ روپیہ باپت قرض دار چھُ۔ پۆرہ تصویر چھُ ابتدائی خود کفیل سماجُک اکھ پُرون گنڈُن سون چھُ "اُنی کیتر" یا ژۆر ژۆر گنڈُن" اَچھ وُکھنہٕ چھُ سیٹھاہ یُتھ کاچ باسان یتھ کنہٕ بییِن ممکن منز اکِس شرُس چھُ اَچھ پیوان بند تھاونہٕ تہٕ باقی چھس ژۆر روزان۔ تِتھئے کنہٕ چھ اُسہ تہٕ ییتہٕ گنڈان مگر سیٹھو چھُس ییتہٕ اکھ زیادتی سہ گیہ وُکھنہٕ ہ

آرے موہ نچے تارے موہ نچے

دوہ رٕ پیٹھ کیاہ؟

سوہ نہٕ سِنز ٹاچو

تتھ پیٹھ کیاہ؟

سوہ نہٕ سُند ٹنگ

دوہ دِہ ماجہ پھٹے دُچھُن لنگ

مضموُنہٕ تلہٕ چھُ ژٕ کتھہ صاف ننان۔ اکھ سوہ نہٕ روپک اچھاو تہٕ بییہٕ جاگیرداری سماجہ چہ تِمہٕ رِوایژ ییمہٕ وُنہٕ تہٕ کتھہ کتھہ منز عام چھہ۔ ییمہٕ وِزہ ساینہٕ کشیرِ ہنز زمین کینژن غاصب جاگیردارن ہنز ملکیت سپز۔ تمی وِزہ لگو نان گار جاگیردارن ہنزہ غلامی تہٕ دایہٕ بانس تل۔ حتاکہٕ جاگیردار بایہ ہیوکہٕ پننہٕ ہن شُرین بنہٕ دوہ دِ تہٕ دِتھ۔ بلکہ یہ کام تہٕ پییہٕ نان گار باین وُچھہ تل شُری ژاوِتھہ پۆرہ کرنی۔ تِتھے پیٹھ آیہٕ دوہ دِہ موج وجوٗس منز۔ پیٹھ چھوہ تعجب یہ زہ ۳۶ ہن نامجین ہُند دِتھ چون دِتھ تہٕ اُس دوہ دِہ موج دوہون تہٕ بد دُعاہن کرِہ۔ پتاہ گوہ یہ دوہ دِہ ماجہ۔ رُسر پییہٕ دوہ دِہ ماجہ۔ دوہ دِہ ماجہ پھٹے دُچھُن لنگ۔

عموٗمن چھہٕ سأنٛزِ سأرِی شُرٕ گِنٛدن جورٕ جورٕ یوان گِندنہٕ۔ یِمَن منٛز

چھُہ اَکھ گِنٛدُن "ییٚندرٕ مُہس"۔ اَتھ گِنٛدنَس منٛز چھہٕ زٕہ شُرٕ اَکھ اَکِس کُنٛ تھٔر

کٔرِتھ ییٚندرٕ مۄہرِچہِ حَرَکَتھ نقل کران تہٕ سیتی سیتی وَکھنٕ کران ع

تُمبے لوٗنگُن تُلان چھُس

دِیارٕ لوٗنگُن تُلان چھُس

مۄہرٕ لوٗنگُن تُلان چھُس

اَمہِ وَکھنَس ہُنٛد مضموٗن تہٕ چھُہ سُے دِیارَن تہٕ مۄہرَن ہُنٛد ابعاو

یُس جاے گرداٲری یتھ سأئنس سماجس منٛز زیادہ کھۄتہٕ زیادٕ نوٗن گۄو۔

سارِنے شُرٕ گِنٛدنَن ہُنٛد سرتاج گژھِہ ہُکٹ۔ یِتہٕ چھہٕ جورٕ جورٕ یوان

کرنہٕ۔ تہٕ سیتی چھُہ اَتھ تہٕ وَکھنٕ آسان۔ اَکھ اَکِس ہیٚمٹھ نٔرٕ اَنِتھ اَتھٕ واس

کرٕن۔ کھور جمتھ رٕلہٕ وُن تہٕ نٔرٕ ڈزسہٕ سان رٔٹنہٕ۔ یِتہٕ آلہ کوٗنڈلس منٛز گۄڈٕ

لۄتہٕ لۄتہٕ یِتہٕ زورٕ نژُن۔ یِہے گژھِہ ہُکٹ۔ ہُکچہٕ وَکھنٕ تہٕ چھہٕ گۄڈٕ یوان لۄتہٕ

تُکلِنہٕ تہٕ یِتہٕ یوان تیز گیونہٕ ع

ہتہٕ رٕنٛز بہٕنی کیاہ رٕنٛز بہٕنی؟

یہٕ ما وُچھو تَن کُس بی چرن؟

بوٗے رٕیون ہلہٕ کیاہ؟

شُمُلہٕ رٕیون ووہہٕ رٕژہ کیاہ؟

طاٗچو میأنی کھۄرَن کیاہ؟

لچہ دار بأزار بأے مدنس دس با دس

زأنہٕ کدل وس تتہٕ میأنی وبس

اُمیٖک طرز چھُ سٕے سوالہٕ جوابک۔ مگر اَکِس بینہٕ کیاہ چھُ بُوے سُند فخر آسان سُہ چھُ اَمہٕ تلہٕ صاف نَنان۔ اَمہٕ علاوہ چھُ ییتہٕ نَنان زِ مُغل پادشاہن ہُند شملہ، کُلاہ تہٕ لچہ دار پاَیزارہٕ کوتاہ بجرُوک تہٕ ٹھٔرٕک نشانہٕ اوس ماننہٕ یوان۔

بیاکھ ہِکچہ وَکھنےٚ چھُ سہ

اَپاَرٕ کٔم گوٚلاب ٹھٔرۍ      تٔرہ کٔرتھ گوٚلاب پھٔلے

تِمےٚ لاگےٚ دوہٕ ڈینہ تَلی      شابٔشس پیٚغمبرٕ زٔلی یے

اپاَرم گوٚلاب ٹھٔر تہٕ یپاَرم گوٚلاب ٹھٔر چھُ پانہٕ وانی گوٚلابن گرٕہند کران۔ تہٕ پیٚغمبر زلہٕ دوہٕ ڈینہ تَل دوہٕ ڈہ لاگنچ سکھر کران۔ اَتھ وَکھنیہ منز چھُ کشیرٕ ہندِ حُسنُک تاَثیر تہٕ۔ اَکِس وَکھنےٚ منز چھُ حَبہ کدلہٕ والین تہٕ زالٕنہٕ کدلہٕ والین ہُند پانہٕ وانی حد تہٕ اَزروٗن واضح گژھان سہ

زٔلی ریچھریو زٔلی ریچھریو موج ہا معہٕ یی

پادشاہ صاَبنِس پرٕنگس پیٹھ

دوہٕ کھی رنگہٕ ژٔرۍ یے داماں دَرۍ یے

حبہ کدل شیران زینہ کدل لُہران

بشتہٕ موج وَدان

تقصیر پانو

بِییس منز چھُ سانہٕ شال باَفی ہندِس تِتھ کَسبس کُن اِشارٕ ییس کاَشرِ زنانہٕ بینہٕ مہین کاَرۍ سیٚتھ عرشس واتہٕ نوومت اوس۔ یعنی زاَویٚل تو سہ کٔتُن سہ

یَیِنہٖ وُژٕ رِھس خانہٕ قاہ  نَنتہٕ کٔھارِم  بابہٕ گاہ

رٔتِھمے ھٕتُوم مٔندہٕ لے  پانہٕ وُژٕ رِھس گِندہٕ نے

بامٕے اُنہٕ نم پِھنبہٕ ڈیشیجو  زاٰوِیُل کِنتہٕ بنے

اَمہٕ علاوٕ چھُ اَکھ مَشہوٗر " منزٕلی گیوُن تہٕ ہیچِہ وٕکھنیہ بدل استعمال

کرنہٕ یوان۔ اَتھ گیوُنس منز چھہٕ جائگیر داری سماجچ سہ خود غرضی صاف

عیاں سپدان۔ یتھ منز کُکھ برادری مُشراوِتھ پانیو پانیو کران۔ پننین

شُرین ییڈ بَرِتھ چھہ نوشہ حرف اُڈ ہچ تہٕ پھوہرٕ کھینہٕ دِوان۔ یتھ

منز گرِیسی باین پھلہارِی سِے لایق بُھتھی بانہٕ چھُ دیوان مانہٕ تہٕ کِچ کوٗنشہٕ چھ

خوٗجہٕ نیچوین ہندہٕ خاطرٕ مخصوص یوان کرنہٕ ٥

رِشتہٕ بِشتہٕ بزار یو کھوٗتکھوٗ وٕن

تورٕ رکھو وولتھ ببرے پن

سہٕ کسوٗ دِیت لُھو وٕنہٕ لو کن

وٕنہٕ اُس پُکان مہارازٕ ہن

تمہٕ سِے گنڈِتھ تنہٕ ہن

تمہٕ دِژٕ سنے ہو شہ ہن

تِھ اوٗنتھ نینہٕ ہن

شُرین بٔرِتھ یدٔرٕ ہن

نوشہ پوشی تہٕ اُڈ ہچہ ہن

نوش کھرنے قاضو وان

پانٛسن پُلہٕ ہور چھُنہٕ میلان

پُلہٕ ہور شوٗبان رِگرٕ پیسو باین

رِگرٕ پیسو بایہٕ لاران کٔجہٕ کوٗنٛشین

کٔجہٕ کوٗنشہٕ شوٗبان خمہٕ جہٕ نیچوٕ ہِن



[کونگ پوش۔ اکتوبر ۱۹۵۵ء]

# پُشپ

پروفیسر پرِتھوی ناتھ پُشپ چھ ساہتیٕچہ تہٕ ادبیٚچہ منٛزٕ ہیٚم رٕزن پٔیٹھٕنس مُلکس، کلچرس تہٕ زبٲنی متعلق واریاہ کیٛنژہہ زانان چھہ۔

پُشپ صاحب چھ ۱۹۱۷ عیسوی کِس اکتوبرس منٛز اننت ناگ ضلعس منٛز زامٕتۍ۔ وُنی کیٚس ہیٚم گوہ گژھ بارغ روزان واریاہن کالس رُوٗدی مختلف کالجن منٛز پروفیسری ہندِس عہدس پیٹھ کٲم کران۔ وُنی کیٚس چھ تمہٕ محکمکۍ ڈاریکٹر یُس زَن" آر کے وز تہٕ کتب خانن" سیتۍ وابستہ چھُو۔
۱۹۴۷ عیسوی پتہٕ یُس جوش ساہتیٕو کینژو بڑیو منتیو لیکھی منتیٕہ انسانو کٲشرِ زبٲنی کُن ہیوو، تتھ منٛز رُوٗدی پُشپ صاحب تہٕ برونٛہہ برونٛہہ۔ یِمو چھ اَز تام کٲشرِس منٛز کینژہہ مضمون لیکھ مٕتۍ۔ اَمہ علاوہ چھُو یِمو رابندر ناتھ ٹیگورنہٕ مشہور ناولہٕ (چوکھیر بالی) ہُند ترجمہ کٲشرِس منٛز کوٚرمُت۔ یہ چھُو "اُچھی کٔنڈ" ناوہ ساہتیہ اکادمی
۱۹۶۲ عیسوی یَس منٛز چھاپ کوٚرمُت۔

●

پی۔ این۔ پُشپ

# کأشِرِ شأعری ہُند گوڈٕ کال

فِکرِ چھُنہٕ تران زِ کأشِر شأیری کَر تہٕ کتھ پأٹھۍ سپدیے یہِ شورُوع۔ لل دید ہٕندِین واکھن منز چھُ لبنہٕ یوان زِ کأشِر زبان اُس تمہٕ وِزِ سیٹھاہ پرٕتھیمِژ تہٕ کأشِر شأیری تہٕ آسہِ ہیے تمہٕ برٛونٛہہ واریاہ کال بارسس آمِژ۔ لل دید ہٕنز زبان چھِ مہانے پرکاش چہ زبأنۍ نِشس ہیٚین ہِشہِ باسان۔ مگر ناأو جارِ سان ہیٚے وُچھہٕ تہٕ جہانے پرکاشچ زبان چھےٚ کأشِرِ زبأنۍ ہُند پرُون روٗپ زانِنہٕ یوان۔ شِتکنٹھہٕ ہٕنٛزِن لفظن منز چھہ یہِ زبان "سروگوچر دیش بھاشا" یعنی ترٛوأہمہِ صدی ہِنز عام فہم زبان۔ وِزِ ہِتھا لوٗگ اَتھ زبأنۍ تمَتھ شکلہِ واتنس یوسہٕ لل دید ہٕندِین واکھن منز درینٛٹھ چھہ یوان۔ عام لوٗکن شیوٕ درشنُک زاأوی جار فِکرِ نارہٕ خأطرٕ یوسہٕ عوأمی زبان بکار آیہٕ تمتھ منز آسہِ ہیے عوامی شأیری تہٕ سپز ہمِژ۔ مگر سیأسی پھیرِ ہٕژرِ کِنہٕ وأتہٕ نہٕ سعہ اَسہِ تانۍ۔ اَوٕ کِنہٕ چھہ اَز اَسی لل دید ہی کأشِرِ شأیری ہُند گوڈنیُک زِچھر دِنس منز مجبوٗر۔

لل دید اُس اَکھ شیوٕ یوگنی۔ اَکھ عأرِفہٕ۔ گوٗر اوسُس سِدٕ بوی سِدمہ شری کنٹھ، یُس شیوٕ درشنُک اَکھ بوٚڈ بارٕ عألم اوس تہٕ وسوگپت

سِنٛدرِ کۄہ لگ اوس۔ یُس از اَمہِ فلسفک خٲلِق وَنان چھِ۔ لل دیدِ یِتھ ہواہس
منٛز اَچھ مُژراوِہ۔ سہ اوس سیاسی پٲٹھرِ تھَرہ زہرِ بۄرُت۔ شاہ میری حکومتن
اَسہِ کھور ٹھیکہ راوِہ میتر۔ سلطان علاوالدینس اوس لوکن ہنٛزِ پاپچاسی
کنٛ ظلمن پیوٚمت۔ دِہ کھٔٹ دزاگاہ ووٚلتھ۔ سماجی زندگی ژاو اَلہِ اَلہِ
کھورَو تَلہِ ژُجس مُنٛز نیرِتھ۔ لل دیدِ ہندس اوٗلس دِلس لٔج گژاے۔
وٲرِو چیمہ سختیو گنٛڈِس تالہِ کنہ ژھٔنڈ۔ روٗحانیتس کنٛ اَسرس بالہِ پانٛژ پیٹھے
تراے گراے۔ یِہوٚ گنٛڈرِو حالو اَنٛس نظر نیبرِ پیٹھ وَٹان وَٹان۔ تہٕ اَنٛدرِ کر
اَنٛدرِی ہیٚنٛتن کس تانی وَنی دِنی۔ زمانک رنٛگ وُچھِتھ لٔج سہ ووٚنٛش تراونہِ ؎

گاٹلاہ اَکھ وُچھم بوچھہِ سیتہ مران
پن زن ہران پوہنہِ واوہ لاہ
نِشتہٕ بۄد اَکھ وُچھم وازس ماران
تنہٕ لل بہٕ پژاران ژھینم ناپراہ

تہٕ ؎

دِمی ڈیٹھم گنٛگ وَزِہ دِنی
دمی ڈیوٚٹھم وُتھ نَتہٕ نار
دِمی ڈیٹھم تھَر پھولہِ وِنی
دمی ڈیوٚٹھمس گُل نَتہٕ خار

وَزِھ واژنہِ ژوٗلس نیرِتھ ؎

آمہٕ پَنہٕ سوٚدرس ناوِ چھُس لمان
کتہٕ بوزِ دَے میون میتہٕ دِیہ تار

آمین ٹاکین پوٗنی زن شُمان

دِل چھُم بڑمان گرِہ گژھہ ہا

تِمَن دوٚہَن ہیم صوفیاے کرام کشیرِہ آمتہِ ٲسہ۔ تِمَن ہِندی کنہ
اوس مُلکس رۄحٲنی زندگی ترٛہ پھیرِ دِیمُت۔شیوہ درشن تہٕ تصوّف ٲسہ
اَکھ واس کرنہٕ آمٕتۍ۔ رۄحٲنیتِچ نوٗ لیاہ ٲس وزنہٕ لِگمٕژ۔ لل دیدِہ ہِندِین
واکھَن منز چھہ اَمہِ لیہ ہِنز گنگداے سیٹھاہ موٗدُر باسان ۔

(۱)

لل بہ دراس لولرے    ژھانڈان رۆزِس دۄہ کیو راتھ
وُچھم پنڈت پننی گرے    سُے مے رٹُمس نیچھتر ساتھ

(۲)

ژھانڈان لوسُس پانُے پانس
ژھیپتھ گیانس ووت نہ کینہہ
لے کرُمس واتُس میخانس
برِ برِ بانہٕ تہٕ چیوان نہٕ کونہہ

(۳)

شۄنیک مٲدان کۄڈُم پانس    مے لَلہِ رۆزُم نہٕ بوٚدنہ ہوش
ونہِ سۄے ییٚس پانٕے پانس    اَدہ کمہِ گلہِ پھۄل پھوٚل لَلہِ ہیمپوش
حَقَس ژھانڈان تہٕ گاران پھیرِ سعہ روحٲنی دُنیاہ کیٚس کوٗنس
کوٗنس ۔ لتَن مۄنند ماز لاریوس وتَن تہٕ پتہٕ لاکن واتہٕ ییٚس زہ۔ سُہ چھُنہٕ اسہِ نمبرکُن

سُہ چھُ اَسی منز۔ اَسی بیُون رچھنہٕ۔ طاقتُک اَگُر چھُ اَسی اندر۔

باطنی نظریہ کرِ اَمہٕ سوزُک وکیوکیو، چھُ للہٕ دیدہ ہندِس کلامس منز سیٚٹھاہ رٲژِل وزان۔ شیو درشن تہٕ تصوّف چھ دوشوٕے اَتھ وکھنے کران للہٕ دیدہٕ ہٕنزِ زبٲنۍ

شیو چھُے تھَلِہ تھَلِہ روزان
موزان ہیُونٛد تہٕ مُسلمان
ژُرِ کے چھُکھ تہٕ پان پرٛزان
سوٕے چھے صاحبس سیتؠ زانی زان

اَکِہ طرفہٕ چھُ سُہ اوٚچہٕ ساوِنہٕ ہٕنٛزِ کٲنٛز کٲنٛژ کران تہٕ

(١)

دِھہ چہٕ لرِے دارہ برہٕ ژُرِ پرٛم
پرٛان ژوٗر روٗٹُم تہٕ دِیتمس دم
ہردےٚ بیچہٕ کوٗٹھرِ اندر بھوٗوم
اوٗمکہٕ چابکہٕ ژٕلمس م

(٢)

برہمہٕ برٛجس پیٚٹھ واتہٕ نوٗوم
دِل چے تارہٕ سیتؠ دوٚیمس لمٕ
ہم سوٗ ترٛاوِتھ سوٗ ہم پرٛژووم
دوٚیمہٕ لُلے اَتی تھی شژرم

دوٚیمہ طرفہٕ چھُ سُہ کلمُک سِر باوان تہٕ

کٔلمے پوٗرُم کٔلمے سوٗرُم

کٔلمے کرٕٹُم پَننٕے پان

کٔلمے ہمنہٕ ہمنہٕ موین تووٗرُم

اَدٕہ لَلہ واٚتٕرس لامکان

اَتھ لامکانس واتنہٕ باپتھ پوٗتس سونچاہ کرُن ــ

آیس وَتے گیس وَتے — سیٖہ منز سوٗتھے لوٗستم دۄہ

وٕچھم چھندس ہار نہٕ اَتے — ناوِ تارس دِمہٕ کیاہ بوٗہ

جل جلے کٔڈٕن دَتھ دَنہٕ بنن یندریسن (حواسِ خمسن) چیاٚرن

لاکم نہٕ دِل کوٚرُن نفسانی بیمارِو نِشہٕ پاک ــ

مَن وۄنٛدٕ زۄلُم

جگر موٗرُم

نٔیلہِ لَلہ ناو دٕرام

ییٚلہِ دٔلی ترٲوۍ مَس تَتھۍ

تکیا زِہ ــ

لوکٕٹ نار ییٚلہِ لَلہِ نوٗدُم

مرنے مۄہیس تہٕ رۄزس نہٕ ذرے

رنگہِ رٔژ ذاٚژی کیاہ یہ رنگ ہوٗدُم

مۄہ دوٗپُن تہٕ ژولُم کیاہ شنہٕ کرے

خُدی تہٕ بے خُدی ہندِس سنگمس پیٹھ اِستادٕہ رٔوزِتھ ہیٚوت تمہٕ پتہٕ پتھ

رنگہِ ریاکاری تہٕ کھوٚڈہٕ بیٖنچہِ خلاف جہاد کرُن۔ تمہٕ سنٛدی رِکن اوس پٕرزِوک

عالماہ بیاکھ ۔ تکیازہ :-

کینژہ چھِ نیندرِ ہتی وُژی
کینژن وُدین نیشر پہیی
کینژہ چھِ سنان کرِتھ اپوتی
کینژہ چھِ گیمہ بزِتھ تہ اُکری

دپان :-

لل بہ دڑائس کپسہ پوش سُٹرِ ییے
کاٹھ تہ دوٗنی کرُنم یہے گتھ
تیمہ بیلہ کھارُنم زاورِچہ ترییے
دوٗورُی وانِہ گیٖم الاٹنز لتھ
دوٗبی بیلہ چھاونس دوٗبی کنہ پیٹھے
سزِ نہ صابن مُژِ ھنم یژشے
سُئرِ بیلہ پھرُنم ہنہ ہنہ کاٹرِ ییے
ادہ للہ مےٖ پرووُم پرم گتھ

پرم گتھ پراوِتھ سپنز سُہ پرتھ قِسمہِ چھو روٗحانی کھرُلو زنشہ
آزاد تہ روایتی مذہبہ کِہن پیٹھ دَرن دِژن ژینہ وُنی :-

یہ یہ کرم کوٗرم تی ارژُم
یہ رسنہ وچھ ژرم تے منتر
یوہے لوگُم دیہس پرژون
سے یہ پرم شوُون تنتر

یتھ مرس ہے حان پأٹھو کأم ییہ ہیہنہ تہٕ گرٕہ بار تہٕ اُوتھ ژلنکھ چھینہ
صنوروٗ رسۍ چھے۔ ہکیا زہٕ ہ

کندٕ یو گرینہہ تیٔز کندیو ون واس
یُتھے چھکھ زنتھے آس
منس ویر ریٹھ سپنکھ سواس
کیاہ چھے ملن سوٗرتے ساس

یمچھے پأٹھو چھہٕ للہ دیدہٕ پننین واکھن منٛز دٔرِٕھ وأرلنچہ شدید
ایحساسن ہٕند اظہار کوٗرمت۔ توٗرے چھہٕ یمن منٛز وجدأنی کیفیت ژھیمأرانٛ
شیر نیچ پیرزیچ چھنہٕ یمن منٛز کانہہ کوٗشش۔ اُچھرٕ اُچھرٕ چھہٕ وشوندہٕ کہ
سنزٕہ منٛزہٕ وُزان تہٕ وونیدہٕ کس سنزٕس منٛز غوطہ غوطہ کران۔ امہ لحاظہ
چھہٕ للہ دیدہٕ ہنٛز شأیری سیٹھاہ تھدٕہ پایچ زانٛنہٕ یوان۔

للہ دید آسہ ہا پنٛژاہ دُو ژاہ ییلہ نندہٕ رینشہ تہٕ ہیوت کأشرِ
پأٹھو یٔنٛ پأغام بوزہٕ ناوُن۔ آدنہٕ پیٹھے اوس شہ رٗوحأنی مُسترکس تلاشس۔
شاہ ہمدانہٕ سنٛز صحبتہٕ دیت تَس نوٗ ووٗے اُچھ کٲشاہ۔ شیو دٔرشن اوس
ویٚدوٗے۔ تصوفن کٔرس پوٗرٕہ پوٗرٕہ سنتھ تہٕ روأیتی مذہب دأری ہٕند لکنجر
توٗرِس زِکرٕ۔ توٗرے ہیوتن گیوٗن ہ

پوٗز ہے بوزکھ پأتیرٕ نو۔ مرکھ
ننتہ مازے نو مرکھ رٕچھونے دٔسے
شوس سیتین ییلہ میٔل کرکھ
سپدی زیہ ریشہ مالہ تیلہ نماز

تہٕ سہ

مکہ مدینہٕ من گار ۔ نکھہ وُتھاہ پچھے

حق رٕچھٕ تہٕ ژٕکھ مار سمج کرے ہاونے

ہکیازہ حقس ژھانڈ ونہِن چھُنہٕ پیرٕن گژھنک ضرورتھ ۔ تہٕ

چلس اژنکُ سہ

مو بہہ مسجدن، جنگلن چلس

دم ہیتھ اژ کندہ دلس سیتو

لل دیدہ ہندو پاٹھو تیُج ننڈہٕ ریشو تہٕ ظاہر دارٕی خلاف آواز تہٕ باطنیچ

روحانی تالیمہ پیٹھ دِتُن زور ۔ یُمُن تجربہ اوسُس زہ سہ

ژھانجام ترِن بونِن بِتیہ دشہ دیشن

نیب تہٕ نشان تو بمس نہٕ کُنے

پرژھام سادن بتیہ تیہ رہشن

تم تہٕ بوزتھ لگو ودنے

دب ییلہ راگن تہٕ دیشن

ادہ سُے میہ تو ہُم پانس رٕنشے

دین دارٕی تہٕ پرہیزگارٕی ہندو پاٹھر کرن والین ووٚن ننڈہٕ ریشو

صاف صاف سہ

پرن پیٚنہ سیتو ریٚشن نو بنکھ

یندرہ مُہل مُلہ نہٕ کلہٕ مقصود زانٕتھ

گوپچہ اژنے دَے نو لبکھ

نوال تہٕ گگر دژاے نہٕ واچہ منز زانٕتھ

شرانوٗ سیتی منہ نو شروٗژکھ

گاڈ تہٕ وہ دُر بوٗڈ کھتھ ہنزٕ زانہہ

وہ پس دِیہٕ سیتوٗ دے یوٗد توشہ ہے

دارالدین ییل دے لوٗدن ہنز زانہہ

کتابہ خوانن کنُ اشارہ کران ووٚنُن اکھ زبدہٕ شلوکھا ہ سے

پران پران تہٕ پرگیے

تم خر گے کتابہ بارٕ ہیتھ

یم دِلہ رٔشہ باخبر گیے

تم بزرگ نارٕ تٔرتھ کیتھ

یتھ کنہ یکہ ناو نُندٕ ریشی لل دیدٕ ہنز شاندار روایت بروونٹھ کُن نیہٕ کاشرہ زبأنی ہُند مأدان کوٗرُن سیٹھاہ کُشادٕ۔ لل دیدٕ ہندی واکھ چھ نُندٕ ریشن شلوکھو کھوتہٕ بے شک چُست باسان۔ بحرحال وزنہٕ کنہ تہٕ چھ زیادہ پوختہٕ لبنہٕ یوان۔ مگر نُندٕ ریشنز زبان چھ اوٚگُر ہُوگُر اُسیتھ تہٕ زبدہ لگانہٕ شریعت تہٕ طریقتچہ ظأہرداأری چھ یہ بے وانہ ٹکران۔ تہٕ لل دیدٕ ہندی فلسفہ کین زاوِیہ جارُن سنٔنہٕ روٗ ستےٗ سمأجی زندگی صحت مند بناونچ کلٕ تہٕ کہ کران۔ لل دیدٕ ہندین واکھن منز چھ یوگچو کیتھہ اوٚل اشارہ تہٕ نُندٕ ریشی نین شلوکن منز تہٕ چھ یتھے پأٹھو روٗحأنی ریاضتُک ہندی لطیف حوالہ۔ مگر ریشی نامس منز یُس کلامہ شیرینہٕ تہٕ سومبراونہٕ آمُت چھ۔ سُہ چھُ نہٕ سوری سہکہ پأٹھو نُندٕ ریشنُے۔ اَمہ منزٕ چھ وارِیاہ کُلُھ منزے ژانہٕ آمُتی باسان۔ روایت چھ زِ نُندٕ ریشنو آشنو تہٕ اُس شار وٚنان۔ تمی سُنز ہمعصر عارفہ شامہ بی بی

ہندی کینہہ شار تہٕ چھہ میلان بنیو بنیو تہٕ آسہ ہینے یتھ نہٕ مضمونٕچ پیٹھ شار وٕنی یتھ۔ تعجب ہیو تکیاہ چھُ زہٕ یمن سارنے ہندی واکھ۔ شلوکھ تہٕ شار آسے وٕلنہٕ تہٕ نُندہٕ رٮ۪شنہٕ کلامُک جصہ زاننہٕ۔ کأتیاہ واکھ چھہ تتھی تہٕ میلان ییم للہٕ دیدہ ہندی کأنسہ تہٕ للہٕ دیدہ ہندی چھنہٕ باسان۔ واہ باہ چھہ تتھی تہٕ ییم زٕن للہٕ دیدہ تہٕ نُندہٕ رٮ۪شنہٕ دوشونی ہندی چھہ وننہٕ یوان۔ مثلن ؎

کینژٕن دِیتھکھ اورے آلو
کینژو زٕٹھ ہے نالے ویتھ
کینژٕن مَس چیتھ اُچھ لٕجہ تالو
کینژٕن پٕیٹھ گے ہالو کھیتھ

یا

کیاہ کرہ پانژٕن دہن تہٕ کہن
ووہ کھشُن یتھ لیجہ کرُتھ ییم گے
سأری سمہ ہٕن اکہ رزہ لمہٕ ہٕن
ادہ کیازٕہ راوِ ہے کہن گاو

یوٗتام نہٕ یہندہٕ کلامٕکی شوٗدی نوسخہٕ اتھہ ییِن توتام ہیکوٗ نہٕ اُسی سیکہ کرِتھ زٕہ ییم واکھ کمی سٕندی چھہ۔ ہرگاہ زٕن للہٕ دیدہ ہندین واکھن منز چھہ انفرادی جذباتن ہنز شدت زیادہ شوٗلان۔ تہٕ نُندہٕ رٮ۪شنین شلوکن منز چھہُ واعظُک ہیوٗ انداز گژھان۔ خأر کأنسہ ہندی تہٕ اُسی تن ییم ٹُکھ مگر ییم چھہ اکہ تواریخی دور چ ترجمأنی کران۔

نُندہٕ رٮ۪شس تہٕ صدرہٕ ماجہ درمیان، نُندہٕ رٮ۪شس تہٕ زِیہ دیدہ

درمیان تہٕ نُندٕ ریشس تہٕ حضرت میر محمدؐ ابراہیمس درمیان یُس کلامہ از نُندٕ
ریشُن وَننہٕ چھُ یِوان ۔ سُہ چھُ اصلی خبر کُس تام عوٲمی شاعرن وونمُت ۔ یہٕ کلامہ
نُندٕ ریشُن ہیٚکہٕ نہٕ اُسِتھ تکیازِ اَتھ منز چھ کاشُر شاعری بٔنیِہ اَکہ صِنفِچ
ژاے گژھاسے نہٕ بوزنہٕ یِوان۔ یوٚہے صنف چھُ "اَکہ نندُن" ہیوٚہن شاہکارن
منز یاوُن چھاوان۔ تعجُباہ چھُنہٕ ہرگاہ زَن اصل اَمی گوڈٕ کالُک تبرُک آسہٕ
تکیازِ ژَمان چھُنہٕ زِ نُندٕ ریشس پتہٕ کیاہ گوو کاشرِ شاعری ہٕند
اگرُ بلکہِ ہوٚکھِتھ تہٕ وَری ہٕتھ جوراہ گژھِتھ کیاہ لوٗگ بٔنیِہ یک دم زورٕ
زورٕ شورٕ سان گژھنہٕ ۔

توارِیخ چھُ گواہ زِ بڈشاہ سٕندیو درباری شاعرو کٔر کاشرِ
اَدٕبِچ سیٹھاہ خدمت۔ یوٚتھ شوٚمن لیوٚکھ "زین ژریتھ" یتھ منز تمُو بڈشاہ
سٕندی تارِیف تہٕ بجر گیوو ۔

"یودبٹن" لیوٚکھ اَمی ژاپہٕ "زینہ ولاس" ناٹک۔ بھٹ اوتارن پھیر
شاہنامہ کاشرِ باشہِ منز تہٕ 'زین ولاس' تہٕ لیوٚکھُن ۔ سیٹھاہ افسوس
چھُ زِ یِمو ییزٕ و کتابو منزٕ چھُنہٕ از اَکھ تہٕ اَتھ لگان ۔ باسان چھُ زِ لوکہ
عامُن تھوٚوی لل دیدٕ ہندی تہٕ نُندٕ ریشنی واکھ تہٕ شلوک وون دس منز
شیرِتھ تہٕ رُچھِتھ۔ مگر بٔیَن بٔیَن شاعرن ہٕند کلامہ آو وقتہٕ کس
پھیرٕ پھٔرس منز ہیٚنہٕ تہٕ کانہہ بچن پایا روٗدمُک نہٕ ۔ زین العابدینس
پتہٕ آے کشیرِ واریاہ گاٚیلہٕ۔ اندری فساد تہٕ فتنہ روٗدی چلہٕ وٕنی۔ ماگریو
ڈارو تہٕ ژکوٚتلو نوٚو نوٚو جنجال۔ یِمو سیٚتھو مُلکی تہٕ سماجی زندگی ووچھ نہٕ
آیہ۔ عِلم تہٕ ادب گوو اَندری اَندری دم پھٔٹو تہٕ سلطان حسن شاہ سٕنز

سرپرستی آسِتھ تہٕ ہیٚچ نہٕ کأشُر شأیری نٔمَن دہَن وہرِن تلِتھ۔ پَتہٕ ییٚلہٕ
ژکٕ مٕت حوٚکو مژ کھوٚرٕ ٹھیکہٕ رأوی۔ جبہ خوٚتوٚنہٕ ہندی وَژن سگ لَبہٕ دان تہٕ کأشُر
شأیری ہُند دوٚیِم دور آو اَتھ کیٚتھ پیٹھ تہٕ مودرہ سوزُک گُرٕوژہ
وُن پیالہ ہیٚنہٕ گژھاپہٕ ماران۔

[ 'کونگ پوش'، جلد ۱ نمبر ۵ ]

# کامراؔن

حبیب کامراؔن اُسہ ۱۹۴۷ عیسوی پیٹھہ ۱۹۵۶
عیسوی کِس وقتَس تام ترقی پسند ادیبن ہنٛزَن مجلِسَن منٛز
شریک سپدان۔ گہے گہے اُسہ کُنہٕ کُنہٕ افسانَس کاشُرِس
منٛز ترجمہ کران۔ ۱۹۵۴ — ۱۹۵۵ عیسوی کِس وقتَس
منٛز لیٛچھ یِمو 'ذات مُنزات' ناوٕ کاشُرٕ ادبُچ گوڈٕنیٛچ
ناول۔ مگر اچانک ۱۹۵۶ عیسوی پیٹھہٕ آیہ کامران صابنِس
مزاجَس منٛز خبر کیاہ تبدیلی۔ تِمو ترٛوو ادبی مجلِسن منٛز
شریک سپدُن۔ تِمو ترٛوو لیکھُن کرُن۔ اَکھتُے یہ کیٛتھہ
لیٛو کھمُت اوسُکھ تہٕ کوٗرُکھ پننیو اَتھو فنا یہٕ۔ 'ذات
مُنزات' تہٕ گیہٕ اَتھو سیتو فنا۔ اَمہ ناولہٕ ہُند اَکھ
باب اوس چُھلے ۱۹۵۵ عیسوی کِس "کونگ پوشس"
منٛز چھاپ سپدیومُت۔ اَسہ چھ اَمہ ناولہٕ ہنٛز یاد
رٕچھنہٕ خاطرٕ یوٗہے باب یتِنہ پیش کران۔

•

ناول

حبیب کامران

# ذات بُترات

## گاش پھۆل

موٚمیٚر گٔو تھوٚد وُتھِتھ زٕن کوٚر ہیتھ ہُشار ۔ بانبرِ بانبرِ گٔو شہ نہٕ دأر مُژراوِتھ دِژِن نظر۔ تاپھ اوس وُڈرِ پیٚٹھٕ کِنہٕ ڈوٗنی گلٔین تانی ووتمُت۔ ناگٔس پیٚٹھ اُس نہٕ کٲہنی زنانہٕ۔ سارِنے آسہٕ آب نِنِتھ موٚکلے مژٕ۔

شہ گٔو کِنیتھ تانی ہیٚوٗ۔ جَل جَل لأرِکِنہ بَلوٚ۔ نہٕ ووتھ بیون۔ بأے کاکِنہ اُسِس چاے کٔرِتھ موٚکلے مژ۔ بَتہٕ خأطرٕ اوس دانِس پیٚٹھ آبہ دیچِھ گرٕ ہکان۔ موٚمیٚر گٔو آڈآبہٕ ہُن پھِرِتھ پَتلِس۔ نٹہٕ منزٕ رلووٚنِس ژُرن آب سیٚتھ نہٕ دزاو نبرکُن بُتھ چھلنہٕ۔

بُتھ چھلِتھ ژاو نہٕ بَتہٕ اوشِس شیرِتھ۔ تِمَو اوس تونہٕ کالے بأے کاکِنہ تھووُمُت وُنِتھ زِ صُبحس کرِ زٕ میہ شُلی ہُشار۔ تِمہ اوس تِمو بندٕ خأطرٕ بتہٕ میونڈ کھنڈ کالے رٔنِتھ تھووُمُت۔ یمے اُلُٹ دوہ اُسو گأرِ متھ موٚمَس بتہٕ کھیتھ چاے چیوان نہٕ نیران۔ یمن دوہن اوس سُہ تریہ تریہ ڈنگ بتکو کھیوان۔ ترکیازٕ کامہ کارِک اوسُس ہریکھ وُنہ سنخ۔

دُبِہٕ اوس موٚمَس پَتہٕ بَترٕ میوٗنڈ نینگہ لاوٕنۍ زٕ ہٲسہ کاکِنہٕ دوٚپُن پھِر مہٕ چاے۔ تِمَن بَترٕ کھیچھ اوس شہ چایس زٕ ژور پیالہٕ چوان۔ تِمہٕ ٹھوٗرٕ ناو چاے ژھٔرن پیالَن منٛز پھِرِتھ۔ یِتھ شہلِہ تہٕ وقت لگِس نہٕ چھٕنس۔ وُدٕ دِنہٕ وُدٕ دِنہٕ ژھٕمنہٕ موٚمَن چاے چیتھ۔ تَتہٕ تِمَن اَکھِس کیہچھ نہٕ دراو۔

زیٹھ زیٹھ قدم تراوِتھ اوس موٚمہٕ کھاہو بیرِو بیٹھ پکان۔ پھیران اوشس زٕ ساری آسَن واتِتھ نہٕ سُے اکھ رُوٗد پتھ۔ اُڈٕ پہٕ آسَن زٕ ترٕ ژور ژور کھاٹَر زِنہٕ ژٔچھ مَرِتھ۔ بتِہٕ اوس تِمَن کالے تِمَن ٹھوٗرٕ مُت دِنہِتھ۔ زٕ بہٕ دِمہٕ نہٕ کانٛسہٕ پانَس برونٛہہ گژھُن نہٕ۔ اُڈارٕ باندٕن تہٕ اوشس وونتُھ پگاہ نیٚنہٕ وونی کمہٕ سٕنزَن مرِژھن منٛز کوتاہ زور چھُ۔ نہٕ کٔس ہیکہٕ سارِنے ہندٕ کھوتہٕ زیادہ زِبُن ژٔٹِتھ۔ مگر موٚمہٕ کُس اوس پانَس برابر مانان۔

تِمہٕ ہیوٚت قدم بتِہٕ ہَن تیز تُلُن۔ یِہٕ تانی وُڈر نِکھ ووت۔ نہٕ پانَس سیتہٕ دوٚپُن خُدایَن ہے یوٗتھ نَم دُبِہٕ نہٕ دِمہٕ نہٕ کانٛسہٕ پانَس برونٛہہ گژھنہٕ۔
دُبِہٕ اوس موٚمہٕ دیٖن محمدنِس کوٹھِس تانی واتنۍ زٕ تَس ہیٚنن قدم سوٗتی پیٚنہِ۔ نِکیازٕ کھورٕ زنگہٕ۔ تہٕ دُچھنہٕ نَرِ اوشس لگان ہیٚنہٕ۔ تِمہٕ ژٕ بتِہٕ کالے بہٕ لگُن۔ نہٕ تَس اُس رائے یِہ چھُ ٹھکِہ نَک نہٕ راتَس تام آرام کرِنہٕ سیتہٕ ژٔلِہ۔ تِمہٕ اُس نہٕ کالہٕ دوٚہہٕ کُس دوٚہہس اَکِس برنٛزِس نہٕ تتہٕ پتھ ٹھاوٕ مرِتھ بتِہ چھِنہٕ کیٚچھے چلے نہٕ اُسن کٔژھ سے پیٚٹھ چے مرِتھ۔ یُز وُنی کیٚس کیازٕ اوشس لگان۔ ظاہر اوشس نہٕ کانٛسہٕ ٹھکُن کیہنہ ژٕ لمُت۔

موٗمَر ہیوٗتن وَنس نکھ واتنہٕ۔ دٔوری ترٲوِن نظر۔ تاپھ اوس وَنس
پیوٚمُت۔ سٲری اُسہٕ آمتی تہٕ زِنس اُس کٲتِیے لگُمُت۔ اَتھ وَنس اوس شُبلہِ
کھٮ۪چھو حطبہ ٹھٔکرِ نیوٚمُت۔ ترٛیٚن وٕرِین تانی اُسُس کٲتِیے کرِتھ موٗہ کیہہ لاوِنی۔ وُنہٕ
اوسُس گوڈٕچِنکیٚہ وٕرِی۔ ییٚم اُسہٕ ہَرِ دٕنۍ دہہ تہٕ شُبلہِ کھوٚچ اوس دٔیان اگر شین
پیٚنس تانی توٚتہٕ حطبس داہ دُہہ ساس کھٲے تُلنہٕ پیہن تہٕ تمہٕ شُند گُزارہ تہٕ چلِہہا
توٚرے اُس تمُو حطبہ کھٲر تُلنہٕ بیٚیھ گاڈہ بیٚیھ واتہٕ ناوُنُس تانی اُکھُن آنن ہانٛزہ
جایہ داہ آنہٕ موٗزوٗری کرِمُت۔ توٚرے کنہ اُس گامہ اندرہ زہ ڈاے ہتھ موٗہنیوکی
کٲتِیے کرِتھ نیران۔ وارباہہ زنانہٕ تہٕ آسہٕ پوان۔ تِمن اُسہٕ وَنہٕ بیٚیھ زنی کھار گاڈہ
تانی سارنُس ترِیہ آنہٕ میلان۔ تِمہ وغٲر اوس شُبلہِ کھٮ۪چھس گامس منٛز پانس تہٕ
سیٚتھاہ رُتُو سوٗرُخ۔ اگر ہٕ کانہہ موٗہنیو موٗزوٗر مِلہ نیرِہا تہٕ شُبلہِ کھٮ۪چھ تہٕ لحاظ
اوس نیران۔ ہکیازہ تُس اُسہٕ وارِیاہ صِفت۔ اَتی اوس کالس منٛز مالہ دِزیا
کھاندرِ کھوندرہ دِز رہ ہین دٔہن پٔتان پراران۔ بنِیہ اگر کانہہ گامُک گرٛہ پیہس
تُس اوس سیٚتھاہ خاطِر کران۔ شامس پانس سیٚتی بَتہٕ کھیاوان۔ توٚرے کنہ
اگر تُس کُنہ ساعتہٕ گامس منٛز موٗہنیوِین دٔہن حاجتھ بنِیہ ہا۔ داہ کامہ ترٲوِتھ
اُسُس بُرونہہ بُرونہہ نیران۔

موٗہرُ ووت نزدیک۔ شہ اوس دوہ نی وارہ وارہ زن پھٕٹہٕ ہتہٕ کوٚٹھو
پکان۔ فِکرِہ اوسُس تران زہٕ شہ ہیکہ نہٕ اَز کینہہ تہٕ کرِتھ۔ ہکیازہ تُس اوس
دوہنی سٲری ہے پانس دوٗد ہیوٗ باسان۔

اَز اُسہٕ دٕکہ کھوتہٕ ترٛٲری موٗہنیوکی آمتی۔ دِین محمدن اوس پننٕ
کھوٚش بوے تہٕ سیٚتو اوٗنمُت۔ تمہٕ اوس کھوٚش اَتھے سیٚتھاہ زِین

ژوٚٹھمُت ۔ بییِن گامن ہندی تہٕ اُسی سیٹھاہ موٚہنیو آمتی ۔ دانہٕ اوشکھ کھلن
بوٚرمُت ۔ دوٚیمُت آسیکھ یہ گرٕ بہہمو تہٕ اگر آنہٕ ژورِے زینو بلایہ ژھینوٚس
نوٚن چاپے نیرِہ ۔

موٚمتہٕ ووت تتھ گلِس نکھہ یتھ تس کمائے اُس کرنی ۔ نوٚارِہ بانڈِہ تہٕ
اکبر ترٕیے اُسی دم دِتھ وٚوتھمتی ۔ تمائکی چِلماہ اُسکھ برمژ تہٕ پانہٕ وٲنی اُسی
کیاہ تانی مخولہٕ کران تہٕ اُسان ۔

موٚمتہٕ آو تہٕ ووٚشاہ ترٲوِتھ ہیٚوٹھ پِھچر ۔ نوٚارِہ بانڈ وٚوتھس رکھوزِہ
موٚما ! ووٚش کتھو ہیتھ چھکمہ ژ اوان ۔ ہاٸے کاکنہ دِیُتنے نابتہ از ۔ تہٕ رُژھا
گرِہ ھتھ دوٚپنس ۔ مگر بدٕرِہ سُلہ کیا باہیوکھ وا تتھ ۔ یوٚت سُلہ چھا منا بطہ گرِہ
نیبرن ۔ اُخر دب دروٚس ہے لگی انسان گرِتھ وُمرِہ ہیتھ کھوٹ کار ۔"

موٚمتن ترٲو نظر گامس کن تہٕ وٚوننس ؛ نادود ہیو چھم باسان ۔ از
ہیچوس نہٕ وُتھو تھے ۔ زورے ووٚتھس ۔ مرِہ نیندرِہ گوس تھود وتھمہ ۔ کالہ
اُسیمنہٕ ژیرتانی نیندرٕ آمژ ۔

نوٚارِہ بانڈ پھیوٚر اُسان اُسان اکبر ترٕیے ہس کن تہٕ وٚوننس گوٚب
نیندرٕ کیا باچھس ہوان ۔ تہٕ تہٕ چھُن نہٕ وُنہٕ نیبر کوٚرمُت ۔ ۔ ۔ ۔ ۔ ۔ ۔

موٚمتن وٚوننس اُسان اُسان ۔ ہا بہہمہ ہا ۔ مگر نفس جہنمس کیاہ
کرِہ ۔ نوٚارِہ بانڈن تہٕ اکبر ترٕیے ین کرٕ ژھہ پہر ۔ تمہ پتہٕ کھتی ترٕیشی وٕرے گلین
تہٕ ہیونکھ زیٚن ژٹھ ۔ موٚمتس اوس نہٕ وارِہ وارِہ اُتھہ ووٚتھان ۔ کھن بجن تانی
اُسی تمی کھیو تام زِنِس باہ ترک ژاڈ متی ۔ مگر عرقہ سیتی اوسُس سران گومُت
تہٕ دِلس ہیتھ اوسُس بارہیو ۔

کھوژہ موہ ما۔ بۆزِ کنہ گوس آلو۔ نظر ترٲوِن بوزن کُن تہٕ وُچھُن
سُبلِہ کھۆچ اوس ووہ دِنہٕ تہٕ وَنان اوسُس یُتھےٚ پچھِتھ کارکوزُمت۔ صُبحہٕ
پیپٹھ چھُنھ نۆزِ مَن آکھ ژوٹُمت۔ سار نِچ موزٕوٚری الگ گڈُبھ چھُنھ تمٲکی
پھُٹجہ سوٚنب سیٹھاہ زِیوٚمت ــ نا اَکھ تِل جِل یہن۔ یِتھ توتہٕ شامس
روپے ڈوڈ روپے اُٹھس پیپٹھ بیِیی۔

یہ وُنِتھ پِرک سُہ بروہ کُن۔ سُہ اوس ییتھے پٲٹھی دوہٕس
گُلہ پَتہٕ گُلہ پھیران آسان تہٕ موہنوین وَنان ژوٚر ژوٚر زیٖنِژ زِٹُن۔ اگر تس
پلہ ہا۔ اَکی ہے مۆہنوس اَکھ ژِٹہ ناو ہے زِنس ہِتھ ہِتھ کھارہ تہٕ
ہردٕ ہے منٛز ییہہ ہے سورُے وَن صاف کرِتھ۔

موہنَن گنڈ مدٕرے تس کُن۔ سُبلِہ کھۆچ اوس پنٕنِس زیٹھر
ووہ زلس ریشس کنگو، کران کران پکان۔ تہٕ پرٕتھ کُنہ گُلس تل پننہ ژھوٹ نس
تالہ پیپٹھ کرِتھ کینہہ نتہٕ کینہہ وَنان۔ ییتھے پٲٹھی اوٚرہ یور تہٕ یورہ ہور کرِتھ
گوو سُہ واریاہ دوٗر تہٕ ژاو پننِس خیمس منٛز۔

موہنَن ٹھو نبر ییھتر۔ تس زَن اُس کوہٹھِن لورہ ژنڈ ہِش
بیٹھہرِ۔ صُبحہ پیپٹھ اَکی ہے زنگہ پیپٹھ رٛوزِتھ تہٕ پنُن جگہ پھاسہ ناوِتھ اوس
تمو وُنہٕ سُبلِہ کھچِنہ کنہ صرف تمٲکی پھُٹجہ سوٚنب زِیوٚمت۔ خسر کیاہ اوس
اُمو سندِس ییھقس زیٖنِژ ژٕٹہِ نس۔

تمو دِژ اوٚرہ یور نظر تہٕ وُچھُن ژورو طرفو آسہ رٲوِکی پٲٹھی خطبہ
وَسان۔ پینڈِن ہندی پینڈ اُسی جمع گٲمتی۔ بتیہ آسہ بٲرو بٲرو سارِنٕے ریوا
رتیوٗٹ کرِتھ تہٕ اُسس نہٕ سُبلِہ کھچس یڈ ییوان۔

اَما یِمہِ یییژٕہ خطبہ کور چھہٕ گژھان ۔ تِمو اوس بوزمُت زِہ خطبہِ

مَن چھہٕ شہرس منز دوہن روپیَن کِننہِ یِوان ۔ سوٕ گَیہِ ژوٕن روپیَن کھار ۔

تِمی یِہ چھہٕ شبلہِ کھوٗچ یوٗت کنڈٕن پیٹھ ۔ شہر نیٖتھ چھُہ یِمے خطبہ سوٕنہٕ

موٗلہِ کِنان ۔ نتہٕ کتہ گیے یہ اُمس یِینہٕ دِیار پادٕرہ ۔ یا گموٗ وشہ زانہٕ ہا یہ تس

دٕہے وُری گیہِ زِہ اکھ اکھ زٕ ز گلُی ہنہٕ اوس موٗلی ہہوان نہٕ کِنان ۔ زانہہ یِہ

اُمِیس یہ برابری یِوان ۔ دوٕہے اوسُس قرض آسان ۔ اَز چھُس زِہ گاڈٕ

پننہِ موٗلی ہیٖیژٕہ مژٕہ تہٕ سایہ بُدِس روپیَس چھس ٹھیکہ ۔ یِتھٕ زِہ شہرس

منز چھُنہٕ اُمس برابر کانہہ زِ نیک ٹھیکہ در مانہٕ یِوان ۔ پنژاہ کھُنچہِ چھس ہنز

یییمہِ کِنز شبلہ کھوٗچ چھُس ناو پیوٗمُت ۔ یِہے کھُنچہِ چھس گُکھے چلاوان تِہمہ نِسے

چھس اکھ کِرایہِ یِوان تہٕ بِییہ چھُس پنُن زِیُن سارنُس تہٕ لگان ۔ تہٕ پانہٕ چھُہ

بُہٹھ بنگلس بسان ۔

موٕمہ اوس یِی سوٗچان زِہ ییایٕرہ دٕژس اکبر تُرتےیَن کژکھ ۔

رِکھو زِہ موٕما ژِہ ژِہ گو کھا بِہِہتھ ۔ ژِہ کھو چھکھ یِمے فِکرہ ہشہ

کران ۔

نوٗرہ باندان کرٕ اَسنہٕ ہنا ۔ تہٕ ووٗنُن یِہ ہا آسی سوٗچان زِ خبر بوٗ ہیٖنز

گرٕ ما آسنم ژٕلی میتو ۔ تہٕ تِمن کُس گژھیم رٕٹنہٕ ۔

موٕمہ دوٗتھ نہٕ لوٗگ بِییہ زِیُن ژٕٹنہٕ ۔ مگر زِہ آسُس نہٕ کینہہ دوٗہتان ۔

اُمی شبلہِ کھُنچہِ اوس اکِہ دوٗہہ موٕمُس وونمُت ۔ بوٗز ہتا موٕما اگر

ژِیہ ہیٖن چھے زِہ میہ گژھہ انسان صوٗرت ہش گژھنہٕ تبلہِ اُسی زِہ یوٗت بہ تیوٗت

زِوٗ ژٕٹان ۔ ہرگز اُسی زِینہ پوٗدپھتر ژاوان ۔ اَدِہ وُچھنہٕ ژِہ کتھہِ پانٹھی بھیو لکھ ۔

مگر کتہِ چھُ رۄز ژٹنہٕ سیتو کینہہ بنان۔ مۄہَن دوپ پانَس سیتو
بہٕ ہے یُت جگھان چھُس کھرہ سنٛدی پاٹھۍ۔ بہٕ ما چھُس دِہان گاڑہ ہیمہ ہا
مۄکہ تہٕ ٹھیکہ دربنہٕ ہا۔ میہ اوس ییتہِ طمع زِ پوتسہٕ ہے بنہٕ ہا تم کنہِ جایہ ہیمہ ہا
زمینَس داہ وُہہ کنال۔ پننہٕ اَتھہٕ لاگہٕ ہا تہٕ وَرِیَس کھیمہٕ ہا پننُی ہاکھ بتہٕ۔
اَمی ہے بہٕ نہ راتھ چھُس وُچھان نہ دوہہ۔ مگر کم ساس گئیم جمع۔

مۄہَن اوس وارہ وارہ گُلی لگیتھ تاساہ ژھنان تہٕ سوچان۔ تس
رۄز نہٕ خبرے زہ نوارہ باندٕسَس کر دۄت بتہٕ تہٕ کرِ چھیون۔ اکبر تُرتے ہس رکھتھ
پاٹھۍ آیہ تبرہ ہتھ چھی کھورس تہٕ تم ہیتھ نِیاوُس نصیف نیہِتھ تھودٕ تھتھ
تہٕ دسگیرنے اَتھہٕ روٹ کرہ ہس تہٕ اَتھے سنٛدی ہس تاس گودٕس کنہِ کھور
پینیہ ہینس حطبہ گلکو پاٹھۍ ہورکُن۔

دراصل چھُنہٕ محنتہٕ سیتہٕ کینہہ بنان۔ مۄہنس ژول بڑہ نیرتھ تہٕ
زونُن زِ پوز چھُ تتی یہ اکہ دوہہ شبلہ کھۍچی تم سے لتی نمبردارس نِشَس
دوہمت اوس زِ روپے چھہ روپیہ تہٕ روسوختہ سیتہٕ بنان۔ تہٕ شبلہ کھۍچی نس
روسوخس کیاہ اوس وَنُن۔ جنگلاتکو ساری افسر چھِس پننٛدس۔ راتھ چھس تھود
وُتھو وُتھو سلامہ کران۔ آخر کرہ ہانس نا۔ تمو اوس ناوُ چھمت زِ ییلہ سُہ
ڈپٹی فو (ڈی، ایف، او) صاٮٔبس نِشِس گژھان چھُ۔ ڈپٹی فو صاحب چھس پانس
برونٛہہ کنہِ کرسی پیہتھ بیہناوان تہٕ پانس سیتو چاے چاوان۔ کھوژن نا
پیٹھس مۄہنس۔

شبلہ کھۍچی اوس روپیہ نون سانن تھتھ وَنِتھ ٹھیکہ ہینو تمت مگر
پھیران اوسُس۔ دپان اوس میہ اوس تکھمینہ لگومت زہ کھار لچھاہ وَہہ

یِتھ وَنس۔ مگر یِتھ وَسن کِہو تام پتزراہ شیشٕہ سا سہ کھاٲرٕ۔ تۆرٕ کِنہ گژھہ واریاہ نۆقصان۔ مگر مؤمن اوس زانان والدین نِش بۆزمت زٕ تِتھ وَسہِ ہا لچھ کھاٲرٕ تہٕ پیٚنِھٕڑ حطبن ہند۔ بیٚنیہِ اوس شُبلہٕ کھوٚرِچ حطبن سیٖتۍ کاورٕ تہٕ رنوان ژٕرٕٹھ اگر تمہٕ تہٕ بوزو تیٚلہٕ چھُنہٕ کیہہ۔ پونڈس کھنڈس وَنس منز زٕنۍ کھار ہیوان تہٕ داہ باہ آنہٕ پیٚہٕ لاگِتھ چھُ ژٕ ون رۄپین کنان۔ اُمس رۄدکی پاٹھو دیار وَسن نہٕ تہٕ اِزہ کُس وَسن۔

یہِ سورُے صِفت چھُ رۄسۆ خُس۔ مؤمن دوٚپ پانس سیتۍ۔ شُبلہٕ کٕچھو چھُ صرف حطبن ہند ٹھیکہ نیوامت۔ مگر حطبن سیٖتۍ چھُ ییٚپرٕ کاورٕ رنوان ژٕرٕٹھ یِمہٕ سورُے گام دٔہن ورٕہین زالہٕ ہیٚ۔ کانٹہہ چھُس نہٕ روبہٕ رٕ تہٕ ہیکان اُنِتھ۔ ژٕ رٕ کیا چھکھ کران۔ اَکھ بیاکھ ہیٚ آسہٕ ہا ہیو چھِ مُرٕ یارٕ یا کُشہٕ رنوان دۄن ترکن پیٚہٕ نِہنس رٕٹِتھ۔ پاٹزارس داہ ساس دِہانس تہٕ بیٚنیہِ کرہ ہانس خبر کوتاہ جُرمانہٕ۔ یِتھےٚ پاٹھو بیٚنیہِ مؤمسن واریاہ کتھ یاد تہٕ نٕر گیس رۄزِتھ وُنہٕ اوس دِگر واتنہٕ زٕ سٕہ وۄتھ گُرٕ پیٚہٕ لبان تہٕ ووٚنُن اکبر ترٕ تےٚ ہس کُن۔

"اَدٕ با اکبرا۔ بٕ نیرٕ ے ووٚنۍ۔ مےٚ چھُے نہ اَز زٕ ٹھیک۔۔۔۔"

اکبر دوٚپھس، اَدٕ کیاہ گژھہ کر آرام بلاے ژھن پیٚٹھ کامہٕ۔ اوٚر جان ہیٚ آسہٕ کاٲتیاہ دیار بنن ـــــ تہٕ داٲدِس گےٚ یہِ کیٚنہہ فرق۔

مؤمن دوٚپس۔ داٲدِس ہا چھُم فرقے۔ مگر واٲنِج چھُم یَتھے راوان ہِش۔ یِتھےٚ دٔ وَنہٕ ہیوٚ چھُم بوزنہٕ یِوان۔

یہِ وَنِتھ دراو معۂمہٕ گرٕ کُن۔

گرٕ ووت تہٕ چاے اُسس تیار۔ ژھرے چاپہٕ پیالہٕ زٕ ترٕہ چیٖن

تتھ نتھ تہٕ لیفا ہیژن کھورہ شاند تہٕ شونگ۔ تہٕ یانٛہ تمہٕ وُزن کلہٕ پیٹھٕ ہیٛت
تانٛہ لگِس گمہٕ بیٛخ۔ تہٕ دوپُن یہٕ تہٕ گوو جاے۔ وُنۍ لوہ تہٕ بہ۔ اَتھی سِتۍ پیٛیِس
نِندٕر۔

یِیلہٕ ہُشار گوو۔ دوہ اوس لوٗسمُت۔ تس اوس دود لوہ تیوٗمُت۔
کاجِک اوسُس بتہٕ کھینہٕ تہٕ وونۍ آسِس بوچھ ہِش باسان۔ بوٗن ووٗتھ
تہٕ گوو مشیدِ ہندِس حمامس منٛز۔ تتہٕ آو اَتھ بُتھ چھَلِتھ تہٕ کھیوٗن بتہٕ۔ بتہٕ
کھیتھ کھوٗت ہیٛور تہٕ طاقچہٕ پیٹھٕ وٲژن سارنگ۔ یہ سارنگ اُس تمہٕ ستوٗہن
روپیَن اَنی مُت۔ پیٹھٕ اَسِس سازٕچ ژور روپیہ لٲگِتھ ریشمی غلاف تہٕ یارٕٹھ
رَز کَرمُت۔ تہٕ دوہ شوٗرے طرفو آسہٕ تس روپہٕ الٲنہٕ ژراوہ مُژہ۔

تس اوس سارنگ وایہٕ نک سیٹھاہ شوق۔ یِیلہٕ شہ تھوکمُت آسہٕ ہا یا غم
ہیٛوٚ آسہٕ ہیس۔ اَتی اوس سارنگ وایان۔ سارنگ وایہٕ نہٕ سیٹھو اوس تس سورُے
غم ژٲلان تہٕ تھکُن نہٕ کُنہِ روزان۔

شہ رُود ژیر تانٛہ سارنگ وایان !!

[ 'کوہنگ پوش'۔ جُلے ۱۹۵۵ ]

# اخترؔ محی الدین

اصل ناو : غلام محی الدین تخلص : اخترؔ

ذات : وانی ۔

ولدیت : عبدالکبیر وانی

زاسنہٕ : ۱۷ اپریل ۱۹۲۸ء

زینہ جاے : بٹہٕ مالیٚن سرینگر

روزنچ جاے : سیکہ ڈاف سرینگر

سانٛی بہلہٕ پایہٕ ادیب تہٕ افسانہ نگار اخترؔ محی الدین چھِنہٕ کُنہٕ زان پہچانکہ محتاج ۔ اخترؔ صابن کوٚر ۱۹۴۹ ہس منز بی، اے پاس تہٕ ۵۵-۱۹۵۴ پیٹھ ہیوٚتکھ کٲشرِ پاٹھو لیکھُن۔ ۱۹۵۱ء پیٹھ ۱۹۵۵ ہس تام رُودی اُردوہس منز تیہ ژھپوان کران۔ ہرگاہ اوٚہند اُردو افسانہ

"پوٗنڈرچ" کہانین ہندِس اَکِس مُقابلس منز بہترین تہٕ قرار دِنہٕ آو۔ اما پوٗز یوسہٕ پھٕلے اَہندی قلمن کاشرِس منز ہاو تِتھ بُرونٛہہ کنہٕ رُدٕ نہٕ۔ پوٗنڈرچس کانہہ بجر۔ اَخترٕ صابٕن گوڈنِیُک کاشُر افسانہٕ سپُد تیوٗت مقبول زہٕ پرٕتھ کانٛسہِ ہیٚنٛزِ اَچھ لجہٕ یمہٕ نِے کُنٛ وَرِس ۱۹۵۵ عیسوی ہس منز چھپیو یہٕ اَہنٛز گوڈنِیُچ افسانوی کتاب "ست سنگر" اَتھ پیٚٹھ سپُد یہٕ سنہ ۱۹۵۸ ہس منز ساہتیہ اکادمی ہُند قومی اعزاز حاصِل۔

"ست سنگر" پتہٕ چھپیہ یہٕ اَہنٛزٕ بیٚیہ زہٕ کتابہ "سوٗنزل" تہٕ "دود دگ"۔ سوٗنزلِ منز چھہ افسانہٕ۔

اختر محی الدین

# دٔرِ یایہ ہٕندِ یے زارہٕ

نٕبرٕ شالہِ اوس ستہٕ دٕہہ ڈٔولمٕت۔ تمہٕ اُس عمرٕ رفگہ کاٗم کرٕمٕژ۔ تہٕ اَز تہٕ اوس کران تی۔ وٕنیتہٕ بٕتھٕ پیٹھ اُسی تمِس زٕہ طاق تہٕ ترٕیہ پور پچھو ہیچرٕ ہٕن۔ اٗمہِ چی ڈٔبہ پیٹھ بہتھ اوس سُہ ہمیشہ نستہٕ پیٹھ موٗٹ عاٗنکاہ یوٗنہٕ سیٖتنو چاٗرِتھ کاٗم آسان کران تہٕ گیون کرٕتھ دِوان سہ

مش بو چھو وٕنِس باتہٕ کے پیالے ہو
تہٕ بیاکھ گیوو سہ
ژٕنہٕ پوٗشہِ رنگہ مسہٕ ڈٔینٹھمس تن
ہاژٕ نو ڈٕپی زٕہس بوزِ عالم

آٗمِس اوس لوہ کجارٕ پیٹھے کتھن کجہٕ ہیوٗ تہٕ دٕند نیبرٕ نرٕ سیٖتی اوٗسُس یہ زیادہ پٕہن سٕنٕدِمت۔ تمِس لوہ کٹس موٗکٹس شُرٕ سندی پاٹھی اوس اُڈٕرہ کجہٕ کتھ کران۔ ریشہ کھرٕژ اُسِس بُتھِس پیٹھ سفیدشپن ہی زٕنتہٕ زنانہ ہندرہ دٔلہِ پیٹھ چھمبہٕ وال اُسن تکیتھ مایہ سیٖتی لاگٕمتی۔ اتھن اُسِس نٕکھٕ نٕکھٕ اَژان۔ مگر تو تہٕ اوس کاٗم کران۔ یٕنیخ آنہٕ ژور ییتھ زٕینتھ تتھ زینان تہٕ کاٗم اُسِس جان پکان۔ ساٗری خریدار اُسی دٕپان زٕ یہ چھُ

پُرون کاڑی کر۔ یہ پُرون گیُو کرِہ تہٕ کرِہ تہٕ نوو گاسہِ۔

نبرشالس اُس دُنیاہس منز پننہٕ ہچرہٕ ہُن ٹاٹھ تہٕ بیٚیہ پننہٕ آشینہٕ
آشنہٕ اوسُس ناو خوتن دید۔ سہ اُس شامس اُمس موٹھ پھشہٕ ہُن دوان
تہٕ کتہٕ موہنجہ ہُن کران۔ زلہ ورِی زلہ ورِی بتہ ہُن اُسس بروٚنٹھ کنُ واتہٕ ناوان
تہٕ ہلٹہٕ پتہٕ ہلٹہٕ اُسس تموک بران۔ ییلہ نبرشالہ ڈبہ پھٹھ بھاتھ اُڈہ کچہ
زہٕ ٹُنی گیوان لہر تراوان اوس تہٕ تھنز سرشُن اُس رفلہ پُلوس اپارہ یپور تہٕ یپارہ
اپور تران تہٕ تمہ کہین زخمن مرحم کران۔ خوتن دید اُس تمس بروٚنٹھ کنہٕ
بہان تہٕ پھمبس وال ژاران یا اوٹ دوان تہٕ ییندر کتان۔ نبرشالہ اوس
تس ہمیشہ ونان — "بہ گوشیٚ وشنترِ تہٕ چیر گییکھ چاٹھ!"

خوتن دید اُسس دپان۔ "ژٕ کیازہ گوکھ وسنتہ تہٕ بہ گییس
ژاٹھ۔ ژاٹھ گوکھ ژٕ!!"

خوتن دیدِہ اوس اُسس منز اکیُ دند بروٚنٹھ کنیک۔ تسلیم وُتھ
اوسُس اڈرہ ژامُت۔ تہٕ یہ اکھ دنٛد اوس نبر ڈزامُت۔ لوتہے رکیتے ہیو۔
بُتھس اُسس موٹ گوگجہ ہندی پاٹھی گینہ گامرہ تہٕ مس اوسُس نالہ لیٹھ
پلو ہیو۔ تس اُسی گامتی ووٚنی وہ٣٠ وری زہنس پہ پسنس۔ مگر ساریے
عمرہ اُسن داہ پین دتی متو۔ خدا صاحبن کرے تس جان مہربانی مگر دریوس
نہ کانہہ۔ چھرہ یو رنیچ کور تہٕ بیٚیہ منزم اکھ کور ہُن۔ زیٹھ کور اُسس ووٚنی
سوٚنی واجینہٕ سامتھ واجینہٕ بنے مرش۔ تہٕ بیاکھ کور اُسس پننہٕ گرہ ہسُن مرکھ
خانہ دارینی بنے مرش۔ اتھ پیچھ وس ہاجرس منز اُسی یم زہے ہاژ روزان ووٚنی جان
پاٹھو پننہٕ ہاکھ بتہ کھیوان۔ یمن اوس نہ از تام کانہہ مصیبتاہ آمت۔ کورین

ہندین خاندانن بیٹھ کوٗرُکھ قرض فرض۔ اَدِہ وارِہ وارِہ دوٗلکھ نکھ۔ خوٚتنَ بدٔ

دیدِہ اوس اَکےٚ ارمان۔ شہ گوٚو زہ نیچِو کوٚنہٕ دَرِیوم کانٛہہ۔ گوٚندرہی ہئے

زیوان اُسم تہٕ پُتر کُس آدمی قہر اوسکھ گژھان۔

محلس اُس کرٕچھ زہ نبٔر شالس چھہ سیٹھاہ پوٚشنہ۔ ساس

زہ ساس اُسس حیثیت توٚتام کیاہ گوٚو۔ مگر اَندرمہ حالچ اُسس خوٚدایس

خبر۔ یِمی زینان اُسو تمی اُسو یِڈ مُتھان۔

اَز تہٕ اوس نبٔر شالہ ڈٕیہ بیٹھ بِہِتھ یوٚنہٕ سیٹھاہ موٹہٕ شیشکَ

عاینکہ چاڑِتھ رفلہٕ پلہٕوٚس روٗف کران تہٕ گیوان ۔

”مش بہ چودنش یا تہٕ کے پیالے ہنو“

تہٕ خوٚتنَ دید اُسس یورکن یندرس بِہِتھ اَندٕرمہ اَندری سیٹھہ

گیوان۔ دیچھتہ اوسُس اَب گرٗوٹ وَسان۔ ظاہر اوس مرازس روٗد

پیومُت۔ شہرس اوس وارِیاہ کال گوٚمُت روٗد پیہنس تہٕ گرم اوسُس سیٹھاہ

انسانس اوس تہٕ دوہندے پوان کام کرنس۔ مگریس کُنی تِرہ بیٹھ آسہ

شہ کیاہ کرِہ ! دوہدِہ پیس یا تہٕ پیس کام چھُس کرنی۔ نبٔر شالس اوس

اَز تران فِکرہ زہ بہ چھُس اُچھن ہند رُتھ پاٹھہٕ بدلہ سِرٕتہٕ تاران تہٕ اَمی

سیٹھہ چھُس لُکہ ہاہ ہندین پلہٕوَن روٗف کران۔ تُس اوس ہیرہ بوہتہٕ

عرقہٕ شران گوٚمُت تہٕ کوٹھس بیٹھ اُسس رفلہٕ پُٹ کھران ہیٛنز۔ اکھ گوٚو

پمٛنےٚ گرم تہٕ بِنیہ گیہ بہ بلاے کوٹھس بیٹھ۔ مگر کرہ ہا کیاہ کام اُسس

کرٕنی۔ بہ سورے مُشراونہٕ خاطرہٕ یا عادتہٕ موجوٗب اوس شہ کرٕچکہ دِوانٕ

مش بہ چودنش یا تہٕ کے پیالے ہنو

کٔہۍ تام موکلوو اُمہ اَکِس بیچہ روٗف کرٕنہٕ نہٕ وونی اَسِس اَتھ
پھیٚتہٕ ژٹِنہٕ۔ دۄچھنہٕ کھووُرۍ دِژن اَنی تھَپہٕ۔ مگر اَتہٕ آیس نہٕ دُکأنۍ اَتھہ کینٛہہ
اَخرٕ ووتھ آشنہٕ کُنہِ۔

"دُکأنے کِتھ چھہ؟"

"سعو چھے مہ تُلِتھ تھاوِمژ" دوپنُس زنانہٕ۔

"یُہی اَن تُیت کوٗنہٕ تھاوِتھ؟"

خوتن دیدہِ گوو بڈٕ مُشکل وونُن۔ تَس اوس آسان زنگن پٮ۪ٹھ
نہٕ تمی سٟتۍ اَسِس نہٕ بُنان حرکت کرٕنۍ۔ تَس ہیٚے چلہٕ! سعو دوبٕتھ ہا نہٕ
عُمرٕ تھوو۔ مگر کھاندار سِندِس وَنہٕ نَس کیاہ کرِہے۔ تَس ما ہیکہٕ ہا بُتھ پھیرِ
آسے کرِتھ نہٕ واے کرِتھ وُژھ نہٕ ہیٚیژن دُکأنۍ ژھانڈٕنۍ۔ تاکہ چَس پیٚٹھ
دُچھِن اَتھ آیس نہٕ کینٛہہ۔ لوکٕٹس ڈبَس منز وُچھِن۔ مگر اَتہٕ تہٕ اَسِس نہٕ
کینٛہہ۔ نُبر شالہٕ گوو ہیأرۍ آنہٕ۔ سُہ اوس دِوان زہٕ بہٕ موکلاوہٕ ہا یہ پلو تہٕ
پننہٕ بیٚہما نرٕ زنگہٕ وُہرِتھ۔ تمی لأجس کرِتھ۔ — "چھاندی وُلی وُلی!"

"ژھانڈان ہیٚے چھس" دوپنُس خوتن دیدہ نہٕ وأرِجن پیٚٹھمہِ تاکہ چہ
پیٚٹھ پرأنۍ پلو پھٹٕنۍ۔ اَتھ منز آسہٕ پرانہٕ زِچہ نہٕ شُرِن ہِندۍ پلو۔ تِم شُرۍ نہٕ
کُنہِ نہٕ پلو اَتی! خوتن دیدہ گوو کیاہ تام تلواس ہیوٚ نہٕ سوٚنچن زہٕ گوندر
ہی ہیٚے زِہوان اَسہِ پتھ کُس آدمی قہر اوسُکھ گژھان۔ پھیرِ پھیرِ دِوان
دِوان آیہ اَمِس کمہ کمہ خیال۔ اَکہ اَکہ پییس سأری شُری یاد۔ ژہ میٚژھِمژن بُنن
ہیٚونُس ژہہہ ژہہہ ہیوٚ لگُن۔ نہٕ اَتھ منز پییہ اَمِس اَکِس وونزلس
پلوس پیٚٹھ نظر۔ وأریِخ نینس ہتھ لوکُن بوکہِ کڈِتھ۔ یہ اوس دُرۍ یایہ ہند

سیٚے زارِہ۔ یُتےٚ یوت اوس اُمِس پنٕنؠ وَرٕدۍ منٛز۪ہ دوٚیِ بٔچھٕ کنٛ رٔدمُت، اُمِس پیوٚ پنُن لٔکچار یاد۔

خوتُنؔ دید منٛد چھیٚوٚ۔ اُمی ٹھاوِیوٚ پننۍ کنہٕ تٔڈرِ زٕہ کھاٹ دامس گژھم نٕہ نظر پٮ۪نۍ مگر دَری بایہ ہنٛدِ یےٚ زارُک دوٚرجار اوسنہٕ ژورِہ روزان۔ سُہ اوس پھسُٹھ پھسُٹھ نیران تٕہ مَنٛدچھ سیٚنہٕ کھوٚت خوتُنؔ دیدِہ دوشلُن ہیوٚ نارِہ چپاٹ ہیٚرنٕس دوٚلھنہٕ، تِمس اَہرکرِ شہ ہنٛدی پاٹھٕ نہٕ دل ہیٚوتنس گابرُن۔ زٔنتہٕ سعہٕ اُس مہربنۍ تہٕ نٔبرشالہٕ اوس لٔکُٹ مہرازِہ۔ زٔنتہٕ دوشہ دِہ موج اُس دُنی وُنی کُنھِ منٛزِہ دڑامرٕ تہٕ خوتُنؔ دید اُس گمہٕ ڈنچہ لَٹہ نٔبرشالس نِشس۔ تِمۍ دِژ تِلی ٹارِہ نٔبرشالس کُن نظر۔ سُہ اوسُس وُچھان۔ اُسان تہٕ گیوان سہ

چِنٛنۍ پوشہ بینگرِ میٚوٚ دینچمُٕس تَن
ہاچہ نو دُپیٚ ژیش بوجہ عالَم

خوتُنؔ دیدِہ آو نٔبرشالہٕ پیٚرِنۍ پاٹھۍ لٔکُٹ بوزنہٕ۔ الپاکُ پھیرن لاگتھ۔ پھیکہٕ بون دُسہ ژاُوتھ تہٕ ٩٧٢ ململ گنٛڈاتھ۔ زَن تہٕ وُنی اوس گرِہ پیٚٹھ ووٚتھمُت۔ زٔنتہٕ سعہٕ اُس ویگہٕ پیٚچھ مہرنۍ۔ کاٗر نوٚمہٕ راُوِتھ لٔکُٹ موٚکُٹ بیقل خیالس دِلس منٛز ہیچھ کھوژان نہٕ نٔشان۔ ’’ہاے ہے دوٚیِ کرِہم پیٚ کٔتھ۔ بہٕ کیاہ وَنٔس، بہٕ ما مُنٛدچھ!‘‘

نٔبرشالہٕ اوسُس وُنان۔ خوتُنؔ دیدِہ بوز پننہٕ کنو۔ سُہ اوسُس دپان ’’نِٹلے یاگ ایجابیہ!‘‘ سعہٕ منٛد چھےٚ پیٚ۔ تِمہٕ دِیٚت گوٚش۔ وَنہٕ ہیس کیاہ؟ نٔبرشالہٕ ووٚتھس بینیہ ’’یاگی‘‘۔ تِمۍ ژاُو کمہٕ ٹھ پیٚٹھ رَفلہٕ پٹ کنہٕ پھیکہٕ پیٚٹھ

دُسہ تہٕ آو خوتنَ دیدِ برونٹھ کُن۔ " یاگی ووٗنی !"

" ژ یہ پٔچھے ونھ راتھ وُہرِ" ووٚنُس خوتنَ دیدِ لٔچہ ہندِ پاٹھی بٔل دِتھ۔

" کیا چھ چھم ونھ یاوُرِچ ؟" ووٚنُس نبرِشالَن۔ خوتنَ دیدِ کرُ ژھوپہ، تِمس اوس نہٕ تگان تھوٚڈُسے ووٚتھن۔ کاڈِ نہٕ تھوٚد تُلِنہٕ تہٕ وو تھنج پچھنہٕ کھٔچھ!

" اچھا مہ یاگ !" ووٚننس نبرِشالَن تہٕ ووٚتھ۔ سُہ دراو برِہ تہٕ ووٚتھ بِہن۔ خوتنَ دید گیہ آزاد ہش۔ سہ وُزھ دٔلی دٔلی تہٕ تھاوِن پچھنج دِ ہٹھ۔ دریایہ ہندِس بے زارس دِژن بتیہ نظرِ یونٔسہ۔ وُزِہ وُزِہ گوس زہ لاگہ ہا مگر منٔد چھان اُس۔ آخر تھوٚون پٔچھجہ منز سارنے پلون تل تہٕ پٔچھج تھاون ناکھس بٔہتھ کُن ژورِ۔ تمہ ہیژ ووٗنی دٔچھنہ کھوری نظر دِنہٕ۔ اما نبرِشالہ کوت سنا گوو ! یہے ہنگہ تہٕ منگہ تھوٚد گوو وُٹھتھ تہٕ کوت پیٹھ۔ خوتنَ دیدِ اوس پھیران ہیوٚ زِ یہ کیاہ زِہ دراو وُنی کیس کٔھتھ منزِ۔ تمس اوس منٔدچھان منٔدچھان خیال یوان زِ امی کونہٕ لاگہ نٲوُس بہٕ زورِ یہ بیزارِ۔ واریاہ کٲلی آو نبرِشالہ۔ آنگن برس گوو ھٹس تہٕ سُہ ژاو گیوان گیوان سہ

" ہا چہ نو دٔپی جس بوجہ عالمُ
چِننو پوشہ ینگہ مہ دِہنمش تن !"

خوتنَ دید موٗژیہ بتیہ۔ تس اوس خبر کیاہ زِہ دریایہ ہندیے زارِ بتیہ تہٕ بتیہ یاد پیوان تہٕ ووشلُن لگان۔ سہ اُس سوچان زِ یہے مہ دِیہ لاگ یہ دریایہ ہندیے زارِ بہٕ لاگا رکنہٕ تہٕ۔ اوِہ لاگہ ...... نہٕ کینْہہ لاگہ نہٕ .... یہ گیہ منٔد چھ !

نۍبرٕ شالہٕ کھوٚت گیوان گیوان کانٛی پیٹھ تہٕ ترٛاوِن کاکدس وٲلِتھ موٚٹ

ماز پاواہ خوتَن دیدِہ برٛونٛہہ کُن تہٕ پرٛژھنس۔ " یوگُھتے ایجایہ ؟ چہٕ کِچھی پھکھ

جانٛہہ مانٛز ہکھ یوٚیِک۔ !"

" وٕش ! ژٕہ چھکہٕ مَنٛد چھان تہٕ ؟"

" دوٕن باپَتھ چھا مَنٛد چھ ؟"

" یتھ کیاہ چھُے کرُن مازس ؟"

" ییٚنُن ہے !"

خوتَن دیدِ بیٚیہ پنٕنۍ دنٛد یاد۔ تَس اوس نہٕ اَکہٕ سِوائے اُمیٚس

مَنٛز کینٛہہ تہٕ نۍبرٕ شالس اوس نہٕ شُتہٕ۔ اَما اُسی کمہٕ سیٹھا کھیمو پہ ماز۔ نۍبرٕ شالہٕ

وَوٕ ہتُس۔

" اَکھ دٕہ چہٕ پاک۔ اَج دٕہ چہٕ پاک۔ اَج کھیمو واریاہ ہہٕ کاٹھ ماج

تہٕ دوہہ تھ چہٕ پاگ ایجایہ ........ دوہہ تھی ؟ ........ دوہہ تھی ...... "

نۍبرٕ شالَن لوگ لوکٕٹس شُرِس سِنٛدرِ پاٹھۍ چھچکہٕ۔ خوتَن دید نہٕ مانان، شہ نہٕ

بُژان۔ آخر گوو فٲصلہٕ زِ نۍبرٕ شالہٕ نیرِ کُٹھہٕ مَنٛزٕ اَدہٕ لاگہٕ خوتَن دید پیے زارِ۔

نۍبرٕ شالَن تیُج۔ ماز یاو اَتھس کیتھ تہٕ دوہہ تھ بوٚن۔ خوتَن دیدِ تھو

بر زورِ دیتھ تہٕ اَندرِ کنۍ دِژِ تَس ہانکل۔ آخر وُژھ مَنٛد چھان منٛد چھان، گیہ

تا کھیس کُن۔ پھلیم وٲتِھ۔ پیے زارس تارِن ڈٲر تہٕ لوگُن زنگن۔ کھوژان کھوژان

تہٕ گابران گابران وُژھ سہ تہٕ بوٚن۔ وُنۍ کیس اوس نہٕ تَس ہیرِ ؤسنہٕ سیٹھا

زنگَن لاگان۔ تَس اوس نہٕ یاد پیے زِ میہ چھُ زنگن ریچ۔ سہ اُس چھرٛاہ سونچان

زِ بہٕ کیتھ کنۍ دِچھ نۍبرٕ شالس کُن۔ اَگر اُسہ دوہہ باژِن کانٛہہ وُچھ.......

..... کیاہ گوم میانہِ خدایا ! تَس اُس اَکہِ خیالہٕ سیتھ وٲرِلنج راوان !

لوٗت لوٗت ژاپہِ سعہ دانہِ کُٹھِس منز۔ نٮ۪برٕ شالہِ اوس اَتھ اوٚک ژٲرِس تَل بٮ۪ہتھ گرا گیوان تہٕ گرا اَتھ ٹھوٗک دِوان۔ تٔمۍ اُس ماز پاو لٲجہٕ منز پانے پاکِس۔ تہٕ اوٚک ژٲرِس اوسُن جمکہٕ جمکہٕ ہیوو مُت۔

یُتھے خوتن دید اُس لوٗت لوٗت پکان زِ نٮ۪برٕ شالس گژھ نہٕ میہ کُن نظر پیٚنۍ یہٕ تام بہٕ بیہہ ہا۔ ننِھے گوتس وٚ گو رزہٕ منز کھور نیٚہٹھ بند تہٕ ہُتھو کنو آیہٕ دژو پیٚچھ کرِتھ وُگراوِنہٕ۔ نٮ۪برٕ شالہٕ گو وتھوٗد وٚلِتھ۔ تٔمۍ وُچھ خوتن دیدٕ وَن ہار ہشن دراز دِتھ پیے منز۔ تَس گو وہمہٕ تہٕ ژٕ جس کرِٕچھ نیرِتھ۔ مگر جلدے تُل خوتن دیدہٕ کھونکھُن تھوٗد تہٕ اَسان اَسان ژاوِن نٮ۪برٕ شالس کُن نظر۔ نٮ۪بر شالن کرِٕنس نزٕ تھٚپھ تہٕ ہیٚنزِن تھوٗد تُلِنۍ تہٕ پرژھنس۔

" یوٗگےُ مے گنہِ ؟ "

خوتن دیدہٕ کوٚرنس کلہٕ سیتھ نکار کاٗر نوٚمہ راوٕ تھے۔

" نِیے تھوٗد دوٚہتھ ! "

خوتن دیدہ کوٚرنس بیٚیہ کلہٕ سیتھ نکار کاٗر نوٚمہ راوٕ یتھے۔ نٮ۪بر شالہٕ لوٚگُس پتہ نزہٕ تھوٗد چھےٗ دو وتھُن۔ خوتن دیدہ مونِس نہٕ۔ نٮ۪برٕ شالن لٲجس دَب تہٕ ہیٚنزِن زورہٕ تُلِنۍ۔ تٔمِن لوٚکٹِن دون باژٕن ہندی پاٹھو ہیٚنز ہیمو مالایٕنی کرِٕنی۔ خوتن دیدہ گو مُشِتھ زِ بہ ماجس زٕری واجیٚنۍ تہٕ سوٚنی واجیٚنۍ۔ نٮ۪برٕ شالس روٗد نہٕ یاد زِ میہ ماجہِ ژامترٕ تہٕ بُڈیو مُت !

یٔمن گو دُنیاہ مُشِتھ مالایٕنی منز۔ خوتن دید پھٔٹرٕ بٮ۪ہتھ تہٕ نٮ۪بر شالہٕ تٔمِس نزدیٖن لمان۔ پھیکِن لمان تہٕ گرا پھیرِنس لمان۔ تھوٗد تُلنہٕ خاطرٕ۔

اُتھی منز گوٚو بٔرِس صدا۔ کمیٚ تام کٔر ژاس۔ نٔبرٛ شالہ ہیوٚتھ بیٚہنہٕ رٕکھ وٲلی وٲلی بیٚتھر۔ زنتہٕ رٕکھاہ کھیٚپنہٕ اوس نہ کران تہٕ خوتنٛ دیدرٕ گیہٕ رب۔ یہ اوس ہیمَن زچھ کورہٕ ہُند کھاندار وٕرٛس منز سوٗرٕے وُچھان تہٕ وُٹھ پھیٚشان۔

نٔبرٛ شالہٕ ووٚتھس۔ اسلام علیکم! اَج شا!" مگر زامیترٕ کرٛنس نہ کیھتے۔ پوٚتے دٕژاو نارہ دوٚد ہیٚیہٕ۔

خوتن دید گیہٕ شعوٗ زدہش۔ زنتہٕ سعہ اُسکھ رٔٹ مرٕژ ژوٚرہ ہانٛزہ۔

تمہ دِژ گرٕناہگار اُچھو نٔبرٛ شالس کُن نظر تہٕ نٔبرٛ شالہ گوٚو تھوٚد وٕتھتھ۔

"اَسہٕ کیاہ چوٚہی کیٚہہ ...... شٲئیی پنہٕ پنہٕ جایہ پاچھا!!"

[سُت سنگرٕ منزٕ]

لیکھنک وکھ : سنہ ۵۷-۱۹۵۶ء
چھاپ :- سنہ ۵۸-۱۹۵۷ء

اختر محی الدین

# دود دگ

(ناولِ منٹزٕ)

رنگہٕ رنگہٕ زاژن منز اوس عبدالغنی بدلے ذاتھاہ ۔ ماسے پٕژ محبت زانہٕ ہاپہٕ شہ کیاہ گو۔ بڈٕ مالس اوس منت تھاوتھ بتہٕ میونڈ دوان تہٕ زانہہ کالہے سیٖنہٕ زینہٕ خاطرٕ پونسہ ٹوٹانک دِیہ ہیس تتھ اوسس اڈِپن اڈِپن حساب ہیوان ۔ پانس کانْسہٕ بیٚنہٕ ہٚنہٕ زٕ آسس ۔ تمہٕ ژھنِپن نکھ وٲلتھ ۔ پتہٕ ژٕ تہٕ پٕژ کانْہہ بہٕ پٕژ پٕژ کانْہہ ۔ نہ اوس تمن زانْہہ نظر دوان تہٕ نہ اوسکھ رٕ خصتس گژھان ۔ شہ کیاہ زانْہہ کالی ہے تمن پانسے مٔبڈٕ مول لوٗ ڈٲکھ وان ڈٲکھ وان گژھہا ۔ یا کُنہٕ ساتہٕ ہے تمہٕ پانسے پیہن ۔

عبدالغنیٖ ین اوس اٹھمہٕ دٕہمہ تام پورٕ مُت تہٕ پتہٕ مختلف باپارِن نشہٕ مُنش گری کٕرہٕ مٕژ ۔ امس اُس حساب کتاب تھاوُنچ کام سیٖٹھاہ جان تگان ۔ اوٚے اوس سارِنے باپارِن بڈٕ ٹوٹھ ۔ تمہٕ مٔنبٕس کارخانس اُس تہٕ تو تام دِتھے پوان یوتام نہ عبدالغنی منز باگ آسہ ہا ۔

عبدالغنیٖ یس اُس اکھ عجیب بماریاہ یہ زہ پانس فرائے اُسس نہٕ کانْسہٕ پیٹھ پژھ ۔ یہ تُس پانس خوش کرہ ہا تی اوس کران ۔ بیاکھ ہے کنہٕ قسمک مشورہ دِیہ ہیٚس تتھ اوس وُلیٚڈ معنے ژاران ۔ پونسہ اوسس

رَتیُتھ ٹُوٹھ زِ وَنہٕ ریٛچ کتھ چھُنہٕ ۔ کتھٕ ہیتھ اوس وَنان زِہے پرٛتھ کیاہ چھُم اَز
چھُم کامہِ بنان پگاہ متہٕ بنہٕ تنمٕ ۔ تتھٕ ساعتہٕ ہے لرٕ لرٕ فاقہٕ لگتم ۔ قادر اوسن
بتہٕ رَنہٕ خاطرٕ موہنیو روٗٹمت ۔ تس تہٕ اوس کُنہٕ کُنہٕ ساعتہٕ شمہٕ صابن نمدن
لتھ دِنہٕ یا بنیہٕ کُنہٕ موزوٗر سوزان ۔ تہٕ یہ سُہ اورٕ زِہنتھ اَتہٕ ہا تہٕ اوسُس اَتھ موٗرتھ
رَوان ۔ یمن دوہن قادر فاتس تہٕ راجس سیٚتی ژژار گوو ۔ تمن دوہن کھیون پانہٕ
شمہٕ صابنی بتہٕ بنیہٕ ییہ ناوٕن قادرس اَتھ شمہٕ صابس موزوٗری ۔۔۔۔۔۔

مٲلِ سندہٕ مرنہٕ پتہٕ پھیوٗر عبدالغنی یس سیٹھاہ ۔ اَندرٕ دِتن پانس
پٲزارہٕ تہٕ زہ خدمت کرمس تہٕ ۔ تہٕ جمعہ فاتحہ کورُس تھیکن لایق ۔ مگر اَمہٕ پتہٕ زَن
گوٗ سہ وارے ییلہٕ ہیوٗ ۔ سُہ اوس چھوٚٹ جوان ۔ زنانہٕ شُہلن اوسُس سخت محلس
منز آسہٕ ہن تمہٕ کِمے زنانہٕ یمن تہٕ اَمی کُنہٕ نتہٕ کُنہٕ وِزہٕ اَچھ ناٹھ کرٕتھ یا دھکہٕ ہنا
دِتھ یا اَسنہٕ ہنا کرٕتھ ووٚنمت آسہٕ ہا ۔ " دوٗنی چھا حقن مرنے ! " کینژو زنانو
اَسِس اَتھ کتھ ہیتھ پٲزارہٕ داوی ہیتہٕ ۔ کینژو اوسُس کروٗژھ تہٕ کمبہٕ
وُہوی وُہوی کوٗڈمت ۔ مگر کینہہ آسہٕ تمہٕ تہٕ ییموٗ تہٕ مرنس فرصتھ اَسِس وِژھِش ۔
اَمہٕ سببہٕ اوس عبدالغنی محلس منز بدناو تہٕ بدکار ۔

کدلہٕ اپارہٕ اوس کھارہٕ گرا جان بنتھ ۔ یمہٕ تے اَسِس کوٗر ۔ اَمِس
سیٚتی گیہٕ عبدالغنی یس دِل چسپی ہش ۔ یہ اوس صُبحس شامس اپاری ییوان گژھان
تہٕ پنہٕ کنہٕ اَمِس عاشقی کران ۔ مگر ییلہٕ تہٕ یہ کُنہٕ طریقہ آٹنہٕ واٹنہٕ وُچھن ییوان
اَمی ووٚن شمہٕ صابس ۔ " میہٕ حقن اَمِس رائے کھاندر کرنیچ ۔ "

" ہلہ بسم اللہ " شمہٕ صاب ووٚنُس ۔ " اکھے گژھی نارہ جوشُس
صوٗرتھ ۔ "

عبدالغنی ین ووٚنُس۔ "اَمِس شخص تی چھُس سوٗچان۔ چھکھ نا بوزان
یہِ قادِر چھُم اَکہ دوہہ وُگرِ کھیاوان تہٕ بێیہِ دوہہ وَر۔ بێیہِ روزِہ ہا گرِس
منٛز ژوٚنگ دزِہ وُن۔

"نٕسہ تہٕ کیاہ گوٚ" شمہ صابن ووٚنُس بڈِ جوشہٕ سان۔ "ژہٕ ہێے
خودا صاب لاسہِ وَنے جواناہ چھکھ۔ پننہٕ اَقلہ آنہٕ ژور کماوان چھکھ تہٕ کیاہ گوٚ
نیتھر نہٕ کرُن۔ دوہی چھےٚ نظرِ تَل کاتھہ جایاہ؟"

عبدالغنی ین ژھُن کلہِ بوٚن کُن — "ییتہ کُنہٕ شخص کُنہٕ جایہ مگر بوٗزم
یِمَن کھارَن چھُ کوٗرا۔ دیان بڈِ شریف چھُ۔"

"ہا وُچھ کیاہ ونکھ۔ ژہٕ تہٕ کھارَن کیاہ واتھ چھُ؟"

"شخص بہٕ کتہٕ چھُسے خاندان واندان زانان۔ مےٚ بُتھہٕ گرٚتھ آسنہٕ
زنانہٕ شریف۔ مےٚ شخص چھےٚ کمَن کمَن شریف خاندانَن ہنٛزِ کورہ وُچھمٕژہ بدمعاشی
کران۔ دراصل گرٚتھ زنانہٕ فطرتَن شریف آسنہٕ۔ خاندان واندان کرہِ سہٕ کینژہاہ"

شمہ صابس بیٛوٚٹھ عبدالغنی ہینز کتھ رچھہِ ہنٛز سداہ آنہٕ۔ توٚے
ووٚنُس "یہِ وُنچھ ہیٚنز کتھ۔ اتیچہ کیاہ وَنے بہٕ۔"

عبدالغنی ووٚنُس۔ "بێیہِ بوٗزُم یِمَن چھُ جان ہارِ۔ ترِہ کرِہ
ہێے کینژہ جانہِ گیوو۔"

شمہ صابس آیہِ اَچھ مژراونہٕ (تمُس اُس ہر کانہہ سعہ کتھ
بوٗزِتھ اَچھ مژراونہٕ یوان یعنہِ سہٕ تہٕ تہندس دماغس منٛز بروٚنٹھے آمِژ آسہ
ہا۔ ییمیکٕ نہٕ تمُس توقع آسہ ہا) اندرہی ووٚن تمِہ پانس کوتاہ چالاک چھُ یہِ۔
دراصل چھُس ناغرُبت وُچھمِژ۔

عبدالغنی ین لگاو کھارن شیچھہ پأغام سوزنیج۔ تمہ مأنی راونیج تہٕ
اکھرس پیٹھ کھاندرس شرٕ کرنچ سأری کأم شمہ صأبس ذمہ۔ شمہ صأب اوس
واٲنسہٕ کنو لوکٕٹ مگر کار بارن تہٕ دیارو اُسِس بزرگی ہُند اوہبر گوہبر تہٕ پرٕتیتھ
پأدٕ کوٗ مژ۔ اُمی اکثر رووسوٗرے کیتھہ پانہ۔ عبدالغنیس اُس ووٚنی اکے فکر
یہ زِ شمہ صأب ہیکہ گرٕ کپن سیٚتو گرٕ کپن سیٚتو گژھ راجہ تہٕ تو ہیکہ گرٕ سالس
پینہ۔ سُہ اوس شمہ صأبس دینہ پینہٕ برونٹھے دپان "نحن بہٕ پیمہٕ اکھ شرطس
پیٹھ دینہٕ۔ اگر تہٕ سأری پیہو سالس"۔

"اکہنا سأری ہیٚ پیمو" شمہ صأب ووٚتھس۔ "اکھتے پینہٕ تمن
اُکس دون دوہن کارخانہ بند کرُن"۔

عبدالغنی اوس نہٕ اُمس صاف پأٹھی ورٕنتھ ہیکان۔ ز میہ ہا چھُنہ
مطلب چایہ کارخانس میہ ہا چھُ مطلب راجن۔ دِنہ ہیس کیتھ کنہ؟ ......

راتس ژچ زنانو نبرٕ چہ تارٕ۔ راجہ اُس منز منڈلس بیٹھتھ نوٹ وایان
تہٕ گیوان۔ فانس آو ژاسہ ٹوک۔ مبعس کھوت تمس ووشلن تہٕ تھوکو سیٚتو
آیس بیٹھ خوانہٕ پیٚنشراہ۔ تمہ ووٚن نہٕ کأنسہ ووہپر گرس اُس سالس۔ پرژھ
کتھ کرنی گیےٚ یہ منڈچھ۔ تمہ دیت چھپرنہ نورشاند تہٕ شونبج۔ سالرنیو کرِ پانہٕ
واٲنی کتھ زِ بدٕس مہ ہنوی سنزکہ لے آسنٕ نشہ چھُس۔

ییلہٕ نیٚصف راتھاہ ہش واژ۔ ووہ دُنی وأنی مہ کلے یہ وُرہ تلہ تہٕ
دِوازہٕ دژاے۔ سأری مرد اُسی ژھینتمتی تہٕ تھکہ ہتو۔ ہمسایہ تہٕ کیتھہ اُشناو گیہ
گرٕ۔ دوٗرٕ دوٗرکی اُشناو کھتو تہٕ شونگو یتھہ زن صُبحس۔ یینہ والہ خاطرٕ
دَری روزٕ ہمن۔ شمہ صأب تہٕ کھوت تہٕ ژاو ختمہ کوٹھرٕ منز۔ تس اوسنہٕ

نرٕن زنگن چھیے۔ اُمِس ترٲوِ عبدالغنی یَن پانے لیفہٕ جوراہ وُرنہٕ تہٕ قادرس
بٲوُن ڈپٹی زِ یوٗتام اُمِس نِندرِ پییہِ توٗتام دِزِیس زنگن موٹھ۔ مرد ییلہٕ شونگو
عبدالغنی وۄتھ تہٕ ژاو زنانہ کُٹھس منز۔

ماسترٕ، مامترٕ تہٕ پترٕ سارٕ بایہٕ تُل شور: "مہرازس مُبارک، ـــ
مہرازس مُبارک" مگر ہمسٲے بایہٕ منزٕ ووشلیہِ کینہہ کینہہ زنانہٕ۔ تِہنٛز لگو ہیمے
بِشر ہی۔ راجِن ژُوو نوٹ یورکُن تہٕ بیچھ زَن تہٕ عبدالغنی یس یا اٰہندِس
کھاندرس سیٖتھٕ کِہنی دِلچسپی اُسِس نہٕ۔ عبدالغنی اوس دٕچھنہِ کھوورِ
سارِنے زنانن کُن وُچھان تہٕ راجہ تہٕ اُسِ نکی مارہ مُدرے گنڈِتھ۔ ماسترٕ
مامترٕ تہٕ پترٕ سارِنئو اوٗن مانٛز ڈٲلہٕ۔ عبدالغنی یس بروٗنٛہہ کنہٕ تہٕ ہیوٗتہس
اَتھن تہٕ کھورَن لگن۔ سُہ نہٕ مانان ہگر تِم کتھ پڑٕہ ہٲنس۔ اَچھ ییچھس تَلہٕ
پدٕن مانٛز لاگنہٕ تہٕ چھاپِس نقشہ کرنہٕ۔ اَچھ ییچھس اَتھن بکشس دِنہٕ تہٕ نم ووزہ
لاونہٕ۔ عبدالغنی اوس اَسان تہٕ مَنلہٕ کران۔ دٕچھنہِ وُچھان تہٕ کھوورِ وُچھان آخر
بییس راجس کُن نظر تہٕ ترٲوِن اسنہٕ ہنا۔ راجن تہٕ ترٲوو اَچھ زٕ یوان کُن
ترٲوِتھ اُسنہٕ ہنا۔ تس بیچھ پٔتھ زِ یہ اوس اورہ یورٕ اَچھو سیٖتو ہے
دِھاران۔

ییتِس کالس عبدالغنی اَتہٕ ہیوٗٹھ تیتِس کالس توگنہٕ زنانن گیونے۔ ہیمے
کجہ ہشہٕ گیہ۔ اہنٛز و ہینو کریوکھ پینہ رکنو ـــ" ہے رکیے گووٕ۔ دم گووے ـــ
ونان کوئے چھووٕ ـــ باغ نشاط کے گُلو ـــ" مگر کینہہ اندیوکھ نہٕ۔ اکہ بجہ تجوو
منزٕ بگر ییمتہٕ ہیٹھ ـــ" اسم اعظم بسم اللہ ـــ منشر محمد عبداللہ" مگر تِمس پتہٕ
دوٗن نہٕ کانٛہہ۔ راجن تجہ ژورہ بانٛژہ لٹہ عبدالغنی یس کُن اَچھو۔ عبدالغنی اوس

وُچھان۔ اَمہِ سیٖتۍ وۄتھ شُلیہ وارے ........

اَڑ گھنٹہ ہیوٚ گو اورہ کھوٚت عبدالغنی سُند نوکر۔ سُہ ژاو زنانہ کُٹھس منٛز تہٕ آو سیٖودُے راجس کُن تہٕ وۄننس ـــ "راجہ۔ راجو۔ ناد ہیٚو چھی بعضہٕ دِوان"

اَہندہٕ وَننہٕ تٔلۍ توٚر راجس فِکرِ زِ شوہرٕ کٔس آسہ ژھانڈان۔ تٔس لٔگ ژھرٕ ہٹہٕ۔ زنانہٕ کُٹھ اوس بُرٕتھ سۄ مندچھیہ یہ۔ سوٚنچُن کینہہ وَسہ نہ مگر کھوٚژ زنانن گژھیم خبر کیاہ شکھ۔ توٚے وۄتھ زنانہٕ بے شوٚنکھ یا ہٹھ۔ زنانہٕ کُنہٕ کامہِ خاطرے ژھانڈو اوسُس۔ تہٕ واٲژ ہیرہ پیٹھ۔ عبدالغنی اوس وۄٹس منٛز اَمِس پژاران۔ ہیرِ پیٹھ یانسے سیٖتۍ مشورہ کرِتھ ہیوٚس خبر کیاہ ظٔرن تہٕ وۄتھ۔ عبدالغنی اوس بُتھ لیدر یومُت۔ اَہندِس بُتھس کُن وُچھتھ کھوٚژ راجس شانٛش ہش۔

"کیاہ گژھی؟" تمہ پرٛژھ عبدالغنیس کھوٚژِتھ کھوٚژی۔

"وَلہ بیہہ" عبدالغنی وۄتھس یَس اَس یانَس ہترہ ہترہ ہش۔

"نہ، نہ۔ مہ ہے ہیرِ ژھانڈن"۔ راجن وۄن یہ تہٕ ژٕجِ۔ تمہ کِجہ لامپہِ زِہ ہیرن تہٕ زنانہ کُٹھس منٛز واٲتھ تہٕ اَمِس واٲلنٛج ٹاسہ ہارے گژھان۔

.......

وُرٛچھ دوہہ شام تام لوٚگ عبدالغنی لیوٚ تہٕ ترٛیوٚ کنہٕ مہارنہ ہنٛز ژھاے وُچھنہِ۔ مگر راجہ اَمِس کالہ پیٹھے مہارنہٕ نٔش بیہتھ گرا تٔس نٔس وُچھان، گرا اُچھ۔ گرا اَمِس تہٕ گرا نرٕ زنگہٕ ـــ سۄ اَمِس اَندرِ اَندرِ اَمِس تہٕ یانَس کانٛہہ ہشُر ہیوٚ ژھاران تہٕ اَمِس منٛز یَنِن یان لگہ نیچ

کۆشِش کران۔

وَٹھِج بَتہٕ کھیتھ دڑاے سأرِی سالہٕ۔ فاتہٕ، راجہٕ تہٕ شمیمہٕ صاحب تہٕ۔ عبدالغنی آو نہٕ سَتَن دوہَن کارخانس پیٹھ۔ راجہٕ اُس ہیمَن سَتہٕ وُنی دوہَن دیوان خانس کُن نظر دِوان۔

# مرزا عآرف

بُزرگ شاعِر تہٕ ادیب ۔ عآرِف صاب چھُ ایم، ایس سی پیٚھنٛد پۆرہ ناو چھُ مرزا غلام حسن بیگ۔ روزَن وٲلی چھِ کاڈِٹی پورہ اسلام آبادٕکی ۔ زامتٕ چھِ ۱۹۱۵ عیسوی یِکس منٛز۔ وۄنی کیٚس چھِ پینشن ۔ اوسٕ تام اُسی محکمہ ہٕریکلچرٕکی ڈایرکٹر۔

کٲشرِ زَبٲنی ہُنٛد زُک تہٕ جوش ییمہٕ پیٹھ پٲٹھی "گُرُیز" گَرٕٹھتھ ہؤو تِہٕ روزِ ہر ہمیشہ پھرُن۔

عآرِف صٲبَن چھِ نثرِس منٛز اَکھ زٕہ افسانہ لیکھی متیٖ۔ اَمہٕ علاوہ چھُ ییمہٕ اَکھ سَفرنامہ تہٕ کٲشرِس منٛز لیوٚکھمُت۔ یہ چھُ چیٖنس مُتلِق۔ یورِیم پانٕہ گمٕتی اُسی۔ یہ سَفرنامہ چھُ کٲشرِ زَبٲنی منٛز پننہِ قِسمُک گۄڈنیُک کارنامہ۔ یَتھ یِتھ اُسی اُمی منٛزٕ کینٛہہ حِصہ پیش کران۔

عآرِف صٲبن چھُ ٹیگورٕنہٕ ڈراما "رِتا سمیارگ" ترجمہٕ تہٕ کوٚرمُت ۔

●

سَفر نامہٕ

مرزا عارف

# میون چینُک سفر

(۱)

چنگ کیانگ چھُ چیٖنہٕ کِس مشرقس منز اَکھ لوٚکُٹ قصباہ اَکھ کیانگسو صوبس منز۔ پیکنگہٕ پیٹھٕ چھُ اوت تام ۲۶ گھنٹن تہٕ ۱۸ ہَن منٹن ہُنٛد ریلہ سفر۔ بڑہ خوبصورت قصبہ چھُ۔ یتھ شہرس منز اُسی روزان چھ۔ اَتہٕ چھِ نوٚفیشنکی بنگلہ بناونہٕ آمتی۔ سڑکہ چھ بجہ بجہ۔ بونہٕ۔ پھرِس۔ وِیرِہ۔ یارہ۔ سرو۔ کیکر۔ چھ کشیرِ ہِندی پاٹھو پرٛیتھ جایہِ۔ سڑکن چھ دُپاسے پھرِس یا بونہٕ۔ پھرِس تہٕ چھ حسابہ سان ستن اُٹھن فٹن پیٹھ ژٹنہٕ آمتی تہٕ بونہٕ تہٕ۔

ییرِژہ بونہٕ چھَینہٕ وونی میانہٕ خیالہ سارِی سے کشیرِ منز، ییرِژہ اَتھ گنہٕ سے قصبس منز دِنہٕ آمژہ چھَ۔ پرٛیتھ آنگنس منز چھَ لوکچہ بونہٕ شولہٕ مارانہٕ زیادہ کھوتہٕ زیادہ بجہ چھ اُتھ نوٚ نوٚ وُرِہ شہ۔ اَسہ تہٕ پیمَن چھَ ییرِژے فرق زہ اَسہ ییتہٕ پلہٕ تیتہٕ چھ بوٚنی ژٹتھ وُشہ نیر کران۔ یم چھ یوٚت پلیکھ تیوٚت بونہٕ رٕچھنچ کوٚشِش کران؛

مہ پرٛژھ کینژَن ڈِین موٚہنیوٚ بُڈی گژ تہٕ بجہ بونہٕ کیا زہ چھنہٕ گنہٕ جایہِ لبنہٕ یوان۔ یکیٚاہ قِصہٕ چھُ۔ اِنسان تہٕ چھ زَن سارِی نوجوانے یاتی تہٕ گژ تہٕ سارِی جوانے یاتی۔ ییتہٕ ما چھُ بُڈہ مظہرہ وونعمت۔

ییموٚ دوٚہیم جاپانو چھ سارِی پرٛانی گژ گاڈی ہتی۔ جاپانو چھُ ۱۹۳۷ ہس

منز چینس پیٹھ زبردس حملہٕ کورُمت۔ جاپان اوس چینچہ کمزوری کنُ نظر کرِتھ
چینس پیٹھ کُنہ نتہ کُنہ بہانہٕ قبضہ کرُن یژھان۔ ۱۸۹۵ء ہس منز اوسُن
فارموزاہس پیٹھ قبضہ کورمُت۔ تہٕ کوریاہس پیٹھ ۱۹۱۵ ہس منز۔ ۱۸ ستمبر سنہ
۱۹۳۱ عیسوی ہس منز کورُکھ اکھ ٹنڈہٕ کھڑایتھ مکڈانَس واقہٕ کنان چھ۔ امہ دوہہٕ کن
نے چینی سفر کرِہ ہن۔ جاپانیو اُس جنگچ پوٗرہ تیاری کرٕ مژ۔ مگر جاپانیو کوٚر تو تہٕ
منچوریاہس پیٹھ قبضہ۔ ۷ جولائی ۱۹۳۷ ہس منز کوٚر جاپانیو پیکنگس نزدیکھ جنوب
مغربی طرفس منز مارکو پولو کدٕلس نِشہ زبردس جنگی مظاہرہ۔ بہانہ کورُکھ اکھ
سپاہ اکھ چھُ غائب گومُت تہٕ وان پینگ ضلعس منز ژھانڈنکھ گژھ اُمہ اجازت
میلُن۔

یہ موٗن نہٕ چینن۔ لہذا گیہ فائرنگ شروٗع۔ امہ دوہہ اوس مارشل
چیانگ کے شک نیشنل حکومتک سربراہ۔ اُمی کوٚر اعلان :-

"اَسہ چھ ساری ہوانگ تی یعنی لیدرس شہنشاہ
سندہ اولاد۔ یمو انقلابک وعدہٕ کورُمت چھُ۔ کیاہ اَسہ
شوبہِ نا آخری دمس نام کڈُن۔ تہٕ پننس مُلکس پنُن حق
ادا کرُن۔ اَمی قوربانی سیتی ہیکو اَسہ پننس بڈس
لیڈرس ڈاکٹر سن یت سینس پیروی کرنس قابل بنتھ۔ یتھے
کنہ ہیکو اَسہ پنُن مُلک پنن زُژھین ہنز وراثت رٹِتھ
یتھے کنہ ہیکو اَسہ پننہ پننہ والین نسلن سیتی انصاف
کرِتھ۔"

"اے جنگیو! اصل وقت آو۔ اکھ دِل تہٕ اکھ مقصد

ہیچھ ٹھۄ قدم۔ واپس پھیرنہٕ نشہ کرُو اِنکار۔ منٛزہاسس تہٕ
بہٕ ذات حملہ آور گِنٛڈیوٚن مُلکہٕ منٛزٕ نیبر۔ تہٕ پننِس قومس دِیو
نوٚۓ زندگی"

جاپانیو ژاٗنٛنی پننہٕ فوج ہوٚپے صوبس منٛز۔ تہٕ پٔہار۔ شےیوان
تہٕ شانسی صوبن منٛز تہٕ پھاٗلے یہٕ۔ شنہائی صوبس منٛز سٔپُد ۱۳ اگست جنگ شروٗع۔
شنگائی شہرس اَندر ژون جاپانن اَکھ لچھ فوجہٕ۔ چیٖنی اٗسی کمزور۔ موجوٗدہ وقتک
سامانہٕ اوسُکھ نہٕ۔ ۹ نومبر پیوٚ چیٖنس شنگائی ژٲوُن۔

چیٖنس اٗس بٔڈ بٔڈ بدقسمتی خانہ جنگی ہنٛز۔ تِم اٗسی بانہٕ وانٛنی لڑان
جاپان گِو اَمیُک فائدہٕ تُلان۔ چیانگ کائی شیک اوس چیٖنکس سیٖٹھا
بٔڈس حِصس پیٹھ حکوٗمتھ کران۔ مگر کمیونسٹو اوس پنُن قدم جمٲومُت۔ تِم اٗسی
لُکن منٛز مقبوٗل ہیٚنٛتھ ہیتھ گژھنی۔

اوٚل جُلاے ۱۹۲۱ ہس منٛز اٗس کمیونسٹ پارٹی بناونہٕ آمٕژ۔ یمیُک بُنیاد
مارکس لینن فلسفس پیٹھ اٗس تہٕ کمیونزم حاصل کرُن اوس مقصد۔ گوڈہٕ دوہہٕ
پیٹھے کوٚر کمیونسٹو لُکن سیٖتھ امپیریلزم (شہنشاہیت) تہٕ جاگیرداری ختم کرنس
پیٹھ اَتھ واس تہٕ سوشلسٹ حکوٗمت بناونُک اِرادہٕ۔

۱۹۲۲ء ہس منٛز کوٚر کمیونسٹو امپیریلزمس خلاف اکھ متحدہ محاذ قایم
کرنُک اِرادہٕ ظاہر۔ تہٕ دوٚیمہ وَری یہ کوٚرکھ ڈاکٹر سن یت سینس کومن تانگ منظم
کرنُک تجویز پیش۔ ڈاکٹر سن یت سینن کوٚر یہ مشورہ قبوٗل تہٕ ۱۹۲۴ ہس منٛز ہیوٚتن
کومن تانگ نوٚو سرٕ منظم کرُن۔ تہٕ اَمہِ کوٚر نوٚو پالسی ہند اعلان۔ اَتھ منٛز اٗسی
ترے بٔڈی نوکتہٕ۔ روٗسس سیٖتھ دوستی۔ کمیونسٹ پارٹی سیٖتھ صلاح تہٕ مزدورس

تہ محنت کشس سیتی ہمدردی۔ تہ پننہ نوہ پالسی ہندہ چلاونک بھاون یہ پروگرام
ز شہنشاہیت ختم کرنی۔ جنگ جوہن ہند خاتمہ تہ زمین کاشت کارن ہنز تمہ وون
چینین زہ روس چھ تہند دوست تہ کمیونزم چھ چینین ہندین ترین اوصولن ہند
رت مددگار۔ ژتہ جہن وریین ہندہ سیاسی تجربہ سیتی اوس شہ دون کتھن پیٹھ
وچھمت۔ اکھ یہ زہ عوامہ کہ بیدار کرنچ چھ ضرورت۔ بیاکھ زہ دنی یاہ کین لوکن
سیتی گژھ اکہ مقصدہ کہ حاصل کرنہ موکھ متحد سپدن۔ ییم چینین پانس برابر زانن
ڈاکٹر سن یت سین موود ١٢ مارچ ١٩٢٥ء ہس منز۔ مئی ١٩٢٥ ہس منز
شنگھائی اندر اکھ بوڈ واقعہ۔ پرن والیو لڑکو تہ کارخانہ کین مزدورو کور
امپیریلزمس خلاف ہڑتال۔ انگریز فوجیو چلاو تمن پیٹھ گولہ۔ درجن وادہ لکھ گیہ
مارہ تہ سیٹھاہ زخمی۔

امہ حادثن دیت ساری سے چینس نار۔ پریتھ جایہ کور لکو نفرتک تہ
غصک اظہار۔ کمیونسٹو تہ ترقی پسندو کور چیانگ کائی شیک سند حکومت ختم
کرنک ارادہ۔ تمہ سمے یہ کمیونسٹ جنڈس تل تہ "پیکنگ چلو" نعرہ دنکو۔ ١٩٢٦ ہس
منز کور تمو یانگ تسی وادی ہند سیٹھاہ حصہ فتح۔ مزدورن تہ کاشت کارن ہندی
انقلابن لوب سیٹھاہ زور۔ نیشنل گورنمنٹ سپز مجبور پننہ حکومت کانشانہ پیٹھ
ووہان تبدیل کرنس پیٹھ۔

غرض کمیونسٹ گیہ زور لبان۔ تہ ١٩٢٧ء ہس منز بنوو تمو باضابطہ پنن
فوج یتھ "سرخ فوج" ناو پیو۔ ماوزی تنگن تہ چوون لین کور گوڈنیک
انقلابی اڈہ چنگ کانگ شان جایہ کیانگ سی صوبس منز قایم۔ دون وریین
اندر کرِ تمو یتھی ١٩ اڈہ قایم۔ کمیونسٹو کور سیتی سیتی زمینک اصلاح تہ

تہٕ بٔبیہٕ دِژِک مُلکَن سیاسی تالیم۔ نتیجہ سپُدیُس بنیوو شہ بنیوو پوٚرہٕ تہٕ لوکَن گوٚو یقین زِ اُتھی جمأژ سیتۍ روٗزِتھ ہیٚکہٕ اَسہِ سیاسی بغاوت تہٕ تہٕ بہتری تہٕ چنگ کائ شک گوٚو یمَن خلاف جنگ تیز کران۔ ۱۹۳۰ء پیٹھ ۱۹۳۳ء ہس تام دِژ ماوزے تُنگَن چیانگ کائ شک نِسندِس فوجس ژٕھ بڈٕ جنگَن اندر شِکس۔



شٕبنمہ جوٗن گیہ مہمان نوازی شوٗروع۔ اَکس بڈس چینی ڈالس کیٚتھ تھوو بہرَن رَس۔ یَتھ منٛز ہیٚڈر، گازر، رُوانگن، سلاد تہٕ بیٚیہ کیٚنٛہہ سبزِ یہ اَنیٚچے نَژان آسہٕ۔ چیٖنہٕ پیالن کیٚتھ دِتُن بتہٕ تہٕ زعز کھینہٕ موٗرِ تھوٚن. رکابین سیتۍ۔ ترِیشہٕ بدلہٕ تھاوُن سبز چایہٕ بَرگ تژ اوٚلتھ گرم آبہٕ گلاسہٕ۔ سیٚٹھاہ حاوِیوو اَسہٕ اُمس اُتھۍ کھورِ یو زِ ہنا اَسہٕ گوٚژھ ترِیشہٕ گلاسا، چایہٕ پیالا۔ اُمہ بوٗزِ نہٕ کیٚنٛہہ تہٕ۔ پننہِ کنہٕ کرُ اُمہ تہٕ کوٗشِش فِکرِ تارنچ۔ اَسہٕ تہٕ اُمس بوزِہ نادپنچ۔

اَتہٕ نیرِتھ آو اَسہٕ نوٚوُے دُژ یاہا بوزنہٕ۔ یَہٕ یتھ طرفہٕ ژھوٚہ یہٕ پیٚلہٕ وادَن نہٕ بُستی۔ مگر بالہٕ دامن۔ سبزی آب سورُے زَن کشیرِ ہِندین گامن ہُنٛد نقل۔ صرف اَکھ سُے اوت کیٚتھ منٛز بدل۔ سعہ یہ زِ یَہٕ یتھ قدمس پیٹھ ریلہٕ منٛز یِوت تَس تام نظر گژھان اُمس تہٕ تام اُسہ سارِی سُے نوی گلہٕ دِنہٕ آمتہٕ۔ کانٛہہ رِژھاہ نہٕ خالی۔ میہٕ دوٚپ اَندری کنہٕ کأژاہ کام چھُہ جنگلاتن تہٕ اگری کلچرن کرُمژ۔ سیتی دوٚپُم اماکنہٕ گُلس چھُنہٕ گَیِن پیوٚمت۔ کانٛہہ گُلاہ چھُنہٕ ہلیوٚمت۔ کانٛسہ گُلس چھُنہٕ لَنڈا پھُٹمُت۔ یہٕ کیاہ سُنا قِصہٕ چھُ؟ اَما بُستی چھا پیٚتُر کم؟ اما ضبط و ربط چھا؟ یہٕ سورُے علاقہٕ آسہٕ رَکھ۔ کانٛسہٕ آسہٕ نہٕ اَپارِ یکُن بنان۔ مگر نوٚتہٕ کیاہ گوٚو۔ گرِ گُنٛہ آسہٕ ہے کُنہٕ کنہٕ یوٚک مُت۔ توٚتہٕ آسہٕ ہے کُنہٕ جایہٕ گُلس

سیٹھو کوشش ہُنٛد۔ اَمہِ سیٹھو گیہٕ مہ دٕلچسپی نہٕ پأدٕہ تہٕ خوف تہٕ۔ دٕلچسپی اَمہِ کِنہِ ہِنٛز
نہٕ گژھِ رٲوٕنَس منٛز کِنہِ کُنہٕ چھُہ یِیِتھ کامیأبی گژھِ۔ تہٕ خوف اَدٕہ موٕکھ نہٕ ظأہراہ
چھُہ چینٛس منٛز سوٚت سوو نہٕ چھِہ اَتہٕ اِنسأنی لبنہٕ پیوان۔ نہٕ چھُہ کانٛہہ زٕوٕہ ذاتھچے
کُنہٕ جایہِ ظأہراہ باقے۔

چینٛس منٛز کینٛہہ کال اورٕ یور پھیرِتھ۔ اَکِس بٔنِس سیٹھو کِنہِ باگھ
کرِتھ تور مہ فِکرٕہ گژھِ رٲوٕنَس منٛز کِنہِ کُنہٕ چھِہ یِم یوٗت بُرونٛٹھ یِکوٕ ہتھ۔ تہٕ
حأرأنی چھہ یِہ زٕ نہ چھُہ اگری کلچرے گژھِ رٲوان نہٕ جنگلاتے۔ تہٕ نہ چھُہ کُنہ داکھے
تہٕ نہ کُنہٕ پھاٹکے۔ سورُے چھُہ اَتہٕ لُکَن اَتھی۔ لُکھ چھِہ پانٕے اَمہِ قسمچہ کامہِ
کران۔ صرف چھُہ حکوٗمت پروگرام بناوان تہٕ کامہِ تجویز کران۔ فأصلہٕ کرِتھ چھِہ
کرورٕ بڈی پوسٹر چھپاوان۔ اَتھ منٛز چھُہ ہدایتھ آسان۔ زٕ یِہ کأم چھہٕ یِیمہِ طریقہٕ
کرٕنی۔ گژھِ چھہ مُلکہٕ تہٕ قومہِ باپتھ ضروٗری۔ پرٕتھ جایہِ یِینتہٕ نَس گُنجأیِش آسہِ۔
سرٕکَن اَندی اَندی، کوٚلہِ بھٹِین پیٹھ۔ مالہٕ ٹینگن۔ بھٹِین بیرٕن پرٕتھ جایہِ
گژھن گژھِ نوٗنی گرٕ گیٚن گژھن احتیاط سان تھوٗنی۔ یٔلہِ گژھن نہٕ روزٕنی۔ گرٕ
گیٚن تہٕ چھہ ضروٗری تہٕ گژھِ کوٗٹ تہٕ۔ دوٕہ شوٕئے گژھن رٕچھنہٕ۔

یِم پوسٹر چھِہ نہٕ سرکأری حُکم آسان۔ یِم چھِہ مشورٕہ چالہِ آسان۔ برابر
رٕتھچے کُنہٕ یِتھ کُنہٕ اَکھ رِگٕ یوٗس گرٕہ داندلایہِ ہُنٛد مشورٕہ چھُہ کران۔ سأری چھِہ
دُروٗت ہیٚتھ۔ رٕز نکھس پیٹھ تھٲوِتھ گاش پھولہِ وُنٕے نیران۔ دٕ یِمہِ لٹہٕ وُنکُ
چھُنہٕ اَکِس تہٕ ضروٗرت پیوان۔ لوٚکٕٹ بڈی چھِہ پننہِ پننہِ کأم پانٕے سنٛبالان۔
یِی چھہٕ سأری ہے چینٛس منٛز سپدان۔ اَکِس دوٕن جاین تہٕ۔ سارِنے پنٛژہن
شیٹھن کرورَن لُکَن اَندر۔

یِمَن سرکٲرۍ اعلانٕ اندر چھُنہٕ سرزٕنکۍ خوف آسان نہ افسری ہٕندرعب و
داب۔ نہ چھُہ ینامکہٕ طمع آسان نہ چھُہ بُڑھانکہٕ بیم۔ سیٖدۍ سادہٕ پٲٹھۍ چھُہ مُلکچہ بہتری
ہُنٛد ذکر آسان۔ تہٕ کٲم کرنکۍ پروگرام آسان۔ نہ چھ کٲنٛسہٕ بیٛیہِ کٲنٛسہٕ ہٕنٛز
حونکہٕ میٛچھے باسان تہٕ نہ چھُہ کٲنٛسہٕ فرقس یا جمأژکُن خطاب آسان۔ یعنی گٔگو ونکۍ
پُروگرام آسہٕ ہے صرف گرٕ پسو سٕندہِ باپتھ۔ باپٲرس، دٲنس، ملازمس آسہٕ ہے
نہ دوہ وُن۔ نہٕ یہ چھُہ سارنۍ ہٕندہِ باپتھ گژھُن مشورہ آسان۔ یم چھ سارنۍ کارکُن
وَنان۔ چیئرمین ماوزی تونگہٕ سٕندہِ بیٛیہِ چیرأسس تام چھ سأرۍ کُنی۔ سأرۍ چھ
کامریڈ۔ سأرۍ چھ کارکُن۔

[ گُل ریزہٕ مُترِٕہ ]

# لوٗن

پوٗرٕ ناو : علی محمد لوٗن

ولدیت : عبدالرحمان لوٗن

زاسنہٕ : ۱۹۲۷ء

زینہٕ جاے : درٕ گجن سرینگر

لوٗن صاب چھ نہٕ اُردوٗ تہٕ کاشرِ یوت لیکھان مَنزٕ مَنزٕ چھ ہندی تہٕ انگریزی ییٚس منٛز تہٕ اظہار خیال کران۔ اُردوٗس منٛز ہیم ڈراما یِمو لیکھی تِمو منٛزٕ سیٹھا بیشتر ریڈیو پیٹھ نشر تہٕ کینہہ سپدی سٹیج۔ سٹیج سپدیمتین ڈراماہَن منٛز سپُد "خالوٗ جان کا خواب" بے حد مقبوٗل۔ یہ ڈراما چھُ موشوٗر روسی ادیب دوستووسکی سٕنٛزِ اَکس ناولِ پیٹھ مُبنی۔ اُردوٗس منٛز چھ لوٗن صابٕنۍ اکھ ناول "شاہد ہے تیری آرزو" تہٕ چھپیمٕژ۔ اَتھ پیٹھ چھُ یمَن ریاستی اکادمی ہُند ایوارڈ تہٕ میوٗلمُت۔

"وِز چھےٚ سأنۍ" چھُ لوٗن صابٕنُن گوڈنیُک کاشُر ڈراما۔ یہ ڈراما چھُ آل سٹیٹ کلچرل کانفرنسہِ طرفہ سٹیج

سۭپدِمُت تہٕ لالہ رُخ مطبوعات سری نگرہ طرفہٕ ۱۹۵۵ اہس
منٛز "کُنُو کیتھ" ناوچہ کتابہِ منٛز چھاپ سپدیومُت۔ یہ ڈراما
چھُ سٲہلابہ کس پوٚت منظرس منٛز لیکھنہٕ آمُت۔

کاشرس منٛز چھ علی محمد لوٚن صابنز ناول "اَسِو تہٕ
چھ انسان" تہٕ چھاپ سپدیمٕژ۔ اَمہ ناولہِ ہٕنٛز بنیٛز چھ امرناتھ
یاترایہِ ہندِس پس منظرس پیٹھ وونہٕ آمٕژ۔

لوٚن صابن چھُ ٹیگورُن مشہور ڈراما "مکت دھارا"
تہٕ کاشرس منٛز پھیرُمُت۔ یہ ڈراما چھُ ساہتیہ اکادمی ہندِ
طرفہٕ "ترِیہ ناٹک" کتابہِ منٛز سنہ ۱۹۶۲ اہس منٛز چھاپ
سپدیومُت۔

حال حالے چھُ یمو اوانتی وٲرِ من سٕنٛدِس دربارٕ
انجینیر "سُنایا" سٕنٛزِ زندگی مُتعلق اَکھ ڈراما بیٚیہٕ کھوٚت۔ سنہ
۱۹۶۴ کس سالانہ ڈرامائی مُقابلس منٛز آو یہ بہترین مُسوّدہ
قرار دینہٕ۔ یہ مُقابلہ چھُ پرٛتھ وٕری ریاستی کلچرل اکادمی ہندِ
دٕسی باگل ییوان۔

گوڈنچہِ کاشرِ فلمہ "مٲنٛزِ راتھ" ہندِ ڈائیلاگ
لیکھنک شرف تہٕ چھُ یمنے حاصل۔

لوٚن صاب چھ بی۔اے پاس۔ بی۔اے کرنہٕ پتہٕ
روٗدی کینٛژس کالس اوره یور کران۔ اَتھس لٔگ ریڈیو کشمیرس
منٛز کلرک کینٛژِ کالہِ پتہٕ ہیٚنکو ریڈیو خاطرہ سکرپٹ لیکھنٕ

چھیکرس گیہ اسسٹنٹ پروڈیوسر تبنہٕ ۔ پتہٕ ہیو دۄہ یو ؤرۍ یہ
بیہٕٹھ چھہ ریاستی کلچرل اکادمی منز ڈپٹی سیکریٹری ہندس
عہدس بیہٕٹھ کأم کران ۔ لوٗن صأبنٕ ادبی مزازٕ چھہ زیادٕ
ترٕ ڈرامائیی فنس وۄنہ دُن ۔ یمہٕنِد قلم ہیکہٕ پنزِ یا کأشرِس
ڈراماہس تہٕ سٹیجس وارِیاہ یاوری کرِتھ ۔

ناول "اُسہ تہٕ چھہ اِنسان"
علی محمد لون
چھاپ ۱۹۵۹ء

# شیشہ تہٕ گیج زوٗن

[ "اُسہ تہٕ چھہ اِنسان" ۔ ناولہِ ہُنٛد اکھ باب ]

رمضان بٲڈس اُسہ شاید از بییہٕ گرٕ دور ییمٕتۍ۔

نَب اوس الونٛدُے۔ خیمن ہُنٛد اکھ شہر اوس وارٕ وارٕ وٲران گژھان ذٕنتہٕ فاتح بیاکھ مُنزلہِ مارنہٕ باپتھ نیرٕنچ سکھر اوس کران۔ خیمہ تہٕ چھولدارٕ آسہٕ وٕسۍ وٕسۍ پیوان۔ گُرِن اوس سامانہٕ یوان لدنہٕ۔ ڈانجہٕ تہٕ زاٚنیانہٕ اسۍ تیار یوان کرنہٕ۔ حلوائے تہٕ چایہٕ وٲلۍ اُسۍ ژٕنڈن دور ژٲرٕ وتھ۔ بییس پرٛاوس کُن دور ییمٕتۍ۔ دٕرمژکہِ لاوڈ سپیکرک شور اوس ختم گومُت۔ اکہِ طرفہٕ اوس شیشرام نالہٕ وسان تہٕ بییہِ طرفہٕ اوس بیاکھ اکھ نالہٕ اورکُن لمان۔ شور کران، دوان تہٕ دوران کیدار اوس نار ژاپان۔ لطیف تہٕ پران اُسۍ اصلاح کران۔ سُدیشس تہٕ توشہِ اُس بتہٕ رنان۔ تہٕ ماسہ اُس رانہٕ کنگنۍ دوان۔ بُڈٕ لولہٕ سان تہٕ آرامہٕ سان تہٕ رأنٛز اُس یہاے برارٕ ہن ہش سٕرٕ گرٕ کرنہٕ ورأے ماجہ ہندس کوٗٹھس پیٹھ کلہٕ تھاوِتھ۔ کیدار اوس وزٕ وزٕ تھوٗد گژھان وُچھتہٕ۔ تہٕ اورٕ یور نظراہ دِتھ اوس بییہ یوٗہے گٕب ہیوٗ گژھان بِہِتھ۔

"تاوٕن زد چھس نہٕ وُنہٕ تہٕ نوٗنۍ۔"

"خبردار! چھے بأے صاٲبا۔ یتھ نا وٕہٕنۍ یوان یوٲنۍ چوب دِہس؟"

"مُسلہٕ وائِس حرام زادس"

"اَس بہٕ تہٕ وُچھ ژہٕ کیاہ کرِکھ تمِس بیچارِس!

پرآن اوس اَچھو ناٹہٕ کرِتھ کرِتھ لطیفس پیٚہ فکرِ یِژھان تارُن زِ اَز چھِہ رمضان بٹس بٹنیہِ شاہمتھ آمٕژ۔ باقے ژہٕ قُلی اَسی کیداُرن شرارت وُچھت ژھےمتھ ھی۔ دوٗر اکِہ طرفہ روٗزِتھ زَن تہٕ خطرٕ نٕشہِ دوٗر۔

. . . . . . . . . . . . . . . . .

گرٕہو دژایہٕ تھوتھنہٕ دٕنان دٕنان۔ انوٗرَن لٲگ چھولدارِین ہنٛدی ڈنڈٕ نکھس تہٕ لاریو رمضان بٹس پتےٚ۔ کیدآر، پرآن تہٕ لطیف تہٕ دژایہٕ .......

صُبحہٕ اَس اکھ پان ژادراہ وٕسان۔ سارِنی پیٚٹھے آبس اوس اَتھ بونہٕ کنہٕ چھوکھ لگان۔ تہٕ نالہٕ کین دوشہٕ وٕنی بہِٹھِین نکھہٕ اوس سفید پوٚش جمع گومت۔ پرآنن کوڈ کیمرٕ۔ تہٕ لوٚگ خبر کمہٕ زاوِیہٕ کنہٕ اَتھ پان ژادرہٕ تصویر تُلنہٕ۔

"میہ نہٕ مووی کیمرٕ۔ زیٛرہٕس شوٹنگ کرِہا۔ فلمہ والی تے زیٛر کھیٚنہِن تیلہٕ اوسُس نہٕ بہٕ پرآن۔"

"ہتا بلاے اَتھ کیمرہٕس پیٚنز۔ پکو ژیرہا گوو۔"

"اَدٕ اَمِس کیاہ چھُس۔ یہٕ چھُس شہزادٕ کیمرٕ ہیتھ دربدر گومت"

"پکِہا دوٗنی صُبحہٕ ہا چھُس پیٚسو کھاٹی"

"پسو گھاٹی اَسی زیٛس نہٕ وٕنان۔ دٕپان اَسی زٕپیش۔"

"او صُبحہٕ ییٚلہٕ پیٚشس بٲنیس کھٕسُن۔ اَتی نٕنِس گژھ کھۄر چھُو؟"

"پرواے نہٕ۔ اَسی کھٕسو پیٚشس۔ تہٕ تمہٕ پیٚہ بروٲتوس تالہٕ پیٚٹھہ۔"

"وُچھو دوٗنی"

پستہ گھاٹی چھےٚ اکھ بٔڈ ہیر ہِشہٕ بالہٕ ہٕن۔ بال چھےٚ تٔزکٕر۔ چڑھاے چھ
سیٹھاہ مُشکل۔ لوکٹ وَتہٕ پٔود اکھ اکھ چھۄ اَتھ منز بناونہٕ آمٕت۔ پہاڑہو گُرِ
ڈانجہ تہٕ سوار تہٕ پیدل پکن وٲلۍ ہیور کھسان چھ یا اورہٕ پنہٕ وزہٕ بوہن وسان
چھ۔ وُنی کیس اُس اتھ وَتہٕ پٔدرس پیٹھ ساسہٕ بٔدن لوکن ہنز اکھ زبٹھ تہٕ
زاوٕج قطار ہیور کھسان۔ زن تہٕ خبر کتہٕ ریٔپہٕ ادل نمودار گومٕت تہٕ ریٔپہٕ آسہ
اکھ اکس پتہٕ لأنہٕ پکان۔ اتھ لأنہٕ منز اُسی انسان ریٔپہٕ ہیو بوزنہٕ یوان۔ تہٕ
گُرِ اُسی پھیے کنہٕ پھلین سوٗنبہ ہاسان۔ ناچھ اوس توٗت تہٕ یاتری اُسی وزہٕ وزہٕ
تریشہٕ بوتلہ اُسن سیتی لاگان۔ اَرکھ دوٚہتھ راوان۔ دَم ہیوان تہٕ پکان۔ چڑھاے
اُس پٔتھ کرِ پیٹھ زہٕ پان نومہٕ راٚوِتھ تہٕ کمرس اتھ دِتھ اوس ہیوان کھسُن۔

ڈانجہ موٗزوٗر۔ اُسی سُلہٕ دزاہتی۔ تہٕ یمن پتےٚ اُسکھ گُرِ وٲلۍ تراوی ہتھ
مگر دوہ کھلہٕ پکن وٲلۍ تہٕ اُسی دوہ نی یمن نزدیک تہٕ تہٕ تمن بُروٚنھ دزاہتی۔ لطیف
اوس بیٔبہٕ اکہٕ لٔٹہٕ پنٕنہ ہن باچھن نِشہٕ ژھینہٕ گومٕت۔ اُمس اوس زورہٕ زورہٕ پھوٚر
دوہتھان۔ حالانکہ اعزاتھ گژھنہٕ بُروٚنھ اوس یہ تقریبن اکس رہتس برابر دوہے
سلیمان ٹینگس اَمہٕ سببہٕ کھوتمٕت زہٕ پہاڑی سفرس گژھس نہٕ تکلیف۔ مگر کٔجا
سلیمان ٹینگچ سبز تہٕ کھۄٚ وَتھ تہٕ کٔجا پستہ گھاٹی ہنز یہ لوکٹ موکٹ ہیر
یہسہٕ خودا صاینہٕ کانٛی تانی واتان اُس۔ اتھ ہیر کھسان اوس لطیفس
زورہٕ زورہٕ پھوٚر دوہتھان۔ گمہٕ سِران اوسُس گومٕت۔ تہٕ یہ اوس مُنزی مُنزی
وَتہٕ پدہٕ ڈٕرلیتھ کنہٕ کنہٕ جایہٕ پلس پیٹھ بیہتھ تھکھ کڈان تہٕ اورہٕ یور نظراہ
دوان۔ بونیم نالہ اوس دوہ نی اکھ نالی ہِش باسان۔ ترو طرفہٕ اُسی تھدی تھدی
بال دوہ دنہٕ۔ یمن ہند دامن رنگ برنگی پوشو، سرسبز درمنہٕ تہٕ خوبصورت گلیو سیتی

جرنہٕ اُسی آمُت۔ رپئنو گھاٹؠ تہٕ اُسی سارۍ وتھراوِتھ۔ رنگ برنگی پوشہٕ
جافرؠ پوش ہؠ۔ ہمندرِ پوش رہو۔ سبزٕ پوش ہیو۔ یورکُن نظر اُس پلان۔ پلہٕ اُسی بڈٕ
بڈٕ۔ تہٕ کتہٕ تہٕ آسہٕ پوشہٕ تیٚ ہندۍ پاٹھؠ رنگ برنگی۔ اکھ سبز۔ اکھ نیجہ۔ اکھ
وزٕج، اکھ کرٕہنہٕ، اکھ سفید، پنٕہٕ پوپٕرۍ اُسی پوشن منز وۄتھان بہوان،
کُنہٕ کُنہٕ اوس کانٛہہ کاو تہٕ بئیہٕ کانٛہہ جانوار اوچھہ ہیتھ تھوٚد گژھان
وۄتھتھ تہٕ کرٕیکہٕ ہنا کرِتھ اوس کُلین کٹین منز بئیہ گژھان۔ ہوا اوس زورٕ زورٕ
ڈلان۔ خوش پٕوٚن ہوا۔ مُشکہٕ بۄرت ہوا۔ یُس کوٚٹھن نوٚو زندگی تہٕ کاروانس
نوٚو قوت بخشان اوس۔ تہٕ کاروان اوس پکان۔ ہیٚور ہیٚور، ہیرہٕ پاوۍ سٹے کران
بئیلہٕ کُنہٕ چڑھائے زیادہ پہن مُشکل اُس باسان۔ یاترۍ اُسی کرٕچھ دوان۔

"امرناتھ والے سوامی کی جے"

تہٕ ترین پہاڑن منز ہاگ اوس گریز دوٚہتھان۔ سُہ گائیڈ یُس
بنگالی یاترین واپس گژھنک مشورٕ اوس دوان۔ یہوو ہنگہٕ منگہٕ لطیفس برونٛہہ
کُن وُاتھ۔ تہٕ بیوٚ نٕٹس وٚنہٕ تہٕ ——— "کیا سائیٚ تھکہٕ گئے؟"
اہن سائیٚ گژھس نا تھکُن"

. . . . . . . . . .

لطیف وۄتھ تھوٚد۔ تہٕ وۄتھان وۄتھانی کوڈُن چندٕ منزٕ
سگریٹ ڈبہٕ۔ اکھ دِنُن سائم چینٛچس تہٕ بیاکھ زولُن پانہٕ۔ تہٕ لوٚگ قدم دِنہٕ
سام چینٛچہ اوس اُمس تھلہٕ تھلہٕ وُچھان۔ تمی اُسی واریاہ یاترۍ وُچھمتۍ مگر
یتمس ہیٚو نہ کانٛہہ۔ سُہ اوس یتھہٕ کتھہٕ پیٹھ تہٕ حیران گژھان زِ اما یہ جوان
کیا زِ چھُ میہ سیتۍ یِژھ ہمدردی کران۔ میہ آلو کڈان۔ میانۍ حالات

بوزان - اَمِس کیاہ سُنا چھُ مقصد اَمہ تلہٕ ؟ یہ کیاہ چھُ پرٛژھان - زانہٕ خبر داہ کیاہ دلیل آسہٕ - بیاکھ اوس لطیف تہٕ سوچان - پکُن چھُ کُنُن - پکُن چھُ مَنزِلہ مارُن کیازِ ؟ کیازِ ؟ کیازِ ؟ نب اوس صاف - صرف اَمِس پسٕو گھاٹہٕ چہ تالہٕ بیٚہِتھ وُنُل ہِش - یعنی زَن وارہٕ وارہٕ بوٗن وَسان اَمِس تہٕ یتھ منز یہ لوکُٹ وَتہٕ پوٚد غائب اوس گژھان - نہٕ انسانَن ، گرٛین ، زانیانَن تہٕ ڈانجَن ہنز یہ زیٚچھ قطار راوان اَس - رتھے کنہٕ یتھ کنہٕ وُنی کیٚس لطیفنہٕ خیال اَکِس خاص نوقطس پیٚٹھ دأرتھ راوان اَسی - کیازِ ؟ کیازِ ؟ کیازِ ؟ — اشتیاق نوٚو جایہ وُچھو نہٕ - سفر کرُن ، تکلیف تُلُن ، تھذرس کُن لمُن -

تھزٕر — یُس اِنسانَن دوٚہے پوٚژھ !

تھزٕر — یمی انسانَس پکھ اَنہٕ !

تھزٕر — یمی انسان جہازہٕ بناو نوو !

تھزٕر — یُس انسانَس زوٗنہٕ تانی وانہٕ ناوِ !

تھزٕر — یُس انسانَس تارکَن منز مارکہٕ لاگہٕ ناوِ !

تھزٕر — یُس اِنسانَس پسٕو گھاٹہٕ کھارِ !

تھزٕر — یُس انسانَس امرناتھ ریٚیہ !

تھزٕر — یُس تِمِس اَکِس نبہٕ نبہٕ کرہٕ وُنہٕ مورتی برٛونٛہہِ کنہٕ سجدہ کرہٕ ناوِ - انسانَس آیہ پکھ - تِمی بناوِ جہازہٕ - سُہ چھُ زوٗنہٕ کھنیچ سکھر کران - سُہ چھُ تارکَن منز مارکہٕ لاگنکی سنز کران - سُہ چھُ پسٕو گھاٹہٕ کھسان امرناتھ چہ گوپھہِ وَسان - تہٕ مورتی برونٛہہِ کنہٕ نمان - سوکھان تہٕ شانتی لبان - مگر سام چینچٕنی چھوکہٕ لدٕ کھور ؟

بھژر چھ پستی !

پُستی چھ بھژر !

اِنسان چھُ وُڈان۔

اِنسان چھُ عرشس کُن لمان۔

اِنسان چھُ فرشس پیٹھ ڈُلِہ گژھان

زوٗنہ تھپھ رِنہٕ والیو

زمینچ تھپھ وتھرِوِہ نہٕ زاہ !!

وُنۍ ہیٚنژن ووٚنۍ وارہٕ وارہٕ بوٚن وٚسنۍ۔ دوہ نہٕ ہیٚنوتن ڈلُن۔ لطیفنٕ دِماغ نہٕ آو خبر کتھ وُنلہٕ ہِندِس گیرس بجِس منٛز وٚلنہٕ۔ اوٚہنٛد رِدل لوٗگ زورٕ زورٕ بیٚیہ دزنہٕ۔ عرق ووٚتھس بیٚیہ سأری پانس سٕژان گران۔ روٗمال آیہ عرقہ برنہٕ۔ بونہٕ گیہ خبر کتہ دوٗر کژھکھ۔

"یا پیر"

"دستگیر"

اَمہ پتہٕ ووتھیوو باتری ین ہُنٛد یہ نعرہ

"ہر ہر مہادیو"

. . . . . . . . . . . .

داوہٕ جِن واتان واتأنۍ وُژھ کوٚہو پیٹھ وُنل۔ تہٕ وُچھان وُچھان پننٕ سورُے آورتھ۔ اَمہ پتہٕ ترُووُن زبردس ہوا۔ تیٚہرہٕ اَلہٕ اَلہٕ ژابہ سارِنے سرکأری پہرن پیٹھ اوس چھپرہ والیو شُلی قبعنہ کوٚرمُت تہٕ اَمہ پتہ تے کانٛہہ چھپراہ بچمُت اوس۔ تتہٕ اُسہ گوٚسأنۍ۔ بڈوٚ نہٕ بچہ تہٕ بیٚیہ کینٛہہ نفر

اَلاوَن اَندر اَندر بہیتھ ۔ پننہِ تیرہ نےمتی پان وُشہ ناوان ۔ باقی یاتری اَسی پیتھے کُنہ الٲندِ تہٕ اَمی سببہٕ اَسہِ یہاے اَفراتفری ہشِ پِچے رٔژ ۔ وکھ اوس تیٚر آمُت ۔ چھولدارہ تہٕ خیمہ اَسی اونکھرٕ جونکھرٕ کھرٕٹا پوان کرٕنہٕ ۔ سارِنے اَسی تیرہِ کَنڈر پھُٹمِتی ۔

. . . . . . . . . . .

چھولدارِ لُجہ ۔ الاو لُگی جمکہٕ جمکہٕ کرنہٕ ۔ وُنِل موکلے یہ ۔ نب گو صاف تہٕ زوٗن دراپہِ یہاے زَن دوہہ سیٹھا زَن پان چھَلِتھ ۔ گرٕی اَسی سارٕی واہ جِنُس منز اودرپویر پھیران ۔ ہَنہٕ دوان ۔ گھاسہ کھیوان ۔ کاروانک اکھ اَند اوس وُنہٕ تہٕ کُدلیہ ہنیور ٹران ۔ مَنزی وَس دول نالہٕ اوس نزدیکہٕ پیٹھے گژھان ۔ واد جنہٕ بیہ نہٕ کُنہ اوس شیشہٕ ناگ زوٗنہٕ گاشس منز گاہ ٹراوان ۔ خاموش پُرسکون ، پُر اسرار ، حسین ، اکھ بے رنگ کرُتھ ۔ اکہ نوٕ دل کشی سیتی بُرتھ ترٕیو طرفو آسہ بالو پیٹھ پال ژادرہ وٕسی وٕسی امہٕ کین کھورن میٹھو کران ۔ کوہ تینتالیس پیٹھ اوس شین رہ بیچ پاٹھو چمکان ۔ تہٕ شیشہ ناگس منز پننی گاہ ٹراوان ۔

زوٗن

شیشہ ناگس

گلیشر

یال ژادرہ

کلیو کٹھو روٗستے بال

عجب بال

ریم دوٚہلہِ اکہِ رنگہ آسہِ تہٕ وُنیکس بێیہ رنگہٕ

پہٲنژَن نالین پیٚٹھ اوس شیٖن چمکان

پہٲنژَن کھونین منٛز شینہٕ خرمَن آسہِ

خبر کرٛن وٲنسَن ہُندشیٖن

یُس نہٕ زاہ تہِ ختم گژھہِ

یُس نہٕ زاہ تہِ ختم گژھہِ

ییٚتھی شیٖش ناگَس یاوُن بخُش

ییٚتھی شُشرم نالَس روأنی دِژ

ییٚتھی کشیٖرِ ہٲندی خبر کێتھ کھاہ سگہٕ نأوی

ییٚتھی کشیٖرِ ہٲندین لچھہ بدین لوٗکَن کھین دِیُت۔

لطیٖف ہین اُچھَن منٛز وچھَلیوو شیٖشہ ناگ وُچھِت ایحسان منٛدی ہُند اکھ ایحساس۔ اطمینانُک اکھ ووٚش ترٲوِتھ دِژ تمی تہمَن شیٖنہ بالَن، پاں ژادرَن تہٕ زونہٕ گاشَس کُن نظر۔ خوٚشی ہُند اکھ جذبہ۔ تفرُک اکھ ایحساس گنیوو اُمِس رُمَس رُمَس منٛز۔ تہٕ سفرُک سورُے تکلیف موٗٹھُس۔ سہٕ گَو بێیہ اَکہِ لَٹہٕ تازٕہ دَم۔ تہٕ اَز پێیہ تمِس رٕژ دوٚہہ گوٚب نێندرٕ۔

# شُیّا — ڈرامہک اکھ سین

اکھ :- یُتھ ہے چھا؟

بیاکھ :- اہنٛ ۔ یُتھ ہے ہا چھے۔ وارٕ وُچھنوٚ

اَکھ :- وُچھان ہا چھُس۔ اَدٕ یِیمِس چھا وُنۍ کینہہ ساٚری تان ہا چھس بروبر دَپھ کوڈ چھُس نٕ۔

[ شُیّا چھ حاٚران گژھِتھ یِمَن کُن وُچھان۔ مگر وَنان نہٕ کینہہ ]

تٕریشِم :- بہٕ ہا چھُس سوچان۔ یِمہٕ نادان کیاہ آسہٕ یہٕ پاٹھشالایہ منٛز سانین شُرین

اَکھ :- یِہاے فائِدٕ ٲزی تہٕ بنیِہ کیاہ۔ دراصل اَمِس بچارِس پننٕ کوڈ مہ کلیوٗمت سانین شُرین کیاہ پرٕ ناوِہ۔

بیاکھ :- دَپان ہا چھُوٕ بہٕ رٕژ وینہہ ژٕرِ بچہٕ ہش مہٕ چھ منٛز۔

تٕریشِم :- ( شُیّاہَس نکھ گژھِتھ ) تی ساہے بابا؟ تلہٕ ساپنہٕ مہ لٹہٕ مُژہٕ راو بہٕ وُچھ ہا۔ کانٛژاہ بَڈ چھے۔ تہٕ وینہہ واتیا اَکھ منٛز؟

[ تٕریشِوے زٕنٛی چھ زورٕ زورٕ اَسان ]

اَکھ :- رازہ اونتی ورمن پانہٕ پریشان۔ زٕ یِیُس کیاہ کرٕ۔ یِہ چھُس دَپان۔ ( اداکارۍ کران ) ہی رازٕ! ژٕ مہٕ برٕ غم۔ مہ دِہ آگیا۔ بہٕ ہا دَے وینہہ

کِتھ کَنہٕ اَمنہٕ چانہِہ ژٕرنہٕ تَل !

[ بٕنیہٕ چھہٕ زورہٕ زورہٕ اَسان ]

پاگل !

ربیاکھ :- مۄت !

ترٕشیم :- جلوٗنی !

[ بٕنیہٕ چھہٕ زورہٕ زورہٕ اَسان۔ اُتھۄ مَنز چھہٕ چنڈال تہٕ چیندر کانتا اندر اژان۔ چنڈال چھُ سیاہس بُتھ روزان۔ تہٕ پیمن ترین زنہن وُنان ]

چنڈال :- ہتا ہتا ہیتھو یارٕ۔ کائتیاہ بے انصاف چھوٗ۔ تُرس تہٕ چھُوہٕ یژگرٕ ھان کوٗر نوٗہ کیاہ۔ وُنہٕ تہٕ چھوٗس بہٕ دِوان پکہٕ رہٕ۔

اَکھ :- اوہو۔ ماجہ گوٗبرس آیہ ماسٕج پکھ کرنہٕ۔

بیاکھ :- زنانہٕ تہٕ ہا چھٕنس اَنہٕ ہُرٕ مُدّس۔

[ ترٕیشوے چھہٕ زورہٕ اَسان ]

چنڈال :- ہی بٕگوانہٕ ! پیمن دِہ عقل۔ تہٕ یہنٕس دِم صبر تہٕ ہمت !

ترٕیشیم :- عقل ژھارہی اَمہِ سندی باپتھ۔ نتہٕ چھُے یہ یتیمہٕ نگرٕک سارے وُے کھوتہٕ بۄڈ پاگل بنہٕ وول !

[ ٹھاہ ٹھاہ کرِتھ زورہٕ زورہٕ اَسان ]

چنڈال :- ( شیاہس کُنہٕ پھیرِتھ ) پکھ نیرہٕ گرٕہ۔ وُچھان رِکھو چھُک ہانکل ہیوٗ ؟ پکھوٗ !

شیتا :- ماجی ! دی پیمن اَسنہٕ تہٕ ٹھٹھہٕ کرنہٕ۔ وُنہٕ نہی بہٕ چھُس پاگل۔ مۄت

تہٕ چلوٕنی! مگر بہٕ ہاوٕ یمَن اَکہ دوہہ زہٕ پاگل کُس چھ۔ یِم ہیٚتھ رٕکنہٕ بہٕ؟

اکھ:- اُہُن سائے۔ اُسی چھ پاگل۔ بلاے لگے۔ یُتھ نہٕ دوہنی پاٹھشالاہ منز شُرِین تہٕ یٚنہِ ہیٚے پاٹھٕ دِکھ نہٕ۔ بہٕ کرٕن وٕیتھ قوبوٗ۔ تہٕ بگوانہٕ سنٛزِ مرضی خلاف ہیٚکہِ اکھ موٗنُس تہٕ لٔڈِتھ۔

سیتا:- یہ چھنہٕ بگوانہٕ سنٛز مرضی۔ زہٕ اُسہ گرٕنٛدھو دوہہ ہے یُمین ہندی شکار۔ یہ چھ سائنی بے وقوٗفی!

بیاکھ:- نہ سائے سائنی نہٕ کینٛہہ۔ ہرگاہ آسہ تہٕ تیٚلہِ آسہ چائی (بیٚینَن کُن) ہے پکو وٕو یارٕ۔ پکو وٕو پانس۔ ٹلہِ اُمِس مُتس سیتہٕ دِکھ راوہ راوٕن۔

[ نیراں چھ ]

چندٕ لال:- سیتا۔ پکوٗ نیرو دوہنی۔ اگر یمَن پنٕنہ ہَن آیی۔ یِم ہا لایہٕ نے!

سیتا: ہاجی۔ دوہنی ناے!

چندٕ لال: رٕکھو چھکھہ وٕنان۔ ژٕندری زٕرے وٕنہ سی۔

چندٕر، پکو نیرو دوہنی گرہ۔

سیتا، رٕکیُتھ گرہ، کوٗہ ہنٛد گرہ؟ بہٕ ہیٚکہِ نہ دوہنی تور گرٕتھ ہیتھ۔ میہ کوٗر برٕو نیٚنٛھے واریاہ زٕیر۔ دوہنی گوو غلط۔

چندٕر:- (وٕدٕن باکھ ژٕھٕتھ) ماتاجی۔ یِم ہیٚے وٕنان؟

چندٕ لال: (آسمانس کُن نظر دِتھ) ہیا نہٕ بگوانہٕ! آخر بوٗز مُتھ زٕہ میون!

چندٕر:- ماتاجی!

سیتا: ژٕندری۔ میہ ہیٚے پھٕڈراوٕ ہانکلہٕ۔ دوہنی کرٕ نہٕ میہ کانٛہہ تہٕ بنٛد!

چندٕر: میہ کُس تراوُکھ؟

شُیا: ژِہ کر اُسکھ میانٛہ ژٔندری ؟

چندر: اَدِہ کٔہنز اُسِس ؟

شُیا: تِمِس شُیاہ سِنزِ یُس اُدر اَدر موٗد !

چندر: ( کرٛیکھ دِتھ ) بگوانہٕ !

شُیا: ژٔندری۔ اگر ژٕ یہ میون سٕزِ یہہ چھےٚ۔ لول چھےٚ۔ تیلہٕ پٕژار میہ۔

چندر: کتھ پٕژارے ؟ ژِہ کوٚت گژھ ہم ؟

چنڈال: ژٔندری ! اُمِس ہےٚ چھےٚ زیٹھِ زیٹھِس سفرس پیٹھ گژھن ؟

چندر: کتھ سفرس چھُس گژھن ؟ میہ رٕنیہ نا سیتھو ؟

چنڈال: ژٕ یہ رٕنیی سیتھو تہٕ میہ کٔس نشہٕ ژٕاوہ ؟

چندر: ماتا جی۔ ژِہ رکژھے ماتا پھکھ۔ دوٚن چھکھ جُدا یی کران تہٕ اوٚشس پھیوٗر نہٕ چھےٚ نہٕ ریوان اُچھن۔

چنڈال: واریاہ کال وٕدِتھ روٚدِتھ وٕاٹِس بہٕ یِتھو نتیجس پیٹھ زِہ شُیا روٗک اُسِہ از تاٛنی۔ اُمِہ اپور روٚکھن گٔو اُمِس سیتھو انیاے کرٕن۔ ژٔندری۔ میہ ژٕاد گوٚڈہٕ اُمِس پیٛٹھ نہٕ ممتا یہ ہٕنز ہانکل۔ دوٚیم دیوہ پیٛٹھے کٔنہ باز ییہ۔ مگر اوٚ ہند آکار تہٕ انہار وُچھِتھ توٗر میہ فکرِہ زِہ میہ کوٚر وُڈہٕ وٕن پاٛز بنٛد۔ پتہ کوٗرمس ژٕ یہ سیتھو کھاندر۔ یہ زاٛنِتھ زِہ بیاکھ ہانکل گژھِس ناٛلی۔ مگر میہ باسیوو زِہ اُہنز آتما روٗز تو تہٕ کٔریشان تہٕ پریشان۔ اُمِس میوٗل نہٕ سعہ کھ۔

چندر: ماتا جی ! باوٕن چھُم عاٗب ہیوٗ باسان۔ دِتھ یہ ژٕ یہ سوٗچُت تہٕ سوٗچُت غلط۔ بہٕ یوٚدوے ژٕ یہ ہانکل زاٛنی تھٔس۔ مگر ژٕ یہ ما توٗرُوے زانٕہہ تہٕ

فِکرِ میہ اُس پھندِ لوٗچ ہانکل اتھ ہارہ پانہٕ پیچھے ناگی گاہ مژ۔ ماتاجی
میہ کوٗر پننٕ سورُے پان پھندس ژٕرٕنن فِدا۔ سورُے کینہہ کوٗرم یمن
حوالہٕ۔ وۄنی ہیم نیریتھ کہندٕ آشہ روزہ زِندہ؟

ستیّا: (رُوہبہ سان) چندر کانتا! ماتا جی! بہٕ چھس نہٕ وۄنی ہیمہٕ کیتھ بوزنہ
یِژھان! یمن کتھن مژ چھہ ژُھری جذبات۔ مایہ تہٕ لوٗکچ بھاو۔ مگر
میہ چھُ اُمہ اورنہٕ یتھ سمارس کینہہ دِیُن (سٹیجس مژ یتھ بٔڈہ
جلالہٕ تہٕ شانہٕ سان) نتہٕ کیاہ کرنہٕ آس بہٕ یور؟ ژٕنہ چکراوس نانہٕ تہٕ
میہ پوٗرہ گوٗمت؟ ماجی! نیرکرہے وۄنی تہی گژھ۔ تہٕ میہ دِیو آگیا!

چنڈاٗل: نا یتھ کُنی چھا گژھان؟ پکھ گژھ یہ گوڈٕ۔ ساتھ وُچھتھ نیر۔
پوٗزا پاٹھ کرِتھ نیر!

چندر: اَدہ کیاہ ییٚلہٕ تمہ ہہ فاصلہٕ چھُوٗہ کوٗرمت۔ ییٚلہٕ نیرو۔ مگر گژھ بیچھے نیرو۔

ستیّا: (چندر کانتایہ نِش گژھتھ) ژٕندری! ہرگاہ بہٕ گژھ گژھ۔ تمہ لبہٕ نے
ژٕاوَن نہٕ میہ پتہٕ۔ تمن لگن مُہند لول۔ تمہ آنگنک اَآر۔ تہٕ تمتھ آنگنس
مژ روزن والین لُکن مُہند مژہہ ہے ژٕاوہ میہ بیٚیہ اکہ لٹہٕ ہانکل۔

چنڈاٗل: ستیّا! بنی کیاہ ژٕیہ۔ اَسہ چھکھ پرٛژھ جاٗری کتھ کرِنس ٹھاک کران۔ تہٕ
پانہٕ چھکھ ترٛشے کتھ کران۔ ہمو ستی اُکس ماجہ اوٚش پھٹہٕ۔ نہٕ اُکس
آشنہٕ واہ گژھ درستھ۔ اَدہ با۔ مہ یہ گژھ۔ مگر قرار کر۔ اُسو ہموے پوٚت
کھوری واپس۔ تو تہٕ نہٕ کانہہ کانہہ چیز پانس ستی۔ سفر چھُ گوٗڈر۔ وَکھ
چھُ ژٕہیٹھ۔ خبر چھا کوٚت کال لگی؟

ستیّا: زانہٕ بگوان۔ دپھ ماجی۔ وَکھ لگہٕ داریاہ۔ ساٗرے ویتھ چھِم ژٕھنڈنی

اُمکو اَندٕ رٕ ٹِکھو کام چھم وُچھنہٕ۔ اُمیٚک سوٚن ومہ گُن چھم وُچھن۔ ساٗری ہیٚے چھم سام ہیٚنو مائجی۔ ساٗری ہیٚے۔

چنڈائل: یہٕ نا یہٕ سورُے کراں کراں ژٕندرٕ مشورٕ آدہٕن ؟

سُتیا: مائجی۔ گاٹیچ مے آس لاگان۔ پزٕ ھ۔ دراصل اوسُے وَنُن۔ یُتھ نا بہٕ مَشے؟

چنڈائل:- (اَسنَس تہٕ وَدٕ نَس نکھ نکھ) چاٗنی اُمی گاٹہٕ جارٕن کوٚرمیہٕ دہہ ہیٚے دُژیوٚت۔ گراہ دوٚہم۔ آسکھ گاٹُل تہٕ اَتھ منز کیاہ۔ گراہ سوٚنچھُم تہٕ شُرُکھ چھنہٕ ہیٚکو گاٹلی آسان۔ تہٕ ہرگاہ آسان تہٕ چھ۔ توتہٕ چھنہٕ ترٕ ھ کتھ کران پزٕ ھ ژٕہ لوکہ چارس منز کران اوشکھ۔

چندرٕ: تہٕ ہیمو کتھو بہٕ چاٗنس زانَس وٕچھس۔

سُتیا:- اوہو۔ ہیٚرژٕہ وِہ تہٕ ہہ بٕنیہ ترٕ شے کتھ کرہٕ۔ بگوانہٕ سَندِہ یاسہٕ مے ژاوِیہ میہ بٕنیہ شکس منز! ژٕلے نیرٕو۔ تہٕ میہ تہٕ دِیو نیرنہٕ!

چنڈائل: (چندر کانتایہ شانَس پیٹھ اَتھ تھوٗ تھ) پکی ژٕندری۔ اَسہ ہیٚے ہیمو اورے پھیرتھ وٕلی وٕلی!

[چنڈائل تہٕ چندر کانتا چھ نیران۔ سُتیا چھ کینژہن ہٕزن ہمن کُن وُچھان۔ تہٕ پتہٕ چھُ خوشس گژھتھ کژھ دوان]
پنن یار

سُتیا: ہی بگوانہٕ! اُخر ووت سُہ سَمے! اُخر واٗژ سوہ گرٕ! میہ میٚلہٕ ومہٕ نی کرتمیہ پوٗرہ کرنک موقہٕ۔ یہٕ زَنمہٕ پراٗوتھ یُس کام میہ کرٕنی چھ۔ سوہ کرہٕ پوٗرہ۔ تہٕ یہٕ نگر۔ یہٕ دیشس کرٕن آباد۔ وہتھ چھ میہ پزاران۔ وُنیٚتھ ہُند آگرُ چھُ میہ پزاران۔ مہادیوس چھُ میہ پزاران۔ ہی بگوانہٕ! میہ دِہ ہمتھ تہٕ حوصلہٕ۔ میہ دِہ شکتی۔ یُتھ زٕ بہٕ پننُ آدرش

پننہٕ مقصد تہٕ پننہٕ خواب پوٗرہ کرہ۔ ہے بگوانہٕ !

[ گگر زِہ گنڈِتھ اُچھ وٕنِتھ تہٕ کلہٕ نومرٲوِتھ
چھ کنھ تانہٕ شکتی نمسکار کران۔ تہٕ کینٛہہ برتھوی
اُتھو پوزِس منز روزان۔ بیاٲر چھ سوٗتر دھار
اژان۔ تہٕ سیتاہس وُچھتھ چھ وِنگہٕ نکھے رٲوِتھ
زَن گژھان۔ سیتا چھ وارہ وارہ کلہٕ تھوٗد تُلان
تہٕ اَچھ مُژرِہ راوان۔ اُمس چھ سوٗتر دھارس کُن
نظر پیوان۔ تہٕ دوشوے زَنی چھ اکھ اکس کُن دَر
نظراہ کران۔ سوٗتر دھار چھ بُرونٛہہ پکنہٕ پیوان۔
تہٕ سیتاہس کُن تھر کرِتھ وودنہٕ روزان سینس
پیٹھ اتھہٕ زِہ تھوٗوِتھ۔ سیتا چھ کلس کشان
زَن تہٕ کینٛہہ چھُس ونن۔ مگر وٕنِتھ چھنہٕ ہیکان ]

سوٗتر دھارا: ممتا تہٕ لول سورُے چھ مایا۔

سیتا: مایا۔ مگر کاژاہ لوٗبہ وِنی تہٕ شوٗبہر وِنی۔ یہ مائے تہٕ نہٕ آسہ۔ یہ سمہ سار
کتھ کنہٕ چلہٕ ؟

سوٗتر دھارا: (تس کُن وُچھنے بڈِہ رعب سان) ژٕ کیاہ سمہ سارس سیتو توتہٕ؟

سیتا: کیا زِہ بہ آس نا سمارس ؟

سوٗتر دھارا: اَوِہ باپتھ نہٕ زِہ ژٕ گژھکھ نے ممتا یہ تہٕ لولہٕ چھ ہانکلہٕ تالی گژھن نہٕ۔

سیتا: ہرگاہ نے تہٕ گیان آسہ ہیم، یمہ ہانکلہ آسہ میہ پوشہ مالہ زن باسان!

سوٗتر دھارا: ژٕ چھکھ کھتے یاژِہ کرنہٕ۔

ستیا:۔ زٕ چھس بگوانن دِژ ہرش۔ یُتھ زَن منتُس ہیٚنز بھاو نٔنی کڈہ۔

سوٗترد ھار: بگوانن چھَ نرِ زنگہ دِژہ مژِہ۔ یُتھ زَن کینٛہہ کأم کار کرِ منتُس۔

ستیا:۔ یُتھے یوت نہٕ اکھ دِل دِیتمُت۔ اکھ دماغ دِیتمُت۔

سوٗترد ھار: چون وَنُن چھُ پوٗز۔ مگر سمے چھُنہٕ کأنسہ پرٛاران۔

ستیا: غلط وونُت۔ تَس ہیوٗ مہہ پرٛارُن! ییتِس کالس مہہ نوٗو زنمٕ پرٛوٗو ہیں!

سوٗترد ھار: ییٚتھ ژِہ زٕنمہ زٕنمہ یُن تہٕ اکھ یوگ وَنان چھُکھ۔ سُہ چھُ اکھ اُچھ ٹینٹھ وہر۔ بنیہ نہٕ کینٛہہ۔

ستیا: آسہ۔ مگر اُسہ انسانن باسان زن تہٕ اکھ یوگ گوو پوٗرہ۔ اکھ واٗنس گٔیہ ختم۔ سمہ سارُس منزٕ یُن۔ ییتہٕ ییتھو رتی یا ییچھو کرم کرِنی تہٕ مرُن تہٕ سورُے چھُنا وَکھ کھیوان؟ یہٕ تہٕ چھا اَدہ مایا؟

سوٗترد ھار: ستیا۔ بَس کر۔ کھتھوٗ تلہٕ نیرِ نہٕ کینٛہہ۔ نیر ژِیر گژھی۔ وَکھ چھُنہٕ کأنسہ پرٛاران۔

[ سوتر چھا نیران۔ ہورہ چھ چنڈأل تہٕ چھنڈرہ کانتا پوان۔ دمہ شرِنی چھَ ہقالَن منز پوٗزا یہٕ ہنز سامگری دمہ شوٗرے چھ سیاہس وارہ وارہ بلایہ لگہ نہٕ کہٕ اندازہ ٹیوٗک کران۔ نرِہ آلوان۔ تہٕ جعفری پوشس آلوان۔ ]

چنڈأل:۔ گژھ بگوان کرِ نے سہ پھل۔ ہمتھ دِیہ نے۔ حوصلہ دِیہ نے۔ تہٕ پیٚنزٕ کأم اَند واتناونچ شکھتی دِیہ نے!

ستیا:۔ ماجی۔ ہرگاہ چون اُشیرواد آسیم۔ یہٕ ہے گژھ ضروٗر سہ پھل۔

چنڈأل:۔ دَیاں چھکاہ اُشیرواد؟ چاریار میون زٕ تہٕ جان تہٕ ہا روزی ژٕیے

اَندی اَندی گَژھ کران ۔ ( تَس بُتھِس اَتھ لاگِتھ ) سیتا ۔ یہ نا ژٕندرٕ مُشتھ گژھی ؟

سیتا :۔ مائجی ۔ لوگُت بَتیہِ سُے گاڑ جار ہاوُن ۔ دَپی یُتھ نہٕ موج مُشتھ گژھی

[ چنڈال چھ ہتھال اَتھس منز رٔٹِتھ اَکہٕ اَتھہٕ سیتو اوٚشش ووٚتھراں ۔ سیتا چھ چندر کانتایہ لکھ گژھتھ تَس بُتھِس دٔر نظراہ کران ]

سیتا : ژٕندری ! وُ چھِتھَے یہ مائج کرژھ ؟ دَپان یُتھ نا ژٕندر مُشتھ گژھی ۔

چندر : [ کلہٕ بوٚن کٔنۍ ترٛاوان ]

سیتا : اُمس آسان در اصل پنُن وَنُن ۔ چون ناو ہیوان بٔلۍ ۔

چندر :۔ وُچھ کیاہ چھُوہ وَنان ؟ اَمِر مائج ہے چھُوہ نتہٕ ۔

سیتا : نتہٕ ژٕہ ؟

چندر : بہٕ کرٕ اُمِس چاٹۍ ۔

سیتا : وُچھ چاٹِر کیاہ وَنہٕ ۔ ادہٕ بی ۔ ترٛاو ووٚنۍ یمہ کتھہٕ ۔ بہٕ نیرے ووٚنۍ ۔ مائج چھِے حوالہٕ ۔ یُتھ نے اُمس باس دِکھ رٕژ یہ چھ کُنۍ زٕنۍ ۔

چندر : ہیون کیاہ سوٚنچمت ؟

سیتا : ژٕہ روز کھ ہر ہمیشہ مہ سیتو ۔

چندر : ( حاراں گژھتھ ) کیاہ ؟

سیتا : ( دلس کُن ہاوِتھ ) یتہٕ نس !

[ چندر کانتا چھ تَس پرٛن ہیوان ۔ نتہٕ وَنان ]

چندر : سوامی !

[ اُتھو سیتھ چھُ سیٹھجکُ گاش سوءتان۔ تہٕ اَمہ پتہٕ چھ کینہہ بِرنژہِ گژھنہٕ پتہٕ نگارس ژُنڈ ہیوان۔ تہٕ کینژن ٹُکن ہیٚنڈ چوٗر گیوٗش چھُ ووتلان۔ گاش چھُ وارہ وارہ ییوان۔ تہٕ اکھ دیہاتی پس منظر چھُ اَچھن برونٛہہ کنُ تہٕ ووتلان۔ راژہ اونتی ورمن۔ جے دیو۔ منتری تہٕ بییہِ کینہہ مصاحب چھ سیٹھجس منز اَژان۔ تہٕ منزس وائتھ چھ ٹھہران۔ راژس سیتی چھ باقی نفر تہٕ قدم ٹھہراوان ]

اونتی ورمن: ( کائنسہِ کُن وُچھنے ) کانہہ خاص خبراہ اَز کل نگرس منز پھٔہلیمٕژ؟

وزیر: خاص نہٕ کینہہ راژن۔

اونتی ورمن: یِتھہ راژس منز چھُنا اِنسان بسان؟

وزیر: بسان چھ راژن۔

اونتی ورمن: تِہنٛز چھُنا کانہہ تہٕ مسلہ درپیش؟

وزیر: نہ راژن مسلہ کیاہ چھُکھ۔ سارِی چھ خوش تہٕ خوش حال۔ تُہنٛدہ خانٛراتہٕ گوو یہ دیش آباد۔ مندورہ آیہ بناونہٕ۔ مندر آیہ بناونہٕ۔ سوکھ تہٕ شانتی ہُند دور گوو شوروع۔ یُتھ کُس مسلہ چھُ راژن؟

اونتی ورمن: منتری۔ اَسہِ بنوو اکھ بوڈ شہر۔ بجہ مندورہ بناوہٕ۔ ییمہٕ ہتہٕ وادن وریین موجود رُوزتھ سانہٕ بجرِچ گواہی دِن۔ سانہٕ کارگری ہنٛد چرچہ کرن۔ مگر منتری۔

وزیر: راژن!

اونتی ورمن: یہ سورُے چھُ تۄہانٛی فضلٕ، یُوتانی زٕ سون رعیت پۄزٕ پاٹھۍ خوش تہٕ
خوشحال آسہٕ۔

وزیر: مگر راز٘ہ!

اونتی ورمن: (تہنٛز کتھ اَڈٕ پیچ کرِتھ) زٕ ونکھ بنیہ زٕ لُکھ چھِ خوش تہٕ خوشحال
سٕہ کٲہ ساوُے چھُ سارِی ہیے۔ یہ وُنُن چھُ چون فرض۔ مگر اُسہ پہ چھ
زانان۔ زٕ ییٚنتِکۍ لُکھ کوتاہ تکلیف پھ تلان۔ دُیہ گرٕ اکھ چھِ تہنٛز
سارہے خوشی تہٕ شانتی مُہت نوان۔ اکھ یپ چھُ سارِی ہیے ڈاس
کران۔ اُمہ وِزہ چھ سٕہ کہ ساوُے تہٕ غائب گرشھان تہٕ یٔیمہ دیشکُ
اَن تہٕ۔

وزیر: راز٘ہ۔ تٔہۍ چھوہ ٹھیک وَنان۔ یُپوٚنے ییہ ۂن۔ یتھ دیشس واتہٕ
ہے نہ کانٛہہ دیش۔

اونتی ورمن: (بے قرارِی منز اورٕ یور پھیرِتھ) مگر اُسہ کرو کیاہ؟ یتھ کیاہ
یلاج چھُ؟ کانٛہہ ماجہ ہند گوبُر پھُنا شہ یُس یپہ روکنُک رگیان آسہ ہا؟

جے دیو: راز٘ہ۔ اگر آگیا آسیم۔ بہٕ کرہ ہا کینٛہہ عرض۔

اونتی ورمن: (تُس بُہ ونتھ کنہٕ ٹھُہرِتھ) جے دیو! زٕ چھکھ کم کتھ کران۔ مگر
چانِہ کتھن چھُ ہمیشہ کانٛہہ مانہ مقصد آسان۔ وَن کیاہ چھُے وَنُن؟

جے دیو: سائنٛس یتھ نگرس منز چھُ اکھ پنڈت۔ یُس وَنان چھُ زٕ تس نِشن
چھُ وِپھتھ توربوٗ کرنُک علم۔

اونتی ورمن: (بُتھس پیٹھ چھس شک تہٕ وۄمید گتہٕ رگیور تلان) اکھ پنڈت؟

جے دیو: اَوہ راز٘ہ!

اونتی ورمن: ناد کیاہ چھُس؟

بجے دیو: سُتیا

اونتی ورمن: سُتیا؟

بجے دیو: اوہ راز، سُتیا

اونتی ورمن: سُتیا کتہِ چھُ؟ سُہ کونہٕ آو اَسہِ نِش ازتانی؟

بجے دیو: سُتیا چھُ وُنی کینہہ یاترایہِ گوٗمُت راز۔

اونتی ورمن: یاترایہِ گومُت؟ وُنی کینس کہہ تیرتھیہ یاترا چھُ یوان کرنہٕ؟

بجے دیو: سُتیا۔ یتھ یاترایہِ پیٹھ چھُ وزامُت راز۔ تمہ چھُ یوٗہے وَکھ۔ سُہ چھُ وِیتھہِ ہُند آگُر وُچھنہِ گومُت۔ اکھ بُتھ ژھنڈنہٕ گومُت۔ تہٕ یہِ وُچھنہٕ گومُت۔ زہ یہِ وِیتھ یوسہ ییمہِ دیشچ رِگ شوٗب چھے۔ ییمہِ سیتہ یہِ سورُے دیش سرسبز چھُ۔ آباد چھُ۔ سورُے وِیتھ گیا زہ چھ اکہِ رُدہِ گرہ پتہ بُتھ ژٹان۔ تہٕ اتھ شوبہٕ۔ اتھ سبزارس تہٕ اتھ آبادی پھُٹھ پھاٹ کران۔

اونتی ورمن: ہوں!

وزیر: راز! سُتیا چھُ پاگل! تس چھ ساری ٹاوس ٹلان۔ سُہ چھُ متیومُت راز!

اونتی ورمن: منتری۔ یِمو لُکھ چھ ہمیشہ مَتان۔ یِمن لُکن چھُ ہمیشہ پاگل یوان وَننہٕ۔ یِم لُکھ چھ ہمیشہ ٹاوس یوان ٹلنہٕ۔ مگر منتری!

وزیر: حکم راز!

اونتی ورمن: اَسہِ چھ اَمس مَتس سمکھُن یژھان۔ اَسہِ چھ اَمس پاگلس سیتہ کتھ یژھان کرٕنی۔ اَسہِ چھُ باسان زہ یہِ متہ کرہِ سُہلابن ہُند تدورُک۔

وزیر: مگر راژہ!

اونتی ورمن: (کنہ کچھ دِتھ) منتری۔ عقل چھنہ صرف چانی یاژ میراث۔ بوددھ چھنہ صرف راژہ محلہ نے منز یاژ وۄہرِدان۔ یہ چھ ژھینپہ پھیرہ منز تہ روزان مگر کھٹتھ۔ تیتھے کنو۔ یتھ کنو زن پوت ونن منز امرتک آگرو!

وزیر: راژہ! سُیّا چھُ اکس واتجہ ہُنڈ نیچو۔

اونتی ورمن: بُڈہ باگوان گژھہ سہ ماما آ رسنہ۔

وزیر: راژہ۔ سُہ چھُ پاٹھشالایہ ہُنُد اکھ موموٗلی پنڈت۔

اونتی ورمن: تہندی ژاڈھ بنن یتیمہ دیشکو ماری مندی گبر۔

وزیر: راژہ سُیّا چھُ موت۔

اونتی ورمن: اُسہ کھوت تہند موت آسن ٹارہ۔ سُہ چھُ متیومُت اکہ خاص مقصدہ باپتھ تس چھُ مزرآمُت اکہ خاص کامہ باپتھ۔ بُڈہ باگہ وان گژھہ یہ پاگل آسُن۔ بُڈہ کلیان کاری گژھہ یہ موت آسُن۔

وزیر: مگر راژہ!

اونتی ورمن: (جلالہ سان کژکھ دِتھ) منتری! بس۔ اُسی چھنہ بتیہ بوزُن یژھان (جے دیوس) جے دیو!

جے دیو: حکم راژہ!

اونتی ورمن: یُتھے سُیّا یاترایہ پتھ پھیرہ۔ سُہ گژھہ پوٗرہ یژتہ تہ احترامہ سان اُسہ نِشہ انُن۔

جے دیو: بہتر راژہ!

اونتی ورمن: (منتری ہس کُن) تہ یپتس کانس سیّاگرہ نیبر روزہ۔ تسنزہ ماتایہ

ہشز گڑھ پۆرۍ پۆرۍ خبر میہ واتہٕ ناوٕتی ۔ یہند تہٕ تس ڈیکہ بجہ کاتھہ کشھ واتہٕ !

وزیر : بہتر مہاراج ۔ تہنز آگیا ۔ یہ پۆرہ کرہ ۔

اونتی ورمن : ( جے دیوس کُن ) جے دیو ! یکو اَسی نیرو !

[ رازہ اونتی ورمن ۔ جے دیو تہٕ باقی مصاحب چھ نیران وزیر چھ یتھے روزان ۔ تہٕ ییلہ رازہ تسند ی مصاحب نظرٕ ڈلان چھ ۔ وزیر چھ تماشہ گیرن کُن وُچھتھ وَنان ]

وزیر : خبر کتہٕ گوو پاگلاہ اَگادہ ۔ اُمی سٕے چھُم رازہ اونتی ورمن وُچھنے کرنے وَنان باگیوان پاگل ۔ ماری موند گوبُر تہٕ کلیان کاری موت ! اَدہٕ چھکھٕ اَبزُرے ووُزمت زہ رازہ سُند اہنکار چھ تس بۆدھ گالان ۔ تہٕ سہ چھُ یرژھے کامہ کران ۔ ہے اَسہ کیاہ ۔ اَمُن ساڑینیا بیز تہٕ ساں دربارس منز ۔ اما پوز اَسہ چھا سُنا اَدہٕ دربارس منز درشنے ژاوان کنہٕ کرن چھ رٹیان ؟ ہتا ۔ اَسہ سیتو کرٕ مشورٕ ۔ اُسی تہٕ ہیکوٕ وَنیتھ زہٕ یُس کیاہ یلاج ییہ کرنہٕ ۔ یہ چھا کاتھہ بڈکھ ۔ کرن کیاہ چھُ ؟ ( اوت وئتھ چھ رُکان تہٕ منزٕ چھ منزٕ چھ وَنان ) اما پوز ۔ کرن کیاہ چھُ ؟ تی اگر خبر آسہہ ۔ یہ موت کھسہ ہا بارس ۔ ہے تہٕ کرٕتھ اَسہ کیاہ ۔ یپ چھُ کھسان تُکھ چھ مران ۔ اَدہٕ اَسہ چھس نفرتہٕ پتہٕ اوزکہٕ چلان ۔ تُکھ مرتن یا روُزتن ۔ اَسہ وَزیرن کیاہ تمیک غم ہیون ؟

# رٕہبر

ناو :- اوتار کرشن۔ تخلص رٕہبر۔ ذات ماٹم

بسکین :- نرپرستان فتح کدل سرینگر

زاسنہٕ :- اپریل ١٩٣٢ء

تعلیم :- ایم، اے، بی، ایڈ

ملازمت :- سکرپٹ رائیٹر ریڈیو کشمیر سرینگر

کتابہٕ :-

(١) تبرک۔ افسانن ہُند مجموعہ چھاپ ١٩٥٨ء

(٢) موہ ختہ لرَ۔ شٕرین ہندہ خاطرٕ دلیلہٕ۔ چھاپ ١٩٥٩ء
ترٕ یہٕ کنٛھ چھہ اَتھ مجموعس منٛز ناجی منورنہٕ تہٕ۔

(٣) کاشرٕ اَدبُک تاریخ۔ تنقید تہٕ تحقیق۔ چھاپ ١٩٦٥ء
اَتھ کتابہٕ پیٹھ سُند ریاستی کلچرل اکادمی ہُند
فسٹ پرائز تہٕ حاصل۔

(٤) ترجمہ :- (ا) ٹیگورُن ڈراما "چترا" (ب) "فتح" —
شی سٹوپس ٹو کانکر، گولڈ سمتھ نہٕ ڈرامہک ترجمہ۔

(ج) موسوم گنہگار — پنجابی ناولسٹ نانک سنگھ نہٕ
ناولہٕ پوتر پاپی یک ریڈیو روٗپ، بیترٕ۔

(٥) تنقیدی مضمون — غار مطبوعہ

# کاشُر زبان

## زبانی ہُند ورتاو تہٕ کینٛہہ کتھ

### (لفظن ہُند زیوُن، وۄتلُن، بگڑُن تہٕ استعمال)

زبانی ہُند سوال چھُ اکھ سینٛٹھاہ نوزُک تہٕ سنجیدٕ سوال۔ لفظن ہُند یُن گژھُن، بڈُن تہٕ پھاٹھلُن یہ سورُے چھُ اکھ سوٚن مگر پُر لُطف بحث۔ زبان چھ لفظو سیتی بنان۔ یہ کتھ چھ پٔز۔ مگر یہ وَنُن چھُ غلط زِ اکھ زبان چھ لفظے یٔتی آسان۔ زبان چھ لفظو تہٕ اچھرو علاوٕ واریاہ کینٛہہ آسان۔ بڈ کتھ چھ مزاز۔ یہ خاص مزاز چھُ اکہ زبانی ہُند رۄح آسان۔ اگر بٔ پرٕتھ کتھ آسہٕ ہے تیلہٕ کیاہ اوس۔ انگریزی لفظ ہتھ شتھ آیہ سانہٕ زبانی منز تہٕ یہ بنہٕ ہے انگریزی۔ یا وَقتہٕ اکہ ژایہ فارسی لفظ اَنتھ رۄسی سانہٕ زبانی منز۔ اَتھ وَنہو فارسی زبانے۔ سانی زبان رۄز کاشرے تکیازِ اَتھ اوس اکھ پننُی مزاز۔ لفظن ہندہٕ ینہٕ گژھنہٕ سیتی چھ تبدیلی ییوان۔ مزازس تہٕ فرق ییوان۔ مگر ییتھ پیٚرس مثال وَنو، رۄح وَنو تبدیلی کھیتھ تہٕ چھُ سُہ رَنتھے باسان۔ اکہ زبانی ہُند لب و لہجہ، تِمکو مصدر (کریاحا ۷۷۲) بیترٕ چیز چھ تِتھ رُدِس برقرار تھاوان۔

لفظ — چھ زندگی ہندی بامن۔ یِم چھ انسانی زندگی سیتی سیتی زیوان، لسان۔ بسان۔ لفظ چھ انسانی زندگی ہندی پاٹھو کہ کپار، جوانی تہٕ جُجر چھاوان۔ یِم

چھ وقتہ وقتہ پننۍ رنگ رۄپ بدلاوان ۔ لفظ چھ مران تہ ۔ اکہ لفظکہ مرنہ پتہ
چھ بیاکھ لفظ یاوُن لبان تہ اَمیک عہدہ حاصل کران ۔ مثالہ پاٹھۍ نیوٚن اکھ
لفظ ــــ "کلہ پُش" گوڈہ وُچھو یہ کتہ آو؟ یہ لفظ چھ دراصل "کلہ پوشش" (کلہ
+ پوش) اَمیک معنے تہ زبانۍ منز ینن ہیکو اَسہ دۄیو طریقو ورنتھ۔

گوڈنیچ وکھنے: (۱) کلہ گو "Head" (ہیڈ) (۲) پوش گو پھول
(پھولہ ور) ــــ چونکہ کلہ چھ انسانہ سُندۍ زت ہانہ یوان ۔ لہذا یہ کلس پیٹھ آو
تھاونہ ۔ تتھہ دۄنک "کلہ پوش" یُس وارہ وارہ "کلہ پُش" بنیوو۔

دوٚیم وکھنے:- (۱) کلہ گو "سر" (۲) پوش چھ فارسی لفظ یُس
ناگنہ خاطرہ استعمال سپدان چھ۔ مثالے "پاپوش" گو فارسی پاٹھۍ "بوٗٹ"
"سرپوش"۔ فارسی ترکیب ۔ یہ چھ اکہ تمہ چیزک ناو یُس بتہ پھیارنس
لگن چھ ۔ "کلہ پوش" بنیوو لہذا سہ چیز یُس کلس دینہ خاطرہ استعمال سپد۔

یمو دۄیو منزہ چھ فارسی زبانۍ ہندہ خاص اثرہ تہ دوٚیمیو خوابیہ
رکنہ دوٚیم بیان زیادہ صحی لبنہ یوان ۔ وُنۍ چھ یہ زہ "کلہ پُش" یا "کلہ پوش"
اوس پنہ سانہ زبانۍ منز تمہ چیزہ خاطرہ استعمال سپدان ۔ یُس کلس دمہو ۔ییلہ
بدلہ بدہ لفظ "ٹوپی" "دستارہ" "صافہ" "کیپ" "قصابہ" بارسس آیہ ۔ اَمہ
لفظک معنے گو تنگ پہن ۔ یہ لفظ رود صرف بٹن ہندس ترنگس تامے دامانہ
وہرِتھ ۔ براہمن اندر ینہ "دوتی" استعمال سپنہ ۔ یہ لفظ ہیوتن بنیہ رٹھاہ تہ موکلن
دکھ وانہ ییلہ یہ لفظ سانہ عام بول چالہ منزہ بلکل وتہ باسہ تہ اکہ وقتہ یوٚہے
بلکل غار زبانۍ ہیوٚ باسہ ۔ یتھے پاٹھۍ نی تون لفظ "آب" ۔ مگہ یلہ چھ یہ فارسی لفظ
مگر از چھ سانہ زبانۍ ہند یتھے عزیز تہ ٹوٹھ لفظ یُتھ بنیہ کاتھہ ینن لفظ

چھُ۔ بُرونٛہہ اُسہ سانہٕ زبٲنۍ منٛز آبس "ووٚنۍ" وَنان۔ اَز چھ اُسہ اتھ "پۆنۍ"
یا "آب" وَنان۔ "پۆنۍ" چھُ ہندوستٲنۍ "پانی" ہُند لفظُک بدٕلیومُت شکل۔ یِمہٕ کینٛژھہٕ مِثالہٕ
سیٖتۍ چھُ یہ کتھ ثابت سپدان زِ پرٛیتھ اَکِس لفظس چھ زوٗر دور وُچھنہٕ یِوان۔

(۱) زیٚوٚن تہٕ لوٚکچار۔ لفظُک زیٚوٚن تہٕ لوٚکچار گوٚو سُہ وَکھ ییٚلہٕ
سُہ کُنہٕ زبٲنۍ منٛز کھوٚر تھاوِ۔ اَمیُک استعمال کم قلیل ییٚمن سپدِ۔ لفظ چھُ یتھ
وقتس منٛز وارٕ وارٕ کھوٚ کھوٚشو کران تہٕ پننہٕ زنگہ درٛاوان۔

(۲) جوٲنی۔ یتھ اندر چھ لفظ پاوٚن چھاوان۔ جوان ہُندۍ
پٲٹھۍ ہر جایہ موجود آسان۔ پرٛیتھ کانہہ کٲم اَتھ راوان۔ مطلب ییتھ وقتس منٛز
چھُ لفظ بڑٕ جاوٕ سان ہر جایہ استعمال سپدان۔

(۳) بُجر۔ "ووٚنۍ" یا "کلہ پوٚشس" لفظکۍ پٲٹھۍ چھُ کٲہل سپدان۔
مطلب کُنہ ژھوٚکان۔ ڈوٚکان۔ دوٚہ کھوٚتہٕ دوہہ لفظُک دیدار
دروٚگ سپدان۔ اَکِس خاص حِصس اندر ژھِینہٕ گژھان۔

(۴) مَرُن۔ لفظ چھ مَران۔ اَوہند بُجر چھُنہٕ کُنہٕ جایہ لبنہٕ یِوان۔
یتھہ پٲٹھۍ موٚردٕ چھ بتہٕ خابسے منٛز وُچھان۔ یتھے پٲٹھۍ چھُ اَمیُک دپدار
ڈکشنری منٛزے یوت لبنہٕ یِوان۔

لہذا ہیٚ وَنِتھ اَکھ لفظ چھُ انسٲنی زندگی ہندۍ پٲٹھۍ زیوان، مران
لسان، بسان تہٕ پیٚرِ اَکھ زندگی گُذاران تہٕ چھُنہٕ غلط۔ دوٚنی گوٚو کتھ چھ یہ زِ
اَمِچ وٲنس چھنہٕ انسٲنی زندگی ہندۍ پٲٹھۍ پنٛژاہ شیٚٹھے وُری آسان۔ اَکھ لفظ
چھُ زیٹھ وٲنس تھاوان۔ اَکِس لفظکِس پاونس، پھولنس، پھٚبس تہٕ بدلنس
منٛز چھُ تٲریخی، سماجی، سیاسی تہٕ اقتصادی غرض مُلکی ترٛقی تہٕ جوشک اَتھ آسان۔

زبأنی منز لفظن ہند ہیر پھیر چھُ ییہہ ورے کتھوٗ کنوٗ وقتہ وقتہ سپدان۔ زبأنی ہند ہیر پھیر چھُ جایہ پتہٕ جایہ میلان۔ اکھ وجہ چھُ یہ زہ ماحول چھُ بیوٚن بیوٚن دیہاتک سوچن سمجن چھُ بدلوٚن بدلوٚن۔ انسانن ہند رہن رسم، ووتھن، بہن دوٗرن چھُ وکھرہ وکھرہ۔ یانے چھُ زبأنی ہند ہیرٕ پھیر تہٕ لأزم۔

کانہہ خاص زبان نی تون۔ اتھ اندر تہٕ چھُ لب و لہجک ہیر پھیر درینٹھی یوان۔ دِلہ ہندس اُردوہس، لکھنوکس اُردوہس تہٕ حیدرآبادکس اردوس منز چھُ واریاہ فرق موجوٗد۔ برطانیہ کس انگریزی یس تہٕ امریکہ کس انگریزی یس منز چھُ فرق موجوٗد۔ ییلہ انسان ہنا اتھ ہیر پھیرس زیادہ یہن سنہ یہ چھُ لوکٹس بیمانس اندر تہٕ موجوٗد۔ نفسیات کین ماہرن ہند وننُ چھُ زہ یزہ ہتھ ستہٕ میلہ پتہٕ چھُ آواز زیوٗرہ نیبر کڈنس منز فرق یِنہ لأزم۔ یوٗتے یوٗت نہ بلکہ لفظی ہیرٕ پھیرچ فرق چھُ بعضے مختلف جماژن تہٕ فریقن منز تہٕ لبنہٕ یوان

یہ فرق چھُ بعضے علاقہ پتہٕ علاقہٕ تہٕ محلہ پتہٕ محلہ تہٕ لبنہٕ یوان۔ مثلن پنٕنےٚ خانیار نی تون۔ خانیار! فتح کدلس اوری ہند یہن تہٕ زینہ کدلس لکھ "خ" (کھے) آواز چھُ عام استعمالہ رفتہ رفتہ غائب باسان۔ ییم چھِ اتھ آواز عام طور "ح" (ہے، ہ، ح) آوازی ہیوان۔ مثالے کینہہ لفظ وچھو:-

| عام کاشُر | خانیار کین ہند استعمال |
| --- | --- |
| خانیار | حانیار |
| خوٚن | حوٚن |
| خبر | حبر |
| خام | حام |

خوداۓس پتھ　　　　　　خوداۓس پتھ

زبانٕ منٛز لفظن ہند ہیر پھیر چھُ آب وہواچہ تبدیلی سٟتۍ تہٕ بۆڈ سپدان۔ یوہے وجہ چھُ گامہٕ کٲشرِس تہٕ شہرٕ کٲشرِس منٛز چھہ فرق بنیہٕ یوان۔ مرازِس اندر چھہ اکھ لفظ وَنان۔ کمرازِس منٛز بیاکھ۔ اڈپن گامن منٛز چھُ "ہٹ" "یوڑ" زیادہ استعمال سپدان۔ اڈپن کم۔ مثالے کوٗلہ گامس منٛز چھُ "ڑ" آواز ہند استعمال زیادٕ سپدان تہٕ "ر" (ڑ) آواز ہند استعمال کم۔ یہ ہیر پھیر ییہ پتھ پاٹھۍ بوزنہٕ:-

| عام کٲشُر | کوٗلگامُک تحصیلک وَرتاو |
|---|---|
| چاۓرٕ | چاۓڑٕ |
| نارٕ واو | نارڑٕ واو |
| لوٗر | لوٗڑ |
| یور | یوڑ |
| لرٕ ژاوُن | لرٕ ژاوُن |
| کوٗر | کوٗڑ |
| ناۓر | ناۓڑ |
| واۓر | واۓڑ |
| تاۓر | تاۓڑ |

لفظن ہندِس ورتاوس پیٹھ چھُ وراثتُک اثر تہٕ پیوان۔ مثلن مول موج ہیم لفظ ییمہ آیہ بولان آسہ تمی آیہ چھ ہندی شرٕ تہٕ ہم لفظ بولان۔ یوہے وجہ چھُ زہ کینہہ لفظ چھ کٲشرِس منٛز یتھۍ تہٕ ہیم زن مُسلمانہ ہُتۍ بولان چھ

کینٛہہ لفظ چھ تِم تہٕ ییم بٹہٕ اَکہِ طریقہ بولان چھ مسلمان بیٚیہ بولان چھ۔ یہ ہیر پھیر چھُ سیٹھاہ مومٔلی۔ تہٕ کینٛہہ مِثالہٕ چھ یتھ پأٹھۍ

| بٹَن ہُند ورتاو | مُسلمانن ہُند ورتاو |
|---|---|
| گأنٛٹھ | گانٛٹھ |
| برور | ربیور |
| پونٛی | آب |
| کرٛور | رکیوٗر |
| اوٚترہٕ | اوترہٕ |
| ۄکرُ | بُکرُ |
| سِرۍ | افتاب |
| ماہ کرُن | اوبا کرُن |
| موٚنۍ کرُن (مُذکر) | موٚنۍ کرٕنۍ (مؤنث) |
| دٕہ | داہ |
| وأنٛکھ | وانٛکھ |
| لأنٛکھ | لانٛکھ |
| کرٛینٛکھ | کرانٛکھ |
| پھأنٛچھلُن | پھانٛچھلُن |

لفظن ہُند وۄتلُن۔ بدلُن۔ بگرُن چھُ چلہٕ وُن۔ از چھُ یہ سوال سیٹھاہ عام بوزنَس منٛز یِوان زِ یہ لفظ چھُ کأشُر ہہ چھُ غأر کأشُر۔ لہٰذا اَکھ ژھینٛزوۄن ژأرۍ وِتھ بیاکھ اُنۍ وۄن بارَسس۔ اَمہ خأطرٕ چھ کأفی بوزشوژ ہنٛز ضرورت۔ لفظ

چھ زور دار۔ یِم چھ اکھ زُودار احساس دوٚیِمِس تام واتناوان۔ یتھٕ لفظ پانے بیچان
آسہٕ۔ سُہ چھُ زِندٕ احساس تہٕ کھنڈرن کران۔ زِکھ واتنان۔ اکھ زِندٕ لفظ یا
زندٕ شبدھ وَنوٚ تتھٕ لفظس یُس زبانِ منز بارتھپ ہیو لگِتھ گژھ۔ یُس اکھ
خیال، اکھ ایحساس یا اکھ جذبہ تمی اثرٕ تہٕ وُشنیرٕ سان دوٚیِمِس تام واتہٕ ناوٕ یتھ
پاٹھو وَنن وول پرٕھان آسہٕ۔ لفظ چھُ سُے زِندٕ یُس زبانِ سیتہٕ سیتہٕ کاڈکڈٕ
لَنگ لَنجہ وہراوٕ تہٕ برٕونہہ پکہٕ۔ سُہ لفظ یُس کلامس منز گوہہٕ، ڈُوکہٕ، ژھوکہٕ
یا بےشوٗب لگہٕ سُہ چھُ مودٕ تہٕ کاہِل لفظ۔ فارسی لفظ "آفتاب" نی تون
اکھ کاشر چھُ عام پاٹھو "افتاب" وَنان یا "اختابر" وَنان۔ یِم دوشوے وَے چھ سانہٕ
ہرٕ وُلِ کھسان۔ آفتابس منز چھ ہنا سیٹھہ پوان۔ یہ وَنُن "آفتاب" ہہے
لفظ "اختاب" کیازِ لیکھو یا "خدا" ہہے لفظ "خودا" کیازِ لیکھو تہٕ سوچُن چھُ
غلط۔ خوداَیس "خدا" وَنِ تو یا "خودا" "گاڈ" وَنِ توس یا "بھگوان" سُہ چھُ
پرٕتھ حالتس منز سُے بنیہ نہ کانہہ۔ یِتھے پاٹھو "آفتابس" اختاب وَننہٕ سیتھ
یا "سَن" وَننہٕ سیتو نہ چھُ کینہہ ہُران تہٕ چھوٚنان۔ وون گوو اکس زبانِ منز
چھُ سُے لفظ، سُے لہجہ تہٕ تلفظ سوندر تہٕ شوبہٕ دار باسان یُس عامس تہٕ خاصس
منز مُروجہ آسہٕ۔ علم صوتیات (PHONETICS) کیو اصولو کنہٕ چھُ اکہ زبانِ ہُند
زندٕ تہٕ پائیدار لفظ سُے یُس دہاتہٕ منزٕ ہکہٕ نیرِ۔ یُس پھرٕنس منز کانہہ سیٹھہ
ییہ نہٕ۔ دوٚیِم کتھ چھ یہ زِ ہرگاہ اسی یتھ پاٹھو لفظن ہُنز اصل صورت
ژھارِنی ہیمو ادبی زبان گژھ مُروجہ زبانِ نشہ واریاہ دوٗر۔ بنیہ چھ بُنیاد ژھاران
ژھاران سارنے لفظن آیہ ڈالُن۔ ساری ہے زبانِ لرٕ پھرُن دِین۔ مثالے
ییتین نِمو اسی اکھ لفظ "وُستاد" یا "وُستہٕ" یہ لفظ چھُ دراصل فارسی لفظ

"اُستاد" ۔ یہٕ چھُ فارسی پیٹھٕ سانہِ زبانی منز آمُت ۔ لفظ "اُستادس" تہٕ ییٚلہٕ
اُسہِ سام ہیوان چھُ ۔ اَکھ پۄرٕ کہانی چھےٚ بُرونٹھ کُن یِوان ۔ زرتُشت چھُ بارٕ
فلسفی اوسمُت ۔ اُمہِنز کتاب چھےٚ پرانہِ فارسی زبانی منز لیکھت ۔ یتھ ژَن
"اویستا" وَنان چھِ ۔ ییٚلہٕ دوٚہ دوٚہ گژھان گۄو زبان دوٚرے یہٕ واریاہ
پننہٕ آگرٕ نِشہٕ ۔ لفظ ڈوٚہکے یہٕ ۔ ژھوکے یہٕ بے شمار ۔ واریاہو بدلاو شکل تہٕ روٚے
مگر "لکھ اُسہِ شوقین ۔ تِمَن زوال ہنز زرتُشتن فلسفہٕ پرٕنک شوق ۔ کاٚم تہٕ اُس
نہٕ سَہَل کینْہہ ۔ لہذا ہیمو اِنسانو ، قابل دِماغو یہٕ ہیتوک پرُن ۔ تِمو سُند فلسفہ سمجھت
تِمَن آو "اویستاد" یا "اوستاد" وَننہٕ ۔ یوٚہے لفظ گۄو بگران بگران "اُستاد"
بنیتھ یُس بیٚیہِ کُوہ دوٚربتھ سانہِ کاشُرِ زبانی منز گۄو "ووہستہ" تہٕ "ووستاد"
بنیتھ ۔ لفظُچ یہٕ ہسٹری بوزنہٕ پتہٕ چھُ یہٕ کتھ صاف پاٚٹھی نوٚن نیران زہ ہرگاہ
اصل تہٕ صحی لفظ رٹنُچ کوشش کرو ۔ تیٚلہٕ نہ چھُ "اُستاد" صحی تہٕ "ووہستہ"
مگر کتھ چھےٚ نہٕ یہٕ ۔ زبانی منز چھُ سُے لفظ صحی تہٕ رُت مانہٕ یِوان یُس مُروج
آسہِ ۔ یہٕ چیز غلطُل عام آسہِ سُہ چھُ صحی ۔

لفظن ہُند ہیر پھیر چھُ پتہٕ وُلتھ آمُت ۔ ییٚلہٕ اَکھ زبان بییس نِش
قٲرض چھ ٹلان لفظ چھ اورٕ یور یِوان ۔ رِتھے پاٚٹھی یا بُتھ بدلاوِتھ ۔ کینْہہ لفظ
وُچھو یِم ژَن سنسکرتہٕ پیٹھ مختلف زبانن منز بُتھ بدلاوِتھ آمتۍ چھِ ۔

| سنسکرت | اُپ بھرنش | کاشُر زبان | اردو | ہندی | پنجابی |
|---|---|---|---|---|---|
| اشٹ | اٹھ | اُٹھ | آٹھ | آٹھ | اٹھ |
| چندرہ | ... | ژندٕر | چاند | چندر | چند |
| دنت | ... | دند | دانت | دانت | دند |

| | | | | | |
|---|---|---|---|---|---|
| ڈُگدھ | .... | دوَد | دودھ | دودھ | دُدھ |
| کرپٹ | کپرٹ | کپر | کپڑا | کپڑا | کپڑا |
| نام | .... | ناو | نام | نام | ناں |
| پرُچھا | ... | پڑژھ | پوچھ | پوچھ | پُچھ |

اَکھ زبان چھ انسانٔنی زندگی سیٖتی سیٖتی متاثر سپدان۔ ییٚلہِ اکھ قوم بێیِس قومس سیٖتی اَتھ واس پَچھ کران۔ ییٚلہِ اَکھ جماعتھ بێیِس جماعژ سیٖتی پانٔنی نیار، یِن گژھن بڈٕہ راوان چھ یا ییٚلہِ اَکھ مُلک دوٚیمِس مُلکس سیٖتی حملہ آور بٔنِتھ تعلق بڈٕہ راوان چھُ۔ لفظن ہِندین گژھن چھُ روزان۔ زبانہِ چھ متاثر سپدان۔ ییٚلہِ اَکھ مُلک دوٚیمِس مُلکس سیٖتی حملہ آور بٔنِتھ تعلق بڈٕہ راوان چھُ۔ لفظن ہِندین گژھن چھُ روزان۔ زبانہِ چھ متاثر سپدان۔ فارسی زبانٔنی ہِندہِ اثرہ بروٚنٛہہ ترٛ فارسی اثرہ پتہٕ وُچھو کاشرہ زبانٔنی ہِندی کیٚنٛہہ نمونہٕ۔

(الف)

یہ شہ یہ شہ جن تس سن وِدیس تس
یِنس یت شکھ دُکھ سرُوپ
اودی یس تس ماتری سم رس
کم کم پن تس اَپنہِ رُوپ

(دُہانے پرکاش، منٛزٕ)

(ب)

گگن ژٕہی بوٗتل ژٕہی
ژٕہی دن پوٗنی ترٛ رات

لاگ ژندُن پوشن پونی ژُہی
ژُہی سکل ستے لاگُوے کیاہ؟

(للہ دید)

(ج)

ییٚنہٕ یار ڈیشامے تتہٕ یورنےٚ آمےٚ ویسیے
گل بدن کیاہ سروقامت ۔ عاشقن کرِتھ برپا قیامت
زُلف چھس تا بدامن وامے تتہٕ یورنےٚ آمےٚ ویسیے
صبح نوروز رو ییلہِ ہاون شب قدرے موی اکھ تاون
روز روشن کوٗرنم شامے، دہان ہا غنچہ یا میم

(رسول میر)

فارسی زبانٕ پتہٕ ییمہٕ زبانٕ ہندی خاص لفظ سانہٕ زبانٕ منز ژایہٕ سعہ چھہ انگریزی۔ واریاہ لفظ آیہٕ سانہٕ زبانٕ منز۔ یم لفظ آیہٕ ترٛیو طریقو (۱) تم لفظ یہندِ معنی مطلبک لفظ اُسہٕ نش اوسُے نہٕ (۲) تم لفظ یہندِ بدلہٕ سانہٕ زبانٕ منز لفظ اُسی مگر برتی تہٕ برتی اُسی نہٕ۔ یمن وُچھتھ سأنی پننی لفظ موردہ تہٕ بے جان گیہِ (۳) تم لفظ یم ہنا ہیر پھیر کٔرِتھ کأشرِس مزازس براہ آیہٕ۔ اَدہٕ تہُند حاجت اوس یا نہٕ۔

میٹر، موٹر، ہیٹر، انجکشن، پنسلین، پنسل، ڈِس مِس، پنشن، تھرمامیٹر، سٹارٹ بریک، سلیٹ، بلیڈ، برش، فلم، کمپنی، پارک، لان، ریڈیو، سگریٹ، سوڈا مشین کمپونڈر، کار، ایکس رے، شیڈ، واشل، کار، لیکچر، گاگل، چارج، پمپ، ہاکی کنٹرول، فٹ بال، بال، سائیکل، بینڈ بیترِ چھہ تم لفظ یم نہٕ اُسہٕ نش اُسی۔

شیو (اصلاح کرُن) پوڈر (پھیک) نب (پینوت) واچر (راٹچھو در) گیٹ (بوڈ دروازٕ) بیترِ چھ تِم لفظ ییم اَکہ نِشہٕ اُسی مگر پوٗرٕ تسلاہ اُسی نہٕ دِوان۔ کینژو حالاتو رکنہ گیہٕ کاٗہل۔ تِم لفظ ییم ہیر پھیر کرِتھ سانہٕ زبانہِ منز آیہٕ تِم تہٕ چھ اُنیتہٕ روٗس۔ مثالے کاپی (کاپی) فونٹ پین (فونٹن پین) سکتر (سیکرٹری) ماشٹر (ماسٹر) نوٹھ یا لوٹھ (نوٹ) کوٹھ (کوٹ) بورڈ (بورڈ) ٹکٹھ (ٹکٹ) لمبر (نمبر) مٹرس (میٹرس) کنکشن (کنیکشن) افسر (آفیسر) اَورسیر (اوورسیر) پرمٹھ (پرمٹ) لیمپ (لیمپ) پریجیڈنٹ (پریذڈنٹ) لائن مان (لاین مین) ڈریور (ڈرایئور) پُلسہ وول (پلیس مین) ہنڈل (ہینڈل) بیترِ۔

لفظ چھ اَکہ زبانہِ پیٹھ بییس زبانہِ منز یوان روزان۔ یہ وُچھتھ پزِہ نہٕ اَسہِ بانبرُن۔ لفظن ہند بڑُن، لھدُن، بچھولُن پھاٹُن چھُ عجب۔ لفظ "عالیواکھ" نِی تون۔ یہ چھُ مُلہ تلہِ "عالی + واکھ"۔ "عالی" گوو جان یا شاندار۔ "واکھ" چھُ ویدی سنسکرت لفظ ییمیک مطلب "کلام" چھُ۔ مثالے "عالی کدل" مطلب "نفیس کدل"۔ ہرگاہ ہیے آب و ہوا سازگار آسہِ ہیے نہ کیتہٕ گرِتھ ہیے دوٗن زبانن سنسکرتس نتہٕ فارسی پیٹھ یہ رلہِ وَن۔ تہٕ نوٗو لفظ زیوہن۔ لفظن ہند مطالعہ چھُ سیٹھاہ دلچسپ۔ یہ دلچسپی چھ بعضے سیٹھاہ حیرانی منز تبدیل سپدان ییلہِ زِ تھو کینہہ لفظ چھ مختلف زبانن منز دریٹھو گژھان۔ ییم اَکس عجیب اندازس منز اَکی آیہٕ استعمال سپدان چھ۔ مثلن یتھو کینہہ انگریزی لفظ وُچھو توک۔ انگریزی زبانہِ منز چھُ عام طور ہوٗنہِ سندہِ وُعوفہِ ووفہِ خاطرہ "بارکنگ" استعمال سپدان۔ مگر موشوٗر انگریزی ناول نگار لارنسن چھُ پننہِ ناولہِ "لیڈی چیٹرلیز لور" منز اَکس جایہ لفظ "ووفے" استعمال کورمُت۔ سُہ چھُ لیکھان۔ دی ڈاگ "وفڈ" (Wafed) یتھے پاٹھو کاشرِ

"رٕے" (رٕے گرٛٹھن) "لانچہٕ" (تھوٚد تہٕ زیٚنیک) انگریزی یَس منٛز چھِ یِم لفظ "رٕے" (Way) تہٕ لینکی (Lanky) اَتھی مطلبس منٛز استعمال سپدان۔ تہٕ یِم چھِ تِم لفظ یِم نہٕ ہرگز انگریزی پیٹھہٕ کاشرس منٛز آمتۍ۔ یِم چھِ واریاہ پرٲنۍ کٲشرۍ لفظ ممکن چھُ یِم ماچھہ سہٕ پرٛان زٕمن موجوٗد۔ یُس زبانہِ ہِندِ خاندٲنۍ لگاوِ مطابق پوشان آمُت۔

یِیمہ بحثہ تَل چھہِ یِہ کینہہ کتھ برٛونٛہہ کُن یِوان۔ رلۍ پزٕ بیٹھہ کانہہ لفظ چھُ معیٲری۔ وٕہٕ ذٕ گوٚ جان تہٕ شوٗبوار چھُ سُے یُس بیانس برٛاہ آسہِ۔ یُس زیادہ رُت تہٕ معقوٗل آسہِ۔

(ب) پرٛون کٲشُر لفظ نوٚن کڈُن تہٕ استعمالس منٛز اَنُن تہٕ چھُ برحق مگر اُمیک ورتاو گژھہِ تِمہ آیہِ سپدُن یتھ نہٕ یہِ بیانس سیٚوٗر ہیٚوٚ اَنہِ۔ وٕہٕ پزٕ لفظ اَنہِ وقتہٕ چھُ سُے لفظ ورتاوُن جان یُس آسٲنۍ سان دِلس وٕسِتھ گژھہِ۔ مزادس برٛاہ یِیہِ۔ پھِرنس منٛز کانہہ دِقت اَنہِ نہٕ۔

## کٲشِر زبان تہٕ دُنیاہ چہٕ زبانہٕ

دُنیاہ چہٕ زبانہٕ

(۱) امریکی خاندان

(۲) دراوڑی خاندان [تامل، تلیگو، ملیالم]

(۳) ہند چینی خاندان

(۴) سامی خاندان

(۵) مُنڈا خاندان [سنتھالی، کول، منڈل بیترِ]

(۶) ملایائی خاندان [ملایہ بیترِ زبانہٕ]

(۷) بنتو خاندان [افریقہ چہٕ زبانہٕ]

(۸) ہند یورپی خاندان

(۱) عربی (۲) عبرانی (۳) تورانی

(یہودین ہنٛز زبان)




(ج) یوٗتام نوٚو لفظ تہٕ نوٚو اصطلاح بناونُک سوال چھُ۔ کنہہ چھِہٕ پننہٕ جایہٕ موٗلہٕ وٕنی۔ مگر اَمہٕ خاطرٕ گژھہ اَکھ ذہین دماغ آسُن۔ اصطلاح گژھہ نہٕ محض اصطلاح روزٕنی سہ گژھہ ٹاکارٕ بنیو۔ سہ گژھن باقی ادیب شاعر پسند کرٕنی، استعمال کرٕنی۔ سہ گژھہ خلقَن منٛز مقبوٗل سپدٕنی، تتھہ اندر گژھن رتھمہٕ خوٗبی آسنہٕ۔

(د) افسانس، ناولہٕ، ڈراماہس منٛز چھ کردار، تہٕندِ ماحول تہٕ تہٕندِ نفسیات لفظ ژاران۔ "پونی" گژھیا استعمال سپدُن کنہٕ "آب" "نوم" کنہٕ

"ییم" دہ کِنہٕ "داہ" "ہورٕ" کِنہٕ "ہور" "ناٹرٕ" کِنہٕ "ناٹر" ترٕن کِنہٕ "ہہنِدرٕ" تہٕ کرٕن تِمے فائصلہٕ۔ ہرگاہ تِمَن تاذٕ پیپہٕ نہٕ تھاونہٕ فن پارہ گژھ پانٕے خار۔

["گُل ریز" مارچ سنہ ۱۹۶۱ء]

# نِردوش

ناو بنسی لال تہٕ کٕنیت وَلی مگر دوشوٕے "لال" تہٕ "ولی"
یک طرف ترٲوِتھ نِردوشس پیٹھ قناعت یوت تہٕ بُلکہ فخر تہٕ کرون
بنسی نِردوش چھُ ۱۹۳۰ ہس منز زٲمت پیومت۔ زینہ جاے
چھےٚ بُڈہِ یار سرینگر

نِردوش رُود واریاہن وَرین "شمیر پنجاب" (امرتسر)
"نیا زمانہ" (جالندھر) تہٕ "خدمت" (سرینگر) اخبارن منز کٲم
کران۔ کٲشرِ صحافی حلقن منز چھُ پننہٕ زورِ قلمہٕ کِنۍ موشور۔

نِردوشن ہیوت ۱۹۵۸ء پتہٕ کٲشُر لیکھُن۔ مگر کینژن
وَرین منز لیوکھُن واریاہن رتھمن ادبن ہندہٕ کھوتہٕ زیادہ یمو
اَمس برونٹھ لیکھُن ہیوتمُت اوس۔ "بال مرٲیو" چھُ اَمی سُند
گوڈنیک افسانوی مجموعہ۔ اتھ پیٹھ چھُ اَمی سُند کلچرل اکادمی ہُند
سیکنڈ پرائز تہٕ میولمُت۔ امہٕ پتہٕ چھپیو اَمی سُند بیاکھ مجموعہ
"آدم چھُ ییتھے بدنام"

بچن ہندہٕ خاطرٕ چھُ اَمی لیلا موزمدار سنزہٕ کتابہٕ کٲشُر
ترجمہ کورمُت۔ یہ کتاب چھُ ٹیگورنہٕ زندگی سیتۍ واٹھ تھاوان۔ تہٕ
اَمیُک ناو چھُ "قومُک شاعر"۔ یہ کتاب چھُ ۱۹۶۱ ہس منز ساہتیہ

اکادمی چھاپہٕ مژ۔

زٕندٕ دوشن چھُہ گورو گوبند سنگھ جی ہٕنز زندگی مُتلِق تہٕ اَکھ کِتاب کاشرِس منز ترجمہ کرٕمژ۔ اَمہِ علاوٕہ چھُہ اَمو اَکھ ناول کاشرِس منز لیچھمژ یتھ "موہ کجار" ناو چھُہ۔ یہِ چھُہ نٕہ وُنی چھپے مژ۔

زٕندٕ دوشن چھُہ ریڈیو خاطرٕ کینٛہہ ڈراما لیکھی متۍ۔ یمن منز چھُہ "گرداب" "امرپالی" "ریتہٕ چھُہ بنٕہ وُن" "رائژ ہشرہ سارٕھ باہ بجے" "اَچھ گاش" "اجل" بیترٕ شامِل۔

بنسی نردوش

# پیٚتہ اکھ احساس

پیٚتھ کنٛہ اوسُس نہٕ دود کُنہِ نہٕ دگ۔ مگر اُمی سُندین داُدہِ لدِ چشمن

ہُند اہار اوس وَنان زِ بملاَ چھ کُستام دود اَندری للہِ وان۔ آرہ ہُرٛش ہیندِ کہ

پاٹھو اوس تسُند بُتھ کیاہ تانۍ وَنٕنۍ یژھان یُس نہٕ مہٕ فکرِ اوس تران۔ ڈیپو

ملالہِ اوسُس رمیون۔ ژِتہٕ نہٕ۔ اَسہِ باَژن دوٕن اُس نہٕ پیٚتھ کٲنٛہہ کُنہِ چیز ژ ویژھے

لبہِ زن آسہِ نہٕ ستہِ وٕے سوہ نہٕ سپنہٕ۔ اَما پوز ہاکس بتس اُس صورت جان۔ مُنٛزکرہ

طبقہ کِس گرس منٛز یہِ اَکِس زنانہٕ گوژھ آسُن تہٕ اوس اُمس تہٕ بنہِ وُن۔ بڑ کنھ

اُمس کھاندارہِ سپنہٕ۔ شرتیپیٚتھ مہٕ اُسی اُمی سپنہٕ۔ ہرگاہ زنانہٕ نِش بیٚہن تہٕ

تنخاہ آسہِ ہن دوان بہٕ ٹھکہِ ہانہِ زانہہ تہٕ اُمس نِش بہتھ۔ وہٕنۍ ییٚلہِ باَژ زہ

اَکھ اَکِس کنٕ وُچھتھ ژُوان آسن۔ زندگی باسہِ نہٕ پرٛژہ لونۍ چینم ہنٛز زوٕن تہٕ

ادہٕ کیاہ باسہِ۔

اَکھ اَسہ ورنس تہٕ پھولہِ ورنس ویوہارس منٛز تہٕ ییٚتھے بہٕ منٛزی کمنٛزکرہ

بملاَ دِل ملوٗل ہِش ڈیشہ ہن۔ مہٕ اوس اَندری کنٛہ تلواس وہٕتھان۔ ڈیان اوسُس

پرٛژھہس نا ژہہ کیاہ چھے رووُمت۔ مگر سیتی اوسُس سوچان زہ خبر ییٚنہٕ میانۍ

کنھ اُمس وارٕے نارٕ چھلہِ۔ بے قرار کرہ۔ وُچھان وُچھان اوس بعضے اُمس خبر

کورکنٕ خیال گژھان تہٕ رژہ کھنڈہِ اُمس تیٚتھی سیتر روزان۔ ییٚتھے بہٕ زیر

دِمہس۔ اَدہٕ اُمِس وُٹھن پیٹھ زاُوِج اَسن رکھ ہِش وہٕتلان تہٕ تتی غائب

گژھان۔ مےٚ اُس آمرٕ کتھ پتہٕ گژھان!

بہٕ رُوٗدُس دوٚہے کریشان۔ اُتھ برٕس دوٚ لچھ ٹھان۔ ویلہٕ آسہٕ ہے
نہٕ آسہٕ ہے۔ بہٕ اوسُس ژھلہٕ بلہٕ اُمس کتھ کڈٕنۍ یژھان تہٕ یہٕ اُس دوٚہے
دول دِوان۔ اُس تہٕ یہٕ حارتیچ کتھ۔ ڈیان اوسُس منزٕ یہٕ ووٚلہٕ سنس
ہیچھ کتھن میٹھان تہٕ مُنزٕ کیازِ اُمس ہنگہ تہٕ منگہ ژھےٚپہٕ گژھان۔ زَن
چھُس کیاہ تانۍ موٚٹھمُت یاد پیوان۔

یانۍ مےٚ اُمس ژانہہ اَمیُک سبب پرٛژھ۔ اُمہٕ ڈاٚجہٕ دوٚہے کتھ
ـ نتہٕ ووٚنُنم — "یہٕ چھُنا تُہہ میون زیادہ شرٛیہہ۔ اوٚرے چھوہ ناحقہٕ فکرہ ہیوان
بوٚرے وارہٕ کارہٕ چھُس مےٚ کیاہ چھُ گومُت" یتہٕ اوس اپزُے۔ اَکہٕ کتھ تہٕ
اُس تہٕ مےٚ ووٚنۍ یور وپٕزان۔ من اوسُم گواہی دوان زِ یہٕ چھُ مےٚ مُنزٕراوان۔
پوٚز چھینہٕ وَنان۔ یہمنۍ دوٚہن اوس اُسہٕ نکہٕ تہٕ زامُت تھَنہٕ دوٚہ گل ہیوٗ۔ ہُن ہُن
ماجہ ہیوٗ۔ مگر اُمو سینہٕ ماجہ کُن اوسُس وُچھان۔ دِل اوسُم ڈُبہٕ پھیران۔ ڈیان
اوسُس اُمو شُند رنگ تہٕ روٗپ کوٚت ستا گوٚو! تہنٛدکُس ہرُد لوٚگ! اکھ نظر
لیجہٕ۔ اکہٕ دوٚہ یہٕ آس بہٕ برونٛہہ۔ مےٚ رُوٗدُے نہٕ پانَس تام۔ مےٚ بیہناو پانَس نِش
تہٕ ووٚنمس:" بلا ژٕ کیازِ مےٚ نِش ژوٗرِ تھوان؟ ژےٚ کتھ پیٹھ چھےٚ اندری
ہیوٗمُت۔"

یہٕ وَنان وَنان دِژ مےٚ تَس ہیرٕ بونہٕ نظر تہٕ پھیرٕ پھیرٕ لوٚگُس
بہٕ تَس بُچھیک رنگ وُچھنہٕ۔ بلایہٕ تیجہٕ تہٕ چشمہٕ تہٕ تھوٚد۔ مےٚ ووٚنُس بیٚیہٕ۔ ژےٚ ہہ
چھےٚ تہٕ ووٚنۍ میانۍ ماے رٛوز ہرٕ۔"
بہٕ اوسُس تہٕ یہٕ کتھ زُوہ پیٹھ اَنہہ یژھان تہٕ کیازِ اکھ پیٹھ

اُس نہٕ مےٚ پانٕس تہٕ پرٕژھ۔ یہِ بوزِتھ کھارِ تمہٕ ڈٲکس دٔرہ تہٕ وۄننم:۔
"یہِ کمہٕ وۄن نو تےٚ ہے۔ کینہہٕ تےٚ ہے چھوٚرہ محبت مینٛنک میرٕ ٹلراو نمت"
اَتھ جوابس پیوٹھ آو مےٚ اُسُن۔ وُچھ وَے تہٕ یہِ اوس نہٕ امیٚک
موقہٕ۔ مےٚ پیٚزٕہے نہٕ اُسُن۔ بہٕ اوسُس تولِتھ تہٕ میٚنتھ پرٕنتھ کانٛہہ کتھ کرٕنۍ
یِرٕتھان۔ اُمی سٕندِس جوابس کھوٚت مےٚ یوٚہے بوٚشس ہیوٚ۔ خبر یہِ کیاہ کمزوری!
آشنہٕ ہندہِ زٕووہِ اگر بہٕ لوٚیِچ اَکھ کتھ تہٕ بوزِ بہٕ چھُس نہٕ ویرٲنے گژھنہٕ۔
مےٚ وۄنُس "کتھ مہٕ ڈال۔ مےٚ چھُنا نتہٕ فکرہ تران"۔
"کیاہ چھوٚرہ تےٚ ہے فکرہ تران ہا"— اوٚرہ کھیونم بُتھ۔ کیٚتس کالس
لگٕ مےٚ کُن مدرے گنڈِتھ وُچھنہٕ۔ بہٕ دٔپسرویس ہیوٚ۔ مگر مےٚ اوس قصد کورمُت۔ اَز
ونہٕ نادن بہٕ پۄز پۄز۔ مےٚ وۄنُس بے نیاز گژھتھ۔ "ژٕ ہے چھےٚ میانہٕ دِل شٹھومُت"
"یہِ چھوٚرہ تےٚ ہے باسان" تمہٕ وۄن تتھ اندازٕس منٛز تٕلی ٹارہ زن وٕنِن
اوسُس۔ ژٕ چھکھ مےٚ ظاہرا وونت وُچھان۔" تےٚ ہے وراٚے چھُنہٕ مےٚ بیٚبہٕ کانٛہہ
تہٕ ٹوٹھ۔"

مےٚ ہووُس بچس کُن اِشارہ "نکہٕ لال تہٕ نا؟"
نکہٕ لال اوس منٛزلس منٛز شونگِتھ نتہٕ کینٛہہ شرۄن شرۄن کران۔
"تہٕندہ کھوتہٕ نہٕ زیادہٕ کینٛہہ!
اَتھ منٛز چھُنہٕ کانٛہہ شک زہٕ یہِ کتھ بوزِتھ گیہٕ مےٚ رُمن رُمن
عرقہ شران تہٕ بدنس اندر باسیوم تازگی تہٕ زندگی ہنٛز لہر دٔوان۔ جور جور
ییلہٕ۔ زن نگہٕ کاڈکڈٕنہٕ۔ اُمی سٕندیو یمےٚ ویے شوخ اندازو تہٕ کتھو کٔرنہٕ اوس
تہٕ مےٚ اُمی سٕندِس محبتس پیٹھ زانٛہہ تہٕ شک گومُت۔

مےٚ وونُس ۔ " تیلہٕ کیازِ چھکھ نہٕ وَنان ۔ ژٕ کیازِ چھکھ وُدٲسی
ژٕ مےٚ کُس غم چھےٚ بنٲلن ؟

" غم کُس گوٚ ژھم آسُن " تمہٕ دوون ٹھٔہرِتھ ۔ مےٚ چھُنہٕ کینٛہہ غم ۔
اما پوٚز کتھا اکھ چھم اندری تیٚچھان " ۔

" مےٚ کوٚنہٕ چھکھ وَنان ۔ کتھ کیاہ چھےٚ ؟ " مےٚ وونُس وُلٹہٕ لگہٕ لاٚوِتھ ۔

" تمہٕ کیاہ دوٚن وٕہ ۔ یہ چھےٚ نہٕ تمہٕ ونہنہٕ لایِکھ " ۔ یہ بوٗزِتھ
گوٚو مےٚ بُتھِس ہٕ بےٚ رنگ ۔

کینٛژھاہ کھوٗژی کھوٗژی نہٕ کینٛژھاہ پریشان ہیوٗ سپدِتھ وونُس
مےٚ بڑہٕ مُشکِلن ۔ " متہٕ وَن نہٕ "

اَکھ ہپھتہٕ دوہتلے یہ ببیہ اُمی ہندِ ہن وُٹھن ہپھتہٕ سعدی اُسن رٕکھ
نہٕ دوٚنُن ۔ " دوپ مونا اَکھ کتھ چھُنہٕ تمہٕ سیٚتی کانٛہہ واٹھ " ۔

" اَدٕ کُس سیٚتی چھُس ؟ " میانہِ آواز اُس یِنتسی کالُس ژھوٚکیمژ ۔
زَن اُسِم نیندرِ مَنزٕ ژوٗر سمکھےمتی ۔ مےٚ دوٚنُس بیقرار سپدِتھ ۔ نہٕ میانہِ ژرِی
پےچھےٚ ۔ صاف صاف وَن مےٚ تگہ سُہ ژھانٛڈِتھ اَنُن ۔

" مےٚ چھا پنٛاہ سُہ کُس اوس " ۔ اُمہ دوٚن ژٲکھ سان ( زَن
اوسُس وَنُن تلُ دوہہِ نھَپ ، گو ہم اگادِ )

" تعجب کتھ چھےٚ " مےٚ دِتُس جواب ۔

" اَدٕ چھا آسہ نےٚ ۔ اَدَے چھُس ہہ نہٕ سوٗنچُس ہیوان " یہ وَرِنتھ
لَج سوہ ببیہ کیٚہ ہتام سوٗنچنہٕ ۔ دوہہِ رُوٗد نہٕ مےٚ آب و تاب ۔ مگر توتہٕ دوٚنمُس
ٹھہٕ مٹھ کرِتھ ۔

" نَسہ تہٕ ژٕرے سوچ۔ ہرگاہ چانِہِن بخاٗلَن کینژھہ دود دگ آسہٕ بہٕ ہیکا سٕہ ذٕرِتھ " مہٕ گژھہ و پننہٕ آوازِ پیٹھ دھوکہ۔ یہ چھےٚ نہٕ میأنی آواز۔ یہ چھُ کُس تامتھ بیاکھ بولان۔ رمیانہٕ زیوٕ اُسی ہیمےٚ گنڈٕ ہی گرٕ ھان تہٕ پھٹٕری پھٹٕری اوس اکھ اکھ لفظ نیران۔ اَندرٕ اُسم دِلس منٛز ساسہٕ بُدبُرو سوٗ تہٕ خیال وُزان۔ اُچھَن تَل اُسِتھ تہٕ اوسُم باسان زہٕ بمٕلا چھُ مہٕ نٔش سیٹھاہ دوٗر۔ زَن تہٕ مہٕ نِش پھیی۔ زَن کھاندرٕکی ہیم باتٕرِھ شہٕ ورٕی تہٕ اکھ سوٗپنہٕ مایا اُسی۔

مہٕ ژرایہٕ اَندرِی نَٹھ نَٹھ نیبرٕ رٕ کنہٕ وٕنمُس دلاسہٕ دوان۔

" آخر مہٕ تہٕ بوزناو۔ دلیل کیاہ چھُم۔ دیوٕ میأنی دُسی کَتھ اندٕ!

" توٗہی کیاہ ہیکِوٕ کرِتھ " سوٗ لجٕ مہٕ مَتِس پھَش پھَش دِنہٕ " تھوٗ تانٕی چھُنہٕ تہٕ دیوٕ "

یہ بوزِتھ باسیوو مہٕ یاں کنڈٕ ہِن لاریوٗمُت۔ برُونٛہہ یِیلہٕ یہ اوٚنگجہ میأنِس مَتِس پھیرِ ہے۔ مہٕ اوس بدٕ لے سرٛوراہ یوان۔ مگر اَمہٕ وقتہٕ باسیوم زَن تہٕ ریٚنیہ آسہٕ مہٕ مَستہٕ مٕنٛزٕ ی یکان۔ بہٕ ہیٚوٕ لٔٹھس پانٕے مَتِس کشنہٕ تہٕ وٕنمس:

" توٗ تہٕ ہرجہ چھا دِنہٕ نَس۔ یا گژھہ و بہٕ چھُسے نہٕ چون۔ ژٕ چھِکنہٕ میأنی رمیانہٕ زیوٕ رٕہاشنز تُلہ ژراو اُس وعدٕ نی وارٕ ے بدلے مٕرشہ۔ یہ اُسنہٕ رمیانہٕ دِ لیچ آواز۔ شاید توٗرا رُس تہٕ فکرٕ۔ تورٕ وُزھم۔ توٗ ہی چھُوٕ نہٕ یُتہٕ تھَپی تُلان۔ مہٕ چھُنہٕ ہرجہ کانٛہہ بوزٕ ناوُنس۔"

وُٹھَن پیٹھ اُپزٕ مینٛزٕ اُسن اُنِتھ وٕنُس مہٕ بے ربطہ پاٹھی—

" تیٚلہٕ بوزٕ ناو دلیل کیاہ چھ؟"

اکہ طرفہ اگر بہ سنجیدہ گوس۔ مگر بیٚیہ طرفہ باسیوو میہ پنٕنہ پان
بیمار سنٛدی پأٹھی ﭡھوٚکمُت۔ دِلس اُس میہ ییتھے کالس گراے، بُجہٕ مرٕژ۔ زَن
اوشس بہ کیٚنہہ تانی فیصلس پٕرأران۔ اَندری اوسُم گُستاخی کَرٕان تہٕ وُکرِنی دٕب
ہی دِوان۔ اکھ سوال اوس میہ ذہنس منٛز گتہٕ رگیوٚر رلہٕ ناوان۔ ییٚمیک تَس
جواب اوس ضروری۔ مگر جواب اوس میہ نٕش۔ سُہ اوس کُنام وودہ پرس
نٕش۔ بہ لوٚگس یمہٕ ژھرٕٹھ ہی دِنہٕ۔ تہٕ تسنٛز کیٚنہہ بوزنہٕ۔ تیٚمہ ووٚن بڈٕہ اطمینانہ
سان۔

"چھوہ سہ بوزان۔ یہ چھہ تمُن دوہن ہنٛز کتھ۔ ییٚلہ میہ وُنہ
لگن تہٕ اوس کرنے۔ ویسے اوٚسکھ میہ تہٕ ہی سیٹھا گوٚنڈمُت۔ مگر لگنس اُسہ
وُنہ کیٚنہہ دوہ باقے۔ بہ اُسہ ہس ماتا مالہٕ کیو دِینٛ بھتہٕ سالس اَنی مرٕژ۔ میہ
ووٚن کالہٕ ماماجی یَس ساٹنٛج دھوٚتی انٛنی۔ مگر تَس اُس نہٕ فُرصتھ میٛجی مرٕژ۔
دوٚیمہ دوہہ اوس میہ گرہ گژھُن۔ دفترٕ نیرِتھ نہٕ وِزہ ووٚن میہ ماماجی یِن۔
"ہتہ رٹھ ییم گئیہ روپیہ۔ ییرِتھ خوش کری تِرتھ دھوٚتی گژھم ہانٛنے
اَنٛنی۔ دوہس منٛز سکھرےیَس بہٕ کیٚرِتھ پھیرہ بازر۔ مگر مامنہ تہٕ دیدہ دیُت تمہٕ بُرہ
نیبر نیرنے۔ اَخر ڈرائیس بہ شلوار قمیض لاگِتھ شیرِتھ تہٕ بیٚمرِتھ تمُن پرژھنے
کرنے بازر۔ اوٚتامت اگر بہٕ کُنی زَنی نیرنس مَنٛدچھان اُسس، ووٚنی اوس میہ
یہ کھوژُن تہٕ ژوٚلمُت۔ نِکیاژہ بہٕ اُسس لگنس ژاہرِتھ تہٕ پنٕنہ پان اوس میہ
ہرشہ مرٕژن زنانن ہنٛدی پأٹھی ہمہ روٚس نہٕ آزاد باسان۔ ییٚمہ وَقتہ بہٕ دھوٚتی انٛنہ
بازر ڈرائیس تمہ وقتہٕ اوس چھوٚنت تاپھ۔ خبر اوٚبرٕ تہٕ ما آسہ ہے گُنہ طرفس کُن۔ تہٕ
چھیم نہ خبر۔ یُتھے بہٕ دھوٚتی ہیتھ بازرہ بیٚہ ٹھ ماتال کُن آیس، وُچھان وُچھان

اُہن رٚوٗدہ راتھ۔ یہ تور ہُن میہ فکری زہ یتھِس کالس کیاہ رکنہ گٔرو یوٗتاہ گوٚن

اوٚبُر پاٹھ دوٚر۔ پکان پکان اُدریوو میہ رٚوٗدہ سیتۍ سورُے پان۔ شلوار لاریوم زنگن

لفافس منز اُس دھوٗتی تھٔخ تہ ژاو پوٗنی۔ میہ اوسُنہ پننین پلوٗن ہُند غم۔ یینہ

اُدرے یہ۔ مگر یہ قیمتی دھوٗتی اگر لاگنہٕ گرۄنیٔ اُدرے یہ۔ یہ کُس باسہ یہ چھ

وُنی وُنی بازرہ اٚنی مٕرٕ۔ اُوۓ اوسُم پھیران۔ وونی گرٕٹھ دوٚہ دوٚہ تھٔخ تہ اوس

یہ وار۔ بازرِ منزٕ رٚوٗدس اندر اندر پکان پکان اوس میہ باسان زن تتہٕ میہ

بدنس پیٹھ اکھ پلو تہ چھُنہٕ۔ زَن اوس سورُے بازر میونۍ تماشہ وُچھنہ وانہٕ

پینجین پیٹھ متیومُت۔ اُڈی اُسی کوچہ گلین منز ژھاپہ رٚوزِتھ۔ اُڈی اُسی اُکی سے

چھتری تل چھُپِن یِژھان۔ سڑکہ سڑکہ پکنس گیہ میہ گال۔ میہ بدلاو وَتھ۔ بہ

دراِیس بنڈہِ رکنہ۔ بنڈس پیٹھ واٚتِتھ باسیوم زن بہ کاٚنسہ قادرہ منزہ میہ کلاوس

بنڈس پیٹھ اوس نہ نیز تیز قدم تُلنس کانہہ ٹھاکھ۔ یہ دۄی زہ تہ بہ دورے یس مگر

دور نہ سیتۍ اوس میہ رٚوٗد زیادے اُلنہٕ تہ وَلنہٕ پِوان۔ اٚکھی منز گٔرو میہ اورہ نفراہ

اکھ چھتری ہیتھ نظرِ۔ میہ سۄنبتھ اوس سُتہ۔ پتھُے میہ نش ووت۔ اُمی

دِژ چھترِ تَلی رکنہ میہ کُنہ ژودرہ نظر۔ میہ ہُہ زانہہ نہ وَنہ پکہِ وُن کاٚنسہ سیتۍ کتھ

کرٕ مٕرٕ۔ اُمہ وِزِ پھوٚر میہ زیوِ۔ میہ وونُس نٹان نٹان۔

"دوٚپ مو ہسہ۔ یہ چھتری دِیونا پۄہرۍ۔ میہ اوس ۂت تانٛ گرٕ چھُن

یہ پھیور پوٚت۔ چھتری پلہ ناوُن میہ کُنہ تہ ووٚن نم۔

"رٕٹو مہارا۔ توٚہی نی پو"

میہ رٔٹ چھتری مگر اندری رکنہ منٛڈ چھےیس۔ ہنہٕ خود غرضی پیٹھ۔

وَنہ پکان کرٕ ہُن میہ اُمس سیتۍ بنیہ کانہہ کتھ۔ اُمی تہ پرٕژھ ہُن میہ ژہ کوٚت

چھےٚ گژھان۔ کوتاہ دوٗر۔ یہ آو میہ پتہٕ پتہٕ۔ میہ اوس اُمو سٕندِ یِکِنٛز صدا بوٗزِتھ فِکرِ تران زِ یہ آسہِ اُتھٕ داہ قدم میہ پتھ۔ چھٹرِ رٕنٛز پچھے یہ میہ دھوٗتی۔ نیترٕ آسہِ ہیس اَدرِ زٕٹ گمژ۔ یوتانی بہ ماتا مالہ کِس دروازِ اندر ترایس میہ رٕوٗدنہٕ یادے زِ میہ پترٕ پترٕ ماچھٕ کاتھہ پکان۔ بہ اُسس اَندری اَندری پانس ونہوان۔ دٕیان اُسس وونی کٕڈِم دوہ تہٕ مانٛز نستہٕ رٕنٛز۔ خبر کیاہ کیاہ ناسن تراس وٕنٛنم۔ یی سوچان سوچان واتس بہ کانی پیٹھ۔ تامت اوس ماماجی تہٕ دفترِ آمُت۔ تمو ییلہِ بہ کلِہ پیٹھٕ نٕنس نام مُرِ وُچھس۔ تمو وٕننم جل جل گژھہ گھوڑِ بدلاو پلو۔ چھٹرِ ترٛاو میہ تنتی نٕنس اَکِس کونٛجس منٛز۔ تہٕ پلو بدلاونہٕ ترایس بییس کُٹھس۔

کیٛنٛژِ دوہ پتہٕ سٕنٛدِ اَسہِ لگن۔ یہ اوس رمیانہٕ خاطرِ نووے دُنیاہ۔ پتہٕ گیس بہ تہوہی سٕنترٕ لداخ۔ یوتنس واتتھ ڈیٹ رمِلا یہ رٕژھہ کھنڈ دَم۔ یہ اوس تہٕ پوٗز۔ ریمہٕ نِے دوہن اُس میہ لداخ تبدیلی گمژ۔ رمِلا رنیہ میہ سٕیتھ۔ تورِ آس پھیرِتھ تہٕ گوس ورِ مُل۔ اُمو سٕنٛزِ یہ کتھ بوٗزِتھ اوس میہ اشتیاق بڑیومت۔ اُمو سٕند تھکھ دِین آم نہٕ پسند۔ میہ پرٛژھس۔ "اَچھا پتہٕ کیاہ گوو؟"

"پتہٕ کیاہ گو زٕھ گژھان" اُمہِ وونٕ کتھ ژٕٹِ وٕنی پاٹھو" ورِ ملہِ کھسِتھ گیس بہ اَکہِ دوہہ ماتا مال"

" تہٕ چھُہ نامہ خبر!" بہ وٕتھس منٛزِ

"تو ہیو چھورِ نہٕ کتھ یودِ بوزانی" میہ کُن وُچھنہٕ ورا اُمی لجِ وننہٕ۔

"دیدِ اوس رمیوٗن سینٛتھاہ لول آمُت۔ تس آیہ نہٕ پرٛژھے ویتھے بہ

وُچھنَس دوٚن دوٚہَن تہٕ دوٚن راٗژَن۔ تمہٕ پرٛژھ میہ حرف لداخس مُتلِق سوالَس پیٚٹھ سوال۔ تتہٕ کین بکیٚپنَن مُتلِق۔ رسمَن تہٕ رواجَن مُتلِق تہٕ پیٚیہ اَمہ دوٚن باٗژَن مُتلِق۔

میہ ووٚنُس اَسان اَسان: "میہ مُتلِق رتیا؟" اَکھ پیٚٹھ پھیُر بلاٚیہ جِھہ ہورکُن تہٕ ووٚنُن۔ "خاطر ترتیبہٕ دوہہ شامَس پیٚیہ یِتھے رُدٕ لوٚہ ہے نا۔ بہٕ اُسُس اَمہ وَقتہٕ دیدٕ نِشَس بیہِتھ۔ سہ اُس پیٚنس لوہ کِجارَس پھیُر دوان میانِ مامِنِ اُس چوکَس منٛز۔ یِتھےٚ نیٚبرٕ رکنہٕ ٹیٚمہ پَتھ وزنہٕ لوٚگ۔ مامِنِ دراٚت ناٗرہٕ وَز ہیٚش چوکہ منٛزٕ نیبر۔ گوٚڈٕ نیٚتھ وُچھُن ہیٚش کُن۔ تہٕ پَتہٕ دژِن دارٕ کُن نظرِ تہٕ کلہٕ سیتہٕ بیٚٹھ آن کار کریٚنہٕ۔ بہٕ لِیچھس گرا مامِنہٕ کُن وُچھنہٕ تہٕ گرا دیدٕ کُن۔ نا ے پزہٕ پاٚٹھی۔ دیدٕ ووٚنُس بُتھن ہرسہ دِتھ ہیٚوٗ۔ بہٕ گیس دوٚن تہٕ ترین منٛز۔

"ہیٚکے زِہ؟" میہ پرٛژھ تمَن دوشوٚنی۔ توٚہی ہیٚکے چھوٚدٕ اِشارَن اِشارَن منٛز وَنان۔

"کینٛہہ نبی کوٗری!" دیدٕ دیُت جواب۔ میہ گوٚو نہٕ توتہٕ تسلا۔ نظوٚد وُتھتھ وژ میہ تہٕ دارٕ کنہٕ نظر۔ تمو ترٛوو دوشوٚے ٹھاہ ٹھاہ کرِتھ اَسُن۔

دوٚنی گوٚو میہ وارِے شکھ۔ کیاہ تانی دلیل چھہ۔ بہٕ گیس کرِتھ تام ہیٚش۔

نا ے میٚتہٕ وُنی وی توٚہی کِتھ پیٚٹھ چھوٚدٕ کنہٕ پھیسرارِے کران دیدٕ وُچھِتھ میہ عقلہ بقل ہیٚش گمرٛش۔ سہ وُژھم "ہیٚکہ پٕنُنے کوٗری۔ کِتھ چھنہٕ تلہٕ کنہٕ

کینہہ۔ یہ چھُنا نیبرٕ کُنہ سرٕ ماکہ سیٖتھ بجلی کوٗٹ۔"

مےٚ توٗر فکرِ زِ یہ چھُ مےٚ مُژاراوان۔ مےٚ ووٚنُس "اکوہ چھُو"

"تتھ سیٖتہ چھُ اکھ نوجوان لڑکہ اِستادٕ"

"آسہِ کانٛہہ" مےٚ ووٚنُس بتیمہ ڈزان ڈزان۔ مےٚ یون یہ وننہٕ گوٚو

دِیدٕ ناگوار۔

دِیدِ ووٚژھم۔ کتھہ بوزکھ یوٗرِچ کُنہ اورٕ کنے وٲنکھ۔ یُس یہ

لڑکہ چھُ اَتتھ۔ امِس واٲنی کینہہ وری اوٚت نُس پوان۔ یتیمہ دوہہ رۄد

آسہٕ۔ یہ چھُ ہنگہ منگہ اتھ بجلی کوٗٹس نِشن واتان۔ زِ ن چھُ کُس تامت

پرٛاران۔ ییٚ چھُ کانٛسہِ سیٖتہ کتھہ کران نہ چھُ کانٛسہِ کتھہ ہُند جواب دِوان۔ ہانٛسی

ماماجی یُس نِکس بلایہ۔ تمو یہ وچھ یہ کیٛژہ پہرٕ موقعن ہاپتیہ اَتی نُس کھڑا۔

دپیون یہ کرِ پُلسس رپورٹ۔ مےٚ دوپُس فایدٕ تِمِیک۔ اَسہِ کیاہ کرٕ۔ پانس

چھُس زنگہ لوسان پرٛاری پرٛاری۔"

مےٚ کوٚر دِیدِ بلہ آنکار۔

"پوز کیاہ ووٚن تھس۔ آخر یہ نیمیوو نا چھُ کُس؟"

"دے زانہٕ۔ یہ چھا ونان کینہہ اورٕ" دِیدِ لُج حاٰرت کھینہٕ۔ ادہ بی

وُچھ یہ از چھُ رۄد وُنہ والہٕ نے یہ گوو بتیمہ پادٕ۔ ووٚنی یوٗتانی یہ اُسی

آنگن برٕ دِمُو۔ بجلی ژھیتہ کرو۔ ماجہ ہُند گوبُر ڈلی یہ اکھ قدم یہ۔ امِس

گژھ پرٛژھ ییوٚ زِ ییم ہا شونگو۔ ادہ نیرٕ۔ تۄتامت لوسنس اَتی نُس یاد

کم کم ذانٛژ چھُ ییتھ سمسارس منز۔"

دِیدِ ہنٛز یہ کتھ بوزتھ گیہ مےٚ کل پریشان۔ تھوٗد وُچھتھ وژ مےٚ

بٔنِیہِ دارِ رٔکھ نظر۔ اَتہٕ اوس پٔرزکہ پٲٹھۍ اَکھ نوجوان بجلی کوٗٹس نش اِستادہ۔

خبر کُس چھُہ؟ میہ آیہ دِماغس منز وُکھتہِ خیال۔ بہٕ وُژھس بوٗنِس
کمرس منز۔ اَتہٕ مُزنراُو میہ اَلھت دار تہٕ بٔنیِہ تھوٗم زورہ دِتھ۔ پنجرہ آو
ٹھاسہ ناونہٕ۔ اُمی دِژ ہیورکنۍ نظر۔ اَمس کنۍ وُچھتھ گیہٕ میہ عقلہِ بقل۔ اَکی
سے لحظس منز پرزہ نووِ میہ۔ بجلی گاشس منز اُسی اُمی سندس بُتھس پیٹھ
رٔودہ پھیرکہ پارِ کی پٲٹھۍ زوتان۔

بہٕ وُپسہِ ریس۔ جیساہ ہوشاہ تہٕ رٔودُم تہٕ کاتہہ۔ اَکھ اَکھ کھوٗر
باسیوم اَکھ اَکھ مَن۔ رُمن رُمن لٔجم سرُسر۔ میہ باسیوہ زَن تہٕ نار چھُن ہیوٗتمت
تہٕ لوٗکہِ ارساتھاہ چھُہ نار ژھینتہ کِرِتھ دِوان۔ نتہٕ چھُہ میہ کننَ تلی آبشار
گرِیزان۔ کھوژُن آم خبر یہ آبشار گوزھنہٕ میہ تہٕ آبہٕ دِکہ سیٹھو ریُن۔ خبر
یہ نار گوزھنہٕ میٔتہٕ وُچھان وُچھان بھسم کرُن۔ کاتہہ عناصر رٔودُم نہٕ ڈنجہ
دِل وُبرہ ہارے کران کھڑس بہٕ اُمی آنہٕ کائی ہیٹھ۔ اَز پانہرِنہ وَہرِی لٔجس
بہٕ چھتریر ژھانڈنہٕ۔ دِہرہ وُچھنس زالی ہی دِوان۔ تمہ وَوُن نمٕ "رٔکھی چھکھ
ژھانڈان؟"

میہ وَوُن مس۔ "چھتریر۔ اَکہ دوہہ اُسے میہ چھتریر ییتو مُشتھ گژ"

"نارے سوہ اُسہ چانی چھتریر" دپہ گیہ جارتس۔ "سوہ ہبی چھے
میہ ہاہرہ براری کائی ہیٹھ شیرِتھ تھاوِہرش۔ تمتھ بیلہ نہ گرس منز۔ مٲلکھی ڈراو
کاتہہ۔ گژھتھ تتی وُچھُن۔ تتی آسی۔ کنی ٹکہ کھڑس بہٕ براری کائی ہیٹھ
اوِرہ یور ژھانڈ دیتھ وُچھم چھتریر اُس تالوس الانز۔ زَن پرووُم خزانہٕ۔ اَکہ دوہ تہٕ
پھِرہ دِژمس درنَن۔ دوہہ ہندہ ییرِتھ سیتو تمُس گرد۔ تہٕ چھتریر ہیتھ وُژھس

بہ کھوٗژی کھوٗژی آنگنٕ ہرس پیٹھ۔ مےٚ کوٗڈ بٕہ برٕ نبر پان تہٕ۔ بہٕ رووٗزس دروازس ژھایہ ہوٚل تہٕ چھتری پلہٕ نٲوِتھ ووٚن مےٚ تس کنۍ "یہ رٕٹِتھ چھتری"۔ شہ آو دروازس نش۔ تسند زیوٚلھ زیوٚلھ شاہ اوس دروازس ژھایہ اُسِتھ تہٕ کرٕتلہٕ مٕنٛدی پاٹھو میانِس رووٗحس زن کتران۔ دوٚیم مےٚ کیاہ گوو تمہٕ دوہہٕ اُمِس نے چھتری منٛجرٕ آسہٕ ہٕم۔ بچارس ما پیٚیہ ہے یوٗتاہ تکلیف تُلُن۔ مےٚ زن گیہٕ پننہٕ پانٕچ دہے۔

تمۍ رٹ چھتری اتھس منٛز تہٕ ووٚنُن۔

" تۄہہ کیازِ کوٚرِو تکلیف۔ تھاوی زٕہو وونی "

" مےٚ گژھہ مٲفی دِنی۔ بہٕ چھُس سیٹھاہ شرمندٕ "

مےٚ ووٚنُس بُتھ ہاوٕنہٕ وراٗے۔ شہ کُس سمہٕ ہے بُتھ۔

" یہ کوٚسہٕ کتھ اُس تلہٕ کنہٕ؟" یہ کمہٕ اندازٕ ووٚن تمۍ مےٚ ماوٗچھ۔

" اَدٕ چھا آسہٕ نےٚ؟" مےٚ ووٚنُس لوٚ تہٕ لوٚ تہٕ۔ مےٚ اوس ٹارین پیٹھ اوٚش وٚوتمٕت۔ ادرٕ ووٚنُم:۔

" تلہٕ کنہٕ چھُ یہ مۄمولی چیز۔ مےٚ کنہٕ اُس چھترٕ ہنٛز فکر۔"

" اَدٕ کٔنٛہہ فکر اُس اُمِس " یہ پرٕژھ مےٚ تمِن۔

رٕژھ کھنٛڈٕ دم دِتھ تہٕ شاہ سنٛبھالِتھ ووٚن تمۍ:۔

" تمہٕ دوہہ اوس نا روٗد۔ مےٚ دوٚپ خبر "

اُمۍ سنٛز کتھ روٗز اَڈٕے۔ تکیازِ مےٚ پزٕ ہے اَمی وزٕ پرٕژھُن اُمِس۔ " کیاہ سنا، کیاہ سنا، دوٚپ دٕہ تۄہہ " مگر بہ سنیٚ یس نہٕ کتھ۔ مےٚ باسےیہ یہ عجیب کتھ۔ چھترٕ ہنٛدٕ خاطرٕ اوس تٕژ یہ بے تاب۔

اَدٕہ کمہٕ خاطرٕ اوس۔ اَدٕہ کتھ اوس یہِ ییتِس کالس پرٛاران۔ یوان گژھان۔ یوٚہے خیال لوٚگ مےٚ اَندرٕی کنہِ تچھنہٕ۔ مےٚ کوٚر پانس سیٖتیٖ سوٚنچ ووٚنی کتھ کنہِ پرٛژھہ بہٕ اُمس زہ اَدٕہ کمہٕ براٰنٛژ اوسکھ ژٕہ پرٛاران پتہٕ میٖن وَرِی یَن۔ کیوٚنژِس کالس چھوٚر نہٕ مےٚ زٕیوٚے۔ چھیکرس دِژ مےٚ بَرٕہ نبر کُن نظر۔ اَتہٕ اوس نہٕ کٕنہہ ہیٚنہٕ!

[ 'آدم چھُ ییتھے بدنام' افسانوی مجموعہٕ منٛزٕہ ]

•

# صوفی غلام محمد

صوفی غلام محمدس مُتلق چھ یہند۪ی لٔہ کیٚرٕ ہی برادر اکس کالیج میگزینس منز لیکھان :- "ییم چھ سرینگرٕ ڈل گیٹس منز زامِتۍ۔ مٲلۍ ماجہِ کوٗرُکھ غلام محمد ناو تہٕ اکھ ادیب بٔنِتھ کوٗر تہٕ ییمو پننہِ نس ناوس کُنہِ قسمُک ادل بدل۔ البتہٕ پننہِ ذات "صوفی" چھہ پوٚتُس لیکھنہٕ بجایہِ ناوس گوڈٕ لیکھان۔ تکیازِ اُمہِ سیتۍ چھُ ییمن ناوس منز سنگ ہیوٚ قٲیم روزان۔"

صوفی غلام محمد چھ تقریبن اَرٕ ترٕہہ گُنتاجی وہرِی ییم اُسی اونترٕ نام اخبار "خدمتس" منز سب ایڈیٹر۔ یہندۍ زٕ کٲشرِ کِتابہٕ "شیشہ تہٕ سنگستان" (چھاپ سنہ ۱۹۶۲ء) تہٕ "لوٚسِمتۍ تارکھ" (چھاپ سنہ ۱۹۶۲) چھ ڈُنیکھ نام چھاپ خانہ مَنٛزٕ ڈرامرِٕ۔ ییمن کتابن منز چھ افسانہٕ، خاکہٕ تہٕ کریکٹر سکیچ شٲمِل "لوٚسِمتۍ تارکھ" مجموعس میوٚٹھ چھ ییمن مقٲمی اکادمی ہِنٛدِ طرفہٕ سیکنڈ پرائز تہٕ میوٚلمُت۔ صوفی غلام محمد چھ ریڈیو خاطرٕ ڈراما تہٕ لیکھان۔ اُز تام یہند۪ی ییم ڈراما نشر سپدۍ۔ تِہنٛو منزٕ سُنٛد "بیچھ کِھٹ" عوامس منز وارِیاہ مقبوٗل۔

•

صوفی غلام محمد

# کأشرِ زبأنی منز صحافتُک رفہٕ رکان

اخبار نویسی چھُ باضابطہ اکھ فنچہ شکلہِ منز بروٚنہہ برٛونہہ پکان
فنہٕ کِس مأدانس منز چھُ کانہہ چیز تیٚلہِ پوٚد ژاوان ییٚلہِ سُہ ضرورتہٕ کہ حدہٕ نیبر
نیرِ۔ پرٛتھ کانہہ چیز یُس بناونہٕ آو تہٕ یمیُک اوس انسانس حاجتھ۔ سُہ حاجتھ ییٚلہِ
دژاو۔ ادہٕ پیوٚ انسانس سُہ چیز ذبرٕ تہٕ مأری موٚنڈ بناونُک ظعون۔ اَمہ کتھہِ دِیت
فنَس زوٚ۔ صحافت یا اخبار نویسی چھنہٕ پرٛتھ زبأنی ہندہِ خأطرٕ اکھ بڈ ضرورتھ
روٗزمٕژ۔ کنہِ زبأنی ہندی رِتی کانچھن وأئلی چھنہٕ اَتھ ضرورتس ہیکان پرٛتھ کنُن
ژٲوِتھ کشیٖرِ ہندی لوٗکھ چھ پننہِ زبأنی منز اخبار کڈنہٕ کھأترٕ سخ کریشان۔ ییٚلہِ
اُسی عام لوٗکن ریڈیوہس پیٹھ کأشرِ خبرٕ بوزنہٕ کھأترٕ یوٚہے آنتہٕ ہیوٚ گمتھ وُچھان
چھ۔ ادہٕ چھُ فکرٕ ژران تِہُنٛد کأژاہ چھ پننہِ زبأنی ہنزٕ گأرٕ۔

پننہِ زبأنی سیٹھہٕ چھُ پرٛتھ اَکِس روٗحأنی واٹھ ہیوٚ آسان۔ یہ واٹھ
چھُ انسانس پننہِ زبأنی ہندِس پرٛتھ کنہِ چیزِس تھزرس پیٹھ وُچھنچ کَل کڈان
وُنی کینہہ یُس تھزر اخبار نویسی ہندی فنُک یا فنِ صحافتُک لوٚبمُت چھُ۔ اگر اُسی
سُہ نظرِ تل تھأوِتھ کأشرِس منز اخبار کڈنچہ کتھہِ سام ہیمَو۔ یمیُک نیرِ
ییٚ تہٕ زِ اُسی ہیمَو بے سَتھ گژھتھ پوٚت تہٕ دُپوٚ یہ گیہ بُلی آبہٕ ملخ گنزراونی۔

اَسہِ چھَ کٲشرِ زبٲنؠ منٛز اخبار کڈٕنۍ ضروٗرَتھ۔ یہِ ضروٗرَتھ مٲنۍ تھَے
چھُہ وُچھُن اَسہِ یہِ زبان کوٚت تام ہیٚکہٕ اَمیُک بار وَہراوِتھ۔

کینٛہہ وری برونٛہہ تام اَسۍ کٲشرِ زبٲنؠ ہندۍ غٲرخاہ اَمہِ زبٲنؠ
ہُنٛد لوٚزُر تہٕ ژھوٚرپَر وُچھتھ وُدٲسۍ گژھان۔ تِمَن اوس یہِ بہانہٕ یہِ زبان کیاہ
ہیٚکہِ باقٕے زبانَن ہندۍ پٲٹھۍ کانٛہہ ترٛٹھ کٲم کٔرِتھ۔ یتھ پیٹھ تِم تہٕ تھٔکِتھ ہیٚکہ
ہن۔ مگر یُتھ پَتہٕ کُژھن تام وَرِیَن منٛز یُس تھۆٚر تہٕ بۆڈر سانہِ شاعری تہٕ سانۍ
ادبَن لوٚب سہ نظرِ تَل تھاوِتھ۔ بٔلکہ اَسۍ کٲشرس منٛز صحافتُک روٗدٕ رُکان وُچھان
چھِ، دِلَس چھَ یہِے سَتھ ہِش گژھان۔ اَسۍ چھِ اَز صحافتچہِ وَتہٕ منٛز واریاہ تِمہ
سخٕتیہ سہل گمٕژٕ وُچھان۔ یِم اَسہِ اَتھ وَتہٕ پیٹھ پَدٕ ژراوِس منٛز ٹھونٛٹھ آسہِ
اَنان۔ کٲشرِ زبٲنؠ منٛز ہوا فوا کیٛتھ روزنہٕ تہٕ یہ کوٗتام ہیٚکہ برونٛہہ پکِتھ۔ سہ
کتھ سَرِ کرٕنہٕ برونٛہہ وُچھَو اَسۍ کشیرِ منٛز چھا اَمہِ کھٲترِ برونٛہہ کینٛہہ کرنہٕ
آمُت کینہٕ نہٕ۔

اگر اَسۍ اَمہِ کتھ ہُنٛد پے کڈٕنہٕ بیہمو تیلہِ چھُ اَسہِ نَنان زِ برونٛہہ
تہٕ چھُ کٲشرِ زبٲنؠ منٛز کینٛہہ نَتہٕ کینٛہہ کرنہٕ آمُت۔ یہِ خیال چھُنہٕ کانٛہہ نوٚو۔
واریاہو وَری یوٚد پیٹھ چھُ یہِ خیال یینہٕ کِنہِ لوٗکَن ہندین دِلَن منٛز وقتٕ تلان روٗدمُت۔
واریاہو نہجو چھُہ ہیتومُت اَمۍ خیالَن کلہِ کڈُن۔ مگر تِمہ وِزہ یِمہ ژراپہ اَسۍ یِکان
اَسۍ۔ سہ اَسۍ نہٕ ترٛٹھ یوت سہ اَتھ مالِس منٛز وارٕ وَنہٕ لاگِہے۔ اَمہِ خیالہِ چھ
زِژٕ چھَ اَسہِ یینہٕ کِنہِ اُردوٗ اخبارَن تہٕ رسالَن منٛز تہٕ لَبنہٕ یِوان۔ گوڈنیچِ لٹہِ
یِمہِ کوشِشہِ کٲشرِ زبٲنؠ منٛز اخبار کڈنہٕ خٲطرٕ کرنہٕ آیہ۔ تِمہ کرٕ نہٕ کٲتھ بہ
کٲشرۍ بُلکہ کرٕ عیسٲیۍ مشنٔریو کرالہ یار تہٕ دروگجن کِس مشن ہسپتالس منٛز۔

عیسائی مشنریو اوس بیرامن ہندِ کھاتِرٕ کٔرِ چھاپس پیٹھ اکھ کأشُر اخبار
کوڈمُت۔ اَتھ اخبارس منز اوس مشن ہسپتالن ہنزن کاروائین ہند حال درج آسان
بیٚیہ اوس مذہبی تبلیغہ خاطرٕ وارِیاہ کینہہ لیکھت آسان۔ یِم اخبار رٔودی ییتس
کالس جأری ییتس کالس ڈاکٹر نیوٚ تہٕ ڈاکٹر آرن زندٕ آسی۔ عیسائی مشنری
ہُند یہ قدم پیوٚدوے لوٚگنہٕ کُنہ اندس۔ مگر اَمہ سیٚتی لوٚگ کأشرِ زبأنی منز
صحافتس کُن۔ اَتھ وَقتس منز یا اَمہ وَقتہٕ پتہٕ یِم یِم اُردوٗ اخبار کشیرِ منز
دراییہ تِمن منز آسی کأشرِن گوٚنہٕ ماتن ہِندی شار چھاپنہٕ یِوان۔ وُنی کٔیس تہٕ
چھُ یہ سٔیدان[1] اُردوٗ اخبار آسی اَوے رٔٹۍ کأشرِن گوٚنہٕ ماتن ہِندی شار چھاپان
تکیازِ تِمُکھ آسی شار بوزنہٕ کھاتِرٕ کریشان آسان۔ اخبار ہرگاہ اُردوٗ پٔھٹھی نیران
آسی مگر یِمن ہُند مزاژ تہٕ اوس کأشرُے بنیومُت۔ اخبار اڈیٹوریلن تہٕ خبرن منز
آسہٕ کأشرِ مِثالہٕ تہٕ کأشرِ سعہ رٔخیہ دِنہٕ یِوان۔ اکہ طرفہ اگر اخبارو کأشرِس نظمس
پانس نِش جاے دِژ بیٚیہ طرفہ تھاوٕ اُردوٗ رسالو کأشرِ خاطرٕ پننہ اکھ اکھ حصہ
قایِم۔ کشیرِ منز کم رسالہ آسی گوڈٕ نیران یِہند آسہ ناو ہیمو؟ یِتھ کُنہ تہٕ کانہہ
بُس اکھ رسالہ "پرتاپ" اوس وَری پتہٕ وری سری پرتاپ کالجہ منزٕ نیران۔ اَمی

---

[1] مضمون نگارن چھُ یہ مضمون از کینہہ وَری برونہہ لیوٚکھمُت۔ از چھُ کأشرِس
منز ہفتہ وار اخبار 'وطن' نیران۔ اَمہ علاوہ اوس فیلڈ سروے محکمہ طرفہ اکھ کأشُر
بلٹین "چمن" تہٕ سوشل ایجوکیشنہ طرفہ "گاش" نیران۔ یِمن پرچن ہنز پوٚرہ پوٚرہ
وکھنے چھ بروٚنٹھ کرنہٕ آمژ۔ سنہ ۱۹۶۸ اژنس سیٚتی سیٚتی گٔیہ وطن اخبارن
پننی تنزٔیہ وَری مُکمل۔

رِسالن کوٚر کوشُر نظم تہٕ نثر چھاپنُک دٔسلابر۔ اَمہِ کالجہٕ کیو کینژو پروفیسرو دِیت کٲشرِس پیٹھ زور تہٕ تِہنٛدِ کوٗشِشہِ سیٚتۍ سپُد کٲشرِ صحافتُک بیاکھ دروازٕ بیلہٕ۔ کوشُر نثر آو چھاپی صورتس منز یِتہٕ کین لُکن برونٛہہ کُن۔ حق چھُ یہِ زِ کٲشرِس صحافتس یُس گوڈٕ رِشن ہپتالن منز لوٚگمُت اوس۔ تِتھۍ دِیت ایس پی، کالجن رنگ۔ اَکِس کالجس تہٕ ہپتالس منز کٲشرِ صحافتُک گوڈٕ لگُن اوس کٲشرِ زبٲنۍ ہنٛدِ خاطرٕ سیٹھاہ مُبارک۔ ہپتالن منز اگرچہ یہِ کُل لوٚگنہٕ مگر کالجس منز دِتی اَمہِ موٚل۔

یوٗتام مُلکس پیٹھ آزادی ہُند اکھتابر کھوٚت نہٕ۔ کٲشر صحافت روٗز کالجن منز بند۔ "پرتاپ" تہٕ "لالہ رُخ"[1] رُودۍ وَری پتہٕ وَری کٲشرِ نظمُک تہٕ نثرُک اَکھ اَکھ حصہ چھاپان۔ آزادی برٛونٛہہ کوٗر کشیرِ ہنٛدۍ نامور گوشمات مہجوٗر صابَن تہٕ اَکھ کوشُر اخبار "گاش" جٲری۔ یہِ اخبار یِمہِ رنٛگہٕ کڈنہٕ اوس آمُت۔ تِمُک نیب چھُ اَسہِ اَمہِ اخبارکہٕ ناوٕ تلۍ لبنہٕ یِوان۔ کٲشر زبان یتھہٕ گژھہٕ زُلبس منز ہینہٕ آمژ اَس۔ تِمہِ منزٕ کڈنہٕ خاطرٕ اوس یہِ اخبار جٲری کرنہٕ آمُت۔ اگر تِمہِ وَقتہٕ وُنۍ کینہہ ہیوٗ ہوا نوا آسہے۔ مہجوٗر صابُن یُس گاش ہاویو تِمہِ کہٕ گاہہٕ سیٚتۍ آسہ ہے کٲشر اخبار نویسی ہنر کوٚت واتژ ہرش۔ یہِ اخبار اگرچہ دوٚہ ترٛہٕ لیٚٹہٕ نیرِتھی بند گوو۔ مگر پزر یِتھۍ اوس یہِ کٲشرِ صحافتِچ گوڈٕ کٔنۍ۔

آزادی پتہٕ پیم رِسالہٕ دراہ۔ اگرچہ تِمَن منز اَسۍ زیادٕ تر افسانہٕ مضموٗن تہٕ بلتۍ چیز چھپان مگر تِمو کٔر کٲشرِ زبٲنۍ منز صحافتِچ وَتھ سوٗتر کرنٕچ کوٗشِش

---

[1] 'لالہ رُخ'، چھُ شہ سالانہٕ رِسالہٕ یُس ژَن امرسنگھ کالج کڈان چھُ۔

یِمو رِسالو منزٕ چھُ کمہٕ نگت پوش، گگٔ رٮ۪ز تہٕ دِلہٕ منز نیرَن وول یمپوشس پادنس
لایق۔ یِمَن اخبارَن تہٕ رِسالَن منز یہٕ کینژھاہ دٕراو یا یہٕ نیران چھُ سُہ
اوس سورُے اَکھ تجربہٕ۔ یہٕ تجربہ کیازِ کھوت نہٕ رٕتہٕ۔ تمیک بوٚڈ وجہ چھُ کأشرِ
خطچہٕ سختیہ۔

خطچہٕ یِمو سختیو دِیت نہٕ کأشرِس صحافتس کُنہٕ انمانہٕ پننہِ اَکھ کھوٚر
ڈکھراونُک موقعہ۔ یہٕ چھُ وُنی کینس سائینسُک زمانہٕ۔ سائینسَن بنأوی کأنتیاہ سخ
چیز سَہل۔ از کینژہہ وُری برونہہ سرینگرِ کہ ہفتہٕ وار اخبار "نودٔرن" تہٕ تھوٚو
کأشرِ کھأترِ پننُی اَکھ حِصہ آیِتن۔ مگر کینژہہ وَقتہٕ پَتہٕ کوٚر اَمی یہٕ سلسلہ بند۔
برونٹھہ رٕژھ چھُ وۄنی کأشرِس خطس وارِیاہ اَربر سپدیومُت تہٕ یہٕ چھُ وۄنی ہنا
سَہل بنیومُت۔ وُنی کینس یِم حالات چھِ تِم وُچھتھ ہیکو اَسہ وٕنِتھ زِ اَکھ وَتہٕ
منز چھَ وارِیاہ سختیہ۔ مگر یہٕ وَنُن چھُنہٕ ٹھیک زِ کأشرِ زبأنی منز چھُنہٕ صحافتہٕ
خأطرٕ کانہہ جاے۔ عمومُن رٕتھ چھَ یتیمہٕ کتھہٕ ہنز زِ لُکھ گژھن ذہنی طورٕ
کوشرُ پرنہٕ خأطرٕ تیار گژھن۔ لُکَن منز چھَ اَمہٕ کتھہٕ ہنز کأرہٕ۔ مگر اَکھ
نہکُک ییم چھُ دِلَن منز بہتھ۔ اَمی یِمَن چھُ کأشرُ لیکھُن پرُن دورٕ روُمُت۔
اخبار کڈُن اوس مُشکل۔ یِنہٕ چھٹِہ کأشری پأٹھو لیکھنہٕ اوس نہٕ کانہہ سہل بوزنہٕ
یوان۔

پننہٕ دِلُک حال ییمہٕ انمانہٕ اَکھ کوشرُ پننہٕ زیوٚ ہٕ سیتی بأوِتھ ہیکہٕ
بیٚیس زبأنی منز سُہ حال رٕتھ کُنہٕ ییٚہ ہے باوِنہٕ۔ پننہِ جذبات لَتہٕ مونجہ کرِتھ اوس
اَکھ کأشرُ بیٚیہِ زبأنی کأم ہیوان۔ وُنہٕ چھُ اَکھ کأشرُ پننُی دِلہ چیٚن رٲین تہٕ
گرأیین نُنہٕ راونہٕ خأطرٕ بأقے زبانَن ہُند اوٚرزمان مگر فرق چھُ۔ وٕنی چھ کأشری

لِکھارِک ہیوان کأشِرِ پأٹھۍ اورٕ یورٕ چھیٚٹ سوزنیچ آیہ گژھاپہ کرنہٕ۔ تیم چھ اخبارن
تہٕ رسالن تہٕ کأشِرِ پأٹھۍ پنٕنۍ خیالات وَنان تہٕ وۄتھرِتھ ناوان۔ رسالہٕ تہٕ چھپنہٕ
کأشِرِ پأٹھۍ چھیٚٹ چھاپنس منز کانہہ عار کران۔ ییم ساری چیز چھ ہأوِتھ دوان
زِ کأشِرِ صحافتچ وَتہٕ منز چھ وارٕ وارٕ تیم ٹھٔرۍ دوٗر گژھان۔ ییم لیکھن والین
اَتھ وَتہٕ منز پکان پکان ٹھوٗنٛڈ اَنان أسۍ۔ صحافت چھیٚ تیلہٕ کُنہٕ زبأنۍ منز
وۄتھہ پران۔ ییلہٕ اَمہٕ خأطرٕ سورُے مسالہٕ میسر آسہ۔ یہ مسالہ کیاہ چھُ؟ اخبار
نویس چھپنہٕ فقط اَکہٕ اخبارُک ایڈیٹر مانہٕ یوان، بلکہ تیم ساری لوٗکھ چھ اخبار
نویس یا صحأفی ییم اخبارکہ کھأطرٕ لیکھان چھ۔ اگر اَسہٕ کینٛہہ وَری برُونٛہہ
کأشِرِ صحافتٕچ وَتہٕ لاگنس منز کینٛہہ ہیوٗکنہٕ کٔرِتھ۔ تہٕ سُسپید اَوٕ موکھ کأشِرِ
زبأنۍ منز أسۍ تہٕ لیکھن وألۍ۔ کانٛہہ شخص اگر اَتھ زیچھ تہٕ کریچھ وَتہٕ پیٚٹھ
پکہِ تراوان اوس سُہ اوس نہٕ پانس سیٚتۍ خودایس باز کأنٛسہِ وۄچھان۔ مگر
وۄنۍ کینٛس چھُ صحافتہٕ کھأطرٕ پرٛیتھ رنگہ ہوا نوا صاف۔ وۄنۍ چھ یتیُن یوت
پرٛارٕ زِ کانٛہہ گژھِ دِل کٔرِتھ اَتھ وَتہٕ منز کھور تراوُن۔ یتیتھ چھُ سوال یہ
زِ کُس آسہِ سُہ یُس اَمیک پیشُہر تُلہٕ۔ اَمہٕ کھأطرٕ کأنٛسہِ لِکھارِس پتہ
یہ براتھ تھاوُنۍ زِ سُہ کیاہ کرِ۔ کأشِرِ صحافتُک بیاکھ تجربہ چھُ اَکھ بڈم۔ اَوتام
یہ کرنہٕ آو تہٕ اوس سورُے تجربے۔ ییمہٕ یور بیٚیہ کُنہٕ تجربُک چھُنہٕ حاجتھ۔ اَمہٕ
کھأطرٕ یوتام نہٕ حکومت قدم تُلہٕ۔ تہٕ پتہٕ فلحال اَکھ ہفتہ وار کڈنُک سٕنز کرِ
توتام ہیٚکہٕ نہٕ بیٚیہ کانٛہہ اَتھ وَتہٕ پیٚٹھ پنُن قدم مضبوٗطی سان ڈٕکھرأوِتھ۔ اَمہٕ
سیٚتۍ ییٚن واریاہ فائدٕ۔ اَکہٕ طرفہٕ کرَن کأشِرۍ لُکھ کأشِرِس خطس سیٚتۍ زانَ
یُس وارٕ وارٕ دۄرُس سپدِ تہٕ لُکن منز بنہٕ مقبول۔ بیٚیہ ییہ یہ فائدٕ

زِ کوشِشہٕ ییٚکھن والین منز گژھِہ ہُرِر۔ یِہ ہفتہ وار اخبار کرِ کٲشرِ کھاٗترِ
وَکھتہ سوٚتُر تہٕ بنِیہِ دِیِہ کٲشرِس ادبس پھانچھلنک موقعہ۔ یِہ دِیِہ اخبارِچ کٲم تہٕ
تہٕ رسالِچ تہٕ۔ ادب تہٕ یکِہ برونٛہہ تہٕ صحافتس تہٕ ییہ گمہٕ ڈبرِتہٕ۔

[ 'سون ادب' ۱۹۵۹ء ]

# اُمیش کول

اُمیشن کولِنز گوڈنیُک کٲشُر کہٲنی "اُڈرِے کتھ" سپٕدٕ
ستمبر ۱۹۵۵ءَس کونگ پوشس منٛز چھاپ۔

اُمیشن لیکھو وُنِس تام کٲشرِس منٛز کیٛشہ افسانہٕ تہٕ
یمہٕ منٛزٕ چھہ واریاہ چھاپ سپدیمٕتۍ۔ یِہنٛزٕ افسانہٕ نگٲری
پیٹھ پٲرٕ تنقیدی نظر ترٲوِنس سوٗتۍ چھِنہٕ یتھین گنجٲیش
نہٕ چھہ یہ توٚتام مُمکن یوٗتام نہٕ یِہندۍ سارۍ افسانہٕ کتٲبی شکلہِ
منٛز برونٛہہ کُن یِن۔

'دِل' چھُ امیشُن اکھ خاص افسانہٕ۔ اَتھ اندر چھہِ
تیمہٕ سارۍ خوابہٕ گنہٕ حدس تانۍ موجوٗد یِمہٕ زَن اُمیشن یِمن
افسانن دِل کشی بناوان چھہ۔

اُمیش چھُ بٹہٕ یار سوپورُک۔ زامتہٕ چھُ ۱۹۲۹ء
وُنِکِس چھُ ریڈیو کشمیرس منٛز کام کران۔ اَمہٕ برونٛہہ اوس
کینٛسرس کالس تہٕ ہالہٕ بحیثیت آرٹسٹ کام کران۔ اَمہٕ تہٕ
برونٛہہ اوس بمبیِٕ ہندس فِلم ڈوِجنَس منٛز کٲشرِ ڈاکیومنٹری
یَن ہندۍ سکرپٹ لیکھان۔

●

امیش کول

افسانہٕ

# دِل

راجہٕ رٮ۪نہٕ دیدی ژٕہ وَنتہٕ گاٹُھس سٕہ کرِہ ہے نہٕ میہ فتحس سٟتؠ

نیتھر ......" میٲنِس کوٗر اَجر فٲصلہٕ تہٕ آیہٕ راجہٕ رٮ۪نہٕ دیدِ ہ ادٕ ھ ھنگہٕ

راجہٕ رٮ۪نہٕ دیدِ ہ اُتھ کانٛگر دِ ژھپن کوٹھس تل ڈٲکھ۔ چِلمہٕ بوٗرُن تیٚہ نِگ تہٕ

پرٕ ژھنس:-

"کیا ژٕہ فتحس ہے چھُکھ؟"

میٲنِس تو گنہٕ اَتھ کیٚنہہ جواب دِیُن۔ سہ لٮ۪گ راجہٕ رٮ۪نہٕ دیدِ ہ دِچھ نہٕ

فتحس اوسنہٕ پٮ۪زی پاٹھؠ کانٛہہ عٲب۔ جوان بَاڈٕو جان۔ بُتھہٕ صاف کٔرِتھ۔ پتھ

کیاہ گُوژھس آسُن۔ مگر مٲنِس اُس نہٕ توتہٕ یژھان تَس سٟتؠ کھاندر کرُن

فتح اوس تَس پِتٕرُ بوے۔ مگر موٗل موج مرنہٕ پتہٕ اوس سٕہ روزان

میٲنِس ہندِس ماٲلِس گاٹشو گوٗرِی ہے سٟتؠ۔ گاٹشو گوٗرِس اوس نہٕ یتیم گژھنہٕ

وِزِہ بابِچٕرِس ہیٚنٛڈ عار آمُت۔ بلکہ اُس تَس رائے ژٕہ فتح رٕچھِتھ لارٕتیم تنہِ

مکانہٕچ اَڈٕماہن۔ تِمنٛز گاوِ ہ ژور تہٕ خریدار۔ تِمہ علاوِ ہ پانس اوسُس نہٕ دوٚیمہ

زنانہٕ کٔرِتھ نہٕ نیچو زامُت۔ فتح پانس سٟتؠ رٔٹِتھ اَسُس خبر ژٕہ پگاہ بنیم

اَتھ روٗٹھ کرنس سوٗنب نفر۔ تہٕ اگر شوٗدھ دژاو میٲنِس سٟتؠ کرِس نیتھر کوٗر

تہٕ نیریم نہٕ ھیرٕ۔

فتح دٲراو شوٗدھ ۔ اُتھ وُہرِ پانژ پیٹھے توٗگ گاوٕ دوہَس ماُدان
کھالنہٕ تہٕ تِمن ژٔتہٕ تَس رٲچھ کرِتھ واپَس والنہٕ ۔ خریدارٕن دودٕ وٲر ہیتھ
گژھُن تہٕ وُکھتَس تِمن نِش پٲنسہٕ وُگراوِتھ اَنِنۍ ۔ وٕری وٕری گوو کھمان
تَس کھوٗت جادٕ جادٕ بچھُن مٕٹہٕ ۔ یوٗتام پٲنسہٕ سونبرنہٕ ورٲے باقی کاُم اوس
سٲری سے کران ۔

سُہ اوس جِسمہٕ جان ۔ وٕرتاوٕ شوٗدھ تہٕ محنتی ۔ مگر میٚہرِ زَن اُس نہٕ
تَس اندر توتہٕ زندگی ہِنز ژِتیز باسان ۔ سہ ژِتینو یوسہٕ نظرِ شوخی ، کتھَن
مُشک تہٕ پانَس وُشنیر دِوان چھُ ۔ یتیم گژھنہٕ پتہٕ رُوٗد سے نیصف مکانہٕ ۔ ژور
گاوٕ ، محنژ ہنز اَکھ اکائ تہٕ بس ۔ اَصل فتح پیوٗ وارٕ وارٕ ہرِتھ ۔

میٚہرِ بوٗز جوان گژھان گژھان کیرِہ لٹہٕ زہ تَس کرَن فتحَس
سیتی کھاندر ۔ مگر تمہٕ وُچھنہٕ فتحَس کُن اکہٕ لٹہٕ اَکس برِ فرس تہٕ تمہٕ نظر ۔ سُہ
اوس تِتھے یکھ ، تِتھے ژھیتہٕ ہیوٗ گومت ۔ زَن اوس نہٕ تَس کُنہٕ چیزِک پھیران
کُنہٕ چیزُک شوق ۔ وُچھے تہٕ یُہے بوولہٕ ہیو ۔ اَسہے تہٕ یوہے بُلو ہیو ۔ صرف
کاُم کران ۔ بوہے نیم چور زَن ۔

دِل چھُ آب ۔ لوکٕٹس دوہَس منز اُمیتھ تہٕ زُلمان پانَس منز آسانگی
سنز ۔ آفتابچہ پرٛتوِ زوٗنہٕ ہُند اَش ۔

میٚہرِ اوس باسان زِ فتحَس کوتہٕ بڑ کمی چھ ۔ مگر پھیرِن اوسُس نہٕ
تِگان ۔ تَس پھورو نہٕ راجہٕ رَتیز دِیدہ ہندِس سوالس جواب ۔

راجہ رَتیز دیدہ ٹھاو پھوکھ دِتھ ۔ چِلہ بنیہٕ جپرِ پیٹھ تہٕ بجس
دُبارٕ پرٛژھنہٕ ۔

”ژٕ ہہ رکھے۔ بنیہ کانٛہہ چھِیے نظرِ تل؟“

”نہ بی او......“ مہیرٕ زوتیپہ برٕنزس اُکس اچھ۔ پتہٕ گیس

اکلہٕ بیکل ہش۔

”نہ بی او۔ تمہ خاطرٕ نہ مگر......“

اُمہ برونٛہہ کُنٕ سمیوو نہٕ تَس جواب۔ سہ زانہٕ ہے راجہ رٕنیز دیدٕ ہندٕ سُن

سلطانٕ پنڈتہٕ ہُن۔ کبرٕ دانہٕ نِین۔ یمن سہ آب تژاوان اُس۔

اُہشرٕن ڈیڈپن تل سہ آبہٕ نوٹے ہیکہ ہے کُنھ، دِل ہیکہ ہے نہٕ داوس

لاگتھ۔ یہندی مہیرٕ ہندہ خاطرٕ وہ پرٕ ذاتھ ہوی خلق۔ مہیرٕ برونٛہہ کنہ دوٕل

بچاوِتھ نیران اُسی۔

مہیرٕ اندی اندی اُسی گِہٕ لاری، کھرِ شہلن۔ سوٕرہ ڈیر۔ تِھتھ

سِکہٕ شاٹھ، یپارِ نہٕ کانٛہہ ناو لجٕ۔ یوت نہٕ کانٛہہ شہزادٕ واجہ بدلاونہٕ آو۔

ییتہٕ نہٕ کانٛسہٕ ورگہٕ لاگتھ باتھ پرِی۔

مہیرٕ درٕتی اندری اندری وُنی۔ مگر تَس لوکنہٕ کانٛہہ اتھ۔ بغار اکھ

اڈٕہ ورٕہ کھرِ ہاتز۔ ییمس نش سہ منٛزی منٛزی فتحس سِتر وُبتھ یارہ بلہ

کھور اُس رٹان۔ ییمس زرٕہ زنگہٕ کلم منقو منقو کرٕ ہہنہ آسہٕ گامرٕ تہٕ

خریدارن سِتو کرِتھ کرٕتھ اُسِس پوٗس اوس آسان کھوتمت۔ بنیہ وہ بگلی

بچھس بیٹھ نوالہٕ منٛزٕ ہشہٕ اچھ کرٕتھ۔ وو وی کوٹ یُس تہندہ مکانہٕ دُچھیو

رکنز ییو اوس آسان ییران — بنیہ سہ شودٕ بُہرٕ ییمس نش اچھو دادٕ، شُہرٕ

خاطرٕ دوا یا ژاسہ تیہٕ خاطرٕ شربتھ ہہنہٕ گرٕ ھان اُس — یمو منٛزٕ اوس نہٕ

تَس کانٛہہ نظرِ تل۔ رکھینز نہٕ۔

مێتھرٕ زٕن ہیوٗ ہێنہٕ نہٕ پانٕک ظلمٕن ہیوٗ۔ سۄم قد، زیوٗٹھ مس، ڈلامہٕ پاچھ
نرٕ زنگہٕ، اُرکُن ہشن، مُشکُ — ہیپہ مرٛز جوٲنی۔ اَتھ پانس کُن گوٗژھ آسُن کأشرٕ
وُچھمُت۔ اَتھ پانس گوٗژھ آسُن کانہہ نظرٕ گومُت! تِمہٕ دِژ وارٕ ژیچھ۔ مگر تِمہٕ
لوٗب نہٕ کانہہ۔

مگر دِل چھُ شہ اوٗش، یُس نہٕ پھٕکر ہیوٚ۔ سُہ تمناہ یُس نہٕ زیوٗہ کھوٚت۔
تمہ خیال ہیم نہٕ ٹھکنہٕ بِنیس۔ پَتھ کھٕٹے ہیہ!

مێتھرٕ اوس باسان، سعدلبہٕ اَلہٕ گاٮ۪بہٕ، رُکس تام، کُس تام والہٕ تس
ہرکہٕ نرٕ ٹھیچھ دِتھ ڈولہٕ منزٕ — اذأنی اُسُن، ہیٚنیو سُند بُجھ تس صاف بوزنہٕ
اوس نہ ییوان۔ مگر یُس فتحس ہیوٗ اوس نہٕ، مێتھرٕ ہندس دِلس منز اُس اَکھ
ژھاے ژھوٗرٕ ماران، تِمبہٕ لاوان، مگر تس توگنہٕ راجہٕ رٔنیز دیدہٕ ہندس
سوالس جواب دِیُن۔

راجہٕ رٔنیز دیدہٕ کُڈ دٕچھینہٕ کوہٕٹھ تلہٕ کانگرٕ نہٕ تھاوٕن کھوورِس
کوٗہٕٹھس ڈکھہٕ۔ نے تراوٕن پھکرتہٕ پرژھُن مێتھرٕ بِنیہٕ۔

"اَہ نی۔ اَدٕ کیاہ رٕشس چھے ژیہ فتحس سیتیٚ!"

"رٕشس نہ بی کہینہٕ مگر —" مێتھرٕ ہندین جذباتن گیہ گٹہٕ زیوٗ تہٕ ییتہٕ
آس پننہٕ بہٕ زٲنی بیہہٕٹھ اُشی ٹارٕہی ہی — "مگر فتحس سیتیٚ کرٕ مانہٕ کھاندر
ژرٕ وَنتہٕ گاٮ۪شس۔" مێتھر وُژھس آرٕ بَرتہٕ بجھ۔

راجہٕ رٔنیز دیدہٕ کوٗڈ کوہٕٹھ تلہٕ کانگرٕ ہُند ڈکھ۔ تہٕ شانَن مسوٗٹھ
مسوٗٹھ دِتھ کوٗرُن مێتھرٕ تسلاہ۔

" اَدبی وَنس۔ مگر کوٗرہ اُذ پھاشہ زمانہٕ۔ اَتی بوزٕ کانہہ کأشرٕ

ہٕنْد۔ وٕنی چھوٗن دِل تھاوُن خاطرٕ وَنُس ....."

راجہ رٔینہٕ دیدہٕ ہٕنْد وَنُن دۄاو پوٗرٕ سے۔ کٲشرۍ بوٗز یہ تُمٕند۔ کٲشرۍ بوٗز رٔتی یہ تٔمِس پننہٕ نقشک حساب تہٕ دۄیمہِ زمانہٕ ہٕنْد صلاح اوس۔

نِکاح آو پرنہٕ۔ ہُرکُ ژۄمبرٕ آے وَنہٕ نہٕ۔ بٔتہٕ کالاہ آو دِنہٕ۔ دۄہس اکِس رۄد چھُرہ گژھِتھ۔ راتس اکِس دۄی گیس لیمپ تہٕ میٔہرٕ سُند فتحس سیتی کھاندر۔

میٔہرٕ اُس تٔمی نِس ییتہٕ نُس سۭتہٕ برۄنٹھہ اُس۔ تٔمی ژٔینس سیتی، تِمی براندس پیٹھ۔ رٔتہٕ سے گۄڈٕ لارِن تہٕ کھٔرِتھ ڈیرن منٛز۔ فتح اوس تسِندِ خاطرٕ اَز تہٕ رٔتی پیٹھ راتھ اوس زندگی ہِنزِ رٔتہٕ رۄ ستے۔ زَن تٔمِس میٔہرٕ ہِندی مانزٕ اتھ اُسکھ اتھن منز دِتی رٔتی۔ تٔمی گاوٕ ہٕنْد گدوم اوس رۄٹمُت۔ تہٕ پیٹھے اُسِس نہٕ خبر مادان کھالنا کِنہٕ ٹھکلس تھاوُن گنڈِتھ۔ یوٗتے نیم چھُر ہیُو۔ تٔمی اوس نہٕ میٔہرٕ ہِندِ خاطرٕ کانٛہہ نوٚو وقت کانٛہہ نوٚو دُنی یاہ اۄنمُت۔ میٔہرٕ دبیہِ پرٲنہٕ سے کرِپرِس وارٕ تِل کٔرُن۔ بیٚنہٕ اَنہٕ گٔبڑ تٔس باسان اُس مگر پھیرِ اُسِس نہٕ نِگان۔

میٔہرٕ دپیوٚ گوڈٕ زِ دارٕ کِنہٕ لایہ دۄہٹ مگر کینٛہہ دۄہہ گژھِتھ لۭج سُہ سوچنہٕ زِ تٔس کیاہ چھُ تٔمہ پیٹھ پاٹھۍ ازتام دورٕ ماجہ سیتی دۄہہ دۄہہ کوڈ۔ سُہ کڈہٕ یینہٕ یور فتحس سیتی تہٕ۔ تٔس تۄگنہٕ وَنُن تسِندِس مالِس تۄگنہٕ بوزُن ..... تہٕ وُچھان وُچھان دۄاو اکھ وَری۔

بٔتہٕ رۄدنہٕ پتہٕ مس وَرِیس کانٛسہ حِس زِ کوتاہ پرانہٕ تہٕ بڈٕ کِتہٕ کیاہ نوٚو تہٕ بدلیوٚ۔ وٕنہٕ آسہٕ تُرشے۔ تاپھ اوس رٔتی۔ راز

لعہ کٹھٕ یہ تہٕ بٔنیہ برٛے یہ تہتھے پاُٹھو۔ گرٕہ تہٕ کام کار اوس تہتھے۔ فقط اُس
گاشِس فتح ہینٕز دِرے گامٕژ۔

گاشِس اوس باسان، تہٕ تمِس اُس دوٚیم زنانہٕ تہٕ تی وَنان۔ زٕہ
فتح گوٚو کھاندر نیرِتھ۔ بٔنیہ لوٗگ حقن دارِی ہاونہٕ۔ کرٕتام کرٕتام اُرِن
پاُنسہ وُگرااُوِتھ تہٕ رٕٹِن اوٗرِی۔ کمِس تام نِشِس ووٚنُن زٕہ گاشَس یُس پوٚنسہ
تمُو سِندِس مالِس پیٚٹھ سوٚمبرو۔ شہ باگرااوِن سا۔ کمِس تام اَتھ وَنہٕ لوٗگن زٕہ
تشِز نیٚصیف مکانہٕ ہَن کرِن خالی۔ تنازعہ گوٚو زیٹھان تہٕ گاشس بوزٕہ نوو
اَکہٕ دوہہٕ حملہٕ زٕہ شہ کدِہ فتحس بیوٚن۔ فتح موکلاوِن تشِزِہ کورٕہ۔ شہ
اوس پٔتمِین دوہَن میٚترِہ تہٕ وَنان۔ "میٚتری ژٕہ وَنیوتھ پرٕسنے ٹھیک۔ یہ
چھُے شکس لد۔ دوہ نٕ ہوٚژِن اَتی۔ بٕ ہاوَے بٕ کتھ جایہ کرٕے ژٕہ نیتھر"
تہٕ میٚترِہ اوس باسان تسُند یہ وَنُن وارِیشُن ژھیتہٕ گومُت ژونگ ہیو۔ وریک
رووُمُت حساب ہیو۔

تہٕ از ییلہٕ گاشُس آنگنس منٛز وُسِتھ کژھٕ ہیرٕہ دِنہٕ۔ میٚتر زَن
وُزِہ نااُوِکھ نِہندرِہ۔ تس ہیٚوتُن گاش ہیو بوزنہٕ یُن۔ تمِہ ہیوٚت ژٕتس ہیو پاوُن
سوٚہ کتہٕ چھِہ، کوٚہ سِہ چھِہ، کتھ پاٹھو چھِہ، اَتی پوٚہ ہانگرٕ منگہ تس شہ دوہ یاد

ییلہ ——
سوٚہ اُس براندس پیٚٹھ یتھے پاٹھو تماشہ وُچھان۔ فتح کھوٚت یارٕہ
بلہٕ پیٚٹھ گوب کھرٕژ پھوٚت ہیتھ۔ تس آسہ زنگہ اپران ہشہ۔ شہ ہیٚژون
گانٕہ لبہٕ نِشس وااِتھ لاینہٕ یُن۔ تہٕ میٚتر وُژھ تس کھرٕژ پھوٚت والنس
اَتھ دِنہٕ۔ کھرٕژ پھوٚت کلہ پیٚٹھ وااِلتھ وَچھ فتحن اَکِس برٕنٛزس اُچھو۔ پٔتر

مُژراوِن یِمہٕ کَنہٕ زَن تِمِس نوٗ گاش اوس یِوان۔ پھِریکھ ہیوٗ ژرٲوِتھ ووہ ژَھرُوون
بُتھِ پیٹھ کھٔریکٕ پشیموٗمت آب۔ مہٕہرٕ لَجِس وُچھنہٕ۔ آخر وَنٕژِس۔

"گوڈٕ یوٗت گۆب پھۆت تُلان کیازِ چھِکھ؟"

اَمہِ ہمدردی زَن دِیُت فتحس اَکِس کھاندارٕ شند ہیوٗ لہجہ۔

ٹَرپہِ دِنان دِنان وُتِنس جواب" ووہ نہٕ کیاہ کرٕ چارٕ چھا!"

"شِنائے گرٕ زِ ہیس۔" مہٕہرٕ ژوٗل بے واپہ نیرِتھ۔ تہٕ فتح
دزاو سیتوڈے زَن اَکھ جُملس کھینمہ مانہٕ اوس پَنہٕ۔ تِمہٕ ووہ ہہ آو مہٕہرٕ فتحس
پیٹھ عار ہیوٗ۔ آخر یِتہٕ چھُہ انسانے۔ کوٗت پان ژاٹہٕ۔ کوٗت کوٗت واتہٕ۔
کیرِش محنت کرِ؟ یتیلہِ پَنہٕ کانہہ یوٗت ہیکہِ تسند بار گوواجن؟ تہٕ یمہٕ پاٹھو
عار پٕنس باسیوو تَس عجیب لذتھ ہیوٗ۔

وُنہٕ کینہس سوچان سوچان باسیے یِہ مہٕہرٕ سومے لذتھ رُمن
رُمن پھیران۔ تِمہٕ ژُوو دار پٲٹھس پان الونڈ۔ مَتھ گوس سومہ دِیہ بُڈٕ کرٕتھ
تہٕ فتحس کرٕ آلو۔ اتی پھیوٗر تسند خیال لَرٕ۔ گاشِتنو آواز گریزے یِہ تَس
کنَن تَل۔ گاشِتھ اُس تَس دِیان فتح ژراوُن سومہ اُس پانہٕ تہٕ دَنان وری برونہہ
تی۔ وری برونہہ اوس نہٕ تَس فتحس پیٹھ عار آمت۔ مگر یمہٕ وریس کیازِ
رُود تَس فتحَن وَسہ؟ ڈیکن چھا تورے لیکھت آسان آمت؟ دِل چھا
اَسہِ پرٕژھنے پنُن زال وہران؟ فتحن کیاہ کوٗر تیوٗت تَس یتھ؟

مہٕہرٕ رُوزُنہٕ خبر تِمہٕ کیاہ پرٕژھہ پانَس۔ مگر اَکھ واقہٕ ووتلیو پانٕنے
تَس اُچھَن تَل۔ ژراونہٕ ووہ اُسہ سومہ اُس ووہ ہٹس سیتو کھون
دِتھ وودنی۔ سکھ بوچھ اُسس لگۆمرِش۔ برمندِ پُن اوس۔ یِہ اوسُنہٕ کھینک

ویلہ۔ دامبر اوسُس شہلیومُت۔ لیتجہ پیالہ اُسو خٲلی۔ چاے چینُس تام اُسو
ترٛیہہ گھنٹہٕ۔ ووٚنی کھیٚیہ ہے ہوٚ کھیٚ شوٚ کھیٚ کینہہ۔ وورہ مٲج دِیہ ہیمیس نہ۔
کھٔرِس ژھانٛڈ دِتھ اُسِس دژامِتھ زٕہ کینہہ بوٗزی۔ مگر تمو زٔن اوسہ ہیُس
بوٚچھہ وارٕے وُتُش دیتمُت۔ میٚہرٕ اوس باسان تاپھ زٔن کرتھہان۔ فتح
دژاو اپاری کنہ تہٕ شانٛ زیر دِتھ پرٛژھنس۔

"ژٕہ کہے کرٛان یتھ تاپہٕ کرایہ منز بیٚیتو سیدٔن ووٚنی ووٚنی"

"کینہہ نہ"

میٚہرٕ دیت نس جواب۔ تس اوسنہٕ منشار ونُن۔ مگر گیس ونُتھ

—— "بوچھہ چھم سَکھ لجی مٕژ۔ وٲرِنج چھم ژھینان۔"

فتحن بُتھ اوس وٕنان۔ زٔن لجٕ تس ژُنڈ۔ شانس پیٹھ اَتھ
تھٔوان وونُس —— "اَدٕ وونتھ کہے زٕ نہ۔ ٹھہر بہٕ اَنے ژوٚچ
زٕ وٚرکہ۔ ........"

فتح آو ٹھکھ دِتھ کاندرِس نِش ژوٚچ ؤرِ ہیٚتھ۔ دورنہٕ سیٚتھو
اَس تس شانٛش کھسان۔ تمہ دوہہ روٚد ژیر تاں میٚہرٕ فتحن سٕ شانٛ
پیٹھ اَتھ تھاوُن اَچھن تل۔ تہٕ تمو سنٛزرٕ شانٛشہ ہمند صدا کنن گرٛزھان
ژیر تام اُس سہٕ دیان۔ فتح سہٕ کلہی کامہ تلہٕ تہٕ سہٕ کرٕ ہے تس سیٚتھی کتھہ۔
سہٕ وُچھہ ہے تس وارٕ۔

دارٕ پوٚٹ ترٛاوِتھ ژاریہ میٚہر اندر کُن۔ تس باسیوو تمہ چھُنہ
فتح ازنہٕ وارٕ وُچھمُت۔ زٔن یہ ہیٚتیم وٕری بےخبری منز ہیوٚ اوس دژامُت۔
تمہ آسہٕ فتحس سیٚتھو کتھہ کرٕ مُژہ۔ تمُس سیٚتھو پکرٕ وِٹہ گروک کٲم کار کوٗرمُت۔

تمس سیٹھو لوکچھ بجہ ہرہ کرہ مژہ۔ مگر زن تمس اوس فتح از نہ وارہ پاٹھن
وُچھنے۔

نہ اُزی اوس اوس تس مول وُنان۔ ژہ ژاوُن فتح۔ وری بُروٗنہہ
کوٗنہ مانیوو تمو تسند۔ وُری بُروٗنہہ اوس دِل بدل۔ کتھ بدل مگر از .....
از ....... میٹھر لیجو اونگجہ سیٹھو مُرس رکھ ہیشہ ژاونہ۔ بے خبری منز
خبر کیاہ کوٗر تمو رکھو اظہار۔ تس اوسنہ پانس زوہنے۔ سعہ اُسس
پتہ مہ عیدہ ہند سوچان۔ ییلہ سعہ اُسس کالہ شامن وارہ پیٹھ بہتھ۔ وانس
ہشرزن نوشن کورِن ہند رُوو کرن وُچھان۔ وارہ پیٹھ بہتھے تہندین وژنن
سیٹھو لوہ تہ لوہ تہ وژن یران۔ تہند اکھ شر ژاو ڈبس کیتھ نوو بڈاٹھ ہیتھ
گرو۔ تہنز اکھ کوٗر دزایہ رُو منزہ تہ پرژھن باپس۔

"ہمرشس اوسکھا گومت ؟" ــــــ تہ میٹھرہ گو وتمنا۔ تس
نہ گوژھ پگاہ کینہہ آسن۔ پگاہ آسہ ہتمس کورہ کلس نو دِجہ گنڈتھ۔ کھوژن
نو چیپو لاگِتھ۔ پگاہ آسہ یہ نو نوش نوہ اندازہ پیرتھ۔ نوو چھیرن
لاگِتھ۔ پتہ مہ وُری یہ لاجوو تمہ کھاندرہ کُے جورہ۔ یہس تہ کڈِ ہے تتھی زڈ
مگر پوژ گژھس آسنو۔

نہ شامن گییہ سعہ حارتس۔ ییتھےٗ فتحن تس بُروٗنہہ کنہ نوو
پوژہ راداہ ژروو۔ ہینتس کھنداٹس تمچو نہ تس پژھے کرنی۔ پتہ پیوس
فتحنین ژھینہ میتین پلہ ون گو حِس۔ پرژھ نس۔

"ژ یہ اونتھ نا پانس کیت کینہہ ؟"

فتحن دیت نس مستی منز ہیو جواب۔ "تھوی ہنے۔ رہیون ہے

چھُ سۄ کھیٛے۔ ژٕ وُچھ پۄژ چھیہٕ ٹھیک"۔

مؠہرٕ زَن نوٗب تمہٕ دۄہہ نووٕے فتح۔

کھۄنہٕ وُٹھ دِتھ، ڈاپہٕ ژاوِتھ باسیوو مؠہرٕ وُنی کینہٕ
فتحن شہ نوٕر پانس منز سمان۔ سمان سمان گیہٕ اَتھ نوٗرس اَکھ شکل ہش
تیار۔ مینٛس مؠہرٕ ہند پان اوس۔ ڈرٕلوم تہٕ پژھ۔ بێیہٕ فتحن ہیوٚ مُتھ۔ شۄدھ
تہٕ عارہٕ ہۄت ہیوٚ۔ یہ شکل آیہٕ پکان پکان بُرونٛہہ کُن تہٕ ژاوِن مؠہرٕ نِرٕ نالی۔
مؠہر اُس پنٛنہٕ نو زُو سیتھ پانس چیرٕ نالہٕ ہۄت کرِتھ۔ بێیہٕ
اُکس گنڈرے مینٛس دۄہس منز وائژ مرِژ۔ گاو اُس نوٗرے نوٗرے پیامرِژ۔ سۄ
اُس وُژھس کُن ٹھیچھ کرِتھ زورٕ پانس سیتھ پژھان رٹنۍ۔ وۄژھ
اوس تیشرٕ ٹھپہٕ نش ہسہ کلھتھ، گاو بن ہٹھول دِتھ۔ دۄد چینہٕ خاطرٕ
درہٕ کران۔ مگر مؠہرٕ اوس شہ پنٛتھ رٹنس لُطف ہیوٚ یوان۔ گاو اُسہ
کُن ژرکہٕ راوی مژہ۔

" رکھیہے ژٕ؟ کنہٕ موہنجہٕ ہے نیرنس بچاوِس"۔ فتحن ووٚننس
اچانکے دروازٕ بیٹھ۔ مؠہر وُژھس۔

" نا ژٕ وُچھ گاو کیاہ چھہٕ کُن ژرکہٕ راوان"۔

" اَدٕ گژھ نا ماجہٕ دۄد ہے چھُس نہٕ — زانکھ ما تہٕ کیاہ گوو"

فتحس خبر کتہٕ آیہٕ شوخی ووتلھتھ تہٕ مؠہرس منز چھیپہٕ۔ تمہٕ
منز چھکن وۄشلن پھیوٚر وُنی کینہٕ تہٕ مؠہرٕ ہندس مُتھس۔ تس باسیوو
سارے سے جسمس اَکھ وُشنیر پھیران۔ تبندس سینس سرسر ہش لگان۔
تُند دِل اُوِلؠ زاوِلؠ مُتھ کرِتھ۔ یوان تیشرٕ نرِ بیٹھ تہٕ پتہٕ گندان

پھِرِستھن سیتھ۔

دِل چھُہ بارَس اَتھ دِیُن۔ دِل چھُہ بہ چھِہ وِزِہ ہُند ژوچ ووٚر۔ دِل چھُہ عیبن بیٚیٹھِتھ پوٚژ۔ دِل چھُہ شہ نوٚبر، یُس اِنسان آدنہٕ بیٚیٹھ بڑیو ارمانو پننہِ نس مُبتِرِس منٛز موجوٗد تھوان آو۔

مٲہرِ توٚگ نہٕ پھِرُن۔ مگر تَس اوس دِل زَن ژونگ ہیتھ ہاوان زِ فتح چھُہ شہ سوٚرِہ ڈیٚرِس منٛز زِتنہٕ ہِندی پاٹھو۔ کھٕرِ بَنہٕ منٛز ہم پوٚشکی پاٹھو۔ گِہٕ لاڈِس منٛز بَنہٕ پوٚنپرِ کی پاٹھو حرف تَسندی کھاٹرِہ موجوٗد۔ تَسندی خاطرِہ اَسان تہٕ اگر سہ تَس ترٲوِتھ گیہ سہ پھِٹہٕ ڈیٚنبس۔ یُہے چھُہ سہ ژھاے، یوس تمہ سوٚچمژ اَس زہ تَس والِہ ڈولہ بیٚیٹھ۔ تیٚلہِ اَس پیوان تَس ژھایی یاٛژ لبنہٕ۔ اَز چھُہ تمٕ جوان، باڑو جوان، بُجتھ صاف گرِتھ مہرازِ پروومُت۔ اگر شہ تَس زِنشہ ژھینہٕ گرِژھ، تَسندِس ڈُنیہس گرِژھ اَنہٕ گٹہٕ۔

مٲہرِ روٚزنہٕ خبر۔ مگر تمہ کوٚر فاصلہ نہٕ دوٚیمہ برٛنٛزِہ وٲژ سہ بتیمہ راجہ رٮ۪نبو دیدرِنش۔

راجہ رٮ۪نبو دید اَس کوٚٹھس کانگرِ ڈکھ تھٲوِتھ تموک پیوان مٲہرِ لُبجس وَننہٕ۔

راجہ رٮ۪نبو دیدی ژہ وَنتہٕ گاشِس۔ یمہ سہ کلاوِ ہے نہٕ فتحس نِش:

"اوہو فتحس چھُنہ یِیے بوٚنٛت جود کوٚرمُت ہ"

"نہ بی جود نہٕ مگر۔۔۔۔" مٲہرِ اَس کوشش کران تَس تِیگہ نا پھِرُن۔ "مگر بہٕ ترٲوہن نہٕ فتح۔ ژہٕ وَنتہٕ گاشِس!"

[منتخب افسانہ، منزِہ]

# پُشکر بھان

پُشکر بھان چھُنہٕ بہترین ریڈیو تہٕ سٹیج ایکٹرے
یوت بلکہ تمہٕ ادبی کردارُک خالق تہٕ یُس محجاہ ناوہ
کاشرِس منز پرٛچھیوو تہٕ پھاںپھلیوو۔ پُشکر بھانُن محجاہ چھُ
بے شک ساہنین ادبی کردارن منز منفرد حیثیت تھاوان۔
پُشکر بھان چھُ ریڈیو کشمیرس منز پروڈیوسر۔ روزن
وول چھُ حبہ کدل سرینگرُک۔ زامُت چھُ اگست ۱۹۲۶ہس
منز۔
تیتھین چھُ اُسی اُمی شند نشہ "زیور تاج" پیش
کران، یُس اُمی گوہ ڈرٛیچہ کاشرِ فلمہ "مانزِ راتھ" مُتعلق
لیو کھمُت چھُ۔

# کأشُر فِلم "مأنزِ راتھ"

اکھ ریویو تاج

رٕبیون گوڈنیک مزاحیہ ریڈیو ڈراما اوس "ہیرو مچامہ"۔ یہ ڈراما بوزن والین آسہٕ یاد زِ اَتھ منز اوس اَکِس جایہ مچامہ یہ ڈائیلاگ بولان:

"خنجی! بس فِلمہ منز گژھی مے فقط اَکھ چانس میلُن۔ اَدہ ہاوَے دولت کیاہ آسہٕ۔ بنگلہ کیتہ آسن!"

بٔنہ پأٹھو اَتھ وَنان "واکھ واکھ وَنی ہیروی" تہٕ مسلمان پأٹھو "ساعتِ حسن"۔ چانس بنیوو۔ امأ نوز دولت گیہ اورہ کہ کھہ تہٕ یورچی خرچ۔ تہٕ بنگلہ بدلہٕ اوس پنُنہ مےٚ گرہ کرایہ مکانہٕ نصیبس۔

اَکہ دوہہ وون پرانہِ کشورن مے۔ "پوشا کأشری پأٹھو ہا بنہٕ پیٚتہٕ فِلم......"

"ژٕ تو کہتھاہ۔ کُنہ سہ جوانی گیی ضایہ۔ راتھ تام اوشکھ دارہ کارہ۔ رأتی تہٕ منزی کیاہ سنا گوٚے" مے وونمس۔

"ہیوٚ بٔھو نا؟"

"ہسائی بأر ٹھپ زَن"

"چائنی درِے ہا چھُسے پوز وَنان۔ نکرنی درِے ہا"

"ہا رکھو چھکھ وَنان۔ مےٚ نا چھُے نہٕ بہان۔ سُہ کُس بناوِہ کأشرِس

منٛز فِلم؟"

"پگاہ واتہٕ ایم، آر، سیٹھ ہمیہ پیٹھہ۔ سُہ کرِہ مےٚ سیتو کتھ باتھ تہٕ

سیٹھ ہیتھ سنتوش تہٕ لوٚنس سیتو......"

"سنتوشس لیکھہ بأتھ فِلمہ ہندِ باپتھ تہٕ لوٚن ڈائیلاگ۔"

"دوشونی چھِنہٕ مےٚ پرٲن جی یَس یہ وَنُن تکان زِ اَسہ میلیاہ رولاہ

رِکنہٕ یہ بوڈ حسرت شرینہٕ اوٚری۔ بتس زَن اَرمہٕ زَن۔ بیپارِہ چھُس سوچان

زِ پوشانژِہ ہا چھکھ لأرہیٚ پیٹھہ۔ پرٲن جی کُس دوتا چھُ زِ ینُن یان

مُشرِتھ روزِیس دوشونی بدے یاد۔ اَندرِی چھُم دُزِہ وُزِہ گژھان پران کشورس

وَنہٕ زِ "بابا۔ مےٚ نا چھُنہٕ پرٛنیہ ضٔرورتھ۔ فقط اَکھ چانس۔ یہ گولڈن

اَپہرچونٹی گژھِم نہٕ اَتھہٕ گژھنی۔" کوٚٹھی درِے چھُسو ہاوان۔ مےٚ ہوٹھ

بتس تہٕ مأل۔ دفترچ کامہ چھُنہٕ دِلاہ کینٛہہ لگان۔ تہٕ ایحساس کمتری ہُنٛد

گوس بَہ یوٚت شکار زِ لوٚن تہٕ سنتوش چھِ مےٚ فلمی دُنیا ہچہ بجہ زہٕ ہستی

باسان۔ یمن دوشن تہٕ اَمہ کتھہٕ ہُند باس۔ یمن دوشن نزدیک آسنہٕ تہٕ چھُم

مےٚ دوشونی یانَس تہٕ یمن درمیان یُنتھ فاصلہٕ باسان یوٚت زمینہٕ تہٕ زُوٗنہٕ

درمیان چھُ۔

دوہ دوہ گوو گُذران تہٕ بہ ہیوتُنس صحتہ کِنہ رِگرُن۔ کُس

وَنہٕ مےٚ کُس سوسُر چھُ اَندرِی کِنہ گومُت۔ مےٚ چھُ فقط راتس دوہس اَکے

خیال دیماغس پیٹھ غالب۔

"کیاہ میانِ فوٹو لگنہٕ زانہہ سنیما ہالس منز !!"

سنتوش، لوٗن تہٕ پرٲن ———— ترپہ پریز لونی نارکھ یکطرف
تہٕ علمبردارہ موہوسی تہٕ غریبی مسکینی بہٕ تہٕ سادھو یکطرف۔ اُسہ دوشوٕن ہنز
میٹنگ یک طرف تہٕ ترین سیکرٹن ہنز ہٹن یک طرف۔

" سادھو "

" رکھو زہ ؟"

" ہنا ییم ناون زد اُسہ چانس "

"دہائے جانے گیوو۔ فلمہ نیر ہیکھ بنتھ۔ پننو چھکھ لیاقت"

"دِن نے تہٕ دِل چھٹی وبسوی رکھو"

" لوٗن ہا تراوی نوکری۔ یہ گوو گومت فلم انڈسٹری منز"

" دپھ اُنزہ منزہ گژھہ سنتوشس واراُن۔ بڈین بڈین شاعرن
سیتھ چھس مقابلہ۔"

" سوگا اُسہ نا دِن تہٕ ییم فلمہ منز چانس!"

اُسو چھ پیہے کتھ کران زِ پرٲن آو اُسہ نِشس۔

"پگاہ ہسائے اُنی زیو پننی پننی فوٹو کاپی سیتھ۔ تم چھ بمبیہ سوزنی
...... پوشا وِلن شند رول کرکھا؟"

اُمو شندیہ ونُن زِ میہ رٹ جمبو برماکُن تراے بلا پٕچھے۔ میہ
چار جمبہ کرتل ہشیہ۔ اُمی دمہ وِلن وِلن آیس منز۔ وائرلیخ اُرسم پھٹنس آمرِ سے
میہ زِ پرٲن جی — " اُسہ تہٕ تہارا گوژھہ دوشوٕنی ضرور ضرور چانس میلن فلمہ منز!"

"Sure, sure, why not"

اُمی سِندی فرٕہنگر بولنٕک کوٗرٕس بَنیمٕ ہُن تہٕ پَتھ۔ میہٕ زِہٕ یہِ چھُ نیٖنہٕ کران۔"

اَما پوز میانِٕ غلط فہمی گیہٕ تَمہٕ دوہہٕ دوٗر یٖیلہٕ پرٲن چھِس ووٗن زِ" فوٹوگرافس اپروٗڈ" از زٲن اوس تہٕ اُمی سِندِس انگریزس منٛز کیٛچھر بلکہ اُس میچھرِ بلاے۔

بہر حال شہ دوہہ ووت۔ ییٖمہٕ دوٚہیچ ہِ وومیدرے اُس۔ اکھ دو ہوٹلک کمرہٕ تہٕ ہمیہٕ ہُند سیٖٹھ۔ فلمہٕ ہُند مین کاسٹ (Main cast) ڈایلاگ رائیٹر لوٚن۔ ایسوشیٹ ڈائرکٹر پران کشور۔ فلمہٕ ہُند بأتھ لیکھن وول جی، آر، سنتوش تہٕ بأتن موسیقی بخشن وول موہن لال ایمہٕ۔ ہے یم حضرات چھاسہٕ چاو رٔشتھ کِنہٕ کھتہٕ۔ لوٚن چھ کتھِ کتھِ پیٛٹھ (Kollynos Smile) کولِناس سمائل دِوان۔ یہ چھُ واقعی شہ ہٕتھیار ییٖمی کمٕ کمٕ سرنڈر کرہٕ نأوی۔ سنتوش صأب چھُ فقط پأنٛپ ژٕہان تہٕ مُنزی مُنزی پأنیہٕ ہُند لوٹ گٕلس سُوزان یتھ لوٚن نِس اُسنس نقل کران۔ پرانس ہوٗن فقط فرٕہنگو زأنی کُن۔ یُتھ زِ منٛزِ ووٚتُھ اکِہ لٔٹہٕ ہوٹلہٕ کِس بٔہرس۔

"You don't have prompt service today. What the Hell is this?"

بُہرن بوٗزہ ہیلس (Hell) بیل (Bell) تہٕ دوٚبٕس —

" جناب پاور چھُ آف۔ نتہٕ چلان اُس۔" تہٕ کٕنی یٖنٛھاہ دِتھ دراو۔ ایمہٕ ییٖمِس بہٕ "بَبہٕ لال" چھُس وَنان۔ چھُ سیٖٹھس اکِہ بالہٕ کھاران تہٕ دوٚیمہٕ بالہٕ

والان۔ اکھ اَند کھوونس قطب شمالی تہٕ بیاکھ قطب جنوبی۔ دوشوٕن اَندن بیٹھ یینہٕ زِہٕ۔

سیٹھ چھُ سیٹھ اُسہِ تھے۔ دیارٕن ہُند اَگرُ۔ کروڑن ہُند مالِک نوتہٕ پوٚت حلیم۔ کیٹہٕ ہَن ہیوٚ، سادہٕ پلو لاگِتھ۔ سوچان چھُس کیاہ چھ ادرِکی ٹکھ آسان۔ اُتھی سوچس منز چھُس زِ سیٹھ جین مُشُر ہنُن اُس۔ اُس کیاہ مُشرُن زَن تہٕ پھوٚل گوٚلاب۔ سُتہٕ سٹائلس منز دچھنہٕ سائیڈٕ وٕرِتھن مِلہٕ وان تہٕ کھوورٕ سائیڈکی وُچھے زیادہ سیٹھ جین ڈائیلاگ ادا کران۔

" ہاں صاحب تو ........ میں بھوٗل ہی گیا آپ کا نام "

ژمبہٕ چاٲرِتھ ووٚنمس۔ " پُشکر بھان " ۔ میہٕ زِ ژمبُب نے چارہ یہٕ کرٕرتَن میہٕ اُتی رِجکٹ۔ زِہے یہٕ ناسٕ لگہٕ نہٕ۔ اَندرہِ گوو میہٕ گمہٕ شران سوٚکس جانہٕ مرگس چھُ تگان چاے چیٚنی۔ دیان چھُس نیبرٕ نیبرٕ تھ کرٕ ہا یہٕ وٕدُناہ۔ پاٲنی پانے لُج وُتھن تہٕ نکہٕ وارِن حرکتھ۔ کیٚنژہ یار دوس لگو سیٹھ جی یس نِش میانی تاریف تہٕ کرنہٕ۔ اَما پوز میہٕ باسان زِہ یِم چھ میہٕ گنگ کھنان اُتھی دورانس منز ترو سیٹھن چندس اَتھ۔ کنٹریکٹ فارم آیہٕ باگراونہٕ۔ یمن نیوٚ دستخط چاٲرِتھ۔ رٕوپیہٕ رٕچہٕ بسیار۔ فی فی نفرن اکہٕ بیٹھ میمہٕ اُلی فا میمہٕ اُلی فا۔ پرٛژھاہ چھنہٕ کیٚنژہ ییوان۔ زِ فِلمہٕ ہُنز دولت چھا واقعی چندس منز اَدٕ کیاہ اللہ اللہ تہٕ خاٲر صلاح۔ توٗبہٕ خاٲر تہٕ مابہ سلام "۔

فِلمی دُنیہٕ ہِکی نفرہٕ ییتن شاہی قدو اَحدٕ ہوٹلہٕ منز نیرٕنی۔ سارٕ وے چھُ پنُن پنُن 'پوز' روٗٹمٹ۔ ساری اَندرہِ کنہٕ پننہٕ پننہٕ جایہٕ یہٕ خیال کران

زِ ہوٹلکی نفر گٔیہ اُسی تھے۔ درو دیوار تام چھ ہیئِنس پٹھ ژِ لہ ورس طاہس
پیٹھ رشک کران۔ یوت زہ سادھو تہٕ بہٕ چھ گھرہ دوس۔ اُسی تہٕ چھنہٕ اکھ
اکس سیتی نیٛبر تام کتھ کران زہے ییتھی گوڈہٕ کتھ کرٕ سے ماگوو لوہ کیچ
ماجہ ہنند۔ اُسہ آو تمہ ساتہ بٔنیہٕ ہوش پھیرتھ۔ ییلہ بہٕ اندرہ نیبرن تام یہ اُسہ
پُورٕژھ زہے بہٕ کیاہ خصِ فلِم بنہ۔ تہٕ نہ آو کانٛہہ بوائے (Boy) کیمرہ ہیتھ
اُسہ برونہہ کنہ۔ فلمہ ہندی ڈائیلاگ رایئٹر علی محمد لونٛ دِتی تمام شہرس وُنی تہٕ
وُنی دِتھ گوُرن لالہ شیٖخنہٕ ہوٹلک اکھ کوٹہٕ پسند کام کرنہٕ باپتھ۔ زانہٕ خودا
تمام شہرس وُنی دِتھ کیا زہ کرٕ اُمی کوٹنہٕ اُمس ییتر گُشش۔ رنگہ وائی سِندی
رنگ ........ ماجہ پنٕنی موزور شرمی شہزادہ باسان۔ دوہ دوہ گوو گزران
کام چھ چلان۔ بہٕ تہٕ سادھو چھ اکہ دوہہ گرہ وسان دفتر نیبرتھ۔ زِ لالہ
شیخنہٕ چھ اُسہ پہلوان جٕریاہ تہٕ ریفریاہ نظرہ گژھان۔ ژٔ تو کتھا۔

" پُشکرا۔ یہ ہا چھے سنتوشن۔ لونٛ تہٕ پرٲن۔ "

" ییمن کیاہ گومت۔ پرانس ورائے دوہ شوٗرے پتلوٗن تہٕ انڈر
ویرہ منز ........"

" پرٲن چھا بچارہ ناتوانی پٔہن رکنہٕ تہٕ۔ نتہٕ گیوو نہٕ پتھ بہن وول۔"
اُسی چھ وُنہٕ کتھے کران زِ اندرہ آیہ بنگوریچ آواز۔ یہ ترٲو سنتوشن
میزس ژٕنڈ۔

" سادوا۔ حالات ہا چھ خراب اندرہ ....."

" منز باگ گژھونا اُسی زہ نباہ۔ اُمہٕ حالہ کتھ تپالہ بنہٕ فلم تہٕ
پیٹھ میلہ ادہٕ چانس فلمہ منز......"

" تلا وولہ اندر اژو "

بحث چھُ گرم

سنتوش :- ( اکھ اکھ یڈ دِتھ ) فقط ہاوون لوکٹ سارہ آبس ترٛان ۔ آب یُس ژالہٕ وُن آسہِ ۔ سُہ چھُ کافی لوکن یہ باس دِنہٕ خاطرٕ زِ دکھ چھُ گذران ۔

پرآن :- ( نکہٕ وأری ترٛکہٕ رأوِتھ ) :- یہ چھُنہٕ ماڈرن پینٹنگ ۔

" People will not understand

Your symbolic touches."

سنتوش :- ( ہأنی ہانس سیتو اُشن ترٛأوِتھ ) : پہلے تم آرٹ کو سمجھنے کی کوشش کرو ۔ سمجھے ۔

پرآن :- " I know it better than you,

know it."

اگر ہم اسی طرح کام کرتے رہے تو بن چکی فلم ۔ در اصل تم دونوں میں کیلشم کی کمی ہے ۔

پتہٕ ذأنی بتھے ونیوو میہ پرآن جیس کُن ۔ زِ ہا ترٛأوِو مہارا ۔ ژکہٕ چھ کُنی سأری ۔ ہیون یوتے یوت وَنُن زِ ییم وُتھی پنٛزہ ہندی پوٗتی کاہ یکہ وٹہٕ میہ پچھنہٕ :-

" فلمہ ہنز سکرپٹ چھُ ۔ تہٕ ڈائیلاگ چھ لیکھنہٕ یوان ۔ زِ چل کچل کام چھُنہٕ ۔ یوت بحث اکھ بیمٹھ شوٗبہ ہے ۔ نتیٛت چھانوتہ اُسی کران ۔ ییرِ مُرکری اکھ منز آسہ صنو روزی چھُ تتھہ منز بُس کورہ وُنہٕ اُسہٕ جُت ۔ "

دِلس منز چھُس وَنان پاٗنی پانس سیٖتو پرٛشا یم ہا چھی پزٕروَنان
رنگ لاتی ہے حنا پتھر پہ گھِس جانے کے بعد ۔ یوٗت ییم اَکھ اَکس مغز کھین
تھوٗت بَنہٕ فِلم اول درجٕچ ۔

" سۆتما ! مےٚ ووٚن رٕکھو ییمن تہٕ ہمو کیاہ ووٚن مےٚ ۔"

سۆتمن ووٚنُس :" ییم نا وَننے تہٕ غلط کینہہ ۔ دَپھ بیفِکِر منوشس نہ
پہ فِکرِ تراں ۔ پَکھ دوٚہ پتہٕ ییم مہ کرُکھ ڈِسٹرب ۔"

سکرپٹ تہٕ گوٚو تیار ۔ ڈائیلاگ تہٕ بنے پہ ۔ فِلمہٕ ہند ساز و سامان
تہٕ ووت بمبیہ پیٹھہٕ ۔ ٹنگ مرگہٕ آو ڈاک بنگلہٕ بُک کرنہٕ ایکٹرن ہندِ باپتھ ۔ اکھ
ونگ مردِ ایکٹرن ہندہ باپتھ تہٕ بیاکھ ونگ ایکٹرسن ہندِ باپتھ تہٕ اُتھی
سیٖتی آیہ " فلائینگ رانی " تہٕ ماٗدانِ عملس منز ۔ سیٹھ منارامنو کار ۔ سیٹھ
جی اوس پَچھ نوو ۔ کانٛہہ اوسُس پونٛژٕ سیٹھ وَنان ۔ کانٛہہ مست رام ۔ کانٛہہ
کینٛہہ تہٕ کانٛہہ کینٛہہ ۔ اما پوز Majority اُسِس منارامے وَنان ۔ اصل ناو
کیاہ اوسُس تہٕ زانہٕ بھگوان ۔ نہ پرٕژھس اَمی زانٛہہ تہٕ نہ ووٚن اَمی زانٛہہ
ادرِ ۔ یُس رنگ کارِ اوس تمی رنگہ اوس منارامس تہٕ سوٚکھ لاگِتھ ۔ کارِ ہنز
کائم اُس منارام ، کیمرہ مین ، سنتوکھ سنگھ ، چار مینار مارکہ ڈائرکٹر جگی رام پال
تہٕ مقامی ڈائرکٹر پران کشور شہرہ پیٹھ ٹنگہٕ مرگہ تہٕ ٹنگ مرگہ پیٹھ شہر ساری ۔
اَمہ علاوہ بوقتِ ایمرجنسی ایکٹرن ہندی شیشہ ناٗری تہٕ لٔژھ تہٕ میژٕ کھیاونی ۔
کوہ ٹھچی دُرہی چھسو ہاوان ۔ سیٹھ منارامنہ فلائینگ رانی دِیت مچامُن موٹر تہ
تِہتھے ۔ اگرچہ موٹرس گرد داروہ رُنز ۔ اُڑان ۔ اما پوز اَتھ چھوہ دارہ ان ٹیکٹ
تعوہہ باسہ پتلوٗن چندَو پننو منزہ اکھ کارِ منز سفر کرن وِزہ ڈُیہہ زَن نیران ۔

یہ دُہہ چھُنہٕ۔ یہ چھُ گِژھ۔ یہ سہ اَکھ کارٕ ژاکہٕ طرفہ وُزان چھ۔ کیازِ تہٕ کتھہ؟ تہٕ
چھُ اَکھ مومولی معمہ۔ یُس نہٕ پانہٕ سیٹھہٕ مارامس ژاننہٕ فِکرہ تور۔ فلائینگ رانی
ہِندِس ڈرائیور نذیر خانن ہیکہٕتھ۔ دِلدار ڈرائیور اوس۔ گرا گاڑی تمِس رِلتھ وان تہٕ
گرا سہ گاڑہٕ رِلتھ وان۔ تہٕ گرا دوشوٗے کنو کتھ کرِتھ شوٗنگ ژٲونی۔

شوٗٹنگ سپیُز ٹنگہ مرگہٕ شوٗروع۔ ڈاک بنگلس آیہ رونکھاہ اَکھ۔ سارنے
ایکٹرن ہِندکُن غذا یکہٕ وٹہٕ کھیون۔ یکہٕ وٹہٕ چین۔ یکہٕ وٹہٕ شوٗنگُن۔ ٹھیٹھ مسخرٕ یاہ
اَسُناہ، گِندُناہ۔ اڈہن "کڑک پراٹھے" پسند۔ تہٕ اڈہن فرے آملیٹ پسند۔
اُڈی مازہٕ کِس حقس منز آواز بُلند کران۔ تہٕ اُڈی سبزی نہٕ آسنس خلاف
پوزیشن رٹِتھ۔ اکہٕ ہفتہ پتہٕ ہیوتُن ٹنگہ مرگہٕ تہٕ اَتھ اندی پکھو جاین کوکرن
ہُند قحط ووتھُن۔ سہ ڈُو چھُ اَسہ ایکٹرو تہٕ ایکٹرسو کوکرن دیتمت زِ ویہہ
سپتر گیہ تمام کوکرن ٹھوٗل پتہ۔ ٹنگہ مرگہٕ ہندی بکین چھ توبہ پران زِ
خوٗدایا یہ کوسہ بُچھہٕ جماعتھ ییہہ یوروٲنتھ۔ یمہٕ زِ چیز ہیتین اتہٕ نایاب
سپدرِنی۔ ژانہٕ بھگوان یہ اوسہ اَنہٕ کِس ہواہس تاثیر۔ رِکنہٕ پننی کمزوری اَسی
ووتلِتھ زِ پرٛاہتھ اکھاہ چھُ مرُن متربتھ کھنا چھنا کران۔ تمہ آسہ یاد زِ
سنہ ۱۹۴۷ عیسوی ہس منز ییلہٕ کشیرہ پیٹھ قبائلی حملہٕ سپُد تہٕ سانیو ہوائی جہازو
دُشمنس پیٹھ شلنگ کرٕ۔ اَسہ منز کتیو واریاہ پکشن پیٹھ حوفہ ہیتھ تماشہٕ
وُچھنہٕ باپتھ پننہٕ سبزرہ۔ پتاہ ما اوس ژکیاہ گیہ شلنگ۔ یوٗہے سبزرا پنزرا
ورتوو ساروے ایکٹرو شوٗٹنگ ہِندِس دورانس منز۔ کُس اِس پتاہ "اِن فریم
کیاہ گوو۔" "آوٹ آف فریم کیاہ گوو۔" "سین ..... ون ..... شارٹ
ٹو ..... کٹ" "کیاہ گوو۔" "رفلیکٹر ڈاون ..... اپ" "کیاہ گوو۔ نتیجہ دراو

یہ یِہ فِلم گَیہٕ کَم سے کَم وٕقتَس منٛز تیار تہٕ مصالہ تہٕ گوو کَم ضایہ سیٹھَس۔

سیزٕرک اوس یہ عالَم زِ میک اپ کَرِتھ اَسو اَسہ دوٚن دوٚن گھنٹن

پیٚنٛٹھ بُتھو اَنَس وُچھان۔ یہ اوسنہٕ بہانے زِ اَسہ چھا واقعی فِلمہٕ ہِندی ایکٹر۔

اَکہِ دوٚہہ چھُہ کأم گژھان ٹَنگ مرگہٕ نالس بیہِتھ چھُہ شوٗٹِنگ چلان۔ سادھوٗ

تہٕ بہٕ چھِہ میک اَپس منٛز۔ شکینہٕ وٲرہ چھُہ وۄکھُل آمُت پھٔٹِتھ۔ سادھوٗ ہس

آیہ سِگریٹ ٹیٹھ۔

"تلا سِگریٹ دِ ؟"

"مےٚ ہا چھےٚ چار مینار سگریٹ"

"چلہٕ ہا ....."

"پکو، ہیٚیِہٕ رِکُن۔ تُکھہ ہا چھِہ وُچھان۔ پَنٛنِس کیتھ چھہِ پَننہٕ جایہ۔ لوٗکھ

چھا ایکٹر نظری وُچھان رِکنہٕ نہٕ ....."

مےٚ پلہٕ نوو بَلَس اَکس پَتہٕ کِنہٕ اَمس چار مینار سِگریٹ اکھ۔ پَنٕنِس

شِکس ماچس چھٔنہٕ کأنٛسہ۔ سادھوٗ ہس گوو کینژہہ کالہٕ باپتھ مُشتھ زِ سُہ

ما چھُہ فِلمی ایکٹر۔ میک اَپ کَرِتھ گوو یہ لوٗکن منٛز تہٕ اَکس وَوٚنُن:۔

"خاجہ صاب ماچس ماحفن چھےٚ ؟"

اُمہِ وَوٚنُس درجواب۔ "ہتا یِم کِتھیو، بیچھ کأشِری ایکٹر۔ یِمن

نا ماچس جوٗران۔ ظاہر چھکھ بیگأری ہاوان"۔

سادھوٗ ہیوٚ تِمہٕ ساتہٕ ظوٚنُس زِ سُہ ما چھُہ فِلم ایکٹر۔ یِیلہِ اَتہِ نَس

تمام لوٗکو ٹھَہہ ٹھَہہ کران اُسُن ترٛوٗوٗمُت۔ تہٕ یہ گُنہ رُکھہِ مےٚ نشہِ آو۔

"چھکھا وُچھان ؟"

" کرٛو دَم ۔ مَنٛدٕ چھاوُن کَنٛٹا۔ ژٕ چھُکھ پانَس تام روزان۔ ایکٹرن
ہُنٛد ناو کوٚرُتھ بدنام "۔

پَرٛزٕ چھُ پرٛزٕ رے۔ یٕہ نوٚ چھنہٕ پاٚغمبرَ ماٚنٛز ہتہٕ۔ یہ چھ اکھ صداقت
کاشُرِ اَکِس اوس نہٕ پتہٕ۔ مطلب تماشہٕ ہیٚنٛن زِ کاشُرٕ نہٕ ہیٚکہٕ فلمِ ایکٹر بنِتھ
ماگرٕ چھَ شوٗٹنگ چَلان۔ ساروٕے چھ بٕنِتھ یَلوٚ گَدِتھ فِلمی وردٕھن لوگمُت۔ یَلہٕ
چھ گُلِس الاٰنٛدی تراوٕتھ ہتہٕ۔ یُتھ زِ گامہٕ ماٚلاہ چھُ باسان۔ بہٕ چھُس میک اَپ
کرٕ ناداں۔ زٕ اکھ گرٕ ہیسی بویاہ وُچھِم پننِس کوٹھس اَنٛدی اَنٛدی پوٚشیرٕ نی گٕتھ
کران۔ گابریوس زِ یہ گوٚزٕھ نہٕ میانِس کوٹھس دٕستی خطاٚوٕ لتھ زیٚن۔ یہ چھُ
تھَلہٕ تھَلہٕ میانِس کوٹھس وُچھان۔ مےٚ زِ ژٕنٛڈ توٚ کتھا۔ کوٹھس میانِس چھُ
آمرُش۔ مےٚ ترٛوو میک اَپ اَتی تہٕ اَمِس گرٕ ہیسی باٚپِس ووٚنُم۔

" کیا حَقِ دلیل ؟

اَمہٕ ووٚنُم " کوٚت حَق چھُ یُتھ کوٹھس دِیُن ؟"

نظراہ کٔرُمَس ہیرٕ بوٚن تہٕ ووٚنمَس " اَرداہ ڈَبل "

" ہا گٕنٛڈکار تہٕ ہےٚ کوتاہ۔ رُہ پیہِ دِمے نوٚ۔ کیاہ چھکھ وَنان ؟

" نصف اِرداہو کَمٕ تہٕ وُرِنی تہٕ "

" اصلی پھِٹَنے دٕراگَن بُتھ ہومُت۔ پَرُس کوٚر مےٚ عاٚن تہٕ غاٚن
یُتھنےٚ کوٹھ گامہٕ ماٚلَس پیچھٕ ساڑھ اَٹھ رُہ پیہِ خرید۔ چوٗنے ہوٗٹ ژٕنٛٹ پوٚز
نےٚ ووٚنمےٚ۔ کیاہ چھکھ تیلہٕ وَنان ؟"

شرارتہٕ ہوٗت ووٚنمَس " ہیوٚ چاری پیتھرِ ہند یا۔ بہٕ ہا چھُس ایکٹر۔ فلم
ایکٹر۔ یہ ہا چھ شوٗٹنگ چَلان۔ وُگیٹ بیک "۔ یِم چھ اَسہٕ بٕنِتھ یَلوٚ ، نیلاٚمی

پکھ چھنہ........"

"وُچھ کیاہ کرکھ۔ تُل حفص پوٗرِ نو دِموے"

یہ مہربان دژاو تمہِ ساعتہٕ پوت ییلہِ پننس اکھ گامی بائے

وونُنس۔" کھو گوے یارہ۔ نیرو پتھ۔ یم ہا چھ بمبیہ ہندی کاشرِ۔ پوٗرِ فلم

ژلنہِ آمِتھ......"

شوٹنگ گیہ چلان۔ فلم گیہ بنان۔ دوہ برتھ کا لچھنس ژن اُسی

اکھ سے ماجہ گبر۔ اَرداہ! دوہے پتُن گرہ وائتھ بہوان۔ بمبیہ ہندی ہمتہ فیصدی

فلمی گبر نہ بلکہ اصل کاشرِ گبر۔ سانی ژٹھو کاشُسو اُسو نہ بمطابق رول اُتھ

گرس منز۔ یہ اُسو بمطابق وائنس۔ یہ آسو پرِہ۔ اُسہ وُنہ دہانہ شوٹنگُن

نہ اُسہ وُنہ دہانہ وہ تھُن۔

ٹنگہ مرگہ ہنز تیر۔ نائٹ شوٹنگ چھ۔ سین چھ ییانہ مرنک

یہ چھس لیفہ منز شانڈہ گنڈی جوراہ شانڈ دتھ۔ کانگرہ ہنا چھم بسترس منز

مئہ اندی اندی چھ فلمہ۔ ہندی ترے اہم کردار۔ ہیرو اُمکار ایمہ۔ ہیروئن موختہ

نہ ہیروئنہِ ہُند بوے سومناتھ سادھو۔ لسہ کُس نہ مرہ کُس۔ یمن ترشونی چھ

سیڈرہکہ پاٹھو تیرِ ستو دَند وَزان۔

"ہیو بلایہ ہا لگوے۔ تلا مرنہ دوان دوان۔ اُسی نہ ہا کرہ ہتو

وُشنیراہ۔ پانز چھکھ مرس منز لیفہ اندر بہتھ۔" یہ ووٗن سادھوٗن۔ نظراہ کرتھ

وونمس۔ "سوٗ ماسہ دوست آں باشد کہ گیرد دست دوست۔ در پریشان حالی و

درماندگی۔ پھرہ یٹے مُت چھے! مئہ چھم مرُن۔ بجایہ ہمدردی چھکھ دبان مئہ

دوان مر۔"

ساڈھوٗس دِژ ڈیکس ژُنڈ تہٕ ووٚنُن۔

"ہیو اَسہِ ماتھو منتھ زِ مرٛون چھِے۔ اَسہِ ہاگیہ تیرہِ سپتھو گلچھ۔ نیرو
نیبر۔ سہ کُسو خوش نصیب آسہِ یُس چانہِ جایہ یتھ تیرہِ گٹہ کارس منز لیفہ
اندر ٹنگہ مرگہٕ مرہ ......"

اُمہِ سُندہِ یہ وَنُن زِ میہ کوتاہ چھُ اوسمنٛ۔ امی اَسہِ وِنہِ ہیوٚنجہ
اُس نیندرِ پیوان۔ تہٕ افتابکُ بُتھ تہٕ اُمسی اَسہِ وُنی چانٹہِ وُچھان۔

"صاحب، صاحب، بڈٹی جناب!" علی الصباح اوس خانٔ
سامان بڈٹی ہیتھ واتان تہٕ دروازس ٹھُک ٹھُک کران۔ اَدہ سانٔ تہٕ کانٔ شر
نیندرٕ۔ اَتھ نیندرہِ مانیرہِ جورہِ تہٕ کُنہٕ۔ پَرٛیتھ اَکھاہ ہُشیار اَسیتھ تہٕ شونگ
لاگان۔ پَرٛاران اَکھ اَکس زِ کُس مُژراوِہ دروازہٕ۔ سنتوشن چھُ سانٔ زِسے
کمرس منز شونگیتھ۔ اُمی چھُ لیفہِ اندر پننہِ نس پانُن سرفہِ رِسُنز اَر بناوِمُت۔

"حضور! بڈٹی"۔ خانٔ سامانہٕ گوو دروازس ٹھاس ٹھاس
دِوان۔ سنتوشس کھوت شرارت تہٕ کٔرِن چھ دِلتھ ووٚنُنس۔

"ہے گوو کیاہ سہ سانہٕ حقہٕ، چھینہٕ سہ بڈٹی بکار۔ زن اوس
بب سون تہٕ بڈٹی چیوان۔ نیندرہِ کامُن کرٛوہ" مدِ مُقابل دژاو ساڈھوٗ۔

"ہے خانٔ سامانہٕ بابہ۔ ٹھہراو کرسہ۔ بڈٹی ہسہ چھُ فلم ایکٹرس
صنوبری چینیو آسان۔ یہ مازانہٕ۔ اُمس تہٕ چھ صنوبری چینیو۔

سنتوشن کوڈ کلہٕ لیفہ منزہ تہٕ ووٚنُنس۔

"چمہ نہٕ۔ ہرگز چمہ نہٕ.....!"

"چینیو چھِے۔ نہٕ صنوبری چھِے چینیو!"

"بِلکُل نہٕ۔ مُطلق نہٕ"

"ہیوٗ رٕژ کٔرِسۍ۔ چھیٚہ اُسہٕ تیٚلہِ فِلم ایکٹرٕن سیٖتؠ شوٗگُن۔ تہٕ نتہٕ أندی نہٕ.....!"

"اَدہٕ یٚیلہِ قونوٗن چھُ۔ بَرکُس گوس تیٚلہِ پھُسڑاوُن وول!" یِی وَنان دٕژاو اَسان اَسان سنتوش اُچھَن مؤرٕن دوان دِوان بِسترٕ منٛزٕ نیبر تہٕ خانٛگی سامانس مُژرِن ہانکل۔

پٔرِیمِھ شام اوس اَسان تہٕ گِندان لولہٕ پننہٕ ساوان تہٕ پٔرِیمِھ صُبح اوس اَسان تہٕ گِندان پانس سیٖتؠ کامہٕ کٔڈان۔ سأنٛسِس خوانس منٛز چھینہٕ پننۍ تہٕ پرٕد الگ الگ وِہنٛدُن زٕن اوسمُتۍ۔ نتہٕ اُسہٕ اُسہٕ بَمبیہٕ ہِنٛدِن کاہِہ گرٕن تہٕ ماہرٕن سیٖتؠ کأم کران۔ اَما پوز تِم آیہٕ اَسہٕ نکھہٕ تبوٗت زِسانہٕ درأیے اوس نہٕ تِمَن دِل لگان۔

سوٗرج نرائن رٕنکو یِمِس اُسہٕ کونٛژھ رأنٛیھ سوٗرجا وَنان اُسہٕ۔ اوس اَکھ واحد نفریس سأنٛس اَسہٕ نِس گِندنس بَرٕژر اوس کران۔ بَمبیہٕ ہِنٛد عملہ اوس اُمی سِنٛدِ چاٹُن پیٚٹھ سیٹھاہ خوش۔ بذاتِ خود سیٹھ صاب نہٕ۔ یُتھ زِ یہٕ تھوٗو اُمی دیگر کامہٕ علاوہ رِکچِنگ منیجر تہٕ۔ گانٛٹھ کوٚرُن ماز حوالہٕ نتیجہ دٕژاو یہٕ زِ نیٚورہٕ اُسہٕ داہ کہٕ کر ریچنس کُنۍ برابر وُہہٕ ٢٠ زنگہٕ ہیٚتھ روانہٕ پیوان کرٕنہٕ۔ تورہٕ اُسہٕ یِمے کہٕ کرٕ نوٚرے زنگہٕ ہیٚتھ پوٚت پھیران۔ اَما پوز وَنہٕ ہیٚس کُس کیاہ۔ وُچھان وُچھان گوٚو سوٗرجہٕ بُنیھ۔ اُمی کوٚر شہٕ رنگ زہٕ اُمی سِنٛدِس بُنیھس چھینہٕ نظر دران۔ اُتھۍ منٛز چھُ سیٹھس اَکھ دوہہٕ گرٕ گٔژھن بَمبیہٕ۔ سوٗرجہٕ اوٚنُن ناد دِتھ تہٕ دوٚپنس "فلائنگ رانی" منٛزٕ کلہٕ نمبر کٔڈتھ۔

"سورج جی ! میرے بعد کسی کو شکایت نہیں ہونی چاہیئے کھانے
پینے کے معاملے میں ۔"

سورج ووٚتھس درجواب اداکاری سان۔

"سیٹھ صاحب ! آپ کو گھر جانا ہے۔ آپ بے فکر رہیں۔ جب ہم
ہیں تو کیا غم ہے۔ صرف مُرغا پکے گا۔"

نذیر خانن کڈ گاڑی۔ سورجن تُل سیٹھس ٹاٹا کران اَتھ "
گائے جا گیت ملن کے تو اپنی لگن کے۔ سجن گھر جانا ہے

سورجہ تہٕ سیٹھ۔ یمو اُسہ پانس درمیان تمام فاصلہٕ ختم کٔرمتہٕ
ییٚمِس بہٕ ہمِس ورأے وار ییوان تہٕ ہمِس بہٕ ییٚمِس ورأے۔ یِمہٕ اُس کیفیت
سانہٕ تمہٕ تمام خاندانس یِس ٹنگہ مرگہٕ بُتھہ اوس۔

سیٹھ آو واپس تہٕ سورجہ تہٕ دراو پنُن گرٕ کُن۔ پنہٕ نین
بچن ہند گھاہ ووچھنہٕ۔ گرٕ ووتھن اوس ترٛین دوہن پیٹھ۔ اما پوز یہ آو دویمی
دوہہ واپس۔

"ہیو زہٕ رکھوزٕ آکھ دوٚنی واپس۔ زٕ وچھتہٕ ما آکھ گرٕ" میہٕ وونس
"ہا نسہٕ"
"پتھہ؟"
"وَنہٕ کیاہ سہٕ وَنُن چھمہٕ تگان۔ ٹنگہ مرگہٕ ہا گرٕہ عادات
خراب۔ گرٕ چھُنہٕ دوہٕ ڈلے لگان۔ راتھ ہنزٕ نزدیر بجہ گوس گرٕ ہشار۔
اَڈ نیندری چھُس کرٕنکہ کرٕتھ کران۔" خانٕ ساماں۔ بڈٹی جلدی لاو" پھرس
بیلہٕ بہٕ کانہہ جوابے چھُ دوان۔ اُچھہ مُژریم پوٚرہ۔ شاندس پیٹھ میہٕ آشینہ

مُٹرے گنڈِتھ وُچھان :

"ہے کیاہ گوم تہُند مأچھوہ کھوٗژِتھ گژِ ہتو ؟"

"وجہ ؟"

"بیٹے ہے تہ ہی نِش چھُ شوٗٹنگِچ - آلو آلو کِتھ چھوٗوس کران :"

مہِ پیوٚو ظوٗن زِ سوٗرج ٹنگمرگہ چھکھنہِ گرٕہ چھکھ -

در جواب ووٚتھس - "یہ اوس فلمہ ہُند ڈائیلاگ یاد کران - شوٗٹنگ لگے

گاش پھوٚل - نوٚ بجے یہ - آسہِ اوٚن بتہ بروٚنہہ کُن - ماگرِ نلن گرم

نظارہ - ڈیکس کوٚڈُم ماس تہ ورٕتھ وائلنچ دزِ دِژم گژھاہ -" سوٗرج ! لعنت ہے

ایسے مقدر پر - کہاں مرغِ مسلم اور کہاں یہ کرم دا ساگ - چل واپس ٹنگمرگ - بیادہ

چھُسہ وہ نی ساگ رٹانی"

"گوٚ اوٚرے آکھ زِ دوانے واپس" مہِ ووٚنُس -

"اۄہن سأ وارہے آمنہ گرٕہ - ازکیاہ سُنا چھکھ ییتہ ہیئن روٚمت

اکھ آو گرٕ تنگ تہ پوٚت پھیوٚر ٹنگہ مرگہ - بیاکھ اوس ییٚزھان ٹنگہ

مرگی بیہن - امأپوز حالاتو کوٚر مجبوٗر گرٕ بیہنس - یہ نفر اوس اومکار خزانچی المعروف

حسرت -

اُمِس ہاوٚ فلمہ زندگی ہنز بڈ ژیجداری - اُمِس آو وننہ زِ یہ ہے چھے

فلمہ منز ہیروینہ ہندِس مألِ سُند روٗل ادا کرُن - تالہ ہسأ پینی کھوٗر ڈالناوُن

شوق ! کالہِ کالے ڈالنوو خزانچین تالہ کھوٗر - ٹینڈا کلہِ - نصیبہ بد - اُمر ڈالنوو

کلس کھوٗر - پیاری ووٚنہس - نأے زِ کرِکھ نوکرہ سُند روٗل ووہ نی - بتہِ ہأکھو گوو

تالہ کھوٗر ڈالُن زیا چھس موٗل موٗدمت یا مأجِ - بہر حال اُمس دیت جأنی دوس

سۆرٕچن مشوٗرٕ زٕ اومکارو ترٛیٚن دوہَن ہا شرٛیپ زٕ گرِی۔ رٕژ پبلسٹی سعہ ژٕاو میہ پیٹھ۔ مول پچھےٚ مۆدٕ مٕتے نوٗ ہٮ۪رٕ مارونےٚ۔ دٕپوکھ اصلی ہٮ۪سہ مۆدٕس اُزکہ۔ یَرٕ تہٕ روزی نتہٕ کرنےٚ فلمی ایکٹرٕ زٕٹ۔ اومکار رۆد گرِی۔ سۆرٕچہٕ رۆد کوچہٕ گٕس پیٹھ پرٕ بیٹھ زاُنٛی کارٕس وَنان ــ" یَیتِمس ہٮ۪سہ اومکارس بچارِس پتاجی گوس سورگہٕ واس"

لۆکھ گیہٕ حاران زٕ اصلی مول کرٕ مۆدٕس۔ اما پوٗز وَنہٕ کٕس کیاہ ؟

اداکاری کوٗرٕس حلِ مُشکل۔ اماپوٗز اُمی سٕندِ دُعایے بدٕن ما کوٗڈ پران کشوٗرس ساڑن پانژن گھنٹن زٕ۔ لچھس وَرِیس روٗزن موجوٗد !

موتٕک سیٖنہٕ (Death Scene) باپتھ ما پیو اُمس فلمہٕ منٛز ساڑن پانژن گھنٹن در عذاب روزُن۔

فلمہٕ ہنٛز شوٗٹنگ۔ یِتہٕ سانہٕ باپتھ اکھ رنگین زندگی تہٕ نوٗو تجربہٕ ہیٚتھ آیہ۔ تیٚتہٕ اُرٕن ہٕ سانہٕ باپتھ کم عذاب کینہہ تہٕ۔ سگے لارڈ ہوٹلس منٛز چھ "بار" سیٖنچ شوٗٹنگ۔ وِلنس سیٖتہٕ چھُ اکھاہ زار گنٛدان۔ بیاکھاہ اُمس اُتی کھوورہ طرفہٕ در بہٮ۪تھ پانٛسہٕ کھیٚنہٕ باپتھ دلبری کران۔ یہ اکھاہ اوس ہٕ بیٚتیہٕ کانٛہہ بٔلکہٕ سون اکھ نوجوان ادیب نوٗرشاہ تہٕ بیاکھ اوس علی محمد لوٗن۔ دوشوٕنی چھ بٕتھی ییمے اَمبرِ ژٕ ژٕنٛٹھ ہی۔ ہُہ یَیتِمس ڈٕپیٹھ دوشلان تہٕ یہ ہٮ۪مس ڈٕپیٹھ۔ مُکھ چھ بسیار سمیے ہیتو۔ نوٗرشاہ ووٚتھ کیمرہ مینس کُن۔ "کیوں جی ہوگیا نا۔ ہم تو یونہی آگئے تھے۔ رات کے ڈیڑھ بج چکے ہیں۔ ہمیں گھر والے ڈھونڈ رہے ہوں گے۔ کیوں صاحب ہوگیا ؟"

کیمرہ مینن ووٚنُس زانماہ کرٕتھ۔ "بیٹھے رہیے ہو جائے گا۔"

توٚہنٛدٕ زون بہتر چھُ ژھوپے کرٕنی۔ فکرِ توٚرٕس زٕ عذابہٕ نِشہٕ نجات

لَبُن چھُ فِل حال ناممکن۔ ظاہر اوس سوچان آیوٚیی کیا زِ ——— ہانٛہہ؟ ژٕرِٛ ٹ تَو کھتاہ۔ اَنہٕ ما چھہٕ گیلاڈ ہوٹلَس آمُت۔ سون ہیرو اومکار آیہٕ کس نام سیتھ لڑاے ژُدان۔ مےٚ رٕنیہ دور تہٕ سادھوٗنَس پرٛژھُم۔

"کہو دلیل؟ سوٗ ما کہو دلیل؟"

سادھو، وُچھُم فقط اَسان اَسان نیلہٕ گرٛژھان۔

"کہو دلیل وَنو؟"

ٹھاٹھا کرِتھ اَسان ووٚنُم اَمی۔

"ایمہٕ ہا کھوٚت بعہٕ پیٹھ ہیوٗر گرِیسہٕ میک اَپس منٛز۔ ییٚتہٕ لبھہ نادیوو اَکی جنٹلمینَن۔ وَنان چھُس۔ ہَیا گرِیسہٕ تیاہ۔ کوٚتو، چھکھ پیٹھ پیٹھ کھسان ڈنگرانیر و نیبر" ایمہٕ ہَس ہا کھوٚت غوصہٕ تہٕ ووٚننَس۔" وِل پِیٛ شٹ اَپ۔ بلڈی فوٗل"

"جنٹلمین آسہٕ رَس کیسر گومُت" یہٕ ڈیشِتھ زِ گرِڈیاس چھُ توٚت انگریزی بولان۔ مےٚ ووٚنُس۔

"ہتسے ہٹ فیل گیوو۔ ییٚلہِ مےٚ ووٚنُس زِ حوٚ جنوٗر سوٗمَن دوٚن ——

یہٕ چھُ ہیرو سانہٕ فلمہٕ ہُند میک اَپس منٛز"

ہیروٚئنَس تہٕ اَمِس (سادھوٗنَس) چھُ لال چوٚکہٕ مَنزٕ پکُن دوٚہلہٕ گاٗمی میک اَپس منٛز۔ سین چھُ یہٕ زِ ییم چھہٕ گامہٕ پیٹھ شہر آمٕتی۔ وِلَنَس ژھانڈانہٕ کیمرہٕ چھُ ہوٹلَس منٛز فِکس۔ کیمرہٕ گژھِ و آن۔ ییم دۄشوٕے چھہٕ مَرس منٛز لوٚکہٕ منٛز پکان۔ وَتہٕ پکہٕ وِنِس چھُنہٕ کاٗنسہٕ اَکس اورکُن ظعن زِ شوٗٹنگ چھہٕ چلان۔ سین چھُ نیچرل طریقس پیٹھ چلان۔ اَکھو منٛز گیہِ زور کرِتھ "ہَیو کاٗشرٕ اکٔرٕ ہا"۔

خبر کمس جانہٕ مرگس پےٚ لوٚگمت۔ ہیرو ژوٚل ہوٹلس منٛز۔ سادھو روٗٹ واریاہو نفرو۔

" ہیو ایکٹرٕ ہا چھےٚ ؟"

" کھینیو وُوسۍ ژادر"

" نبا دلیپ کمارس دِیہ واقعی پاٛزار"

اَدٕ کیاہ ہیوٗت ہے ژادرِ لمٕن تہٕ سوٗمبرٕ زارٕ پارہ کران۔

" ہے ہے۔ بلایہ لگوٚوٕ .... یہ ...... یہ .... یہ .....

یہ چھوٚرٕ نہ مےٚ پننٕز ژادر ۔ ہے دوہٕ ژٕ کیاہ ؟"

وٕکھ گوٚو گذران۔ فلم گیہٕ بنان۔ موٚختصر ووت سُہ دوہ ییلہٕ چشمہ شاہی فلمہٕ ہُند آخری شاٹ ٹلُن چھُ۔ اَمہٕ ساعتہ چھ فلمی عملس تہٕ ساماننس حالت یہٕ۔ منارام سیٹھ پوٚنسہٕ موکھ چھٕ رتہٕ گوٚمت۔ ڈائریکٹر جگی رام پال، جگی رام پارے یوت۔ ڈائرکٹری مُشقہ گاٚمرٕ۔ دِپان اَمس بِچارِس عمرٕ کتھٕ کتھٕ اکوتےٚ گوٚمت۔ ریکارڈنگ وین بیہے عملہٕ بمبیہ منٛز۔ کیمرہ واپس، بمبیہ بیہے ساونڈ ٹریک۔ ریفلیکٹر مین۔ واپس بمبیہ بیہے رفلیکٹر۔ یہنٛز جاے کرٕ مےٚ۔ پران کشور۔ اومکار آیمہٕ تہٕ سوٗرجن پوٚرہٕ۔ سگ ٹین ہندین روٗہٕ یہ ورقن بناوِتھ سوٗرجن رفلیکٹر۔

بس دلدار سون کیمرہ مین۔ " سنتوکھ سنگھ " یُس کیمرہ ورٕےٚ اَسی سیتو بیوٚٹھ۔ اَمہٕ وُن سردار ہیمت نہٕ ہاران۔ تِھ تِھ کرِتھ کوٚر سنتوکھ سنگھن تہٕ پران کشورن کتہٕ تام ایری فلیکس کیمرہ پیٹھ تِتھ ووٚصول۔ آخری شاٹ زندہ باد۔ اَدٕ کیاہ تِتھو ووٚنِکھ ژٕ فلم ہاٚ گیہٕ مکمل۔ سیٹھ صاب اوس خوش۔ اَما پوٚز اَسہ نہٕ کینہہ تہٕ کیازِ اَکی خاندانکو بارٕ ہی یوٚسہ زندگی اَسہ ملنگہ مرگہ گذاران اَسی۔ تیمیک اوس بڑٕ سخ پھیران۔ زن تہٕ ماچہ نشہ زبردستی

کانہہ اولادس جُدا کران اوس۔ اُسی ساری اُسی نیبرن وزِ ڈاک بنگلس نظارہ کرِتھ۔ پرٛان تہٕ سوٚرتِچ وُچھ مہ اُمہ وِزہ تہٕ اَتھ کُن مُدۓ گنڈِتھ رِچھنس کُن وُچھان تہٕ ووشِس ترٛاوان۔

# بھارَتی

یۆدوَے اُسہِ چیپدٕ چیپدٕ کاشرِ افسانَن ہِنٛد لِسٹ تیار کرُو سہٕ چھُ "تیہہ" "شِکست" تہٕ "آبنوسُک رۄلر، جگرٕچ رِش، زِلہٕ ہُہہ وِہہ" افسانو رۄس نامکمل۔ تہٕ ییم ترٛیشوَے افسانہٕ چھہ ہردے کول بھارَتی یَن لیکھمتہٕ۔

بھارَتی سُند زاسنہٕ چھُ ۱۹۳۷ء۔

بھارَتی سٕنزٕ کانٛہہ کاشِر کتاب چھَپہٕ وُنیکھ تام چھاپ خانہٕ منٛزٕ دٕرامِژ۔ کیٛنٛہہ افسانہٕ چھہ وِزٕ وِزٕ مختلف رِسالَن منٛز چھپان رۄدی متہٕ۔ بھارَتی چھُ وُنی کیٛس نۆہ دِلہٕ آل انڈیا ریڈیوکِس کاشرِس سیکشنَس منٛز کامٕ کران۔

ہردے کول بھارتی

# آبہ وٕ سُکرُ، جگرٕچ مش ملہٕ ہُند دٕہہ!

واے! ہُمہٕ کپرٕ ملہٕ ہٕشرٕ ہِنٛز زٕن چھم تٕرِتھ گژھان۔

اَکھ ہِنٛز!

وُنہٕ دٕپہٕ یہٕ زُ ۲ چِھنہٕ بنیہٕ۔ دوٚیم آسہٕ اَمہٕ کھوتہٕ زیٛچھ تہٕ ترٛیم تمہٕ

کھوتہٕ تہٕ زیٛچھ۔ سیٹھاہ ژاوٕن کپرٕ ملٕنٛ ہٕشرٕ یمو تھٕرٕ چُھمنہٕ دٕہہٕ ملبکھ۔

دٕہہ، واریاہ دٕہہ۔ سورُے اَسمان گژھِ دٕہہ داوہٕ۔ بہٕ چھُس

ژوٚرِ مہٕ پورکٕس پٔشِس پیٛٹھ شوٚنگِتھ۔ یِتھٕنٕس تہٕ چھُ نہٕ صاف ہوا۔ کارخانٕنٛ

ہُند یہٕ دٕہہ چھُ سارِنٕے ہٕوٕہس منٛز رلیومُت۔

کوٚیلہٕ دٕہہ۔ ڈیزل دٕہہ۔ پٹرول دٕہہ!

مےٚ گوژھ نہٕ دم گژھُن۔

وُچھ ہیٛ گُجرٲتی زنانہٕ کِتھ پٲٹھی چھےٚ مٕس شوٚنگِتھ۔ اُمِس چھُنا

یتیمہٕ دٕہہ سیٹھاہ دم گژھان؟ اُمِس چھُ حائل۔ ہیٛتہٕ گژھ وارٕ وارٕ!

"ہریشا۔ وٕہتھ سا گوٚبرا۔ وٕہتھ سوٚکٕھ چھےٚ نا گژھُن؟"

"ہا وُنہٕ ہیٛ چھُ سُل۔ وُنہٕ دِژ ملہٕ گوڈٕ نیٛچ پٕچ۔"

یہٕ چِھنۍ کرُسنا گژھ ختم۔ دوٚیم رٕچھ آسہٕ زیٛچھ تہٕ ترٛیم اَمہٕ کھوتہٕ

تہٕ زیٖٹھ !

" وۄہتھ سأگوٚبرا وۄہتھ ، وُچھ پتہ چھےٚ بانبرٚ پیوان ، راتھ آسے اَجہ کتا بہٕ پیٚیتھ مٔشتھ گأمژہ "

یَتھ پٔشَس کأتی پٔس چھہ دُپٕھنہٕ کھوٚوری یمہٕ دیوارٕ ؟ اَکھ اَکی سٔنٛز کتھ بوزنیٚ گیوو توتہٕ کتھا ، انسان چھُنہٕ چارپایہٕ پیٚٹھ وۄہتھان گھڑہ چھُس پیوان نظر دُپٕھنہٕ کھوٚوری پٔشنَ پیٚٹھ ۔

وۄہنی دۄہتھ ہرٚیش بسترٕ منٛزٕ ( یہٕ دیوار چھُ تسٕندی قدٕ کھوتہٕ تہٕ پٔس ) گوڈنیچ نظر پٮ۪یس مےٚ پیٚٹھ ۔ بہٕ لاگہٕ نیٚندرٕ تمہٕ ساتہٕ ۔ چھُنہٕ کینٛہہ مگر مےٚ باسان ژُورٕتس پیٚٹھ زَن نیٚتھ نوٚنے شۄنگتھ چھُس ۔ خبر مےٚ کیازِ باسان یہٕ ؟

مےٚ ماچھہ حال ۔ یوٚت تام مےٚ تہٕ گرٕژھ وارٕ وارٕ ۔ مےٚ تہٕ ییٚلہٕ نیٚندرٕ دۄہتھوٚن ۔ دوٚیمہٕ طرفہٕ کیٚ پٔشچہٕ اُمس مدرأسہ کورِ پیٚٹھ نظر چھہ پیوان ۔ اُمس چھُنہٕ کہیں باسان ۔ یہٕ چھہ اورٕ ٹٹرٕ ہش وُچھان زَن بہٕ " بہٕ " چھُس نہٕ ، زَن چھُس بہٕ ٹائم پیس ، یَتھ یہٕ وَکھ وُچھان چھہ ۔ نتہٕ زَن بہٕ کلنڈر چھُس یَتھ یہٕ دوٚری تأریخ وُچھنچ کوٗشش کران چھہَ ۔

خبر مےٚ کیازِ اُمس کُن وُچھتھ لۄکچارُک سُہ آبنوٗسُک رُولر یاد پیوان ۔ ترٛشےٚ کٕہنہٕ پٔشچ گوٗل گوٗل تہٕ چمک دار ۔

خبر سُہ رُولر کوٚت گیوو پتہ ؟

خۄشیش اوس کران تمہٕ سٕتۍ کاپی ررکھ دِنہٕ ۔ اوٚنگجہ منٛز اوس پانے نکھرٕ نیرِتھ گژھان ۔ پٔشُل ، چمک دار ، کرٛژُن ، گوٗل ، ہُمس مدرأسہ کورِ ہیو ۔

اگر یہ بوز اُمس کنُ وُچھت ہا چھہٕ مےٚ لہٕ کچارُک آبنوٗشک رٕوٗلر یاد پیوان۔

اُمس ماچھ خبر مےٚ کوتاہ ژوٹھ اوس سہٕ۔

سہٕ کوت سناگیوو پتہٕ؟ خبر اَز تام کیازِ پیو نہٕ مےٚ سُہ یاد۔ از تام کیازِ چھیوٗ نہٕ مےٚ تمیک۔

کُس آبنوٗشک رٕوٗلر۔ ہُمس مدرأسی کورِ ہیوٗ۔ پٕشُل، چمک دار رکہٕ ہُن، گول۔

"یمَن کأشرِن کیاہ چھہٕ رنگاہ آسان۔"

"مرضیہ چھُھیہ۔ یہ زَن بوزی؟"

"ہا یہ زبچارہ خرہیوٗ ہیوٗمت، اُمس اگر نگارہ نہٕ وایوٗ شاندس پیٹھ تو تہٕ گژھہ نہٕ ہُشار"

مےٚ زَن چھہ یوت پیٹھ نیندرِ ے گجمرٕ۔ واریاہ کال گوٚو مےٚ نیندرِ کرنس ــــ 'خرہیوٗ پینس'

اگر بہٕ وُنی اُچھ مرٕ رادہ؟ اوہ؟ تو تہٕ گژھہ نہٕ رکھیس۔ یہ آبنوٗشک رٕوٗلر۔ وُچھہ اورہ تتھ پاٹھٕ زَن ٹایم پیس وَکھ چھہٕ وُچھان۔ نتہٕ زَن مالہٕ دہمہ لدٕ کلنڈرس تأریخ وُچھنچ کوٗشش کران ــــ تہٕ مےٚ باسیہ زَن ژٕووٕرتس پیٹھ نیتھ نوٗنی شوٗنگتھ چھُس۔

"ہریشا۔ تکہٕ باوہتھ تہٕ وہنی۔ وُچھو ملہٕ ہا دِرٕ دوٚیمٕ زِچ تہٕ پتہ ہا با گژھی ژیر۔"

دوٚیم زِچ!

ترییم آسہ اَمہ کھسۍ تر تہٕ زیٹھ ۔ یہ ہیچھ ، زَن جگرہ کین تحن
مِش چھہٕ اَژان ۔ واریاہ مِشہ ــــ کرہ نا بہٕ ژاس ؟
دہہ ہریوو اسمانس پیٹھ ۔ وونی ہیٚژن نابسہ تہٕ پکنہٕ ۔ ووَنی
زلہٕ اَتھ دہس سیتی گرد تہٕ ۔

سگریٹ دہہ سیتی چھہٕ کینسر گژھان ۔
یتیمہ دہہ سیتی چھُنا کہیں گژھان ۔
یہ دہہ ۔ یہ گرد !

کویلہ دہہ ۔ ڈیزل دہہ ۔ پیٹرول دہہ ــــ واریاہ ــــ
واریاہ دہہ ــــ دہہ اسمان ۔ مےٚ گوژھ نہٕ دم گژھن ۔ کرہ نا بہ ژاسس
یہ سورُے دہہ کڈن واپس ۔

اَما پوز چھیمہ کیاہ ؟
بٔییہ یوٚہے دہہ ۔

یتیمس ہریشس رکھتہٕ پاٹھو چھہٕ یتھ منز نیندر پیوان ؟ یہ وۄتھ
گجراتی زنانہٕ رکھتہ پاٹھو مس شونگتھ ؟ ـــ یمن چھہٕ حال مےٚ تہٕ گژھ وارہ
وارہ !

خبر کر گژھیم ؟ خبر کر گژھ بہٕ سوی ؟

" اخبار "

ژھنس بلاے ۔ شہ کس وَسہ کھالنہٕ ۔ مےٚ چھہٕ خبر اَتھ کیاہ آسہ
لیکھت ۔ اَز آسہ امریکہس منز حبشو بٔییہ مظاہرہ کوٚرمت ۔ بٔییہ اَسن کینژو کرہنیو
حبشو سفید گوٚرن ہشرہ گولہ کھےٚ مرژہ ۔ بٔییہ آسن کینہہ چھوکہ لدگامتی ۔

سہ آبنوٗسک رٔولر، سخ، مضبوٗط تہٕ ٹھوٗسس جٮ۪شِس ہیوٗ۔ کرٕ ہٕمن
پشُل، چمک دار، گول گول، ہٲہمس مدرٲسو کورِہ ہیوٗ۔ یِیلہٕ یہٕ اَسان چھُ زَن آبنوٗسک
رٔولہ، سفید کاغذس پٮ۪ کھ دِوان دِوان۔ نژان نژان وَسان چھُ۔

سفیدس کمُ سَنا وَوَن ژہٕ چھکھ عظیم؟
"ییمَن کاشرِن چھُ رنگا آسان"

یِیلہٕ مےٚ وارِیاہ دِہہ اندر گژھہ بہٕ زردٕہ پانسےٚ۔ بہٕ کرٕتھہ تہٕ تمیٚکھ
تاوٕ ہِش۔ چوٗرٕ یچ تالوٗ پٹ ہِش۔ گرٕ یسہٕ منٛز لیٚھٕ وُمت سٮ۪ٹھاہ غاٗر اہم تہٕ غٲرٕ
ضروٗرٕ ری پرٕزٕ نہٕ۔
اَتھ تہٕ آبنوٗسس کٲژاہ فرق چھَ؟ وارِیاہہ زمین تہٕ آرن

یہٕ بیمارس تہٕ صحت مندس چھہ۔
ہہ آبنوٗسک رٔولر وُچھو مےٚ تیلہٕ تہٕ ریتھے یٲٹھو۔ زَن ٹایم
پیس وَکھ چھُ وُچھان۔ نتہٕ زَن کلنڈرس تارٕیخ پرٕ نیچ کوٗشِش کران۔
خبر سہ لوٚ کچارٕک، آبنوٗسک رولر کیازٕ چھُ مےٚ اَز سخ یاد پیوان؟
ز آسہ جہازو جٹ (Saber) سیبرٕ، ٹرکی ________
بنیہٕ سابیپرٕسس پیٹھ بمبأری کرٕ مژ۔ دِپان یِیلہٕ جنگس منٛز کاتھہ سیاہ گولی
لگِتھ چھٕ رٕ چھٕ رٕ چھُ کران۔ سہٕ چھُ اَکرٕ سے سپتو بأرجس زارٕ پارٕ
کران۔ مےٚ کرٕ تو گوٗلی لأیِتھ یتیمہٕ عذابہ نِشہ آزاد تہٕ اگر ہأہمتھ آسس تیٚلہٕ
پأزِ پانَس پانےٚ "عذابہٕ" نِشہٕ مو کلاوان — بہٕ کیازٕ چھُس نہٕ ژٕہتھ، ترأوِتھ
جَل جَل یتیمہٕ بنجہ مشینہٕ ہند یتیمہٕ بڑہٕ کارخانک سٮ۪ٹھاہ لوٚ کٹ تہٕ غٲرٕ اہم پرٕزٕ
بنان۔ گرٕ یسہٕ منٛزٕ لیٚھ وُمت۔ مےٚ کر گژھہ یتیمہٕ سارِ چی حاٗل۔ بہٕ کرٕ گژھہ سوکرٕ

میہ گژھہِ وینندرٕ کرنس واریاہ کال۔ 'خرہیؤ پینس'

شُکر! یہ چھہ ترٛیٚیم تہٕ اٰخری پژھ۔ سارِوٕے کھوتہٕ زیٛٹھ پژھ

اَمہِ پتہٕ گژھہ ژھوپہٕ۔ صرف روزہ دِہہ۔ واریاہہ دِہہ — دِہی اَسمان !

# خیال

ناو :- غلام نبی ، ذات : میر ، تخلص : خیال

بسکین :- مشالی محلہ سرینگر ۲

زاسنہ :- ۴ ، مارچ ۱۹۳۶ء

کتابہ :-

(ا) شائیری

(۱) رُباعیاتِ عُمر خیام (ترجمہ) چھاپ ۱۹۶۰ء

(۲) "پراگاش" چھاپ ۱۹۶۱ء

(۳) زنجوُر ہند ساز چھاپ ۱۹۶۲ء

(ب) نثر

(۱) پوئیٹکا (ترجمہ) چھاپ ۱۹۶۱ء

(۲) کاشرِ مُنار (مضمون) غائر مطبوعہ

(۳) سائنی شائیر (مضمون) " "

(۴) زوٗن تارکھ (دلیلہ) " "

(۵) میڈیا (ترجمہ) اکھ ڈراما " "

پیشہ :- صحافت۔ اڈیٹر، پرنٹر پبلشر "وطن" سرینگر۔ امہ بروٗنٹھ چھ "محاذ" (اخبار) کونگ پوش (میگزین) تہ گلریز (میگزین) بیترہ اِدارن سیتھ تہ وابستہ روٗدی رہتو۔

ارسطونہٕ "پوئیٹکا" منٛزہ کینٛہہ وَرق

ترجمہ کار:- غلام نبی خیالؔ

# ٹریجڈی کیاہ چھُ؟

شأیری آیہ وۄنی لِکھارن ہندِ پننہِ کردارہ موٗجوٗب پأنٛی پانَسے دۄن وَکھرہ قِسمن منٛز بأگرنہٕ۔ یِمَن سنجیدہٕ تہٕ اعلا درجک مزازہٕ اوس تِمَو ژارِ پننہٕ نقلہٕ خأطرہٕ تھدہٕ پایہٕ کین کردارن ہنٛز حرکژ تہٕ رتھِہندی بہوٗ دُرانہٕ کارنامہٕ۔ اَتھ مُقابلہ کُرِ ہلکہ مزازہٕ والیو بد ذات تہٕ ذلیل کردار ییش تہٕ طنز لیکھِک۔ یِتھ پأٹھی زَن بُروٗنٛہم شأیر دِوتہٕن قصیدہ أسی لیکھان تہٕ بڈین معٔہنوین أسی تأریف کران۔ طنزی نظمو منٛزہ چھِنہٕ اَسہ بُروٗنٛہہ کُنہ تِژھ کانٛہہ نظماہ یِعان ہومرس بُروٗنٛہہ لیکھنہٕ آسہ آمژ۔ مُمکن چھُ زِ یِژھ وارِیاہ نظمہ آسہ ہَن لیکھنہٕ آمژہ۔ مگر أسی ہیکوٗ ہومرنہٕ زمانہ پیٹھے اَمیک تذکرہ ثُلیتھ۔ مثلَن تِمہٕ سُنٛز نظم مارگیٹیس تہٕ اَمی ذأژ ہنٛزہ بییہ کینٛہہ نظمہ یِمَن منٛز ایامبی بحر جادہ مناسب ذأنِتھ استعمال کرنہٕ چھُ آمُت۔ تَکیازِ یوٗہے اوس سُہ بحر یِتھ منٛز تِم اَکھ اَکِس پیٹھ ایامبی (طنز) لیکھان أسی۔ یِتھ کُنہ أسی ییم پرانٛی شأیر دۄن طبقن منٛز بأگرنہٕ آمتۍ۔ اَکھ سُہ طبقہ یُس رِجزی نظمہ لیکھان اوس تہٕ بیاکھ یُس ایامبی شار وَنان اوس۔

یِتھ پأٹھی سنجیدہ طرزس منٛز کُنِس ہومرسے ییہ شأعر وَننہٕ۔ اَوہ موکھ تہٕ زِ تَس چھ باقے شرفے پأتی بلکہ چھُ تِمی سِندین نقلن منٛز ڈرامایی روٗح تہٕ موجوٗد۔

بیٚھتھ کٔرٕ اوس سُہ گۄڈنیُک شخص یٚمہِ کامیڈی ہُنْد ظوٗرن پیش کوٚر۔ ترکیبازٕ تمہٕ
ہینٛز ذاتی طنزٕ بدلہٕ مسخری کائم تہٕ یہ مسخری تراوِن اَکِس ڈرامٲیی ساچس منز
چنانچہ تمہٕ سٕنٛزٕ مارگیٹس چھُ کامیڈی سٕتۍ سُے ہشر یُس تمہٕ سٕنٛزٕ اِلیاڈ[1] تہٕ
اوڈیسی[1] ٹریجڈی سٕتۍ چھُ۔ مگر یٚیلہِ ٹریجڈی تہٕ کامیڈی اَکہ ساتہ نٔنہِ درایہ۔ شاعرو
تہٕ کٔرۍ پننہِ پان پننہِ استیدادٕ موجوب ییمو نوٚو ذأژو منزٕ اَکِس یا بییس
سٕتۍ وابستہ۔ وُسِتھ قسمکۍ شأیر بنیہ یہ اَیامبی[1] نظمہٕ لیکھنہٕ بدلہٕ کامیڈی نویس
شأیر۔ تہٕ سنجیدٕ بنیہ یہ رجزی نظمہٕ لیکھنہٕ بجایہ ٹریجڈی لیکھن وٲلۍ۔ یہ سُنْد
اَوٕ موکھ زٕ ڈرامانچہ یِمہ نوٚوٕ ہیئِتہٕ آسہ اعلا درجچہ تہٕ یمن اوس تھٕوٕنٕ موٗل۔
بوٚتام اَمہ کین ذاتی جزوَن ہُنْد تعلق چھُ۔ ٹریجڈی چھا پٲنۍ پانیٚ تہٕ تھیٚیٹرٕ
سٕتۍ پوٚرٕ پوٚر ترقی کٔرمٕژ کنہٕ تہٕ؟ یہ چھُ رٕتیُتھ سوال یُس بیٚیِتہٕ نٔس تُلُن مناسب
چھُنہٕ۔ لہازا ییٚچ ٹریجڈی تہٕ کامیڈی دوشوٕے۔ یِمہ زٕن اَکِس بیٚتھس اوگرِس
تھوٚگرِس تہٕ ییہ سوٚچ طریقس منز زنمس آیہ۔ زٕ گوڈنیُک طریقہ سُنْد ڈِتھ رٲمبی[1]
سٕتۍ تہٕ دوٚیِم تہمہٕ فحش بأتو سٕتۍ شوٗروٗع ییم وُنہِ تہٕ واریاہن شہرن منز مروجہ
چھِ۔ ہنہٕ ہنہٕ پننِس مُکمل صوٗرتس کُن تہمہٕ پوٚتُس پتھ اِصلحو سٕتۍ برونہہ برونہہ
یِم صاف تہٕ ٹاکارٕ آسہِ۔ ٹریجڈی لوٚب مختلف تبدیلیوٚ پتہٕ پتو لاکن تمی ساعتہ
سوکھ یٚیلہِ اَمِچ صحی ہیئت مُکمل آس گأمژ۔
ایسکائیلس[1] ہُرِ روو گوڈنیچہ پھِرہ دوٚیِم کردار۔ تمہٕ بنوو کورس موختصر
تہٕ مکالمہٕ تھوٚوِن ٹریجڈی ہُنْد خاص حِصہ۔ سوفوکلیزن[1] بڈرأو گنڈن گرن ہُنز
گرنْد ترین نام تہٕ سجاوٹس منز کوٚرن نقش دار نظارن ہُنْد ہُرُر۔ پتہ کوٚر
دارباہہ کأل ٹریجڈی ہنز ژھوٹ تہٕ سادٕ گنڈتی تہٕ ہنز ساطیری[1] مسخرٕ زبان

---

[1] ساطیر چھُ دراصل اَکِس جنگلی مخلوٗق سُنْد ناو، یُس اَڈ انسان۔ تہٕ اَڈ

اَکیُتھ کُن ژٕ اُوِتھ اَکھ شایانِ شان وقت تہٕ درجہ حاصل۔ اَتی آو گوڈنِچ پھِرِ
ایاٗمبی بحر ورتاونہٕ تکیازِ اَمہِ برونٛہہ اوس ٹروچیٛ ژٕ رکنی بحر اَدہٕ استعمال
سپدان زِ یہ بحر اوس تمہِ ساچہ ساطیری نظمہ خاطرٕ مناسب تہٕ اَتھ اوس
نثرس سیتھ جادہ تعلق تہٕ یتلہٕ مکالمہ بناونہٕ آو فطرتَن دیُت پاٗنی پانے صحی بحر
ہاوِتھ۔ تکیازِ سارِوے بحرَو منزٕ چھُ ایاٗمبی بحرے کتھ باتھ سیتھ جادہ وٕاتہٕ
یہ کتھ چھِ بے روک پاٹھی ایاٗمبی بحرس منز یوان۔ شِہ رکنی بحرس منز چھِ شاذے
ہیکان ییتھ تہٕ ستہ تیلہ ییلہ اَسی گفتارہ کہ مروجہ سوزٕ نشہِ ژھینان چھِ۔ ایپی سوڈ
تہٕ آے بڈرنہٕ تہٕ ڈراہمک پرٛیتھ کانٛہہ جزو آو پوٗتُس یتھ رٕژھراونہٕ تہٕ نوٗراونہٕ۔
مگر اَتھ نسبت گوو وونی تیتیٛ تکیازِ ہرگاہ جادہ کرنہٕ یہیمو سہ چھِ زنٛیچھر رٕچ
کاٗم۔ یہ زن وننہ آمت چھُ۔ کامیڈی چھِ ییچھ کردارن ہُند نقل۔ ییچھ تلہ چھُنہٕ
معنے زِ ہر کانٛہہ ییچھر بُڈِکہ چھُ سُے ییچھر مطلب یُس بے شوب آسہ تہٕ یُس کمینگی
تہٕ بدصورتی ہنز اَکھ ذات چھُ۔ یعنے اَزچ وضاحت ہیکو ییتھ کٔنی کٔرِتھ زِ یہ آسہ تیتھ
قبح یا عائب یُس نہ آسہ آزاری تہٕ نہ تباہ کرُن۔ مثلن اَکھ بدشکل بُتھ چھُ ہول
کوٗل تہٕ بے وطیرٕ باسان مگر تیتیٛ نہٕ زِ اَتھ کُن وُچھتھ کیاہ واتہٕ اَسہ دوہ کھ۔

---

ژھاوُل چھُ۔ دیومالایہ موٗجب چھُ یہ عیاشی تہٕ جنسی جذبٕ ہنز نمایندگی کران
ساطیری ڈراہمن منز اَسی گندن گٔرِ ییٛتھِ پوشاک لاگان تہٕ گیوان تہٕ نژان اَسی تم
مسخری کٔرِ کٔرِ تیژٕ ہے زبان استعمال کران۔

لہ ہاٗتن ہُند اَکھ وزُن ییتھ کُس اَکس مصرس منز زِ رکنُن چھِ آسان۔ گوڈنیک
چھُ زیوٹھ تہٕ دوٚیم مصرٕ ژھوٚٹ آسان۔

ٹریجڈی ہِنٛز پۆتُس پیٹھ نۆرٕن تہٕ پھِر نۆرٕ نہٕ کرَن والی چھ اَبہٕ
ژھینہ بے مگر کامیڈی ہنٛزہ نورنہ تہٕ نوُرن کرَن والین ہند چھنہ امہ سببہ کانہہ
پے زِ اَتھ کنُن آو گوڈٕ گوڈٕ سیٹھے موٗلی توجہ دِنہٕ۔ واریاہ کال گژھتھ
آیہ کامیڈی حاکمس نِش جاین مانٕنہ تہٕ تکن ہندہ خرچہ سیتی کامیڈی چلاونٕک
آو اجازت دِنہٕ۔ امہ برونٹھ اُس کامیڈی اَکھ گرگٕلی تہٕ رضاکارانہ تماشہ۔ یِمہٕ
پیٹھ اَتھ ہییتچ کانہہ صوٗرت ہش گیہ۔ تمیٚ آے اَمہ سٕروٗشایرِ بےشک یادٕ گژھنہ
مِنٛز مگر یِمن شاعرن ہند چھنہ کانہہ نیباہ نِشہ زکٔتھ ہِنٛز۔ زان پچھان کمو
کرٕ ناو۔ ساریٚ نی برونٹھ کمو لیچھ گوڈٕ کنجہ تہٕ گنڈن کمو ہُر رود۔ ایپی کارمس
تہٕ فارمس چھ گوڈٕنیکی لکھاری یمو اَسہ وِنہ گنڈٕنیہ ایجاد کرٕ۔ امہ کنہ چھ اَمہ
نورنہ شند اَگر سِتّلی مگر ایتھنزِ شاعرو منٛزہ اوس کریسٹیز گوڈنیک شاعر
یمیٚ کامیڈی ہنٛز ایامہِ ہییت تراوتھ ژھنتھ تہٕ زامٕژہ تہٕ عام گنڈٕنیہ تہٕ پلاٹ
لاگٕتن کامہٕ۔

ایپکی ہنٛز شاعری چھ یتھ حدس تام ٹریجڈی ہشی زِ یہ چھ باتن منٛز
عظیم کردارن تہٕ بارہ حرکژن ہند اَکھ نقل۔ مگر یمیہ لحاظ چھ اَمہ نِشہ بیون زِ
یہ چھ اَندہ وَند اَکی قِسمُک بیانی بحر استعمال کران۔ زیچھرہ کنہ تہٕ چھ یہ وکھر
نِکیازِ ٹریجڈی چھ ییژاہ پلیس تیژاہ کوشش کران زِ یہ دِیہ تہٕ پننین حرکژن
سِری پیٹھ[1] اَکہ گردشکو حدو نبر نیرنہٕ تہٕ نتہٕ روزِ اَتھ اندی پکو وقتس منٛز

[1] ارسطو ہن یُس یہ اختاپک اَکھ گردش مقرر چھ کورمت اتھ نسبت چھ واریاہ رایہ
دِنہٕ آمژہ۔ فرانسک کارنیلی چھ اَمیک وکھ ژووہ یا ترٛیہ گھنٹہ مقرر کران۔ بیا کھ اکھ
شارح داسیر چھ ونان۔ یہ میاد چھ صرف بہن گھنٹن تام گنڈتھ۔

پابند مگر ایپکین ہنٛزِ حرکژ باپتھ چھُنہٕ وقتُک کانٛہہ حد معین۔ حالانکہ ٹریجڈی تہٕ اُس پانٛس گوڈٕ یہے وَنَن گاٖمٕژ۔

دوٕ یمیو ذاتی جُزو منٛزٕ چھہ کینٛہہ دوشونٛی منٛز ہیوی تہٕ کینٛہہ چھہ ٹریجڈی خاطرٕ مخصوص۔ لہازا یُس وونی ٹریجڈی ہنٛد حُسن تہٕ قُبح پرزٕناوُن منٛز ووستاد آسہ سہ آسہ بے شک پانٛھی ایپک شاعری ہنٛدی صفت تہٕ عاب زانن تہٕ زانی کاٗر نِکیازِ ایپکن ہنٛدی ساری حصہ چھہ ٹریجڈی منٛز درینٛٹھی یِوان مگر ٹریجڈی ہنٛدی ساری حِصہ چھنہٕ ایپکن منٛز موجود آسان۔

شاعری ہنٛزٕ یِمہٕ ذٲژشہٕ رکنی بحرن منٛز نقل چھہ کران تِہنٛدَن ہنٛز تہٕ کامیڈی ہنٛز کرو اَسی پتہٕ پیٹھ ذکر۔ نی تون گوڈٕ ٹریجڈی۔ یہ کینٛژھاہ اَتھ نسبت برونٛہہ وَننہٕ چھُ آمُت۔ تہٕ مدِ نظر تھاوِتھ کرو اَسی اَمِکی صحی تہٕ اصل تعریف پیش کنِٛہ:۔

" ٹریجڈی چھہ کُنہٕ ژھِ حرکژ ہُند نقل یُس سہٕ مکمل تہٕ سنجیدٕ آسہ۔ تہٕ یتھ کانٛہہ خاص بجر آسہ۔ یُس سہٕ شوبہٕ دار آسہ، زبانی رنٛگی یُس سہٕ اَکھ لطف دیہ مگر یُس سہٕ الگ الگ جزون منٛز الگ الگ ذریو سیتی بیانہٕ کرِس رنٛگس منٛز نہٕ بلکہ حرکژ رنٛگی دردٕ تہٕ خوفہٕ سیتی اثر ترٲوِتھ یِتھپن جذبن صحی تہٕ شُستہٕ بناوِ۔ لطف دار زبانی نِشہٕ چھُ مییون مطلب سہ زبان یتھ منٛز لَے، سوز تہٕ موسیقی آسہ تہٕ مییہ وَنی یہن تہٕ نہٕ الگ الگ جزون منٛز الگ الگ ذریو سیتی۔ نِکیازِ بعضے جزون منٛز چھِ صرف وزنہٕ یوت استعمال سپدان تہٕ کینٛژن منٛز فقط موسیقی۔

چونکہ ٹریجڈی چھہ کُنہٕ سیتی نقل کران۔ لہازا چھُ گوڈنی یہ ضروری زِ سجاوٹ گژھہ اَمہٕ کیو حِصو منٛزٕ اَکھ حِصہ آسُن۔ تووٕ پتہٕ گژھہ موسیقی تہٕ

ڈکشن تِکیازِ یِمَن دۄن حصَن منٛز چھُ ٹریجڈی نقلکہ ذریعہ موجود۔ ڈکشنہٕ تِلہٕ
چھُ میون مُدا وزن تہٕ ساخت تہٕ موسیقی ہُند معنے زانن سٲری۔

اَمہ مزید یہ زِ ٹریجڈی چھِ اَکہ حرکژ ہُند نقل آسان تہٕ یم نفر اَتھ
حرکژ منٛز یوان چھِ تِہُنٛز خٲصیت چھِ تِہندی وطیرہ تہٕ تاثرات۔ تِکیازِ یِمہ وِے
وطیرو تہٕ تاثراتو سِیتھ چھُ حرکت یِنہٕ خٲصیژ حاصل کران۔ لہاذا بنیوو یہ زِ
وطیرِ تہٕ تاثرات تہٕ چھِ حرکژن ہندی زٕ سبب تہٕ یِمَے پٲٹھۍ چھِ سارِے
انسانن ہندِ شادِ ہندی یا غمکہ تہٕ وجہ۔ حرکژ ہُند نقل چھُ پلاٹ۔ پلاٹ تِلہٕ چھُ
وۄنی میون مطلب واقعن ہُند ترتیب۔ وطیرِ تِلہٕ چھُ مُراد تہٕ سورُے کینٛہہ یِمہ سِیتھ
نفرن ہُند کِردار وَنہٕ ییہ۔ تاثرات گٔیہ یہ کینٛژھاہ ییم وَنن۔ چاہے تِمۍ کٲنٛہہ
مقصد کینٛہہ ثابت کرُن آسہ یا چاہے ژھۄرِ ژھۄرُے تاثر ظاہر کرُن۔ لہاذا
گژھن سارِے ٹریجڈی لأزمَن شِہ حصہ آسنۍ یم زَن ٹریجڈی مِلِتھ اَکھ
مخصوص کِردار یا صِفت قائم کرن:- پلاٹ، وطیرِ، ڈکشن، تاثرات
سجاوٹ تہٕ موسیقی۔ یِمو منٛزٕ چھِ دۄن حصَن نقلہٕ کِہن ذریٕ ین سِیتھ واٹھ
اَکس چھُ کِردارَن سِیتھ تہٕ باقے ترین چھُ نقلہٕ کِس موضوعس سِیتھ۔ یِمے چھِ
سٲری حصہ تہٕ یِمے ذٲتی جُز۔ ہرگاہ اُسو ذٲتی وَنوکھ۔ چھِ اکثر شاعرو ورتٲوی یِمو
تہٕ قریب قریب چھِ پرٛتھ ٹریجڈی منٛز موجود۔

مگر یِمو سارِوے حصو منٛزٕ چھُ واقعن ہُند گرٛت جادہ اہم۔ تِکیازِ
ٹریجڈی چھِ اَکھ نقل۔ انسانن ہُند نہٕ بلکہ حرکژن ہُند زندگی ہُند تہٕ اَمہِ چہ خوشی
ہُند تہٕ رنجک۔ تِکیازِ خوشی چھِ حرکژ منٛز شٲمل تہٕ سۄ اَلٲہی بہتری یوسہ زندگی
ہُند خاص مقصد چھِ سۄ تہٕ چھِ اَکہ رنگۍ حرکھِتھے۔ صِفت نہٕ۔ لہاذا چھِ انسانن

ہندی اطوار صرف تِہُند صِفت یا کردارٕ قایِم کران۔ اما پۆز تم چھہ یِمنٕہ حرکژٕ
سیتی شاد یا وُداسی بنان۔ اوٚہ کِنہٕ چھُنہٕ ٹریجڈی وطیرن نقل کرنٕکہ غرضہٕ
حرکژٕ نقِل کران مگر حرکژٕ ہندِس نقلس منٛز چھُ وطیرَن ہُنٛد نقل تہِ ضرورِی
شامِل آسان۔ لہٰذا چھہٕ حرکت تہٕ پلاٹ ٹریجڈی ہُنٛد مقصد تہٕ پرٛیتھ چیزس
منٛز چھُ مقصدس خاص اہمیت تھوان۔ بیٚیہ یہِ زِ ٹریجڈی چھُنہٕ حرکژٕ روٚس
چارٕ۔ مُمکن چھُ زِ وطیرٕ روٚس ہیٚکہِ ڈرِتھ۔

( پوئیٹکا ' منٛزٕ )

# فراقؔ

پۆرہ ناو : غلام نبی

تخلص : فراقؔ

پیشہ : پروفیسری

زینہ تہٕ روزن جاے :- بُہرِ کدل سرینگر

زاسنہٕ :- مجلے سنہ ۱۹۲۲

فراقؔ صٲبس ووت دوٚہ نی سٕنہٕ سنہ تاجی پیٹھ برابر شار وَنان - تہٕ پتہٕ ہیوٚ کینژٕو وَرِیو پیٹھ ووت یِمن نثر تہٕ لیکھان - اَہندی کینژھ مضموٗن چھہ از تام مختلف رِسالن تہٕ کتابن منز برابر چھپان رُودی متہٕ - فراقؔ صٲبن چھہ اَمہ علاوہ دوٚن موشوٗر ڈراما نگارن ہندی زٕ ۲ ڈراما اڈاپٹ کٔرِی متہٕ - اکھ چھہٕ مارلو سُند ڈاکٹر فاسٹس - بیاکھ چھہٕ مولیر سُند "وِکٹ بِکمز اَ جنٹلمین"۔

غلام نبی فراقؔ

# کأشرِ غزلُک ابتداء تہٕ ارتقاء

(دۆیِم دور)

محمودٔ گامی سُند زمانہٕ چھُ کشیرِ ہِندِس نوارِکس اندر خاص کر سیأسی افراتفری ہُند زمانہٕ۔ محمودَ برٛونٛہہ پیٹھٕے پٹھانن ہِندِس دورِ حکومتَس اندر۔ تِمو وُچھو کشیرِ اندر سِکھا شاہی ہُند عروج تہٕ تہٕ زوال تہٕ۔ ڈوٗگرٕ راجکُ تہٕ سُپُد تس پتہٕ زندگی اندرے۔ یہ اوس سُہ زمانہٕ یتھ کشیرِ اندر فارسی زبان تِمہٕ پُر وقار سرپرستی نِش نیرٕی سان محروم سپدان اُس یوٚسہٕ اَتھ مغل دورس منٛز کشیرِ اندر تہٕ حاصِل اُس۔ مگر یِمو ناسازگار حالاتو باوجود اُس فارسی زبان پننہٕ علمی تہٕ ادبی سرمایہٕ موجوب وُنہٕ تہٕ کشیرِ اندر چلان۔ فارسی زبأنی اُس اَتھ تام کشیرِ اندر ییاکھ بارٕ کام تہٕ انجام دِژمٕژ۔ تِمہٕ اوس مغلن ہِندِ وقتہٕ پیٹھٕ اَتھ دَمَس تام زبأنی پیٹھ تہٕ شدید اثر ترٛوومُت۔ گٕنڈٕ فارسی لفظ اُسی کأشرِ زبأنی اندر ژامتی تہٕ عام لُکن ہِنٛزِ زیوِ پیٹھ کھتی مِتی۔ فارسی زبان گیہٕ وارٕ وارٕ کشیرِ منٛز ختم، مگر فارسی زبأنی ہُند شوق اثر تہٕ بییہ کینٛہہ رٕتی چیز تہٕ ترٛاو کأشرِ زبأنی یِمن اندر باقی صِنفو علاوٕ سُہ "غزل" تہٕ چھُ یُس میانہٕ مضمونُک موضوع چھُ۔

محموٗدَ چھُ فارسی زبانؠ ہُند واریاہ واقف کار۔ یہِ ایحساس چھُ اَسہِ
اُمہِ سُنٛدِ سٕہ فارسی غزل پٔرِتھ تہٕ سٕپدان یُس اُمہِ سٕندِس غلام محمد نور محمد کُتب
فروش سٕندِ دٔسی چھاپ سپدِ ہتِس کاشرِس کلامس منٛز چھُ۔ محموٗدس برونٛہہ
اُس فارسی زبانؠ اندر کینٛژَو کاشرٚیو جان شعرگوئی کرٕمٕژ۔ یِمن شاعرن
اندر چھُ غنؔی کاشمیری خاص اہمیت تھاوان۔ محموٗدَ تہٕ ہیٚکہِ ہے غنؔی کشیری سٕندِ
پأٹھؠ فارسی زبانؠ اندر شعرگوئی کٔرِتھ۔ مگر غنؔی یُس برعکس چھُ سٕہ پننہِ اظہارہ
باپتھ کاشرِ زبانؠ ہنٛدُے انتخاب کران۔ محموٗدُن یہِ انتخاب اوس توارٖیخی
ضروٗرتُس تہٕ پوٗرٕ کران۔ فارسی زبانؠ اندر اُسی اَتھ دورس منٛز "ایران صغیرس"
اندر ناسازگار حالات ۂنٛزِ گرٛزنس منٛز اَنان۔ زمانہٕ چھُ محموٗدُن انتخاب
دُرُس تہٕ صحی ثابت کران۔ ہرگاہ تِمَو تہٕ غنؔی سٕندِ پأٹھؠ فارسی زبانؠ منٛز شعرگوئی
کرٕمٕژ آسہٕ ہا۔ لیچھ بٔڈِ کاشرِ ہیٚتھ آسہ ہا تہٕ تِمَو سُنٛدِ سٕہ اَحسان یُس تِمَو
کاشرِ زبانؠ منٛز شعر وٚنِتھ تِمن ہیٚتھ کوٗر۔ محموٗدَ چھُ پننِ شوق تہٕ شوٗعورٕ ہیٚتھ
کاشرِ زبانؠ اندر شعر تخلیق کران۔ سٕہ چھُ مثنوی تہٕ لیٖکھان غزل تہٕ۔ چنانچہ
یُس کاشُر ادب اَسہِ نِش چھاپ سٕپدِتھ موجوٗد چھُ۔ تِمہٕ موجوب چھُ محموٗدَ
گوڈنیُک شاعر یٚمہِ کاشرِ زبانؠ اندر سٕہ غزل لیوٗکھمُت چھُ یتھ عربی، فارسی
تہٕ اُردو وألؠ تہٕ شٕہ وَے "غزل" وَنان چھِ۔ یُس شاعری ہندیو صِنفو منٛزٕ اکھ
بٔنیوٗن تہٕ بڑوٗن صِنف چھُ۔ یتھ مطلع تہٕ مقطع، قافیہ تہٕ ردیف تہٕ آسان
چھِ۔ یُس وَزنس باپتھ گیتس ہم سِرت آسِتھ ہم صوٗرت چھِنہٕ۔ اَتھ حقیقتس
پیش نظر چھُ محموٗدَ گوڈنیُک شاعر یُس غزلس کاشرِ زبانؠ سیتؠ اَتھ واس
کرناوان چھُ۔ توارٖیخی لحاظ چھُ یہِ اَتھ واس سیٚٹھاہ اہم بنان۔

محموٗد سنٛدِ وقتہٕ پیٹھ ازتام برابر ڈوٗڈس ہتس ؤرٮ۪یس
رودی کأشرِ شأیِر باقٕے صِنفو علاوٕ یِمَن اندر خاص کر "وَژُن" ذکر کرنس
لایق چھُ غزلس اندر تہٕ پننِٕ احساس بیان کران تہٕ تجربہٕ ورتاوان - غزلہ
کِس اَتھ لطیف تہٕ حسین پیکرس چھُ محموٗدن پننہِ رۄشل ہیر تہٕ گت کران
تہٕ مہجوٗر تہٕ لول برابر - آزاد تہٕ نِر آلوان تہٕ رَسا تہٕ رُت کانچھان - اَتھ چھ
اَزکی اول صِنفکی شأیِر تہٕ معنہٕ میٹھی کران - یِمَن اندر رحمان راہی، دینا ناتھ
نادِم، امین کامل، مُظفر عازم بیترِ خاص طور ناوہینس لایق چھ - چنانچہ یِمَن
سارِنٕے شأیِرن ہندِ ریاضہٕ سیتر چھُ محموٗدنہٕ زمانہٕ پیٹھ برابر اَزتام کأشرہ
غزلچ حالت بدلان - اگرچہ تبدیلی ہنٛز یہ حالت تہٕ رفتار خاص کر ۱۹۴۷ء تام
سیٹھاہ کمزور روزان چھُ مگر اَتھ پزرس ہیکہٕ نہٕ کانٛہہ تہٕ انکار کرِتھ زِ تبدیلی
چھ سپدان - بیٚیہِ اَسہِ آمہٕ سارے زمانہ کِس اُردو غزلس سام ہیوان چھ
اَسہِ چھ اَمِچ رنگارنگی تہٕ وُسعت، اَمِکِ پوچھر تہٕ ٹھَرر وُچھتھ پٮ۪زِ
ہٕ ٹھو اَمہِ کہ جاندار آسنکٕ بہٕ شوٗنکھو ہٕ ٹھو اعتراف تہٕ اقرار کران - اَتھ دورس
منٛز چھُ اُردو غزل غالبَنِ نِش تہٕ وۄتمُت آسان تہٕ میرس نِش تہٕ - مگر
اُردو تہٕ کأشرِس غزلس باہمی مُقابلہٕ کرُن چھُنہٕ جان خاص کر یتھ مضمونس
منٛز یٮ۪تھیمیک تعلق کأشرِس غزلس سیتر چھُ - مُقابلہٕ کرُن وِزہِ پزِہ اَسہِ تِمَن
حالاتن کُن تہٕ نظر تھٲوٕنی ییم یِمَن دۄشوٕنی زبانن - کأشرِ تہٕ اُردو - برونٛہہ آے
اَسہِ پزِہ یہ کتھ تہٕ نظرِ تلے تھٲوٕنی زِ اُردوٕ زبأنی ہُند دُنیاہ اوس تہٕ چھُ کأشرِ زبأنی
مُقابلہٕ سیٹھاہ وسیع تہٕ کُشادہ - یہ کتھ تہٕ چھ سوچنس لایق زِ اُردو زبأنی چھنہٕ
تواریخی حالاتو سۄ سیتیچہ تہٕ گیوٚر کُمت - یٮ۪میک شکار کأشرہ زبان اَز تہٕ چھ تہٕ

محمودنِس زمانَس منز تہٕ اُس۔

محمودٕ چھُ کاشرِ غزلُک باضابطہ ابتدا، کران تہٕ کاشرِ زبانِ منز غزلُک بانی بنان۔ یہ چھُ پننین کاشرین غزلن منز یمَن ہُند تیداد سیٹھا ہیہ کمُ چھُ دلدوز لہجس اندر زندگی ہنز بے ثباتی ہُند احساس یادٕ کران تہٕ پانے اُمہ کہِ قیمتی تہٕ معمول آسنُک حِس تہٕ دِوان۔ فارسی شاعری ہندِ روایتی اندازٕ نِش متاثر سپدتھ محبوبہٕ سندِ خد و خالُک نقشہ تُلان۔ تمی سُندٕ تنگ دلی تہٕ سنگ دلی ہندی شکوٕ کران۔ تمی سندِس بے رحم آسنَس پیٹھ افسوس کران۔ عشقُک اظہار کران تہٕ پننہِ مزاجُک پئے دِوان۔ اُمی سندِ غزلچ زبان چھےٚ پٔزی پاٹھی بہٕ کٔرت۔ مگر یُس چیز اُمی سندین غزلن بیلکُلے بہٕ مزٕ تہٕ بہٕ زوُ بخشہٕ نِشہ بچاوان چھُ سُہ چھُ اُمی سُند سُہ لہجہ یتھ اندر غمُک میچھر چھُ۔ محمودنی زبان چھےٚ سیٹھاہ آسان خاص کر غزلن ہنز۔ محمودنِس غزلَس پیٹھ ... تہٕ تفصیلہٕ سان کانہہ تبصرٕ کرُن۔ تکیازِ اُمی سندین غزلن ہُند تیداد چھُ سیٹھا ہیہ کمُ۔ سُہ خوابی تہٕ چھےٚ یمَن اندر سیٹھاہ یوسہٕ محمودس کاشرِ زبانِ ہُند اکھ اہم شاعر بناوان چھےٚ۔ اُمہ۔ وِزِ اُس نہٕ کاشرِس غزلس کانہہ سُہ روایت یتھ کنہٕ یوسہٕ اُمی سندِ بابت کہہ وَٹھ بنتھ ہیکہٕ ہے۔ حقیقت چھےٚ یہے زِ محمودٕ اوس کاشرس غزلس کُنۍ دِوان۔ یہ صنف کاشرس منز اَنتھ اکھ نوٚو تجربہ کران۔ محمودٕ اوس کُل رُوان۔ تازٕ تازٕ رُوی متیس کُلس نِشہ شہجارچ تہٕ پھُلیہ ہنز توقع تھٔوِنی چھےٚ شاید سیٹھاہ۔ محمودن چھےٚ یُنز تجربہ غزل ترٲوِتھ شاعری ہندین باقی صنفن منز بتیین تام واتہٕ ناونٕکی کامیاب تجربہ کری مِتی۔ محمودنِس کلامس اندر چھا تغزل؟ مگر یہ گوژھہ تہٕ اُمی سندِس غزلس منز ژھارُن۔ محمودنی یہ

شوٗروٗع کٔرِمُت کاںٔم چھُ، اُمِس پتہٕ حُسن نواز تہٕ حُسن شناس شاعِر روٗسُل میر
پوٗرٕ کران۔

روٗسُل میر چھُ شوخ تہٕ رٕہہ دار جذباتن ہُنٛد مالِک۔ تمہٕ سِنٛزٕ ہَن ہَن
چھُ حُسن ڈیشِتھ بٔرِمان۔ یہ چھُ سُہ حُسُن یتھ یِمی زمینہٕ ہِنٛز خاصیت وجوٗد
منٛز انان تہٕ زِنٛدٕ دِوان چھُ۔ سُہ چھُ عاشق مگر تمہٕ سُنٛد محبوٗب چھُ یتھۍ
زمینہٕ پیٹھ یادٕ گومُت۔ سُہ چھُ مجازُک پرستار۔ سُہ چھُ اَتھ مجازَس گَت
کران کران حقیقتَس واتان۔ سُہ چھُ پنٕنِس محبوٗب سُنٛد سراپا فن کارانہٕ
صلاحیژو سان لفظن تشبیہن، استعارن تہٕ ترکیبن ہِنٛدِس نازُک پیکرس منٛز
ژاوُن یژھان۔ سراپا نگاری منٛز چھِنہٕ تِس کاشُرِ شاعری اندر کانٛہہ تہٕ مدّ مُقابِل
فاضِل تہٕ چھُ از سراپا نگاری کران، مگر اَتھ منٛز چھِنہٕ سُہ جدّت یُس روٗسُل
میرس اَتھ اندر تھوٗد مُقام دِوان چھُ۔ غزل چھُ اَمہ مزاژ کِس شاعرس
نِش تہٕ پھانٛپھلان تہٕ جہاد کران۔ چنانچہ یتیٚلہ روٗسُل میر چھُ کاشرِس
غزلس پننہٕ سہ کھ ایحساسُک زُری یہ بناوان سُہ چھُ اَتھ کاشرِ زبانۍ اندر
روز نیچ ضمانت دِوان۔ محموٗد چھُ غزلس کاشرِ زبانۍ سیتۍ اَتھ واس کرِ ناوان
مگر روٗسُل میر چھُ کاشراوان۔ اُمی سٕندِس غزلس اندر چھُ صنوبر ایرانۍ تصورٕ
حُسنیچ ژھایہ تہٕ ٹھُپ مگر بُنیادی طور چھُ یہ کوشُر غزل۔ روٗسُل میر روزِ
ہمیشہ سُہ کوشُر گوٚنمات یمیٚ کوشُر غزل رٕہ کھیر تہٕ ماری متوٚنٛد بناو۔ لفظن
تہٕ ترکیبن ہِنٛز چُستی، ردیف تہٕ قافِیَن ہُنٛد نوٚر تہٕ پننہٕ ایحساسچ گرمی سیتۍ
چھُ روٗسُل میر کاشرِس غزلس زندٕ روزنیچ ضمانت دِوان۔ مہجوٗرنِس دورس
تام کوشُر غزل لیکھن والۍ شاعِر یِمَن اندر مہجوٗر تہٕ شامِل چھُ ہیکَن نہٕ

زبٲنۍ ہندِس زورس، طمطراقس تہٕ جلالس پیٚش نظر روٗسل میرُن مُقابلہٕ کرِتھ
مہجوٗرنۍ زبان چھُ بول بوش زبٲنۍ وارِیاہ نزدیک باسان مگر روٗسل میرنۍ
زبان چھ مقابلن ادبی زبٲنۍ نکھ باسان۔

روٗسل میر چھُ غزلس منز کوٗنگہٕ ہندِس سراپاہس نوٗزُک تہٕ ڈاے
پوٗشہٕ توٗلہٕ سروٕ روان پیکرس، ژندرۍ موکھس تہٕ زٲنۍ وانکن وۅژھ وٲلبنہٕ تصویر
بُلان۔ تَس چھ زُلفن ژھایہٕ سعہٕ دۅرن ہشہٕ حرکتھ۔ بادٲمی چشمن ہُند
خمار۔ پوٗشہٕ بدن تہٕ پیچ در پیچ سیاہ زُلف واہ واہ کرِہ ناوان تہٕ زیوٗ انان
میر چھُ یژھان یہندی سے سایس تل زندگی ہندی موختصر سات بسر کرنۍ۔
سہ چھُ مجازی عشقچ آوریٖنہٕ منز پننہٕ پارٕنچ ہن ہن ناوہٕ زاٲلتھ کاشرس غزلس
وُشنیر واتہٕ ناوان۔ روٗسل میرنس غزلس مُقابلہ چھُ محموٗدُن غزل فارسی لفظوٗ سیٚتۍ
گوٚ ہیوٗمت باسان۔ روٗسل میر تہٕ چھُ فارسی لفظ بے واہ استعمال کران۔ مگر
محموٗد چھُ تہٕ امہٕ استعمالہٕ سیٚتۍ سعہٕ کیفیت پٲدہٕ ہیکان کرِتھ، یعنہٕ روٗسل میر
کران چھُ۔ امہٕ حقیقتُک اندازہٕ ہیکہٕ محموٗدُن سہ غزل پٔرِتھ تہٕ سپدِتھ یٚمیُک
کینٛہہ شار چھ ؎

یارہٕ میانیو مارکَن منز یان ہووُت تی پزِیا
تارکن منز ماہ تابان مَنزہٕ چھووُت تی پزِیا

در کمندِ کاکلِ تو گوٚ دلِ دیوانہ بند
مارٕ زُلفو سیٚتۍ عاشق مارہٕ نووُت تی پزِیا

سرو نازا پاک بازا شب یا کھُرام
کاکل و بند و قبا ژیے موژر رووُت تی پزِیا

تہٕ رۄسُل میرُن سُہ غزل پَیرِتھ یَیِمکہِ کینہہ شار چھِ یے

دِل بند دِل آرام دِل آزار نِگارو

گُلہٕ خندٕ گُل روٗ خسارٕ گُل اندام نِگارو

وُچھہِ آفتابن چون ژندٕرنی مۄکھ تہٕ ڈوٗلس رنگ

گُجہِ کاڑاہ تۆرِ سے زٲژن چھُس سرسام نِگارو

سپتاہ یِہ گت کرِ لولہٕ نارس بالہ یارس پتھ

کم گیت وُنی وُنی رام کوٗرُن رام نِگارو

جدّت پسندی ہِندی عنا صر چھہِ دۄشوٕنی گوٚنہ ماتہٕ ہِندِس کلامس منٛز

مٲکارہٕ پأٹھی بوزنہٕ یِوان ۔ مگر مُقابلہ سیٚتہٕ اکھ خاص مماثلت پأدٕ کرنس منٛز اوس

رۄسُل میر یُژی پأٹھی اکھ رُت جدّت پسند ۔ کانٛہہ شخص نہٕ ہیٚکہٕ نہٕ یوٗت دلیر بنِتھ

زِ سُہ کرِ شیکسپیرس تہٕ رۄسُل میرس برابر زانِتھ مُقابلہ ۔ مگر بہٕ کرٕ رۄسُل میر نہٕ

جدّت پسندی ہنا وضاحت کرنہٕ موکھہٕ شیکسپیرُن اَکہِ سانیٹُک کوشُر نثری ترجمہ تہٕ

پیش ۔ تہٕ رۄسُل میرُن اکھ غزل تہٕ تھوٗن برُونٛہہ کنہِ ۔ یِمن دۄشونی منٛز

چھُ اکھ ہشر ہیوٗ باسان ۔ یِمن ہِندِس اظہارس منٛز چھُ اَسہِ واریاہ یکسانیت

ہش دریٚشٹھی یِوان ۔ یِیِمہٕ اظہارٕ ، اندازٕ ، مُقابلہٕ تہٕ ہشرٕ سیٚتی شیکسپیر

پننِس محبوبہٕ سُند حُسن ہاوُن تہٕ باوُن یُژھان چھُ قریب قریب چھُ سُے اظہار و

انداز ، مُقابلہٕ تہٕ ہشر رۄسُل میرن تہٕ پننِس اَکِس غزلس منٛز یختیار کرنہٕ واریاہ

کوٚشِش کٔرمٕژ ۔ مُمکن چھُ رۄسُل میرس آسہٕ ہا یُتھ ہیوٗ خیال فارسی ادب تہٕ غزل

پَیرِتھ پأدٕ گومُت ۔ مگر کانٛہہ جان ، حسین ، تہٕ رژ کُتھ پَیرِتھ تمہٕ چہ جأنی ہُند تہٕ

تمہٕ کہ رژرُک تہٕ حُسنُک ایحساس سپدُن تہٕ چھُ بجاے خود سیٚٹھاہ اہم سپدان

موٗن زِ روٗشلَن مِیر چھُنہٕ شیکسپیٖر سُندیٚن لفظَن ووتھمُت تاہم چھُ پرَن وول یتھ نتیجس پیٚٹھ آسانی سان واتان زِ روٗشلَن مِیر اوس جدّت پسند تہٕ تہٕ نیٚرل اظہار وٕ اندازک دلدار تہٕ۔ سُہ چھُ پننین ایحساسن تہٕ جذباتن ژھتھ پاٹھو اظہار دِیُن یژھان تہٕ دِوان یتھ پاٹھو بوزُن تہٕ پرَن والی سُندیٚس تاثرس تہٕ ایحساسس یِہیٚ لفظراے ہمش ووتھان چھُ۔

شیکسپیٖر سُند سانیٹ چھُ:

آفتابس چھُنہٕ یارہٕ سُنٛزَن چشمن سیٖتو کانہہ ہمسَر

تہٕمی سُندیٚن وُٹھن ہندہٕ ووزٕ جارہٕ نش چھُ مرجان جادہٕ پھَن ووزُل

اگر شِہنک رنگ سفید مانو

تیلہٕ چھُ تہٕمی سُندہٕ وُچھک لفظُر بدلے رنگہ

ہرگاہ زُلفن تارہٕ وَنو

تیلہٕ چھُ تہٕمی سُنٛزہٕ ہیرہٕ پیٚٹھ پیے سیاہ تارہٕ پرورش لبان

میہٕ چھُ وُچھمِتو گوٗلاب، ووزُلی تہٕ سفید، مُشک ژھٹان

مگر میہٕ چھُنہٕ ییم گوٗلاب تہٕمی سُندیٚن رُخسارَن پیٚٹھ نظرِ گژھان

کینٛژن مُشکن اندر چھُ تیٚہہ جادہٕ پھَن

تہٕمی شَہہٕ مُقابلہٕ ییم سہ کھالان والان چھُ

میہٕ چھُ تہٕمی سُند بول بوش بوزنے بے بدل مزہ دِوان

حالانکہ پزٕ چھُم خبر زِ موسیقی چھُ امہ کھوتہٕ خوش یِیٚنی سور

میہٕ چھُمنہٕ زانہہ تہٕ وُچھمُژ خوداٗیی قدم ترٛاوان

مگر سہ ییلہٕ پکان چھُ یتھی زمیٖنہٕ پیٚٹھ چھُ پزٕ ترٛاوان

اَمہ باوجود چھُم قسم خودایہ سُند

بر چھُس سہ محبوب زانان تیمُنھ نایاب

یوت سہ نامناسب مُقابلو سِتی صحی نقشس پیٹھ یوان چھُنہ

روٗسل میرنہ غزلکی شار وُچھو:

دُردانہٕ اُسِتھ بے خبر مہر جان، دِپان چھی

خورشید روئیس کج نظر بدمان، دِپان چھی

قد چون ڈیشتھ وہر برہمان تیر گرنھان خم

شمشاد یسمین سرو خرامان، دِپان چھی

ہیم قُبہ سینکو ڈیشہ وِنمن دُبہ رِپھران دِل

انار شیرین کونہٕ دُ پلستان، دِپان چھی

سانٹکو تہٕ غزلکی شار پرِتھ آسہ شاید روٗسل میرنہٕ جدّت پسندی ہُنز کتھ ہنا صاف سپزمژ۔ یہ چھُ پوز زِ شیکسپیر سِندس سانٹس مقابلہ چھُ روٗسل میرُن غزل کمزور۔ 'بے خبر' تہٕ 'کج نظر' لفظ استعمال کرِتھ چھ روٗسل میرن تِہُنُن سِتو پوٗرہ جادتی کرٕمژ۔ ہموٗ پننس محبوٗبس 'دُردانہٕ' یا 'بدمان' وونمت چھُ۔ شیکسپیر سِندِس سانٹس منز چھُنہٕ یژھ ہش کانہہ تہٕ مزازس مُوافِق تہٕ پنہٕ واجینو ترکیب۔

روٗسل میر چھُ ۱۸۷۰ء منز محموٗد گامی یس مُقابلہ سِتیٖ ٹھاہ لوکٕٹ مُران۔ اُمی سِندِ مرنہٕ پیٹھ برابر ہیجو گنس زمانس تام چھ ہنو رور کینہہ اہم شاعر کاشرِ زبٲنی اندر شعر و شاعری کران ہمن اندر رحیم صاب، مقبوٗل شاہ رحمان ڈار، شمس فقیر، وہاب کھاجن، عبدالاحد نادِم خاص درجہ تھاوان چھ

یِمَو شاعیرو چھِنہٕ غزلہٕ کِس ماداتس اندر کانٛہہ خاص کام کوٚرمُت۔ وہابُن طبیعت اوس
نہٕ غزل لیکھنہٕ باپت موزوٗن۔ چنانچہ تِمو چھُ پانہٕ تہٕ جنگ نامن تہٕ باقے صِنفن کُن
توجہ دِیتمٕت۔ مقبوٗلن چھُ پنٕنین تخلیقی قوٗتن ہُند استعمال مثنوی تہٕ وٕژُنس منٛز
کوٚرمُت۔ شمس فقیرن چھُ غزل تراوِتھ باقے صِنفن اندر شعر تخلیق کٔرۍ متۍ۔ عبدالاحد
نادمن چھُ نعت خانی منٛز لُکن نِش داد رُٹمان۔ غزلس منٛز چھنہٕ کانٛہہ نمایاں
تبدیلی سپدان۔ اَتھ زمانس منٛز چھُنہٕ کانٛہہ نوٚو غزل گو شاعیر پاَدہٕ سپدان
یُس رسول میرنۍ پاٹھۍ کاشرِس غزلس وسعت دِیہے تہٕ رنگ برہ ہمے
ہیم شاعیر اَتھ دورس منٛز یِوان چھِ تِم چھِنہٕ کاشرِس غزلس کُنہٕ قسمُک بُرزر
کران۔ چنانچہ کوشُر غزل چھُنہٕ تِمہ مقامہٕ برٛونٛہہ پکان۔ بینتیجہ اَتھ رسول میر تراوان
چھُ۔ اَتھ دورس منٛز چھُ کانٛہہ کانٛہہ غزل جان ہیوٗ بوزنہٕ یِوان۔ مگر گِنِہم چھُ اَمہ
وقتُک غزل جوش، مستی، رنٛگہ تہٕ رقصہٕ نِشہٕ باسان خالی۔ زن تہٕ شاعیرس غزل
لیکھنچ تخلیقی صلاحیت آسان چھیٚ۔ زن نہٕ تس دزوٚن دِل آسان چھُ۔ زن نہٕ شُہ
غزلاوِ مُژن حقیقتن ہُند مالِک آسان چھُ۔ تس چھنہٕ یہ سو بِنچنیچ وارٔے آمُت زرو رسول
میرس ہیٚکہِ ہا یہ غزل محفوٗظ کٔرِتھ۔ اَتہٕ چھنہٕ سہ پُرسوز کیفیت تہٕ تخلیقی بیقرأرۍ
یِمہٕ خاص کر رسول میرنِس غزلس زُو دِژوو۔ اَتہٕ چھُنہٕ حُسنِ کلامُک تہٕ شاعیرانہٕ
رمز نگأرۍ ہُند کانٛہہ شُہ نوہیر یُس ہجورس یا جدید غزل گو شاعیرس یِمن نِش
بنیوٗن کڑان چھُ۔ اَتھ دورس اندر یُس کم قلیلا غزلی ادب پاَدہٕ سپُد، تِمیُک
اَڈ حِصہ چھُ تقلید پرستی ہُند شکار سپدمُت تہٕ اَڈ روایتی تصوفُک۔ کُنہٕ جایہٕ
چھُ مصرہٕ جان باسان تہٕ کُنہٕ جایہٕ چھُ کانٛہہ شار رۆتہٕ اظہارکی جامہٕ وٕلِتھ اَسہ
پننہٕ وۆجوٗدُک ایحساس دِوان۔ مثلن وہابُن شہ شار یُمیُک اَکھ مصرہ یِتھہٕ پاٹھۍ چھُ۔

## مسہ زِیُن زال چھُلی چھُلی

اَمہِ دورہ کِس غزلَس اندر چھُنہٕ تخلیقی اَدٕ بیچ دِلکشی تہٕ موٚحسوٗس
سپدان۔ اگرچہِ یمَن شاعِرَن روٗشُل میرہ سُند ہیوٚ دِل، مہجوٗرہ سُند ہیوٚ طبیعت
نادِم سُنٛز ہِش زبان تہٕ راہی سُند ہیوٚ فن آسہٕ ہا۔ کوشُر غزل آسہٕ ہا تیلہٕ یہندِ
دُسی سیٹھاہ بروٚنٛہہ پکمُت۔ اَتھ دورَس اندر سپُد غزلس کُن سیٹھاہ کم توجہ
شاعِرو ہیو پنُن کمال وژنَس منٛز۔ یوٚہے صِنف سپُد مال زار تہٕ بختاوار۔خاصکر
رحیم صابَن تہٕ رحمان ڈارَن دُسی۔ اَتھ دورَس منٛز سپُد شاعِرَن ہُند توجہ
مثنوی کُن۔ عشقی مثنوی تہٕ آیہٕ لیکھنہٕ تہٕ رزمی تہٕ۔ مگر غزل بروٚنٛہہ پکناونہٕ
باپَت چھُ زمانہٕ مہجوٗر سے پداران۔

مہجوٗر چھُ تتھ زمانَس اندر شاعِری کران یُس سیاسی لحاظ محموٗدرِنس
زمانَس بلکُل مختلف تہٕ کاشرِ ین ہندِ باپَت وارِیاہ رُت آسان چھُ۔ اَتھ زمانَس
منٛز چھُ موغلن ہندِ دُسی ژھیتہٕ کرنہٕ آمژ سیاسی بیدارِی ہنٛز مثالی بیبہ
روشن سپدان۔ خاص کرِ وُہمہ صدی ہند ترٛیمِم تہٕ ژورِیم دَہیُک یمَن اندر
مہجوٗر پننہٕ بہلہٕ پایُک غزلی ادب تخلیق کران چھُ۔ مہجوٗرہ سندِ باپَت اوس
اَمہِ ملکُک سیاسی تہٕ ذہنی بیدارِی ہندِ اثرٕ نِشہ دوٗر روزُن سیٹھاہ ناممکن
پیٚنہ چھُ اَمی نَہٕ اَمہِ بیدارِی ہنٛز آوازِ میٹھ رود مہجوٗرہ سُند روٗح۔

مہجوٗر چھُ محموٗدرِنی تہٕ روٗشُل میرنی پاٹھی فارسی زبٲنی ہُند تہٕ ماہر
اُمِس چھُ فارسی علم و ادبیچ تہٕ زان کاری آسان تہٕ اُردوٗ زبٲنی ہنٛز تہٕ ادبیچ
تہٕ۔ یہِ چھُ فارسی پاٹھی تہٕ شار لیکھان تہٕ اُردوٗ پاٹھی تہٕ۔ مگر یہِ چھُ اُکھرِ یمہ
صدی ہندِس ترٛیمِس دہلس منٛز کاشرِ زبٲنی منٛزے پننہٕ اظہارچ ۔ وٕنہٕ

ژھاران ۔ مہجوٗر چھُ وژُن، غزل، نظم تہٕ بیتہٕ منفن اندر شار تخلیق کران ۔ اُمی شند غزل وُچھتھ چھُ اَسہِ کأشرِس غزلس اندر اہم تبدیلی ہندی نقشہٕ نظرِ تل گژھان ۔

مہجوٗر چھُ صحی معنیَس اندر رسُل میرس پتہٕ کأشرِس غزلس یِنہ بستہٕ حالژ منز کڈان ۔ وُشنیر واتہٕ ناوان تہٕ نوٚو زوٗ دِوان ۔ سُہ چھُ باقے شأیرن مُقابلہٕ غزلچ زبان تہٕ ہنا کأشرِ ییوان تہٕ لفظ ژأر تہٕ نوٚیر دِوان ۔ سُہ چھُ پرانین علامتن تہٕ رمزن تہٕ کأم ہیوان ۔ مگر تس نش چھُ کأفی حدس تام ییمن ہنز توجہ بدلان ۔ کوشُر غزل چھُ مہجوٗرنہٕ دَسی بیٚیہٕ ییتھ دُنیہَس تہٕ بییہ دُنیہچہ خوشی تہٕ غمن نزدیک ییوان ۔ تمُی سُند یہ وَنُن چھُ گوڈٕ گوڈٕ پوٚرہ صحی آسان زِ رسُل میرن چھُ تمی سندِس روٗپس منز دُبارہ زنم لوٚب ۔ مگر ہنا بروٚنٹھ پکِتھ چھُنہٕ تس رسُل میرنی پأٹھی قندہارِچ زوٗن کل کڈان ۔ بلکہ چھُ سُہ زندہ ہارِچہ زوٗنہٕ ژھَلہٕ ژھَلہٕ وُچھان تہٕ تمی سندین داغن منز دلکشی ہندی سامانہٕ تلاش کران ۔ مہجوٗرنہٕ اَمہ عملہٕ سیتی چھُ کوشُر غزل کوشُر مزازہٕ رٹان ۔ سُہ چھُنہٕ رسُل میرنی پأٹھی حُسنچ ریٚہہ وُچھتھ باخُنکھ شولہٕ وُچھتھ جسمأنی طور رقص کران ۔ بلکہ چھُ سُہ اَمہ باپت پنہٕ نس روٗحس داوس لاگان ۔ رسُل میر چھُ پان ژادرِ ہندی پأٹھی گرٛزان ۔ مگر مہجوٗر چھُ کھلہٕ ہندی پأٹھی خاموش ۔ مہجوٗرن کرِ بییہ پأٹھی گوڈٕ گوڈٕ رسُل میرس تہٕ مُنزِ مُنزِ وہابس تقلید ۔ مگر ہنا بروٚنٹھ پکِتھ ترأوی تمی ییم زولانہٕ پتھر خاص کر غزلس منز ۔ تقلیدُک یہ لباس باسیو تس سیٹھاہ ژھوٚٹ ۔ تمی بَسوو کأشرِس غزلس منز بیاکھ دُنیاہ ۔ یہ دُنیاہ اوس انسانہٕ سندہ دِلُک دُنیاہ

تہِمۍ سٕندِین ایٚحساسَن تہٕ جذباتَن ہُند دُنۍ یاہ۔ مہجوٗر روٗدنہٕ روایتی شاعرَن ہٕندۍ
پٲٹھۍ لاگٕنۍ رٕنیاے، تصوّف تہٕ سراپا نگاری ہاوَنہٕ لوٗر۔ گۄڈٕ گۄڈٕ چھُ ییتہٕ
روٗشُل میرنۍ پٲٹھۍ سراپا نگٲری منٛز لذّت محسوٗس کران۔ مگر مہجوٗر چھُ ییتہٕ اَتھ
مجازَس کُن بیہ روٗح بنان تہٕ اَتھ منٛز روزٕن وٲلِس اِنسانَس سیٚتۍ یارانہٕ بڑاوُن
یژھان تہٕ پوٗرٕ پٲرزان حاصِل کرٕنۍ یژھان۔ مہجوٗر چھُ کٲشرِس غزلس اَکھ لعہ کٕٹھ
نالہٕ منٛزٕ کڈِتھ اَکِس بُڈِس نالس منٛز واتہٕ ناوان۔ کوشُر غزل چھُ پَرٕنۍ کنۍ اُمیٚ سٕندٕ
دٕسی نَوٕ سرٕ زندگی لبِتھ وارِیاہَن انسانی خاہشَن، اَرمانَن تہٕ تجربَن ہٕنٛد
آباد گاد بنان۔ مہجوٗرَن بجر چھُ ییتھ کتھِ منٛز زِ تہِمۍ پرٕژناوِیہ خاہشہٕ۔ ییم
اَرمان تہٕ ییم تجربہٕ کڈِن ونہٕ۔ پرٕزناونہٕ تہٕ ونہٕ کڈِتھ پیٚتہٕ کرِن ییم لفظَن ہٕندِس
طِلسماتَس منٛز پننیٚو پٲٹھۍ منتقل تہٕ بنٛد۔ مہجوٗرنہٕ اَمہ عملہٕ سیٚتۍ آو یکبار کٲشرِس
غزلس تہٕ فائدٕ تہٕ کٲشرِ زبٲنۍ تہٕ۔ اَمہ عملہٕ سیٚتۍ روٗد نہٕ اُمیٚ سُند غزل صرف تصویر
کشی کران، بلکہ ژاو اَتھ اندر انسانی ایٚحساس تہٕ جذبہٕ۔ مہجوٗرنہٕ اَمہ انسانی
ایٚحساسیچ تہٕ جذبیچ نوعیت، کیفیت تہٕ سیرت چھےٚ رٕژ تہٕ تہٕ تھز تہٕ۔ مہ چھُ ییٚمہٕ
پزرُک برپوٗر ایٚحساس زِ مہجوٗرنۍ ساری غزل چھِنہٕ اَتھ تھزرس واتان۔ سیٚٹھاہ
کم تعداد چھُ تِمَن غزلن ہُند یِمَن یہ تھزر نصیب سپُدمُت چھُ۔ مگر ییتھ پزرس
ہیٚکہ نہٕ کانٛہہ تہٕ انکار کٔرِتھ زِ مہجوٗرَن وات نوو کوشُر غزل اَتھ تھزرس یتہِ کوٗر
اَمہ کہ وُسعتھ تہٕ سنزوک ایٚحساس اَسہ منٛز پادٕ ییٚمہ ساتَن تہِمۍ پتھ ہی غزلی
شار تخلیق کرِس

اُلفتُک سودا کٔرِتھ غم متوٗلی ہیو تُم
اَتھ طرِیقس پیٹھ چلیو باپار رُییون

بیٚنِہ کال کھٔٹِتھ تھٔوو میہ دِلُک حال ٹُکن نِش

انسانہٕ وُنی وُنی ہوش روۄم راز نٮ۪نِتھ گوو

•

کیاہ زانہٕ صُبحُک واو بُلبُل کیازِ چھُہ نالان

شُلہِ آو شُلے وزاو سہ دامانہٕ درٕنِتھ گوو

•

ذَرِہ ذَرِہ تھٔوونم ذرِہ کوتاہ زَر میہ شٕنِتھ گوو

کوہ زانہٕ لوکُٹ نقشہٕ دِلُس کرٕ میہ کھٔنِتھ گوو

اوٚشُن گوم جانٛزی یام ژٕ نٮ۪تس ہیوٚم سہ جانان

ہیوٚلٹھ ناوِ اندر پانہٕ میہ سیٚہلاب اٮ۪نِتھ گوو

•

نُوہ زٔن بہٕ وٕسی وٕسی پیٚیس یام ژٕ دوریوکھ

پوٚت ژھایہ وُچھمکھ دوٗرِ آیم گژٕ ایہ وٕنے کیاہ

ژٕلِہ لارِ وُچھمکھ حال وٕنہے وارِ وُچھہے روے

لٕگہِ ذٕ یوٚ میہ گنٛیم اوٚش ووتھم دُورایہ وٕنے کیاہ

ووتھ شور یامَت واو حُسنٕس موج تُلِتھ گوو

اِظہار تی کوٚر ژُلفچے تھٕتھر ایہ وٕنے کیاہ

چھم آرٕ وَلہِ ہِندی پانٛٹھو گاٹمتی پارِہ بدنس

کوستورِ رٕدُکھ دوٗر وٕنن ژھایہ وٕنے کیاہ

•

نیٚہہ گٔیہٕ گوٗس بیدار کٔنہِ کٔتھ جہ بولُن گوم
زونمُ میہ وَنٛدرٕ سورٕ پو پرٕتوُ ژروو سونٛتھ کالَن

•

مَس دامہ دامہ چاُوِتھ حِس ہوش راوٕہ راُوتھ
کِتھ کُنُ ژوٗکھ میہ تراُوِتھ لوٚ کھار وارٕ وارٕے
پوشہ ٹوٗرِی مُشکہ بَرہ تھٔکھ رُسہ پاٹھی گنڈ مُژری تھٔکھ
اَسہ وُنہٕ دٔہاہ کرِتھٔکھ آوارٕ وارٕ وارٕے

•

آیوس زٕنمس باغ چھاوُنہٕ وہم غالب گوم
پننے خیالکی پانسے زولانہٕ بنا ویم

•

پوٚرہ ہرش نٔہ چھندرے مرشہ مَس وَل وُنان چھُ واوس
دامانہٕ میون پٔیمو چھوٗل تَس زٔنہہ نہٕ قرار آسیا
دوٗپ مَس دِماہ ژٕ روزِم کِتھ تارٕ وارٕ بوزِم
دوٗپہم بہٕ بوزٕ کوتاہ گژاو شُمار آسیا

•

پریشان دِل بہٕ چھُس بُلبُل دَبان چھُم وَن خبر تور چھ
بہانہٕ کانٛہہ تیمس ونہا مگر پننس دِلس وَنہٕ کیاہ

•

بازرَن ژھانٛڈیوم سیٹھہ بٔنیہ پرژھوم سوداگرَن
اُلفتک سودا کُنہ مَارَن نہٕ دِیارَن آسہِ ما

پۄشیدٕ نٕقوٗر نقوٗر دڑاو پھٹِتھ میون اندریم حال

ییتھ پاٹھۍ پوشِس سینہٕ ژٕٹِتھ مُشک نیبر دڑاو

ایشارہ پاٹھۍ شُلہٕ اوس وُنان واو کاوس کُن

ییتِتھ چھُے یہٕ کٕتھن باو وُنُن ترٛاو ہیو ہاو

•

وُنِتھ لوٗلہٕ گُفتار ژٕ یہٕ تے عار اینہٕ ہیے

ژٕ یہٕ ڈیشِتھ میہٕ زیو چھُم کلان ٹاٹھہٕ یارو

•

مہجوٗرنۍ ہم زمانہٕ تہٕ ہم کال (ہمعصر) شاعر آزاد تہٕ چھُ ییکھان تہٕ ماسٹر زِندٕ کول تہٕ۔ عبدالاحد آزاد اوس مہجوٗرس مُقابلہٕ مختلف اُڈرن پیٹھ تیار سپدمُت۔ آزاد اوس مہجوٗرس مُقابلہٕ عظیم اُردوٗ فلسفی تہٕ شاعر اقبالس نِش تہٕ متاثر سپدیومُت تہٕ زمانیچہ ترقی پسند تحریکہٕ نِش تہٕ۔ چنانچہ آزاد اوس اکہ طرفہٕ اقبالس نِش تہٕ فٲیض یاب سپدان تہٕ بییہ طرفہٕ تیمن ترقی پسند خیالن تہٕ نظماوان تہٕ غزلاوان ییم اُتھ دورس اندر تیمہٕ وقتہٕ کس جوٗنوٗ بی تہٕ مغربی ہندوستانس منز انسان دوس تہٕ نوٗ بالیغ انتہا پسند سیاست داٗنۍ ہندی موضوٗع سخن بنے متۍ اُسی۔ کینژھاہ پنٕنۍ طبیعتِن تہٕ کینژھاہ ییمو بیرونی حالاتو بنوو آزاد مہجوٗرس مُقابلہٕ خیالاتۍ ہند شاعر۔ آزادن دیت پننۍ پیغام پنٕنین غزلن تہٕ نظمن منز۔ کینہہ کالاہ شاعری کرِتھ تہٕ مہجوٗرسند اثر قبوٗل کرِتھ ژھینہٕ تمو رِوایتچہ بریدہٕ پھٕٹراوِتھ۔ مہجوٗرس مقابلہٕ ہیوکنہٕ تمو رِوایژ، منٕس تہٕ خیالس میٗل کرِتھ۔ اگرچہ کاشرہ نظمہٕ پتہٕ کنہٕ کانہہ رِوایت اُس نہٕ مگر کاشرس

غزلس اُس اَکھ دورس تام اَکھ روایت تہٕ تواریخ بنے مژ۔ اُتھی پزرس
پیش نظر چھ اَسہ آزادنہٕ غزلیچ ناکامی ٹاکارہ درینٛٹھ یوان۔ آزادُن غزل
چھ یا تہٕ زوال پذیر سماجکہٕ بار بار وَنہٕ متہٕ تصورِ حسنُک اظہار بنان۔ یُس دلچسپی
نِش خالی باسان چھُ۔ یُس اِنسانہٕ ہشرٕن لطیف خاہشَن اَتہٕ ہاونس منز
تہٕ احساسن تبدلاونس منز کامیاب سپدان چھُنہٕ۔ ننتہٕ چھُ تمہٕ نو بالیغ انتہا پسند
تحریک کہٕ اظہارُک اَکھ ذریعہ بنان یُس خاص کر ادبی مادانس منز شورہ
لازمی اَندرےٚ اُس۔ مگر شعر چھُ بوڈ بنان۔ تہٕ شعر ہے چھُ انسانہٕ سُند
مول تہٕ ونان۔ آزادُن ترقی پسند خیالو سیتی پیوند کورمُت غزل چھُ کاشرس
غزلس کینٛہہ قدم برونٛہہ پکنُک تہٕ پننہٕ وسعتُک احساس دِوان۔ اوسلوب و
بیانہچ اَکھ نوٚ پَدٕ وَتھ چھنہٕ درینٛٹھ یوان مگر اَمہٕ وَتہٕ ہنز نِشان دہی چھ
سپدان۔ آزاد چھُ اَکِس نوِس کُنٛٹھِس دروازہ مُژران۔ اگرچہ سہ پانہٕ
اَتھ کُنٛٹھس منز اَژِتھ اَتہٕ سٲر کران چھُنہٕ مگر پتہٕ والین شاعرن ہندہٕ باپت
چھ اور اَژُن تہٕ اَتہٕ سٲر کرٕنی سہل سپدان۔ آزادنی یہ کوشش چھ
تمن غزل گو شاعرن مقابلہٕ سیٹھا اہم یم محمودنہٕ وقتہٕ پیٹھ ژاپہٕ مرٕژہٕ ترکیبہ
گرٕنہِ مژہ اِستعارہ، بناوِ مرٕژہ تشبیہہ تہٕ وٕنی رژتی خیال اَکی سے لفظ ژٲرٕ اندر
اَرزان طریقس پیٹھ بیان کران روٗدی رُتہٕ چھ۔ مگر آزادَن ہیوتوک نہٕ سُہ تغزل
پادہ کرٕتھ یا سُہ مانے آفرینی پادہ کرٕتھ یتھ اندر کنہٕ حدس تام مہجور
کامیاب سپُد۔ آزاد روٗد غزلس مقابلہٕ ماسٹر زندہ کولنہٕ پاٹھو نظمہٕ کِس شہسوار۔
زندہ کولنہٕ غزل چھ سیٹھاہ ہےٚ کم۔ مگر یم چھ پوختہ فن کارنٕہ ہندی
غزل باسان۔ یم پران پران چھنہٕ اَسی پہندہٕ موضوعچ کنہٕ تُلنی پسند کران

یِمَن چھُ ماسٹر زندٕ کوٗل نِس تصوفس سٍتھ نَم بٕ نازُک واٹھ۔ لفظن ہنز ژَلہٕ ترٛاو تہٕ رعایت چھُ جان پٲٹھۍ ورتاونہٕ آمٕژ۔ ہرگاہ ماسٹر زندٕ کولن درسی نظمن ہندکہ پٲٹھۍ غزل تہٕ واریاہ لیکھنہٕ آمتۍ آسہن کٲشرِس غزلس آسہ ہا بێیہ ہن برٛونٛہہ سَپدٕمُت۔ 'واریاہ' لِکھنہٕ چھُنہٕ میون مُراد درجن واد بلکہ داہ پنداہ' اگرچہ یِمن ہُند موضوع تصوفے آسہ ہا یێمہ نیبر ماسٹر زندہ کولُن نیرون سێٹھاہ ناممکن اوس۔ تو تہٕ روزہے کٲشرِس غزلس اندر اَکھ سێٹھاہ اہمیت۔ ماسٹر زندٕ کولس سٍتھ چھُ عبدالاحد زرگر سُند ناو تہٕ ہێنون لائق۔ زرگر تہٕ چھُ زندٕ کولنۍ تہٕ صمد میرنۍ پٲٹھۍ صوفی شاعر۔ یِمو پٲٹھۍ زندہ کولن پنُن تصوف نظمن اندر ورتوو تِتھے پٲٹھۍ چھِ صمد میر تہٕ عبدالاحد زرگر تہٕ پنُن تصوفی تجربہٕ غزلس مُقابلہ وژنس منز ورتاوان۔ چھاپ سپدیو مِتِس کلامس منز چھُنہٕ یہندِس غزلس منز کانہہ سوٗ خصوصیت یوسہٕ یِمن غزلس منز کانہہ نمایاں مُقام دِیہ ہے۔ یِم چھِ بُنیادی طور وژنۍ شاعر۔ اگرچہ صمد میر کێنہہ ؤری برونٛہہ تہٕ زندہ کول پرٛتھے موٗد تہٕ عبدالاحد زرگر چھُ تہٕ زِندٕے چھُ مگر یِم ترٛێشہٕ وَرے چھِ تِمتھۍ دورس سٍتۍ روزان یُس ۱۹۴۷ء منز بلکہ تمہ تہٕ برونٛہہ ختم سَپدان چھُ۔ ۱۹۴۷ء پتہٕ چھُ کٲشر شاعری خاص کر کٲشرِس غزلس منز اَکھ نوٚو انقلاب یوان۔ مزازٕ کنۍ چھِ یِم ترٛێشہٕ وَرے شاعر صمد میر، زندہ کول تہٕ عبدالاحد زرگر اَمہِ نوٚوہ انقلابہٕ نِش مختلف۔ مگر ہاجور یُس ۱۹۵۲ء منز موٗد چھُ یِمن ترٛێشہٕ ونی مُقابلہ اَمہ انقلابکہ اِرتقٲہک اَکھ اَتھیٚون حِصہٕ۔

[ غار مطبوعہ ]

# تاج بیگم

سعہ واحد زنانہٕ یوسہٕ کأشُر نثر لیکھان چھ
مگر یوٗہے رُکی رُکی تہٕ ٹھکھ دی دی۔ خبر دا زانان کیازِ؟
تاج بیگم چھ ۱۳ جُلائے ۱۹۳۱ء عیسوی یس منز ژھتنہٕ
پے مژ۔ والد بزرگ سُند ناو چھُ خواجہ غلام قادر بٹ
تہٕ کھاندارُ سُند غلام رسول رینزو صائب۔

تاج بیگمہ چھ اَز تام کینژہ خاکہ تہٕ افسانہٕ لیکھمتہٕ۔
وُہ میدچھ پھٕہند گوڈنیک مجموعہ ییہٕ جلدے بازرس
منز۔

تاج بیگم چھ ریڈیو کشمیرس منز وارِیاہ
کالہٕ پیٹھہٕ کأم کران۔ کأشرین زنانہٕ پروگرامن منز
چھ یمہٕ اہم رول ادا کران۔

خاکہ

تاج بیگم رینزو

# رَو ییٚلہِ کھسہ

سانہِ گامہِ ٲسی گرٕہ جوراہ۔ اَکھ بٔہلہِ پایہِ بیاکھ اَسی ہیوٚ غریباہ اَکھ اوس عائشہ آرامس منٛز تہٕ بیاکھ اَتھ خوٚبہٕ گرٕس کٔن کیٚہہ بنٛدک پٲٹھو اَچھو پھیپرِ پھپرو وُچھان۔ تِمَن اَچھن منٛز ٲس ماے تہٕ محبت، ہَرزر تہٕ حسرت آسان۔ یِمن نہ ٲس مینٛٹ آسان تہٕ نہ زُٹ۔ ژچَن ہچہِ پھیپر گژھی کرٕی ٲسی دوہ کڈان۔ اَتھ غریب گرٕس منٛز ٲس زیتبہٕ زاہرٕ۔ سیٹھاہ گاٹُج تہٕ دانا ٲسی وَنیٚ کیاہ اَکھ اَکھ کتھ ٲس کران کم کم گاٹٕلی ٲسی رٲژتھ گژھان۔ گرٕچہِ کامہِ کھوچہِ منٛز اوشس نہٕ جورٕہ تہٕ۔ غریب پٲٹھو ٲس بینٛس مٲلِس ماجہِ خانہِ موج تہٕ۔ مول تہٕ موج اوس اُمس ژھائن تہٕ گرائن وُچھان تہٕ گامی گام اوس زیتبنٛز تاریف تہٕ ثنا خٲنی کران۔ زیبنٕ گِندٕن تہٕ دَرہکُن تہٕ اوس بدلے دکور کورِ یِیلہِ سُمان آسہٕ دیان آسہٕ کیاہ فائدہ چھُ دارِ دجن گِندٕن۔ گرٕہ گرٕہ کتہٕ اَنو ٲسی ہِمَن کرٕ لدرٕ مالہِ۔ گِندان گِندان ٲس زیتبہٕ ہمَن کورِن وَنان وَلےٚ بہ ہیٚے دنووٕ کتھ۔ وَنان وناٲنی ٲس اُمس کُتھ مُشتھ گژھان۔ ویساہ ٲسس فاطرٕ۔ یہٕ ٲسس کمہِ مایہ سان وَنان "زیتبے"۔ ژٕ یہ ہیٚے کتھ ہیٚژ ٲسیتھ وَنہو تہٕ وٕنٕتھ کونےٚ۔ ژٕہ کھیے زِ چھکھ گژھان بٔڈ بٔڈ ہش۔ ژٕہ کھیے چھکھ

سوچان آسان ؟" دوشا ژاوِتھ وُژھس زیبہٕ —— " ہتےٚ فاطِم کتھ چھےٚ یاد پیوان۔ اما پوز کیاہ وَنےٚ۔ یہ وَنتم اَسہ چھا دوہے یتھےٚ پاٹھی روزُن۔ اَسہ چھا دوہے پھیرنَ پنُنتُک بُرونٹھ کرُن تہٕ جندَن پیوندٕ کرُن۔ اَسہ چھا دوہے ژھوٚنٹ کھریہ روزُن۔"

اَتھ پیٹھ آسَس ویسہ تہٕ سوٚدرٕ اَسن کھنگالہٕ ژاوان۔ دِیان آسہ زیبہٕ چھےٚ وَنترٕ کھوفُ کتھ کران۔ نہ یمَن اندتہٕ یہٕ گوڈ۔ زن چھےٚ یہ مُرشگرش۔ ترٛشے کتھ چھےٚ کران۔ اُسہ کہےٚ بچارِی خوجہ کورٕ چھےٚ زِ جندَن پیوندٕ کروِتہٕ۔ اوٚرزمان آسوٚنہٕ۔ محتاج آسوٚنہٕ۔ یہےٚ چھےٚ سانِہن مالِین ہِنزِ منَنتھ زِ اَسہ تہٕ سانِہن ماجَن چھ بَتہٕ دِوان۔ پوشاک سُوان تہٕ ہلنَس ڈلنَس بکار پِوان۔ زیبہٕ اُسکھ بُڈِتھ تہٕ بوٚلِتھ وَنان بہ مُرشگرش چھس تہٕ ہیمہ وِیے خیالو بہ مُرش بناوِس نہٕ تِمہ وِیے۔ تہٕ یہ تہٕ کانٛہہ راہ چھُنہٕ۔ دوہےٚ یہ وَنیوم تہٕ تہٕ۔ مُرش وَنیوم بیا باورٕ بناوِیوم۔ مگر وقت وانہٕ ییلہ پانےٚ ژھینیو۔ یہ مُرشر یا جنوٗن چھُنہٕ۔ بہ چھےٚ اَکھ نَنِ حقیقت ییلہ میانہٕ پزرک رَو کھَسہ کم کم گاٹلی گژھن گَی تہٕ سوٗرُے گژھ زوٚل ژٕلہٕ۔

یمَن کورِن سیٹھا اوس اَکھ نتیجہٕ نہٕ گِندہٕ پِوان۔ اُمِس اوس ناوگُل۔ یہ اوس اَمی خوجہٕ گروک خوجہ کوٚٹ۔ پرٛی پاٹھی گلالہٕ ہیو۔ آسہ ہے نہٕ کیازِ خوجہ کوٚٹ ہےٚ اوس۔ اما پوز خوجہ ذہنیت اُسِس نہٕ۔ یمَن غریب کورِن سیٹھا گِندُن تہٕ ژروکُن اوسُس خوش کران۔ تمِس اُس اَتھ گندنَس منز شادی باسان۔ اَتھ اوس خاص وَجہہ اَکھ۔ زیبس تہٕ اُمِس اوس پانہٕ وانی سیٹھاہ محبت۔ یہ اوس غریبی تہٕ امیری میُل گومت۔ یمَن منز

اُس نہٕ کہینہ فرق۔ یمے اُسہ پانٕہ وأنی نم تہٕ ماز۔ گُنٛۍ جان تہٕ گُنٛۍ دِل۔
مول موج اوس گُلُس اَتھ کنہ پیٹھ بیزار۔ دوہے اُسُس وَنان۔ ژٕ رٕکھوزٕ
چھکھ اُمس غریب کورِ سیتھ گندان۔ ژٕ کونا چھکھ خوچ کوٹ آسکھ خیال۔ ژٕ
ما چھکھ پننہ قبیلک تہٕ مٲلس ماجہ ہُند مَندٕ چھاوُن تہٕ تہندس یزتس وٕٹہٕ دیُن۔
دوہے اُسُس اَتھ پیٹھ پأزار پیوان۔ کتھ ناز و نعمتس منٛز اوس رَچھنہٕ پوان۔
مگر گُلنہٕ خاطرٕ اوس یہ سورُے ناز و نعمت تہٕ عائش و عشرت بے قرأری تہٕ
بے آرأمی منٛز تبدیل گژھان۔ تکیازٕ تمہٕ سُنٛز اَمیری اُس زیٖبہٕ۔ تمہ سُند
سرمایہ اوس غریب مٲلس ماجہ ہُند غریب کوٗر۔ ژھینہٕ مژ جبلہٕ ہیٚن ژھینتھ
کنَن میسہ ہٲنزٕ کن واجہ۔ روہ پہ سینزٕ کتہ اَنہٕ ہے۔ زَہن سَرتُلو بنگرٕ۔ سوٗنہٕ
سینزٕ کتہ اَنہٕ ہے۔ کلس خانیأری کیپرچ پوٗژ۔ پشمینک وٗڈٕ پلو کنہ اَنہٕ ہے
واریاہ واریاہ لیکھٕ ہا بہٕ۔ قلمس تہٕ چھہٕ تھرٕ تھرٕ اَژان۔ پنٕہ نیوٗ اَچھو چھم ہٲنٛد
حال وُچھمُت تہٕ پننیو کنو چھم اَہنزٕ کتھ بوزمژٕ۔

بیٚیلہٕ کتھ بڈان بڈان گیٔہ۔ کتھ اُس نہٕ تلہٕ کنہٕ کینٛہہ۔ اما پوز خوچہ گرس
کرٕ اُمس ناکارٕ۔ تمن اوس آسکھ نبرٕ نار۔ تم کتھ پیٹھ ذرٕ ہَن زٕ تہنٛد
نیچوٗ آسہ غریب کورِ سینٛز گندان۔ تعجب اُسہ کران زٕ تہندِس نیچوٗ سٕندہ
اُسہٕ کتھ پأٹھی چھہٕ یمہٕ کتھ نیران زٕ غریب کورٕ نہٕ گژھ نوٗنہٕ تہٕ پھولنہٕ۔
لوکٹہٕ اُسہٕ پرٛژھ بڈٕ کتھ!

دوہا دوہا چھُ گژھان یمہٕ کورٕ تہٕ گیٔہ بڈان۔ گُل تہٕ چھُ بڈان
تہٕ جوان سَپدان۔ لوکچیو لوکچیو کوریو تہٕ ہیرِژ دوٗنی بجہ بجہ کتھ کرنہٕ۔ اوتام
اُس زیٚبہٕ یأژ گندنہٕ وِزٕ دُلیلہٕ وَنان مگر دوٗنی چھہٕ سارے سوٗرنہٕ پے مژٕ۔

سارِنی چھ وۄنی زیٖبہِ ہنہٕ کتھہٕ برابر پیوان۔ وۄنی چھس نہٕ شُرۍ وَنان تہٕ مُرشِزانان
وۄنی چھ اَکہٕ دۄہہٕ اَکھ کوٗر کتھہٕ وَنان تہٕ بیٚیہ دۄہہٕ بیاکھ۔ زیٖبہِ نِنو کتھوٗاَس
سِیمَن دۄہَس منٛز جاے کرِہرٕ۔ اُمی سِینَزِ ہ کتھہٕ تہٕ اَسکھ سُنِتھ گرِٛس۔ ڈیان
آسَس "ہییَے زیٖبہٕ" تُرہ ہے اُسکھ لوہکچارس کتھہٕ وَنان۔ مگر اَسہِ نئے آسہِ فِکری
تران۔ امایوٗز وۄنی بڈیایہِ اَسی تہٕ تِمہِ چانہٕ کتھہٕ ہیرٛشَن فِکرِ تُرہٕ۔ دِسگیر
گواہ چھانی اَکھ اَکھ کتھہٕ ہے لوٗہ اَکھ اَکھ لعل۔ زوٗنہِ اُسِس وَنان۔ "پۄز ہے
زیٖبہٕ۔ تُرہ ہے اُسکھ وَنان اَسہِ چھا دۄہے موہتاج روزُن تہٕ بیٚین کُن اوٗرزان۔
گویا تُرہ اُسکھ وَنان یُتھ حق اَکس مَردس زندگی بسر کرنُک چھُ، تِیُتھے گرِٛتھ
اَکس زنانہِ تہٕ آسُن۔ یُتھ حق اَکس امیرس گرِٛتھ زندہ روزنُک تہٕ عأش کرنُک
آسُن تِیُتھے گرِٛتھ اَکس غریبس تہٕ آسُن۔ دِیارہ وول کیازِ کرِ غریبس تہٕ نیٚہ
دِیاِرس لِکتہٕ موٚنڈ۔ اَسہِ کونہٕ وۄتلِکِنہٕ دوان؟ کیٚہ یی اوس نا چانِہن کتھَن ہُنٛد
مقصد تہٕ مطلب آسان؟

زیٖبہٕ وِشِھکھ وَنِنو مو نا پانے تُرہ نوٗہ دۄہہٕ اَکہٕ میانہِ کتھہٕ فکرِ۔ وُنہٕ کیا
وُچھ وۄہ یِکان گرِٛٹھو برونٹھہٕ۔ میون آفتابہٕ کھوٚت نہٕ وُنہٕ۔ کَسَن وول چھ صبر
کرِو۔ وُچھان گرِٛٹھو۔ پیارِ کنو چھُ گُل تہٕ ژھینبہِ ژوٗرِ زیٖبس نِش پیوان
گرِٛھان۔ گرٛیٚچ وَنہٕ پیٚر تہٕ نَس کھینکُ تہٕ اُسِس بدستوٗر۔ وۄنی اوس غریب
کورہ پیٚتھ شُتہٕ غرٛبچھے تلان۔ مُبالغہ چھُنہٕ۔ زیٖبہٕ بچاِر تہٕ بٚنیہ پیٚنہٕ نِس
مألِس ماجہ ہندہ خأطرِ وۄنی لوٗڈ بار یِکیازہ گُلَن آسُن وول اوس تِمَن تہٕ رنٛگہٕ
رنگہٕ تیبرہ زانان۔ گامہٕ منٛزہ کڈٛیچ سِبیل تہٕ اوس ژھانڈان۔ نِکیازہ تِمو سُنٛد
نیٖچوٗ اوس اُمس غریب کورہ سیتو ہمدردی تھاوان۔

گُلسَ تہٕ زیٖبس اوس گٔنٛے زُو تہٕ جان۔ خُدا چھُ ظُلم کرِہ ہے نہٕ
اَدٕ کیاہ کرِہ ہے۔ ژٕ آوی توکھ ہم اُتی۔
کورِ چھُ اَمہ دوہہ تہٕ گندنہٕ پیوان۔ مگر زیٖبہٕ چھُ نہٕ اَمہ دوہہ
کُنی۔ کورِ چھُ حَیران اَما زیٖبہٕ کتہٕ چھُ۔ خبر خَیرِ چھُسہٕ؟ زُو چھُسہٕ خَیرِ
ژھانڈان چھُ ییمہٕ گُلسَ سُتہٕ نہٕ بوٗد۔ اَما دلیل کیاہ سُنا اُس؟ دلیل اُس
یِہی زِ گُلہَ تہٕ زیٖبہٕ اُس اَمہ دوہہ الگ کُنُ بہتھ پانہٕ وٲنی کتھ کران۔ تہٕ
گُلسَ اوس زیٖبس وَنان — "زیٖبے میہ ہے چھُ مول موج کالہٕ نہٕ پگاہ شُکلھ
کران۔ دیان چھِم ژٕ ہے کیازِ چھُکھ زیٖبہٕ زیٖبہٕ لوگُت۔ آخر دلیل کیاہ چھُ۔ دوہے
چھُم یِوہے دوہ نہٕ مزدِ لاگان۔ دوہ نی یتِلہٕ جایِس پیٹھ آم اَز کیاہ وونمکھ
چھکبہٕ کرِ تھ۔ ہرگاہ زیٖبہٕ غریبہٕ چھُ۔ مگر غُربت چھنہٕ ترتھ بیمٲری ہینچ لاگ
تِرہ۔ دوہ ہے دوہ ہے اگر میہ عاجز اَنو۔ نیبرِ کیاہ تمہٕ مَنزہٕ۔ تورِ ویِچھم
اگہٕ وُنِس تام دوہہ دوہہ کڈان اُس دوہ نی دِکھ تہٕ کڈنہٕ۔ وُنِستام اوس
سٲرِی ہے گامس سون روبہٕ داب تتھ پھرِکھ آب۔ ژٕ ہے چھُکھ ناپنہٕ خاندانُک
لحاظ۔ یتھین ہوین خُدالِن اُسی اُسی باج ہیوان۔ ساینہٕ کرِ ثِکہٕ سیتی اُسکھ
ٹھرِ اَژان۔ مگر چانہٕ کرِ توٗ توٗ مابینہٕ اَسہٕ یِہ گاہے ژٕ آوُن۔ ہرگاہ ژٕ ہے یِہی
کرُن چھُکھ تیلہٕ نیر ییتہٕ" زیٖبہٕ اُس گُلنہٕ ییمہٕ کتھ بوزان تہٕ ژالہ ژالہ
اوش ژٕ اوان۔ وَنان کینہہ چھنہٕ۔ گُلہَ چھُس وُلہٕ زار کران۔ تِلے کتھ کرِتہٕ۔
ژٕ ہے کُس چیز چھُکھ وَدہ ناوان۔ بہٕ ہے کرِہ چانہٕ باپت سورُے قُربان۔ زیٖبہٕ
وَژھُس — " ژٕ تہٕ امیر تہٕ خاندانی۔ بہٕ غریب کھوہ پرہ منز روزان۔ چون تہٕ
میون میثُلُ ماگزِتھ بیانہٕ غریبی سیتی جُدائی کھہ تہٕ کرُوٹھ۔" گُلسَ ژٕ ج

کمہٕ بچھ نیرِتھ ـــ" زیٖبہٕ یہ شتے وَنتہٕ۔ میٖہ ہے مائِلس ماجہ ووٚنمُت۔" مگر زیٖبہٕ، دٔرے یہ نہٕ اَتھِن ییمہٕ کتھہ بوٗزِتھ۔ تتھہٕ تنج کٔنی دور تہٕ وژایہ دان ڈُلِس کنٕ۔ گٔل چھُس آلوٗ آلوٗ کران تہٕ پتہٕ ادان۔ اَما پوٚز زیٖبہٕ چھُنہٕ پوٚت پھیران صرف ووٚنس دوٚرِ رٔوزِتھ زیبنٕ۔

" خوژجہٕ کٹیا مِیانہٕ جُبمکُ رُو کھوٚت نہٕ وُنہٕ۔ اَما پوٚز یہ نہٕ وٚنے کھٔسِن وول چھُنہٕ ییٖمہٕ سیتی۔ یہ سورُے اَنہٕ گوٚٹ تہٕ گٹہٕ زوٚل چھٔلہٕ چھٔلہٕ گژِھ۔" یِی وٚنان وٚنان گیہٕ سعہ دان ڈالوٗ مُنزِ غائب تہٕ گلہٕ گعو یہ بوٗزِتھ ششدر۔

[ کوٚنگ پوش جھے ۱۹۵۵ء ]

# ٹینگ

پۄرٕ ناو : محمد یوٗسف ذات :۔ ٹینگ

زا ستہٕ : ۱۹۳۸ عیسوی۔ بسکینہ :۔ شوپیان

ٹینگ صاب چھِنہٕ ادبی حلقن منٛز کُنہٕ تعارفُک محتاج۔ وۄنی ووت یمن کیتھو وُری "شیرازہ" ہیوٗرت تہٕ نفیس رسالہٕ ترتیب دِوان۔

محمد یوٗسف ٹینگ چھِ یِتھ پاٹھو کوشُر کُہ لیکھان۔ وۄنی گوو ولی اللہ متوٗ سٕنٛز "ہیمال" تہٕ نموٗنے کلام یا مقبول شاہ کرالہ وارِی سٕنٛز شاہکار مثنوی "گُل ریز" ترتیب دِتھ چھِ یمن نِش واریاہ وۄمید وابستہٕ سپدان۔ ٹینگ صابن چھُ اَمہِ علاوہ روٗسُل میرُن نموٗنے کلام (مع اُردو ترجمہ) تہٕ آزاد صابنہٕ "کشمیری زبان اورشاعری" ہِندی زٕ جلد ترتیب دِتی رٔژھو۔

•

ذات نامہ　　　　　　　　　　　　　　محمد یوسف ٹینگ

# مقبول شاہ ـــــ اکھ سام

سرینگرہ کس جنوب مغربس منز چھ یوہے داہ باہ میل دور بڈگامہ تحصیلس منز ناگچھ سرے آباد۔ اتہ پیٹھ یوہے زہ[۲] ترٚیہ میل دور چھ دوہ دہ گنگاہ ہندس بٹھس پیٹھ کرالہ وور گام بسیتھ۔ یہ گام چھ بڈہ پر فضا جایہ واقع۔ دوہ دہ گنگا چھ اکھ قوہ درنک رباب ہیتھ فطرتک لافانی ساز وایان آسان تہ اتیک کشادہ مادان تہ وسیع وڈرہ چھ نظر فرحت تہ فراخی بخشان۔ سوننک پرتو پیوٚنے چھ یمن مادانن منز رنگہ رنگہ جنگلی پوش، بوکھ ہیتھ نیرتھ یوان۔ تہ سبزار چھ زمردی فرشہ فروش دکھراوان۔ اکھو رومان پرور ماحولس منز زاو کاشرہ زبانی ہند رومان پرور مثنوی نگار مقبول شاہ۔ مقبول شاہن ناو ہیلہ یوان چھ۔ نوش لبہ ہند ماری مونڈ پیکر چھ نظرن شاداب کران تہ تراوتھ بخشان۔ تہ اوے کنہ چھ عبدالاحد آزادن امہ خوبصورت گامک دامن مقبول شاہ سندس احساس حسنس سیتو ووٹمت۔

کنوہمہ صدی ہندین باقے بڈین شاعرن ہندی پاٹھی چھنہ مقبول

---

۱ے کشمیری زبان اور شاعری جلد اول صفحہ ۶۲

صائبنہٕ زینہٕ ہٕنز مرنکہ تارٕیخ سِیکہ پأٹھۍ کأنٛسہٕ مولوٗم۔ اما پوز لاچأری منز چھ
کینٛہہ اندازٕ کرنہٕ آمتۍ۔ عبدالاحد آزادن چھ کأنٛہہ تٕچھ کرنہٕ پتہٕ تمی ہندٕ
مرنکہٕ ؤری یک تعیُن کوٚرمُت تہٕ تمہٕ موٗجوٗب چھ مقبوٗل ۱۸۸۵ عیسوی یس
منز گُذرِیومُت۔ مگر تہندِس زا تارٕیخس مُتلق چھُن نوین لفظن منز پننہٕ کوتأہی
ہُند اعتراف کوٚرمُت:۔

"اُن کا سال پیدائیش کہیں سے معلوم نہ ہو سکا۔
قیاس آرائیوں سے کہاں تک کام لیا جائے۔"

(کشمیری زبان اور شاعری حصہ سوم صفحہ ۵۰)

البتہٕ چھُ تمی اندازٕ کوٚرمُت زِ مقبوٗل صأب چونکہ اُسی ہمیشہ بیمار
روزان۔ لہٰذا آسن تِم لوٚکچی وأنٛسہٕ یتیمہٕ عالمہٕ گأمتۍ۔

اَتھ مُقابل چھُ مقبوٗل صأبنِس بٔیِس سوانح نگار حامدی کاشمیری
سُند بیان زِ تِم زامے ۱۸۲۰ ہس منز یعنی ۱۲۴۰ ھ تہٕ ۱۸۵۵ = ۱۲۷۵ ھ منز
گےٚ پانٛژہ ترٛہہ ؤری وأنٛسِ کڈتھ یتیمہٕ عالمہٕ۔ مگر تہنٛز چھُنہٕ پننِس دعوہس
کانٛہہ سند دِژمٕژ۔ تہٕ ہرگاہ اَتھ پیٚٹھ زول ہاونہٕ یِیِن یہ چھُ فرضی تہٕ خلاف
واقعہ باسان۔

مقبوٗل شاہ سِندِس مألِس اوس خواجہ عبدالقدوس ناو۔ تِم اُسی پیر
مُریدی کران تہٕ یوہے پیشہ آو مقبوٗلس تہٕ وراثتس منز۔ اَمہ علاوہ اُس تمِس
کینٛہہ اأبی زمین تہٕ وراثتس منز ترٛٲمژ۔ مگر کانٛہہ مستقل ذریعہ معاش نہٕ
آسنہٕ کِنۍ اُسی سأری ہے وأنٛسہٕ روزگارٕ رُکہٕ پریشان تہٕ تنگ دست۔ پیر مُریدی
سیتۍ اُسکھ کم جایہٕ آمدنی۔ مگر صحتہٕ چھ خرأبی تہٕ وۄہندہ مرن اُسی نہٕ

اُتھ پیشِس لایق تہٕ تھاوِہ منٛز۔ تہٕ خال خالے اُسہٕ گرہ نیبر نیبرٕتھ مُرِدن نِشہٕ
گرٛھتھ ہیکان۔ مُفلِسی ہُند عالم اوسکھ یہ زِ موموٗلی اُتھ رٕٹ باپتھ اُسہٕ
بڈِ بڈِ قصیدٕ تہٕ دوہے خاطرٕ تہٕ لیکھان تہٕ موموٗلی سرکارٕ کارندن خوش آمد
کرنہٕ خاطرٕ نظمس منٛز عرضیہ لیکھت سوزان۔ یتھ منٛز یِیمہٕ آیہٕ قسمنٛکہ وِداکھ
اُسہٕ دِوان ؎

نہد مُفلِس اگر پا بر سرِ گنج — بجاے گنج یابد محنت و رنج

رسد گر بالبِ تشنہٕ سراب — ز بدبختیش گردد آب نایاب

تہٕ اُمس پیٹھ اُسہٕ عرضی یِیمہٕ قسمچہ دُعاگوئی پیٹھ اند واتان ؎

چو مردم سیم و زر کف ندارم — کہ بہر خویش دلی پیشش گذارم

کہ سیم و زر بلا تشبیہ فانی است — دُعاے خیر گنج جاودانی است

دلم رنجہٕ مگرداں خاطرم جوئے — دُعا گویم دُعا گویم دُعا گوے

اُمُس پیٹھ اُس مقبوٗل شہنز معاشیچ مجبوٗری ییپرٛاہ شدٕ
گاہ منٛز زِ سُہ اوس قناعت تہٕ توکل رٕس۔ یتھ مجبوٗر حالتس پیٹھ صبر کرٕتھ
بیٛہ ظُلمت ؎

یہٕ میانے قسمتہٕ تمہٕ آسہٕ لیکھمت

تہٕ واتم تمہٕ اُتھین یِیمہٕ آسہٕ جُکھمت

مقبوٗل شہنین مصیبتن ہُند آگر اوس نہٕ فقط غمِ روزگار
بوت۔ زندگی ہنٛز سارٕوے کھوتہٕ بڈ نعمت تہٕ برکت یعنی جسمٲنی اَرِ
تہٕ صحت تہٕ اوس نہٕ تس ڈیکس لیکھت۔ سُہ اوس اَولہٕ پیٹھے بیمار یوٗ زالہٕ ورو ملت۔
تہٕ اُمُس اوس تس بندہ بندہ منٛز بیرٛان۔ لہٰذا چارہٕ پیٹھے اوس تس

نزِل تہٕ زُکام یا رَتہٕ وزِخ گذرٛنس سیٹھا سیٹھا ترٛوو تموٚ شا پھٹھ مرِنن اُمس خوش گُفتار شاعرٕ سٕندِس سپنس منز ڈیرٕ ۔ییمہٕ کیٚنژھس ہیٚوٚ حُسن نواز شاعر جانہٕ مرگی ہندِس مٔنزلس واتہٕ نوو۔ مقبوٗل شاہ سٕنٛد سیٚلک مریضن۔ اُمی سٕندین غزلن منز چھہ تمن چھوکن ہنز دگ وٕنہٕ زلہٕ ورٛنی۔ ییم تس سارِی سے عُمرٕ للہٕ ورٛنی پیے۔ عام پاٹھین اوس سہٕ دوٗدھ تہٕ فالوٗدٕ کھیتھ گذارٕ کران پتولاکن او شکھ جگر تہٕ کمزور گومُت۔ اُمی سٕندِس خوٚنس منز ایحساس جمال تہٕ لطافتِ اظہارک یُس گرٛیکہ وُن جذبہٕ اوس گردِش کران۔ سہٕ چھُ عموٗمن جگرٕ رکس خوٚنس لاشکھ آسان تہٕ مقبوٗلس ہٕتہٕ بیوٚ پٔنُن وائلنج رٕتھ ٹاریٖ ٹاریٖ شارٕ چہ دیوی بُرجہ بُرہ تھاوُن۔ ڈیان پٔتہٕ مین دوہن اسیہ نوٚان تہٕ کھیتھ ہیٚکان۔ تہٕ پتہٕ نین دوٚ کھتہٕ دادین ہُند حال چھُ ییمہٕ عنوانہٕ دربارِ رسالتسؐ منز عرض کران

علتو چھس ہیٚرٕ بوٚن آورمٕتن ذِلتن معصیتن تٕل ہیٚو تمٕتن

کاتہہ تہٕ موکلن یائے چھمنہٕ زٕمہٕ سوا یا محمّدؐ مصطفیٰؐ بخشُم شفا

پرٛہیتھ دوٚیہ پرہیز کرِ کرِ آس تنگ تاپ رٔوٚدُم ہٕ برٕدل درٕ روٗے انگ

سُست وُبے طاقت گمتو چھم دستِ وپا یا محمّدؐ مصطفیٰؐ بخشُم شفا

یٔتی اُتی معصیبت زاعنی ہٕ قوٚدرتن اُمس جگر سوختہٕ انسانس

رکتو کاٹنی۔ زمانہٕ چہ تیٖر کمانہٕ اوس زہرٕ بوٗرت بیاکھ اکھ تیٖر تہٕ اُمس وائلنج پرکاٹی کرنس کیٚت موجوٗد۔ مقبوٗلس آسہ سارِی سے وائسہ گوٚبرٕ گاشہ دادٕ اُچھو دٔرٕ لجہ مرٕ۔ ییلہٕ پرٛاری پرٛاری ناوومید گوو، پتہٕ رٔیوٚن پٔنُن بابہٕ مصطفیٰ شاہ منگتہٕ۔ قوٚدرتس اوس بٔروٗنہہ اُمس نوجوانس پیٹھ ٹھور پیومت تہٕ مقبوٗل تٕسٕندین چھوکن نوٚان ترٛاوہٕ خاطرٕ اوس یہ نوجوان شاعرانہٕ

صلاحیتو سیتھ تہٕ مالامال تہٕ محزوٗن اوس تخلص کران۔ چنانچہ بالہٕ پانٕسے
اوس یہ یتیمہٕ نوعیتکۍ مرثیہ نم ہی شار ہیکان وٕنتھ ع

دِلبرہ مُژر بر ہیمہٕ ہیتھ تتھے در بر

یُتھ در صدف دُردانہٕ جانانہٕ ییہمنا

مگر وُنہٕ اوس یہ گوٗلاب ڈٲرِس منزٕ ے نٕ وڑزہ داوہ ژھٹہٕ سیتھ
گوو بَرِہ۔ مقبوٗل شاہس گوو سُے حال یتیمہ خاطرہ تمۍ پانٕے یتیمہ عنوانہٕ
اظہار کین قٲبلین نوٗ اُڈرن کرٕ مژ چھم ؎

شگوفس شپنس گُلہ ارس رِکہ وہن پیوم

یا

گمتو وٲلنجہ چھم دِمگیر کی سٔرہ

نوش لبہٕ ہندِس نوحس یِس قیامت خیز تاثیر بَرِتھ چھُ۔ تیمیُک
ناگراد چھ رمیانہٕ خیالہٕ مقبوٗل سنزِہ چھوکہ لد وٲلنجہ ہندی رٕتیمی آکھ۔ یہم
محزوٗن سندِہ فراقٕنہ تٔس ہرہمیشہ زٕلہ ونی تھاوی ؎

ہوندر لاگِتھ نِندرٕ پاٲوِتھ ژٕولہم

فراقاہ لٔلہٕ وُن تھاوِتھ ژٕولہم

خریدار رٕکمیو بازارہٕ ژھاڈِتھ

مہ تاوَن پوُوتھ کمہٕ وانہٕ گاڈِتھ

محزوٗن سندِس مرثس پیٹھ چھ مقبولن اکھ زٕپیٹھ مرثی تہٕ
لیچھمِژ۔ یتیمیک اکھ اکھ لفظ اُچھن ہندِہ دُبی داٹھرہ اُشہ وانہٕ چھلنہٕ
پتہٕ ژٕلدٕ تہٕ آمُت چھُ۔ یہ جگر دوز نالہٕ چھُ یتیمہ عنوانہٕ اند واتان ؎

دزٕ وُن جان کیتھ سیٚتھ شہلاوُن مُشکل

صبر بر مرگِ جواں، دِل ہیٚچھ ناوُن مُشکل

پھَنبہٕ وُنہٕ دارٕ ووگنہٕ کارٕ چھُ راوُن مُشکل

سرٕ وٕ نوٚ رستہٕ ژٕ لٕتھ موٗلہِ چھُ ژاوُن مُشکل

سخت مُشکل چھُ جگر پارٕ اَچھو تَل راوُن

دِلہٕ کے فرحت و آرام لِجن منٛز ساوُن [ا]

زمانٕچین ییمہٕ نٕے واوٕ ژٕ بٕچین وٲلِنج دٲرۍ دٲرۍ کٔڑ مقبول شاہن
پنٕنہِ زندگی تہٕ حرارت چھُ زٕ تٔمی ہندِس آوٕسے مٔنس مُرس منٛز کیتھ کٔنۍ روٗد فنکُ
تہٕ حُسنُک فونوس دزٕ وُن۔ شہٕ کیتھ کٔنۍ ہیوٚک "گُل ریز" ہیٚوٗ سرتہِ دار تہٕ لوٗبہٕ
وُن پوٚشہٕ گوٗند پارٕتھ۔ تٔمی ہندِس میٚندی لَد جسمس اندرٕ کیتھ کٔنۍ ہیوٚک یِتھ
پرِ ہزلوٗن روٗح زٕژٕ ژاوان۔ ییمن ہُند گاہ اَز تہٕ سانین خیالن منٛز کونگہٕ ڈٕوری
شیران تہٕ بنفشہٕ زار پارٕان چھُ۔ یُزر چھُ یہِ زٕ زندگی دژٕ ہلمو ہلمو بدصوٗرتی تہٕ کریچھر
مقبول شاہس ڈالہِ بدلہٕ۔ مگر فنکُ سنگِ پارس پھیرٕ وِتھ بدلاوۍ تٔمی اَتھہٕ بد
صوٗرتی شکلے۔ تہٕ اَتھہٕ بنوٗوُن حُسنُک تہٕ لوکٕ شوٗبروُن شمہٕ دان۔ یُس زندگی
روشن کران چھُ۔ فنی ایحساسُک دستِ شفا دٲلِتھ پھوٚلہٕ روو تٔمی یِتھہٕ ہمیشہ
بہار پوش سانہٕ ادبُچ وارہٕ منٛز ییٚمیُک خوشبو روٗح کِہن دادِن شہلاوان

---

ا عُمرٕ اولاد نہٕ آسنُک آمہٕ تاو ژٕول تٔمہِ وِزٕ مقبول شاہس ییٚلہِ تسُندٕ زندگی
ہُند سرمایہ بالس لوگمُت اوس۔ علی شاہ اوس وُنہٕ شہٕ موسے نٕہ مقبول شاہس
دوٗت بیٚنیہِ عالمُک ناد۔

چھُ۔ یوٗنانی دیومالایہ منٛز چھےٚ اَکھ دیوی ہنٛز کتھ پھرنہٕ یِوان۔ تس ہرگاہ
کانٛہہ سبزو اَچھو وُچھہے سہٕ اُس کٔہ ہنٛز کال ہش تہٕ خوفناک بوزنہٕ یِوان
یہٕ اوس دراصل تیٚنٛدِ حُسنٕک اَکھ سِرتہٕ ادا۔ سہٕ اُس سارِوٕے کھیمہٕ تہٕ
نٔندِ بانی دیوی تہٕ تس وُچھنہٕ خاطرٕ اوس منٛوٕرِوٕری اَکھ خاص آیہٕ اُنہٕ تہٕ تتھ
منٛز اُس سہٕ پننٛز ساری کرشمہٕ ہیچھ جلوٕ گر سپدان۔ مقبوٗل صابنہٕ رُوحُک
حُسن تہٕ چھُ ییتھے کُنہٕ تیٚنٛدِس فنہٕ کِس اٰنس منٛز ناپان۔

مقبوٗل شاہنس سالِ وفاتس مُتعلق تہٕ چھُ کُنس مکش۔ عبدالاحد آزاد
چھُ وَنان زِ سہٕ گوٚو یوٚہے ۱۲۷۰ھ منٛز ہیوٚ ییٚمہٕ عالمہٕ۔ مگر حامدی صابن
چھُ لیوکھمت زِ سہٕ گوٚو ۱۸۵۵ء منٛز ییٚمہٕ عالمہٕ۔ مگر آزادٕنی اندازٕ چھُ
زیادٕ صحی باسان۔ آزاد چھُ معتبر تحقیقاتہٕ پتہٕ مقبوٗل شاہنہٕ وانٛس ۷۵
وَری لیکھان۔ مگر حامدی صابن چھ تس ۳۵ وَری دِتی مِتہٕ۔

مقبوٗل شاہنین عادتن تہٕ تیٚنٛدِس اطوارس مُتعلق ییمہٕ رِوایتہٕ
اَسہِ تانی واتِمٕژٕ چھےٚ، تِمَو کنہٕ اُسی تِم جسکھ نوزُکھ اَماہ خوش وضع تہٕ خوش
پوش۔ اطوار تہٕ اوسُکھ دِل لوٚبہرٕ وُن۔ زٲویُل ریشہٕ خط اُسی تھاوان۔ کٔرِ ہنٛز دٲر
اُسکھ بُتھِس پیٚٹھ شوبہٕ وِنی باسان۔ عام طور اُسی چھوٚت لباس لاگان، تہٕ
بے داغ سفید دستارہ گنڈان۔ اولیاہن ہنٛد اوسُکھ بے پناہ اعتقاد۔ حضرت
مخدوٗم صابؒ تہٕ نُندٕ ریشیؒ سِندی اُسی بڑٕ معتقد تہٕ یِمَن بزرگن ہِندی
چھکھ یژھ تہٕ پژھ سان منقبت لیکھو مِتہٕ۔ فارسی کتابن ہِندِ مُطالعُک
اوسُکھ بڑٕ چاو تہٕ رِوایتہٕ موٗجب اُسی مثنوی مولانا روم بڑٕ شوقہٕ سان
پران۔ اَکھتے اُسکھ یہٕ سفرس منٛز تہٕ سیتھہٕ روزان۔ تِہنٛد مکانہٕ اوس

دوہ دِہ گنگایہ بٹھس پیٹھ وۄدنہٕ۔ دپان اُتھی سیتی اوس یمو اکھ چمن زار تہٕ بنوومُت۔ تہٕ اتھ منز اُس اکھ شۄہج آبہٕ جوٗے تہٕ پکان۔ مقبوٗل صاحب اُسو خلوت پسند تہٕ جادہٕ وۄکھ اُسو اُتھی چمن زارس منز بیہان تہٕ پننین خیالن کنگھے کران۔

مقبوٗلؔ شاہس اوس بڑہٕ اشتعالی طبیعت۔ تسندہٕ خراب صحتہٕ کنو چھ یہ کتھ بہہ وۄنی یکیازہٕ مریض چھ عام پأٹھی چھۄندران تہٕ ہانان۔ اَمہ علاوہٕ چھ تسندہٕ کتابو سیتی تہٕ اتھ مالس تصدیق گژھان۔ گریستین ہُندن زنانن تہٕ پیرن ییم ٹأنہٕ تِمو ژٹی ہتھ چھ تہٕ یوسہٕ بہہ وأری تِمو کرمژ چھ۔ تِمہ سیتی چھ تہندہٕ طبیعتہ کہ خشم نأکی ہُند اندازہٕ ہیوٗ سپدان۔

## تصنیفات

(۱) گُریز (۲) رگہ پیسہ نامہٕ ــــ مثنوی ہنزہٕ بحرہٕ منز چھ تِمہ وقتہٕ کس گرِیسہ سماج تہٕ تِمہ چین علتن پیٹھ ہجو۔ اتھ منز چھ اکھ ساس شار (۳) بہار نامہٕ ــــ سونتہٕ کس تأریفس منز۔ یتھ مثنوی منز اکھ ہتھ ستھ شار۔ (۴) پیر نامہٕ ــــ پیرن ہندین اطوارن تہٕ تہندزہٕ زندگی پیٹھ طنز۔ دپان یہ اُس واریاہ زیٹھ مگر اتھ پتہٕ آیہ واریاہ چھل کیٹ کرنہٕ۔ بازرس منز یُس نوسخہ بڑان چھ۔ تتھ منز چھ فقط ۱۴۰ شار (۵) منصوٗر نامہٕ ــــ منصوٗر حلاجؔ سُند موشوٗر قصہ مثنوی ہندس صوٗرتس منز ــــ شار ژۄ ہتھ تہٕ ترٛہ (۶) "کُلیاتِ مقبوٗلؔ"۔ غزلن ہُند مجموعہ یُس عبدالاحد آزادؔن مُرتب کٔرِتھ شایع کوٗر (۷) "یوٗسف زُلیخا" ــــ یہ مثنوی چھ حال حالے ریسرچ ڈیپارٹمنٹن حأصِل کٔرمژ تہٕ وُنہ چھ چھاپ سپدُن نے۔

اَمہِ علاوہ چھُ دِنٕنہٕ یِوان زِ مقبول شاہن چھِ نَوم کِتابہٕ تہٕ لیچھمٕژٕ۔ مگر یِہِنٛد چھُنہٕ وُنہِ کانٛہہ نیباہ نِشانہ :-

(ا) آب نامہ (ب) ہیہ بوج نامہ (ج) نار نامہ

## گُل ریز

یہٕ چھُ مقبول شاہن سارِوے کھوتہٕ شان دار تصنیف۔ یہٕ چھُنہٕ مقبول شاہن سارِوے کھوتہٕ بوڈ کارنامہ یوت بلکہ چھ یہ سارے رسے کاشرِس ادبس منز پننہٕ نوعیتچ سارِوے کھوتہٕ لۆبہٕ دٕنی تہٕ ٹھیکھ لایق کتاب۔ شاید یہ وَنُن گژھہ نہٕ مُبالغہ زِ دُنیکہ تانی ییتھو کاشرِ اَتھ مثنوی پھیر دِیُتمُت تہٕ اَمہِ چھِ مۆدرِ لیہ ییھڑ وجد کورُمت چھُ۔ تِنیٚ تام چھُنہٕ بیٚیہ کُنہٕ کتابہٕ نصیب سپُنمُت۔ اَمہِ مثنوی ہِندی باتہٕ چھِ کشیرِ منز لوکھن، بڈین، اَنہٕ ہرِی شین تہٕ کھانہٕ دارہِن، یاوہ مستانن تہٕ ریش سفید بُزرگن زبانی یاد۔ اَتھ کتابہِ ییژاہ مقبولیت سپنز مژ چھُ تییژاہ چھُنہٕ بیٚیہ کُنہٕ تہٕ کاشرِ کتابہٕ اَتھ آمژٕ۔ یہ کتاب چھُ پَرزِ کُنہ کاشرِ ادبچہ ماہرینہٕ ہُند ڈیکہ ٹِکہ بنے مژ۔

مقبول شاہن چھ یہ کتاب نِتھ پاٹھو فارسی ادبکہ بڈہ صُدرہ منزہ۔ ژاڑمژ یمہ کُنہٕ اَمس برونہہ محمود گامین یوسف زلیخا، لیلیٰ مجنوں، شیرین خسرو تہٕ شیخ صنعان منگنہٕ اَنتھ کاشرِس ادبس حوالہ کرہ۔ مگر مقبول سنٛدہ فنک کمال چھُ یہ زِ تِمَن یہ مثنوی چھ اصلہ کھوتہٕ تہٕ ژتھو دژامژ تہٕ پرزلے مژ۔ وُنی کین نہٕ چھُ فارسی "گُل ریز" ہُند ناو فارسی ادبکس عال کانٛسہ طالبس پتاہ۔ مگر مے چھُ یقین زِ برونہہ کُن ہرگاہ فارسی "گُلریز" کانٛہہ ناو تہٕ ہِیٚیہ، تِتھ بنہ مقبول صابنز "گُل ریز" وسیلہٕ، یہ کتھ ہیکہ نہٕ ورنتھ

محمود گامی سٕنٛدٮ۪ن مثنوی ین مُتعلق ۔ یِم اصلہٕ کھوتہٕ زیادٕ تاہ لبوٚن چھہٕ ، یوٚتاہ سوٚن نرشہٕ سٕرتِل ۔ یُہنٛدٮ۪ یوت یِہ بٔلی کہ مقبوٗلیس پٔنٕز یِمو مثنوی نگارو فارسی ادبہٕ منٛزٕ موضوٗع یِہہٕ اَنی ۔ تِم تہٕ چھہٕ یِہ مقبوٗل سٕنٛزٕ ہمسری کرٕتھ ہیکان ۔ یُزٕ چھہٕ یہٕ زہ مقبوٗلیَن کوٚر فارسی گُل ریزٕ سٟتی تہٕ شیکسپیرن پلوٹارچ سٕنٛزن تمثیلن سٟتی کوٚر ۔ دوشوے فن کارو تُہُندو پننہٕ فنی کمالکھ سوٚن کٲم ہیکہ یِمن موضوٗعن ہُنٛزٕ سٕرتِلہٕ پیٹھ تہٕ پننہٕ شاعرانہٕ جادٕ سٟتی بنٲوِکھ یِم موٚلی مالہٕ یاسہ سوٚن ۔

[ "گُل ریز" (مرتبہ محمد یوسف ٹینگ) منٛزٕ ]

# دیپک کول

اصل ناو موتی لال کول تہٕ دیپک کول قلمی ناو
زاو سرینگر مہاراج گنجہ زتوو ۲۲ ہمہ جُلے ۱۹۳۲ ہس
منز۔ دیپک کول چھُ ایم، اے پولٹیکل سائینس۔ اَمہ
علاوہ چھُن روسی زبانہِ منز ڈپلوما تہٕ حاصل کورمت
وُنی کیس چھُ بڑودہاہس منز مرکزی سرکارکس "آیل تہٕ
نیچرس گیس" شوبس منز پبلک رلیشن افسر۔ وۄنی ووت
اَمِس کہ میو پانژٲو وریو پیٹھ اَتھ عہدس پیٹھ کٲم
کران۔ تہٕ شاید یمن پانژن وریین لیوکھ نہٕ امہ کینٛہہ تہٕ۔
دیپک کولن لیکھو کاشرس منز کینٛہہ افسانہٕ
تہٕ یہند افسانہٕ " سفر تہٕ سیتھ وٲلی " چھُ بے شک
کاشرین افسانن منز منز پننہِ اَکھ منفرد حیثیت
تھاوان۔ یہندہ افسانک مجموعک ناو چھُ " شامہٕ رن "
یُس حال حالے شایع سپدمت چھُ۔

●

افسانہٕ

دیپک کول

# سَفر تہٕ سیتی واٲلی

شُہ تہٕ اوس سُمیا یِیلہِ ویدہٕ لالس بغاٲر محلس میونڈ تہٕ اوس نہٕ وۄسان تہٕ طوطہٕ کولِنز اُس نہ کَنہِ۔ تِمن گیو ماہے۔ تہٕ یہٕ تہٕ چھُ سُمیا یِیلہِ زَن ویدہٕ لالس آورنیو بَنس تام نکھہٕ ونس کانہہ بُرونٹھ چھُنہٕ پکان۔

بارہٕ بَل کاکنیو بوز گاش پھیلہِ وُنے زہٕ ویدہٕ لال کیاہ گوو۔

سارِنے گوو پرانہٕ ہرش تہٕ ترٲہہ ترٲہہ کران گیہٕ ساٲری پنن پنن گرہ۔ اَڈہو بوز وُتی نہٕ رتمہ ژُجہ پوت کھوری واپس۔ شوبنہٕ ہس پاب گرٛدوہ ژاوہٕ۔ گرہ واٲتتھ ووٚنکھ پنہٕ نین باژن تِمن گوو من کیٚتھ تام ہیو۔

ییم نہٕ زانہہ شوالن اُسی یوان۔ اَنہٕ آیہ تِم تہٕ اور ویدہٕ لالن بوزِتھ۔ اَتہٕ وُچھکھ ویدہٕ لال دھرم سالہِ ہندس اَکس اَنہٕ گنٹہ کھٹس منز ژادرِہ جندس منز لیڈر گگر ہیو اَچھ ژُوتھ۔ اُس وُہرِتھ، موتچہ نیٚندرہ شونگِتھ۔ کَتہٕ شہ ویدہٕ لال ییمہِ سِنزہ کتھو سیتہٕ ہلکانین گژھس اوس گژھان۔ تہٕ ییمہِ سِندہٕ بہنہ سیتی یوت لُبن دِوتھ اُس یوان تہٕ موژمن

نوٚب اُس بڑان تہٕ کَتہٕ یہ ویدہٕ لال ییمہ سِندِس موتُن پھری منس بُتھس

کُنؔ وُچھتھ یہِ لَبنہٕ اوس یوان زہ اُمی کیاہ آسہٕ ہے پننہٕ وُمرہ زانہٕ اوٚسمٔت تہٕ یُس یُس اور یوان اوس۔ ووشاہ تراوِتھ اوس نلکس بیٹھ بُتھِس فشاہ دِتھ گرہ کُنؔ گژھان ۔ واریاہ آیہٕ تہٕ نظراہ دِتھ گٔیہٕ پانس پانس۔ مگر کأنسہِ اُکِس ووتھ نہٕ یہِ خیال زہ وٕنڈہ لال ماچھہِ رازہ سُند زینُن اُمس ماچھُ داہ تہٕ دیُن۔

شِوال نِس باباجیس پیٚیہِ فِکرِ زہ اُمس کیاہ بنہٕ۔ اُمی سُند چھمنہٕ کأنسی خیال۔ سہٕ پٔرارِتھ اوتام زہ کانٛہ ہاوِ پیٚیہ ہیٚس پنُن تہٕ بہٕ موہ کلھا۔ مگر ووٚنی ییلہِ دُپہر تہٕ ہیوتُن واتُن سہٕ ہیوتُن پریشان ہیوٚ گژھن یہِ باباجی زانہٕ ہے وٕنڈہ لالس کیہہِ پیٚہن۔ حالانکہ وٕنڈہ لالس اوس مُنزِ مُنزِ تِمس بأگین شوالٕنؔ تموکاہ چیٚینہٕ، پٔرِہہ کھیوٚنا دِنہٕ یوان تہٕ اوسے مُنزِ مُنزِ کُنہٕ رپھرہ اُمس باباجیس سیٚتۍ تہٕ کتھا کرے ین۔ سہٕ کتہٕ بوٚڈ بُڈ ہم پٔژھیوٚنُس

"باباجی بھوجن کیا؟ سردی مت لگتی ہے؟ امرناتھ کب جاؤگے؟"

بیٚیہ نہٕ کینٛہ۔ نہٕ ووٚنی کتہٕ زانہٕ ہے اُمس مندرُک باباجی۔

ووٚنی ییلہِ ژیر ہیوتُن وُکھ یُن نہٕ باباجی ہیوتُن گابرُن ہیوٚ۔ سہٕ گوو مَلہٕ لَسِین یُس شوالٕنِس آنگنس منز بسان اوس تِمس پرژھن اوٚڈ کأشِرِ پأٹھۍ تہٕ اوٚڈ یأرم پأٹھۍ زہ اُخرہ چھُنا اُمس کانٛہہ تہٕ پنُن۔ مَلہٕ لَسو تژِو ووشاہ نہٕ وٚونُس۔ اُمس نبا چھُمنہٕ پتہٕ دوہِس منز کینٛہہ۔ یہِ چھُ کُنؔ تہٕ کیول۔ وُمرہ پیٚمَن پتہٕ گیتھ کوٚرُن تیمَن رٕوِدسُن نہٕ کأنسہِ یاد۔ یمی وٕنان وٕنان آو مَلہٕ لَسس تہٕ اوٚش تہٕ باباجی گوٚو ہے ژینگہٕ

ہیُو - باباجینز بُتھچ حالت ژھینھتھ دِیُت مَلہ لسو پانئے جواب تہٕ۔ دوپنس
باباجی! ژٕہ چھکھ نہ خبر وِیدہ لال کُس اوس۔ اُمِس پیٛٹھ گوو تہٕ تتی۔ مَلہ لسنہٕ
کتھ بوزِتھ گوو باباجی بُنیہ پریشان۔ سُہ ہیوٚتھ مَلہ لسنہٕ دَمدرہ پیٛٹھ خبر
کیاہتام سوچنہٕ۔

وِیدہ لالس اُسو وِیدہ مام تہٕ وَنان۔ اَدہ تِمَن وَنُن والین پیٛٹھ مام
شُوبہ ہے بانہٕ مگر مام اوس پیٛٹھ مارِنئے ہہند۔ پیٛٹھ گیوو طوطہ کولس ماجہ ہُہند
ماسٹر بوے۔ اصلی اوس پیٛٹھ وُڈُھ ہُونگ۔ مگر لوہ کچارس مُوڈُس یُب تہٕ موج پتہٕ
کِمُس نش روزہ ہے۔ پتہٕ انیوو طوطہ کولہٕ نے پانس نِشہٕ۔ بَنیہ تِمَن اوس
نہٕ طوطہ کولس تہٕ پانس شُراہ وُراہ کینہہ۔ لہٰذا اُسِس قدرے۔ پتہٕ بیٛلہٕ
طوطہٕ کولس پانس شرُح زاہہٕ وِیدہ مامن رٕچھو تِم خوٚانس منز۔ وِیدہ مامن
اوس تہٕ پنُن مول وُچھمُت۔ تکیازِ سُہ اوس مولہٕ پیٛٹھ زامُت۔ مگر بیٛلہٕ فِکرہ
ہیوٚ تِمس سوٚرگہ واسُنس اوسُن لالہٕ ناوہ تھووُمُت۔ طوطہ کول اوسُس اَکھ پیٛٹھ
اُسان تہٕ مگر پیٛٹھ اوسُس لالُن مُرُن تہٕ ہاوان۔ وِیدہ لالس اُسے یہ طوطہٕ کولنہٕ
زیادہٕ منّت کینہہ تہٕ تکیازِ اُمِس اوس پنُن تہٕ جاے۔ تہٕ زَن گوو زمینہٕ ہُن
اُسِس۔ تتھ اوس تہٕ پوانے پیٛٹھ زَن طوطہ کولہٕ نِس گرس نگان اوس۔
مکانہُن تہٕ اُسِس سوٚہ کِنُن تہٕ تتھ پیٛٹھ آس سُہ کوٚرُن طوطہ کولہٕ سے حوالہٕ۔ پتہٕ
نوٚمراوِنی کانٛی تہٕ وارہ وارہ ہیچھُن عرضی نویسی تہٕ تتہٕ تہٕ اوسُس جاے بنان
کینٛہ شاہ اوسُس سُیز ژھیتھ۔ تہٕ کینٛہ شاہ اوس طوطہ کولہٕ نِس گرس پیٛٹھ
خرچاوان۔ نیتھر بنیوس نہ زانہہ۔ تہٕ تہٕ دِژِن پانئے تَن اورکُن۔ بَنیہٕ ہیٛس
نہ کیازِ۔ یتیمہ وقتہٕ شُوبہ ہیٛس تتمہ وقتہٕ لوکنس نہٕ کانٛسہٕ ژھکی دار۔ دگدار

لہٰذا گوو شمشٹت۔

پَتہٕ ییلہٕ طوطہٕ کول سوٗرگس گوو۔ وَدِہ مایے بنیوو بَب۔ سوٗرِسے
ادس یوٚہے کران۔ یہ اُمی طوطہٕ کولہٕ نین شُرِین پَتھ کوٗر تہٕ کرہٕ تہٕ ریٛڈک
بوٚے اَدِہ آبیاکھ! زپن اَسِس سوٗ بھاوِن سأرِے طوطہٕ کولہٕ نین شُرِین
ہِندِہ ناوِہ۔ پانس ما اوسُس کانٛہہ تہٕ۔ بینہٕ پَہنِدِہ کھوتہٕ کُس اوسُس یہ کیٚنژھا
سنٛز زیٚتھ اوسُس سُہ دیتُن وِیہٕ وِیہٕ طوطہٕ کولہٕ نین کوٗرِن۔ اُمس تہٕ اَسی
پٔژھاہ زہٕ ہیمہٕ چھم شُرِی۔ رتھٕ اَسِس خبر ژِسے چھُنہٕ ہیوٚے روزان۔ طوطہٕ
کولہٕ نِس گرِس پَتھ کرِن گنٛھایوٗ نام تمہٕ سِندی شُرِی ڈِییہٕ۔ نیٚترِہ پیٚترِہ دژاپہٕ تہٕ
عہدَن وٲتی۔ پتہٕ گیہٕ تمَن تہٕ چھکلہٕ۔ طوطہٕ کولُن بوٚڈ نیٚچوٗ لوٗگ نمبر۔ ووٚنی ییم
ییٚترِہ اَسی تمن رۄد نہٕ پانہٕ وٲنی ہشر کینٛہہ تہٕ۔ دژاپہٕ بیوٚن بیوٚن۔ مگر کوٗرِن
مالیشُن زِندِہ تھاوِنہٕ خاطرِہ رۄدی وَدِہ مام طوطہٕ کولہٕ نِس لوکٹس نیٚچوِس سیٚتی
نہٕ یہ کیٚنژھاہ نوٚتُس اوسُس سُہ کوٗرِن تمہٕ سِے حوالہٕ۔ پانس رۄدُس طوطہٕ
کولُن قٲلینہٕ فرد۔ تمہٕ سُند تکیہ تہٕ نأرِلے یوت۔ نہٕ ووٚنی کھوٚٹہٕ نہٕ پیوٚد پِژھنسہٕ
ٹوٚہانک تہٕ رۄدُس نہٕ کینٛہہ۔ لوکچہ ہشہ نوشہ نیوٚنس کھوٚرِ تلہٕ سُہ قٲلینہٕ فرد تہٕ
گُدٕرِتھ۔ کیمرہ تلہٕ کوٚڈنس سُہ تکیہ تہٕ تہٕ۔ نأرِلہٕ دیتُن دارِہ کنہٕ دٲرِتھ۔ وَدِہ
مامس ژاو پننہٕ وُمرِہ منٛز دوٚہہ گوٚڈنیچ لٹہٕ کمرس ڈوٗکھ۔ نہٕ چھیکرِس رۄدُس
ژھوٚرِے چندِہ لأچھ جَندِہ تہٕ اکھ ژادرِہ پُلوٗ ییٚتھ منٛز پٔترِمہ گرِہ کھوٚر
واہرأوِتھ نیٚندراہ ترأوِن۔

وَدِہ مام دژاو اتہٕ تہٕ گوو کیٚنژِہ کالہٕ خاطرِہ طوطہٕ کولنہٕ بچہ
ہشہ کورِہ نِش۔ مگر سوٗ نہٕ کیٚتس کالس دِیہ ہیٚنس۔ اَز چھا کانٛہہ کانٛسہ

کران ۔ اَز ہے تھم چھینہٕ کرٲن ، ییم ڈٲنہٕ پھٕٹہتھ تہٕ وۄہنی چھینہٕ پرٛدِن رٕھنٛز
کیتھ ۔ وِیدٕہ ماس شیٹھیوو اَنہٕ تہٕ مَن تہٕ ووت طوطہٕ کولہٕ نس دوٚیمس
نیچہٕ وِس نِش ۔ مگر ژھرٕنی اَتھَن چھا شُوب ۔ تِم تہٕ کیتھ کالس دِہانس
اَز تہٕ پَنٛنہٕ یَڈٕ پیوان ۔ تہٕ بنِیس کیاہ کرٕ موٚہنیو ۔ وِیدٕہ مام دزاد اَتہٕ تہٕ ، پَتہٕ
اوس گرا اَکِس نِش دوہہ جوراہ رٕہہان تہٕ گرا بنِیس نِشہٕ ۔ یپاری اوسُس
زٲ تہٕ گوستے رٕہیوٚ ۔ تیکیازٕ ہیکھتاہ اَسِس نہٕ کینہہ ۔ اَرٕخرٕ گوو تہٕ آیس شوآلنے
برابری ۔ سُتہٕ کیتھ کالس دوہہن تارٕن یُتہٕ تامت اَکہٕ دوہہٕ راتھ کیتھ ہمیشہ
خاطرٕ چھیپنہٕ گوو ۔

وِیدٕہ لالن کرٕ نہٕ پَنٕنہٕ ژُمبرٕ کانٛسہٕ سیتی ناکارہ گی پرٕژھتھ کانٛسہٕ سیتی
اوس جانے وَرتاوان ۔ ییمن دوہہن دوہہ اَسِس ہونٛین اوس معہتہٕ ہار ژھنانَ
ہر کانٛسہٕ ہندہٕ خاطرہ اوس پان دِوان ۔

مأکاک اوس ناوٕ کے یِرٕنِن تہٕ کورٕ تمیٚ سِنٛزرٕ واجہٕ وِیدٕہ لالنے
نِکھ ۔ رامہٕ جوٗوس کوٗر سمہٕنیو مُقدمہٕ تہٕ داے تدبیر پرٕژھنہٕ آو وِیدٕہ لالسے
مگر تی رۆدُس نہٕ پوٚتُس کانٛسہٕ یاد ۔ باباجی اوس وٕنہٕ تہٕ ملہٕ کِینہٕ دمدارٕ ییٛتھ
بہتھ پانسے سیتی سوچان زِ وۄہنی کیاہ بنہٕ ۔ شہ بجور گوو نخقٕ پخقہٕ
گیر ۔ مگر کرٕ ہسے تہٕ کیاہ شہ ماہینکہٕ ہے زیادہ کالس درم سالہٕ منٛز اَسِس
تھاوِتھ ۔ تمیٚ کوٗر بنِیہٕ ملہٕ لسِس سیتی مشورٕ ۔ ملہٕ لسی وۆننس گرٕ ژھ با
طوطہٕ کولہٕ نس لوکٕٹس ہوس نیچوِس کرٕشیٚچھو ۔ دیوہٕ شہ کانٛہہ انتظام
ہینکہٕ کرٕتھ ۔ باباجی گوو تور تہٕ تِتہٕ ووٚننس تمیٚ سِنٛزرٕ آشنہٕ زِ تِم چھ دفتر
گامتی ۔ آپہٕ ہے شُلہٕ تہٕ وٕنوکھ ۔ یہ بوزِتھ گوو باباجی کیتھ تام ہیوٚ تہٕ شہ

گٔو مَندرٕ کِس گورِس نِشہٕ اَمہِ برٲنٛٹھ زٕ خبر سٕے ماہنِکہِ کانٛہہ وُچھاہ ہٲوِتھ ۔ تَمہٕ

بوزِتھ سٕہ چھہٕ مُنزِم یارِز کَرِتھ گومُت ۔ تہٕ اَز پیٚیہ سٕہ سیٹھاہ ژھیرٕ ۔

باباجی آو پھٹہِ میتو کوٹھو بٔنیہِ مُلہِ لیٖسِس نِش تہٕ قدمہٕ پیٹھہٕ پیٹھے

کٔنہ دھرم سالہِ ہٕندِس داسِس پیٚٹھ تہٕ لٔج ویٚدہٕ لالہٕ نِس شوس کُن کمٕو تام

اَچھو ھلہِ ھلہِ وُچھنہٕ ۔ تہٕ اَش دَدرا ے لٔجس ۔ باباجی لوگُس وَننہٕ زِ ۔ اَمِس

وٲتی ترٛیش ژور دور ییٚنہٕ ۔ تو تہٕ اَمِس اَمِس خبر زِ دھرم سالہِ منٛز چھہٕ دہ پیٚہ دوٚہ

علاوٕ روزنٕس اجازت ۔ مگر مہٕ تہٕ ووٚنُس تہٕ کینٛہہ نکیازِ ییٚہ وُچھِم تَمہٕ پیٚٹھ لوتی

ہیوٚو ۔ مہٕ باسیو اوترے زِ یہ چھہٕ نِکھ دوٚتھمُت ۔ مگر مہٕ اَمِس ہِنہٕ راے زِ یہ

گرٛشہ یوات سٕلہِ ۔ اَز صُبحَس نِکہِ نِکہِ کانٛشہِ ییٚلہِ بہٕ تیٚوٹھنگ دِنہٕ گوس اَتہٕ وُچھُم

دروازٕ ییٚند ۔ مہٕ گٔو اَتی شک زِ کیاہتام دلیل چھہٕ ۔ مہٕ دِژ سیکھو کنہ تظر

تہٕ اَتہٕ باسیوم یہ بےہوش ہیوٚو پیومُت ۔ بہٕ گوس تہٕ دِژم دروازِس لٔتھ ۔ دروازٕ

آو مُژراونہٕ ۔ اَتہٕ وُچھُم یہ شٔیہلیومُت ۔ ییٚتہٕ آیہ صُبحہِ پیٚٹھ واریاہ لوکھ اَمِس

وُچھنا کرِتھ گٔیہِ ۔ مگر کانٛشہِ اَکِس پیٚیوو نہٕ یہ ظوٗرِ زِ اَمِس ماچھہٕ شراں دیُن ۔

یہ ماچھُم زالنہٕ تہٕ نیُن ۔ ووٚنی وَننہٕ ژھیے کانٛہہ سبیلاہ ۔ بہٕ کیاہ کرٕ ؟

باباجی ییٚن یہ خبر وَنی تہٕ ۔ بوزِتھ ہٲر دیٚدہٕ رکنہٕ نہٕ تیکیازِ سہ اَمِس

بہ ہے گٔنڈھ تام سٕنے مرِش ۔ سہ وُژھہ باباجی ییٚس کُن ۔ دوٚیمِس اَخر ہیا دراو مسافرے

یہ آ ریہے طوطہ کولُن گرٕ برنہٕ آمُت ۔ سٕہ بوزُن ۔ اَلتہ کیاہ کرِہ زِ یٔس یہ کرِتہٕ

اوٚنُن ۔ دارٕ ہینکہ تہٕ ہورنکھہ ۔ تہٕ کرِتھ یہ گٔیہ ہنیہ ہنیہ حوالہ ہیٚتھ ۔ داس دارد

یہ آو زِیُور سارِنُے بکار پیٚٹس آو تہٕ اَمی سہے کانٛہہ بکار ۔ اَمِس اَس راے وَرِ بٔتہٕ

تہٕ گاڈٕ گٔنیے وَسنم سیتو ۔ سیتو نہٕ با باباجیا کانٛہہ وَسان ۔ اَچھن مٔنڈ

تماہ تہٕ بٔنیہِ نہٕ کینٛہہ۔ یہِ وٕنیوسس تہٕ ما با موننہٕ۔ بہٕ ترٛاوہٕ طوطہِ کوٗل۔ اَمِس
اُس رازٕ طوطہِ کول ہنٛز۔ تَس اُس راے تینٛدۍ شرٛیٚہ دِنٕم وٕمرہٕ واٹھ۔
تہٕ ما اُسِس خبر زہ پنٕچ مہ گرہ لگہٕ پیٹھ پٲٹھۍ دھکن تہٕ ڈولُن۔ بیٚیمِس ہبا
باباجیا پننٕز عقل راوِ تَس کیاہ کرِی زہ؟

باباجی اوس حٲران زہ مہ کیاہ وٕن اَمِس تہٕ بکیاہ چھ مہ
اورہٕ وٕنان۔ سُہ وٕ تھٕس بٔنیہِ۔ اَچھا ماتا وَنتہٕ کرو کیاہ؟ ہٲرٕ دیدہٕ وٕ ونِس
کینٛہہ چھُنہٕ پرواے۔ گرٛ ھہ میانِس گورس ناوٕس تہٕ ان سامگری۔ بابا
جیٚنِ تُل کٔلہٕ لوٕس سیٹھا تہٕ دراو جَل جَل۔ ہٲر دید اُس پیٚھٕ کُنہ داسِس
پیٹھ بہتھ مٔدرے گنڈتھ آکاشَس کُن وُچھان۔ اَتہٕ اوس نیٚبرٕ
نیٚبرٕ ژوٕ پٲرۍ باسان۔ وٕشاہ ترٛوٗوٕن تہٕ ہیٚچھ پانٕس سیتی سونچنہٕ۔ تِمِس
بنٕیہِ سہہ ورِز یاد ییٚلہِ زَن سہہ بچاری لکچارِ ہے راوٕ تہٕ کتھ پٲٹھۍ کوٗر اَمی
ویدہٕ لالِن تِمِس تِمہٕ وَقتہٕ پرٕتھ رنگہٕ روٗٹ۔ تہٕ ییٚلہٕ کورہٕ ہُند وقت ووتُس
تہٕ اَمی دیدہٕ لالن کوٕسہٕ خاک کرے یہِ پانَس تہٕ کتھ پٲٹھۍ اَنٛزراوین سُہ
سورُے کار۔ تتھ پیٹھ نہٕ کیاہ کیاہ ونیوسس لُکو کَمہٕ کمہٕ کتھ کرِ ہُس۔
لُکہٕ موت اَتہٕ گوٚٹ۔ ییٚمِس یہِ خوش کوٗر تِمۍ تہٕ وٕن۔ ہٲر دیدہٕ اوسنہٕ
لیب لاپ کینٛہہ۔ اَمِس کمہٕ روٗٹ جاے گر۔ تَنہٕ گوو وٕنۍ سمیا۔ ژھٕہ ژٕتہٕ جی وٕری
کیاہ گیہِ۔ دیدہٕ لال تہٕ اوس تَنہٕ پیٹھ بڈیومُت تہٕ کینٛژھاہ اُسِس تہٕ درلج
فراغت۔ تہٕ کینٛژھاہ اوس تفریقو ژوٗٹمُت۔ پیٹھ اوسُن زٕوٕہ زنگہٕ تہٕ روٗٹمُت
وٕنۍ اوس نہٕ کانٛسہِ نِشِ تتھ پٲٹھۍ ییوان گژھان نہٕ۔ تہٕ ہٲر دیدہٕ ہشر
اُس نہ کتھے۔ کیاہ چھ بنان زوٗن۔ مول بوز مرگ تہٕ گُنہِ لایق تھاوان۔

ییتِس کالَس منز آو باباجی تہٕ ۔ شوٗدٕ بوے سامگری ہیتھ تہٕ تہٕ
ملہٕ لسی اُنہٕ پٹ تہٕ کفن ۔ ستوٗس دِیتکھ شران ۔ تہٕ کریا کرم کرِتھ سوٗدکھ بچھ
پیچھ ۔ بیٚلہِ ہاُر دیدِ دوٚبنکھ ٹھہریوٚبا تہٕ ییٚ وَنان وَنان دزایہ سعہ جل جل
گرِہ کنٕ ۔ اَتہِ اَسی ووٚنی کینہہ لوکھ تہٕ سِمے ہیتھ ۔ ہاُر دیدِ ہُند یہ وُچھتھ
گیہ تِمہ تہٕ حیٲرانہٕ ۔ کینہہ کالا گوو تہٕ ہاُر دیدِ آیہ اورِ اَتھس کیتھ رام رام
پیٹھاہ ہیتھ تہٕ دوٚبنکھ یہ تراوو اَمس پیٚٹھ ۔ ہاُر دیدِ اوس یہ رام رام بہٕچھ
خبر کاُتہن منتھ کرِتھ بنیہ خاطرِ گنگایہ غوطہ دِتھ اُنزِ نووُنت ۔ تہٕ پوٚتس تِہ وُن یہ
وِیدہ لالسے پیٚٹھ لوکھ دوٚپ یوٗت کیاہ ۔ مگر اَمہِ وقتہٕ کُس کُس کیاہ دُنہٕ ہے
سارِوے دِیت گوش ۔

سندھیا وَقتس ہیوٚ نیوٚکھ وِیدہ لال رازِہ سُند تہٕ باباجی اوس
بروٚنہہ بروٚنہہ ۔ تُکھ اُسِس کیٚہ سیتی تہٕ اَنہِ گٹہِ منز اوس نہٕ لبنہٕ یوان زِہ کاُتہ
ہنزِ اَچھن پیٚٹھ اوسا اَوش کنہٕ تہٕ ۔

ییم اَمہِ وَقتہٕ شوالن آمتی اُسی تماشا وُچھنہٕ تِموٗ سارِوے دِیت
نکس پیٚٹھ تُجھس پھتا پھتا تہٕ دزایہ ۔ صرف ڈول نہٕ ہاُر دیدِی یوت تُجھس پان
سعہ دزایہ پیٹھے کنہٕ ۔

. . . . . . . . . . .

دوٚیمہِ دوہہ گاش پھوِہ وُنے بیٚلہِ یارہ بل کاکنہٕ شوالن شونا تھس پان گرٲوہ
باوِتھ آسہ گندھان ۔ اَکھاہ اَس بٹیس کنٕ وَنان ۔ نبی وُچھتھ دِیان اَسی ہاے بُلبُچھس
بچارس ناو کڈان ۔ از تہٕ تہٕ جی وُہرِ دزاو تیتھ کیتھ تہٕ ۔

دوٚیم وَرِہس ہاے ادِ چھابی پرِتھ کیتھ کھٹتھ روزان ۔ شُلہِ
یا ژہیری چھہ ننائنی !!

# شنکر رینہ

شنکر رینہ چھُ ۱۷ جون ۱۹۳۹ ہَس منز کھرہ یار سرینگرہ ژھٔنہٕ پیوُمت۔

شنکرُن گوڈنیک افسانن ہُند مجموعہ سُتُیدٕ ۱۹۶۴ ہَس منز چھاپ۔ اَتھ چھُ ناو "زِتنہ زوال"

ڈاکٹر شنکرنی افسانہٕ چھ بیمارن تہٕ ہسپتالن ہِندِس پوٚت منظرس منز شاہ لبان۔ شنکرنین کینژن افسانن منز چھ اُمو سِنز جزئیات نگاری پَرن واٲلِس ُسند دِل تمبہ لاوان۔ سُہ چھُ لوکچَن لوکچن کتھَن سُنز تہٕ گوہبر بخشان یُس اَکھ سندرٕ مشاہدک پے دوان چھُ۔

افسانہ

ڈاکٹر شنکر رینہ

# اکھ پزٕل کینٛہہ انسان

شاندس تَل چھَ میہ دأر۔

اَکھ چھِہ دوشہِ وَسے پنجرٕ پٔٹھ کمٕ تانی تھاوِتھ پتہٕ رکِلہو ستی بند کرِتھ۔ اکھ گاشہِ لِے تہٕ چھِس نہٕ وُزاں۔ کُنہٕ کُنہٕ ساعتہ چھُ میہ دم ہیوٚ گژھان۔

واے یہ دأر ییہِ ہے مُژراونہٕ۔

بہٕ چھُس دَپان اکھ شاہ تہٕ ہیمہ ہأنز ییٚتہٕ ..... زِہ قدم نہٕ ہے ہیکہ ہٕیکِتھ۔ بہٕ گژھہ ہا اکہ پھیرِ گرٕ ..... پنُن گرٕ ..... ییٚنہٕ سارے دارہ وژھ چھَ۔ وارڈس سأری ماحولس منز چھَ میہ ڈگہ ہنٛز بوے یِوان۔ دارِ ہیٚرِ کنہٕ یُس روشن دان چھُ۔ تتھ چھیہ شیشن تیٚژ لٔژھ ۔ زِ اگر نێبرِ نوٗت ناپھِ تہٕ آسہ۔ ییٚتہٕ چھُ گرٕ زوٗل ہیوٚ باسان۔ گاشس زَن چھُ یوٗت یِن مُشکِھ گوٚمت۔ دیوٕ رٕنہٕ تہٕ بہرأنی آسہ؟ گوٗڈہ کُس چھُ بہران؟ میہ اُس لوکٹ کوٗر نسیمہ دوٚہلہِ بتہٕ ہیتھ یِوان۔ اَدٕ یِنہٕ تمہٕ بڈ نمبر اٚچھنہ ژھرِٹہ، ژھرٕٹ وُچھ۔ سع تہٕ چھِنہ بہرأنی ...... تمس تہٕ گوٗوٕ وتھنی ریتھ یوٗت ییٚنس۔ یَتھ ریتہ سے منز چھُ میہ مُشکِھ گوٚمت زِہ ہسپتالہٕ روٗس

تہٕ چھا بیٚیہٕ کانٛہہ دُنٛیاہ۔ مےٚ چھُہ دوہٕ ہَن ہُنٛز گرٛنٛد تانٛی راٗوٕ مٕژ۔

وا ے ! یہٕ داغ ییہٕ ہے مٕژرنہٕ !

بہٕ روزہٕ ہا وژھ دارِ پیٹھ ژیر تانٛی۔ ییٚترِ یُم دُنٛیاہ وُچھان۔ دیوٕ

مےٚ یہٕ رووٕمُت شاہ واپس ییہٕ ہے ! بہٕ وُچھہَن اکہٕ پھِرِ نٔسیمہٕ ......

پننہٕ ہیٚن ہشِ نٔسیمہٕ۔ مگر سُہ چھہ ییٚتہٕ ترٛاوان۔ گُنہٕ ڈٕہ چھُس بہٕ تہٕ بڑ نمبرٕ اَٹھَن

سٟنٛخ کھوژان۔

وا ے اُمِس آسہٕ ہے نہٕ اَتھ کوٗنٛجس منٛز بڑ.... مےٚ چھہ یہٕ

ژوٚن پہرن اَچھَن تل۔ اُمہٕ چھہ پنٛنہِ دارِ ہٕنٛدِ پنٛجرِ پٮ۪ٹھ ٹھاٗوِ مٕتہٕ پانٛے

بنٛد۔

خبر کیاہ کھُر چھہ اُمِس گاشَس سٟتۍ۔ اُمہٕ زَن چھہ ٹھاٗوِ مٕتہٕ

پَننِس ووٚجودَس تہٕ پنٛجرِ پٮ۪ٹھ پھِرِتھ۔ سُہ چھہ اَکہٕ گٹہٕ منٛز ہرُ دُہکٕ پاٗنٹھو

پُزل اَتھَس کیٚتھہٕ ہیٚتھ تتھ نژہٕ ناوان۔ بڑ بٔر ژورُن چھُہ مےٚ وونُمت زہٕ اُمِس

ووت داہ رٮ۪تھ ییٚتھے پاٗنٹھو بُمہٕ چاٗرِتھ تہٕ دٔرہٕ کھاٗرِتھ بُڈِہٕ سنٛجیدگی

سان اَتھ تماشَس سٟتۍ گنٛدان۔ پُزل اَکھ شُرِ تماشہٕ ......... اَکھ

پلاسٹِک ڈبہٕ ییٚتھ اندر ہٕژٕ کژٕ وَتہٕ چھہ ییمنے منٛز چھُہ اَکھ معٔصومتہٕ پھوٗل بنٛد۔ یُس

ییمہٕ وَتو پکناوِتھ چھہ آسان واتناوُن نشانَس پیٹھ۔ دوٚیہ دوہَس چھُہ اُمِس

پھیٚپہِ ییوان۔ مگر مےٚ وُچھ نہٕ ژِہیٚس اُمِس کامیاٗبی ہُنٛز خوشی اُمِس اَچھَن

منٛز۔ دیوٕ یہٕ اَچھَن ہُنٛد کوٗٹھیش کم لیہٕ ہے۔

کُنہٕ کُنہٕ ساعتہٕ چھُہ مےٚ اُمِس پیٹھ عار ییوان۔ زِ وولہٕ ییمہٕ ہٕژٕ کژٕ

وَتہٕ پھُٹراوِ تہٕ یہٕ معٔصومتہٕ پھوٗل واتہٕ ناوُن نشانَس پیٹھ۔ مگر خبر کیاہ سوچِتھ

چھُس دواہے صبر کران۔ ظاہرا ما آسہ نہٕ یہ نیوٗت سُہل یوت بہٕ سوچان چھُس

تہٕ بہٕ چھُس خیال ڈالنہٕ خاطرٕ لگان وُچھنہٕ بروٚنٹھ کنہٕ ژینس کُن۔

کنیو ژیون یُس زَن دہہ دأوی ہیو باسان چھُ ..... بہٕ چھُس سوچان اگر بڈ

نمبر اُٹھ دأر مُژرہ۔ دپوٚہ یمہ لیبرین گاشہ سیٚتی چھلنہ۔ مگر مانیا سعہ ؟ کوٗت!

دوہہ پتہٕ دوہہ اَتھ پزلس گندان چھُ مےٚ باسان۔ نمبر اُٹھ تہٕ

چھُ اَکھ پزل۔ کھٕرہ دار تہٕ وُٹھتھ۔ یوہے پزٕتیژ ہیو۔ مےٚ چھُنہٕ اُوسیٚنز اَکھ

کتھ تہٕ نِکرہ تران ...... نہٕ چھُ یہ بلان نہ چھُ ہسپتالسے نقصان تُلان تہٕ نہٕ

چھُ دواہ چوان۔ مےٚ وُچھ ہتہٕ پھیرٕ پانہٕ یہ دارہ کنی دواہ ژٲوان ...... اَکہ

دوہہ اَر یتھے اَمہ دوا دارہ کنی ژٲونہ خاطرٕ دأر مُژرٕ، مےٚ کھأرِ کھور نیشہٹھ

بیٚٹھ کتھ تہٕ ووٚنمس۔ "تُلہٕ سانہٕ یہ دأر تھاویٚلے ..... گاش ہیو پھیرٕ ...

وُچھ کیٚتھ گژھ زوٗل چھُ ییٚنہٕ"۔

سُہ ووٚتھ وانپس "میانی کنی گژھ نُس اَمہ کھعہنہٕ تہٕ شناٹہ ے

مےٚ کیاہ مےٚ گمہ ووہنی تسلا۔ مےٚ چھا ووہنی بلُن" تہٕ تھاوُن دأر مأسی

کرِتھ پھیرتھ تہٕ بیوٗٹھ اَتہٕ گنٹس منز پزل گندنہٕ۔ نمبر ژورن چھُ مےٚ ووٚنمت

زِ یینہٕ اَمس دود چھُ زیٹھیومت تنہٕ اوس سُہ سارِنے سیٚتی پرٕژھے کتھ کران۔

...... بوزنہٕ تِلے چھ یہ ہتہٕ پھیرٕ موتس سیٚتی دب کرِتھ دُبارہ دُنیاہس

آمت۔ زَن زندگی ہندس اَمس پنس الوند اوس زورٕ نقصہ کرِتھ۔ زَن خبر کس

پزاران چھ۔ خبر ...... مےٚ وُچھ نہٕ زِ نہے کانہہ اَمس نِش یوان۔ دپوٚہ

نہ آسہ ہے کانہہ۔

سأری مریض چھ بڈ نمبر اُٹھس کھوژان۔ یہ زَن چھُ بدلے ذاتھا

زن چھُے تہٕ اَسہٕ منٛز اَکھاہ .... اوتہٕ شۆہلیوو اکھ رائیل ہیوٚ جوان اَمی
سے اُچھن تَل ...... اَمی کرٕ وٕرچھینہٕ ہَنا تہٕ پرٛاژو منٛزی اسہٕہنا تہٕ شوٚنگ
...... بیڈ نمبر ژورس چھُ دِلس اوپریشن ۔ سُہ چھُ دٕگہ سیٚتر کرٛایہ گرٛینہٕ
سینٛدی پاٹھو چھعٕرہ چھعٕرہ کران تہٕ بیڈ نمبر اَکھ چھُ کھرٛفہ کھ ماران ....
تہٕ نمبر ژورس چھُ باسان زن سُہ تمیٚ سنٛدِس دادِس پیٹھ ٹھاہ ٹھاہ کرِتھ اَسان
چھُ ۔ سارِنے چھ اَمی سٕنٛز سکھ نفرت ۔ سارِی زانَن تَس بیڈ نمبر اَکھ کرِی بتھے
اگر سُہ جاے بدلاوِہ سارِنے گژھہ سُہ مُشتھ ۔ تمیٚ سُنٛد سورُے وۄجوٗد چھُ بیڈ
نمبر اَکھے ۔

خبر کیا زہ چھ مےٚ اَمِس وُچھت سعہ ویر یاد پیوان ۔ یوسہٕ مےٚ اکہ
ہَردہٕ تھجمرش تہٕ پینٛزہ پینہ اُس کرٕ ہرش۔

واے پہٕ دائر ریہہٕ ہے مُژرینہٕ !

بہٕ دِمہٕ ہا لرہٕ لرِہ تایہ ہَنا ۔ مےٚ چھُ باسان واردٕچ پہٕ ییٚخ تہٕ سیپل
چھ مےٚ اُڈی جُن منٛز شیٚٹھے ہرش۔ وُزہ وُزہ چھُ مےٚ گژھان زہ پرٛانی پاٹھو روزِہا
وزِحہ دار پیٹھ بیہتھ ژیرتانی ہبرٕ وُچھان ۔ دوہہٕ مےٚ پہٕ روومت شاہ واپس
ییہٕ ۔ راتھ صُبحس رٕوُدس بہٕ پنجرِہ زالبو مُنٛزی ژیرتانی ہبرٕ وُچھان ......
ہسپتالہ اپارہ اَس پارکہ ہندِس پوشہ ڈٕورِس منٛز ٹیولپ زَن نینٛدرِ ودٕتھتھ کاڈ
ہیوٚ کڈان ...... ژہ پارِی اُسی تاپنٛز پھوٚلی آمتی وہراوِتہٕ ..... لۄکھ
بین
اَسی کارس بارس دژامتی ۔ کانونٹ گژھن وٕنی شُری اَسی وِدہ زِجہ تہٕ سبزِ وردِ
منٛز زن نٕژری نٕژری پکان ۔ مےٚ گعو گعڈِہ بروٚنٛتھ ۔ مگر پَتہٕ پرٕزہ ناوم پنٕنی لعہ کٹ
نسپیہٕ(?) تہٕ اُس اَکِس شُری چھعکہ سیٚتر خوش خوش زن ہکٹ ہش کران ۔ بہٕ

ہ گرس خوش زِ تمہ وُچھنہ پیپرکُن نتہ کھوڑہا ہسپتالچ یہ بنڈ دأر وُچھتھ وُنی
پوک اکھ موٹر پوشہ مالو سیتی سپجتھ۔ ظأہرا آسیے مہرانزہ مہریہ ۔ خبر کیازہ آیہ
میہ نوہ سرہ انہرہ خواب اُچھن منز۔

بڈنمبر ستن دزہم دورہ کرہ کھ — " ژہ کہو چھکھ آدہ پیہہ وُچھان؟
رکھو لڑائے گے آ اتہ؟" میہ وونمس "نا"

"تیلہ کیاہ اکسیڈنٹ گوو؟" تہ سہ لوگ آرہ کتہ بتھ پھیرہ زنگہ کُن
وُچھنہ۔ یہ سہ اکسیڈنٹن ناکارہ اُمس کرُ مُت۔

"نا خدائے رٔچھن"

"پتھ کتھ چھکھ مُدے گنڈتھ"

"وُچھو کیٹھ توت ناپہ چھُ....."

تہ میہ وُچھ تمی اوس کے حال لرہ پھرن دِیتمُت تہ شونگمُت۔ بڈنمبر
ژور اوس ٹین کپ بورڈس منز کیاہ تانی ساران۔ میہ زون تمس چھ ازہ بییہ
نیوٗمُت بزارہ دوہ دچیتھ۔ تمس اوس سکھ طیش کھوتمُت..... تمس ہے
پلہ ہے سہ کڈہ ہے نمبر اُٹھنہ اُمس بزارہ نیمن تل زو ... ہیرہ اُمس
براُر روشندانس منز مارے لاگتھ پتھ پأٹھو زن نہ کہیں زانہ ہے۔ تہ تمی
وون نمبر اُٹھس کن پأوی پأوی " وُچھ سأ یہ اُمس پتھے یہ تھاوکھ آسہ
پتے" میہ چھ پانس اُمس برارہ منز نکھہتھ ..... سہ کیاہ گوو کر گنڈنو
ہنا گنہ ساعتہ بزارہ سیتی۔ ادا یہ پأٹھر؟ نمبر اُٹھن چھ یہ ہلراو ہرہندأ
دوہ تہ گئیہ تہ اُمس آمتس۔ اُدہ اکھ دوہ تہ گوو نہ خألی ینیلہ نہ کانہہ نتہ
کانہہ روہلہ ووتھ۔ فساد پھُٹیج۔

مےٚ چھُ ؤاریاہ یاد۔ تمہٕ دوہہٕ اَسہٕ شیٖپنہٕ رزہ پیوان۔ نمبر
اُٹھ اوس وٕگہٕ سیٹھو پسرہ آمُت۔ دوانہٕ چیٖنس پیٹھ ژٕون ژٕسہٕ سیٹھو
تہٕ اوس ژوٚلمُت۔ دوہس پھیوٚر ییٚتہٕ اَسہٕ سارنٕے رزہ ییٚتھ تیٚرِ منٛز مرٕہ
بچور وُتہٕ پیٹھ۔ نمبر ژُورس تانی آو اُچھن اوشن تہٕ مےٚ مُژراٰو تمو سٕنٛز
بند دار لوٚہ تہٕ پاٹھو۔ مگر سامہ شلی آو نمبر اُٹھ واپس تہٕ کھوٚنہٕ کیٚنھہ
اُسس نہٕ نیٚتہٕ سوٚ ہنٛز ہشس براٰر۔ سوے چھُ فسادُک گوڈ۔

مےٚ اُس تمہٕ ساعتہٕ سکھ ڈگ تہٕ بہٕ پھیوٚرس وٕتنٛز۔ راتی
راتس رِژ نہٕ اَمہٕ براٰرِ اَکھ زوٚل تہٕ کرٕنہٕ۔ سوٚ روٚز پھیانگان تہٕ بڈٕ نمبر
اُٹھ روٚدُتس للہٕ ناوان۔ نمبر اُٹھن اُس نہٕ تمہٕ دوہہ داٰرٕ تہٕ بند کرٕمژٕ زٕن
مُشتھ اُس گاٰمژ۔ تہٕ بڈٕ ژور آو مےٚ نش تہٕ وونُنم ـــ "وُچھان پُچھکھ
کمِن سیٹھو چھُ اُمس کھوٚوے؟ یہٕ براٰرٕ زٕن چھیس زٕ"۔

مےٚ وونمس نہٕ کینٛہہ۔ ترٕیمہٕ دوہہٕ گیہ براٰو زندٕ ہشس تہٕ نمبر
اُٹھن اُذِ گٔتہٕ تانی دوہہٕ پھلی پوٚنٛشہٕ تہٕ ژھنہٕ تس ٹالی۔ تہٕ رٹن سو وُچھس
سیٹھو تہٕ وونُن مےٚ کُن۔ "وُچھ ییٚمہ سٕنٛز نہٕ انہرش شرم۔ یہٕ ہا چھےٚ مےٚ
منٛد چھان" مےٚ وونُس نہٕ کینٛہہ۔ مےٚ پھیر بُتھ۔

اَکہ دوہہٕ یرٕزل گنٛدان ووٚتھ سہٕ ووٚلُٹھ کھیتھ تہٕ آو مےٚ
نش۔ موختہٕ پھوٚل اوس نشانہٕ خانس منٛز۔ تمُس اوس اُچھن مُنٛد کُٹھش
کملیومُت۔ بہٕ اوشس سوچان کُن زٕون تہٕ چھا کانٛہہ موختہٕ پھوٚل نشانس
واتان۔ سہٕ روٚد ژھیر تانی براٰرٕ سیٹھو گنٛدان۔ ووٚنی آسہٕ ہا سو براٰر۔ سو اُس
شاچہ ہشس قداور تہٕ مازہٕ برٕژ۔ سوٚری ژٕمہٕ آسہٕ تس کاژرہ ٹیٚچھ۔ باسان اوس

زن تَس جایہ جایہ آیڈین چھکہ آسہٕ پے مُژہ ۔ نمبر ژۄرس اوس تَسُند شہ
کھوکھُس سکھ کھران ۔

پگاہ اوس تَس سپنس اوپریشن تہٕ شہ اوس پسترس منز ارہ مُرہ
ہی کران ۔ سوری وارڈ اوس سنجیدہ ساری سے اُس ژھوہ پیر ۔ کاتھہ اوسنہٕ
زن شاہ تہٕ ہیوان ۔ مگر برأر زن اُس وۄسہ آہڑ ۔ سہ اُس گرا زیٹھان
تَس الأئز گرٕھان تہٕ گرا بھمبہ ڈیوٗنگ ہِشس پیوان وٹھنہٕ ۔ تہٕ زن اُسان
تہٕ نمبر ژور وۄتھ بُتھ ژکرائوتھ نمبر اُٹھس "تلہِ سائکھ تُمتھ ژہ گیوٗر ۔
ژہٕ ژھکھ ناوُچھان کیاہ چھِ یِیتہٕ ؟" بڈ نمبر اُٹھ رۆد وُچھان منزٕ اسان ۔
" مے کیاہ کوٗرمے ژہٕ ۔ ژہٕ وۄتھے بیٚیہٕ تترُ ۔" تہٕ برأر روز پھتے پاٹھو
زژان ۔ تہٕ نمبر ژور رۆد وُچھٕ ژاپان ۔ شامس ہاگی وۄتھ نمبر ژور پوٗہے سیٹس
ہیوٗ تھوٗد زن شہ زاگہِ اوس بہتھ ۔ تمو رُٹ سہ تہٕ لچہ رٹھتھ کُڈٕ تس ٹاس
ژوٗمبرہ سپنس پیٹھ تہٕ دِژن رگوتھ نمبر اُٹھس بُتھس دأرتھ " تۄتہٕ روزہ پس ہین
ہیو ! برارہ کوڈِتہٕ کرتھ تہٕ ۔ ژاپہ کوٗرہ کوٗرہ نمبر اُٹھس ۔ مگر کھوژہ مُژہ اُچھ
آشنس دٕرہ نمبر ژۄرس کُن ۔ زن تہٕ تَس پہ آش اُس تہٕ ۔

نمبر اُٹھس تہٕ چھوٗر تہٕ اکھ کتھ ۔ شہ گوٗ و نیتہٕ موٗمن تہٕ لوٗگ برار
زخمن سارنہٕ ۔

سارنے زیٚن مو تیہٕ ژھٹ ہِشس پھیرتھ ۔ نصف راتھ آسہ ہے
تہٕ مے لوٗم کمو تانی ورُئس تہٕ بہ گوس ہشار ۔ مے کھیٚیہٕ وۄتھ ہِشس
شاندس تل اُس برأر ۔ اُچھ آسس تھمبرہ ہِشہ زوتان ۔ مے دۄپ وُنی یِیہٕ ژہ پس
پنجرہ زالیو منزٕ اُس راتھ کرمینو دیواہِشن باسان تہٕ مے پییہٕ نظر ۔ نمبر اُٹھ اوس

کھمان ۔ تس اوس شیہی رووُمت ۔ مشکل سان آو تس مُنجکرِ موقہٕ شاہ واپس۔
بہٕ روٗدُس تس وُچھان ۔ تہٕ گوٚڈنی ژھائنڈ تمہ برأر ۔ یوسہ اُر کرِتھ تس ناگہ
اُس بہیہتھ ۔ نمبر اُٹھن ہیٚنز سعہ کھوہٕ منز تہٕ لوگُس زخم عارنہٕ ۔

بہٕ اوسُس سوچان برأر نۓ آسہ ہے ، نمبر اُٹھ آسہ ہے موکلیومت۔
اُمہ دوہہ پتہٕ ہیوتن بڈ نمبر اُٹھ وارے ہوکھن ..... سہ زن اوس
ژہر یومت ۔ واڈس منزٕ ہے کانہہ تہٕ مرہ ہے سہ اوس نہٕ تس برنرس تہٕ نزر
نادان ۔ یانۓ وُچھتھ اوس سہ تس کپر ژادرہ وٕلتھ ژالی پیٹھ نبر واتہ
ناوُن ۔ تہٕ پتہٕ برأر تیٚز مارے بران نہٕ زن نہٕ بتیہ وُچھ ہے ہے۔

شاندس تل چھ دار مےٚ ازتہٕ رتھے پاٹھو بند !

بوٗزم روٗدہ چھکہٕ ہنا بٔتیہ تہٕ سأری ہے چھ رام رام بدرنی دوٗنی
وٕہرتھ ۔ بعہ نہٕ بازرس منزٕ زن چھ گرز ۔ کتہ تانی چھ کُس تانی گرم معاملہ کنان ۔
کھوٗ ماز ۔ مگر بہٕ چھُس نہٕ ہیکان کہینہ وُچھتھ ..... واے ۔ یہ دار آسہ ہے
نہٕ بند ۔ بہٕ تہٕ ہیمہ ہا روٗدہ چھکی مرتہٕ ہواک اکھ شاہ ۔ صرف اکھ شاہ ۔
مےٚ چھ منجھ گرشھان زہ اُسہ نمون سأری یہ دار پھٹرتھ ۔ مگر
کانسہ رچھنہٕ تیتھ زور ۔ سأری چھ اندی لٹھو آوسے مرتہٕ تہٕ بُس نیمتو ۔
اکہ دوہہ یُیتھے برأر آیہ ۔ نمبر اُٹھ آو مےٚ نش ۔ تہٕ عارہ کتہ
مُبحہ لوگُم زن راز بادو نہٕ ۔ "دوہٕ ژھ چھ یہ وقتس"
بہٕ گوس حأران "کمہ تہٕ ؟"
تمہٕ ہوو برارہ کن "ژہ چھکھ ناوچان ۔ کانژاہ فرق چھ اُمس
چالہٕ آرش ، اُچھ کانژاہ مایہ برژہ چھس"

تِمَس اَس پَزِ پاٹھو یِڈ برٹے مژ۔ بہٕ گوس حَیران زَن نہٕ اَز تانٛ
تہٕ اَس میہٕ وُچھمژ۔ نمبر اُکھ زَن اوس رووُمت ہیوٗ۔ تِمَس پوٚت ژھاین وُچھان
مگر میہٕ اَس کَل نبر ژوٚرس کُن۔ یَس دٕگہٕ سیتہٕ زوٗ اوس ژٕلان نِبرِ بتہٕ۔

تِمہٕ دوہہٕ وُژھ راتھ کیُتھ بٔڈیہٕ ہوٗل ہالے۔ بہٕ گوس بٔڈیہٕ ہُشار۔ میہٕ گوو
شاندس تَل سور سور ہیوٗ۔ میہٕ کَڈ ووتھ۔ نمبر اُکھ اوس میہٕ شاندس تَل کیاہ تانٛ
ساران تہٕ ہیٚرِ اَس روشن دانَس مَنز برٕاَر پھیانگان۔ تہٕ نمبر اُکھن وَنٕن
اَسان اَسان " کھہنو نَتہٕ پیایہٕ نایہٕ بژاَر۔ یہٕ پوٚس اکھ بژارہٕ بہٕ کُت
وَسو۔ وُچھ کیُتھ توٚت چھُ " خبر کیازِ گَیہٕ میہٕ سہ ہتو چھمژ وہر اُچھن بُرونٛہہ
کنہٕ۔ مگر اَز باسیہٕ میہٕ تِتھہ اُسی بامُن دژاہتہٕ تہٕ زَن اُسس کنہٕ دوٗر آویزان۔
یَتہٕ کھوٚت سُہ دوہدہٕ باژیاہ ہیتھ روشن دانَس پیٹھ تہٕ لوٗگ سارنہٕ۔ " تُرنٛہہ
بہٕ کیتہٕ ہا چھس زامتہٕ۔ تُرنٛہہ ہا گوو وسکھ پھرٕوُرتہٕ " برٕاَر اَس زورہٕ زورہٕ چکہٕ
دِوان۔ سورئے وارڈ گوو مژ نیندرہٕ ہُشار۔ کہٕ تانٛ کہٕ تانٛ اَس تِمَن دٕگ
مُشِتھ نیندرِ پے مژ۔ تہٕ شورہٕ سیتہٕ گَیہٕ ساری ہُشار۔ ساری کھوٚژی تہٕ لگو
وُچھنو کھوورِ وُچھنہٕ تہٕ گنزرِکھ بیمار۔ یَتہٕ یِتھے ساروے ژیٖان۔ یہٕ ہے
اوس بژارہٕ تُلمُت۔ تِمَن ہوشو نمبر اُکھنہٕ سَکھ۔ ییمہٕ یہٕ بدٕکھ اوس تھوومُت
نوٚو راوِتھ۔

راتَس کیٚہٕ نہٕ کانٛہہ زوٗل تہٕ۔ برٕاَر اَس وونٛ مَنزِ مَنزِ چکہٕ
دِوان۔ نمبر ژور اوس پھیرِ پھیرِ ووتھان۔ " وُچھ سایہٕ اوس اَسہِ پُتہٕ
براَری وَدُن ہیٚنہٕ پھیشل۔ خُدایس خبر کیاہ چھُ دُنہٕ وُچھن۔"
یِتھے بیٚڈ نمبر اُکھ دژاو۔ ساری بیمار لگو دٕگ مُشِتھ ژہٕ یہٕ کرنہٕ۔ تہٕ

تہٕ ہلاے رِتھ کنہٕ گژھہ دفا نمبر ژور ووٚتھ ڈگ لٔلہٕ وائنی تہٕ کھوٚت وٚلہٕ منہٕ، مگر سُہ پھیوٚر ژھرِ وٕرے اُتھو۔

"میہ نا یوان وونُدرے۔ یِم ہا چھ سِرسرارے کران۔ یِم چھ زالیو منزٕ گژھان نیرِ نیرِ" تیمس اوس سأری سے پانس اَلہٕ اَلہٕ۔ سارِوے اوٚسُس وُٹھو منز۔ نمبر ژوٚر کھوٚت بنیہ کنہٕ دِل کرِتھ۔ وائلن ترٛشہ وَٕے برارہٕ بوٚ رِتھ تہٕ اُچھ وٕ ٹِھہ دِتن کش کڈِتھ دارِ رِتھ دأرِتھ۔ نمبر ستن وٚون پانہٕ سے سیٹھہ وِپوٕ ہا تُلہٕ تھیچھ۔

شامہٕ سُلہٕ آیہٕ برأر پوٚت کلی وایِس۔ مگر طاقچہ اوس ژھوٚرُے سٕہ لُجہ ژوہ بأری وُنی دِنہٕ۔ سٕہ گیہٕ وہ پھل وألی ہش۔ تہٕ لُجہ اَکھ اَکھ پچھ دِنہٕ۔ یوسہ کنن اُس ترِتھ گژھان۔ سٕہ گیہٕ اَکی سے اَکی سے بڈس پیٹھ تہٕ لوٚمُن تیمن وِرِ نس۔ تہٕ یِتہ ہیٚرٕن ژھوٚٹ ڈرمن مُشکھ تہٕ لُج پنجوٚ سیٹھہ لَبہٕ تھجِنہٕ نمبر اٹھ دژاو دِتھ ژایان۔ تیمہٕ تہٕ ژھہ منز۔ باغس تھیپہٕ تھیپہٕ ژھاندان۔ مگر سُتہٕ آو ژھرِ وٕرے اُتھو۔ تھوکمُت تہٕ پنہٕ پنہٕ گومُت۔ اَتھ راتس روٚز برأر پھیانگان۔ میہ باسیوو برارہٕ ہنزٕ چِکرٕ تہٕ سانہٕ رٔگہٕ منز بوے اُس سأری سے ماحولس زہر بناوان۔ واے دأر آسہٕ ہے نہٕ بند! مگر نمبر اٹھن اُس بنیہ تھاوِ مژ پنجوٚ دأر ترِٛوپرِتھ تہٕ اوس اَتہٕ گتس منز یوٚ سے بانبر یومُت ہیوٚ پزل زنہٕ ناوان۔ سٕہ اوس از تھوکمُت تہٕ پنہٕ پنہٕ گومُت تہٕ تمہٕ پتہٕ ہیٚرٕ تمو کلہٕ نلہٕ ژادر۔

پتہ مہٕ پہرٕ گوو نمبر ژور کھوٚژی کھوٚژی نمبر اٹھس نِش۔ مگر از زَن اوس نمبر اُٹھ روٚشِتھ ہیوٚ۔ تہٕ لوکس رَسہٕ رَسہٕ وزِ ناونہٕ۔ پتھے تمو وُن تُل

گمہ ڈرہ پیوٚ پٔزل پتھر تہٕ تھہ گیہٕ ہارہ پھٕلی۔ مہٕ ختہٕ پھٕول آو تہٕ بوزنے کیاہ کر
روو۔ نٔمبر ژورَن ڈٲلہٕ نوو سہٕ۔ مگر نٔمبر اُٹھس اوس نہٕ چِھیسے۔

دۄرہ اُمس پٔرأر ژیر تانٛی لیلہٕ کٔرۍ کٔرۍ وَدان۔ سوٚت سوٚت اُسی
سارۍ وَدان۔ مگر بہٕ اوشس سوچان اُمس چھا تہٕ کانٛہہ واُرِث۔

[ "سون ادب" مٔنٛزٕ ]

# غلام رسول سنتوش

ساٮ۪ہ اَز کالک مقوٗد تہٕ باکمال مُصوٗر غلام رسول سنتوش چھُ ۱۹۲۹ عیسوی یس منز چِھیٚنہٕ کرال محل سرینگرہ زٕنہٕ پیوٚمُت۔

سنتوش چھُ شار تہٕ وَنان تہٕ نثر تہٕ لیکھان۔ یوٚتام نثروک واٹھ چھُ یہِ چھُ اُردوٗ تہٕ کاشرِ زبانِ منز نظرِ گژھان "سمندر پیاسا ہے" چھُ اَمی سُنٛز اُردو ناول۔ سنتوشن لیوٚکھ تہٕ کاشرِس منز وُنیکھ تام زیادہ نثر کینژھ تہٕ۔ یہِ چھُ صرف کینژن افسانن تہٕ کینژن ریڈیو تخلیقن تام محدوٗد۔ سنتوشُن ذوق و شوق چھُ ہوان زہ کاشرِس منز چھُ اَمی سُند توجہ زیادہ تر شاعری سیتیٚ۔ پتم پن دہن وَرِیَن منز لیوٚکھ سنتوشن "گُل ریز" ناوُک اَکھ اوپیرا۔ یہِ اوپیرا چھُ مقبوٗل شاہ کرالہٕ وارِہ سُنٛزِ موشوٗر مثنوی "گُلریز" کِس مرکزی ایحساسس پیٹھ بناونہٕ آمُت۔ ۱۹۶۵ ءکس ڈرامائی تحریرن

ہِندِس مُقابلَس منز آو اَتھ دوٚیِم بہترین یَنامہٕ دِنہٕ۔

گوڈنِچ کأشرِ فلمہٕ "مأنزِ رأژ" اَسہِ سنتوشنِنہِ بأژ پیکھومیتو۔ یِتھٕ مہٕ وَریہٕ پیٹھ ووت سنتوشس۔ کأشرِ ادب ناوُک اَکھ رِسالہٕ پننِس خرچس پیٹھ کڈان۔ ہرگاہ یہ رِسالہٕ زِندہٕ روٚد تہٕ صحت مند طریقن پیٹھ بُرونٛہہ بُرونٛہہ پکان روٚد۔ یہ دِیہ بے شکھ سہ کأم انجام یمہ سیٹھہ۔ کُنہ ننگ پوشِس "گُلریزن" اَدٕرِے ترأو۔

ریڈیو کھیل

غلام رسول سنتوش

# حسرت صاب

کر دار :-

(۱) حسرت صاب (۲) جانؠ ۔ حسرت صابنز زنانہٕ (۳) شمیمہ حسرت صابنز کوٗر (۴) مال دید ۔ محلیچ اکھ بڈٕ زنانہٕ (۵) رحمانہٕ ۔ حسرت صابٕنۍ دوس تہٕ زٲنہٕ ہُند بوے۔



حسرت صاب :- (پانٔی پانس سیتی) شُکھ کران واہ واہ۔ وُچھ حسرت صابٕنۍ کیاہ افسانہ چھُ لیوٗکھمت ۔ کریکٹر چھس زندہٕ جاوید باسان ۔ باسُن نہٕ ۔ یہٕ کیاہ خالی مغزٕنۍ ہنز تخلیق چھا یتھٕ منز سوٗرے کینٛہہ اُستھ نہٕ کمی آسہٕ باسان ۔ خوشک ۔ یتھ نہٕ کانٛہہ اثر آسہٕ (برٛونہہ ژم دِتھ تہٕ و بکس چھُ خبر یہٕ ہا چھُس بہٕ پننہٕ زندگی ہندۍ ۔۔۔ یہان ۔ کُس اکس چھُ خبر ۔۔۔۔۔۔۔ کینٛہہ نہٕ ۔۔۔۔۔۔ یہٕ تام چھکھ نہٕ خبر ز میون تخلص حسرت چھُنہٕ محض تخلُصے یوت ۔ یہٕ چھُ پزۍ پاٹھۍ میانہٕ زندگی ہُند حسرت ۔ سُہ اکھ حسرت یُس مےٚ ہمیشہ ہمیشہ خاطرٕ للہٕ وٚن کیٛتھ روٗد ۔۔۔۔۔۔ رٹھ تہٕ ہنٛع چھُ وندٕہ ۔ اُمی چھےٚ دارٕ بند کٔرمٕژ ۔ تاپہٕ کراے چھُ۔

سٔران کرِتھ تہٕ چھُم عرقہٕ سٔران گومُت ۔ دپیومُس یہِ انڈروئیر چھُم بِچمتھ

تھٕتھ وَژھم شری رٔچھلکھ رٕکنہٕ چانٕی خدمت کرٕ۔ کرہ زورہ یٔھِن کتھ

تہٕ وَنِہم گرٕتھ بیاکھ کرتَن۔ زٕہ زِیچھ کیاہ کرٕ بیاکھ۔ زٕوِنہٕ ہُنٛد

خیال تہٕ پیوٚ مےٚ دِتھس سیٖتھو سیٖتھو مُشراوُن۔ اَز چھُنا سےٚ رحمان

یُس اَتھن ژٕرِ ہیوان چھُہ مےٚ کیاہ کوٗر۔ زٕوِنہٕ ہٕنز زندگی تہٕ کرم

خراب میانِی گیہٕ اُسی ہٕتھے ......... وَیان چھُس یہِ داٗر تھوٚنُس

اَکی ساعتہ ٹنگہٕ کرِتھ۔ بہٕ تھوٚوہ مُژراوِتھ۔ یہِ کران بند۔ زانہٕ خدا

اَتھو کُن کبازہ ہوونُس اوترہ بیٚچھٕ ( تہٕ داٗر چھُہ وُزھ ژاوان )

ہیےٚ شمیمےٚ ( کورہ آلو دِتھ ) .... ہیےٚ شمےٚ!

شمیمہ :- ( دٲرہ ) رٕکھوزہ ٹاٹھیا ؟

حسرت :- تلےٚ تیوٚنگل کھال چلمہٕ کیٛت۔

شمیمہ :- بیٚیہ رکھو کھاےٚ۔

حسرت :- ( پانٕی پانس سیٖتھو ) اَز چھُہ ظاہر زٕہ دٲہِیم سون .... .ووٚنی
نَنہٕ زٕوِنہٕ تلہٕ ( پانٕی پانس سیٖتھو ہوٚں ہوٚں کراں ) کیاہ پھل ژٕندرہش
زٕوِناہ کھرٕ بالہٕ پیٚتو۔ زَن دژاپہ زووِل مالاہ یارہ سیٖنزٕ برانٛثرتس
وُنِ دِنہٕ۔ وُچھ کیاہ چھُہ ہیمَن اوبرہ لٕنگن ژھاپہ رٕگتو کران۔ زَن چھہ
اَنہٕرہ شاہ ماج ہندہ ہیمہ رلیوٚ تہٕ ژٕریوٕ رٕکنہٕ کٕس تام یارس اشارہ
کران۔

[ ہیرہ کھسہ نیچ آواز تہٕ دروازہ مُژراو نیچ لوٚنت آواز ]

جانہٕ :- ( پانٕی پانس سیٖتھو ) اُمی چھا بیٚیہ یہِ داٗر مُژراوِمژ۔ اَز چھُس بیٚیہ

وٲراگ ہیٚیہٕ آمُت۔

حسرت:۔ (پانٛنۍ پانَس سیتؠ) کیاہ حُسناہ چھُ بے نقاب۔ زوٗناہ۔ زوٗن حُسناہ۔ بے نقاب۔ زوٗن۔ رٕژ زوٗن۔ موصُوم تہٕ پاک زوٗن۔

جانہٕ:۔ اَدٕ جان۔ مےٚ کتہٕ اُس خبر اوٚت پیٚٹھ چھےٚ نوبتھ وٲژمٕژ۔

حسرت:۔ (پانَس سیتؠ) زوٗن، رٕژ زوٗن ..... ہے شمےٚ کھوٚلِتھےٚ تیٚونگُل ہا نہہ! ژٕ کیاہ اَتھ دروازَس پیٚٹھ کران۔ ژٕ کیاہ نہٕ کہِتھے کران۔ دلیل چھا کینٛہہ۔ ژٕ وَنان کونہٕ چھکھ۔

جانہٕ:۔ (کَتھ ژٕ ژٕٹھتھ) وونۍ کیاہ رُوٗدُم پَرٕ تہٕ تی وَنہٕ۔ مےٚ چھا خبر ژٕ پٕچھے نہٕ زٕ زیٚچھ نہٕ وُنہٕ ییم کھوٚڈٕ فیٚتھ مَشان۔ مےٚ اوس ژٕ زیٚچھ یی وُچھُن۔ اَتھ کیاہ کرٕ۔ مےٚ ہے اوترٕ پیٚٹھ اَچھ اُس پھوران۔ بہٕ اُسس زٲنۍ تھے۔

حسرت:۔ ژٕ کیاہ چھکھ یہِ وَنان؟

جانہٕ:۔ کیاہ گژھس وَنہِنۍ۔ ییلہٕ ژٕ یی پٕچھےٚ کرُن، تیلہٕ کرٕ گوڈٕ ہیوٚن چارٕ۔ اَدٕ یہِ خوش کری تہٕ کرٕ۔

حسرت:۔ یہِ کوس پریشٲنی چھکھ ژٕ وَنان۔ مےٚ چھُنہٕ فِکرۍ ترٲن۔

جانہٕ:۔ ہے۔ ژٕ یہِ کتہٕ ترۍ فِکرِ۔ ژٕ ہے ستہٕ زٲو شرُ چھکھ۔

حسرت:۔ ژٕ کَس بجواسا یہِ کران؟ (شرارتہٕ سان)

جانہٕ:۔ اَدٕ ییلہٕ نہٕ میانہٕ کہِتھ خوش پٕچھےٚ کران۔ تیلہٕ اَنتَن بیاکھ۔ سوٚ آسی گیوٚن تام بوزٕ ناداں (پانَن ہُند نصُس چھُ گرٕ نهان)

شمیمہ:۔ (باغبرِ ہیُرٕ) موجی! موجی! گوٚہے دِیٚتِنےٚ دوٚدٕ گلاسہٕ دامہٕ تھ۔

جانہٕ :- ہے کیاہ گوم ۔ یہ اوسُم زیٖر ہیوٗ ۔ ظاہرا وُژھس پھسرٕ ۔

( ہیرِ وُسان )

حسرت :- ہے دوٗ ژُلی ( دوہہٕ دِے باُژ چھ وُسان دانہٕ کھُٹس کُنُ )

جانہٕ :- ہے شمیٖمے ۔ ژٕہ ونیوی نُے ہیہ یہ بوے ہے رُدٕ ژٕہن کھوہ

منز ۔ ہے کھیتہٕ ڈھسری ۔ صرف چھُے کھینس کُنُ ۔ دوہ لھی ژُلی

ہیم بانہٕ ۔ دوہ لھی ( لابان چھُس ) تہٕ شمہٕ چھُہ وُدان ۔

جانہٕ :- ہیمے دم کری ۔ نتہٕ ہے لاگےٚ بہ کریٖو ژھ ننٕژرِتھ ۔

حسرت :- تُل اُمہٕ بچارہ کیاہ کوٗرنُے ۔ شُرُ چھ پیٖھی آسان ۔ اَدٕہ سُہلے کوٗرٕ

خوہ داین ۔

جانہٕ :- ہیم چھا گوڈٕ شُرُ ہیم چھ کھُرُ بانس کِتھ

حسرت :- دوہ لہٕ شیٖر دوہ ژٕ میٖونڈا ییٖتی ۔ ژٕہ شیٖر بتہٕ بہ کرٕ ہینہٕ ہے کالس

سرٗانہٕ غوہ طاہ ۔ گوڈٕ چھا کم گرم اَز ( بانَن ہنٛز ٹھسرارٕے )

[ وقفہ ]

حسرت صاٗب :- ( کاڑاکشاہ کڈان یانٛژ پانس سیتھ ) اَز گوو بہٕ کیٖتھہ تہٕ دفتر گژھن

از کرون یہ افسانہٕ پوٗرہ ۔ ریڈیو وٲلی اُسم راتھ تہٕ وَنان یہ ماوُنتھ

اَفسانہٕ ۔ اَزی شامن چھُہ براڈکاسٹ دوہ لہٕ کرُن ریکارڈ ........ خاٗر

........ ( زاماکران ) ( دارِ کنہ بتھ چھلنچ آواز ) ( کاغذَن ہنٛز

آواز ) ہیمے شمیمے ۔ شمی ۔ گوڈٕ چھا ییٖنہ کانٛہہ چیٖزاہ دارِ

روزان ۔ آسہ قلم تتھ آسہ نہٕ پھیوتے ۔ دواتہٕ آسہ نہٕ میلے ۔ سوہ آسہ

وُگوٚن چھکیتھ ۔ ہے شمے ؟ ......

شمیمہ :- رکھو زٕ ٹاٹھیا ؟

حسرت :- یہ کٔمی دٕژ مٔژ دوات دأرتھ۔

شمیمہ :- اُمی گُژ

حسرت :- وٕنتہٕ وونی کیاہ وٕنہٕ اِنسان۔ گژھ لگے ہُمہٕ کُٹھ منٛزٕ اَن فوٹی ہیٚتھ

شمیمہ :- کتیو چھےٚ ٹاٹھیا۔ ییٚنہٕ چھی پونسے بأتی (پونسن ہنٛز آواز)

حسرت :- اَدٕ بی تھوٚ بہٕ وُچھ پانے۔ ژٕ اَن چلمہ تیوٚنگُل۔

شمیمہ :- ہیو ٹاٹھیا۔ یہ پونٛڈ ما گومو میٚہ۔ بہ ما اَنٛس مصالحہ۔

حسرت :- اَچھا گژھ۔ ماجہ وَن جَل جَل چاے اَنہٕ۔

[ کاغذن ہنٛز مٔژراونچ آواز ]

حسرت :- ( پانس سیٚتھ ) اُں۔ یہ آسہ ظأہر ییتیم صفحہ۔ گوڈٕ چھُ میٚہ صفحہ نمبر
دِیُن مُشتھ گژھان۔ ہوٗں .... اَدٕ یوتہے چھُ۔ کیاہ چھُ میٚہ یہ
لیٚہ کھمت۔ ہوٗں۔ زوٗنی۔ اَدٕ ..... زوٗنی چھُیہٕ یاد ییلہٕ ژٕ اُکھ
میٚہ دوہس دٕپہٕ لٔٹہٕ وُچھتھ تہٕ بے قرار آسان۔ ذرا ہے بہٕ اَدٕ
پور اوسس نیران۔ ژٕ اُسکھ دارِ پان اُدیزان ژراُدلتھ سرٛٹکہ گُنٛے
وُچھان آسان۔ ہنا اوسُے نہٕ قرار یوان۔ سوٗ ماسے کوٚت گیی اَز۔
زوٗنی۔ اَز وُچھکھ میٚہ ژٕ برابر اَکہٕ وُہہ[21] .... پٔرو اَکہٕ وُہہ وٕہرِ۔
[ مُحلہٕچ بُڈٕ زنانہٕ مال دید چھےٚ دروازہ اَژان۔ ٹھراوٕ ہُند
صدا چھےٚ وُبران ]

مال دید :- رکھو زٕ گوٚبراہ۔ دفتر چھکھہ نا کھوتمت ؟

حسرت :- ( پأنی پانسے سیٚتو لوٚت لوٚت ) توبہ تقصیر آیہ بچأر خبر کیاہ زال

ہیتھ ( پتہ گنتھ کرتھ ) نہ دی یہ اُسم دفترچ کاٗم گرٕ واجہ بٕرٕ۔

مال دید :۔ اَتھ قلمہ گٕس تھوٗرنے وارٕ میون نبج۔ یہ چھا نوش یتنتھ ؟

حسرت :۔ اوٕہ اُتی چھے ( پانس سیتی ) جان گوو تام لگہ ہو اُمس سیتی کتھن

دیوہ بہ معہ کلاوٕ یہ افسانٕہ پٔرٕ کٔرتھ۔

جانہٕ :۔ اَسلامالیکم ۔

مال دید :۔ والیکم ۔ ژٕ ہے ڈٔیکہ بوٚڈ۔ یہ ڈٔیکہ رۄزینے چھولہٕ وٚن میانین

کورین سان۔

جانہٕ :۔ وارٕے چھکھ دی مال دیدی

مال دید :۔ آہنی ژٕ ہے وارٕ تھوٚن میون خودا یمن پترن سان ......

بہار ہاوِرنے خودا میانین سان ...... یہ امین صاب کیا زٕ از

گری ہیوٚ رٕ ہہتھ ۔

جانہٕ :۔ اَدٕ دی میہ چھا خبر۔ پرژھن چھا بنان۔ کتھ کرنس چھم یتھ

لانچ پوان۔ اوترٕ بیہتھ ووتس یہ دأر رٔٹتھ بہتھ۔ رچھتھ

لیکھان۔ خبر چھمہٕ دی کس ٹاٹھو دِگہ چھم ٹاٹھ دگ ژھنہٕ۔ یوسہ

کل چھس کڈان ( وٚدان وٚدان ) واتھ اُسس برس تل بزان۔۔۔

زوٗن۔ زوٗن۔ زوٗن۔ زوٗن۔ اوس کران۔ سو ٹاٹھ کھاوٕل اُس

میانی سے گرس وندنی کرٕ ۔

مال دید :۔ میہ ہے دوٚپ اوترٕ وٚنے یہ امین صاب کیاہ آسان وونی دارٕ

پیٹھے بہتھ۔ وٚنی ژایس بہ اوٕ تہ یہ وٚچھم زوٗنی زوٗنی کران

گوڈٕ کیاہ گوو یتھ وقتس کوٗر اُس واٗرٕ مٔنزٕ مٔرتھ نیران

یہ چھ کالہ تہ پگاہ ییتھ آسان۔ اُمس چھا کانہہ شرما تہ کانہہ حیاباہ
وُڈنیکس نہ اُس دارہ کھسِتھ کھتھ کران۔ اَتھ دارہ چھُن یان اَلوند
تہ وُمت آسان۔ ہورہ اُس زوُن تہ یورہ اوس اپِن صاب۔ میہ
ژھُن کلہ بوہن کُن۔ یُتھ نے یِتھے ہیُو گژھی۔ اَتہ رُودُم نہ میہ
دوپ پنہ تژھ ہش کتھاہ گژھ۔ یم شُرکہ ہیتھ بییی واو۔ اَتھو
لگیھ کتھ یم نکہ نکہ ہیتھ۔ ییمن ہے ییانین سان سگ دی خودا
گوڈہ چھا بی ییمن اُزکہ چِن ییمن رنگہ ژُرن کانہہ حیاہ یا کانہہ شرماہ
گژھان۔

جانہ :- ہتہ دی ژہ کیاہ وَنہ ہم مال دید (وُدان وُدان) ییہ گیہ پنہ نِس
بُھس کانگہ ژھنی۔ ژہ ہشہ ماجہ تھی ییمہ کتھ کرنہ۔ رات تہ اُس
یہ ٹاٹھ کھاول دارہ سیتھ یان دِتھ بلایہ لگو مژ۔ میہ نے پنُن
یہ نصیبہ بد آسہ ہے۔ تیلہ آسہ ہیمہ یہ حال بد۔ ژھوٹ وَنے پنُنہ
کوکرنے بد آسہ بتیہ ییندِس مرِس کیا زہ ژاوہ ٹھول د شرارتہ
سان) تہمہ ہہ دی چھس راپہ۔ بہ تھوہ نسہ یہ اُمی سارہ۔ پییٹھ
دُچھوتَن اُمو شند یہ بہ مَشد چھ بوے کالہ تہ پگاہ چھُ ییتھ
جانِٹس رائچھ دوزان۔

مال دید :- ہے یہ چھے تتہ تہ پرژھے وارِہ وِس منز۔ بوزُم رانی چھ نے
ژاووِتھ ژھنو مژ (جان چھُ وُدان)
ہے مے وَد۔ تلے کر ژھوپہر۔ وُچھی یم شُرکہ ہے گیہ آرہ کرنیژ
بچارہ۔ کری ژھوپہر۔ نامے بُنے مرے۔ ییتے زَن ژُلکھ ہوٹ

کرِی ژھوپہٕ ( جانہٕ چھہٕ ژھوپہٕ کران ) اَدٕہ بی بہٕ نیرٕے ، یہٕ آسیم عمّہ آمُت اوٕرٕہ ( نیران نیران ) ژٕہ ہیٚے دِیی پننہٕ سبزٕرٕہ پنُن دسگیر یانےٚ نار ۔

حسرت صاحب :۔ دوٚپ مےٚ ۔ میہ گوو ژیر ۔ ووٕ نِ کھیمہٕ بہ بتہ وَتہٕ کینہہ ۔ میہ چھہٕ بانبرٕ ۔ کانٛہہ ہیٚے ژھانڈنہٕ ییہ ۔ دٕپو زِیس سٕہ کھوٚت وٕہ توٗرٕ ۔ اد تہٕ بنیہ اَتہٕ نٲوِتھ شامس سِنٛز باوا جان پٕہَن ۔ خبر یہٕ رحمانہٕ ما کھیتیہ بتہٕ ییتو شامُن ۔ وَنان اوس ریڈیو بوزنہٕ ییمہٕ تہٕ چھکراہ بوزو ۔

جانہٕ :۔ ( لوٚت لوٚت پانس سیٚتی ) اُمِس رحمانس ژھینٛمےٚ رٕسرِتہٕ بُسر بنیہ ژھنہٕ میہ اُمِس زوٗنہٕ مُنزپلو وَتہٕ ییچھ ۔ اُمِس میون خوداہ اَمہٕ کھوتہٕ تہٕ قبر کرُن ۔ اُمِس بہٕ کُنہٕ اَتھ کھورٕ لگُن ۔ یہ دوہ ہیٚے وٲران آسیو ۔ یوسہ میانِس گرس بلایہٕ تہٕ رٕتہٕ چھپہٕ چھہٕ لجٕمژٕ ہیٚمیے ووہ کھی شیمہٕ یہٕ زِنٛنی بوے نبرٕ ۔ دِہہ سیٚتو ہیٚے گیس اَچھ کانہٕ ۔ اُمِس دِژمےٚ یہٕ زوٗن بلایہٕ تہٕ رٕتہٕ چھپہٕ تانو کرِتھ

[ بانہٕ ہنٛز ٹھرٛاے ۔ تہٕ دانس پھوک دِنٕچ آواز ]

( وقفہ )

حسرت صاحب :۔ ( پانس سیٚتی ) اُمی چھہٕ بنیہ یہٕ دٲر بند کرٕمژ ۔ اُمِس زَن ہوٗن اُتھی کُن ۔ زَن چھس نامحرمن ہنٛز نظر اوٕرٕہ پیوان گلہٕ بجوولہٕ ( زوٕرٕہ دٲر مژراونٕچ آواز تہٕ جانہٕ چھہٕ لوٚت لوٚت دروازہ مژراوان تہٕ وُچھان )

جانہٕ :۔ ( پانس سیٚتو لوٚت لوٚت ) کھاوٕل چھہٕ لجٕمژ دٕرس اَتھ دارٕہ ییچھ

(اَدٕ حسرت صاحب تموک چوان تہٕ جانہٕ چھہٕ دروازہٕ ٹاس دِتھ مژراوان)

یہٕ آسہٕ ہی اُمس ٹاٹھ کھاولہٕ بُتھ ہاوُن تۆوے زاٗ چھتھ بجلی۔

حسرت صاحب :- ژٕ ہے وارہٕ تہٕ کارہٕ بہٕ بڑ اُسکھ وُنی۔ وۄں کیاہ گوٚے۔ وُنہٕ آسِن
کُنہٕ ژیٖہ ہیٚوتھم دلہٕ واتُل لاگُن۔ آخر ژٕ بنی کیاہ۔ ژٕ کر پیٖیی
عقل۔ ژیہ ہووُنے کتھ کُن۔ ژیٚہ گوٚے کیاہ۔

جانہٕ :- وۄنی کیاہ گوٚو ژھم گرٕھن اُمہٕ کھۄتہٕ۔ ژیہ آسی خبر ژٕ کر کتھ مہٕ
پیٚتھے کُنۆ سِلہٕ تہٕ بہٕ مرہٕ۔ ژیہ گرٕھی دِتھ موٚکج۔ تم چھے راپہٕ۔ اُمس
گرٕھے وُگلہٕ اوٚری تہٕ اتہٕ والنہٕ کھاکھرہٕ مستہٕ رٔٹھتھ۔ ژیہ آسی خبر
گوٚش دِمہٕ۔ بہٕ سوٚمبرے محلہٕ۔ بہٕ لاگے پنچالٹھ۔ میون چارہٕ کر۔ پیمن
شرٚین ہُند چارہٕ کر۔ اُمس کھاولہٕ میون خودا دارُن تہٕ حالِ حاران
کرُن۔ اُمس نہٕ اتھ کھۄر گُنہٕ لگُن۔ اُمس میانہٕ ماجہ ہنز باشس
گرٕھنو۔

حسرت صاحب :- ہتے محلہٕ کیتھے پیٹھ ہیٚوتھن مژراوان رونلہٕ۔ ژٕ وۄہوان
کس چھکھ یہ ؟ •

جانہٕ :- کس گرٕھس وۄہوٚنی۔ اُمی ہے یوسہٕ میانس گرس بلایہٕ تہٕ رتہٕ چھپہٕ
لجُہ مژ چھہٕ۔ شیٖہلیوٚیہ دِل۔ کرِتھ کتھ پونشہٕ۔ وۄچھو تھسہٕ بُتھ۔ زۄنہٕ
واتہٕ رچہٕ۔ ہیٚر ہوٚکھے اوترہٕ پیٹھ زۄنی زۄنی کران۔

حسرت صاحب :- زانہٕ خوداہ۔ ژیہ کتھ کُن ہووُنے۔ خبر کیہ پریشانی چھکھ
وَنان۔ ژیہ گوٚے کیاہ۔ ژٕ کمہٕ کتھ چھکھ کران۔ زۄنہٕ ہُند قصہٕ کیاہ
سعہ کتہٕ تام وارٕدِس منز ژیہ کتھ کُن ہووُنے تَس کُن۔ گوڈٕ وَنتم

میہ تہ تِمس کُس واٹھ چھُ۔ سو پننہٕ گرہ۔ ژٕہ ٹھوٗنے مینگہ دِگ۔

جانہٕ:۔ سہ ہے گرہ! تِمس ہے اُٹھ کھور لگہ تَتہٕ اَمہ بُجھہٕ۔ بدمعاش بُجھہٕ۔ بہ سوٗتھِرِس محلہٕ صُبحَے۔ اُمس چھا خبر وو لاہو۔ بہ ہے پچپاٹھ لاگس۔ میون چارہ کرِن۔ میانِن ہمن شرِن ہُند چارہ کرِن۔ وُنی مِہ یمن لَنجہ کڈِتھ کھاوَل۔

حسرت:۔ کیاہ گوٚے کوٚسہ دِوٚتھ وأجی تھوورِتھ میأنی۔ کیا ژٕہ چھکھ بگوناہ تہ میہ تقصیر ووہ ووہ تہ لیکہ لیکھ کران۔ یہ وَنتم ژٕہ زٕہ ژھِتھ چھامہ وُنہٕ یہ پرے۔

جانہٕ:۔ ہے وَنہٕ کیاہ چھُ۔ ژٕہ زانکھ کینہہ زٕہ۔ ژٕہ ہے چھُے دہ کچار یاد پیومُت۔ میہ چھُنا فکرہ ترِان۔ چاٗر تہ ہیٚے کاٗژاہ۔ یمن اُچھن کیاہ سوٗرہ موہٹھ ژھنا۔ یمو دِیدو ہے اوترہٕ ییتھ ووتھ وُچھان۔ ژٕہ کم ژھایہ گتہ چھکھ آسان کران۔ اُمس زوٗنی زوٗنی کرِتھ نینترِ پاوان۔ زوٗن۔ حُسن۔ بے نقاب۔ میہ چھُنا فکرہ ترِان۔

حسرت:۔ اَدہ ژھے بیہہ۔ ژٕہ سیتو کُس چھ ہیکتھ۔

جانہٕ:(وَدان وَدان) یہ اوس میأنس ہٲلس ماجہ ناوَن۔ یمو بہ یتھ ناونس لاجی ہس۔ اَمہ کھوتہ آسہ ہیم زینہٕ وَکھتے ہوٗٹ چِرمُت۔ یہ ناوَن ما پیٚیہ ہیم وُچھن۔

[ رحمانہٕ چھُ دروازہٕ اَژان ]

رحمان:۔ کاک دید کیاہ چھُ ژھوہ یہ دَم کرِتھ بیٚہتھ۔ ریڈیو تہ چھُ بند خبر کیا زٕہ۔ ظاہر چھُتھ ژٕہ حسرت صأبس سیتو بکواس کورمُت میہ

چھُ تمی فِکرِ تران ۔ ادٕ گرٕ ھان پکان ۔ اَتھ گرٕ ھیا سنٛن ۔ باٗژن دۄن
گرٕ ھان اُتمی مُژکری ۔ ادٕ چھا وۄنی اتھ کنُ گرٕ ھان ۔ وُ چھِ یم شرٛی
بچارِ کِتھ تام ہی گمتۍ ۔ وَلے شمہٕ کوٗری ریڈیو ہے بوزو ۔ تژہ بوزٕتھ
دی جانۍ ۔ ازٕ ۔ مےٚ گوٚو مُشتھ وَنُن ۔ اَز چھُ حسرت صابُن پروگرام ریڈیو
پیٹھ (رحمانہ چھُ ریڈیو ژراوان)

انونسر :۔ یہ چھُ ریڈیو کشیر ۔ وۄنی بوزِو تُہی حسرت صابُن افسانہٕ ۔ حسرت
صابنہٕ زیوِ ۔

حسرت صاب :۔ زوٗناہ ۔ نوٚن حُسناہ ۔ بے نقاب (ریڈیو پیٹھ آواز چھ بند
گرٕ ھان)

جانہٕ :۔ (پانس سیتی) اَمایہ کیاہ ۔ یُہنے تمۍ سُنٛزِ آواز چھ ۔ افسانہٕ
زوٗن ، حُسن ، بے نقاب ۔ ظاہر ما اوس سہٕ پرٛز وَنان ........
(جانہٕ چھ یی وَنان وَنان ہیرِن وَسان تہٕ لبہٕ تہٕ کھٕڑس دروازِ
مُژراوان تہٕ حسرت صابس ہُشار کرِتھ وَنان ۔)
دوٚپ مے وُچھ گرمہٕ سیتی چھےٚ عرقہٕ ہران گومُت ۔ وۄنۍ تھ
ہیرِ ہیہ دارِ پیٹھ ہواہٕ ۔ بیٚیہٕ آسہٕ یہٕ سیٚٹھہٕ تہٕ سرد گومُت ۔
...........تُل وۄنی ژراو مےٚ اَتھ ییلہٕ ۔ ژٕ شہلاو
دارِ پیٹھ عرق تہٕ بہٕ شیرٕ بہٕ ۔ صُبحک تہٕ چھکھ فاقے ۔

●

# سوم ناتھ سادھو

سوم ناتھ سادھو چھُ ۱۹۳۵ ہس منز فتح کدلہ سرینگرہ زامت۔ ہرگاہ یہِ وَنو سادھو بنوو ریڈیو کِہ کار خاص ماحولن پھٕیرِ کانٛہہ غلطی سپدِ نہٕ۔ سادھوئن یہِ کینژھاہ وُنیکھ تام لیوکھ تتھ منز چھُ سہ حصہ زیادہ یُس اُمہ بپچن ہندہ خاطرہ لیوکھ۔

سادھوئن لیکھی وُنیکھ تام ریڈیو خاطرہ کینہہ کھیل ییمو منزہ چھ کینہہ ییمن پننہِ تہٕ کینہہ ترجمہ۔ رہرسل جانچی تہٕ آولن ناوکی یِم ریڈیائی کھیل نشر سپدی، ییم چھ صاف باوٕتھ ہاوان زِ سادھو سُند اُتھ چھُ ودہنی روائی لبان تہٕ فنکاری ہندس منزلس کُن لمان۔

سوم ناتھ سادھو

# ییٚلہ مہ نِکٹے لٲجو

کہٕ ناہ مٲری مۆند ناو چھُ "نِک ٹے" اَکھ وَر دِچھنہٕ بیاکھ
کھیورِ، بیاکھ پیٹھ رِکنہٕ۔ تِمہ پِترِ پیٹھ کُنہٕ۔ پتہٕ بیپٲری۔ آ۔ تہٕ وُچھو توٚ اُنٕس
منز مُجھ۔ ہٹیکۍ نَقشے آسہٕ بدلیوٚمتۍ۔ یُس ہوٚٹ ہرِ گوکلہِ چھ تونتہ اوس
بہ شوٚب بنوومُت۔ سےٚ چھُ ٹے لاگِتھ گونٛدمُت گوہ نِدرِ ہیوٚ باسان۔ پَزر چھُ
یہی زِ یوٚتام سےٚ انسانس نٲلی چھ آسان تِمس چھ کیا ہتام فرق ہیش یوان
پَنَن پان نہٕ اَندِ پکھ دُنیاہ لوٚبہِ وُن تہٕ مٲری مۆند باسان۔ قُدرتی کتھ چھ
یُس ٹے لاگِہ تِتھ سیٹھاہ گرٕ چھس سوٚڑہٕ مَن تہٕ جان آسنہٕ۔ پتلونس کریزٕ مَن
تہٕ۔ بوٗٹَس پالش تہٕ آسنہٕ۔ قمیضِ کالر صاف تہٕ چِندس چھُچھُرش روٗمال تہٕ گرٕ چھ
آسنہٕ۔ وُچھو اُتی چھ انسانہٕ سُنز ہیتھے بدلان۔ چِندس مَتہٕ آسی تَن نیکٹ
دیلہِ مگر اَمہ نیمبرِ مہ ہاوہ باوہ سیٹھ چھُ تِتھ تہٕ سرپوش روزان۔ لوکن گرٕ چھان
رائے خبر کُس پوٗشہٕ دولے آسہ۔ مگر ٹٲی دولے چھُ زانان تِمہ وِزِہ کہٕ سہ
قیامتھ چھ گرٕ چھان۔ ییلہِ نہٕ پان کھینس سوٚنب پاتسہ ژور چِندِہ نیرنس۔
مہ چھ پانہٕ اَکہ دوہہ ٹے گنڈ ہرش۔ او صرف اَکہ دوہہ۔ کیازِ؟
او سفرنامے چھُ تیتھ یُس نہٕ وَنَن لایکھ چھُ....

---

خاأر تہٕ ہہ سیٖتی ووٗہ پراٗزی کیاہ۔ مےٚ تہٕ ہہ نٔشن ———————

دِل مُرزٲرِتھ کتھ کرٕنی کانٛہہ عاب چھُنہٕ۔ خاأر بٕزنو۔ بہٕ چھُس اکہِ دوہہ دفترٕ

بہِتھ تہٕ ووٚتھ خیالاہ۔ ہیٚیو بہٕ کیازِ نہٕ ٹےٚ گنڈان۔ میانی تِم یار بائے ہیٚمن

میانہِ کھوتہٕ کم تنخاہ چھےٚ چھہِ ٹےٚ گنڈان۔ مےٚ کُس عاب چھُہ؟ یوٗہے خیال

گٔژھ مےٚ ژٲنان تہٕ اکہِ دوہہ ہیوٚر مےٚ رنگہٕ دار ٹےٚ مُلہِ۔ سوٗٹ اوسُم ڈرٕے

واش کرِتھ اوٗنمُت تہٕ اِرادٕ کوٚرُم بہٕ تہٕ کھسہٕ دوہنی ٹےٚ لاگِتھ دفتر۔ گٔڈ

دِلَس دوہٕ۔ اَتھ کیاہ کرو۔ لاأج مےٚ صُبحَن دوہہ دراو قمیضن تہٕ تتھ پیٚٹھ نکہ

ٹےٚ۔ پیٚٹھ چور مٕس ڈرٕے کلین سوٗٹ تہٕ دراس دفتر۔ وَتہٕ چھُس بہٕ مَنڈچھو

مَنڈچھو پکان۔ یُس کانٛہہ ژاأنی کاراہ سمکھان۔ سُہ گٔژھہٕ ٹیکُن وُچھان تہٕ

پَتہٕ اَپزٕے اُسن بُتھِس پیٚٹھ اَنہتھ وَنان۔ "اَچھا۔ ٹھیک۔ جان کوٚرُوہ

...... بڈٕ جان" بہٕ چھُس اَندری سوچان خبر پزی پاٹھی مےٚ ما کوٚر یہِ

جان۔ مگر سیٖتی ہیٚیم تِم یار یاد ییم میانہِ کھوتہٕ کم تنخاہ اُسی نوان۔ تہٕ

رنگہٕ دار ٹےٚ اُسی گنڈان۔ اَمہِ سیٖتی گییم یُہے سمجھ ہش۔ تہٕ چھُس بڈٕ چمہٕ چمہٕ

پکان۔ بیبرس چھےٚ کنگنُے کرِتھ۔ پتلوٗنس چھُہ زہر زمروٗدک ہیٚیو کریز تہٕ بوٗٹ

چھِہ پاأٔلشہٕ سیٖتی نبہٕ نبہٕ کران۔ کتھ مٕس منز چھُس پکان۔ یوٗتام رٔٹی بارٕ

موٗڈس تَل ووتُس۔ اَتہٕ پیٚیم نالہِ دَندرہ پیٚٹھ نظر۔ دِلَن گٔڈُم دوہٕ ہش۔ اَتھی

نالہِ دَندرہ پیٚٹھ دٕ دوہٕ ہین نوکھاہ پیوٚمُت۔ اُچھن ہند طماہ۔ یتھےٚ مےٚ نوٗ ہچ

شٔکلے بانٛژ وُچھو۔ مےٚ پھیوٗر اکہِ رنگہٕ بیاکھ رنگ۔ اوٗنام اوسُس لمہٕ مزہ پکان

دوہنی زن لجہِ زنگن قہوٗرتی بریک۔ نظر دِژُم دٕچھنہِ کھوورِ۔ اَتہٕ وُچھم

ساأری پننِس کاروبارس منز مشغول۔ سوچاہ کوٚرُم۔ یہِ ژٔلن گرٕ ھیا جان

کینہہ نہٕ ۔ مگر یٮ۪لہٕ نہٕ کاںٛسہِ اَتھ کُن نظرٕ ے چھُ تُلنَس منز حرج کیاہ ؟ اَمہِ وزہ آیم نہٕ کینہہ اَتھ وَتھاہ تُلنَس ۔ زہ ژور قدم برونٹھہ پکتھ پھیوٚرُس بیٚیہ پوٚت نہٕ ووتُس نزدیک تتھ جایہِ یتیتھِن یہِ نوٹ پیوٚمُت اوس ۔ بیٚیہ سوٗچم ۔ ٹیٚ چھم نالٕ ۔ خبر گژھِیا یہِ حان تُلُن ۔ نوٹَس کُن کٔرم نظر ۔ یہِ وُچھم کموٚ آرہ کٔرتھ وچشموٚ زَن نہٕ شیے کُن وُچھان نہٕ وَنان ۔" بہٕ او تُسسے ژھیے پٔراران تُلان کونہٕ چھُچھم ۔" کاغذ وٚرق اَکھ کوٚڈُم چیندٕ منزٕ نمبر نہٕ سٗہ تُرووُم نوٹَس نزدیک ۔ بیٚیہ دِژم دٕچھنہ کھووٕرٕ نظر نہٕ ہاہ منہ نوٹ تُلنچ سکھر کٔرنی ۔ پھوٚر چھُ داہ داہ گز دوٗر ژُلان ۔ اَتہٕ پیٚٹھ کھوٚرٕ ٹینڈٕپن تام پھیوٚرُم سأرٕ سے ییٚخ ۔ بُتھِس کھوٚت ووہ شُلُن ۔ زنگَن ژایہِ نٔٹِنہ ۔ ڈیکَس پھیپر گمٕ ژھٹھ ۔ نہٕ اَتھی ووہلہ ہرشہ منز لوٗگ مےٚ اَتھ نوٹَس اَتھ ۔ میون اَتھ اَتھے لاگُن زہ ژہ پأرٕ بیٚیہ ٹھاہ ٹھاہ کٔران اَسن کھنگالہٕ ۔ پتھ کُن دِژم نظر ۔ اَتہٕ وُچھم سأری وانہٕ وألی رٕکھ لسہ کٔرِٹ لسہ کٔرِٹ شرٕ اَسان اَسان دَب دِوان ۔ اَدہٕ مٔتہٕ بوٗزی توٗ ۔ میونےٚ پان زانہٕ ۔ مےٚ کمہ قیامتھ چھ گأمژ ۔ اَچھَن سوٗریوو گاشن ۔ ووہلی ہیتِن مےٚ تارکھ بوزنہٕ پیٚنہ ۔ نرین نہٕ زنگَن گیہ لٕکر ۔ چوٚنٹھ گوو ہول ۔ بُتھِس ژھنکھ پینڈٕرٕ ہریاہ زَن پھرِتھ ۔ کنن زَن ناگہٕ مَن جوراہ ۔ دُ روپیٚن نوٹ زالہِن ووہن منز رٹِتھ گوٚس ہٹہٕ ریٹِہ اَکی سے جایہِ کھڑا ۔ سوچان چھُس یا الٰہی یہِ کمہ غأبی بلاے پیٚیہ مےٚ ؟ مِنتاہ گوو پیموٚ منزٕ ڈراو ، یاواہ اَکھ نہٕ اَسان اَسان ووٚلتھ مےٚ کُن —
" اَسہ گرٕژھ مأفی دٕنی ۔ تہٕ پہٕ لوٗگ تکلیف ۔ یہِ اَس پموٚ شرٕ پوٚ جنرٕ ہنا کٔرمژ ۔" یہِ وَنان وَنان نیوٚ اَمی مےٚ یہِ دُ روپیٚن نوٹ زالہٕ منزٕ کڈِتھ ۔ بہٕ چھُس نہٕ اَمس کینہہ وَنان ۔ صرف چھُس مٔدٕے گنڈِتھ بُتھِس کُن وُچھان ۔ یہِ چھُ اَسان اَسان

دۆگُن گرٕھان۔ تہٕ اُتھو منز وۆتھ میہ کُن۔" اُسر چھ پٔزۍ پاٹھو شرمندہ اُسہٕ اُسے نہٕ راے تھٕہ ہوس سوٹِڈ بوٹِڈ جنٹلمینس پتیہ اَتھ نالہٕ دَندرہ پیٹھ نظر۔"

ساری (Sorry!) ـ ہاے کیاہ گوم۔ گوو یہٕ اوس سورُے ٹجبہٕ۔ ووڈنی ہیوتُن میہ جس ہیوٗ پھیرُن۔ وَنہٕ کیاہ سَہ بہٕ۔ کلان کلان ووٗنمس اَچھا..... کینہہ پرواے چھُنہٕ ...... ٹھیک ..... تہٕ یہ وَنان وَنان بیٹھۍ بہٕ نیرُن ہیوتنس اَدہ وُٚژھ بیٚیہ نارہ کرٕنکھ ہش۔ زیادہ گوم نہٕ بڈٕپن ہُند یاٗت یمَن رکین شرٕپن ہُند گوم۔ ییم بیٹھم سیٹرپہ وایہٕ تہٕ ژٔرہ بیچ کرنہٕ۔ رینٹس سوٗنبر شرٕی جوراہ بیٹھو کرٕکر دِنہٕ ـ" جنٹلمین۔ ہاۓ۔ ہاۓ "ـــــ " جنٹلمین ہاے ہاے" "نِک ٹےٚ سوٹس زٕٹ زٕٹ "۔" نِک ٹےٚ سوٹس زٕٹ زٕٹ۔" اندری چھس ژپنہٕ ہیوان۔ گُو چھس موٗران۔ سوچان چھس" ہتا ژُوپہ وارہ کارٕے یکان اوشکھ کیاہ گوٚے۔ کتھ بٔ میوکھ یمَن رشپین دوپن گرٕہے ڈٲکھ وارہ کارہ۔ کیاژہ گوکھ ہٕٹہ مٕٹہ ییتھن روٗزتھ۔ مختصر بوٗزو ییم ووہو میہ آیہٕ تہٕم چھس اُڈی پانس کڈان۔ اُڈی یمَن لوکُن۔ ییمو بہٕ ٹاوس تکھس۔ ییمو ڈاجہ میہ ییپژاہ اَناہرٕہ زٕ میہ باسیو زٕیُس یکان چھُ سہٕ چھُ میہ کُن وُچھان۔ میہ اوس گاٗو کدٕلہ کھوٚرٕی کُن پھیرُن۔ بہٕ گوس لال چوک وایتھ اَتہٕ ترووُم پھرٕکھاہ۔ نظراہ دِژم ژوٚہ پاری۔ اُچھَن آم گاش ہیو۔ ووڈنی ووڈنی ییم شکنج بین گلاسہ جوراہ چیتھ۔ مگر یہ چیتھ تہٕ باسیوم اندرٕہ الاو زٕن خاٗرٕ ییتھ تتھ وونس دفتر۔

" اَہَن سہ اَز کنہٕ کرکھ اُسہٕ سیٹی کتھ" دوٚپھ اَکھ یاراہ

” خوداۓس پیٹھ از چھکھ ہیرو ہیو گومُت اَمہ ٹیِہ سیٹھا “ یہ ونٛز
دوٚیِم یارَن راے۔ مےٚ کرُ ژھوہِ پار۔ آرٕ گرُنٛدو چشمو چھُس گرا اَکُس کُنُ
وُچھان تہٕ گرا بیٚیِس کُنُ۔

” ناکھتہ کر۔ یا گوو اُسو گیہِ ناخوش۔ یَس ازروٗن تَس بلاے “

” ہا کھتے کھتہ چھےٚ زیادہ کرنہٕ “ بیاکھ ووٚتھ مُنزٕ ” چھکھ ناوُچھان
نوٚوٕ ٹے ، نوٚو سوٗٹ ، اَتھ بِیم لوٗازمات شوٗبَن تِم سٟپدٕن کنٹینہٕ مُنزٕ پوٚرٕ ۔
پیٚکو پتہٕ آسہٕ صحب پکان۔ “ ییم کھتھ مانہٕ ہَن۔ بہٕ اَندری ماز ژاپان۔ مگر ییمو وانہٕ
نووِس نزٕن ھٹیچ کرُتھ کنٹینس منز۔ یہ ییمن خوش کوٗر تہٕ کھیوکھ اَسان
اَسان تہٕ گندان گنٛدان۔ بہٕ کیاہ کھیمہٕ ہا ؟ مےٚ زن اوشکہٕ ہرٕ گوہ گلہ بوٗن گنڈ
دیٚتمُت۔ چاےِ گوٚل اَکھ اَکھ چھس چیوان۔ تِمو سیٹھہٕ چھم بڈِ یارِک اَکھ اَکھ
سپُن اَچھن درینٛٹھ پِوان۔ بڈِ مُشکلن نیٛا مےٚ چاےِ پیالہٕ اَکھ چیتھ۔ اَتہٕ
سمکھو بیٚیہِ تہٕ وارِیاہ زانٛہ کار۔ تِم چھِ فقط اَکھ مِیانہٕ ٹیہ تاریف کران
اَڈِ چھِ وَنان۔ یہ چھِ جرمنی ہنز۔ اَڈِ یم ووٚن سویٹزرلینڈچ۔ بہٕ چھُسکھ
سارِنے ہتہٕ وُچھان تہٕ کلہٕ سیٹھا بلو 'اوں چھنا'۔ 'اوں چھنا' کران۔
دوٚہس آم تہٕ قرار کیٛنہہ تہٕ دفترٕ۔ گرٕنہٕ ہندی یاٹھو چھُس ژھرٕٹہٕ
ژھرٕ ٹھ کران۔ اَکہِ کمرٕ نیران۔ تہٕ بیٚیِس کمرس اَژان۔ شام وقتس دراے سارِی
پنُن پنُن گرٕ۔ وَنہٕ پکان پکان آم خیال گرٕ چھُم بڈِ یارہ کنہٕ وَسُن۔ پتیم تَن
صُبحکیو منزٕ کانہہ بُتھ۔ مےٚ کوسہٕ قیامتھ گرٕتھ تمہٕ وزٕ۔ چھُنا صلاح گھنٹن
دوٚن ترٕن پھیرٕو امیراکدلس منز۔ یوٗتام اَتہٕ گوٚٹ ہیوٚ گرٕتھ۔ اَدٕ کیاہ تی گوٚو
جان۔ کوٗر مےٚ پانس سیٹھا فاصلہٕ۔ مگر گرٕتھ کوٚت ؟ ییمی سوچان بیٚیِم

انگریزی فِلمہ ہِندِس اَکِس اشتہارس پیٹھ نظر۔ ' ویری گُڈ '۔ وُچھنہٕ کیاہ گژھ
جان۔ روپیے چھہٕ چندَس منز۔ مَرس منز ژھنوس فِلم وُچھتھ۔ یُوتام فِلم مۄکلہ
توٗتام آسہ اَتھٕ کمہٕ ہنہٕ گاٹھ۔ اللہ اللہ خاژ صلاح۔

یُوتام فِلمہ ہُند وقت ووت توٗتام نی مےٚ لال چوک تانۍ زہٕ رونڈہٕ
مٲرِتھ۔ سینما گھرچ گھنٹی بجے یہ۔ ٹِکٹہٕ گیہ شُروٗع۔ بہٕ چھُس بڑہٕ اطمینانہٕ
سان اندری مس چندَس اَتھ ژاوان۔ مۄڈُس! مےٚ ژٲج کنی کٲژھ نیرِتھ
اَتھ چھہٕ چندسے منز۔ چکھ گیہ ہواہس منز غائب۔ اورہٕ یور دِژم نظر۔ مگر
شُکر سٲری آسہ ٹِکٹہٕ کڈنس کنۍ لگمژ۔ یہ ریٲنی ژاوج چکھ گیہ نہٕ کانٛسہ
کنۍ۔ لوٗت لوٗت ہیوتُم پوٗت۔ سڑکہ پیٹھ بوٗن وٲستہ کوڈُم چندہٕ منزہٕ
اَتھٕ نیبر۔ مۄچھ منز چھُس وُچھان ژۄننہ زہٕ۔ مۄہڑ وٲٹھم جل جل نہٕ چھُس
ژہتھ دِوان۔ مے وارہٕ کارہٕ ژُبھکن روپیہٕ ہند نوٹ چندَس بھٕوو۔ اَتہٕ کیازہٕ
اُچھےٚ آنہٕ؟ اُلٹہٕ آنہٕ کوٚت گیہ؟ — ہاں — او ٹھیک گو۔ کیا سہ
میانِس مُشرفس۔ مے ژُبھجے نیم تریشہٕ گِلاسہ جوراہ چیییہٕ۔ تِمن دِمہ ہنا
بہ پوٗنسہ۔ گۄڈہٕ کر زانہٕ ہا بہٕ دفتر کھسنہٕ وقتہٕ نیم تریش چیییہٕ۔ مگر یاپ پینز
خبر کتہٕ اٲسم ییم وۄنہٕ راوکھ پوٗرو زنمہ مٲری رِتھ۔ ییمو بہٕ ژُبھجن بھرٕٹہ واے
کوٗرہس۔ وۄنی؟ یہ سوچان سوچان بجے یہ ترییم گھنٹی۔ نہٕ دروازن آیہ کرہٕ ہند
پردہٕ چارنہٕ نہٕ فِلم گیہ چالوٗ۔

" چھُنا صلاح تھرڈ کلاس ٹِکٹ ہیمو۔ وُچھ کُس ییتھ رشس منز۔"
چھُس بہٕ یہ پانس سیتی مشورہ کران۔ اَدہٕ کیاہ۔ یہ اوس ٹھیک۔ مگر ییتھ ٹیہ
کوٗن وُچھتھ کیاہ وَنَن لُکھ؟ ہا نہٕ سہ گیہ بلہ پانس زٹ کرِنۍ۔ تیلہٕ؟ ہاں

کرٕو ناکام۔ یِمہٕ ٹے تھاوِن مُژرِتھ چندس منٛز۔ پَتہٕ چھُ برابر فسٹ کلاس
اُسِتَن یا تھرڈ کلاس۔ کانٛہہ ہێکہٕ نہٕ کیٛنہہ وَنِتھ۔ یِی سوچان سوچان گوس
بہٕ ژۄرِ ژۄرِ سینما ہالس نِش کُن۔ وُچھم کھوٚورہ نظر دِتھ نیم جَل جَل ٹے
مُژرِتھ یِمہٕ تھاوِم دۄن دۄن چندس۔ ٹِکٹ ہیٚتِرام تہٕ پانس ڈٔکھ ژاٗنِتھ
گوس تھرڈ کلاسس منٛز داخل۔ شہمتہٕ کارٕ اَتہٕ نہٕ اکھ جایہ ہِکھیچھ نہٕ خالی۔ سَہ
سہ کُس یِکہٕ ہیے برونٛہہ کُن۔ شرمہٕ دادِ گوس بہٕ وَسِہ وُنیٛ اَکس ہیٚرِ پاوس
پیٛٹھ بِہِتھ۔ لۄکچارس اوسُس بہٕ دۄہہ پتہٕ تریٛیہ پھیر تھرڈ کلاسس ژامُت،
مگر اَندکُن ہیٚرِ پیٛٹھ بِہِتھ فلم وُچھنٕک اوسُم یہ گۄڈنیُک موقہٕ۔ بہان
بہانہٕ دِژ مےٚ سکرینس نظر۔ مےٚ کُڈ وۄتھہِ ہِش۔ یِیانہٕ پروردگاراہ یہ کیاہ
مےٚ چھِ انسان کلہٕ پیٚمہٕ خرگوٚشہ کلہ ہِی باسان۔ اَچھن دِژم مۄرنا۔ دۄیمُ خبر
مےٚ ما آیہ گاشس کیٛنہہ فرق۔ مگر مۄرنہٕ سیٛتھ بدلیوو نقشہٕ سورُے۔ دۄہنی چھم
اَکہٕ بدل دۄ کلہٕ باسان۔ دلیل؟ یہ ما چھُ ایکسرے میچھ؟ زانہٕ خداہ
— ہاں مےٚ یُس وُچھنہٕ رُکہٕ بِہِتھ اوس تمِس دِژم کھوٚنہٕ وٹہٕ سیٛتھ لۄتی زیر
تہٕ وُ تھوٚوٚ تمی پرژھمس۔ "ژہٕ کیا خفہٕ چھکھ لگنہٕ یوان؟"

"کہیں نہٕ" سہ دۄپھتہٕ دل چھٹِتھ ہیو تورٕ۔" مےٚ چھُ باسان
دۄنکھے لوگ۔ کھیل اُس اوترِج۔ اکھ اکھ ڈانس یوہ ہیس لچھ پچھ
رۄپیہ۔"

"پۄز چھُ۔" بہٕ وۄتھس دۄہش ژاٗوِتھ۔ مےٚ پرژھیوس کیاہ نام
اُمی وُچھ نم بدلے رشتیچھاہ۔ خارِ فلم چھِ کیاہ نام چلان تہٕ مےٚ چھُ کیاہ نام
یوزنہٕ یوان۔ موٗرا آسہٕ یکان۔ مےٚ باسان زِ پیٛٹھ گاڑی ہِش کیاہ نام ژلان۔

گۆ ہیڈلانگ کرِتھ باسان۔ سائیکلس زٕ[2] وِہل آسان بہٕ چھُس یک وِہلی سائیکل وُچھان۔ بانس سیتھٕ چھُم اَسُن تہٕ یوان تہٕ وَدُن تہٕ۔ دوٚیُم ہتا زوٚہ کیٚتھ نوٚگٕچھ۔ خار پیٚتھٕ رتھتھ نٕپس مَنٛز پَنٛژھ گھنٹہ ڈاے کڈِتھ۔ شو گَو ختم۔ تہٕ مَنٛز کڈ گٔنی لانٛچھ یاوِن تٕرِن تہٕ نٕہک کوٚڈُم نیٚبرٕ کنہٕ۔ چَندن چھُس ژھانٛڈ دوان۔ ٹُے نَدارد !! ڈٕجیم اَناسپرٕ۔ وُنہٕ چھُس بہٕ چَندَن ژھانٛڈ دوانی یار زٕ[2] ترٛیہ[3] گیہٕ جمع۔ ییم بیٚٹھو فِلمہٕ مُتلِق بحث کرنہٕ۔ اَکھ وَنان جان اَس بیاکھ وَنان مومُولی اَس۔ بیاکھ کیاہتام وَنان تہٕ بہٕ چھُسکھ بٕلہٕ اوٚہ اوٚہ کران۔ بہٕ چھُس اَندری مَرِتھ ژاپان۔ مگر وَنہٕ کٔس۔ یُسے بوزٕ سُہ کیاہ وَنہٕ۔ ییٚمی دوس چھہٕ فِلمہٕ مُتلِق کیاہتام وَنان زٕ مَنٛز گیہٕ پُتہٕ کِنہٕ کیٚتھ کیٚتھ ہش کٔنہٕ گردَن پھیرِم اَکھ نظراہ وُچھم ژادراہ وَلِتھ بیٚنیس کُن وَنان ــ "وُچھ سائٕ اَمہٕ کھعوتہٕ آسہٕ ہے بیٚنہٕ کینٛہہ نو بُتھ۔ لَگہٕ کیٚتھ بہٕ رنگ دار ٹُے"

دراصل ناخبرکٔس شکس لد ژامُت ٹُے گَنڈِتھ فِلم وُچھنہٕ۔ وَولا اَسہٕ چھُہٕ گرٕ ہونہٕ بچہٕ ہنا تمو سِے لَگہٕ کالہٕ بدلہٕ۔ جانہٕ گَو آنہٕ زٕ بانٛرِتھ آیہٕ نفع "

یہٕ وَنان وَنان کھُتو تِم دوشوٚے سائیکلس تہٕ باگھٕ وَنان وَنان دٕرایہٕ دُروہ بجن کُن۔ بہٕ چھُسکھ مُدٕے گَنڈِتھ وُچھان توتام یوتام تِم مودٕ ہہ ڈالی۔

# ٹاکہٕ زینہ گیرؠ

ٹاکہٕ زینہ گیرؠ چھُ ہردٕ شیوہ زینہ گیروک
روزن وول۔ اُمہِ سُند پورہ ناو چھُ عبدالخالق تہٕ وابستہٕ
چھہ مشیرمال سِندِس محکمس سیٖتؠ۔

ٹاکہٕ زینہ گیرؠ سِنٛز کتاب "کاشریک علاقہ واد
پھیرٕ" چھہ اوترٕ اوترےٚ بازرس منٛز چھپتھ آمٕژ۔ یہ
کتاب چھہ ۵۱۹ ہن صفحن پیٹھ پھیلتھ۔ ٹاکنہٕ چھہ لفظ
سۄنبراوان سۄنبراوان اکہِ جایہ پیٹھ دوٚیمہِ جایہ گژھان
کٲفی محنت کٔرمٕژ۔ اُمہِ سِندؠ وَننہٕ۔ "دسمبر ۱۹۶۰ء پیٹھ
دسمبر ۱۹۶۶ تام شیٚن وَریَن کوٚر مےٚ تحقیقات۔ ژوٚن
وَریَن روٗدُس علاقن تہٕ تحصیلن منٛز پھیرِ پھیرِ مُعاینہٕ
کران تہٕ پھیرٕ وُچھان......"

اُسہِ چھہ یٖتھن اُمہِ سُند اکھ مضمون پیش کران
یُس ریڈیو پیٹھ نشر سپدیومُت چھُ۔

ٹاک زینہ گیری

# کأشُر زبان ـــــــ کینہہ خیال

کأشرِ زبأنی منز کم کم پرٛژر چھ؟ اَتھ کتھ سام ہینہ خأطرٕ تہٕ ویژھنہٕ کران چھُ یہِ ضروٗرٕی زِ اسہِ وُچھو محقق کیاہ ییژھ پچھ ارِچ تھاوان۔ مُلکی محققن ہُند یہِ وَننُ زِ یہِ چھہ اَکھ پرٛژ تہٕ بٔڈ وُسجار واجینو زبان یہِ وَننہٕ زِ یہِ گوہ یأنی پانے پننہٕ زور گنٛزراونی۔ پتہٕ چھُ بنان زِ پننہِ چیز چھُ ہمیشہ ڈٕلٕھ آسان۔ اَمہ کنہ ہیمو اسی غأر مُلکی محققن ہُندِس وَننس سام زِ تِہمو کیاہ چھُ اَتھ زبأنی متعلق لیوکھمت۔ بُہلر اکھ یوٗرپی محقق چھُ لیکھان زِ:

"کأشر زبان چھہ سیٹھاہ پرأنی تہٕ پرنی لایق زبان۔ گرامرِچ پرژ تہٕ وَزن دار ویژھنہٕ آسنہٕ کنو چھہ یہِ ہندوستأنی زبأنین منز سیٹھاہ بوڈ یزت تہٕ مرتبہٕ تھاوان۔ تکیازِ اَتھ منز چھہ گردانن ہنزِ نیہ صورژ پرانیو اصولو کنہ ترتیب دِنہٕ آمژ ۔ یہِ ترتیب چھہ بیٚین ہندوستأنی زبأنین ہندِ خأطرٕ بڑہ مشکل۔"

جی، ٹی، ڈیٖن بیاکھ اکھ یوٗرپی مُحقق چھُ وَنان زِ :-

" کاشرِ زبانۍ منز چھُ انگریزی تہٕ عربی زبانَن ہندی پاٹھۍ
لفظن ہُند بڈٕ وُسجار۔ یمَن لفظن ہندِس تلفظس منز چھ
یپٔرٕ برنٛز آوازٕ نیران۔ یہ تہٕ بیٚیین زبانَن منز مُمکن چھُ
اکھ حرف چھُ کُنٛزَو تانۍ آوازو سٟتۍ وَننہٕ یوان۔ تہٕ اکس
لفظس چھ واریاہ معنہٕ نیران"۔

ڈاکٹر نولنز پھیٖر کشیرِ منز واریاہَن جاین تہٕ کرٕن دلیلہٕ جمع۔
کأشرِس منز دلیلن ہُند سوٗدُر وُچھِتھ گوٚو سُہ حٲران۔ پننہِ کتابہِ " فوک ٹیلز آف
کشمیر" ہٕنزِ گوڈٕ کتھِ منز چھُ سُہ لیکھان زِ :

" خالی آسہٕ دُنیہچ کانٛہہ زبان یتھ یوٚت پوشِتھ تہٕ بوڈ
لوک ادب چھ یوٚت کأشرِ زبانۍ چھُ۔ مگر یہ دوٚداو تہٕ ازتام
دۄیاہ کین لوکن بروٚنٛہہ کُن دوٚیُو وجہو کِنہٕ۔ اکھ یہ زِ
کأشر زبان چھ ہندوستانچو باقے زبانیو کھوتہٕ جادٕ مُشکل
تہٕ دوٚیِم یہ زِ کشیٖر چھ کوہَو تہٕ بالو سٟتۍ وُلِتھ تہٕ سِنْز
وَندٕ آسنہٕ کِنہٕ چھُ یورپُن گژُھن مُشکل بنان"۔

ڈاکٹر سٹین۔ یمیو کأشرِ زبانۍ ہنزٕ دلیلہٕ " ٹیلز آف حاتم تیلی"
ناوٕ لیچھ۔ تہٕ چھُ یُتھے پٔرژھ تھاوان۔

جارج گریرسن یمہٕ شاہ کأشرِ زبانۍ خدمت کٔر، تمہٕ شاہ کرٕ تہٕ
وُنیکۍ تام کانٛسہٕ کأشرہِ تہٕ۔ اُمی لیچھ کأشرِ زبانۍ خاطرٕ واریاہ کتابہٕ۔ یہ چھُ
پننہِ کتابہِ لنگوسٹک سروے آف انڈیاہس منز وَنان زِ :-

"ماہرِ لسانیات سندہٕ خاطرٕ چھُ کاشُر زبان سیٹھاہ
اہم زبان۔ یکیازٕ یہ چھ آرین زبانیو منزٕ کُنی مِثال
یمہ سٕندِ وُنہٕ تہٕ پٔلِم[1] زبٲنی ہیتھ اَلہٕ[2] زبٲنی ہنز صوٗرت پراوان
چھ۔"

مُحقِقن ہنز یہ ویرِ شنُے چھُ اُکس تحقد زبٲنی مُتعلق یمہ سٕرتھُنہٕ
بینہٕ پتہٕ لگ بھگ ہمیشہ بیکس تہٕ بے بس روُز۔ اگر اَتھ بڈشاہ تہٕ یوٗسف شاہ
زٕکِنس وقتس منز کم زیادہ اَتھ روٹ سُپُد۔ مگر تمہِ پتہٕ یا تمہ بوٚنہٕ ہیوٚل
نہٕ اَتھ کانہہ تیتھ سرپرست یُس اَتھ کُنہ نتہٕ کُنہ رنگہ سرپرستی کرِہے
یہٕ چھُ اَمی زبٲنی ہُند طاقت زِ یُس اَتھ منز وُنی کینہہ رنگہٕ رنگہٕ ادبی سرمایہ
چھ تہٕ آو پانٕی پانے وجودس منز۔ مقبوٗل شاہ کرالہ وارٕی کوٚر ضیا نخشبی
سٕندِس فارسی نوشس لیہ کٲشرِ پاٹھی ترجمہ کانٛسہ ہنزِ تحریکہ ہیتھ یا کُنہ لالچہ
نہٕ۔ اُس وہاب حاجس کانہہ لالچ زِ تمہِ کوٚر شاہ نامس تہٕ سام نامس
ترجمہ۔ تہٕ اَتھ شارٕ انبار تھوٚون اَسہ بروٚنہہ کُنہ۔ یہ کینژھاہ کرُن آو تِتھہ
اوس نہ کُنہ اِدارک یا حکومتک ڈوکھ۔ بیترِ بے بسی منز اگر اَتھ رٕکھیٚن
ادبی سرمایہ آسہ ہے نہٕ۔ تمہ تکِلہٕ تہٕ رییہ ہے نہٕ وننہٕ زٕ یہ چھ خٲلی تہٕ کھوٚکھر
زبان۔ مگر اَمِیک وُسعار تہٕ اَکھ بڈ زبان آسنک ثبوٗت چھُ یہی زِ
اَمہِ کوٚر بے سرِ نتہٕ بے ڈوکھ اُستھہ تہٕ یِنہٕ زندگی ہُند سامانہٕ۔

جی، ٹی، وِینٕن یہ وَنُن زِ اَکِس لفظس چھ واریاہ آوازہٕ
نیران۔ نی توٚن لفظ "تر"

(۱) تر۔ بمعنے حُکم کُنہ کولہ یا نالس یا بیہ کُنہ چیزس ترنُک

(۲) ترٔ ۔ بمعنے کُنہِ کنہہ ہُند پے پتاہ

(۳) ثٔر ۔ بمعنے سوہ زنانہٕ یوٚس نہٕ کُنہہ کوٚلہِ یا نالس ترٔ

(۴) تٔر ۔ بمعنے مُچھ یا بیٚنہِ کُنہہ کُلیک سہ حِصہ یتھ پوش چھ آسان۔

(۵) تٔر ۔ بمعنے کپرٕ رپل یا رٕژھ

(۶) تر ۔ بمعنے مخولہٕ

(۷) تر ۔ بمعنے سردی

(۸) تیر ۔ بمعنے کٲنسہ جانورسنٛزٕ جسمچ جنٛھ

(۹) تیر ۔ بمعنے گَبہٕ کَنھٕ یُہند یکہ وٕٹہٕ ناو۔

یتھی چھ واریاہ لفظ۔

کٲشرِ زبٲنی ہندِ علاقہ واد پھیرہ لیکھنہٕ پتہٕ ووتُس یہٕ اَلقہ نتیجس
پیٹھ زِ کٲشر زبان ہیکہ کانہہ تہٕ ضنوٚر رژھ پوٚرہ کرتھ یتھ بٲنٹھو عربی یا انگریزی
زبٲنی منٛز کُنہہ چیزس واریاہ ناو چھ ۔ اَلقہ منٛز تہٕ چھ ۔ نی تون شہ لوکٹ کیوم
یس اُردو بٲنٹھو مینڈک وَنان چھ تس کُنہ ناو چھ کٲشرس منٛز ۔ (مانٛ ، منز ، نہنز
زنٛگہٕ موٚنڈ چو ، منٛہ موٚنڈجو ، مینو ڈڈہ ، منہ گوڈ ، منہ گگر ، مانٛہٕ وٕٹ ، موٚنڈٔلوک ) گاو
یمس وٕری کھنڈ آسہ گومت پیامژہ تس چھ وَنان بٲچھنو ، بٲکھو ، نوٚپیاوٕل
کھانگر ، بٲنیچھ۔

مکاےٚ وٕچہٕ یُس پھلیو اَندرو چھ آسان ۔ چھوٚر ، تکہٕ ، کٕشر ، شُہر
زنبگ موٚہ یُس ہردہِ کھوٚہ منٛزی چھ آسان ۔ بٲنکھ ، چونچرٕ ، بٲنکھ ، وٕنزِ ، گروٚمچھ ،
زنبگ موٚہ ۔ شستر زٲن ۔ مایا ۔ موٚو ۔

پننہِ کتابہ کٲشریک علاقہ واد پھیرس منٛز چھ مےٚ یتھو واریاہ لفظ

سوٗنبرٲوِی ہیتھ۔ غرض کاشُر زبان ییٚمہٕ رنگہٕ رٔژون۔ سۄ نظم آسہِ تن یا نثر۔ افسانہٕ
آسہِ تن یا ڈراما۔ مثنوی آسہِ تن یا مرثیہ۔ رباعیات آسہِ تن یا قطعات۔ اَمیُک ہلم
چھِنہٕ کُنہِ تہِ صنفہٕ نِشہِ خٲلی۔ یہِ چھُ علاحدٕہ سوال زِ کوتاہ کیاہ چھُ اَگہ کیہِ
کیہِ چھُ۔ مگر چھُ۔ ییٚنہِ وول زمانہٕ چھُ نشانہٕ اُزِک ییٚہنڈ ہاوان زِ ییٚنہِ وٲلِس
زمانَس منز کاشرِ بجرہ تہٕ وُسعت واجینہِ زبان آسہِ یہِ۔ اَتھ سیٚتہِ سیٚتھ چھ
اَمہِ کین لیکھن والین ییٚہنڈ تہِ بۆڈ ذِمہ وٲری زِ تِمہ وُچھن زِ اَتھ منز کَمہِ کَمہِ چیزِچ
کمی چھےٚ سعہ انفرادی حیثیتہ چھا یا اجتماعی رنگہ ییٚتھ وتھہ صورتَس منز اگہ دوٗر
کرنہٕ ییٚیہِ۔ کاشرِ زبانِ چھُ وُنِ کیٚس لِکھارِین ہُند تیوٗت سرمایہ ییٚمن ییٚہنڈ سعہ
ہیٚکہِ فخر کٔرِتھ۔ ییٚیہِ کُنہِ تہِ رنگَس منز۔ سۄ تحقیقاتی مواد چھُ، یا تنقیدی محرکہ چھُ۔
نظم، نثر، ڈراما یا بییہِ کانٛہہ صنف چھُ۔ قلم کار چھ پرٛیٚتھ رنگہ قلمچ جولٲنی ہاوان۔

# شمس الدین احمد

خوش پوش تہٕ خوش گُفتار۔ شمس الدین احمد چھُ زینہ کدلس نِکھہ اَکِہ محلک روزن وول ہگر وسہ ژ چھ ہنز میو کینشرِ ووری یو پیٹھ بال گارڈٕنہ بان۔ ژائِد صاٮ۪بُن ناو چھُ خواجہ محی الدین جان۔ تہٕ تارِیخ پٲدایش چھُ ۱۹۳۱ عیسوی۔

شمس الدین صاٮ۪بَن یِمہِ ایرٲنی ادبکِو نثری شاہکار پھرنیچ کام شورُوع کرٕمِژ چھےٚ سو چھ سیٹھاہ مُبارکس لایق۔ یِم چھ وُنیکیس کٲشرِ ادبُک اَکھ نثری شاہکار "پیامبر" کٲشرِس منز پھران۔ یہِ کتاب چھےٚ پیغمبرِ اسلام حضرت محمدؐ سٕندِ زندگی مُتلق۔ یہِ کتاب چھےٚ مُلکہ تِلہ فرانسیسی ادیب ہینری مینسی (Henry Masse) سٕند ترجمہ۔ اَمہِ بروٚنہہ چھُ شمس الدین صاٮ۪بَن "حاجی بابا" ترجمہ کرِتھ مرٕکلو وُت۔

●

داستان پروفیسر شمس الدین احمد

# حاجی بابہ

## (۱)

## زیون تہٕ پرٛہ چھُن

میانِس مٲلِس اوس ناو حسن کربلاۓ یُس اصفہانکہ اکھ نامہٕ وار ناوِد اوس۔ بیلِہ سہٕ سدا اُہِر ووت تمۍ کرٕ اکِس شمع کنن وٲلِس ہمسایہ دانہٕ وٲلی سیٚنٛز کوٗر نیتھر۔ اَما پوٚز سہٕ بنیہ نہٕ تس پھرپیٹھ کینہہ تہٕ۔ سہٕ اوس ہانٛٹھ تہٕ بابہٕ صاٲبنٕ تہٕ اُمس تس کُن کیہہ پھٕن مارے۔ پننہٕ ووستادی تہٕ ناماواری رٕکنہٕ اُسو اُمس تہتو خریدار خاص کرٕ تھ بٔڈۍ تاجر یوان زٕ ۳۰ (ترٛیشہہ) وری کوم کسب کرٕتھ گیس بیاکھ زنانہٕ کرنہٕ چ خاہش پاٚدٕ۔ اَکِس دیارہٕ وٲلِس صرافس مٔنٛجِن کوٗر تہٕ ووت پننِس مقصدس۔ تکیازِ بابہٕ صاٲبن اوس تس صرافس تسندِ کوٗرِ مَس کہ ہمت۔ تمۍ ہیوکنہٕ اِنکار کرٕتھ۔ اَدٕ سہٕ کھ زٕ کینژن دوہن سہٕ کلِہ ہے گمہٕ ڈٲنِچ زنانہٕ ہندٕ وہندٕ مزرٕ نشہ۔ تہٕ نوٚس ہاہرٕ بابس، یُس اصلس کھوٹ کرنس تہٕ کھوٹ ورتاونس منز ووستاد اوس۔ ٹھیکہ ہے پننہٕ پر ہیز گاری دزاو کربلا کُن۔ نوٚ زنانہٕ تیچن سیتۍ۔ یہ سفر کرنہٕ برونٛہہ اُسو میانِس مٲلِس صرف حسن ناوِد ونان۔ مگر اَمہ پتہٕ دِتہٕس کربلاۓ لقب

پننہٕ نس دِلس تسلیاہ کرنہٕ خاطرٕ ٹھوٗو مےٚ ماجہ یسنٛدرٕ دٕسوہنہٕ زانہتہٕ تہٕ مےٚ
رٕژ تربیتاہ دٲژ حوٚتج ناو۔ یوٚہے ناویُس بیت اللہ وُچھنہٕ پننہٕ والین چھُ
آسان۔ یہ رٕوٗد مےٚ ساری سےٚ وُمرٕ سیٹھاہ تہٕ امہ سیٹھ بٔڈیوو مےٚ سیٹھاہ
یزت یتھ لایق نہٕ بہٕ اوسس۔

سفرس نیرنہٕ برونٛہہ اوس بابہٕ صابن پنُن وان زِٹھس ژاٹِس حوالہٕ کوٗرمُت
مگر توٗرٕ یتھ یلہ بابن کامہ ہُند بازر گرم وُچھ تہٕ ہیوٚتن تس وان کربلا کہٕ ناوٕ
کہٕ برکتہ بیٚیہ پننہٕ پرہیزگاری ہاوی ہاوی زیادٕ زیادٕ بڈُن۔ تِمو ژھنو وہنی
بڈین بڈین خریدارن علاوٕ مولوی ین تہٕ عالمن تہٕ ٹھیچھ۔ میانہٕ تربیرٕ ہُند
اصلی مقصد اوس زِ بہٕ گوٚژھس کھوار چلاونس منز وٕستاد بنُن۔ تہٕ یکھ
پر گئنتہ پتہ آسنہٕ زٕ دُعاے خاطرٕ تہٕ نمازا گژھم تگنہ پرنی۔ خوش قسمتی
وُچھ زِ بہٕ گوٚژھس بابہٕ صاب نیو خریدارو منزٕ اکس اوخُن صابس حوالہٕ
یُس سائنس وانس سیٹھا مشہور منز سبق پرٕ ناوان اوس۔ بابہٕ صاب اوس
پننہٕ دینداری ظاہر کرنہٕ خاطرٕ امس اوخن صابس (بابہٕ صاب نہٕ ونُنہٕ کنہ) فی
سبیل اللہ ئس کاسان۔ امی اوخن صابن وُچھس بہ وانس منز تہٕ بابہٕ سُشنز
نیکی ہُند پژھن دِنہٕ خاطرٕ ہیوٚتس بہٕ امو مُفتے پرناوُن مٹہ۔ امی سنزٕ محنژ سیٹھ
لاریوو مےٚ کم کینٛہہ علم دون ورین منز۔ مےٚ ہیوٚت قرآن مجید روانی پرن تہٕ صاف
ہاٹھو چھیٹو ونٹھو لیکھنہ۔ پھیرنہٕ کنِ دوہہن اوسُس نہٕ بہٕ بہتھ کینٛہہ تہٕ روزان
مالی سندِس وانس منز ہیوٚت مےٚ ناوِ کار چوب کھسو کھسو ہیچھن تہٕ یمہ
دوہہ خریدار گتلی آسہن۔ تِمہ دوہہ اوس مےٚ خروالین تہٕ وٚونہٕ والین مس
پوان کاشن۔ پوز گوو یہ زِ بہٕ کیاہ کاسہ ہا تمن مس۔ تمن بچارن اوسُس

بہ ڈراٹھ ناپڑ کران ۔ مگر مزدوری اوسکھ پورہ پورہ ہیوان ۔

یِیلہِ بہ شہرہ وُہر ووتُس مشکلی سان ہیکہ ہے کانْہہ وِہنتھ زِ بہٕ
اوسُس کھور چلاونس منز ووستاد کینہِ زبان چلاونس منز ۔ نادِد کامہ منز
اوسُس بہٕ بڈِہ نرمی سان مس کاسنہٕ ، رُت اصلاح ہیکہٕ ، وُٹھنہٕ دار ریش
ہُمن تلہِ کنہٕ وال ، کنن ہندی وال ، جان پاٹھی کاسنہٕ بتیہ حمامس اُتھ بۆڈ نتھ
تہٕ حمامس منز اُتھ سارنے کامو ورائے اوسنہٕ مالش کرنس منز ، صابن
مُتھنس منز تہٕ ٹھپس کڈنس منز ییمیک رواج زیادہ مشرقس منز چھُ ہمیشہ
کانْہہ تہٕ ووستاد ۔ یِیلہِ بہ خریدار سنزہ نرہ زنگہ رٹان اوسُس ۔ پتھر
پاٹھ تس پیچھ کھسِتھ مالش کران اوسُس ۔ ٹھپس نیرِ ہیچ آواز اُس
بوزنس لایق آسان تہٕ میانین اُتھن تہٕ اونگجن ہند پکُن اوس اکھ وُچھنس
لایق تماشاہ آسان ۔

اوخن صاحبنہٕ برکتہٕ کوٗر مہ پننس کلامس منز بڈین گمِن ہانُن
خاص کر شیخ سعدیؒ تہٕ خواجہ حافظ شیرازی سندی شار ژیتس تھاوِتھ
میچھر یادِ ۔ کُنہٕ کُنہٕ ساعتہٕ اوسُس لوت لوت گوہنا کران ۔ ہیمہٕ سیتھ
گعو میانین وصفن ہُر ہر ۔ بہٕ بنیوس خریدارن ہند دوست کامل تہٕ ساندِہ
پیشہ آسو مہ زانان پنن رفیق ۔ اَدہ تیم حمامس منز آسہن یا کُنہٕ باغس
منز ۔

بابہ صاحبن وان اوس شاہی سرایہ سیتھ ییتہٕ تکن ہند اژدہام
اوس آسان ۔ اَمہِ کِنہ اوس سون وان اکھ اکس سمکھنچ ییندہ اہ پش
بنیومت ۔ ساری خواہ تیم شہرکی آسہن یا بیکہِ ملکک آسی اُتی سمکھان ۔ کُنہٕ

وۄنہٕ اُسہ خریدار میأنِی مخول تہٕ حاضر جوٲبی وُچھتھ میٚہ مۄزوٗرہ کھوتہٕ زیادٕ
پہَن دِوان۔

خریدارو منٛز اوس اکھ تاجراہ اکھ بغدادُک۔ ناو اوس عُثمان
آغہٕ۔ اَمِس اوس میأنِی صحبت پسند تکیازِ تٔرکی ٹکن سیٚتہٕ لین دین آسنہٕ
سببہٕ اوس سُہ تہٕ بٔلی ترکی زبان چلاوان۔ اَوے اوس اَمِس میأنِس
ہٕلی سپندِ اکھ مُس کاسہٕ ناوٕنہٕ کھوتہٕ میأنی اَکھ مُس کاسناوُن پسند۔ اُمہٕ
شخصن کوٚر تِمن مُلکن ہیم اُمی وُچھتھ تہٕ ہیمن یہ پھیورمُت اوس تِتھ بَجرہ تہٕ
تھزرہ سان تأریف زٕ میٚہ گیہٕ سفرس نیرنہٕ سیٚتہٕ پٲٹھی کل پأدٕہ۔ ییمہ نے
دوہَن اوس اَمِس پانس سفرس نیرُن تہٕ اَمِس اوس حساب وساب لیکھنہٕ خاطرٕ
اَکس مُنشِیہٕ سُند ضرورت۔ بہٕ اوسُس قلم تہٕ کھور چلاونس منٛز کأملی۔ تہٕ اُ
کورُس بہٕ پانس سیٚتی ٹلنس پیٹھ مجبور۔ تِتھی سبزباغ ہأوِن تِم زِ بہٕ گوس رأضی
ییلہِ میٚہ یہ کتھ بابہٕ صأبس ہأو۔ پنُن فأیدٕ زِ ہانٛڈتھ کوٚرنِم اِنکار تہٕ وۄننِم زِ
فأیدہٕ خأطرٕ پنُن کوٚم کار گُلہِ یِتن ترٛاوُن تہٕ وارٕہ کارٕہ خطرس منٛز اَژُن چھُ
گاٹہٕ جار۔ مگر اَتھ بُرونٛہہ ٹکُن نظر ترٛأوِتھ تہٕ بیٚیہِ ہیوُن معقوٗل تنخاہ وُچھتھ
گوہ رأضی تہٕ یِڈ برِتھ دعایہ خأر اکرِتھ تہٕ نوٚین کھورِن ہنٛز اکھ گیڈرا
دِیتِنم رخصت۔

اگر میانہٕ ماجہ اوس نہٕ اَکھ سود ہِس منٛز کانٛہہ نفاہ۔ یوزنہٕ دِیوان نہٕ
سعہ اُس نہٕ ہیوان دۄہر کانٛہہ پان۔ بیٚیہ اَمِس نہٕ سوہ میٚہ ہأوِس شتِم سُند اَکھ ہیے
شتُھیس سیٚتی سفرس نیرُن رُت زانان۔ مگر ییلہِ تِمہ ہیوٗن یِرادٕ مضبوط اوچھ
تہٕ توٗرُس نکیہٕ زِ بُتھ ما گژھِ جسم نیٚچو آباد۔ گیہٕ سعہ تہٕ رأضی۔ ڈاٗنبج دہٕ۔ جو اَبہ

آسہٕ وُنے۔ اَمہِ دٲنٛشم ژٕ چھ دَجاہ تہٕ بیٚییہ دٲنٛشم اَکھ دَوا ڈَبہٕ ہنا تہٕ دوٚپنم یہِ دَوا
چھہٕ اُڈٕج کھٮ۪ٹنس، داگہٕ تہٕ دٲگہِ وِزِ تہٕ بیٚیہِ سارٮ۪نے اَندرٕ مینٛ تہٕ نیٚبرٕ مینٛ
بیمارٕ ین بیکار یوان۔ سیٚتی کوٚرنم تاکید زِ نیٚبرٕ نہٕ وِزِ اُتھی زِ بیٚیہِ واپس یتھ
وارٕ کارٕ سفرٕ پیٹھٕ واپس پھیرکھ۔

(۲)

# حاجی بابہ سُند گوڈنیُک سفر

تہٕ

## تسٕند ترکمانن ہٕندِ دٔسِ قاد سپدُن

عثمان آغہٕ دراو خراسان کُن پہٕ سوداگرنہٕ خاطرٕ زِ مشہدس
منٛز بُخاراچہ کٔرٕ بستہٕ ہٮ۪تھ کُنِنہٕ استنبولس منٛز۔ یہٕ زٲنی توٚن اَکھ شخصاہ وُڈھ
پوٚتھر، ژھوٚٹ تہٕ موٚٹ، کلہٕ سیٹھاہ بوٚڈ تہٕ گردن فیکن منٛز زن سنیمرٕ۔ ریش
سیٹھاہ گوٚن تہٕ کرٕہن۔ بُتھہِ شُنتلی مُشر۔ ویٹھ نستاہ کٕرٕتھ یوسہٕ ہمیشہ
پریڈان اُسِس آسان۔ یہٕ اوس نیٚبرٕ کنہ مگر اَندرٕ کنہ اوس پاک مسلمان
نِمازن تہٕ روزن ہُند پابند۔ چال چلن اوسُس سیٹھاہ رُت۔ ہرگاہ ایرانس
منٛز روزان اوسنہٕ فِکرِ تران مگر اَندرٕ کنہ اوس شیعن ہُند دُشمن۔ دیہس
منٛز اوسُس نہٕ پونسہ ہیٚنٛد ٹوٚٹھ کانہہ چیز۔ راتھ کیٚنٛتھ یوٚتام نہٕ پونسہ
بڈٕ رٕژھر تھ کُنہٕ جایہٕ تھاوِس تۄتام اوسنہٕ شونگان۔ پانہٕ زن اوس ژوٗرٕ
ژھیٚپیہ شوراب چیوان مگر ننہٕ وانہٕ شوراب چینہٕ والین اوس لعنت کران
مگر اَمہِ پتہٕ تہٕ اوسُس تسُند کھین چین ٹٲٹہٕ بلوٗ پوشاک سیٹھاہ جان۔ بیٚنہٕ دیگہٕ

آسہٕ دہ ہے گرٕ کأنی تہٕ چلم اُس پٲٹھ وزہٕ چلہٕ وٕنی روزان۔

یونس بہارٕس منز اوس قافلہ نیرن وول تہٕ اُسی تہٕ لگی سفرچ
تیأری کرنہٕ۔ عثمان آغن ہیوٚت پننہ خأطرٕ اکھ زٕڈٲر اور تہٕ دوٚر قاطرٕ مُلی۔
تہٕ ریمبانہٕ خأطرٕ ہیوٚتن اکھ ٹوٗرٕ۔ یسنٕچ گیچھ بار بیگار یعنی ٹھیلہٕ، انگیٹھو، مشک
تہٕ بٲنہٕ اورکی یورکی چیزٕ درأے بہ تہٕ آسن گنڈنہٕ۔ اکھ لونڈٕ ہنانہٕ اُرسس
بُس نوکر اوسُس نہٕ وازٕ تہٕ۔ تِم اوس سامانہٕ کھانس والنس تہٕ لگان۔ اُمی
سنزٕ خأطرٕ اوٚنن خچرٕ اکھ کرایہٕ پیٹھ۔ اُمس خچرس پیٹھ آو اُسہٕ بسترٕ، گدیلہ
شاندٕ گنڈی، قالینہٕ تہٕ رنن بانہٕ۔ تہٕ بٲیس خچرس لدٕ بڈی صندوٗق جوڑاہ یمن
منز خرچہ تُند سورُے داشن نداشن اوس۔ بس یہ اوس سون ساز و سامانہٕ۔

سفرس نیرنہٕ برونٹھہ گژھ راو عثمان آغن پننہ عرق چینہ یدہ سہٕ شہ
دستارس تلہٕ اوس کلس دِوان۔ تِمو تھاوٕ اکھ منز پنژاہ اشرفی زہٕ خبر چھا
تنگی ویزہٕ ماین بکار۔ امہٕ سیرج اُس نہٕ تس تہٕ مہ ورأے بٲیہ کأنسہٕ خبر۔
باقے رہ پیہ تھاوِن سفید چمڑٕ کین بٹوٚن منز پننین پلوٚن اندر صندوٗقس منز ژٲور۔
بیلہٕ قافلہٕ تیار سپُد اَتھ منز اُسی زہٕ ہتھ وونٹھ، پانژہ ہتھ
گُرِ تہٕ قاطر یمن پیٹھ عراق گژھن وول مال تہٕ اسبابہٕ لدٕتھ اوس۔ قافلس
سیتی اُسی تاجر، مالدار گُرِ وألی تہٕ سائیس۔ یِم یتھ ڈوڈ ہتھ نفر سمان
اُسی۔ یمن ورأے آے نفر پنژاہ مرٕ بٲیہ یمن حضرتِ امام رضاؓ سنز زیارت
کرنہٕ اوس گژھن تہٕ یمن زیارت کرن والین ہندٕ سیتی لوگ سأنس قافلس
اکھ مذہبی رنگ، تہٕ لگو زون سون قافلہٕ یہے اکھ توبرکھاہ ہیو۔ یتھس موقس
پیٹھ سلح سامانہٕ گنڈُن زون اسہ واجب۔

عثمان آغہ یَمِس بندوقہٕ ٹاس بوٗزِتھ وٲرٕنج اُس راوان تہٕ تلوار

ہٮ۪نز چمک وُچھتھ اُسس نیندرٕ راوان۔ تمو تہٕ گوٚنڈ رٕلے۔ اَکھ زِیاٹھ بندوقاہ

ژوون دٕچھنو کھووٕرہ چھکین الونٛد۔ کرٛشو بِون کُن گنڈٕن اَکھ پیٹھ یتھ

منز گولہٕ تہٕ شورہ تھاونچہ کُپہٕ آسہٕ۔ کارتوٗس مال ٹرٲون نالی تہٕ بندوٗق صاف

کرنک اَکھ سیخ ٹھکُن پیٹھ منز تہٕ پستولہٕ جوراہ تہٕ ٹرٲون آویزان تہٕ کمرس

گنڈٕن اَکھ ہیچ تلوار۔ تہٕ زِن گہ وسلحس منز غرق۔ مےٚ تہٕ کورسی۔ صرف اوس

مےٚ اَکھ بوٚڈ نیزاہ اَتھس منز علاوہٕ یمہٕ آغس تہٕ نوکرس منز فرق روزہٕ

سون سہٕ نوکر لونڈا تہٕ ژاو چھٹرٕ تلوار ٹوٹکاہ تہٕ نقلی بندوقاہ اَتھس کیتھ

ہیتھ قافلس منز تہٕ دژاو بُرونتھ بُرونتھ۔

دوٚہ اوس رٕت تہٕ ساعت تہٕ اوس جان ییلہٕ زیارتس گژھن

والین ہندو نقیبو پرٕیتھ طرفہٕ نظارہٕ وٲیتھ "نیرِ وٕو ..... نیرِ وٕو" چھ

کرٕیکھ دِژٕ تہٕ اُسہ دژایہٕ گاش پھعلہٕ وُنے شہر کہٕ ڈیڈہٕ کنہٕ۔ اُتھ گوڈنکس

پڑاوس پیٹھ رٕلییہٕ اُسہ ساری گنڈٕتھ امانوز اُسہ اُسہ شریف تہٕ سیٚدی سادہٕ

یوان بوزنہٕ۔ بہٕ اوسس سفرس نوٚوے نوٚوے دژاُمت۔ اَندرِ پیٹھ یہٕ تماشہٕ

وُچھتھ گوس سیٹھاہ خوش تہٕ اَتھ خوشی منز چھُس گرٕس کھور کران۔ تہٕ

چھُس سہٕ وِدہٕ پوٚنشہٕ تُلہٕ ناوان۔ عثمان آغن ییلہٕ یہٕ میانہٕ یہٕ حرکت وُچھ سہٕ

گوو ناراضو تہٕ گرٕس پیٹھ دوران وران آو مےٚ نِش تہٕ دوٚپنم " حاجیا! اگر

ژہٕ یتھے پاٹھو گرٕ وِدہٕ رودُک تُلان یاد تھاوِ زِ ییلہٕ واتھ تہٕ منزِ لس

تو بوٕت۔" خاطر یارن دوستن سیتھ ورتاوم یتھ لول زہٕ گوڈنکیے پڑاوس

پیٹھ کوسُم واریاہن مس۔ خوش گرٕم زیادے خدمت۔ سہٕ اوس گرٕس پیٹھ

ٹھوکمُت تہٕ ژھینوٗمُت۔ تِمَس کُرُم تُرنٛد بٲدشاہ تہٕ مہ بٔڈاہ بُزُن گوو۔ مہ ردہ
زندٕ۔ چشمہٕ زخم لگنہٕ وراۓ وٲتۍ اَسہِ طہران۔ پانَس تہٕ گُرِن آرام واتناونہٕ
خاطرٕ تہٕ نفری منز ہُرہِر سپدنہٕ خاطرٕ بیہِتھو اَسہِ اَتہٕ دٔہن دوہن۔ خطرناک پڑاو
اَسہِ نہٕ وونی اَتہٕ پیٹھ دور کینہہ تہٕ۔ باقی ترکمانن ہندۍ اَکی قبیلَن اَس
مشہدٕچ وَتھ رٹمٕژ۔ تہٕ اَمی دوہہ اوسُکھ اَکِس قافلس پیٹھ حملہ کٔرِتھ تِہُند
مال و اسباب لوٗٹہِ مُت۔ لُکھ اَسِکھ قٲد کٔرِ متۍ۔ یہِ ہیبتناک خبر بوٗزِتھ کھیو
سارِوے تراس تہٕ سٲری سپدۍ پریشان۔ خاص کر عُثمان آغہِ یُس زٕوہ کہِ لرزہ وُچھان
وُچھان خوشک اوس گُرٕہان تہٕ بستَن ہُند کاروبار تراونس پیٹھ تہٕ تیار سپدان۔
مگر دٕیان "یینہِ وَتھ کعبس کُن آسہِ گُرٕہان تینہِ چھُ تژہٕ سیکہِ پیٹھ پکُن سہلے
سیتی یینہِ یہِ استنبولہِ پیٹھ یہِ خبر بوزُن زِ کٹہِ بستہٕ چھُکھ واریاہ دُرہ گامہ ژہنہٕ
اَمہِ سیتی گیس ستھ ہش تہٕ ہیبم ژٕولُس ہیوٗ۔

طہرانَس تہٕ اَندر پیٹھ علاقَن منز روٗدی یمن کینژن دوہن نقیب
زیارتس گژھن والین لُکن جمع کران۔ تہٕ اَکھ بٔڈ جماعتھ رلے یہِ اَسہِ سیتی
بیتہِ۔ نقیب ووٗتھ۔

"پٔری تو حمداہ خوداٸس کُن۔ مہ یوسہ یہِ جماعتھ اَدٕ منٛزہ یہِ گیہ
نٕوٕرن عملا نوٕر۔ وونی تراوِو خوف تہٕ روزِو بے وسواس۔" یہِ نقیب (یِم گوناہ
اَمہِ سبزٕ گردنہٕ) اوس دٕیان زہ اَکہ دوہہ اوس اَمہِ مشہدچہ وَتہٕ پیٹھ
اَکِس مومتس ترکمانس کُلہٕ نیوٚمت ژٕٹِتھ۔ تمہِ پیٹھ اوس یہِ بہادری
تہٕ بے ہیم آسنَس منز موشوٗر گومُت۔ یہِ اوس شکلہِ ہیبتناک تہٕ پوشاک تہٕ
اوشس دیوٚ کھتے۔ قدٕ اوس تھوٚد۔ شانہٕ اَسس کُشادٕ۔ بُتھ اوسُس

تاپہ سیٹھاہ کرٛہُن کال ہیوٚ تہٕ بُتھہِ لبہٕ آسس پھُٹِتھ دزامژہ ۔ اَچھہٕ آسس
زن اوٚرہٕ تٔرامژہ ۔ ریشِچہ جایہِ اُسس ہونگنہٕ پیٹھ ژھاوِلہِ سندہٕ پٲٹھۍ
وال تارہٕ، بٔبین ہاوٕنہٕ خاطرٕ زہٕ بہٕ کیاہ چھُس نہٕ کانٛسہِ کھوژان ۔ کَلَس
اُسس فولادٕچ ٹوٗپیاہ تہٕ شانَن تام شمشیرٕ سپرٕ بندا لوگمت ۔ ہیٚچ شمشیراہ
آویزان تہٕ شانوَ پیٹھ چمرٕچ اَکھ سپر الاٖنزٕ ترٛاوِتھ ۔ زن اوس بلایَن
تہٕ موتس سیٹھاہ بوزِتھ کھینہٕ دزامُت ۔ گُرٕ تہٕ اوسُس نہٕ ناکارٕ، تس اوس
برٛوجرد کہٕ تشخصرٕچ گُنہٕ پیٹھ ۔ تہٕ کنہٕ وراٲے اوسنہٕ تس کینٛہہ تہٕ بوزنہٕ یوان ۔
سپنہٕ بندس تہٕ تنکہٕ اُسس گنٛدمٕ تہٕ رفہٕ نہٕ الانژہٕ ۔ لوٗٹ تہٕ گردَن اُسس
مٲنژہٕ سیٹھاہ رٔنگِتھ زن تہٕ اوسس وارہٕ کارہٕ ذوالجناح ہیوٚ ۔

یہٕ نقیب اوس یہِ لوٗٹ ہیتھ یتھی لاف دِوان تہٕ ٹھَزر ہاوان
تہٕ ترکمانَن اوس ترٛٲوِتھ حقارت کران تہٕ نیچہ نظرٕ وُچھان زِ عثمان آغَن زون
یہٕ نرٕ گنڈان لایق تعویذٕ ۔ زن تہٕ اوس تسندہٕ ییٚہے دُعایہِ خاَرٕچ کنا باہمش
یَس یہِ سیٹھاہ سیٹھاہ روٗد ۔ دَپان اوس: " کیاہ کرَن سمندرٕکی مُلخ تتھہِ ناوِ یتھہِ
حقن نوحؑ آسہٕ پانہٕ چلاوان " نوروزس اُسہ ہفتہ جوراہ گٲمتہٕ مُشکہٕ ژھٹہٕ
ژاوَن وٲلی ہوَمَن اُنی بہارٕچ خوش خبر ۔ ہرُد تہٕ وندہٕ ژول ۔ باغَن تہٕ چمنَن
دزایہِ پوشش پھُٹہٕ پھُٹو ۔ پھُلےٚ تہٕ گُلہٕ ٹوٗاری ہیٚتِن پھولنہٕ ۔ باغو تہٕ چمنو ہُنٛزٕ
گَیہِ کاو غایب ۔ ہزار داستانَن تہٕ بُلبُلن ہُند بول بوشش ہیوتُن کنَن گرٛزھن ۔

# ساقی

موتی لعل ساقی چھُ ماہنوٗر (رآنگر) بڈگامُک روزن وول ۵ ستمبر ۱۹۳۶ م۔ پاٹھس منز زامت۔ مالِس اوس پنڈت مدسیدن رازدان ناو۔ سُہ اوس پولیس منز سارجنٹ۔ بہ زانہٕ نہ پنُن مول کینہہ تہٕ تکیازہ ییلہٕ سُہ سوٗرگی واتس گوو بہٕ اوسُس صرف دۄن وری ین ہُند۔

پنڈت تاراچند بسمل واتہٕ ساقی یُس مام۔ ساقین لیکھو پتہٕ مین دۄن ترین وری ین منز کیشرن گُم نام شاعرن پیٹھ کینہہ جان مضموٗن۔

کلچرل اکادمی ییم "گُکر بانٹھ" ناوِہ کتابہ ہیٚنز ترٛیہ جلد چھاپی تیمن منز چھ ساقی نہ محنتُک ہُند واریاہ دخل۔

●

موتی لال ساقی

# عارض ــــ اکھ یاد

" غلام نبی عارضن گوو رحمتِ حق " ......

" مے چھ دٲرلیخ دُبہٕ پھیران " ........

" غلام نقشبند تہٕ خورشید عالمؔ گوو یتیم " ....

" اکھ ڈیکھو جل گرہ گوبے سر "

" کٲشرِ زبٲنۍ ہُند اکھ نغمہٕ گر گوو جانہٕ مرگ "......

" ٹاٹھین ہُند ٹوٹھ تہٕ میون دوس گوو سورگہ واس "

" تمو بُرۍ زمانس پوشہٕ ہٲلم ، مگر پننُن دامانہٕ رووُدس خٲلی "

عارضن زانہٕ ہن بہ ۱۹۵۲ء پیٹھہ ۔ میٹرک امتحان پاس کرِتھ اوس بہٕ سرٲکن پھیران ۔ شاعری ہُند جُنونان تہٕ اوسُم کلس پیٹھ سوار سُپدمُت ۔ پھیرِ تھوورِ ہندِس اُتھو عالمس منز ٹھٮ۪کھ مے اکہِ دوہہ عارضن ۔ قدآور تہٕ زاوُیل شخصاہ مے بیوٗٹھ نہٕ یقین زِ یوٗہے کیاہ آسہ عارضن ۔ تکیازِ تمہ سندِ شخصیتُک کانہہ زاویہ اوس نہٕ تمہٕ میچھرِ تہٕ مُژرِچ نشان دِہی کران یُس تمو سٕنزِ شاعری منز موجوٗد چھُ ۔ مگر یوٗہے اوس عارضن ۔ پردس ٹل کھٹِتھ اوس اُتھو میترہ مُرس

منز۔ شاعرانہٕ دِل دُب دُب کران۔ دستار گنڈِتھ اکھ سیٹھاہ سادٕ افسانہٕ یِیمو سندٕ
بُتھ اکھ اکھ گیٖنو اکھ داستان ونان اُس۔ تِمس اُس اکھ ازلی سنجیدگی تہٕ
سوٗکوٗن بُتھِس پیٹھ۔ زَن تہٕ سُہ کانٛہہ سنٛز یاسہ اوس۔ اکھ ازلی سنجیدگی تہٕ سوٗکوٗن
زَن تہٕ ییم دوہ شۄرے تِمو سندی ہم زاد اٰسی۔ زَن تہٕ سُہ اوس زمانٕکو پیٹھ کُنہٕ
تام سنجیدہ سلٕن دِل دِوان روٗدمُت۔

تِمو سنٛزِ یہِ سنجیدگی تہٕ سادگی اُس نہٕ بےسوز بلکہ اُس باوقار
اَتھ منز تہٕ اُس پننہِ کشِش تہٕ جاذبیت۔ یہِ رنگ نہٕ اوس تِہنٛزِ شخصیتُک ہُند
اکھ شوخ رنگ۔ مگر اَتھ رنگس داد دِیُن تہٕ معنہٕ ژارُن اوس نہٕ سہل۔

سون گوڈنیُک ملاقات اوس سیٹھاہ موختصر۔ اَتھ ملاقاتس منز
گَیہ تہٕ اَسہِ خاص کتھہٕ۔ نہ آو کانٛہہ سنجیدہ مسلہٕ زیرِ بحث۔ اَمہِ دوہہٕ دِتی مےٚ
عارِف صابن کیٛنہہ مشورٕ تہٕ بس۔ سون گوڈنیُک ملاقات سپُد سانہِ پائیدار
دوستی ہُند کُنہِ ثابت۔ یتھ کُن ییٚتھ نہٕ پتہٕ بتہٕ ترٛوہن ورِہین زانٛہہ تہٕ اَلہٕ ڈلہٕ
گوو۔ اَتھ ملاقاتس منز ییمہِ کتھہِ ہٕ متاثر کوٚرس سہ کتھ اُس عارِف صابنٛز
بُزرگانہٕ شفقت تہٕ مُخلصانہ مشورٕ۔

اَمہِ پتہٕ آے اَسہِ اکھ اَکِس نکھہ۔ تیوٚت نکھہ زِ اَسہِ اَسہِ اکھ
اَکی سندین دوہکین دادین، شادین تہٕ غمن منز شریک سپدان۔ ییلہِ تَس کانٛہہ
ضروٗروٗری مشورٕ کرُن آسہِ ہےٚ، سُہ اوس ضروٗروٗر میانٛی رائے معلوٗم کران۔ یوٗتام
میون تعلُق چھُ بہٕ اوسُس ہرہمیشہ تِہندین بُزرگانہٕ مشورَن قدر کران تہٕ ییمن پیٹھ
عمل کران۔ پَزر گوو یہِ زِ بہ اوسُس نہٕ عارِف دوس بلکہ شفیق زیٚٹھ بوے
گنزراوان۔ دوہَی اوس نہٕ سمکھن تہٕ سانٛی ملاقات کُنہِ خاص جایہِ یا مقامس تانی

محدُود روزان ۔ سانِہن کتھن تہ اوس نہٕ کانٛہہ انڈ گنڈ روزان ۔ شعرو شاعری پیٹھ وارِ منٛز تقل رٗوزُس تام ۔ پہمن سارِنٕی کتھن پیٹھ اوس بحث سپدان تہٕ پننین پننین رایَن ہُنٛد اظہار سپدان ۔ کتھن تہٕ مسلن پیٹھ اوس اَسہٕ اختلاف ووتھان مگر یہٕ اختلاف بنیوو نہٕ زانٛہہ تہٕ اَسہٕ دوٚن درمیان تنازُک تہٕ نصنا دُک باعث بلکہ اَکھ اَکِس ٹِنٛد نوٗقطہ نظر زانٛنٕچ آے اَسہِ دوٚہہٕ کھوتہٕ دوٚہہٕ نکھ تہٕ سون اَتھہ واس سپُد مستحکم ۔

عارِفن صابُن اوس نہٕ دِل اَکھ تہٕ زبان اَکھ ۔ تُس یہٕ وَنُن آسہٕ ہے تہٕ اوس سُہ صفایی سان وَنان اَدہ بوزن وول خوش گژھہ ہے یا ناخوش ۔ کھٹُن تہٕ ژوٗرِ نھاوُن اُسس نہٕ تسنٛزِ خصلتھ ۔ چنانچہ تمہٕ یہٕ موٚحسوس کوٚر تہٕ شدتہٕ سان موٚحسوس کوٚر تتھہ دِژِن نغمن ہنٛز شکل ۔ یِچھرِ کہٕ تہٕ مُتّی ہندر جامہٕ وٗلی نکھ ، صاف گوٗیٔ تہٕ کھٹتھ نہٕ نھاوُن ٹیلہٕ نوو سُہ کانٛہہ مُشکلات مگر تمہٕ تراو نہٕ پننہٕ وتھ ۔ سنہ ۵۲-۱۹۵۱ ہس منٛز ییلہٕ مجبوٗرُک ظلم اُنھس ووت ۔ عارِفن صابُن حسّاس دِل ویگلیوو تہٕ رتموٚ ریوٗ کھ سہ

کوٚت سنگیس دِل سپُدمُت باغوانس بلبلو  
شوروشر ووتھمُت زمینس آسمانس بلبلو

ہاے تحصیل دار چانٛی رامہٕ ہونٛین توتہٕ عمار  
ٹکرہٕ کٔرِ کٔرِ پوس وولتھو کم زبانس بلبلو

شیرہٕ بانٛچھ موصُمن کیٚت تھوٚی زِ ہے اَکھ پانٛزواہ  
دوٚن دوٚہن سوٗنب وٕے گرس منٛز کس جوانس بلبلو

بان ژانٛچھ لالہٕ روین لور پژانٛن ریمون خوان  
منگ توٗ رٕے رُخ آلہٕ وانس زعفرانس بلبلو

یہ ہٲتھ گَیہٕ عام لُکَن منٛز یَتہِ کھۄتہٕ زیادٕ مقبوٗل۔ یِیلہِ حاکمَن اَمہِ

ہٲتھِک گٔریز کٔرِن گَیہٕ۔ سرکٲری مشینری آیہِ حرکتس منٛز۔ عارِفس تُلکُھ رٲیتھنہٕ تہٕ

سۄزُکھ اَچھہٕ وَل۔ اَتہٕ رۆد سُہ لَگ بَگ ترٛێن وٕرِین مگر تِمو کوٚر نہٕ تِمَن حاکمَن

برونٛہہ کُنہِ زانہہ تہٕ سرخم ہیموٗ سُہ اور سۆزمُت اوس۔ مگر یہ تبدیلی بنیہ تَس کٲفی

دُژوار۔ زیادٕ دادٕرچ شکایت اُمس تَس برونٛہہ۔ اَتہٕ لوٗب اَمہِ بیمارٕ بنیہ ہِن

پوٚچھر تہٕ کٔرِن اُلسرچ (ulcer) شکل یختیار۔ تَس سپُز واریاہ لَٹہٕ بلیک موشَن

مگر سُہ رۆد پوٗز وَننک سزا ژھۄپہِ، دھوپ کٔرِتھ بیٚتراوان تہٕ دوہہ دوہہ کلدانہٕ

۱۹۵۵ء کین ہٕرد ہِ دوہس منٛز کوٚر بخشی صابَن سُہ اَچھرِ وٕلہِ پیٹھہٕ واپس ژٕرارِ

شریف تبدیل ییتہٕ سُہ اوتہِ تام آفیسر انچارج اوس۔

۱۹۵۳ء پیٹھہٕ رۆد عارِفس صٲبُنس صحت اکثر ناساز۔ جنگلن منٛز لگہٕ

ژھالہِ مارَن وول عارِفس اوس دوہہ ٲدل پکنہٕ ناوے دوہہ وۄشلن ہیوان

مگر سُہ سنیوو نہٕ زانہہ تہٕ یمَن کتھَن۔ تِمو دِیُت نہٕ اور کُن توجہ۔ سُہ رۆد مُنتظر

مانٛدان۔ اَکس شیر مرد انسانس سِندی ہٲتھو برونٛہہ برونٛہہ پکان۔ مگر تِمی سُند جسمانی

ڈھانچہ رۆد وُدارہ گژھان تہٕ کمزوری گیہِ جاے لبان۔ ۱۹۵۷ء ہس منٛز سپُز

تَس بنیہ بلیک موشَن مگر یلاج پتہ کرنہٕ پتہٕ گےٚ تِم جلدے ٹھیک۔ تِمَن

دِیُت دوستو واریاہ لَٹہٕ میادس اپریشن کرنک مشورہ۔ تِم گیہِ اَمہِ باپت

واریاہ لَٹہٕ تیار تہٕ مگر خبر کیازِ آیہِ نہٕ تِمَن اَتھہٕ مشورس برابری۔ میہ اوس

پننہٕ جایہِ ایحساس زِ میون مشورہ پھِرِ نہٕ سُہ زانہہ مگر ییتہٕ سُہ میانی باقی مشورہ

مانان اوس۔ میانِس اَتھہٕ مشورس پیٹھ عمل کرنس سُید نہٕ سُہ زانہہ تیار۔ میہ

برونٛہہ کُنہِ اوس سُہ آپریشنس پیٹھ تیار سُیدان۔ مگر میانہٕ نیرنہٕ پتے اوس

شہ ہنٛن پرادہٕ بدٕ لاوان۔ دراصل اوس تس پریم ناتھ پردیسی صأبنہٕ موتک الم ناک انجام اُچھن برٛونٛہہ کنہٕ۔ اَمیُک تصور کرٕتھ بِہِے اُسو تس کم عُمر نقشبند تہٕ خورشید عالم اُچھن تل یوان۔ زندگی ہندِس سفرس اَس عارضؔ صأبُن مستقل مزاجی سیٹھاہ مصیبتن لتہٕ موٚنڈ کرٕمژ۔ مگر صحتہ کِس ماملس منٛز اوس تس اَمیُک دامانہٕ اتھہ گومُت۔ پتہٕ میہ اکہ ؤری یہ پیٹھ اوس تس صحت دوہہ کھوتہ دوہہ آدہٕ سان تہٕ کمزور گژھان۔ چنانچہ اَمہ موکہ ہیٚتر تمہ چھٹی تہٕ آو گرہ۔ اتھ اُکس ؤریس رود شہ مُسلسل یلاج کران مگر دود اوس نہٕ کُنہ رنگہ پتھ ہیوان بُکہ یہ گوو مۆل دوان۔ کیٚہہ کال گوو میہ پرٛژھس نہٕ نوکری نسبت کیاہ سوچِتھ چھُکھ ژہٕ۔ توروہ وونُکھ ـ " ژٕ چھُتہٕ کُہ سہ فکر چھےٚ ژہٕ۔ میہ وول نوکری ہُند بار وونی نکھہ پیٹھ۔ تہٕ کرٕکھ چھا خبر زہٕ بہٕ بچاوہٕ کنہٕ نہٕ ۔۔۔۔۔۔"

پیمن کتھن پیٹھ وونُس در جواب "تلہ حقن مہٕ آس یمہٕ کتھ کران۔ یژھ کتھ کرٕ نہٕ شرتہٕ۔ یُتھ دود چھ لۆکھ تل پٔدِس دوہ ہٕتھ ژھاوان"

" ژہٕ چھےٚ میانہٕ دادِیک بڑہٕ غلط اندازہٕ کورمت
میہ نسائے چھےٚ نہٕ زُمس یا ساتس تہٕ قرار یوان۔ باسان چھُم
میہ چھُم کوٚ سہ تام بلاے اندری کوٗران۔ مرنُک غم چھُم نہٕ
مگر۔۔۔۔۔۔"

شہ ووٚنُھم توروہ بڑہٕ اطمینانہٕ سان۔

عارضؔ صاب ہنن کتھن پیٹھ آو نہٕ میہ تمہ ساتہٕ یقین پکیازہٕ تمہ ساتہٕ تہٕ اوس تمہ ہندِس بُتھس پیٹھ تِیٚے سوکون تہٕ تیٚے سنجیدگی موجود، یوسہ میہ ہمیشہ نظر گمژ اُس۔ میہ اوس اندازہٕ زہٕ رتھس دوہن رٕتن تام گژھہ شہ

بلکُل صحت یاب، مگر میون اندازٕ دٔراو غلط.... مَرنہٕ برٛونٹھہٕ ژٕ ژور دوہہ گوٚسُس بہٕ خبر۔ اورٕچہٕ یورٕچہٕ کتھا کرِتھ وٚونتھم ۔

" مےٚ پتہٕ آسکھ ژٕ یور نظر گذر دِوان۔ گوڈٕ کیٚتہٕ یارٕس مٲنٛج معےٚ پیٚہٕ لُکہِ ساسا، یار موٚد تہٕ کُنہٕ ہٕز کانٛہہ...."

" وُچھ تَعَض کیاہ چھکھ وَنان ۔ ژٕ ہیٚیہِ اَز واریاہ سندور مُت پچھےٚ......" مےٚ وٚونمس ۔

" نَسانٛہ باخدا چھےٚ مےٚ مَرُن۔ اَدٕ اَز پگاہ، رٔینٛتھ پیٚچھتہٕ یہٕ وِز چھہٕ دوٚنی نِکھ نِکھ پیوان۔" سُہ وٚونتھم تورٕ اعتمادٕ سان۔

یہٕ وَنان وَنان تہٕ اوس تَس بُتھس پیٹھ سےٚ سوکُن تہٕ سعوے سنجیدگی۔ تمیٚ سٕنٛزِن کتھن منٛز اوس نہٕ کُنہٕ رنگہٕ تردُد یا تھرٕ تھرٕ۔ مےٚ باسیوٚ زٕ اَمِس چھُ موتَن پان ہوومُت۔ یہٕ چھُ نفسیٲتی تہٕ ذہنی دوشوےٚ طرفوٚ مرنہٕ باپتھ تیار۔ مےٚ پھٹٕ تیرٕ کنڈی تہٕ دِلَس گوم تلواس مگر مےٚ توٚگنہٕ اندازٕ کرُن زِ یکیاہ گژھِ یَہِٲت جَل اَتھَس ژٕنٛڈ دِتھ تہٕ کانٛسہِ اَکِس تہٕ تھاوِ نہٕ خبر۔

۲۶ اکتوبر دُپہرن سَمکھ مےٚ عاٗرحمٰن صابُن بیمہِ غلام نبی شاہ ژوڈٕرِ کدلس پیٹھ۔ خاطر پاٹھا کرِتھ ییٚلہِ مےٚ تَس پرٛژھ زِ ژٕ کوت گژھکھ۔ تمیٚ وٚون تَمَہ تورٕ عاٗرحمٰن صاحب چھُ بیمار تہٕ بہٕ گژھ تَس خبرِ۔ مےٚ دِژ نہٕ اَتھ کتھہِ اہمیت تیکیازِ تہنٛد بیمار آسُن اَمِس نہٕ کانٛہہ نوٚ کتھا۔

۲۸ اکتوبر صُبحَن ییٚلہِ مےٚ بوٚز زِ راتھ شامَن دوٚنہٕ نوٚ بجہٕ گوٚو عاٗرحمٰن رحمتِ حق۔ مےٚ ژٕج پَدٕو تَلہٕ زمین نیرِتھ۔ گیوٚد آم۔ اُچھَن گٔیم اَنہٕ گٹہٕ۔ زنگہٕ.

نٹےٖیم۔ پھوٗر لوٗگ سٔتھ سٔتھ گژھ ژٕلنہٕ۔ مگر سیٚتی پیوم تٔمۍ سٕندِ یہِ شار یاد ے

قسمتن تھوٗو پوٗشہٕ وُتھرن پیٚٹھ لیکھتھ تقدیرمیون

قدرتن کٔرٕ دِوان دِلن ہٕنٛز ترجمٲنی چِھانہٕ سیٚتھ

مے تۄر فکرِ زِ قسمتہٕ کٔس سانٛگہ گٔرٕ سٕند سانٛگ آو بارسس۔ تقدیرکہ بے رحم تیٖر اندازن کوٗر پنٕن زہریلہٕ تیٖر عاۍ رٔحمنس جامس تہٕ شاعرانہٕ دِلس منٛز پیوست۔

بٕہ یٔمہٕ ساتہٕ رانٛگہ دوتس عاۍ رٔحمن اوسکھ آزادس کرہ ابدی نیٚندرِ سوومت۔ تہٕ ڈاے گژھ میٚژِ تٔل اُس تٔمۍ سٕنٛز مدٲتی لے ہمیشہ خاطرِ دفناونہٕ آمُت۔

عاۍ رٔحمن اوسنہٕ یار باش مگر یار پرور اوس۔ سُہ اوس نہٕ پُشیتھ کانٛسہ زانٛنی کارس دوس مانان۔ زندگی منٛز ہیٚژ نہٕ تٔمۍ زانٛہہ تہٕ جلد بٲزی کاٗم تہٕ یہِ اوٗ صوٗل اوس تٔمۍ دوستن ہٕنٛد انتخاب کرنس منٛز تہٕ پانہٕ نووُمُت۔ تٔمۍ سٕندِس اتھہٕ انتخابس تہٕ اوس اُکھ گوہ بیٚر تہٕ وزن آسان۔ جلد بٲزی منٛز دیٚت نہٕ تٔمۍ زانٛہہ نہٕ کانٛسہ اُکس دوس آسنُک درجہ۔ دوست بناونہٕ برونٛہہ اوس سُہ انسانس پرکھاوان تہٕ پرزٕ ناوان، وزن کران تہٕ اُمہِ پتہٕ پانہٕ ناونُک یا نہٕ پانہٕ ناونُک فٲصلہٕ کران۔

یٔمِس انسانس سُہ دوس آسنُک درجہ دِیہ ہے۔ تس اوس پتہٕ پننہٕ شفقتہٕ تہٕ مُروتہٕ سیٚتھ مالا مال کران۔ دوس پروری تہٕ دوس نوازی منٛز یوٗ دوے سُہ جورِ روٗس اوس نہٕ، مگر سیٚٹھاہ کم لُکھ ہیکن تٔمۍ سٕند جورِ بنٕتھ۔ کھانٛدرِ وزِ یُس مدد تہٕ اتھہ روٗٹ مے عاۍ رٔحمن کوٗر تمیُک ایٚحسان ہیکہٕ نہٕ بٕہ زندٕ زوٗہ زانٛہہ نکھہٕ وٲلتھ۔ مے چھُ کالُک پتہٕ ژھتس۔ ۱۹۵۹ءُک سٔہلاب اوس آمُت اُتھو منٛز گوو مے کھاندر صحی۔ پانٛسہ ٹٔنکی رٕنٛگہ گیہ مے کانٛی سختی۔ سوٗنبرمُت

سودمُت تہٕ اوس نہٕ کینہہ۔ بہٕ اوسُس سخ پریشان۔ کھاندرس اَسو صِرف
اَکھ دوہ۔ کانہہ اَکھ وَکھ اَسیہ تہٕ پوان۔ اَتھۍ منٛز سمکھ مےٚ عارِضن اَکہ دوہہ
وَتہ پیٚٹھ تہٕ پگاہ دوٚپہم دُبارہ سمکھُن۔ بہٕ اوسُس آولنس منٛز ہینہٕ آمُت۔ اوٚدہ
مےٚ کھ ہیوٚک تُس نہٕ دُبارہ سمکھتھ۔ تہٕ آو ریوٚن گرٕ دوران دوران میانہٕ
غٲر حٲضری منٛز دوٚتُن میانہٕ ماجہ دِلاسہ دوٚپنس یہ کھاندر کرٕ بہٕ پانٕی پانٕے تہٕنٛز
گرٕژھ نہٕ کانہہ فکر ہیٚنز۔ گرٕ پیٚٹھ سوٗزِن پونسہ بتیہ لیچھ تمہ چِٹھۍ۔

" آپ کو ذرہ بھر متفکر نہ ہو جانا چاہیے۔ ہر چند کہ پرسوں
سر راہے ملاقات ہوئی۔ راستے مسدود ہونے کے باوجود
اسی خیال سے میں کل واپس رانگر آیا۔ یہاں پہنچکر معلوم
ہوا کہ آپ کی جانب سے کسی قسم کی اطلاع نہیں آئی ہے
بہرحال آپ کی عمر ابھی کتنی ہے۔ اس لیے آپ اس تقریب کو
ایک ذمہ دار بزرگ کی عدم موجودگی میں ایک دقت تصور کریں گے
لیکن حقیقتاً یہ بھی زندگی کے پیچ و خم میں ایک ادنیٰ سا موڑ ہے
اس شدت سے محسوس نہ کیجیے۔" عارض

عارِض صٲبن یہ چِٹھ چھےٚ تِمہ دوس پروری تہٕ دوس نوازی ہنٛز اَکھ
زِندٕ یتھ نسبت مےٚ بروٚنہہ اِشارہ چھہٕ کوٚرمُت۔ اَتھ چِٹھ منٛز یِمہ شفقتُک تہٕ
بُزرگی ہُنٛد اظہار سپُدمُت چھُ۔ بہٕ چھُس تِمو خوش قسمتو منٛزہ اَکھ یُس پیٚٹھ تِمو
پننہٕ شفقتُک تہٕ مہربٲنی ہُنٛد روٗد اَنٛد وَنٛد کوٚر۔ بہٕ ییلہ تہٕ تِمس بُتھہ پیوس یا ملاقاتس
گوس تہٕ آو مےٚ تِمی شفقتہٕ تہٕ مہربٲنی سیتۍ پیش، یہ مےٚ تِمس رگن رگن منٛز
بَرتھ اوس۔ مےٚ وُچھو نہٕ زانہہ تِمو سنٛدہ مروتُک تہٕ شفقتُک، لولُک تہٕ مایہ ہُنٛد

سرمایہ چھونان یا گرہہنان۔ تٔمۍ سُند اَتھٕ روٗٹ کرنُک مأدان اوس سیٹھاہ وسیع۔ واریاہ ضروٗرت مند آسی تٔمِس نِشہٕ پیوان تہٕ حاجت روأیی آسکھ سپدان۔ مروتُک تہٕ شفقتُک یہ سرمایہ اوس نہٕ صرف یار دوستَن تام محدوٗد بلکہ آسی اَتہٕ ژأنی کار تہٕ ہمسایہ تہٕ مری تہٕ ہُلم بُرِتھ نیران۔

واریاہن دوستَن آس اکثر شکایت آسان زِ مجلسہِ منز چھُنہٕ عأرِفن حسبِ دستور زیادہ سنجیدٕ روزان تہٕ لوُر کران۔ مگر یہ خیال چھُنہٕ دُرست۔ دراصل اوسنہٕ سُہ ہنگامُک بلکہ اوس تنہأیی ہُنٛد انسان۔ سنجیدگی تہٕ سوٗکھنہٕ کُس پَردٕس پتھ کنُن اوس زِندٕ دل، خوش اخلاق تہٕ دوس نواز عأرِفن موجوٗد۔ منتخب مجلسن منز اوس سُہ اَسِن کھنگالہِ ژاوان تہٕ دوستَن ہِندی دِل میچھو میچھو کتھو سیتی دولساوان تہٕ گرم گُفتارٕ سیتی وُشہ ناوان۔ اصل تہٕ حقیقی عأرِفُن اوس یِمہٕ ژنے منتخب مجلسن منز نوٗن نیران تہٕ پننِس اصلی جلوٕ ہاوِتھ رونق ہُرراوان۔ مےٚ چھُ واریاہن یِژھن مجلسن منز عأرِفن صأبس سیتی شریک سپدنُک موقعہ آمُت تہٕ تِہنٛزِ حأضر جوأبی تہٕ شیرین کلأمی داد دِیمُت۔

عأرِفن رُود لگ بھگ وُہن اکہ وُہن وَرِین سرکأری ملأزِم۔ اَتھ وقتس منز کُر بے شُمار مُلازِمو تٔمِس ماتحت کأم۔ تِمو مُلازِمو منزٕ سمکھی مےٚ واریاہ ملأزِم مگر اَکی تہٕ کُر نہٕ تٔمۍ سٕنٛز شکایت۔ اَتھ بدل کُر سارِوے شُکر گُذأری تہٕ مروتکہ افسانہٕ بِھرکھ۔ یِیمہٕ کتھ چھُ عأرِفنہ نِہ شخصیتکین واریاہن اندن نِنیر کران۔

اَز یِیلہِ عأرِفن اَسہِ منز چھُنہٕ۔ یِیلہِ تٔمۍ سُند میرٕہ مزور قبرِ ہندِس اَنہٕ گٕنٛٹس منز چھُ۔ یِیلہِ تٔمۍ سٕنٛزِ حُسن پرست تہٕ حُسن شناس اَچھ ہمیشہ خأطرٕ

وٕٹھنہ چھہٕ آمٕژ۔ تِمہٕ سُند دوٗرہٕ تہٕ جُدٲیی چھہٕ تِمن سارِنے وٲلِنجہ پیٹھ تیوٗتھ گٔہش پیمٕژ تِمَس نِکھہ ڈیٚکھ روزنُک موقعہٕ اوس آمُت۔ عارفن اوس نہٕ کانٛہ اَکِس دُشمن زانان یا گٔنزران۔ مگر تِمہٕ سٕندی دُشمن تہٕ چھہٕ اَز تِہنٛدِس مَرنَس پیٹھ وٕچھ وٕچھ دِوان۔ تِمن تہٕ چھُ پاسان کیاہ تام گوو کُس تام گوو وِچھ۔ یُس پانٛژ پانٛژ اَکھ جماعت اَکھ دُنیاہ اوس۔

عارفن اوس ۱۳ اِستمبر ۱۹۱۶ء ہَس منٛز رانگرٕ زامُت۔ یتھ گٔرِس منٛز عارفن صاحب زامُت اوس۔ تِمہٕ گرِچ زان گژھہٕ یتھ کنٛزِ شہٕ زاو آزاد صاحبنِس سایس تَل۔ یہ کِچار گزروٗن تِمہٕ سٕنٛزہ کتھہٕ چھہٕ منٛز تہٕ اَتھہٕ باوقار شخصیتکس شیہجارس تَل گوو جوان۔ ابتدٲیی تعلیم کرِن گرِی آزاد صاحبَس نِش حاصل تہٕ پرائمری کورٕن زوٗہامہٕ سوٗکولہٕ منٛزہٕ پاس۔ پرائمری پاس کرِتھ پتہٕ سوٗزِ آزاد صاحبن غلام محمد (عارفن صاحبُن زیٹھ بوے) تہٕ سرینگر پرنہٕ۔ غلام محمدن کوٗر اَڈوٕتی پرنَس روخصت۔ مگر عارفنَن یُس وُنہٕ صرف غلام نبی اوس کوٗر ایف اے پنجاب یونیورسٹی منٛز پاس۔ اَمہٕ پتہٕ پہوتُس کینٛژو حالاتو رکھ پرن ترٲوٕن تہٕ سرکارٕ نوکری ہُنٛد داماہ رٹُن۔

عارفن صاحبنِس بابہٕ صاحبَس اوس عبدالغنی بٹ ناو۔ سُہ اوس سیوٚد سادٕ زمین دارٕ پیشہ اِنسان۔ بذاتِ اوس گُنٛدٕ رجبک روزن وول تہٕ آزاد صاحبنِ بابہٕ جنتیٚن (خواجہ سلطان ڈار) اوس گرِ پیٹھ اوسمُت۔ یتھ پاٹھو چھہٕ یہ کتھ نَنان زِ عارفن صاحب اوس رانگرٕ ماجہ وراثتَس پیٹھ بسان۔ تعلیمہ سیتو دِلچسپی ہُنٛد سبب اوس یِہنٛدِس بابہٕ صاحبُن آزاد صاحبنِس خاندانَس سیتو گنٛڈ تہٕ وابستگی۔ آزادَس برونٛہہ تہٕ چھہٕ اَتھہٕ خاندانَس منٛز پرنُک لیکھنُک

رِواج روٗدمُت۔ خۄد سلطان ڈار تہٕ اوس پانہٕ فارسی زبانٕ ہُند بہلہ پایہٕ عالِم
سۄخن سنج تہٕ سۄخن شناس۔ یتھ ماحولس منز عارفنن اُچھ مُژراوہ تہٕ جوان
سپُد سہ ماحول اوس علمکٕ، ادبکٕ تہٕ صوٗفیانہ لیہ ہُند ماحول۔ اکہ طرفہٕ اُسی
شریعتکو تہٕ طریقتکو مسلہ اُنزراونہٕ یوان تہٕ بییہ طرفہ اوس شاعری ہندِ بن
زاموٗلین نوٗقطن دَل دِنہٕ یوان۔ آزاد صابنس گرس سیتۍ مِن وۄہپَن تہٕ تعلُق
روٗدمُت چھُ تِمن منز چھُ آزِنہٕ مذاقِ سۄخن تہٕ سۄخن شناسی ہُند رنبہٕ رَن جذبہ
موجوٗد۔ اَتھ مُقابلہٕ بییمہ شخصَن اُکھی گرس منز زنم ہیوٚتمُت آسہ ہے تمہٕ بندس
اعلا مذاقس تہٕ سۄخن سنجی منز کیاہ شک اوس۔ بییہ بییلہٕ سہ شخص اکہ ساس
دِلکٕ مالِک تہٕ ذہین آسہ ہے۔

آزاد صابنس صوحبتس منز اُس شاعری ہنز تیمبر عارفنس
لوٚکچارے منز پے مِژ۔ وُمبرِ دوہہ دوہہ گژھنس سیتۍ گیہ یہ تیمبرٕ بنان
تہٕ وُسعت یختیار کران۔ باقاعدٕہ پاٹھی اوس تِمو شاعری ہُند ابتدار لُکری ہمکہ
زوٗلانہٕ نالِی ژراونہٕ پتہٕ کیٚر کال کوٚرمُت۔ آزاد صابنہٕ زندگی منز آو تَس یہ موقہ
نتیٚژ پاٹھو لُکن برٛونٹھ کُن ینکٕ موقہ۔ تِکیازِ تِم اُسی وُری وادن گرہ دِلو تھدو
تہٕ کشتواڑہ کین جنگلن پھیران۔ ۱۹۴۸ہس منز آے ییم نَنہٕ وانہٕ لُکن نکہ۔ یِنہٕ
کلامیس پُہندِ پوٚختہٕ کار ذہنکٕ تہٕ مشاہدک نتیجہ اوس سپُد "وُزمل" ناوچہ
بیاضہ منز ترقی پسند مصنفین انجمنہ ہندِ طرفہٕ شامِل کرِتھ چھاپ۔ اَمہ پتہٕ ہیوٚد
پُہند کلامہ باقاعدٕہ پاٹھی "کونگ پوش" "گُلریز" "ہمپوش" بییترِ رسالن منز
چھَپان تہٕ لُکن تام واتان۔

۱۹۵۳-۵۴ہس منز لیوٚکھ عارفن صابن یہ غزل —

ہی مالہ ناگراے یارہے روومُم یارہے روومُم لوکچارہے روومُم

ستھ یاس لاگِتھ گرِہ بار ترووُم یارہے روومُم لوکچارہے روومُم

یہ باتھ تیٚیٚت مقبوٗل زِہ کھلن تہٕ کھہن ، دٕجن تہٕ ڈوریٚن ، بازرن

تہٕ سرٹکن ، محفلن تہٕ ہنگامن منز اُس اَمِچ لے کنن گرٛزھان ۔ پننہِ زندگی منز یوٗسہٕ مقبوٗلیت عارِض صابن حاصِل کرٕ ۔ مہجوٗرس وراے چھنہٕ زِندہٕ زُوہ کانسہ ، اُکس تہٕ شُہرت باگہٕ آمٕژ ۔ عارِض صابس یُس قبوٗل عام حاصِل سپُد ۔

تتھ کُن وُچھتھ اوس مےٚ اکثر اُردو شاعِر اسرارالحق مجاز یاد پیوان ۔

پننہِ زندگی منز چھُ عارِض صابنہٕ کلامُک کینٛہہ حصہٕ " کلامِ عارِض " ناوہ چھپن پانژن بیاضن منز شایع کوٗرمُت ۔ یِہند باقی کلام چھُ وُنہٕ غٲر مطبوٗعہ حالتس منز ۔ کاشرِس منز طباعتکہ مناسِب ذرایع موجوٗد نہٕ آسنہٕ کِنہٕ ہیٚزہٕ کلچرل اکادمی یِہند کلام چھاپ کرٕنیچ کام دردس رٹنہٕ ۔ نَتہٕ چھُ اَتھ کینہہ بُزی گژھنُک خطرہ ۔

گریلو زندگی تہٕ روٗز نہٕ اَمِس زانہہ خوش گوار ۔ جوانی ہندین دوہن روٗدُس شُرُ آسنُک تماہ تہٕ ییٚلہٕ شُری زاس تمہ وِزِہ اوس صحتس وٕدان ۔ قدرتن کوٗر تمِس دوہ یہٕ رنگہٕ ظُلم ۔ جوانی منز شُری سٕند ارمان تہٕ یتہٕ اَرہ جانکُ خاب ، شُری دادِہ کٔری عارِض صابن ترٕیہ نیٚتھر ۔ اَکھ زوہا رِیکث ۔ دوٚیمہ نیٚل ہارک تہٕ ترٛیٚیمہ ناگمیٚکث ۔ گوڈنچہ زِہ زنانہٕ پیٚیہ تس اَوہ موکھ ترٛاوِنہٕ ہکیازہ تیمن زاو نہٕ اولاد ۔ ناگمچہ زنانہٕ زاس ترٕیہ لڑکہٕ ۔ اَکھ لڑکہ مودُس تقریبن پانژہ وُہن ووٗنی کین چھہ عارِض صابس زنانہ تہٕ زٕہ لڑکہ وارِث ۔ اُکس چھُ غلام نقشبند ناو یُس کہہ دٔہُر چھُ تہٕ دوٚیمس خورشید عالم یُس پانژہ دٔہُر چھُ ۔ ہنگن زٕژر ازنہٕ پیٚتہٕ شُری زنٛس نسبت چھُ تمہٕ بانے یتھ شارس منز

اِشارٕ کوٚرمُت ـــہ

پیمانہ پھران ساقیس پیٚو نصف شبس یاد
نوٚو عارفٔنن افسانہ جانانہ کتیو آکھ

عارفٔن صائب اوس ۱۹۳۴ء ہس منز محکمے جنگلاتس منز بحیثیت
فارسٹر ملازم سپدمُت۔ ضروٗری ٹرینگ بنڈٕ پورٕ حأصل کرنہٕ پتہ سوٗزکھ محکمن
یم کیرن علاقس۔ کینٛہہ کال گژھتھ کرہ یم محکمن کشتواڑ تبدیل۔ یتینہٕ واریاہن
وریین روٗدی۔ کشتوارٕ پتھ روٗدی تِم سأری سے وقتس کشیرِ منز مختلف
جاین پیٹھ پنُن فرض نبھ والان۔ سنہ ۱۹۵۶-۵۷ء ہس منز دِژکھ تِمس ترقی تہٕ
بنیوو رینج آفیسر تہٕ ژرارٕ شریف سوئل کنزرویشن رینج کورہس سپرد۔ تتہٕ
پیٹھ پرٕس تام روٗدی تِم اتی تعینات۔ صحت خراب سپدنہٕ رٔنگ کنو اسی تِم لگ
اکہ وریہ پیٹھ چھٹی پیٹھ۔

تِم اُسی بڈٕ جان خوش نویس تہٕ مالہ فہمی منز اُسی بڈٕ ہُشار۔ تِمو
اوس زندگی ہند سفر صِفرٕ پیٹھ شروع کوٚرمُت۔ مگر اوترٕ ییلہٕ تِم سعہ رگہ واس
گے۔ تِمہ ساتہٕ اُسی تِم اکہ بجاتہٕ پاپرجاگرکی مالک تہٕ سربراہ۔ زندگی ہندیو تنیو تہٕ
وہ گنیو اُسی تِم ستیھٹاہ سہہ ہتاط تہٕ کفایت شعار بناوی متی۔ اَز ییلہٕ عارفٔن مہ
نکھ چھنہٕ مہ چھُ باسان مہ روو ڈٔوکھ۔ مہ رووو نہ حرف اکھ دوس بلکہٕ شفیق
تہٕ ہمدرد بوے۔ یتیو ستر مہربأنی مالے، محبت تہٕ لول مہ پرٛیتھ موڈس
پیٹھ معہ یسر اوس۔

[ 'شیرازہ' ۔ فروری سنہ ۱۹۶۶ء ]

# غلام نبی باؔبا

بابا ہَن ہێنتھ پَتہٕ میوٕ کێنژھو ؤری یێہ ہیٚچھِتھ
کاشرِس منٛز خاکہٕ تہٕ افسانہٕ لیکھنۍ۔ یَتھ کِتابہِ
منٛز چھُ اَسہِ اَمۍ سُند سُہ خاکہ پیش کران۔ یَتھ "رنگو
منٛزٕ بدرنگ" ناو چھُ۔ یَتھ خاکس منٛز چھُ اَکھ تلخ
حقیقت رَٹِتھ جان پاٹھۍ وہرٛتھ ناونہٕ آمٕژ۔
باباؔ چھُ نیٚبہٕ ٹ (نوہٹہ) نمدہٕ ساز محلس منٛز
روزان۔ پوٗرٕ ناو چھُ غلام نبی، ذات باباؔ۔ ولدیت
خواجہ غلام علی بابا تہٕ زاسنہٕ ۱۹۲۷ عیسوی۔

●

غلام نبی بابا

خاکہ

# رنگو منٛز ٕ بد رنگ

کریم خوجہ ، شاہ صاحب ، رام ناتھ — تقریبن چھ ساری بڈٕ بڈٕ تاجر اکھ مجلسہِ منز۔ یمن ورٲے بیٚیہِ تہٕ کینٛہہ نفر۔ شلن کریم خوجُن زامتُر یُس حال حالے یوٗرپہٕ پیٹھٕ تھزٕ تالیم پٔرِتھ اوس آمُت۔ شاہ صابُن سۄنٛز علی پرٕہ علی پرٕہ اوس اَمِس انگریزی مہمانَس کُن تھٕلہِ تھٕلہِ وُچھان یمن سبز زوتہٕ وٕنین سبز چشمن سیتی اوسُس پننہِ ژ مطیمرٕہ تہٕ دوٕزچہ نار ہیشہِ اَچھہِ ملہِ ناوان۔ انگریز اوس انگریز دِل تھاوِتھ پَتہٕ تہٕ منٛدچھت ہیوٗ گنہِ ساتہٕ ہورکُن اَچھ پھیران۔ سُہ آسہِ ہے پننہِ جایہِ سوچان زِ اَمِس کیاہ گوو۔ یہ چھُ مے مُدٕے گنٛڈِتھ وُچھان؟ اَمو زَن یمہ اَچھ زانِہہ تہٕ چھکنہِ وُچھمٕژ؟ مگر علی پرٕہ نہٕ کیاہ مانہِ ہیٚیس۔ انگریزس ڈٔج ہورکُن نظر۔ علی پرٕہ ہیوٗتھ اَمو سندین سفید شین ہوین لوکٹین لوکٹین مارہٕ مندین کنن پَتہٕ تہٕ بُروٗنٛہہ وُچھنہِ۔ تَو پَتہٕ پننین وییٹھین وییٹھین کنن اکھ سیتی سارنہِ۔ اَمہِ پَتہٕ لوٗگ انگریز سندس سونٕہری مستَس آرٕہ بَرژو چشمو وُچھنہِ۔ اَمِس زَن اوس اکھ کُن وُچھتھ آب ہیوٗ یِوان۔ یہ اوس اکھ نظر اَمی سندس سونٕہری تہٕ خوشہ رٕنگس مستَس کُن دِوان تہٕ لوٕتہٕ لوٕتہٕ پننہِ مسہِ چہ رنگہ پیٹھ یے زارہٕ نوٗر ہیو رٕہن کھٲرِتھ ریاکھ نظر اَمہِ رنگہِ ہندین

والَن کُن۔ تِمہٕ کڈی پھِٹرِ زنگہٕ ہِندی کرٕہیٚژ کیٚہ کال، مالہٕ تہٕ گنٛز وال وُچھمہٕ
ژانٛگہٕ تار ہِیوی برٛیڈی۔ زِیوٚلٹھ ووہشاہ ترٛوٚوُن، تس ہیٚیٛژٕن پانٛس پیٚمٕژ موٚرنہٕ
ہاشہٕ لگنہٕ۔ انگریز ہِشر تیز تلوارِ ہِشہٕ نستہٕ کُن نظر پیٚیہٕ ژٕ تِمہٕ پھِٹرِنس موٚچھ
منٛز، یِیوسہٕ پوٚرٕ موٚچھ منٛز وانٛژٕس۔ اَمہٕ ساتہٕ ترٛوٚوُن کمرِ پیٚٹھ کُن، ژٕن تیٚرٕ
گنٛڈی پھیٚٹِس تہٕ غوطن ہیوٚ لوٚگ۔ ہنا گٕژھتھ پیٚوس کیاہتام یاد تہٕ ژاجلہٕ
ہیوٚتُھن سیٚود۔ سدرٕ چھٔنٛدن چھُ دٕ پھٕتھ کھوٗرِ ژٕلِ ژٕلِ دِوان تہٕ ہنہٕ ہنہٕ پھُس
ہُتھس رنٛگ پھیران۔ نیٚبرٕمیٚن چھندن پیٚٹھ ییٚمبرٕلتھ باسیس ترٛوٚوُن اَندرِمن چھندن
دوٚ پھٹن کھوٗرُ اَتھ۔ اَمہٕ ساتہٕ نیٚیہِ امِنٛز شُری سنٛدی پاٹھٕو اُمو سِنٛدیٚن وُٹھن
پیٚٹھ ژھالہٕ۔ یہٕ سوٚرُے اوٚس بہٕ ژیٚتران۔ ییٚمہٕ ساتہٕ تِمہٕ سدرٕ ہِندِس
اَنٛدرِمِس چھندس اَتھ ترٛوو بوٚڈ ووزُل ہُبٹہٕ آو مےٚ صاف پاٹھٕو لبنہٕ۔ علی پرٕن
ترٛوو بیٚیہ ہُبٹرٕ چھندس۔ ژٕلہٕہاہن دِرٛژنس تہٕ اَتی ترٛاوِن انگریزس کُن حقارتہٕ
سان نظر۔ انگریز سِنٛدیٚن ووزلیٚن وُٹھن سفید شیٚن ہیوٚن زاوِجرٕلیٚن زاوِجرٕلیٚن
کنن۔ تیز تلوارِ ہِشہٕ نستہٕ تہٕ سعہٕ نہٕ رنگہٕ مستن نظراہ ترٛاوِتھ گیہٕ اَمِس
نکہٕ وارِن منٛزِ منٛزی ژھٕنہِ وُپھراے پٕژھہ کانٛہہ سنٛخ اشتعالہٕ یا کانٛہہ حقارت
کرٕن وزہٕ گژھہ۔ اُمو سِنٛدیٚن وُٹھن ہِندی برٛیڈی تہٕ ییمن ہُندٕ ژٕسہٕ تہٕ یورکُن ہُبٹ
دِلتھ پھیرِن۔ انگریزس کُن لٕقرٕ کرِتھ رٕہُن اوس ییٚہی ہاوان زِ اَمِس چھُنہٕ انگریز
پٕنِس نمس براہ تہٕ باسان۔ یورکُن پھیرِتھ لوٚگ علی پرٕ کریم خوجہٕ نس زامترٕ
شُند تہٕ میٚر اینڈ کو شُند انگریزی گفتگوہس کن داٗرِتھ بوزنہٕ۔ رٕژھہ کھنٛچہٕ بوزِتھ
آس نہٕ لد سِنٛدی پاٹھٕو یوٚہے وُتارٕ ہیوٚ۔ ییٚلہٕ نہٕ کینٛہہ تہٕ ہمکہٕ توٗرس تہٕ کیاہتام
ہیوٚ سوٚچت کوٚڈُن پرانٕہ وقتہٕ کس پونٛڈٕس ژھہ چہٕ وُرِس سوٚتب گرٕ چھٔشٕرٕ منٛزٕ تہٕ

اورکُن یورکُن نظراوِتھ لوگ اونگجہ سیتو واوہٕ واوہٕ نمبر گنٛزرنہٕ۔ اکہ نمبرٕ
پیٹھ چھُ اونگجؠ ٹلان تہٕ بیکس پیٹھ تراوان تہٕ پانسے سیتؠ اکھ کران تہٕ پتہٕ
زٕ۲۔ باہن۱۲ تل ووت بٔنیہ ترٛوون یوہے ٹھکٕتھ ژھینٛت زٕن کمزٕ بٔنیہ زٕن
پھٹِس تیر کنٛڈؠ۔ اَمہ ساتہٕ گوو زیادٕے غوطن یتھ زہ گرٕ گییس اَتھ کھوفس
اَتھس کیتھ مُشتھ تہٕ لوگ ختم بند تالوِ چہ پنٛچ اکھ زہ، ترٛیہ، ژور کرتھ گنٛزراونہٕ
یو تام پانژونزٕ ہٕن تام (مہ باسیو) گرٛنٛد ہیٚنٛزن۔ اَتی سوٚچ مہ تہٕ رژھ ہنا
زِ یہ کیاہ سنا؟ اَمس کیاہ گوو پانژٕ ونزاہہ ہیوٗرکُن گنٛزرٕہ اَمی یمہٕ تالوِ پٮ۪چھ
اَمی سِندس پانس کُن تراوم نظراہ۔ اَتی ووٚنم پانسے سیتؠ زہ اَمہ کھعتہٕ تہٕ
اگر یہ پان ویٹھراوہٕ تہٕ بُجھ صاف تھاوہٕ تو تہٕ ماونٕس سٕتہٕ دٔہر۔ تو تہٕ آسہ
پانژونزاہ۔ یُتھے مہ غار شوعوری ہندس عالمس منٛز پانژونزاہ ووٚن۔ اَتی
دژایہ کیتھ گینٛز۔ بٕ چھُس یی سوچان زہ اَمی نیوٚمت بٔنیہ یمن چندن کُن
اَتھ۔ اَمہ ساتہٕ اوس یہ سٔدرہٕ چُندرس اَتھس پیٹھ تول ہیوٚ کران تہٕ مارنے
کُن اَکس پنٛجو سٕنٛز نظر وُچھان۔ پننہ عقلہ باسیوم یہ آسہ وُنان تولو وہ یمو
روہ پیو سیتؠ زن تہٕ تیر۔ اَتی پھیوٚر علیٚ پرٕہ۔ بٔنیہ یمہ نے کُن یم انگریزی پاٹھو
کتھ اُسی کران۔ تو پتہٕ لوگ کریم خوجہ نس زامترس ونٕنہٕ۔ "ہتہ حقس! زہ
کتھ کرہٕ ژٕ، مگر کانٛژی پاٹھو تاکہ بٕ تہٕ بوزٕہ کینٛہہ۔ زن تو ہو ولایتہٕ چھوہ
زامتو" کریم خوجن زامتر گوو یہ بوزتھ یوہے ششدر ہیوٚ روزتھ۔ ہیر
اینڈ کو چھُ تسندس بُجھس کُن وُچھان مگر سیتی زن آو تس کیاہ تام خیال
تہٕ مصنوعی اَسنا کرتھ ووٚنہ نس "فرماؤو حقس کیاہ گژھو بوزٕہ ناوٕنی" علی پرٕہ
ووٚتھس بدلتھ تہٕ بولتھ ـــــــ

ژٕ ہے نیترٕ پیٹھ تھزٕ تألیم پرٕتھ آکھ ۔ ژٕ وَنتہٕ میہ امیٚک فائیدٕ کیاہ اوسے ۔ ییتھ وری کرٕتھ حنایہ ۔ ییتہ رۄپیہ لَگے ۔ ییتِس کالِس اگر رۄپین دِہن سائنس تجارتھ کورمُت آسہہٕ چھن پیٹھ آسہکھ ۔ مرژہٕ وانگن یا آلوٗ بابار اگر کورمُت آسہہٕ ۔ واگوی ٹھیکٕ اگر کورمُت آسہی رۄپیہ رۄپے آسہی پھیرٕ گرِش ۔ اَدٕ اگر توٚملہ باپار کورمُت آسہہٕ تیٚلہٕ اَس نہٕ کیٚھے ۔ ماٹرک تہٕ ایمے جماژ پٔرمِتھ آسہ ہنے مُنِش ۔ ژہٕ ہیوٚ جوان گوٚژھ اَدٕ عانک لاگُن اُچھن ۔ یہ چھے سورُے اَمی پرٕنک سوٗچھ ......!"

یہ بوزتھ ژوٚو کرُم خۄجنہٕ زامترک ٹھہ ٹھہ کران اُسن ۔ سُہ آو نہٕ پہرس کٹھ یُتھ زٕ ساریے مجلس لَج حٲران گژھتھ اُمس کُن وُچھنہٕ ۔ انگریز چھُ اَمی سنزِس پیتھس اَسنس پیٹھ اَسان ۔ ہُہ اورٕ تہٕ انگریز یورٕ ۔ اکھو منز گو تَس نہٕ نارٕ ٹھس تہٕ اَسنس نہٕ گو بس ۔

علی پرٕ لوٚگ لوٚگ پنٕنس پانس سنبھالنہٕ ۔ یہ زنگ یورکُن تُلنہٕ تہٕ ہہ زنگ دۄیُوٚ اَکھو وٕتھ تھاونہٕ تہٕ ژوٗرٕ ژوٗرٕ ییٚلہٕ ژاونہٕ ۔ علی پرٕ رُود توٗتام وُٹھ پھیشان یوٗتام تَس نار اَسہ نِش وأژ ۔ ییمہٕ ساتہٕ اَمو تشتہٕ منز نَس دِژ ۔ سارِنے گیہٕ ژھوپہ ۔ اکھ اَکِس لگو ژِچھ ہینہٕ مگر انگریزس ییتہٕ نہٕ اَتھ کُن نظر ۔ اکھو منز ییتہٕ رکابہٕ لۄکچہ تہٕ بجہ ، چمچہ تہٕ کانٹہٕ تہٕ نافکین وأتھتھ ، اکھ اکھ بٔڑ رکأبی اَتھ سیتو سَتھ لۄکچہ لۄکچہ رکابہ ژاوتھ پرٕتھ کأنسہ ۔ پۄلاو ژاوُن گو انگریزس پیٹھ وُچھنہٕ وُچھنہٕ شوٗروع ۔ انگریزن ترٕ اَمہ چینی جمہ پیٹھ پۄلاوکی چمچہ جوراہ

تہٕ ترٲوُن رکابہٕ پیٹھ۔ وازَن تھوٚوُس ستَوٗ سێنٛوٚ سیٖتۍ رکابہٕ بَرِتھ۔ علی
پرُس چھُہ اۄرۍ کُن اَچھو۔ ییٚمہٕ ساتہٕ انگریزن زٕ رٕ پٔچھ پلاوکۍ تُلو، علی
پرن ژٕ کھرود ڈیکہٕ۔ مہہ باسیوٚ اَمِس کھوٚت تہٕ اُموٗ شند هیادٕ فِکرِ
یوٗتام پلاو اَمِس نِشہِ ووت توتام چھُہ یہِ مُتلہٕ ہشہٕ کران۔ گرا وٕھٹس تام
واژِمژ لال شرُہ تھ کرِتھ بتیہ اندر نوان۔ گرا ہٹس کشان۔ گرا کھرٕ تہٕ
نزٕ وٹان تہٕ اَمِس پلاو مجمہ ہیتھ پھیرن وأ لِس کُن دٔرِتھ نظر نظر
دِوان۔ تِمہ وِزٕ زن وُژھ اَمِس ڈٕ ہکیچ دژہہ۔ ییٚلہٕ اَمِس نِشہِ پلاو مجمہ
ووت۔ علی پرن زٹ رکاٮبی مجمہ دُندرٕ تل تہٕ دولہٕ اَتھ رٔٹِتھ وولن کھکھرٕ
اَمہٕ پیٹھ پلاو یوٗتام رکابہ تال دژن۔ وازَن برٕ اَمِس تہٕ ستھ رکابہٕ۔ علی
پرٕ چھُہ انگریزس کُن ژوٚرِ نظرٕ دِوان زٕ یہِ کِتھ پأٹھۍ چھُہ کانٹہ سیتۍ
ماز کھیوان۔ اَمہٕ تہٕ تُل کانٹہٕ تہٕ لوگ طبق ماز پھول ژٹنہٕ۔ پننۍ کنہ کرنۍ
سیٹھاہ زور۔ مگر کانٹہ تلہٕ اوٚشس یہِ طبق ماز پھول ووٹھ ہش تُلان
آخر تتھ جنس کِتھ تام پأٹھۍ لِش کھنڈ مگر یہِ لِشہ پیوٚنت وُچھِتھ گو سیٹھاہ
بے ستھ ہیوٚ۔ تکیازٕ اَمِس اَس یہِ ژٹنس منز سیٹھاہ محنت لجمژ۔ ییٚژ
زٕ پیوٚنژ تام گوس طبق ماز پھٹس سیٚتۍ دٔلہٕ حمل کران الوند۔ کِتھ تام پأٹھۍ
پننِس کُن حس تہٕ جل جل نیوٚن دُجو ژھانڈنہٕ خاطرٕ جیبس کُن اَتھ۔ اَتہٕ
گوس روٚمپین بدرٕ شرٕ شرٕ۔ یہِ شرُہٕ نی بوٚزِتھ زن ژوٚلُس ماز ژٹنک سورُے
تھکن۔ نسا ووتھرأون زورٕ زورٕ شرُہٕ نی کرِتھ تہٕ ساریٚنے کُن نظراہ
ترأوِتھ ترووُن کانٹہٕ اَتھہ منزٕ تہٕ اَتھو سیتۍ نوٚدُن ہرُمرُکرِتھ کباب
اَمِس۔ اَدٕ کوٚرُن یہِ ساریو سے۔ یوٗتام ستھ رکابہٕ تہٕ پلاو وُچھان وُچھان

موکلوٗن۔ اَدہ پَتہٕ کوٗرُن وازَس دوٗرٕ آلَو "ہے وہستا اَمہٕ یَخنہٕ مَنٛزٕ دِیہٕ
لَچہٕ ہنا یوٗرِ۔ اَمہٕ ساتہٕ زَن گَیہٕ سارٕنٕے اَتھَن مَنٛز کانٛٹہٕ مَشتِھ ہیوٚر۔ ییھَے
پَٲٹھٕ گَیہٕ تقریبن اَکس مِنٹس ژھعہٕ پَر پیتھ پاٹھی کَاٗنسہٕ ہِنٛدِس یادَس مَنٛز
کُنہٕ ماتمی اجلاسَس مَنٛز ژھعہٕ پَچھ کران۔ علی پَرَس تہٕ باسیوو میٚہ کوٗر
کیا ہتام اموٗبُے ہیو۔ مگر ییٚمہٕ ساتہٕ وازن ژامہٕ پیٛھٹھ لَٹ تراوٗس۔ تمہٕ ساتہٕ
زَن گوٚس یہٕ سورُے کوٗرمُت مَشِتھ۔ اَتھ پیٛٹھٕ ژاوِتھ پھیوٗر علی پَرہٕ ڈَنڈی
تُجا کران کران انگریزس کُن تہٕ اَمس کُن پھیران پھیران زَن گیوٚس یَہے
لوکٹ موکٹ گگراے ہش۔ میٚہ تہٕ ووٚتھ اَموٗ سُند یہٕ ڈاکرُ بوزِتھ شَرمہٕ سیتی
گمہٕ ٹھینچہٕ۔ میٚہ زٕہ یہٕ انگریز کیاہ آسہٕ وَنان۔ میانہٕ پانہٕ کنھہٕ بد رنگس
لوٗگُکھ۔ یہٕ چھُس یی سوچان علی پَرن تُل پنُن پَرہ ہیو اَتھ تہٕ زورٕ انگریز
سِندِس پھیکس پیٛھٹھ ژاوِتھ ووٚن نَس "آیا ناٹیش؟"

•

# عباس تابش

زاسنہٕ :- ۲ دسمبر ۱۹۳۵ء

عباس تابشن لیوٚکھ نہٕ وُنہٕ خاص کینٛہہ۔ اَمی
سِندِ ژورَے چیز چھہ وُنہٕ چھپے ہتی۔ اُردوٗ ہس
منٛز افسانہٕ لیٖکھنیچ کینٛہہ ناکام کوٗشِشہ کَرنہٕ پَتہٕ
پھیوٗر یوٗ ہے سَنہ شیٖٹھس منٛز ہیوٚ کاشرِس کُن
دوٚن ژوٚن وَرِیَن لیٖکھن کینٛہہ خاکہٕ تہٕ افسانہٕ پَتہٕ
آونہٕ بَنیہ نظری۔ اَمیُک وجہ چھُ روزگارُک سِلسِلہ
تہٕ جان روزگارِچ تلاش بَنیہٕ نہٕ کینٛہہ۔

خاکہ

عباس تابش

# کُھتہ کتابن نِش نجات

کأنسہِ انسانس یا چیزس مُتلق ییلہِ نہٕ اَسہِ نُنہٕ پأٹھۍ پننہٕ دِیہ ہُند اظہار ہیکان کٔرِتھ۔ اَسہِ چھ اَندری اَندری دُہٹ پھیٚشان۔ مگر ژٲپان تہٕ نٕس مۄران۔ بعضے چھ کہنہ مُنزٕ اشارہٕ پأٹھۍ تُس ژینہٕ وُنۍ دِوان زِ ہے یور چھکنہٕ چانِہِن کمتھن ہُنز شٔریت۔ بٔلۍ چھکھ وۅران۔ وونۍ ہرگاہ سُہ زیادٕے یٔہن ستیٖجہ نُکلہ۔ تیلہِ چھ دَندی مۄرنہٕ کران۔ دٔرچھنۍ کھوورۍ اَچھ نایٹہٕ کران زِ گژھِہس نا انصافہِ خۄداہ۔ مگر کُنت سإٔ سُہ چھُ زیادٕے کھہرنہٕ کھسان تہٕ تھوان گُفتار جأری۔ سُہ تہٕ گُفتار یُس پروردگارن عقلہِ زنگۍ موٚچھے آسہ ترووِمُت۔ تیلہِ چھنہٕ۔ ژھۄہ ہے، چھے رۄہ یہ سٕہنز دَم کرنس نہٕ کانْہہ چارہٕ لگان۔ چارہ ناچارہٕ چھُ اِنسان مِلکس گنڈنہٕ یوان یۄتامت سُہ شخص پۄرہ پأٹھۍ بوس ژھانٕژ ہوہٕ تہٕ بوزن وأرس یہ دٔپۍ نہٕ تہٕ معمٔنأ وِلتھ ژرأو۔ قسمتہٕ کارِ ہرگاہ وُنہ وول شخص کانْہہ بُزرگ یا میون مطلب چھُ بُزرگ آسہ مُریدیادِم آسہِ تیلہِ چھ حالتھ بِلکُلے نوزُک سپدان۔ توٚہہ کٔرِو زہ کأژاہ دٔرچھنۍ کھوورۍ ژٕرِنج کوشِش مگر تِم حضرت چھسہ کُنہِ طریقہٕ یِژھن منز زمان۔

یمتھے اکھ مہربان چھُ شُبلہ جرمن۔ جرمن چھِس ظأہرا اوٚہ کِنہ

وُنان زہ سُہ چھُ جرمن وارس منز نگروٹے اُدسمت۔ سُہ ییلہٕ واپس آو

تس اوس دُچھنُو کھوورِ جرمنے جرمن ویدٕہ پوان۔

" جرمنک فوج۔ اُف۔ اُف"

"جرمنکو جہازٕہ۔ توباہ، توباہ"

" مگر جرمنو چیز الاہ۔ الاہ"

" گرٕ گُرٕ بۄہ جرمنو آسنہٕ۔ اَدٕہ وُمرٕہ وُمران پوشیس۔ ہتہٕ یکیاہ

سُہ چھُ چندس اُتھٕہ ژھنان تہٕ پرانہٕ کالٕکی ہُند شراکہٕ بیچ کڈان۔"

" یہ گوو جرمنو چیز۔ کنہٕ لأے تن۔ برابر کرس زہٕ چعہ۔ اَدٕہ چھنہٕ

بتیہٕ کُنیج کیھے۔ یہ چھہٕ اَکس جرمنو دوستہٕ سُند نشانہٕ۔"

" جرمنی دوس؟"

" اہن سأ اَدٕہ کیاہ۔ نجر زندٕہ موردٕہ کتہٕ آسہٕ"

" تمو کتھ پأٹھو دِتےٕ ژٕہ اُتھ؟" —— ووہٕنی چھہ سأری شراکہٕ

پُچس تلہٕ بیہتھ وُچھان۔ ییمہٕ خیالہٕ جرمنس منز تہٕ چھا شراکہٕ بیچ آسان۔

اُمیک بجر تہٕ کھجرٕ وُچھتھ یہ خیال سیدان ظاہرا آسن تمن سانہٕ کھوتہٕ دوگن

اُتھ کھور۔

" ہاے کیاہ وَنے" سُہ چھُ ژُژون ووہٕشاہ ژاوان۔ یہ چھُنہٕ زکرٕہ

ژاوان، تس چھا کینہہ یاد پِوان کنہٕ جنگہٕ کہ ہأبتہٕ چھُ وُنہٕ کانپان۔

" مصرٕ اپور ہسا داریاہ نیکھ اُسو اَکس محاذس۔" سُہ چھُ وَنُن

شوروع کران۔

" ووہٕنی چھُنہٕ میہ ناو ژٕہ تس۔ مگر بیٹھ پأٹھو جان جایہٕ ہن۔ اَکس

دٔرِیہ یاوس یپارٕ اُسی اُسہٕ تہٕ اَپارٕ ژومُت۔ بِلکُل نِکہٕ نِکہٕ۔ خبر اَپارٕ یپارٕ کیازٕ
اوشکھ نوٗجاہ وہرٕ وومُت۔ تِکیازٕ لڑٲے سپیز نہٕ زانِہہ"

شُبلہٕ جرمن چھُ جنگ چلہٕ وُن تہٕ امن قائم تھاوان۔ ہاے ہاے
پرٕیژھن ما ژٕ کتھ پٲٹھۍ۔ بچوکھ اَمہٕ کلہٕ ژٕ شنجہ تلہٕ۔
" اَکہٕ دوہہٕ گیہٕ کٲما " سُہ چھُ بیانہٕ جٲری تھوان تہٕ بوزن واٲلی
میٚشرٕ بُتھو ہوٚہ وُچھان۔

بہٕ دراس اُتھو دٔریہ یاوس پیٹھٕ گاڈٕ رٹنہٕ۔ تتھ آسہٕ بے شُمار
گاڈٕ۔ یُتھُے مےٚ بِلاے چلاو تہٕ یک بار پھسییہٕ یہ کتھ تام منز۔ مےٚ دوٚپ آسہٕ
زِنٕی مونڈاہ یا بیٚیہٕ کینہہ تہٕ ووٚنی موکلاوُنۍ چھ مُشکل۔ پانژھ اُھڈ دٔرہ کرٕمِس
مگر کیُتھ تہٕ کیاہ۔ بِلایہ پنٕس آو ریٚتھ جار زٕہ یہ گوو یوٚہے شستٕر کھنڈ ہیو۔
مےٚ تھووٗ پننہٕ ڈیوگ کھوٚرس تل تہٕ ہینم پلوٕ کڑنۍ زٕہ آبس منز وِسنتھ موکلاوٕ
بِلاے۔ اُتھو منز گوو پنس یُتھ زبردس دٔرہٕ زہٕ بہٕ آس بےٚ خبر الیہٕ۔
اَتھ ہنٕہ ٹرکھ تارٕ گاڈ پھسے مژ۔

" یہ ادرٕ لمان تہٕ بہٕ یورٕ۔ کھینچوان کھینچوان نیوٚنس اَمہٕ گاڈٕ
نِصیف دٔریہ یاوس۔ مےٚ کرٕ جوان جہالت تہٕ اُنم بُٹھس تام " وونی اگر اُمِس اَمہٕ
ساعتہٕ کانِہہ ژٕرژھ۔

" ہیے نہٕ گزیود پوٚژوُے مگر ژٕ چھکھ یوٚہے بینزٕ کانہٕ ہندٕ ترایہٕ
انساناہ۔ یہ کیاہ چھکھ وَنان۔ ہُمسی دٔرن نہٕ واوہٕ تہٕ بُجہ سوٚمبرنہٕ کپس"
مگر تہٕ رِچھ سٲری اندری سوچان۔ خداصابس چھُ صبر پوان
منگُن۔ "چھکھ سامکو تاہ موخترٕ چھکھ پانس تام چھے"

مگر سُبلہ جرمن چھُہ ہمو کیتھو زنشہ بے نیاز۔ سُہ چھُہ رہدار پکان تہٕ ونان

سو اُس عجب گاڑا۔ کیا ہتام سِرٕ خمدار۔ مےٚ زون نہٕ مناسب سونٛہِنس نبس تل

اَنہنو۔ اَوہ کیٚنہ ترٛوومُس ڈاورِ تہٕ دوریہ بنیہ نیصیف ڈری یاوس تام۔ بہٕ تہٕ تُہیکس

بٔتھو بٔتھو یوتام اُس اَکس شاہٹس تل واتی۔

اُمس گاڑہ وچھم کنن زہٕ سونہٕ کنہٕ واٹلی۔ ییم اُسی دوشہ وَکے

آبرٕ تلی تہٕ پڑہنزلان۔ پوز گوو ییی بہٕ تھرووس پانہٕ تہٕ۔ مےٚ زون یوٚہے گوو گاڑہ

پاپھا۔

سونچان چھُس کیاہ کرٕہ۔ دِلُس منز دٲیرووُم جان گوو یہ یٔلے تراوِنی

مگر کوس اوس بِسلایہ ہُند۔ سینس تھووُم پل دولہٕ تہٕ ووتھس آبس منز

مےٚ اُس نہٕ پانس پتاہ بہٕ کیاہ چھُس کران۔ اوڈ میلاہ نیوٗنس آبرٕ منزبی۔ بہٕ

اوسُس اُٹھو کھرِ کانگرِ سیتو زہٕ خبر کیاہ رہی گوو اکھ جرمنو سپاہ ظاہر۔

شُتہٕ آو مےٚ نشہ۔ مےٚ ووٚنمس یہ سورُے ماملہ کیاہ اوس۔ ییٚنہِ

جوانَن بنیہ مےٚ بِسلاے اکھ منزہٕ تہٕ دوگ بٔتھس کُن پکہ ناوِنہٕ۔ اُمن بٔتھس پیٹھ

چندرہ منزہٕ کوٹھڑن شُراکہ ہیچ تہٕ نیوٗنس کھش کرِتھ۔ پتہ کوٚرنس زہٕ حصّہ تہٕ

اکھ دِتن مے۔ بنیہ دِتھُم یہ شراکہ ہیچ۔" سُبلہ جرمن چھُہ اَمہ پتہ زھسہ یہ کران

دم رہیٚو دوان۔ ظاہر اسام ہیوان تلابوزَن والین کیاہ اثر آسہ پیوٚمت۔ تہٕ یوٚہے

وو شاہ ہیو ترٛاوِتھ کیٚنہ زھوٹراوان "یہ دُنیاہ چھُہ عجائباتھاہ" ووٚنی

اگر کانٛہہ بکرٕ دوٗر کرِتھ پرزِنیس۔

"اَہن سا عجائباتھاہ۔ گوو ژٕ یہ اوسے جرمنی تگان؟"

سُہ چھُہ تیپر ہیوٚ جواب لایان۔

"اَہن سا۔ یوٗہے ڈاٹی پھوٹی"

"اَدٕہ سا تِتھٕن سوہنہٕ کنہٕ والِین کیاہ۔ پیٚنزِ دیو؟"

سُہ چھُنہٕ عاجز یِوان۔

"سوہنہٕ کنہٕ وٲلی۔ یوٗہے چھُنہٕ عجائبات۔ یُتھے اَسہِ سوہ کاڈٕ بُڑھ
لاٚجہِ۔ تَس سٕندی کن اَسہِ ہلکل ژھریہ تہٕ کنن اوشس رٲتھ وُسان۔"

"اَما یہ کیاہ سُنا؟" بوزن وٲلی چھِہ حَیران گژھان۔ تہٕ تِتھو
سٕندِس جوابس ووٚمیدوار روزان۔

"یہے چھہِ کتھ۔ دُپان یِتلہٕ گاڈہٕ پاتھاہ زالُس لگہِ تہٕ کانہہ
موکلن پاے روزِتس نہٕ۔ سُہ چھُہ سوہنہٕ کنہٕ وٲلی آبر بُزیہ کرِتھ خودکشی کران۔"

وونی ہرگاہ پرژھیوس۔ ہتا یارہٕ۔ ژٕ یہ کتہٕ سپدے مولوٗم۔ خودا
زانان سُہ کیاہ جواب دِیہ۔ اَدٕہ کُنہ ژھوپہ پچھے روزِ یہ سُنز کرنی پیوان۔ تو ہو کاژاہ
ژینہٕ وُکٕ دی توس۔

"ہے بَبا۔ اگر وَنہٕ نے چھُے۔ ژھوٚوٹی ژھوٚوڈ پاٹھو وَن" مگر تِمس
چھُنہٕ یِمن کتھن ہُند پرواہ۔ تَس سُنز کام چھہِ کینژھاہ وَنُن۔ جادہٕ کھوتہٕ جادہٕ
ہیکہٕ اِنسان وُچھتھ تہٕ نیرِتھ۔ مگر دوٚیمہٕ ساعتہٕ چھُہ اورے آلو کران تہٕ تِتھو
چھہِ بیاکھ لنڈ آسان تیار کرِتھ۔ چونکہ بُزرگ چھُہ اَمہ کُنہ ہیکوس نہٕ مُبقس پیٚٹھ
موکھ پرِیتھ دِتھ۔ مجبوٗری ورٲے کیاہ چارہ چھُہ۔

اِنسان چھُہ رویہٕ گژھان۔

اَکھ پیٚٹھ پیوم بیاکھ اکھ مہربان ژٕتس۔ بہٕ آس یورہٕ تہٕ سُہ
اورٕ پکان۔ نکھہ ووت تہٕ گوو ایستادہ بجلی کوٚاٹ ہیٚنگ روزِت۔ وارہٕ پاٹھو

زانَن۔ ریوان گرٛھان چھُ۔ سلامالیک کرَن چھُنہٕ کانٛہہ چارٕ لگان۔ سُہ چھُنہٕ
جواب دِوان۔ بُرٛنٛزا ٹھَلہِ ٹھَلہِ وُچھان تہٕ پرٛژھان۔

کیاہ بوٗزِو وہ؟

تَس بَنہٕ نہٕ وَنُن "کُنھ مُتلق" ہرگاہ تہٕ وۄن تیٚلہٕ گمہٕ ہتک۔ سُہ
مارٕ کاٮ۪ر تِمہٕ ژاپہٕ نہٕ انسان چھُ گابران۔ کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ پوٗز اَپُز ضۆرۆر بیان
کرِن۔ یِیلہٕ نہٕ ٹارٕ کھٮ۪س سُہ چھُ یکدم نال بدلاوان۔

"یِتھ چھُم کھۄرس شُہہ"

وۄنہِ کیاہ وَنہٕ انسان جواب۔ کُنھ کُنھ دِیہ والھٹ۔ یوٚت یوٚت چھ
واتان وَننس۔

"اٰہن حفص۔ شُہہ کری نہٕ اَدٕ کیاہ گُل پھولہ نیٚہ۔ ہٹرٕ ہٹرٕ
چھکھ پھیران" مگر وَننک چھُنہٕ کانٛہہ وِستارا۔ یورٕ چھِ یتیمہٕ سِندی پاٹھی کاٮ۪ر
نۄمرٲ وُلھ وُچھن پیوان۔ کاٮ۪ژاہ مجبوٗری اُسرِتَن۔ سُہ کیاہ مانہٕ۔ ملک الموت ژادِ
مگر سُہ ژادِ نہٕ کینٛہہ۔ اَکھو سِتو چھ بیاکھ کُنھ ٹلان یا کینٛہہ بوٗزُت آسان
سےٚ دۄہراوان۔ کوتاہ کرِہ تَن انسان۔

"ہیے۔ میہ کیاہ کورٕ مے۔ میہ چھِ مجبوٗری۔ سیٚٹھاہ ژیر گوم۔"

مگر سُہ ما چھ ہند گوٗبر کُنھ مانہٕ۔

وۄنہِ اگر خوش قسمتی کِنہٕ نیٚبرٕ شمکھ تہٕ تیٚلہٕ چھُ تِمہٕ ساعتہٕ گرٕ
حاضر سپدان۔ یِیلہٕ زَن زِہ پَن موہ کِہ آسہ نَس یا آسہ خلوکھ روزن پرٛژھانٕ
سُہ چھُ جل جل پیوان نہٕ گرٛھان ژکھ ہیوٚ بہتھ۔

"اوٚہ ۔ اوٚہ ۔ کلہ دود ژاس چھُم" دِہان چھس کرٛیکھ دِتھ وَنِس۔

"اَہن سہ یور کوت لوگکھ۔ حکیم وان ہے نزدیک او سُے۔" مگر وَنہٕ کُس سُہ چھُہ اَتھس

کیتھ کتاب تُلان تہٕ پرٕنٛژھان۔

"کیا حَفَس چھوٕ پرٛان؟" یہ چھُ آسان ابتدا،

"یہ حَفَس چھہٕ اَکھ ناولہٕ ہَن" پٔنٛنہٕ کنہ کران انسان ژٕہٕڈِوُنے کلام۔

"تہٕ کیاہ گمہٕو"

برٛاہ ضبط تہٕ تحمّل کرٕتھ پیوان وَنُن

"یہ حَفَس چھہٕ اَکھ زیٹھ کہانی"

"کُتیچ؟"

"روٗسیچ"

"اچھا۔ تیٖلہٕ آسہٕ جان۔ اماکیاہ سُنا لیکھان؟" اَتھ چھُنہٕ یورہٕ کانٛہہ

جواب پھیران۔ بے غرضی سان اِنسان وَنان۔

"کہیں نحَفس۔ لیکھان خبر کیاہ"

"کہیں نہٕ۔ اَدٕ چھا یہ شر کتاب خالی"

ووٚن کُس ٹھٔوٕرٕ دمَو اَتھ سُہلابَس۔ چارٕ ناچارٕ چھُ پیوان وَنُن۔

"دِیان حَفس یہ اوس اَکھ جاگیردار۔ تٔس اوس ناو نِکولائی برو برووِچ"

"اولاہ۔ یہ چھا ناو کنہٕ بمبائری۔" سُہ چھُ اُچھ وہرٲوِتھ پرٕنٛژھان۔ وُچھہس

اَہن سائہٕ تہٕ یہ گمورُوٚسہٕ والین پرٕنٛژھن۔ میہ کیٚتھ۔ اَوتہٕ میتھ ہرگاہ موہ کلُن پاے چھُ

آسان۔ ووٚن چھہٕ سٕتھ سوران۔ ہتھیار چھہ پیوان ترٲوِنی تہٕ ژادٕر وہراوِنی۔

"چھکھ سائہٕ کوتاہ موہ ختہٕ چھکھ۔ ہمہٕ چھیٚ حائمز"

[" سون ادب" ۱۹۶۴ء]

# حلیمؔ

شمبھوناتھ بٹ حلیمؔ بیٚیہِ اُکمہِ جُلائے ۱۹۲۱ع ہَس منٛز کوٚلہِ گامہِ اَرٕ نادہِ کِس گامَس منٛز زامُت ۔ حلیمؔ چھُ آل انڈیا ریڈیوہَس منٛز نوٚو دِلہِ کام کران ۔ یِم چھِ کأشرِس منٛز شار وَنان ۔ نثرِس منٛز چھےٚ اَمِ سٕنٛزٕ یِمہِ کتابہِ چھاپ خانہٕ منٛزٕ دَرامٕژٕ :-

(۱) "بالہِ یار" شُرِین ہنٛدِ خاطرٕ دلیلن ہنٛد مجموعہ ۔ مرکزی وزارتٕ تألیمَن چھُ اَمِس اَتھ پیٹھ ۱۹۵۹ع ہَس منٛز پانٛژٕ ہتن روٗپین ہنٛد گوڈنیُک اِنامہِ دِیُتمُت ۔

(۲) (ا) جھلکاری (ب) شنکر آچاریہ (ج) گوداوری ۔ ہِندی پیٹھ کأشرِس منٛز ترجمہٕ کٔرِتھ مُرژٕ ۔

(۳) "رٕت شہری" ۔ انگریزی پیٹھ کأشرِس منٛز ترجمہ ۔ یہِ کتاب چھےٚ پبلی کیشنز ڈویژنَن چھأپمٕژ ۔

حلیمؔ چھُ اُردو تٕہ ہِندی زبانَن منٛز تہِ لیکھان ۔

(۱) لِلیشوری (۲) پرتیشرم (۳) چور دیارتھی چھےٚ یِہنٛزٕ کینٛہہ ہِندی کتابہٕ ۔

●

مضمون شمبھوٗ ناتھ بٹ حلیم

# کتھ تہٕ شُری

دوٚہس پٮ۪ٹھ لیکھتھ، گِندتھ درٛوکتھ تہٕ اُلمہٕ تمِین کھسِتھ ییلہٕ شُریو ماپھِش باگی گرٕ پیان چھہٕ۔ گژھ وُچھُن کمہٕ تاشوقہٕ چھیٚ تِم بچہٕ دیژہٕ ذرٕ پاوٕ اُلنہٕ وٕلنہٕ پیان۔ اَکھ چھُ فرماش کران "دیدی۔ اَز ہاے بوزو اَسہِ شالہٕ کاکنہٕ کتھ" بیاکھ چھُس وَنان "ناے۔ بہٕ بوزہٕ کاوہٕ کتھ" اَتی چھُ چُرگیٚش ووٚتھان مگر دید یُتھے وَنُن چھہٕ ہیوان۔ "اَدبا۔ بوٗزِو سہٕ اوس اَکھ شالہٕ...... !!" اَدٕ ہمتھ بوٗزی توٗ شُریو کوتاہ خوش چھہٕ گژھان۔ ماے لاگتھ چھہٕ کتھ بوزان۔ جمال چھا کاتھہٕ کرٕ ٹھس یا پھٹس۔ کتھ بوزان بوزأنی چھہٕ اَڈِین نیٚندرہٕ ہشرِہ وِگنہٕ دوٗر تہنٛزٕ شالہٕ واتہٕ ناوان۔ ییٚتہٕ شالہٕ کاکن مأنترہٕ سیٚتہٕ گاسہٕ پھُرٕ محل بنوومُت چھُ آسان۔ اَتہٕ چھہٕ تِم زِن تہٕ پانٕ شہزادہٕ بنتھ ماسہٕ پأٹھو باغس اَژان تہٕ پرٮ۪یہٕ وُچھان۔ تِمہٕ پرٮ۪یہٕ چھہٕ اَسہٕ وُنہٕ تہٕ وُڈُونہٕ پرٮ۪یہٕ آسان تہٕ نیٚندرہٕ موٚت موصوٗم بالک چھہٕ تِمن سیٚتہٕ سیٚتو آسان تہٕ اسمأنی وُڈان۔

ماسہٕ بدلو وٕری یوٚ پیٚٹھ چھہٕ کتھن ہشرِہ پرٮ۪یہٕ پیٚھتے پأٹھو مأنُم لالہٕ پھٕلِین ہُند دِل رٕنزرِہ ناوان آمرٕہ تہٕ اَز تہٕ چھُ شُر طوطس تہٕ وَن ہارہٕ

سیٹھو کٔنی وُفہٕ خبر کتھ دُنیہس واتان۔ شاید اوٚرہ موجوٗب زٕہ انسان چھُ
بالہٕ پانہٕ بیٛیٹھ زندگی ہندس سنٛزس لگان۔ تٔس چھے زوٗنہٕ نیٚرٕ تارکن تام
واتنچ کل ازلے گنان۔ تٔر ہرگاہ کُنی وُفہٕ اکہ لٔنج بیٛیس لنٛجہ واتان
چھہٕ۔ شرُکیس سناژہ روزہ پتھ۔ سُہ تہٕ چھُ اُسنہٕ اندرُی وُف تُلان تہٕ
دوٗر بالوٚ اپور۔ خیالی سُدرٕ اپور پننہٕ ژیرہٕ ونہٕ تہٕ ڈیرہ وارٕ اپور خبر کوٚت
واتان۔ ظاہر توٚتے یوٚت واتنک انسانٕ زینہٕ پیٛیٹھ قصد چھُ کوٚرمُت۔ لوکچار
منز چھُ انسان یہ منزلہٕ کتھہٕ سیٹھو کڈٕنک پاے پانہٕ ناوان۔ مگر بوڈٕ واتتھ
چھُ تٔس سٕے منزلہٕ اتھہٕ تہٕ کھورُو کڈُن پیوان۔

شرُکباو چھُ انسانہٕ سُند اصلی بالہٕ یار۔ اچھہ دارٕ تہٕ زوٚن ہاجر
زوٗنہٕ ہندِ پاٹھی آدنک سیٹھو بوج۔ یُس دوٗرٕ روٗزِتھ اُسہٕ وُنہٕ ہیٛو رنٛجہ
انسانس ٹھاٹھا کران روزان چھُ۔ اُمی سے بالہٕ یارس رٕٹزٕ ناونہٕ تہٕ زندگی
ہُند عزم مۆوٗرِ پاٹھی فکرٕ تارنہٕ خاطرٕ چھُ انسان کتھن ہندس میراثس نوٚے
نوٚے جامہٕ وٕلان تہٕ ووہٕ لاسہٕ کران۔ یہ چھُ اکھ پرٕم پدا۔ یوہسے ازتہٕ موجوٗد
چھُ تہٕ شاید روزہٕ ابدس تام چلہٕ وٕنی۔

بدٕلن ہندٕ خاطرٕ چھُ کتھن ہُند میراث فی ذات سُہ زا پھیرٕن
یُس پتہٕ نالی چھُ نہٕ ییوان۔ مگر یُس آدنکو ہیٛیٹھو تہٕ رٕسل ووہٕ ساتہٕ ساتہٕ
ژٕتس چھُ باوان۔ دٔیان اُمی مارٕ متہٕ کوٚر انسانٕ ہُند سُہ سرمایہ تیار یُس
اَزِ کہِ ادبُک گہنہٕ چھُ بنیوٗمُت۔

ییمہِ وٕے کتھو موٗجوٗب چھُ ازتہٕ ووہٕ ہنرٕن شالہٕ کتھن سٕے
بجرٕ یُس تمن ہتہٕ بدٕ وٕرِ یوٚ برٕونٛہہ اوس۔ زمانٕ چھہٕ ووہٕ نی سیٛٹھاہ

ترقی کرٕمژ۔ لہٰذا چھُ کتھن ہنٛزٕ کتابہٕ اَزکل اَنٛبرٕ اَنٛبرٕ چھپان۔ مگر کأشرِ
زَبان چھےٚ وُنہٕ اَمہٕ رنٛگہٕ کھۄتہٕ کھۄجی کران۔ شُکر چھُ ز شُرٛین لایق کأشرِ
کتابہٕ لیکھنس نہٕ وۆتھ دس۔ اَمہٕ خأطرٕ گژھن پرٛیتھ کأنٛسہٕ کأشرِ ہنٛزٕ
شانہٕ وۄتہٕ گنٛنہٕ۔

[ ’گوڑٕ کتھ‘ ”بالہ یار“ ]

# نۆر محمد بٹ

نۆر محمد بٹ چھِ ساَنِہ تِمَو ذہین نوجوانَو
منٛزٕ یِم سیٹھاہ کم لیکھان چھِ۔ یِہُندۍ کینٛہہ
مضموٗن چھِ "گُل ریز" تہٕ 'سون ادب' منٛز اَز تام
چھَپان رودۍ مِتۍ۔ 'شاعری تہٕ حقیقت' چھُہ یِمَو
منٛزٕ اَکھ یُس زَن اُسہِ یِتھٕ اِنتھولجی منٛز
شامِل کران چھِ۔

بٹ صاب پھانٛپھلے یِہ کلچرل کانفرنس کِس
سایس تحت۔ یِم چھِ اسمبلی منٛز کاٛم کران۔ تہٕ کینٛژَو
وریو پیٹھٕ جواہر نگرٕ روزان۔

نور محمد بٹ

# شاعری تہٕ حقیقت

حقیقت کیاہ گیہٕ ؟ اَسہِ دِچھنہٕ کھوورِ یہِ کینژھاہ چھُ سہٕ چھُ ساری حقیقت۔ اَدٕ سہٕ ژٔنبہٕ آرُک گریز اُسہِ تَن یا جبہٕ یہِ ہُند سۄت سۄت ساز۔ آرہ وِلہٕ ہُند سوختہٕ بدن اُسہِ تَن یا گمہ لابہٕ کہٕ رویک وعدٕ جار۔ ملتانی طوطہٕ اُسہِ تَن یا وَن ہار۔ انسانہٕ سِندِس دِلس منز ژٔشہٕ وُنی یا ٹھولہٕ ٹھولہٕ کرہٕ وُنی ارمان اُسہِ تَن یا لاشعوٗرچ حسرت تہٕ پریشانی۔ غرض یہِ کینژھاہ بیٚتھ دُنیہس منز چھُ تتھ ساری ہے وَنو حقیقت۔

شاعر چھُ اَتھ حقیقژ نقل تُلنہٕ خاطرٕ پننین لفظن ہندین خزانَن ہٹھان تُلان۔ یہِ چھُ اَتھ چھمبہٕ سیتو ژاری ژاری لفظ کڈان۔ تہٕ کلا بہٕ ہکھ پاٹھو زمانہٕ کِس نالس چھاوان۔ یہِ چھُ پانے نقش گر تہٕ آسان۔ کلا بوتہٕ چھاوَن وول تہٕ۔ یوت اُمو شند یہِ نقش ہؤل ہؤل تہٕ طرح دار آسہِ تیوٗت گژھہ تٔوکن یہِ خوش مگر خالی نقشہٕ یوت کرہ نہٕ کار۔ ہرگاہ تِلہٕ دوٗز ناہ پیچھرِ آسہِ نہٕ کلابوتیچ تار ٹھیک آسِس نہٕ۔

ییٚلہٕ اَسہِ مانو زِ شاعر چھُ حقیقژ نقل پرژھان کرُن۔ اَسہِ چھُ پیوان لازمی یہِ کتھ تسلیم کرٕنی زِ کُنہِ چیزُک نقل چھُنہٕ تمہ کِس اصلس

رٕژھ رٕژھ برابری ہیکان کرِتھ۔ مثلن اُسہ چھ کُنہِ وقتہٕ بازرس منز اکھ نقلی
کوکرٕ وأنِس وُچھان۔ اُسہ چھ وُچھان زِ اُمہ چھ آسان چھیٚمہٕ کہ کاکدکہ یا بیٚیہ کُنہِ
چیزٕکہ نقلی کوکر یا باقے جانور بناونہٕ آمٕتۍ۔ تمہ وقتہٕ ییٚلہِ اُسہ اُمِس کوکرس رنٛگہٕ
سیٹھاہ چھوٚت تہٕ بے اثر لگنہٕ یِوان۔ پزر تہٕ چھُ تی۔ مگر یہٕ فکرِ تراوتھ تہٕ چھ
اُسہ کاکدوٕکہ کوکر وُچھِتھ خوش گژھان تہٕ کوکر بناون وألِس تأریف
کران۔ یُتھ اُمہ کوکر بناون وألۍ اصل کوکرس نقل کرنس منز تقر ہیوٚو آسہ
ہاوِمُت۔ تیُتھ چھ اُسہ اُمِس تأریف کران۔ یِتھے کُنہ چھُ شأیرہٕ پننین شارَن
منز کانٛہہ حقیقت ووٚنہ پاونہٕ خأطرٕ پننہ ہیوٚو ہاوان۔ مگر اُمہ سنٛز ہیوٚو چھ
کوکر وألۍ سنٛزِ ہیوٚوِ کھوتہٕ سیٹھاہ کھرٛدار آسان۔ ہُمِس کوکر وأنِس
چھُ آسان کوکرٕ بناونہٕ خأطرٕ کوکرٕ سنٛز نیبرِم چال ڈھال یا رنٛگ روغن وُچھُن
مگر شأیرس چھُنہٕ آسان۔ یِتھے یوت وُچھُن تمِس چھُ یِوان کوکرٕ سنٛز ژھالہٕ
تہٕ وُچھِنہٕ۔ اُمہ سنٛزن دِلہ چین راین تہٕ گراین سیٚتۍ پکُن۔ وأرِنجہ ہنٛزِ دُبہ
رایہ سیٚتۍ کن دِیُن۔ تیٚلی ہیٚکہ یہٕ اُمہ شند اندریمۍ نیبریُم حال پننین ہأتَن منز
سنبرأوِتھ۔ یُتھ یہٕ شأیر کوکرِ ہنٛزن دِلہٕ چین راین تہٕ گراین سمنہٕ تہٕ ییٚمہ
دِلچہ رایہ تہٕ گرایہ پنٕنۍ اچھ گاش زألِتھ پننین شارَن منز ویپراونہٕ تیُتھ آسہ
اُمہ شند شار قأبلِ تأریف تہٕ حقیقژ نکھہ نکھہ۔ یُتھ یہٕ ژھوٚر تہٕ حقیقژ دوٗر
دوٗر آسہ تیُتھ آسہ یہٕ بے مزہ۔ اَمہ خأطرٕ کرِہ یہٕ المستہی زِ شار پیش ؎

حُسنہ کہوٚچھ پیٹھ عبث پرکھو دِل

سنگدل کرِہے اثر کیاہ لوو دِل

گۄو سَرے رِکنہٕ نٔنی اوٚتام اُسہٕ چھوو دِل

ییٚندرہٕ ہوٚت کٔمی سُنا وُزہٕ نوو میون دِل

حُسنس تہٕ عشقس چھُ رِیتھٕ واٹھ یُتھ نمس چھُ مازس سیٖتۍ اگر حُسنس عشق پتہٕ آسہٕ نہٕ حُسن چھُ تیٖلہٕ بے کار۔ سہٕ لال یُس کٔنہٕ منٛز بند کٔنہٕ پہاڑس پیٹھ پیوٚمُت آسہٕ۔ پِتھٕ کُنہٕ روزہٕ عشق بے معنی۔ ہُنہٕ مشیدہٕ ہُنند رِچن ہیوٗ۔ اگر حُسن اُمس سیٖتۍ آسہٕ نہٕ حُسنس چھُ عشقہ سیٖتۍ معول تہٕ عشقس حُسنہٕ سیٖتۍ۔ حُسنس چھُ بظاہر سیٖود سادہٕ مگر خوداہ رُچھن اُمی سُندُو ژھلو تہٕ وِہو نِشہٕ ییمہٕ وُقتہٕ یہٕ وَرہٕ ہوٚل لاگان چھُ۔ اَدہٕ چھُنہٕ کھینو ہماشمہٕ وُچھان۔ عشقس بچارس چھُ نُرہٕ ناوان، دربدر کران ژھایہٕ گٔژھ کران۔ لارُک چھُس وُنان دار تہٕ دارُک لار۔ عشقس چھُ دِل آسان نرم تہٕ لوو۔ اُلٹھ ہے کینہہ مشغالس سوٚتھ کینہہ اَتھٕ اَتھ چھُنہٕ قرارے پوان۔ حُسنس تہٕ چھُ دِل آسان مگر شٔشتر ہیوٗ۔ اَلمستَن چھُ پنٕنس شارس منٛز اَمہٕ کُے حال بیان کوٚرمُت۔ اُمی چھُ معشوقہ سُندس دِلس کٔہ وُچھ سیٖتۍ تشبیہہ دِژمٕژ۔ کٔہ وُٹ چھ کُنہٕ آسان۔ کٔہ وِچ پیٹھ دِل پَرِکھاوُن تہٕ پتہٕ کنِن پیٹھ چھاوُن۔ اَمہٕ سیٖتۍ چھُ اُمی سُندس شارس منٛز حُسن سُند پوٚمُت پأدہٕ۔ تہٕ اُسی چھ یہٕ وُچھتھ واہ واہ کران۔ ہرگاہ اُسی اَتھ سُنو اُسہٕ تٔرہٕ پانٕنہٕ فکرہٕ زہٕ یُس عشقہ نارن ژوٚپمُت آسہٕ تہٕ ییمِس یہٕ بُنِتھ آمُت آسہٕ، تمی سُنٛز حالت آسہٕ اَمہٕ شارہٕ کھعہ تہٕ سیٹھاہ پُرہٕ اثر۔ راہی سُند

اَکھ شار نمون سہٕ

زردپہٕ مہٕ کھ آفتابس دوہ شلیود گولاب ساقی

چھُنہٕ کأنسہٕ جایہٕ حُنکُ پھوران جواب ساقی

شاعر چھُ وَنان زِ معشوق میون چھُ رتیوٗت حسین یس نہٕ دُنیہس
منز کانہہ جوڑے نیرِ۔ امی رکھ چھُ یہ پننس شارس منز وَنان زِ پُھٹمتے یہ پننہٕ
پرتو تراوان چھُ۔ آفتابس چھ تُھکس زردی پھیران تہٕ گہ لابس چھُ دوہ شُلُن
کھسان۔ آفتابس چھُ رنگ زرد اُسی پتھے تہٕ گہ لابس تہٕ چھُ رنگ دوہ زُل
آسان۔ مگر شاعر چھُ وَنان زِ یِمن سپیز یہ حالت محض میون معشوق دُچھتھ
تکیا زِ تمی سندِ حُسنک تاب ہیوکنہٕ یمو اُنتھ۔ شاعرس چھُنہٕ پننس معشوق سندِس
حُسنس برابر کانہہ پوان بوزنہٕ۔ یہ کرِ ہا اُمس کُنہ تھکس چیزس سیتو مقابلہ یتھ
تم ساری صفت آسہٕ ہَن۔ یم اُمی سندس معشوقس چھ مگر تِمس چھُنہٕ کانہہ چیز
تیتھ اتھہِ یوان۔ دوہ نی چھُ یہ دُچھتھ کھوہر وَنی دوان زِ رکھتھ کُنہ ہاوِ بہ
اُمی سندِ حُسنک تجر۔ امی چھُ گرا تارکن گژھان تہٕ گرا گہ لابس نکھ گژھان۔

اُمہ برونہہ زِ بہٕ کرِ اُمہ کھہ تہٕ زیادِ پُر اثر شار پننس خیالہ
کس حقس منز پیش۔ بہ چھُس دَپان زِ بہٕ رٹہ انسانہٕ سٔنزِ سرگرمی ہنز بیاکھ
اکھ شاخ سو گیہ تواریخ۔

مے چھُنہٕ یاد یہ کُس تاریخ دان اوس یمی یہ پڑھیوو زِ بہٕ لیکھ اکھ
تواریخ مگر سو لیکھ صحی تہٕ پَتِز۔ اکہ دوہہ اوس یہ تواریخ دان۔ اکہ دوہہ
اوس یہ تواریخ دان پننہٕ گرہ بیٹھتھ۔ نیبرِ رکھ سُپُد کیا ہنگام واقع۔ امی پژھ
کینژن تمن شخصن یمو یہ واقع وُچھمت اوس زِ یہ کیاہ دلیل اُس۔ سارو
ورنس پننہٕ پننہٕ طریقہ تژھ کتھ یمن اکھ اکس سیتو کُنہ ہشر اوس۔ امی
ووٗن پننہٕ نس دِلس سیتو یا باری تعالے یہ گیہ موہملی کتھ یوسہ سانِہ اَچھن
ڈیشمان سپدیہ۔ یتھ منز چھُس بہٕ حیران زِ کوسہٕ ہش کتھ چھ پَتِز۔ دوہ نی

ہیکا بہٕ یپٕژ بڈ تواریخ صحی تہٕ پز لیکھتھ۔

اکبر بادشاہ اوس ہندوستانس منز راج تاج کران۔ اَمہِ وقتہٕ اوس
اکھ شہنشاہ اکھ اُمی اوس پننہٕ نس پانس باز بہادُر ناو گوڈمُت۔ یہٕ اوس
مالوہک سُلطان بنیومُت۔ اُمی کوڑ اکہ دوہہ پنُن فوج جمع تہٕ ہیوتُن بیئس
اکس ریاستس پیٹھ حملہ کرُن۔ اَمہِ ریاستُک مہاراج اوس مودمُت تہٕ اَتہٕ
اُس اَمہِ سُند رانی تختس بہتھ۔ اَمس اوس ناو مہارانی دُرگاوتی۔ دُرگاوتی
اوس تیٚوُت فوج زہ باز بہادُرن ہیوکنہٕ اَمس مُقابلہ کرِتھ۔ یہٕ آو ژلان ژلان
تہٕ ووت پننس مُلکس واپس۔ اَتھ منز گیہ اَمس واریاہ بہادُر جرنیل تہٕ سپاہ
اَتھ۔ اَمیُک سُند اَمس سکھ صدمہ۔ اَمہِ پتہٕ یوژھ اُمی زہ میہ گژھہ دلس
خوشی واتنی۔ یہٕ اوس دوہہس راتس عائش و عشرتس منز آسان۔ سیتارن
ربابن تہٕ باقے سازندرن منز اوس دوہہٕ نی دوہہ گذران۔ اَتھ منز کوڑ اُمی اکس
زنانہٕ سیٹھاہ نیتھر۔ اَمس اوس ناو رُوپ متی۔ یہٕ اُس سازن تہٕ وایان۔ گیوان
تہٕ شاعِر تہٕ اُس۔ نژن تہٕ اوسُس تگان۔ یمو صفتو علاوہ اوسُس لہٕ کچار تہٕ
حُسن۔ دپان حُسن اوسُس تیُتھ پکہ وُنی لُکھ اُمی رُوز بتھ گژھان۔ یُہے کرٕ باز
بہادُرن نیتھر۔ اَمس اوس رُوپ متی سیٹھا تیُتھ محبتھ گومُت زہ اُمس
ورائے اوسُس نہٕ میونڈ تہٕ وسان۔ اکبر بادشاہ یئلہ واریاہ علاقہ زینان زینان
گوو کمہٕ تام دونہٕ نس مالوہ چھُ اکھ ریاست یتہٕ باز بہادُر حکومت کران چھُ۔ اکبرن
بادشاہن سوز پنُن اکھ سالار اُدہم خان اَمس سر کرنہٕ۔ باز بہادُرن یئلہ یہٕ
وُچھ زہ بہٕ ناہکہ نہٕ کینہہ کرتھ یہٕ زوال سلطنت رٕیہ ادہم خانن۔ اَتہٕ آو
اَمس واریاہ مال دولت اَتھ۔ یہٕ گوو اَتہٕ مست۔ اَمس تہٕ پئیہ رُوپ متی پیٹھ نظر

دِل تنبلیوس شیٚنچھو سوٗزنس " وونی گیٚنکھ ژِہ سأنی " اَمہ سوٗزِس وایِس
شیٚنچھو ژِہ یِمَن دِل وُچارِہ آسہ گومٕت ۔ تیمَن کیا ژِہ چھُکھ ناحَق ستاوان ۔ باز
باز بہادر تہٕ گوو تہٕ زندگی ہِندکر پأراو پَتیمہ پَتھر ۔ دِلہٕ چین تارَن یُس مضراب
دِیہ ہا تیلہِ نہ سُے تیلہ کیاہ ؟ "

اُدہم خانن سوٗزنس پَتیمہ شیٚنچھ ژِہ یہ گوو نہٕ جان تہٕ دوٚپنس
فلأنی دوہہ گرہِ ژِہ مےٚ سیٚتی مُلاقات ۔ یَتیلہِ وونی سمکھنک دوہ آو ۔ اَمہ لأگی
نوی نوی پلوٗ ۔ یِمَن مُشرِ عطر ۔ مَتس مَنز بھأوِن گولاب پوشن تہٕ روٗز
بادشأہی پلنگس پیٹھ پَتھ کُن لَرٕ ترأوِتھ ۔ اُدہم خان آو وَقتہٕ بُرونٹھے یَتنا
بیٚتھے اوٚت نس دوٚت اَمِس تُلمُت کلہِ پیٹھ ڈیٚنڈ یہ وُچھن مُش ۔ اَمہ اوس
زہر کھیومُت ۔ یہ اَمِس نہٕ یِژھان محبت تہٕ لول بَتیس باگراوُن ۔ اَمہ دوٚپ
پَتیمہ عأشقہ زندگی ہِندِہ کھوتہٕ چھِ موتچ تلخی بہتر ۔

یہ چھُ اکھ توأریخی واقعہ ۔ اَمہ کِنہ چھِ اَسی وَنان ژِہ یہ آسہ
پوز ۔ مگر پَتیمہ وقتہٕ یہ واقعہ دات سپدیومُت آسہ تمہ وَقتہ کوتاہ زوٗدار آسیہے
یہ بوزنہٕ یِوان ۔ تکیازِ یوسہ اَسہ پَتیمہ بُرونٹھہ اَکس تأریخ دان سِنز مِثال
دِژ تمہ تَلہ چھُ تران فِکرِ ژِہ توأریخ تہٕ چھپنہ کُنہ حأدثس یا واقعہس صحی
پأٹھی لیکھتھ ہیکان ۔

وونی دِمہ بہٕ بیاکھ مِثال ۔ اَکہ دوہہ گوو مےٚ کَنَن یہ مصرعہ سے
دِل پھُٹِتھ چھا گُل پھُٹِتھ ژ اَسن گرزھس
بہٕ سینوس اَتھ مصرس ۔ مےٚ توٚرنہٕ فِکرِ یہ چھا کأنسہ شأعِرن ووٚنمُت
رکینہٕ لوکھ چھُ یانہ گوٗزمُت یا تھوٗرمُت ۔ مگر بہٕ گوس حأران ژِہ وُچھتھ دِل پھُٹِتھ

کتھ سیتؠ چھکھ واتھٕ ڈیشمت نہٕ اَتھ کوتاہ ہشر چھُ باسان۔ مہ دوپ اَمِچ قدر
زانہٕ سٕے یِمِس پانَس دِل پھٹمُت آسہِ۔ یِمِس دُنیاہکیو لوٗکو تہٕ وقتن ژکمٕ ژاٹٕ متۍ
آسَن۔ یِمِس اَزلہٕ لٲنہٕ ڈکہ چھپن رِکھَن بیہِتھ تہٕ خندق آسَن بنأوۍ متۍ آسَن۔
تہٕ وُدۍ وَدۍ اَنۍ ہیوٚمُت آسہِ۔ یِتھۍ نَس چھُ تُران اَسہِ فکرِ زہٕ شاعِرہ
سُند تخیّل کوتاہ تھوٚد چھُ۔ اَمی کٲنۍ چھہ طرفات چھہ ژھانڈۍ متۍ تہٕ اَتھی لَنجہٕ بیٚہِتھ
چھُس قرار آمُت۔ اَتھ نَس چھُ شاعِرس سیٚٹھاہ تھوٚد شرف مگر یِہوٕ حالت دِل
پھٔٹِن وِزِہٕ کٲنسہِ شخصَس گژھِہ تہٕ یِہوٕ ژھرٕ ژھرٕ ژھرٹ تمہٕ ہندِس دِلَس گژھِ
نہٕ یِہوٕ آواز تِتھ تمہٕ وقتہٕ نیرِہ تِتھ کنہٕ ہیکَن شاعِرہ سِندی لفظ یا بے بَس
فنکارہ سِندی طریقہٕ رٹنَس منز پیٚشِتھ۔

وۄں کرِ ہے کانٛہہ اعتراض زِ ہے شاعِر چھِنہٕ نقال آسان۔ سُہ
چھُنہٕ کُنہٕ واقعہَس ہوبہو بیان کرُن یژھان۔ تکیازِ زندگی ہندی یِم واقعہٕ آسان
چھہ تِم چھہ آسان سیٚدۍ تہٕ سادہ۔ شاعِرس چھُ قدرتَن تخیّل تہٕ وجدان دِیُتمُت۔
یہٕ چھُ یِمو دوٚیو نعمژو سیتؠ حقیقتکین سیٚدین تہٕ سادَن واقعَن تِتھہٕ کنہٕ گران
شیران تہٕ موکھتہٕ جُران زِ یِم واقعہٕ چھہ اصلی زندگی کھوتہٕ زیادہ حسین تہٕ دلکش
بنان۔ اَتھ منز چھُنہٕ کانٛہہ شکھ زِ شاعِرس چھُ قدرتَن اَکھ برکت آسان دِژمٕژ۔
سُہ گوو اَمی سُند تخیّل۔ یِیلہِ یہٕ تخیّل وُڈوٚ کران چھُ۔ اَدہٕ چھُنہٕ اَتھ ہیکان
کٲنٛہہ ہیو پوٚشِتھ۔ یہٕ چھُ لامکانکۍ سٲل کران۔ مگر پزر چھُ یہٕ زِ یِیلہِ شاعِر
کانٛہہ واقعہٕ یژھان چھُ بیان کرُن۔ تمِس چھُ مدِنظر زندگی ہُند کانٛہہ تھوٚد واقعہ
آسان۔ یُس اَمی بَنِہ نہوا اَچھو سیتؠ وُچھمُت یا بوٗزمُت یا پووُمُت چھُ آسان
یہٕ چھُ یژھان زندگی ہُند کانٛہہ سیٚود واقعہٕ یا حادثہٕ تھٔدِس واقعہَس ہیوٗ

بناوُن تہٕ تخیّل تہٕ فنہٕ کہٕ دٕ تہٕ سیٚہتر کُنہٕ جایہٕ رٕبہ رٔژھ ہٕن کُنہٕ جایہٕ توہہ پھٔلی ہٕن یا
کیٚتسرٕ پھٔلی ہٕن تہٕ کُنہٕ جایہٕ گاسہ کوٗٹ سوٗنبرِتھ اَنُن تہٕ اکھ اول بناوُن۔ یِیٚہے
چھہٕ اُمی سٕنٛز ہونَر۔ یٔیلہٕ اکھ عام انسان اُمی سٕنٛز یہٕ ہونَر تہٕ حَرفش وُچھان چھُ
سُہ چھہٕ حأران گژھان۔ یا یٔیلہٕ اکھ شأیر بٔیس شأیرٕ سُند تھوٗد کمال وُچھان
چھُ سُہ چھُ حأران گژھان۔ اَتھ اُمی سٕنٛزٕ ہونَر چھہٕ ییوان تأریف کرنہٕ۔
تأریف چھہٕ اُمہ کِنہٕ ییوان کرنہٕ تکیازِ یہٕ چھہٕ آسان انسانہٕ سٕنٛز ہونَر۔ اُمی سُند
کمال۔ اَتھ چھُ ییوان اُمہ کِنہٕ واہ واہ کرنہٕ زِ اَتھ منٛز چھہٕ اُمس انسانہٕ سٕنٛز
محنت تہٕ کسب آسان۔ یہٕ محنت تہٕ کسب چھُ اُمس تٔیلہٕ رٕٹتھ کھسان یٔیلہٕ
اُمس ییم شار لیکھنہٕ یا وَننہٕ خأطرٕ آسن رأژ راوِمٕژٕ۔ اُچھن ہُنٛد تیل آسہِس
دوٗدمت۔ قوہ درٛکین رنگا رنگ تماشَن سٕننہٕ خأطرٕ آسنس نِبر کأژاہ گرٕ
راوِمٕژٕ۔ بیٚنہٕ نِس دِلہٕ کِس سوٗدرس دوٗنٛت ژھانڈان ژھانڈان آسہِ نَس
تخیلہٕ چھہٕ نیرہ زنگہ ژھیٚنِتھ ییمٕژٕ۔

# ایس، ایل، ساڈھو

پروفیسر ایس، ایل، ساڈھو۔ زاسنہٕ : ۱۹۱۷ء
زینہٕ جاے، ہلہٕ پورہ سرینگر کشمیر۔ چھہٕ وُنی کیس وُرِملہٕ
کالجکی پرنسپل۔ سائنس لوٚکہٕ اَدبس مُتعلق چھہٕ یہٕنز
کتاب "فوک ٹیلز فرام کشمیر" انگریزی ٲس منز چھپیمٕژ
تہٕ اَتھ پیٹھ میوٗل یِمن ریاستی اکادمی ہٕند ایوارڈ ۱۹۶۵ء
ہَس منز۔ کاشرِس منز چھہٕ یہٕنزہ زہ کتابہٕ چھپیمٕژہ۔ اکھ
ڈراما "بیربل" تہٕ دوٚیِم سائینس ایجادَن مُتعلق اکھ کتاب
یَتھ "وُزِجہ پرِنگ" ناو چھُہ۔ ییمہٕ دوٚشوٕے کتابہ سپزٕ
پٕتمہٕ وَرِی یہٕ چھاپ۔ ڈراما بیربلس پیٹھ چھُہ یِمن سائینسی
تحقیق تہٕ کلچرل معاملَن "سینٹر وابستہ وزارژ طرفہٕ
ینامہٕ میوٗلمُت تہٕ "وُزِجہ پرِنگس" پیٹھ یونیسکو ادارہٕ
طرفہٕ۔

سائنٹفک مضموٗن

پروفیسر ایس، ایل، سادھو

# اِنسان سٕنٛز ترقی

انانس گوو کمے کال ییتہٕ زمینہٕ پیٹھ پاتھے ہیتس۔ اِنسٲنی تہذیبس آسن نہٕ وُہہ ساس کھوتہٕ زیادہٕ ؤری گٲمتۍ۔ اَمہ برونٹھ اُس نہٕ سٲنۍ بُزرگ ہیکان دِماغس خاص کٲم کیتھہ ہیتھ۔ وَنہٕ چھُ پوان زہ پٔنٕزۍ چھِنہٕ ہیکان گٔنزٕرِتھ دہہ پیہ ہیورکنۍ تہٕ تِمَن چھِنہٕ باسان کانٛہہ فرق ژھون یا پاشرٕن منٛز یا اَمہ کھوتہٕ تہٕ ہیور ہیور۔ دۄپان چھِ اگر زہ زٕنۍ کنہٕ باغس منٛزاژن ییتہٕ پٔنٕزۍ آسن پھٔل کھیوان تہٕ اکھ زٕون نیرِہ واپس۔ پٔنٕزۍ چھِ ہیکان سوٗنچتھ زہ بیاکھ چھُ اَتی تہٕ گژھان چھِ تِمَن تھوٚتھ۔ اگر ژور زٕنۍ ییٚن باغس منٛز زٕ نیرَن واپس تہٕ زٕ روزَن اَتہٕ ژورٕ۔ پٔنٕزۍ باسہٕ اَتہٕ چھِنہٕ کانٛہہ کھٔٹِتھ تہٕ ہین تِم پھٔل کھینہٕ۔ ہیٲرِ نیرَن تِم زہ زٕنۍ تہٕ یا مارَن یِمن پٔنٕزِ یا رٹنکھ۔

تہذیب ژھانڈان تہٕ بناوان چھُ انسانَن ستیٚٹھاہ زیٛادٕ سفر کوٚرمُت اَتھ سفرس منٛز چھِ بٔڈۍ بٔڈۍ پڑاو۔ تیرکمان بناوٕنۍ۔ نار زالُن۔ ۂگرٕ بناوُن، بیول وَوِتھ فصل وۄپداوُن تہٕ پَتہٕ علم رٔچھنہٕ بابت اَچھر گٔرٕنۍ۔ کُنہٕ دوہہ اگر توٚہہ بُرزٕ ہوم گژھوٚیُس شالہٕ مار پیٹھ ترِ بہ میل دوٗر چھُ، توٚہہ تُروٚ فِکرٕ

پانٔے زِہ اَمِیُک مطلب کیاہ گوو۔ گوڈٕہ گوڈٕہ اوس انسان اَن ہیچھرے تہٕ اوس
پہاڑٕن بڈٕین بڈٕین پلٕن تل۔ پتہٕ ہیوٚتُن گوفہٕ بناونہٕ۔ اَمہ پتہٕ ہیوٚتُن نار زالنہٕ بآپتھ
چٕھلہٕ بناوُن۔ سیٹھا سیٹھا بنائوٚن چاروائے اَڈٕم جنٛگ تِم اوزار ییم تمہ وَقتہٕ
شُراکہٕ تہٕ ٹھنگرِ چ کآم دِوان اَسہِ۔ وُنی کینہٕ تہٕ چھَہ اَتہٕ اَڈٕی جہ ہنٛز بنے مژ سرٛشان
اَمہ پتہٕ ہیٚتھ اُمہ کنہٕ اوزار گرٕنی ییمکہ نٔوموٗنہٕ تہٕ چھہ۔ پتہٕ ہیوٚ چھہ اُمہ پٔیُن تہٕ
بنے پہ کترِ بانہٕ۔ سیرٕہ تہٕ بٔیپہ بٔیپہ چیز۔ اَمہ پتہٕ آسے گرٛنہٕ دھاتکہ ہتھیار۔
یِیلہٕ کانٛہہ چیز آسہِ برٛونٛہہ کنہٕ اَسہِ چھنہٕ اَمِیُک قدر زانان۔ مگر
یِیلہٕ اَسہِ خیال کرو تمہ زمانُک یِیلہٕ نہٕ کنہٕ زانہٕ ہے کانٛہہ نہٕ پتہٕ آسہ کتر بناونہٕ۔
پہ ایجاد کرنس منٛز کوتاہ کمال ہوو ییمو لُکو؟ یہ چھُ تیوٗت کمال یوٗت ہوٲئی
جہاز بناونس منٛز ہووُکھ۔ بلکہ تمہ کھوتہٕ تہٕ زیادٕے۔ کانٛہہ انسان چھُ ہیٚچھان
گمہ ڈٕہ سہل سہل کآم۔ دارہ دارہ چھُہ مشکل تہٕ پیچدار معاملہ اَتھہ داوان۔ پننہٕ
عقلہٕ تہٕ گآبُڑ جارہٕ کنہٕ یُس رَسہٕ رَسہٕ اُمہ سندس دِماغس منٛز چھُہ ووپدان برتھے
پأٹھ مأنی تو زِہ انسانی نسلس اوس مأصمیار دہ ساس وَری برٛونٛہہ تہٕ سأنی
تمہ وقتکو بزرگ زانہاٗن شکار کرِتھ پڈا برٕنی۔ اَمہ پتہٕ سپز اَکھ زبردس ایجاد
یوسہ انسانہٕ سندیو ایجادو منٛزٕ چھہ سارِوٕے کھوتہٕ بڈٕ۔ سُہ گوو زراعت۔
اَوتانی اوس اِنسان حیوانن ہنٛد مانہ یا جنگی پھل کھیوان۔ ووٚنی ہیوٚتُن اُمس
بُتہٕ رازٕ سیٹھا اَکھ نوو رِشتہٕ قائیم گرُھن۔ تہٕ اَمہ منٛزٕ ہیوٗت اُمہ پننٕ

غذا ووپداوُن۔
اَمہ برٛونٛہہ کُن ہیوٗل انسانی ذہنس دوہہ کھوتہٕ دوہہ زیادہ
ووٚنہٕ زار تہٕ اُمہ ہیٚتھ مکانہٕ بناوٕنی۔ کپرٕ وونٕنی۔ بانہٕ بنٛاوٕ گرٕنی۔ لبن شکلہٕ

بناونہٕ بیترٕ۔ بٔنۍ یہٕ اُچھر تہٕ لوٗگ لیکھہ پرٕ ہُند کٔن۔ اگر اُچھر آسہٕہان نہٕ
آمِتۍ گرنہٕ۔ اِنسان ہیکہ ہَن نہٕ زیادٕ علم دیماغس منز رٔچھِتھ تہٕ سأنۍ تہذیب
آسہٕ ہے سیٹھاہ پتھ۔ اوٚتاں اوس ممکن زِ یہِ سہٕ ترقی انسانن کریٖہ۔ سہٕ
گژھِ ہے مشتھ حالات بدلنس پیٹھ۔ مگر یٖلہِ برزٕ وتنن پیٹھ کتابہٕ آیہٕ
لیکھنہٕ۔ یہٕ علم آو رٔچھنہٕ تہٕ پوک بروٚنہہ پیرٕ در پیرٕ۔ علمک گاش روٗد دوہہ
پتہٕ دوہہ ہُران تہٕ ژران۔ سۄن، رُپہٕ تہٕ دیار چھہ پرِشان دوان ترِین
پیرن۔ انسأنی نسلچ دولت چھےٚ سُہ علم یُس دُہو ساسو ؤرِیو پیٹھ دوت
اَسہٕ سۄمبراوان تہٕ ورتاوان۔ یہٕ علمی دولت پیرٕ ہنا ساںٛو بزرگو اُمس سۄمبرِتھ
سۄتہٕ روٗز محفوٗظ تہٕ بیٚیہ بیٚیہ ہَن تہٕ نوٚ بیہ اَمہ پیٹھ اگر یہٕ دولت آسہٕ ہے
نہٕ محفوٗظ روٗزمٕژ۔ پرٛتھ پیرٕ اوس نوٚو سرٕ کھوج کڈُن زِ دادِن کیاہ دوا کرو
یا کوٚلہِ کِتھہٕ کُنہٕ ترٛو اپور۔ یِتھہٕ پأٹھۍ چھےٚ اَکس اکھ خیال ریوان تہٕ بیا کھ چھےٚ
اَکھ پوٗچھر رٔٹِتھ بیٚیہ ہَن بروٚنہہ پکناوان۔

یوٚہے علمی سرمایہٕ گوو ہُران ہُران ہیوٚتن ہوائی جہاز بنُن۔ ریڈیو
ٹیلی وِجن بنُن تہٕ ایٹمی قووت انسانہٕ سِنزٕ بجایی تہٕ پایٕرجایی باپتھ ورتاونہٕ
یُن۔ انسانن کٔرۍ ترقی رٔسہٕ رٔسہٕ۔ یہٕ کھوٚت ہیوٚر ہیوٚر پاوٕ پاوٕ۔ اَتھ منز
ہیٚنز وار یہو لگو ژھیپھ۔ وار یاہو ڈیٖت پنُن پان چھیٚپہٕ۔ ہوائی جہاز تہٕ بیٚیہ بیٚیہ
چیز بناونک فخر چھنہٕ اَکس یا دوٚن نفرن۔ یہٕ چھےٚ ہتہٕ بدین مُلکن۔ یمو کُنہٕ نتہٕ کُنہٕ
رنگہٕ ترقی ہنز کأم بروٚنہہ پکناو وزٕ وزٕ۔ بلکہِ چھےٚ انسأنی نسلس اَمیک فخر۔
ہوٚہس منز وُڈو کرنک شوق چھےٚ انسانس اوسمت آدنہٕ پیٹھے۔ یٔنہٕ تمۍ
ہیوٚت سوٚنچ کرُن تہٕ وُچھن جاناوار وُفان۔ قدیم یوٗنانچ اکھ رِوایت چھےٚ زِ دٔتکو

اَکھ پادشاہَن یَمِس ناو اوس مناس ( MINOS ) کرِ زِ مالی پوٚتھر ڈاڈیلس
( DAEDELUS ) تہٕ اکارس ( ICARUS ) بند تِمَس زندانس منز یِتھٕ
تِمَن اوس صرف اسمانے یوت بوزنہٕ یوان۔ دۄیان تِمَو گوٚنڈ کمر اُسمانٕز ژُلنس پیٹھ
موم سیتہٕ ٹھۄکھ پانس پکھہٕ وأرِتھ تہٕ ژھکھ وُف۔ وُڈان وُڈان کھوٚتو تِم
سیٹھاہ تھوٚد تہٕ ہیرِ یہِ کہِ تُرِہ سیتہٕ وِگلیوکھ موم۔ پکھہٕ گیکھ ہیوٚن ہیوٚن۔
تہٕ پیوٚ تِم سمندرس منز۔ اَمہ کتھہٕ سیتہٕ چھہ زِہ مطلب نیران۔ اکھ۔ یہِ زِ انسانن
اُسہ برأنٛٹھہ گرٛھان وُڈنکھ۔ تہٕ دوٚیِم یہِ زِ وُڈنہٕ باپتھ اوس نہٕ کانٛہہ طریقہ دریافت۔
قدیم هندوستانس منز تہٕ چھِ سیٹھاہ کتھ اَمہ قسمچہ۔ رامائنس منز
چھےٚ راوُن سیتایہِ نوان زوٗرہ لنکایہِ کُن اَکِس وِیمانس یا اسمانٕز جہازس منز یتھ
پُشپک ( PUSHPAK ) اوس ناو۔ اَمہ پیٹھ دِتی سیتایہِ رُسہ رُسہ پننۍ گہنہ ترٛاوِس
دارِتھ تہٕ پتہٕ رامَن تہٕ لچھمنَن وُچھ یِم پتھر پیٹھ، تِمَو زوٚن کیاہ چھہ آمُت
سیتایہِ چھناونہٕ۔ رامائنس منز چھہ وَننہٕ آمُت زِ هنومانَن تار سمندرس اپر وۄتھ تہٕ
لنکایہِ۔ ییٚنین ملکَن منز تہٕ آسن پرٛژھہ کتھہ ہاوان انسانی درِیچھ وۄتھ زِ یہِ
تہٕ کرِ ہا وُڈُو۔ چوٚنکہ یہِ اوسنہٕ باسان ممکن کینٛہہ وُڈُن اوس باسان وۄتھ زَن۔ وُنہٕ
چھہ وُنان اُسہ طنزن کانٛسہ مینگہ ترکرِس زِ مغز چھس وُڈان۔
سانہِ بدن وریِن آونہٕ کانٛہہ قدم تلکنہٕ یتھِ سیتی هوائی وُڈانس
منز پکہِ ہا برونٛہہ پکہَن اِنسان۔ اَمیُک چھُنہٕ تاجُب تہٕ کانٛہہ۔ تکیازِ یُس ذہنی
ماحول اٚتھ مدتھ دِیہ ہا سہ اوسنہٕ کُنہ ملکس منز۔ توہماتن آو مذہبی رنگ دِنہٕ تہٕ
روٗد اَمہ سیتی انسانی دِماغَس کتھ گنڈ زن کرِتھ۔ اگر کانٛہہ سائنس کین اصولَن
پیٹھ کُنہ قِسمُک تجربہ کرِ ہا، تِمَس اُسہ وَنان کافر تہٕ شیطان سُند پیروکار تہٕ

زالان اُسس زِندے۔ بُرنوہن (BURNO) ونیو زِہ زمین چھ حرکتھ کران۔
مذہب کیو علمبردارو کھوڑس رٹِھ زِہ امہِ سِیتۍ چھہٕ مذہبس مخالفت سپدان۔ قائدس
منز کوٚرہس سکھ عذاب تہٕ مورُکھ پوٚتُس۔ ییلہِ دوٗربین بنیہِ اَتھ دوٚپکھ
آلہٕ شیطان۔ یِمو بدتوٗ اوسِہ ہیکان انسان سائینسی کھوجس کتھ کانہہ کلَ
کرِتھ۔

بُرنو شہید گژھنہٕ دہہ پَداہ ہتہ وُہرِ تہٕ اُس پیٚز نوٚن کڈان
وائرس ژھٹ۔ کھوژان اوس توہین مذہبک بہانہ کرِتھ ما مارنَم یا ہوٚژ راونَم
رنگہ زِندانس منز۔ کُنوٗہمہِ صدی منز اوس فرانسک لوئی پاسچر (LOUIS
PASTEUR) اَتھ سنیومُتِ زِہ شراب کیازِہ چھہٕ ٹُھٹھان۔ تجربہ کرِتھ تہٕ سوچان
سوچان ووت یہِ اَتھ نتیجس پیٹھ زِہ ہواہس منز چھ سیٹھاہ زٕڈلی کیتھ
آسان۔ یِمو سِیتۍ شرابس کھمبہ چھہٕ کھسان۔ اُڈراو متین چیزن چھہٕ لاوِہ
لگان یا چھہٕ تم ہعہژان۔ تمۍ کوٚر یِتہِ ثابت زِہ یِمے کیتھ یا جراثیم چھ بیمارِی
پھہلاوان۔ یِمو کتھو سِیتۍ لوگ کھوٚلہٕ زِن تِہمن خیالاتن۔ یِم پتھ کالہ پیٹھ
اُسکھ مانٕنی یِتہ زانٕنی رتھ۔ یِہمن منز اُسہِ مذہبی رنگس منز توہمات تہٕ۔ مثلن
لُکن اُس پَژھ زِہ پرٛیتھ کانہہ چیز چھہٕ بنوومُت خدا صابن۔ تمۍ سِنزِہ مرضی
وراُے چھنہٕ پَنہٕ برگس تہٕ حرکتھ گژھان۔ اَتھ اُسہِ وَنان یاٚنی پانئے وہہ پیدا ہیش
سپیمیتک مطلب گوو زِہ خدا صابنہٕ مرضی وراُے اوٚ نہٕ بتیہ کانہہ مادی ذرہ
یِمن چیزن وہہ پیداونس منز بکار۔ پاسچرن کوٚر تجربو سِیتۍ ثابت زِ اگر
جراثیم پننیخ کائم کرن تہٕ قدرتکی سیٹھاہ کار روزن اڈہ لیکر۔ ژھوٚٹمین لفظن
منز کوٚر اَمۍ تردید یاٚنی پانہٕ وہہ پیدا گژھنہٕ ہِندِس عالمس۔ اَمہِ تلہٕ آو یِتہٕ مطلب

۱ـ SPONTANEOUS GENERATION OF LIFE

ڈارِنہ زہ جاندارن تہ گٔلین کٔتھین ہُند نوو راوُن چھُ سینٹھاہس خدس تام اختیارٕکی عمل۔ مذہب کیو اماموٚ تٕل سینٹھاہ شور تہ کرِکھ پاسچرس سٕکھ مخالفت اگہ لیوئژ یٔہَن آسہٕ ہے کانہہ سٕہ پھیرِ ہے یوٚت مگر اُمی کرُ مخالفت تہ پوٚز پٔز بوٚوُن۔

سائینس چھُ ہاوان اُسہ سعہ وٕکھ۔ بیاٗرٕی پکنہ سپتھ سپتھ ہیکوٚ کائیناتیچ زان وارٕ پاٹھو کرِتھ۔ سأنی توہمات تہ رِوایتی خیالات لابدی یٔتینہِ یتیتھ تہموٚ کھوٚٹکہ سائینسی اصوٗلن سیٚتی۔ تٔتیچھ گوو تہمن ژعن مگر مذہبک رائچھ دائرِتھ کرٕ یہمو رُکاوٹ عُلم تہ سائنسچہ ترقی۔ بے شُمار آسہٕ ہٕمن رِتھو توکہ یم سائینس کین اصوٗلن پیٹھ تجربہ کرِتھ کرِتھ پٔزرِچ زان کرٕناوٕن دُنیہس مگر تہندس دِیماغس پیٹھ رُوٗد فرسودہ خیالاتن ہُند گٔنڈ زول تہ دِلس منز مذہب کین اماٗمن ہند بیم۔ لہذا ہیٚچھ نہ سائینسن تیٚز جلد ترقی کرِتھ یژھ یہ کرِ ہے۔ چارلس ڈاروِن (CHARLES DARWIN) یٔیمہ وِزِ ثابت کوٚر زِ لوکٹیو کیمو پیٹھ چھِ دارِ وارِ بٔڑی بٔڑی جاندار بنے مٕتی تہ اُتھ ہیرِ منز چھِ اکہ مٔنزِل گاڈِ ہُند۔ یٔمیہ وارِیاہ منزِ ٹٲوِتھ چھِ بیاکھ پٔنزُک شند۔ تہ اُمہٕ پتہٕ چھُ انسانہ شُند ارتقار سپُدمُت۔ اُمہ وِزِ تہ ووٚتھ بٔڑہ ہے مذہب کس ناوس پیٹھ۔ مگر وُگہٕ وانگی پاٹھو سعہ تنیہ یہ مخالفت تہ پٔزُر سپُد تسلیم۔

پیھَس ماحولس منز اگر کانٔہ کانٔہ پزرُک کھوج کڈان کرٕ تجربہ تہمن چھُ شابش۔ ہوٚاٹس منز وُپہ تُناوکس علمس منز چھُ یوان گوڈٕنیتھ راجر بیکن (ROGER BACON) شُند ناو۔ اُمس انگریز کیمیاگرس اُسی

وَنان رٕتم جاۓدی پیرٕ یمَن ہٕنز اُمو سٕنٛزٕ کامہٕ ہٕنٛد کانٛہہ اندازٕ اوس۔ تجربٕ بوٗتلہٕ تُوٚر اُمِس فِکرِ زِ یُودوَے بُتَن منٛز ییہِ وُشُن ہوا بَرنہٕ یمہٕ بَستہٕ چھ پانٕے کھوٚد کھسان۔ اَمہٕ پتہٕ وَری ہٕتھ جوراہ گٔژھتھ وۄتھ اِٹلی منٛز اکھ مشہوٗر اِنسان یٔمِس لیونارڈو ڈاونچی (LEONARDO DA VINCHI) اوس ناو۔ یہ اوس عالِم تہٕ گوٚنہ ماتھ تہٕ اُمو سٕنٛدِ اَتھکی تصویر تٕہ بُت چھ لافانی۔ اُمِس آو خیال زِ اگر انسانَس آسَن جاناوارَن ہنٛدی پاٹھی پَکھ ییتہٕ ہیکہِ ہواہَس منٛز نٕرِتھ پھیرتھ۔ دُیان اُمو بناوۍ یمَن پکھَن ہٕندی نقشہ تہٕ بناوِن رٕتیمے۔ اَما پوٚز ہواہَس منٛز کھٔسِتھ وُڈو کرنَس تام اُسو وُنہ ہٕتہٕ بَدی وَری کَڈٕنی۔

راجر بیکنن یِٔس تجربہ کوٚر تمیُک اصوٗل اوس زِ ہواہَس منٛز ہیکہِ نی کھٔسِتھ یہٕ ہوا کھوٚتہٕ لوٚت آسہِ۔ مگر کانٛہہ جانوار چھ بٔڑی تہٕ گوٗبی تہٕ توتہٕ چھ ہیکان تیٚم وُڈِتھ۔ گالیلو زون زِ لوٚت آسہِ نٔے پوت چھنہٕ وُڈِتھ ہیکان۔ لیونارڈو ڈاونچی تہٕ اوس اَمی خیالُک۔ بُرونٛہہ بُرونٛہہ کُن یِم تجربہ آے کرنہٕ تیمَن منٛز رُودی یِم دۄشوَے اصوٗل نظرِ تل۔

[ "وُژھ پرنگ" کتابہٕ منٛزٕ ]

# کأشرِ اخبارہ تہٕ بلٹنہٕ منز

(ریم ۱۹۴۷ء پیٹھ وُنیکس تام ذٕرا پیٚہ)

## وطن

اَمہِ کأشرِ اخبارُک گوڈنیُک پرچہ آو ۵، اپریل ۱۹۶۵ء عیسوی دوہ پٔتہ مارکس منز۔ پرنٹر، پبلشر تہٕ ایڈیٹر چھِ غلام نبی خیالؔ۔ یہ چھُ ہفتہ وار نیران۔

## چمن

فیلڈ سروے محکمُک یہ "بلٹن" اوس "فوٹوکشیر پبلی کیشنز سرینگرہ" ذٔریعہ نیران۔ گوڈٕ اوس یہ خبرنامہ ہیچھ وأریہ نیران۔ پتہ ہفتہ وأری۔ اَمیُک گوڈنیُک پرچہ آو ۱۶، اگست ۱۹۶۵ عیسوی یَس منز مارکس منز۔ ایڈیٹر اوس اخترؔ محی الدین تہٕ کأتب تہٕ اسسٹنٹ ایڈیٹر الحاج فاضلؔ کشمیری۔ یہ بلٹن رُود اَکہِ پٔتہ یوٚہے وٕریس کھنڈس زندہ۔

# "گاش"

محکمہ سوشل ایجوکیشن سرینگرُک ترجمان۔ پرنٹر پبلشر دینا ناتھ نادمؔ۔ ایڈیٹر (۱) رشید نازکیؔ (۲) محمد یاسین منظرؔ (۳) پرتھوی ناتھ کول سائلؔ۔ اَمیک گۄڈنیُک پرچہ دزاو جنوری ۱۹۶۷ عیسوی ہس منز۔ یہ چھُ ہفتہ وارٕ نیران۔

•

'وطن' اخبارٕ منٛزٕ

# (۱) کأشُر اخبار کیازِ؟

کأشر زبان چھ کأشرِ قومِچ وۄجوٗدُک اکھ لاکارہ ثبوت۔

سون قوم تمدنی رنگہ بُرد تھہ پکناونس منز یُس حصہ اٚسہ زبانۍ ادا چھُ کورمُت تتھ چھ توأریخ گواہ۔ بدقسمتی کنہ اگرچہ یہ زبان پتمیو ۵ ہتو ؤریو پیٹھ سیأسی حأدثن ہنز شکار رُوز سپدان تہ از تہ چھ بے کسی ہندِس حالس منز پے مژ، مگر یہ چھ قوتہ زندہ تکیازہ اتھ منز چھُ زندٕ روزنُک تہ ترقی کرنُک قوت موجوٗد۔ نتہ چھ تأریخی انقلابن سیتہ سیتہ ژھٕہ زبانہ تہ مران یمن نہ باقی روز نیچ سکت چھ آسان۔ کشیرِ اٚس ہتہ بدن ؤریین غلام مگر کأشر زبان ہیچ نہ محکومی ہندِ غلیچ شکار سپدتھ۔ تمہ ساتہ تہ رُوز یہ زبان زندگی تہ موتس درمیان پنُن دم کڈان۔ زندگیہ لب فتح تہ سأنز زبان رُوز موجوٗد۔ پننِن کأشرِن ہندِ کھأترہ۔ تمن کنُ وُچھان تہ تہنزٕ دلبری ہند ارمان کران۔

از تہ چھ یہ سأنۍ ذمہ وأری زہ اسی کرو اتھ خذمتھ تہ واتناوون عروجس۔ یہ چھُ سون قومی فرض تکیازہ کانہہ قوم ہیکہ نہ توتام مہذب بنتھ یوتام نہ تمیچ زبان پاپرجا تہ پھولان آسہ۔ ہر کانہہ شُر چھُ کأشرِ قومُک اکھ

ود - تہی اگر پنہنجو زبان مُشراو - تیلہ مُشراوہ اُٹھ سورے قوم تۆ تواریخ چھنہ پیھو

عظیم جُرم زانهہ مُعاف کران۔

[ ایڈیٹوریل - ٥ر اپریل ١٩٦٥ع ]

چمن بلبلن منز

# سوشل ایجوکیشن

کأشر زَبان چھُ کشیرِ ہندین لُکن ہنز مادری زبان۔ مگر اَز ساسہ
ہَدِ وُری یُہ پییٹھ چھُ یہِ زبان مختلف حکمرانو لتہِ مونجہ کرمُژ۔ یمَو زن کأشرین
لُکن ہندی صالح جذبات گَلِ گژھن تہٕ یمَو زن یمہٕ قومچ جِنیٖس ہرہمیشہ
پامال روزِ۔ مگر حکمرانن تہٕ رجعت پرستن ہندہ دباوہ باوجود روزِ یہ زبان زندہ
تہٕ اَتھ منز سپدی وِزہ وِزہ تھدی پایہ گمبر ماتھ تہٕ شأیر پأدہ۔ یمَو پننہ
کلامہ سیتہ کأشرین ہنزہ فکرہ پیٹھ اکھ رُت تہٕ جان اثر ترُوو۔ چنانچہ لل دید
تہٕ شیخ العالمؒ رُودی اولہ پیٹھے ملژارک تہٕ بأے بندک سبق دِوان۔ حبہ
خوتونہٕ تہٕ اَرنہ مالہِ رِتی بییتہٕ چَن زنانن ہنزہ سماجی ابتری ہندی ویداکھ۔ محمود
گأمین تہٕ خصوصیتہٕ سان رسول میرن دِیت ساہنہ لولہ مژہ جوأنی خوش پوشن
ہلکہ گلابی رنگ۔ مہجورَ صأبن تہٕ آزاد مرحومن دِیت ساہنہ آزادی ہنزہ تحریکہ

بجر تہٕ تھزر۔

کأشر زبان چھُ سیکولر خیالن ہنز حأمل۔ اَتھ منز بولن وألس
پیٹھ انسانس چھُ زہ کیتھ وراثت — تنگ نظری خلاف نفرت تہٕ صالح
قدرن حمایت۔ چنانچہ پرٛیتھ کانہہ کأشُر چھُ یمے تہٕ یتھی رِتی خیال ہاوان

مستقبلس کُنۍ حوصلہ سان پکان ۔

یٔژھ زبانٕنز منز تعلیم دِنی چھُ اَمہ کنہٕ کنہ اہم زِ سانہِ خاطرٕ گژھِ محض اَکھُے اندر علم لبُن آسان۔ یوٗت کال کانٛہہ انسان نوٗ زبان ہیچھنس پیٹھ وقت خرچ کرِ تیوٗت کالی ہیکہِ پننہِ زبانِ منز سیٹھاہ نوٗہ کتھ ہیچھِت تہٕ علم زاننہٕ سیٗتۍ چھُ نظرٕ زیادٕہ وسعت بنان۔

سانٛنِ حکومتن کوٚر فیصلہ زِ کشیرِ ہندۍ تمام بالیغ انسان یِمو نہٕ علم پرِتھ ہیوکمُت چھُ، تم گژھن علمہ کِہ نوٗرٕ سیٗتۍ منوٗر سپدنۍ۔ یِتہٕ سپُد فیصلہ زِ تألیم دِیہِ کاشرِ زبانِ منز دِنہٕ۔ یہ چھُ مبارکس لایق کتھ۔ اَمہ سیٗتۍ سپدِ بلکل کم وقتس منز بے علمی ہُند گٹہٕ زوال ختم تہٕ علمک گاش پھالہِ۔ اَمہ علاوہ میلہِ کاشرِ زبانِ تواریخس منز گوڈنیچہ لٹہِ سُہ مقام یُس اَتھ اَتھ موٗلِتھ زنہٕ آمُت اوس۔ سانہِ حکومتہ کِہ اَمہ فیصلہٕ سیٗتۍ بدلہِ سانۍن لوکن ہنٛز کائنات وارِیاہ، توہمات تہٕ فضوٗل رواج گژھن ختم۔ ییم وزہ وزہ خود صلاحی معاد بھاوَن والیو یادٕ چھ کرنہٕ یِتہٕ۔

سانہِ حکومتک یہ فیصلہ چھُ اَکھ تواریخی فیصلہ۔ تہٕ آیندہ تواریخ لیکھن وول یِیتہٕ یِمہ حکومتکۍ وارِیاہ کارنامہ گنزراوِ۔ تِتہٕ سپدِ یہ فیصلہ تہٕ عظیم کارنامن ہندِس شمارس منز شامل۔

حکومتن چھ یہ سکیم عملہٕ منز اَننہٕ خاطرٕ اَکہ محکمچ تشکیل دِژمژ۔ یتھ سوشل ایجوکیشن ڈپارٹمنٹ وَنان چھ۔ اَتھ محکمس تحت ین مختلف علاقن منز یونٹ قایم کرنہٕ تہٕ یِمن یونٹن منز یِیہ بالغن تألیم دِنک انتظام کرنہٕ۔ وومید چھ زِ یِمن یونٹن اَندۍ پکھۍ روزن والۍ لوکھ کرن تألیم حاصل کرنہٕ چہ نیتھ

حسبِ پروگرام شمولیت۔

یٚتھٕ چھُ یہِ کتھ وَنٕنۍ لایق زِ ریاستی حکومت چھِ آئینس منز درج سارنٕے زبانٕن ہٕندِ ترقی ہٕندۍ جتن کران۔ چنانچہ جموٗ علاقس منز پیٚیہ ڈوگری زبانۍ منز تعلیم دِنک بندوبست کرنہٕ۔

اَمہِ علاوٕ چھُ یِمن زبانٕن ترقی دِنہٕ خٲطرٕ ریاستی کلچرل اکادمی تہٕ کران۔ تہٕ وۄمید چھےٚ زِ یِمن تہٕ بیٚین حکمن ہٕندِ اشتراکہٕ سٟتۍ ریاستس اندر ثقافتی تحریک سیٚٹھاہ پوٚختہٕ گژھِ!

[ "چمن" ۱۶ اگست ۱۹۶۵ء ]

●

# باپو ــــ انسانیتُک شہید

ہفتہ وار "گاش" منٛزٕ

نیکی تہٕ بدی چھہ اَزلے اَکھ أکس ٹھٲلہٕ۔ پرٛتھ ابراہیمس چھُہ
بُتھہٕ نمرود۔ پرٛتھ کرشنس چھہ کنس۔ پرٛتھ موسیٰہس چھُہ فرعون تہٕ پرٛتھ رامس
چھُہ راون۔ نیکی ہنز وتھ چھہ سیٹھاہ کُٹھٕر تہٕ سیٹھاہ سخ۔ مگر امہٕ وتہٕ پکن
والین چھہ سکونچ تہٕ سنتوشچ سہ دولت حاصل یوسہٕ سورُے دُنیاہ کٔرتھ تہٕ
مولہ یِیہٕ نہٕ ہیٚنہٕ۔ اُصول چھُہ أکس اُصول پرستس زندگی ہُند بوڈ سرمایہ۔
تہٕ اگر تس یہ سرمایہ اَتھہٕ گژھہ سہ چھُہ زندگی فضول زانان۔

باپو چھُہ سانہٕ مِلہٕ ژارٕچ تہٕ سیکولر ازمچ بٔڈ بارٕ علامت۔ باپو
چھُہ بذاتِ خود اکھ عہد۔ اکھ صدی۔ یوسہٕ سائنس تارٕیخس منز بٔڈ نوٗرٕ مثالی
چھہ۔ زندگی ہُند کانہہ گوشہ چھُنہٕ یُتھنہٕ باپوٗن جیٚنی نوٗر بخش۔ سیاستُک یہ بابہٕ
آدم چھُہ سانہٕ تمدنی زندگی ہُند رازہ۔ سانہٕ تٲلیمی نظامُک آگُر تہٕ سانہٕ تہذیبُک
تہٕ مذہبی زندگی ہُند رٲچھدر۔ ۳۰ہمہٕ جنوری چھُہ باپوٗ جیٚن یوم شہادتہ یوان
مناونہٕ۔ أمی دوہہ گوو سہ پزرُک پاسبان تہٕ گُنرُک رٲچھدر تہٕ اہنساہُک
پُزارى تشددُک شکار۔ تہٕ شہادتُک پیالہ روٗتُن نالہٕ مَتہٕ۔

باپو سٕنز شہادت چھہ سانہٕ گُنرچن تہٕ پزرچن قدرن ہنز

رائچھ در۔ تمہٕ کوٚر یِمَن نوٚو انسانِیتکین قدرٕن معیارَن نثار تہٕ یِم معیار قائیم
تھاوِنہٕ تہٕ برٕہ ونہہ پکناوِنہٕ چھُ سون فرض۔ گاندھی جیُن آدرش چھُ سون میراث۔
اَمہٕ چھ تیٚلی وارِث در ییٚلہِ پزٕرک تہٕ پانیارک یہ آگرٕ سانِین پرادَن تہٕ خیالَن
ہُنٛد مرکز روزِ۔

یخلاص، برادری، میلہٕ ژار، پَزر، عدم تشدد تہٕ انسانِیتُک پۄژر
کانٛچھَن چھُ سانہِ زندگی ہُنٛد کُنٕ مقصد تہٕ یہ مقصد پراوُن چھُ باپوٗ جیُس
سارِوٕے کھوتہٕ بوٚڈ خراج۔

[ ‘گاش’، ۶ فروری ۱۹۶۷ء ]

